نٔوٚ

# کاشُر ادبُک تواریخ

ناجی مُنوّر، شفیع شوق

شعبہٕ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی، حضرتبل، سرینگر۔ ۶

# نوٚو
# کاشرِ ادبُک تواریخ

ناجی منور، شفیع شوق

وٚری:۔ ۱۹۹۲ء

خطاط : معراج تزکوی
بشیر احمد کرواو

ترتیب وتہذیب : قاضی ظہور
ایڈیٹر

شالیمار آرٹ پریس
ریڈ کراس روڈ سرینگر
فون: [illegible]

شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی، سری نگر

# عرضِ ناشر

'کٲشرِ ادبُک تواریخ' اوس از برونہہ ژوداہ ؤری شایع کرنہٕ آمُت۔ یُودوٚے اَمیُک مقصد صرف کٲشرِ زبٲنؠ تہٕ ادبُک طالب علمن ہندی درسی ضرورت پوٗرٕ کرٕنؠ اوس، مگر یہ سپُد عام قاری تہٕ ماہرن ہند باپت تہٕ مُفید ثٲبت تہٕ نتیجہٕ دراو یہ زِ اَمہٕ چہِ سارِیے چھاپ کرنہٕ آمژ کاپیہٕ گیہِ ستی فروخت۔ چُونکہِ کٲشرِ زبٲنؠ تہٕ ادبُک تدریسی کام چھُے مسلسل وُسعت تہٕ وہراو لبان تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ریسرچ سکالر چھِ تحقیقی کامہٕ منز دلچسپی ہینہٕ لگمتؠ، اکہِ مستند تہٕ مفصل ادبی تواریخُک ضرورت چھُ وونؠ زیادے ہُریومُت یمہِ خاطرٕ ڈپارٹمنٹ اکھ پاٹھؠ تہٕ اکھ منصوبہٕ (سیمنارن منز کٲشرِ ادبُک سلسلہ وار مطالعہ برونہہ کُن اوُنہٕ پتہٕ) مکمل کرنُک ارادٕ تھوان چھُ۔ فی الحال چھِ اَسۍ عام قاری، طالب علم تہٕ ماہرن ہنز منگ نظرِ تَل تھاوِتھ ادبی تواریخُک دوئیُم ایڈیشن شایع کران۔

دَرٕ دِس ایڈیشن چھُ پرانہِ ایڈیشنہٕ نِشہٕ واریاہ زِنگی مفصل تہٕ مُستند اکھ یہ زِ پریتھ کانہہ کتھ چھےٚ مُناسب حوالہٕ دِتھ درِشناونہٕ آمژ۔ دوئیُم یہ زِ پریتھ ادبی دورُک سیاسی تہٕ تہذیبی پوٚت منظر چھُ دِنہٕ آمُت یمہِ ستی مختلف ادبی دورن ہند عام ادبی تہٕ جمالیاتی رُجحان زانُنس منز آسانی چھےٚ سپدان۔ ترٛیُم یہ زِ شاعرن تہٕ ادیبن ہنزِ زندگیہ متعلق مختلف تاریخہٕ تہٕ سنہٕ چھِ ہاونہٕ آمتۍ یمہِ ستی ادبُک تواریخی سفر واضح چھُ سپدان۔ ژوٗرِم یہ زِ کینہہ گُمنام تہٕ مشراونہٕ آمتۍ شاعر چھِ گوڈنکہِ پھِرِ یتھ تواریخس منز تِہنٛز صحیح مقامس پیٹھ تھاونہٕ آمتۍ، مثلاً مقبول امرتسری، قاری نورالدین، غلام محمد [illegible]، علی شاہ کھویہامی بیترِ۔ یتھےٚ پاٹھۍ چھُ بینہِ تہٕ کینژو

خصوصیژ وکنۍ دَردس توٲریخ پٮ۪تمہ توٲریخہٕ نشہٕ بہتر۔ خاصکر یہ زِ پرٲنس ایڈیشنس منز یِمہٕ کینہہ غلطیہ بانبر کینۍ روزمژ آسہٕ تِمہ چھنہٕ ووٚنۍ شیرنہٕ آمژ۔ یِمو کتھو باوجود ہیکوٚ نہٕ اَسی یہ دعواکٔرِتھ زِ دَردس توٲریخ کیاہ چھ اَکھ سلسلس منز حرفِ آخر، مزید تحقیق کٔرِ کٲشر ادبکۍ نوٚۍ گوشہٕ روشن تہٕ وقتس سٟتۍ سٟتۍ بنہٕ پرٲنس ادبس متعلق پرٕن والین ہٕند تصور زیادٕ معتبر خاص کٔرِتھ یٟلہٕ نوٚۍ نوٚۍ ادبی توٲریخ ین لیکھنہٕ۔ ووٚنۍ گوو توقع چھ زِ دردس توٲریخ تہٕ دِیہ مزید تحقیقس تہٕ تنقیدس وُتش تہٕ اَکھ روز ہر ساعتہٕ پننۍ اہمیت برقرار۔

دردس توٲریخہٕ کیو مصنفوٚ تہٕ چھ تِتھ تحقیقی سرمایس حتی المقدور فایدٕ تُلمُت یُس یِتہٕ من ژٕ وٕہن وٚرین دوران مختلف رسالن منز شایع سپد یا سیمنارن منز پیش سپد۔ کٲشرِ ڈیپارٹمنٹکہٕ اہتمامہٕ تہٕ پیدی اَمہٕ نوعیتکۍ ترٕے ژور سیمنار، یمن ہٕند مقصد ہے اوس کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبک مُستند توٲریخ گوٚڈٕ تیار سپدن۔ چونکہ یمن سیمنارن منز پیش کرنہٕ آمتۍ اکثر مقالہ پیدی "انہار" کین مختلف خصوصی شمارن منز شایع، دردس توٲریخہٕ کیو مصنفو آسہٕ تِمن مقالن ہُند تہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ فایدٕ تُلمُت۔

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ ایڈیٹر قاضی ظہور صابُن شُکر گُزار یِموٚ یِمہٕ کتابہٕ ہُند مواد ہر لحاظٕ صحیح صوٗرتس منز پیش کرنہٕ باپت بے پناہ محنت کٔر۔ معراج ترکوی صابُن تہٕ بشیر احمد کرواو صابُن شکریہ کرُن تہٕ چھ ضروٗری یِموٚ پننہٕ خوشنویسی ہُند فن یہ کتاب شوبدار بناونس منز کامہٕ لوگ۔

پروفیسر مرغوب بانہالی
صدر شُعبہ کشمیری

# ترتیب

# سرنامہ

سون اَزُیک قٲری ییلہِ اَزِ کس کانٛسہِ شاعرُنٛد، افسانہٕ نگارُنٛد یا بێیہِ کانٛسہِ تخلیقکارُنٛد کینژہاہ لیوٗکھمُت بوزان چھُ یا پران چھُ، سُہ چھُ اَتھ لازمن اَندری اَندری گُذریمژن تخلیقکارن ہٕنزن تخلیقن مقابلہٕ رٹِتھ بوزان، پران تہٕ اَتی پسند یا ناپسند کران۔ ہمکال ادبہٕ لِنشہِ پوٚرٕ پوٚرٕ حَظ تُلنہٕ باپتھ چھےٚ اَزِ کس قٲرِس پتھ کالکِس ادبس پیٹھ نظر آسٕنۍ ضروٗری۔ تمِس تہٕ چھُ یِوان تِھےٚ پاٹھۍ کاشُر ادبہٕ چِھن پرانِمن ترایِن گرایِن تہٕ رِواَیژن ہُنٛد علم حاصل کرُن یِتھ پاٹھۍ تخلیقکارس پِیوان چھُ۔ مثلاً اَز ہیکہِ نہٕ توٚتام وژُن کانٛہہ تہٕ شاعر لیکھِتھ یوٚتام نہٕ سُہ زانان آسہِ زِ محموٗد گامی یا رسُل میر کِتھ پاٹھۍ آسۍ وژُن لیکھان۔ قٲری تہٕ ہیکہِ نٕہ اَزِ کِس وژنس ایمانداری سان پسند کٔرِتھ یا ناپسند کٔرِتھ ییلہِ سُہ زانان آسہِ زِ اَزکۍ وژن نگارن چھاتی لیوٚکھمُت یا وۄنمُت یہٕ محموٗد گامی لیکھان اوس کِنہٕ نوٚو کیہہ چھُن وۄنمُت۔ رِواَیژن ہنٛز یہٕ زان چھےٚ اَدبکِنۍ تنقیدی علمہِ ہنٛز براندکنۍ تہٕ شاعرِیہٕ یا ادبہٕ ہٕنٛزِ حظ تہٕ فیض تُلنٕچ عمل گژھہِ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ آیہِ تنقیدی اندازٕچ آسنۍ۔ سانٛیِ پسند یا ناپسند چھےٚ توٚتام مشکوٗک تہٕ بے بوٗر یوٚتام نہٕ اَتھ رِسۍ علم تہٕ شامل آسہِ یا ذٲنو۔ یوٚتام نہٕ یہٕ پرزِنٛہ گٲرِ پیٹھ وُترِتھ ہیکہِ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ کاشُر ادبک تواریخ گژھہِ کاشُر ادبہٕ کِس پرِتھ کانٛسہِ قٲرِس ولیوٚد آسُن یُتھ سُہ زانِتھ ہیکہِ زِ کاشُر ادب کمو کمو مرحلو منٛزٕ چھُ گُذریوٚمُت، کمِس تخلیقکارُنٛد کیاہ دیُت چھُ اَتھ۔ کوٚسہ رِواَیتھ

کیاہ آس، کرٕ وُنِہ تہٕ کرٕ ہیٚتھ تہٕ اَتھ ستی ہیٚنہٕ کاشرِس ادبس پیٚٹھ کمہٕ کمہٕ زبانٕہ ہِندی ادبن کمہٕ کمہٕ زٔنگو کوٚر اثر۔ یہ ضرورت نظرِ تل اَنتھ چھُ کاشرِ ادبُک تواریخ زانُن لازمی بنان۔

کاشرِ زبانہِ منز لیکھنہ آمُت ادب چھُ ساہ بوٚڈ ؤری پرون۔ یہ چھُ تِتھِنے پیٚٹھ پکان آمُت یِنہ یہ شروع گوو یا دُنوٚ یِنہ کٔشیرِ منز روزن والِس کانسہ تہٕ شخص کاشُر وَنِتھ ہیٚکو۔ مگر اَمہ تام ووتمُت ادب چھُ مُسا مُسا اَکھ ساس ؤری پرٔون۔ اَیِک پرانہ کھوتہٕ پرٔون نموٗنہ چھُ چھُم سمپرداے، یا سنگرہ شلوک یِم اُٹھمہ یا نومہِ صدی یہ منز عالمو تہٕ فاضلو پنُن روحانی علم لوکن تام واتناوُنہ باپتھ وَنِمتہ چھِ تہٕ یِمن منز لکہ شاعریہ ہُنز نِہ پیٚک لیہ بجایہ عالمانہ زبانہِ ہُند شٹھینیار چھُ۔ تَتہٕ پیٚٹھ رُود کاشرِ ادبُک ارتقا ازتام برابر جاری، کیہ تیز تہٕ کیہہ سوٚت سوٚت۔ چوٗنکہ کاشرِ زبان روٗز ہمیشہ درباری سرپرستیہ نِشہ محروم تہٕ کٔشیرِ ہِندی سیاسی تہٕ سماجی حالات رُودی پریشان گٔنہ قسمچہ سَنجیدہ دلچسپیہ مخٲلف، اوکنہ چھُ اَسی کاشرِ ادبہٕ کِس تواریخس منز کیٚنژن دورن منز ژھین ہیوو وُچھان۔ اَسی چھِنہ ادبی نِہجن تہٕ روایژن ہُند تسلسُل لبان تہٕ اَتھ برعکس چھِ غٲرمعمولی تبدیلیہ وُچھتھ حٲران تہٕ گرٛھان۔

ناسازگار حالاتو باوجوٗد رُود کاشُر ادب زندگیہ ہنزن ترایِن گرایِن لرٕ لوٚر روٗزِتھ بدلان تہٕ نوِی نوِی اظہار رٹان۔ چوٗنکہ یہ چھُ اَکھ زِندہ زبانہِ ہُند ادب لہذا یوٚدوے اَمِچ ترقیہ تہٕ ترویجہ باپتھ ازتام تہٕ کانہہ اہم کام آیہ نہٕ کرنہٕ، یہ رُود کاشرِن ہِندِس زِندہ قومس ستی ستی سو کالس کیو کو کالس منز حرکت کران تہٕ زندگیہ ہِندین بسیار تجربن زیوٗ دوان۔ تِمن اَکھ ساس ؤری یِن دوران آیہ کاشرِن ہنز فکری تہٕ روحانی زندگیہ منز بڈی بڈی انقلاب۔ واریاہ تحریکہٕ دوٚرِژھ، بیٚنہ بیٚنہ اندازُک انقلاب اَنتھ سوٚتے یہ تہٕ یِمن سارنے تحریکن رُود کاشُر ادب بڈ وفاداری سان زبان بخشان۔ شومتُک تزکرٕ فلسفہٕ لیعنے سپندا، تزیا ہکا تہٕ پرٕتہٕ بجنیا چھُ وارِہین نظمن تہٕ وژنن منز اظہار لبان تہٕ کینہہ اہم شعر تخلیق

مثلاً چھِم پَد، مہانے پرکاش تہٕ للہٕ واکھ آیہٕ صرف اُمی فلسفہٕ کِین زاوِی جارن ورٕژھنادنہٕ موکھ لیکھنہٕ۔ ژوداہمہِ صٔدی یہٕ منز آو دُیاپہٕ رٔنشُت بروٚنٹھ کُن مگر اسلامی تعلیمہٕ ہُند دامن رٹِتھ۔ شیخ العالمؒ بنیوو اُمہِ تحریکہٕ ہُند روح رواں۔ شیخ العالمؒ وُزناوِی جاگیردارانہٕ ظُلمس تل دبِمتِی خوفتہٕ کاشرِ تہٕ تِمن دیتُن پزر پرزناونس منز مدد۔ اسلامی تصوف آو تہٕ یہ روٚد نہ صرف عالمن ہندِ بحثہٕ مباحثُک موضوع بلکہ وارِہن لوکن ہُند طرزِ زندگی تہٕ۔ کاشر صوفی شاعری روٗز نہ صرف تصوفہٕ کِین مختلف مکتبن ہنز وکھنے کران۔ بلکہ روٗز یہ عام انسانس تہٕ پزر زانس منز تہٕ پزر رسٔرنس منز پننی پاٹھی سیٹھاہ سادگی تہٕ خلوصہ سان رہبری کران۔ چنانچہٕ صوفی شاعری بنیہ یہ لچھ بدن کاشرن ہندِ خاطرٕ نجاتُک بُنیادی سبب ییمہٕ کِنی جاگیردارانہٕ نظامکہٕ ظُلمہ تیمہٕ وارِہس حدس تام کم سپز۔ نوِس زمانس ستی آیہٕ لوٗر یہ پیٹھ سماجی آزادیہٕ تہٕ انسانہٕ سُند یہ دُنیاہ خوشحال بناونس متعلق نوِی نوِی خیالات تہٕ کاشُر ادب روٗد یِمن خیالن ہُند اثر رٹنس منز پیش پیش۔ ییمہٕ صٔدی یہ ہندِ دوٚیمہٕ ڈٔلہٕ پتے ووت ترقی پسندی ہُند نظریہ کاشرن تام ییمہٕ کِنی ساں لیکھن والی نوٚو اندازٕ پننِن مُلکن ستی وابستگی نگی ہاونہٕ تہٕ تموزون زِ ادبس تہٕ چھُ اکھ سماجی فریضہٕ۔ ادبس منز چھِ ہنکی تہٕ رٔژرٕ کی تہٕ اخلاقکی معیار بدلاونی تاکہٕ ادب ہیکہِ عام انسانس حظ تہٕ سرُوٗد دِنس ستی ستی پننہٕ قریبی زندگیہٕ ہنز آگہی تہٕ دِتھ۔ اُمہِ کِس اثرس تحت آیہٕ کاشرِس ادبس منز نہ صرف موضوعی! عتبارٕ بنیادی تبدیلیہٕ بلکہ ہیژرِ کنہٕ تہٕ آیہٕ کاشرِس ادبس رنگ بستگی۔ دارِیاہ نوٚو ادبی صنفہٕ آیہٕ کاشرِ زبانی منز صرف اُمی تحریکہٕ ہندِس اثرس تحت مثلاً نظم، افسانہٕ، سماجی ڈراما، ناول بیترِ۔ پتِمِن ترِن دہلیِن ہندِس نثری تہٕ نظمی ادبس منز چھِ اُسی بینہٕ تہٕ کینژن فکری تحریکن ہنز زیرٕ لہر وُچھان یِتھ منز وجودیتُک فلسفہٕ خاصکرٕ تھ قابلِ ذکر چھُ۔ انسانی وجودس متعلق غارٕ نظریاتی اندازٕ سام ہینہٕ چہٕ ترایہٕ چھُ جدیدیتُک ناو تہٕ دنہٕ آمُت۔ مگر وُنکین چھُ ادبس ناو تہٕ لیبل دِنہٕ بجایہٕ اُمہِ کِس داخلی کِردارس پیٹھ زور لیوان دِنہٕ زِ کانہہ ادب پارٕ چھا پزی اکھ فن پارٕ تہٕ یہ کتھ حدس تام چھُ انسانی تجربس قریب۔ ———— کاشر ادبک یہ فکری

پۄت منظر چھُ طرحدار تہٕ تہہ دار تہٕ۔ یۄدوۓ کاشُر ادب ناموافق حالاتو کِنہِ کانہہ غار معمولی
وسعت پاد ہیوٚک نہٕ کٔرِتھ گمر یِتھ کٔنہ چھُنہٕ کانہہ تہٕ شک زِ یہ ژھوکیو وتہٕ نہٕ۔ کٔنہ کٔنہ
دورس منز یۄدوۓ کاشرِ ادبچ وہتھ شونگتھ چھےٚ باسان، مگر کاشرِ ادبک ووتھ واتھ چھُ تمن
دوہن تہٕ جأری روٗدمُت، خاصکر تِتہٕ تِکیہ ادبک یتھ نہٕ کانہہ تہٕ حاکم یا نظام بند ہیکہ کٔرِتھ
تکیازِ تِکیہ ادب چھُ سماجی زندگیہ ہنٛد فطری آہنگُک ناگزیر نتیجہ یا اظہار۔ یہ کتھ چھےٚ ضروٗرأزی کِس
محققس پریشان کران زِ کینژن طویل دورن ہنٛد ادبُک نموٗنہٕ چھُنہٕ بدس سپدان۔ اَتھ چھُ
وجہ یۄہے زِ اکہِ طرفہٕ روٗز کٔشیرِ منز خانہ جنگی یٕمہِ کِنہ زندگیہ ہنٛدی واریاہ بیش بہا چیز ضایہ
پدنہٕ ستی تہٕ قلمی نسخہٕ تہٕ ضایہ سپدی تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ یہ زِ صدیوٚن ہنٛز غلامیہ کِنہِ روٗدی کاشرِ
مورخ، دانشور تہٕ عام خاندٕکھ احساس کمتری ہنٛدی شکار تمو تھاو کاشرِن فارسی شاعرن
ہنٛز شاعری قلمبند کٔرِتھ مگر کاشرِ شاعرِ ہنٛز قدر نہ زانہٕ کِنہ ژھنکھ نہٕ گال کھاتس۔ یہ چھےٚ
حأرتس لایق کتھ زِ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہوٚن عہد ساز شاعرن متعلق تہٕ چھُنہٕ تمہٕ دورِ کیو
مورخو کہِنہ تہٕ لیوٚکھمُت تہٕ برعکس چھکھ وۄپرِ حاکمن ہنٛدین چارن، مسخرن تام تعریف
کٔرمتہٕ تہٕ تم چھکھ عالم، فاضل تہٕ شاعر زانمتہٕ۔ قلمی نسخن ہُند موجوٗد نہ آسُن چھُ کاشرِ
ادبک توأریخ لیکھن والیٚس وارہین مسلن منز تراوان۔ مثلن یہ زِ کُنہ خاص دورس منز
کیاہ لسانی اظہار چھُ کاشرِ زبانی اوسمُت۔ نثر لیکھنچ اُسنہٕ کانہہ تہٕ رلوایت تہٕ شاعری
روٗز زبانی رلوایتہٕ کِنہ برونٹھ پکان یٕمہِ کِنہ ادب پارن ہنٛز زبانی منز مولہ اظہار قایم روٗدی نہٕ۔
باضے چھُنہٕ پتہٕ سہل پاٹھی نتان زِ کُس شاعر کُس پتہٕ یا کُس برونٹھ چھُ اوسمُت۔ یۄدوۓ بڈین
شاعرن متعلق تحقیق کِنہ حدس تام ثبت نتیجس تام ووتمُت چھُ، مگر اُمہ پزِ زانُن زِ کُنہ زبانی ہُند
ادبُک توأریخ چھُنہٕ تمہِ زبانی ہنٛدین بڈین شاعرن تام محدوٗد آسان بلکہ چھُ پزر یہ زِ اَتھ
منز چھُ کم زانہٕ آمتین یا کم مرتبہ والین شاعرن ہُندے حصہ زیادہ اہم آسان یہ کتھ چھےٚ

یقینی زِ وارِہن اہم شاعرن ہنز چھِنہٕ اَسہِ کانٛہہ خبرے تہٕ جدید تحقیقہٕ کِنۍ چھِ وُنہٕ تہٕ کاشرۍ شاعر دریافت سپدان۔ عبدالاحد آزادن لیوٗکھ کاشر شاعرۍ ہُند گوڈنیُک تہٕ وارِہس حدس تام مستند توارٟخ، مگر تتہٕ پیٹھٕ سپدۍ کیٛتۍ شاعر دریافت یِم پتہٕ پتہٕ جایہ سانہٕ شاعرۍ ہندۍ تھوٚنگ چھِ آسۍ متۍ۔ اَسہِ پزِ وارِہن شاعرن ہُند مقام تہٕ مرتبہٕ سبر کرنس منز دُبارٕ غور کرُن تہٕ توقع چھُ زِ مزید تحقیق روزِ یادٕ یابی ہنز تہٕ تقابلی مطالعہ یہِ کام جاری تھوٚوتھ۔

دراصل چھِ اکہِ زبانۍ ہندِ ادبُک توارٟخ تمہِ ساری محقق یِم پرانِس ادبس نوٚو زاویہ کِنۍ نوٚون دریافن ہندِس گاشس منز جایزٕ ہیوان روزان چھِ۔ یہِ چھُ سٕے شادمانی ہنز کتھ زِ وُنکین چھِ وارِیاہ کاشرۍ ادیب تحقیقہٕ چہِ اَتھ کامہِ سیٹھاہ سنجیدگی سان پتہٕ لگۍ متۍ تہٕ پرتھ وُرۍ یہِ چھِ نوٚوۍ نوٚوۍ انکشاف بروٚنٛہہ کُن یِوان یِم تمہِ مفروضن یا تہٕ ژٕلے چھِ بدلاوان یا چھِ تمہِ ہندِس ترتیبس منز تبدیلی انان۔ مثلاً پتہٕ مین ترین ژٕون وُرۍ ین منز بدلیہِ کینژن صنفن ہندِس ارتقاہس متعلق سارِیے تمہِ رایہِ یِم اَو تام مستند آسہٕ مانہٕ یِوان۔ مثلاً غزلُک تہٕ مثنوی ہُند ابتدا تہٕ ارتقا چھُ قابلِ ذکر۔ تحقیق چھُ تنقیدِ کِ پاٹھۍ اکھ ازٕ ہِین عمل تہٕ لہٰذا گژھہِ ادبُک توارٟخ لیکھنُک عمل تہٕ ازٕ ہِین زانُن پیٚیہ۔ کانٛہہ تہٕ ادبی توارٟخ آسہِ نہٕ ہرگز تہٕ حتمی تہٕ مکمل۔ اَسہِ پییہِ پھِرۍ پھِرۍ ادبُک توارٟخ نوٚو نوٚو انداز لیکھُن۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ ترقی یافت زبانن منز چھِ وارِیاہ ادبی توارٟخ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔

یِمہِ برونٛہہ تہٕ چھِ کاشر ادبُک توارٟخ لیکھنچہ کیٛنہہ قابلِ قدر کوشِشہِ کرنہٕ آمژٕ۔ مگر یہِ سلسلہٕ گژھہِ نہٕ اَتی پھٹُن۔ نوٚو تحقیقہٕ کِس گاشس منز پزِ اَسہِ پرانِس ادبس متعلق نوٚو انداز لیکھُن تہٕ تی چھُ بدس توارٟخچ مُدعا تہٕ مقصد۔ یہِ چھِنہٕ دوٚن زٕ ہِین ہُند لیوٚکھمُت توارٟخ۔ اَتھ منز چھُ تمن سارِنے محققن ہُند دیُت ٹاکار یِمو پننین مضمونن تہٕ مقالن منز پرانہٕ ادبہٕ کیٛن مختلف گوشن گاش چھُ ترووُمُت۔

اَسہِ چھُ سٕے امید زِ بدس توارٟخ روزِ محققن تہٕ اَتھ مادانٛس منز کام کرن والین ہٕنز

ہِند خاطرٕ فایدٕمند۔ مگر یہِ تواریخ چھُ عام قٲری ہِند خاطرٕ تہٕ یُس کاشُر ادبُک روایژن ہنز زان ییٚبی چھُ یژھان۔ اَمہِ چھُ اَوے کینٛہہ خامیہٕ تواریخی پرٛزرن ہنز نشاندہی کرنس ستۍ ستۍ تقابلی جایزس تہٕ مولانکونہِ کُن تہٕ توجہ دیتمٕژ۔ تاکہ پرَن وول روزِنہٕ صرف ادبُک تواریخ پرنس یا بوزنس تامے پوت محدُود بلکہ گژھہِ سُہ اصل ادب پرنس کُن تہٕ راغب۔ اگر یہِ ادبی تواریخ پرَن وٲلِس اصل ادب پرنس کُن کل گنراونس منز کامیاب گوو یہِ چھُ تیٚلہِ پنُن مقصد پوٗرٕ کران۔ تمہِ برعکس اگر تواریخ پرَن وول یا بوزَن وول صرف دوربندی کرنس تہٕ شاعرن تہٕ لیکھن والین ہنٛزِ ذاتی زندگیہِ متعلق متضاد رایہِ ہندِس دۄلابس منزے ہینہٕ آو، تیٚلہِ یینہٕ سُہ قٲریس تہٕ ادبس درمیان ژھوٗر۔

اَمہِ چھُے امید زِ یہِ تواریخ کرِنہٕ صرف کاشرِس ادبس متعلق مفید بحث شروٗع بلکہ کرِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پرَن والین کاشُر ادب پرنُچ کل۔ انشاءاللہ۔

# کٲشر زبان

'کٲشُر' چھُ کٔشیرِ ہنز زبان۔ اَمکی بولن وٲلی چھِ کٲشرِ تہٕ تِم چھِہ اَتھ 'کٲشُر' ونان۔ غار کٲشرِ چھِس "کشمیری" ونان۔ کٲشُر بولن وول مرکزی علاقہٕ چھُ کٔشیرِ ہنز وادی، مگر وادی ہندِ ین اَندی نِکھی پہاڑی علاقن منز تہٕ چھِ کٲشُر بولن وٲلی بسان۔ کٲشرِ ین ہُند اکھ جان تعداد چھِ سرحد اپارِ مظفر آباد تہٕ اَکھین اَندی نِکھی علاقن منز تہٕ روزان۔ ۱۹۴۷، منز گٔے وار یاہ کٲشرِ پاکستان تہٕ تَتہٕ چھِہ یم خاصکر تھ ہندھ تہٕ پنجابس منز روزان۔ وار یاہ کٲشرِ چھِ ہندوستانہٕ چِن باقے ریاستن منز تہٕ دنیاکین مختلف ملکن منز تہٕ آباد۔ خاصکر تھ چھِ ہماچل پردیش منز کینہہ گام اَمہِ رنگٕ قابلِ توجہ۔ ریاست جموں و کشمیرچہٕ کُل آبادی ہُند تقریباً ۶۰ فیصد حصہٕ چھُ کٲشُر بولن وٲلین ہُند۔ ۱۹۸۱ ءچہٕ مردم شُماری مطابق چھُ کٲشرِ ین ہند تعداد ۳۰،۷۶،۲۹۸ کٲشُر بولن وٲلس علاقس چھُ مشرق تہٕ شمالہٕ کنۍ لداخ تہٕ بلتی بولن وول علاقہٕ۔ جنوبہٕ کنۍ ڈوگری تہٕ پہاڑی بولہٕ بولن وول علاقہٕ۔ مغربہٕ کنۍ بروشسکی، پشتو تہٕ پنجابی بولن وول علاقہٕ۔ کٲشُر بولن وول علاقہٕ چھُ شمالہٕ کنۍ دورِ تہٕ ماترگامہٕ پیٹھ جنوبہٕ کنۍ ڈوڈہٕ ہس تام تہٕ مشرقہٕ کنۍ زوجہ بالہٕ پیٹھ مغربہٕ کنۍ لاگاماس تام۔ (وچھو نقشہٕ)

## کشیر تہٕ گوڈنِکۍ کٲشرِ

کٔشیرِ ہندِس ناوس پیٹھ چھِنے وار یاہ قیاس آرایہ کرنہٕ آمژٕ۔ اکثر یوٗرپی محقق چھِہ ونان زِ کٔشیر لفظ چھُ سنسکرت "کا۔ سیر" لفظُک بدلیومُت رٔپھ یتھ معنی چھُ سوجاے یتہٕ آب کڈنہٕ آبہٕ آمُت۔ اَتھ برعکس چھِنے بیاکھ راے




رقبہ: ۲۲۲۲۳۶ مربع کلومیٹر، آبادی (۱۹۸۱ء) ۵۹۸۷۳۸۹

زِیور چھِ سارنے برونٹھ شام ملکہ پیٹھ یہود لبنہٕ آمتۍ تہٕ یہوے چھُ اَتھ کاشُر یعنی "ملک شناس ہیوٚ" ناو دیُتمت ۔
ییتہٕ چھُ وننہٕ یوان زِ اکھ عبرٲنی قبیلہ ووت یوریٖن کشِ ونان آسی ۔ تمیٚ سے چھِ کشان تہٕ کاشر ہوی شہر بساوی متۍ تہٕ
عجیب کتھ چھےٚ یہ زِ کاشرن تہٕ یہود قومہٕ کین لوکن ہندی انہار چھِ وارِیاہ ہشر تھاوان ۔ اَتھ ہشرس کُن چھِ برنیر،
لارنس، ینگ ہسبنڈ تہٕ بیٚیہ وارِیاہ یوٚرپی سیاحو تہٕ مبلغو پننہٕ پاٹھۍ اشارہ کوٚرمُت ۔ کینٛژن ہندٕ وُنُن چھُ زِ کاشری
چھِ تمو قبیلو منزٕ یم اسرائیلہ منزٕ نیرتھ دٕریہ راوِتھ ۔ یِم وٲتۍ کشیرِ یوٚہے ۱۲۰۰ ق م ہیوٚ حضرت موسیٰؑ سُنزٕ
رہبری منزٕ ۔ دلچسپ کتھ چھےٚ یہ زِ کاشرِ زبٲنۍ تہٕ عبرٲنی زبٲنۍ منزٕ چھِ وارِیاہ لفظ ہوی ۔ مثلن موٗذ زمین، مالین/
(مالون، آتشی/آشنا، گوٗبر/گبر، آلرٕہ/آلیس، یون/یاوُن شہر/شاس ۔ (دوشوے لفظن ہند رشتہٕ
چھُ سنسکرت لفظن ستۍ زیادٕ قریبی) ۔ انجیل مقدس منزٕ وننہٕ آمژ کینہہ ذاژ چھےٚ کشیرِ منزٕ تہٕ مثلن لادے، ماگرے،
منٹو، پرے، ڈانگر، وٲنۍ، کار، داند ۔ ییتھے پاٹھۍ چھِ کینٛژن گامن ہندی ناو تہٕ عبرٲنی گامن ہندین ناون سٟتۍ
رلہٕ دٕنۍ مثلن برزُل (برزلہ) ہرون (ہرُن) پٹن (پڈن) شیٚپین (شوپیم) سوپور (ساپر) ۔

مقامی روایت چھےٚ زِ قدیم زمانس منزٕ اُس ساری کشیر اکھ بوٚڈ سر ییتھ ستی سر ناو اوس ۔ اَتھ روایژ
چھِ جیالجی ہندی انکشاف تہٕ ذکہ رٕٹان ۔ محققن ہندٕ وُنُن چھُ زِ از برونہہ الہ پلہ پانژہ ساس وُری یعنی ۲۹۳۸
تام چھُ کھادنی یارس نش سرس کھن لوگمُت، آب چھِ نیرتھ ژولمُت تہٕ ژوک چھُ وار وار خشک گژھتھ
آبادی لایق بنیومُت ۔ (وولر ڈل تہٕ آنچار ہوی سر چھِ تمی بڈ سرک یوت نشانہٕ ۔ ستی سر کین بچھن تہٕ ندی کھ
پہاڑی علاقن منزٕ آسی ناگ قوم کُن لکھ بسان ۔ کتہ تام ییٚژھ چھِ اکھ بوٚڈ ریوش یوز آمُت یُس کشپ ریوش ناو اوس ۔
سے کشپ ریوش چھُ ناگن ہندس سردارس یعنی نیل ناگس سمکھان تہٕ تمی ہندین لکن خشک گامتین علاقن منزٕ
آباد کران ۔ (کینژن بنزٕ راے چھےٚ زِ ہیرژ ہند بوڈ دوہ چھُ امی واقعچ یاد ۔)

کشیر ہندین آدواسی لکن ہند پے چھِ اسہ کشیرِ بنزٕن پرانین ریژن تہٕ روایژن منزٕ میلان ۔
یہ چونکہ ناگ آسی سرچشمن (ناگن) بنزٕ پوٗزا کران تہٕ سرچشمن بنزٕ ناوہ جاے آسی ناگ (یعنی چشمہ) ناو یوان

چھِ ناگ اُنہٕ تہٕ مقدس تہٕ ناگہٕ گاڈ حرام زانِتھ یِوان تہٕ ناگن منز چھِ پھل پھُلۍ تھٲوِتھ کرنہٕ یِوان۔ کیٛہنہٕ کال بروٚنہہ آسہ کٲشُرِ زنانہٕ پوٗتُر تیتھ پاٹھۍ کلس گنڈان زِ اَتھ آسہِ سرپھ شکل بنان۔ کٔشیٖرِ ہنز قدیم دلیل "ہی مال ناگرائے" چھےٚ کٔشیٖرِ ہنٛدین آدِ واسین ہنز باد تازٕ کران تہٕ شیٖنہٕ نزدیکھ چھُ رنہٕ آر نُجھس پیٹھ یارُن تہٕ زوورۍ وٕنہٕ کس دامنس تل ہی مالہٕ ہنٛد ناگ پھرۍ پھرۍ باس دِوان زِ یِمنٛکۍ اصل روزن وٲلۍ چھِ ناگ آسۍ متۍ۔

ناگ لُکن اوس پننہٕ بیوٗن تہٕ بدوٗن مذہب، کلچر تہٕ زبان۔ مگر وۄنۍ چھُ۔۔۔ ہنٛدِ ناوٕتام واتُن سانہٕ خاطرٕ ناممکن بنیوٗمُت۔ ووٚں گوو اگر یتھ قیاسس کانہہ بُنیاد چھےٚ زِ ناگ قبیلن ہنٛد تعلق چھُ جنوٗبی ہندوستانہٕ کین دراوڑ تہٕ اسٹرک قومن سٟتۍ، تیٛلہِ چھُ کُنہِ حدس تام ممکن زِ اُسۍ ہیکو کینژن پرانین کٲشرِ لفظن ہنٛد آگُر یتھ کڈتھ۔ مثلن زبٲنۍ ہنٛدی کیٛہنہٕ پرٲنۍ تہٕ عام زندگیہ سٟتۍ تعلق تھاوَن وٲلۍ لفظ، وانگن > واتنگان، توٗمُل > تندولا، اُل > الابو، داٗن > دادینا۔ (اگر باسان چھُ زِ یہ ہشر چھُ اتفاقی)۔

## کٲشُریٚک آگُر تہٕ اَمچہِ بولہِ

کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدِس آگرس یا اَمہِ کس نسبی رشتس متعلق چھُ وارِیاہ اختلاف تہٕ کانہہ حتمی فٲصلہٕ کرُن چھُنہٕ وۄنۍ صحیح باسان ہیکیاز وۄنۍ تہٕ چھُنہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛد تہٕ اَتھ اندۍ پکھۍ باقے زبانن ہنٛد مکمل سائنسی مطالعہ پُرمُت تہٕ ووٚں اگر کُنہِ حدس تام مطالعہ پُرمُت تہٕ چھُ، اَیِک مواد چھُنہٕ سہل پٲٹھۍ دستیاب۔ بیشتر مواد چھُ مختلف یوٗرپی زبانن منز تہٕ وارِیاہ چھُ وۄنۍ ناپرسٲنۍ کِنۍ نایاب۔ دوٚیِم اہم مشکل چھُ یہ زِ کٲشرِ زبٲنۍ منز چھےٚ تحریرچ روٚوایتھ سیٹھاہ ژیرِ شروٗع گمژ تہٕ خاصکرِتھ چھُنہٕ کٲشرِ نثرُک کانہہ تہٕ پرٲن مسودٕ دستیاب۔ ووٚں گوو یِم زبردس مشکل آسِتھ تہٕ چھےٚ اَمِکس آگرس یا نسبی رشتس متعلق کیٛہنہٕ مستند تہٕ غور طلب رایہٕ دِنہٕ آمژ یِمن ہنٛد خلاصہ دِیُن لازمی چھُ۔ مگر کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدِس آگرس متعلق کانہہ تہٕ بحث تُلنہٕ بروٚنہہ چھےٚ یہ ژینہٕ وٗن دِنۍ تہٕ ضروٗری زِ عام پٲٹھۍ چھےٚ یہ غلط فہمی نظرِ گژھان زِ اکھ زبان چھےٚ بییہٕ زبٲنۍ منز نیران مثلن کٲشرِ زبان کیاہ چھےٚ سنسکرتہٕ منز یا درد زبٲنۍ منز

درامژ۔ پزٕ چھُ زِ کانہہ تہٕ زبان چھِنہٕ بیٛیہ زبانٕ منٛز نیران۔ لکھ چھِ زبانن متعلق ییٚ تصور تھوان یُس تِم انسانن یا باقے
زُو ذاژن متعلق تھوان چھِ۔ زُو ذاژ چھےٚ بیٛیہ زُوان یا وٕلو اکھ زندٕ چیز چھُ بیٛیہ زندٕ چیزٕ منٛز نیران یا تہٕ جنسی طریقہ
یعنے نرٕ تہٕ مادٕ پانہٕ وٕنی میلنہٕ سٟتۍ۔ یا اَ۔ جنسی طریقہٕ یعنے اَکھ سے فردس (مثلن وہر کُلس) اکھ لنٛڈ ژٹِتھ الگ جایہ رُوپہٕ بسِتھ۔
یعنے زِ مٕنٛس چھُ کانہہ شبقہٕ تاریخ تہٕ زُون جاے آسان۔ زبانن منٛز نہٕ چھےٚ جنسی وو پزٕے تہٕ نہٕ اَ۔ جنسی دو پزٕے۔ زبانن
ہندس وو تلنس چھُنہٕ کانہہ کلینڈر۔ زبان چھےٚ آسان صرف اکھ تسلسل۔ اَزیُک کاشُر چھُ "پرانہٕ" کاشرِ یُک تسلسل تہٕ
"پرون کاشُر" اوس "تمہ پرانہٕ" کاشرِ یُک تسلسل۔ اگر کانہہ سبب یا تاریخ وٕنو تہٕ سُہ آسہ محض سیاسی تہٕ سماجی واقعس کُن
اشارٕ نہٕ زِ تمہٕ زبانٕ ہندس داخلی کردارس کُن۔ آ۔ یُوزِ کِنہٕ ساعتہٕ چھُ کُنہٕ سیاسی یا سماجی انقلابہ کنۍ کُنہٕ زبانٕ ہندین روزن
والین تقسیم سپدان، مگر زبان چھِنہٕ پانہٕ تقسیم سپدان۔ لسانی جماژٕ ہندین نوین دوٕن جماژن منٛز چھےٚ زبان الگ الگ پانٕھ
ارتقابان تہٕ اگر یِہ ییٚن گژھن رُود ممکن چھُ ساپہ بوٚد دوٗری گژھتھ روزِ یہٕ نوین دوٕن لسانی جماژن ہنٛزن زبانن ہنٛزے
کانہہ۔ یا یتہٕ زِ یمو دو یو جماژو منٛز کُنہ کُنہٕ دورس منٛز اکھ جماعت پننہٕ مادری زبانہٕ تبدیل۔

دوٚیم غلط فہمی چھےٚ یہ زِ بیٚلہ تہٕ کاشرِ زبانٕ ہندٕ آگُر چھُ کتھ وٕژھ۔ لکھ چھِ منٛزراوان زِ اتھ زبانٕ ما آسہے پنُن کانہہ
الگ کردار یتھ بیٛٹھ بیٛیہ کُنہٕ زبانٕ ہُند اثر چھُ پیومُت۔

ترٛیم غلط فہمی چھےٚ یہ زِ لکھ چھِ منٛزراوان زِ کاشرِ زبان، درد زبانہٕ تہٕ ہند آریائی زبانہٕ چھےٚ ژکہٕ اکی قدیم
خاندانچہ۔ بیون بیون ارتقائی صوٗرژٕ ییمہٕ کنۍ یمن سارنے زبانن منٛز ہشر آسُن لازمی چھُ۔

زبانن ہُند علم چھُ باقے سائنسن ہندی پأٹھۍ اکھ سائنس یتھ جذباتن تہٕ تعصبان سٟتۍ کانہہ تعلق گژھہ آسُن۔
زبان "لوکٹ" آسہ یا "بڈ" اَکی بولن والی تمدنی طور ترقی یافت آسن یا پسماند، مگر پرتھ زبانٕ چھےٚ پننہٕ اہمیت تہٕ یہ
چھےٚ پننین بولن والین ہندِ ضرورتہٕ مطابق ہر لحاظٕ مکمل تہٕ کامیاب وٚسیلہٕ آسان۔

یمن غلط فہمین کُن اشارٕ کرِتھ ہیکو اسی کاشرِ زبانٕ ہندِس نسلی رشتس متعلق کتھ کرِتھ۔ لہذا چھُ یہ مسلہٕ زِ
کاشرِ زبان کمہٕ زبانٕ منٛز چھےٚ "درامژ" بلکہ کاشرِ زبانٕ ہُند تعلق کتھ زبانٕ سٟتۍ چھُ زیادٕ تہٕ کتھ سٟتۍ چھُ کم۔ تعلق تہٕ چھُ

اُتھ سارنے آریایی زبانن ستۍ، حتاکہ یوٗرپی زبانن ستۍ تہٕ تکیازِ تم تہٕ چھےٚ ژکہ آریایی زبانے۔

کاشُر زبٲنۍ ہُندِ نسبی رشتس یا تعلقس متعلق چھےٚ گوڈنیچ مستند کوٗشش کنُوٗہمہ صدی ہندِس آخری حصس منز سپدان۔ یِمہِ زن کیٚنہہ یوٗرپی محقق، خاصکر تھ سر جارج گریرسن (۱۸۵۱ء - ۱۹۴۱ء) ہندوستانہٕ کِس شمال مغربس منز واقع پہاڑی علاقن منز بولنہٕ یِنہٕ واجنین زبانن ہُند مطالعہ چھ کران۔ یِمنے یوٗرپی محققن ہنز رہنمٲیی منز آیہٕ "لنگوسٹک سروے آف انڈیا" ناوچ اکھ سروے شروٗع کرنہٕ یتھ گریرسن اُبھ اوس۔

گریرسنس نظریس ستۍ یوٗدوٕے وارِیاہو محققو اختلاف ظاہر چھُ کوٗرمُت، اگرُ ونکتام چھ تمہٕ سُندے نظریہ مرکزی اہمیت تھوان۔ تکیازِ باقے سارِوے چھِ یا تہٕ اُتھ ستۍ اتفاق کوٗرمُت یا اختلاف۔ گریرسن چھ گوڈنکہ پھِر وَنان زِ کاشُر زبٲنۍ ہُند رشتہ چھُ تمن زبانن ستۍ یِمہ ہندوستانہٕ کِس شمال مغربس منز بولنہٕ چھےٚ یِوان تہٕ یِمن "دردی" زبانہٕ وَنان چھ۔ "دردی" اصطلاح چھُنہٕ کانہہ لسانیاتی اصطلاح بلکہ اکھ جغرافیٲیی اصطلاح یِعنے تہٕ یَمیُک تعلق دردستانس ستۍ آسہِ۔ دردستان چھُنہٕ کانہہ سیاسی سرحد تھوان بلکہ چھِ یہ تِتھ پہاڑی علاقس وَنان یُس ونکین ہندوستان، پاکستان تہٕ افغانستانس منز شامل چھُ۔ یہ علاقہ چھُ مشرقہٕ پیٹھٕ مغرب کُن پانژھ ہتھ میلہ زیوٗٹھ تہٕ اُتھ منز چھِ ژور اہم کوہ مالہ یِوان: پیر پانژال، مغربی ہمالیہ، قراقرم تہٕ ہندوکش۔

"درد" لفظ چھُ وارِیاہن قدیم سنسکرت تہٕ یوٗنٲنۍ کتابن منز میلان۔ یہ لفظ چھُ ہیروڈوٹس تہٕ استعمال کران۔

گریرسن چھُ وَنان؛ چونکہ "دردستان" لفظس چھِ وسیع معنے لہٰذا چھُ تمن سارنے آریایی زبانن "دردی" وَنُن جان یِمہ اُتھ علاقس منز بولنہٕ چھےٚ یِوان[1]۔ گریرسن چھُنہٕ "پشاچ" لفظ ورتاوان حالانکہ دردن چھُ پرانین کتابن منز عام پاٹھۍ پشاچ وَننہٕ آمُت۔ تکیازِ یہ لفظ چھُ ریژھہ پاٹھۍ استعمال کرنہٕ آمُت تہٕ اُتھ چھُ معنے "آدم خور" یا "ییوٗل مار کھینہٕ وول"۔ گریرسن نہٕ وَننہٕ کِنۍ چھےٚ دردی زبانہٕ ہند یوٗرپی لسانی خاندانک ترتیم لگ بناوان یُتھ اکہ پاسہ ہند آریایی زبانن ہُند لگ چھُ تہٕ بییہ پاسہ ایرانی زبانن ہُند۔ سُہ چھُ لیکھان:

" . . . . نہ چھُ یمن زبانن ہُند آگُر ہندوستانی تہٕ نہ ایرانی ،
بلکہ چھےٚ یمہٕ آریایی زبانن ہُند اکھ ترٛیِیُم لنگ بناوان یُس ینہٕ
آبایی گوڑ بیٛٹھ تیلہٕ الگ گوو یێلہٕ زَن ہندوستانی زبانو برونٹھےٚ
لنجہٕ وَہراومٕژ آسہٕ مگر ایرانی زبانن اوس دُرہٕ ینٛنُ الگ خطوخال
رٹنے تہٕ




گریرسن چھُ کاشرِ امہِ بولہٕ وار باگنہٕ ہنٛز بنیاد زبانی ہُند داخلی گرٛمرٕ زانان تہٕ نہٕ ذٲتیک لفظہٕ راش۔ تکیازِ
لفظہٕ راش چھُ پرتھ کُنہٕ زبانی بدلان روزان۔ مثلن یُس کاشُر ازٕ اسی بولان چھِ یا یُس کاشرس منز دردس کتاب لیکھنہٕ
آمژٕ چھےٚ، تمکی بیشتر لفظ چھِ فارسی زبانی پیٛٹھٕ آمتی، مگر تمیُک مطلب چھُنہٕ یہٕ زِ ازیُک کاشُر گیا چھُ فارسی زبانی
منز درامُت۔ مانٛز تو دوٗرِ مستقبلس منز ہرِ اسہِ بٲیہٕ کُنہٕ قومس سٟتۍ تمدنی رشتہٕ تہٕ اسہِ ییٚن اکثر فارسی لفظ تِمے
پاٹھۍ مُشراونۍ یِتھہٕ پاٹھۍ اسہِ پرانی سنسکرت لفظ مُشراوۍ تہٕ اسہِ ییٚن نُو قومہِ چہٕ زبانی ہندی لفظ ورتاونۍ۔ لفظ
چھِ بدلان روزان تمدنی تبدیلین سٟتۍ سٟتۍ۔ مگر زبانی ہُند ینٛنُ گرٛمرٕ یا ٲییُک کُرتُر چھُ قایم روزان۔ ٲییُک
بنیادی جُملت چھُنہٕ بدلان ٲییُک صوتیات خاصکرٕ تہٕ صداؤی صوتلٕی نظام چھُنہٕ بدلان۔ ٲییُک بولن
آے تہٕ لہجہٕ بدلن تہٕ چھُ دشوار۔ گریرسن سُند ونُن چھُ زِ لفظیاتہٕ رنٛگۍ چھےٚ کاشُر زبان اکھ "رلہٕ ملہٕ زبان"!

کأشُر چھُ اکھ رلہٕ ملہٕ زبان۔ اَمِچ بنیاد چھےٚ درد خاندانٕچ
اکھ سوٗ زبان یتھ "شنا" زبانٕ سٟتۍ رشتہٕ چھُ۔ اَتھ چھُ
ہندوستانٕکۍ کلچرُک تہٕ زبانٕ ہنٛد سروٚن اثر پیوٚمُت تہٕ اَتھ
لفظیاتُک بیشتر حصہٕ چھُ ووٚنۍ ہندوستانٕکۍ آگرُ تھوان
یُس زن شمالی ہندوستانہٕ چہٕ زبانن سٟتۍ رلان چھُ۔ ووٚں
گوو یوٚتام زن اَمہٕ چہِ بنیادٕ ہنٛد تعلق چھُ تہٕ زن گوو اَیک
صوتیات، لہجہٕ، جُملت، عروض ۔۔ یہ سوٗرے چھُ
دردی۔ اَوٚکنۍ گژھہٕ اَمِچ ذاژبندی اَمی ترٛاپہٕ کرنہٕ ینۍ۔
نہٕ زِ یہ کانہہ سنسکرتی زبان زانہٕنۍ یِہ

ووٚں گوو گریرسن اوسنہٕ ہرگز تہٕ پننہِ نظریہ حرفِ آخر زانان۔ تکیازِ تمہِ دوٚہمہِ تہٕ اوس اَتھ
نظریس خلاف یہ نظریہ مقامی طور زور بان زِ کأشر زبان تہٕ چھےٚ شمالی ہندوستانہٕ چین باقے زبانن ہندی یا کٕنھ
اکھ ہند آریائی زبان۔ اَتھ منٛز بعض رایہ اوس ڈوٚکھ رٕ تواریخی تہٕ تمدنی پوٚت منظریُس کأشرِ زبانٕ ہنٛد لفظیاتہٕ
رٕنگٕ تہٕ اَتھ منٛز موجود ادبی تخلیقو کنۍ عیان اوس۔ گریرسن چھُ اَوٕے کنۍ پھِرِ پھِرِ ونان زِ اَتھ مسلس پیٹھ چھےٚ
نوٚ سرٕ غور کرنٕچ گنٛجایش:

"..... مقامی طور چھُ وَننہٕ تہٕ دعوا کرنہٕ یِوان زِ کأشُر چھُ
اکھ سنسکرتی زبان۔ یہ تواریخی پُزِ اگر نظرِ تھاوو زِ اسلام
قبوٗل کرنہٕ برونہہ اَسی ساری سے واد یہ منٛز برہمن بسان
یمن پننہِ سنسکرتی ریہٕ ژُت (LORE) اوس ہٟتھ چھُ
اَتھ دعوس پیٹھ دُبار غور کرُن لأزمی یِہ

یتھ پاٹھۍ اَسہ گوڈے ووٚن زِ گریرسن سٕنٛز نظریس خلاف گوو تِمنے دوہن ردِعمل شروٗع مگر دۆنیکتام چھُنہٕ اَتھ خلاف کانٛہہ تہٕ قابلِ قبوٗل جوابی نظریہ برونٛہہ کُن آمُت۔ صرف یہ زِ کاشُر زبانۍ ہند لفظیات چھُ عام پاٹھۍ سنسکرت زبانۍ ستۍ رلوٗن لہٰذا چھِ یہ اکھ سنسکرتی یا ہند آریایی زبان۔ اَتھ نظریس پیٚیہ برونٛہہ کُن مزید وضاحت کرنہٕ۔

گریرسن چھُ دردی گرُپس منٛز ترٛیٚہ لسانی گرُپ شامل کران:

۱۔ کافر گرُپ: بشگلی۔ وایلا۔ اسجنڈ، ( گوار بتی تہٕ پشایی دِہ گانی، دردی، تراہی)

۲۔ کھوور گرُپ: چِترالی یا ارنیا۔

۳۔ درد گرُپ: شِنا، کاشُر، سراج، رامبنی، کوہستانی بیترِ۔




کاشُر، تہٕ چھُ کینٛہہ علاقہٕ دار بولہٕ تھوان تہٕ یمن منٛز چھِ پانٛژھ بولہٕ اہم:

۱۔ کشتواڑی۔ یہ بوٗلی چھےٚ وادی ہندِس جنوب مشرقس منٛز کشتواڑ وادیہ منٛز بولنہٕ یِوان۔ اَتھ بولہٕ پیٹھ چھُ پہاڑی، چیہالی تہٕ تبتی بولین ہند تہٕ اثر۔ کشتواڑی بولہٕ ہند بیشتر صوتیات

تہ لفظیات چھُ معیاٗری کاشرِس ستیٖ رلہٕ وُن یمہٕ کنہِ گریرسن اُتھ بولہ "کاشرِ اکھ پٔز بوٗلی" چھُ وَنان۔

ب۔ پوگلی۔ یہ چھےٚ پوگل تہٕ پرستانہٕ کسن علاقن منز بولنہٕ یِوان۔ یِم دۄنوے علاقہٕ چھہِ بانہالہ کِس جنوٗبس منز۔ پوگلی بولن واجی تہٕ چھہِ سہل پاٹھی معیاٗری کاشُر بوٗلتھ ہیکان۔ اُتھ منز چھہِ سنسکرتکی پراکنہ اہار موجوٗد مثلن ہکاٗری ڈزی ژھوپاوی ، /ر/ بدلہٕ /ڑ/ آسُن تہٕ /ہ/ بدلہٕ /ش/ آسُن۔

ج۔ سراج۔ اُتھ منز چھہِ ڈوگری تہٕ پہاڑی بوٗلین ہنٛدی وارِیاہ اہار، مگر کاشرِس ستیٖ ژور ہشر آسنہٕ کنہِ ہیکون کاشرِ بوٗلی زانتھ۔

د۔ رامبنی۔ رامبن تہٕ اُندی پکھی گامن منز بولنہٕ یِنہٕ واجٕنہِ یہ بوٗلی تہٕ چھےٚ ڈوگری تہٕ پہاڑِس ستیٖ وارِیاہ ہشر تھوان، مگر ایمِ وارِیاہ لفظیات تہٕ کیٚنہہ اہم نحوی ترکیبہٕ چھےٚ کاشرِس ستیٖ رلان۔

ہ۔ کاشُر خاص۔ خاص کاشُر چھُ کشیٖرِ ہنٛزِ وادیہ منز بولنہٕ یِوان تہٕ اُتھ چھہِ ترےٚ لہجہٕ: مرازی (جنوٗبی علاقہٕ) کمرازی (شمال جنوٗبی علاقہٕ) تہٕ معیاٗری کاشُر (سرینگر تہٕ اُندی پکھی علاقہٕ) کاشرِ زبانہِ ہُند سۄرے ادب چھُ معیاٗری کاشرِس منز۔ یمن ترٛین علاقہٕ وارٕ صوٗرژن چھُنہٕ کیٚنژو لفظو تہٕ لہجہٕ ورٲے بیٚیہ کانہہ بوٗن تہٕ ترٛیشونی علاقن ہنٛدی لُکھ چھہِ سہل پاٹھی پانہٕ وٲنی کتھ باتھ کٔرتھ ہیکان۔ مرازی چھہِ البتہٕ وارِیاہن تمن لفظن منز /ڑ/ وَنان /ر/ بدلہٕ یِم لفظ ٹاکارٕ پاٹھی ہنٛد آرِیٲیی چھہِ۔ مثلن۔ کوٗڑ (= کوٗر) پٔڑن = (پٔرُن) گڑی (= گٔری) کوٗزٕ (= کوٗر) بیتر۔ مرازی چھہِ پران، وچھان، کھوان ۔انان بیتر کراوتمن پٔرن، وُچھن، کھیون، انُن بیتر وَنان۔ یعنے /آ/ بدلہٕ /ا/۔ بیاکھ اہم فرق چھےٚ یہ زِ پیش کالس منز چھہِ ترتیٖبہٕ جمع صیغہٕ خاطرٕ کراوتمن منز /ا/ بدلہٕ /اے/ وَنان۔ مثلن ۔تم پرین کتاب (= تم پٔرن کتاب) امہٕ علاوٕ چھہِ مرازِس منز آلو کرنکی انداز (مثلن۔ ہنو ہاو سُلوٗ) تہٕ بوزن والِس ندتوجہ پھیرنکی انداز (مثلن "ہوڈ ہو") تہٕ مختلف۔

کمرازی بوٗلی چھےٚ صرف کیٚنژو مختلف لفظو کنہِ تہٕ کتھ ہنٛد تُل ترٛاونہِ کنہِ معیاٗری کاشرِ

نِشہٕ مختلف۔

گریرسن لس اُتھ بولہٕ وار باگنیہٕ پیٹھ چھےٚ مزید تحقیقچ واریاہ گنجایش تہٕ واریاہ چھُ لیکھنہٕ آمُت ۔۱۰ نیبتھ رِوزِ صرف مارگنسٹیرن ہندِس اُکس خاص لِسانی تقطس کُن توجہ پھِرُن مفید ۔ مارگنسٹیرن چھُنہٕ دردی زبانن انڈک لنگنگ اکھ الگ شاخ زانان بلکہ ہِند آریایی لنگہ کُے اکھ شاخ ۔ تِمُ سُند وَنُن چھُ زِ دشوار جغرافیایی حالاتو کِنز چھُ یِمَن زبانن مادانی علاقن ہندیٚن لوکن سٕتۍ کم تعلق رُودمُت ۔ یِمہٕ کِنز یِمن منز ۔ قدیم ہِند آریایی اہنار پننہٕ اصل شکلہِ منز رٕژھِتھ رُودی۔

"دردی زبانن منز چھُنہٕ بالکل کانہہ تیٚتھ اہنار یُس نہٕ قدیم ہند آریایی زبانن منز لبنتھ ہیکو۔ کیتھ چھےٚ یِرٕژے زٕمین منز چھِ واریاہ دلچسپ پرانہِ رٕژھِتھ رُودی متٕ یِم زن اکثر پراکرتن منز بروٚنٹھے غاب گمتۍ چھِ ۔۔۔ دردی زبانن منز چھُنہٕ کانہہ تیٚتھ اکھ خاصہٕ یُس یِمَن پانہٕ وٕنی سرٕ وٕد آسہے تہٕ یِمہٕ کِنز یِمہٕ باقے ہند آریایی زبانو نِشہٕ الگ ہیکہو کٔڈِتھ ۔۔۔ 'دردی' چھُ محض سہولژ باپتھ اکھ اصطلاح یُس ہند آریایی چین کینژن ژھینہٕ گمژن پہاڑی زبانن کُن اشارٕ چھُ کران ۔ قدرے ژھینہٕ رٔوزنہٕ کِنز تہٕ پٹھانن ہندیو حملو کِنز چھےٚ یِمہٕ وارے بیوٚن گمژ تہٕ مختلف حدن تام مادانی علاقن (منز دیش) ہنزن ہند آریایی زبانن ہندِ نِشہٕ کھیتھ روزمژ تہٕ یِمن چھُ بدٕ وٚن رٔوزِتھ پننۍ پاکھٕ دوٚہ تلنک موقعہٕ میوٚلمُت۔"



مارگنسٹیرن چھِنہٕ گریرسن لس دردلسانی خاندانہٕ کس تصورس انکار کران بلکہ چھُ اَتھ مزید وضاحت کران۔ مگر سُہ چھُ دردلسانی خاندانس منز شامل زبانن ہنٛدِس پانہٕ وٕنی تفاوتس پیٹھ زور دِوان ییلہٕ زن گریرسن یمن ہنٛدِس پانہٕ وٕنی اتفاقس ثابتھ کرُن یژھان چھُ ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ مارگنسٹیرن کانسِرس لسانی گرُپیچ الگ حیثیت تسلیم کران۔

گریرسن چھُ زبانی ہنٛدِس گرتس پتہٕ بناوٹس گوڈنیچ اہمیت دِوان تہٕ لفظیاتس دوٕیم اہمیت۔ سُہ چھُ کاشرِ زبانی ہنٛد بناوٹکی واریاہ خاصہٕ دِوان یم نہٕ باقے ہند آریائی زبانن منز نظرِ چھِ گژھان بلکہ چھ چھرا کاشرِ زبانی منز۔

## کاشرِچہٕ پھیرھا وخصوٗصیش

صوتیاتی خاصہٕ:

۱۔ کاشرِس منز چھِ زٕ تھدی۔ منز صداوی: / ہ / تہٕ / ےٓ /

۲۔ کاشرِس منز چھِ زٕ درمیانی۔ منز صداوی: / ےٓ / تہٕ / ٲ /

۳۔ کاشرِس منز چھِ زٕ بون۔ پوٗت صداوی: / و / تہٕ / وٗ /

۴۔ کاشرِس منز چھِ زٕ درمیانی۔ پوٗت صداوی / وٚ / تہٕ / و /

۵۔ کاشرِس منز چھِے / چ /، / چھ /، / ج /، / ش / تہٕ / ے / ورأے سارنے ژھوپاوین تالراوٕن ہیکان سپدِتھ۔ مثلن۔ اُسی، وٕتھ، پھٕٹ، ژٕلِ، ہیٚتھ، شوٗنگی، موٗدی۔

۶۔ کاشرِس منز چھ / ژ / تہٕ / ژھ / زٕ مخصوٗص ژھوپاوی۔

۷۔ کاشرِس چھِنہٕ ژھوپاوی رلی صرف تیلہٕ ییلہٕ دوٕیم ژھوپاوی / ر / آسہٕ۔ مثلن ترٛٹھ، گرٛدھٕ، سرٛونگ۔

۸۔ کاشرِس منز چھِنہٕ ہکاری وٕزی تھوٗپی یعنے / بھ /، / جھ /، / دھ /، / ڈھ / تہٕ / گھ /۔

## مارفیمیاتی خاصہ

۹۔ کأشرس منز چھ اشار ضمیر ترٛۍ قسمی؛ (i) قریب؛ یہ، یم، یمہ (ii) دوٗر۔ نظرِ تل؛ ہُہ۔ ہُم، ہو، ہُمہ (iii) سُہ، تم، سو، تمہ، تہٕ یێلہٕ زن باقے ہندوستانی زبانن منز یم صرف دُ قسمی چھ: یہ، تہٕ، وہ۔

۱۰۔ کأشرس منز چھے حالتھ CASE اسمن تہٕ ضمیرن ہنز صورت بدلاوان تہٕ یمن چھ دوٚیہ کھوتہٕ زیادٕ قسمن ہندی لگہٕ لگان۔ مثلن

ا۔ آسن حالتھ؛۔ ہُہ، ہُم، ہو ہُمہ، سُہ تم، تہٕ

ب۔ فاعلی حالتھ؛۔ ہُمی، ہُمو ہومہ، ہُمو، تمی، تمہٕ، تمو،

ج۔ مفعولی حالتھ: ہُمس، ہُمن، ہُمس ہُمن، تمس، تمن تتھ

د۔ ملکیتی حالتھ: ہُمسُند ہُمن ہُند، ہُمسُند ہُہنٛد / تمسُند، تمن ہُند تیمک تسنٛد تہنٛد

ہ۔ منز حالتھ؛ ہُمہٕ، ہُمو ہُمہٕ، ہُمو تمہٕ تمو، تمہٕ، تمہٕ

(ہمن پتہٕ چھ "بیٛتھ" یا "تی" لگان۔)

۱۱۔ پوٚت جا چھ وارِیاہ مختلف تہٕ یم چھ حالژٕ لگہٕ رٹان۔ مثلن۔ منز، منزٕ، منزس، منزمین منزٕ مبو بیتر۔

۱۲۔ کأشرس منز چھ صفت تہٕ اسمکہٕ شخصہٕ، تعداد، جنس تہٕ حالژٕ مطابق لگہٕ رٹان۔ مثلن رٕت، ریٛتی، رٕژٕ، رٕتیو، رٕتین، بیتر۔

ج۔ جملتی خاصہٕ۔ یم چھ وارِیاہ قسمہٕ۔ کینہہ چھ یم۔

۱۳۔ کأشرِس منز چھ فعل پنٕنہِ فاعل تہٕ مفعولہٕ کہِ شخصہٕ ، تعداد تہٕ جنسہٕ مطابق ہیتھ بدلاوان ۔ مثلن ۔ لیوٗکھُم ، لیچھم ، لیوٗکھ ، لِکھو ، لیچھ ، لیچھ ، لیوٗکھُتھ ، لیوٗکھو ، لِکھو ، لیچھو ، لیچھتھ ۔ بیتر بیتر ۔

۱۴۔ کأشرِس منز چھُ اکہٕ ساد ِ یعنی حرکتٕل تہٕ بیأنی جملٕچ لفظٕ ترتیب

فاعل ، فعل ، مفعول روزان ۔ مثلن مےٚ لیچھ چِٹھ ۔ البتہٕ بدس کالس منز ۔ چھےٚ لفظٕ ترتیب ہنا مختلف مگر تہٕ کرٕتھ تہٕ چھُ ڈکھ فعل فاعلہٕ پتہٕ روزان ۔ مثلن بہٕ چھُس چِٹھ لیکھان ۔ یا بہٕ چھُس لیکھان چِٹھ ۔ ہندوستأنی زبانن منز چھُ ڈکھ فعل بہر حال جملہٕکس اندس پیٹھ یوان ۔ مثلن میں خط لکھتا ( لکھ رہا ) ہوں ۔

۱۵۔ کأشرِس منز چھُ کال دوٚ یہٕ قسمہٕ یعنی پتھ کال تہٕ بیش کال ( مثلن ۔ لیوٗکھ بیترِ تہٕ لیکھہٕ بیتر ) بدس کال چھُ ڈکھ فعل لاگنہٕ ستیٚ ظاہر پدان ۔

کأشرِس منز چھ بدس کال مُبہم تکیاز یہٕ چھُ بےٚ شقہٕ ازکال تہٕ تہٕ جأری بدس کال نہٕ ظاہر کران :

بہٕ چھُس لیکھان { i. میں لکھتا ہوں
ii. میں لکھ رہا ہوں

یِمو خاصو منز چھ واریاہ خاصہٕ تِم یم باقےٚ دردِ زبانن منز تہٕ میلان چھ ۔ مگر یِمو منز چھُ خاپے کانہہ خاصہٕ یُس بیک وقت پریتھ کُنہٕ دردِ زبأنی منز آسہے ۔

دردِ زبانو منز چھےٚ شنا اکھ سوٚ زبان یتھ ستیٚ کأشرِ زبأنی ہُند لسأنی تعلق زیادٕ قریب چھُ باسان ۔ گریوٚ دوے شنا تہٕ کأشرِس لفظن ہُند اکھ قأبلِ توجہ تعداد سرٕ ذ چھُ ، مگر صوتیأتی تہٕ نحوی اعتبارٕ چھُ یمن درمیان سِبتھاہ کم ہشر ۔ ہیرِ کِنہٕ یم بھیر ہا خصوصیت دِنہٕ آیہ ، تمن منز چھےٚ صرف ۱ ، ۲ ، ۳ ، ۷ ، ۸ ، ۹ تہٕ ۱۰ شنا زبأنی ستیٚ رَلان یِتھ

## وۄپر زبانن ہُند اثر

کاشرِ زبانی ہنز یہ ساختیاتی سام وُچھتھ ہیکو یہ نتیجہ کڈِتھ زِ کاشر زبان چھےٚ ییٚنزِ قدیم پیٚشرِ خود سنسکرت زبان چھےٚ۔ اَمیُک بیوٚن ہہ بدوٚن مزاز وُچھتھ چھُ یہ نتیجہ کڈُن تہٕ ممکن زِ دردِ زبانی ہند اثر رٹنہٕ برونٹھ تہٕ آسہے اَتھ پیٚنز اکھ بنیاد، یوسہ از تام برقرار چھےٚ روٗزمٕژ۔ یہ چھےٚ یہے بنیاد یتھ پیٹھ زمانس سیٚتۍ سیٚتۍ مختلف زبانن ہندی اثر اتھ پوٚتُس پتھ سمان گۓ تہٕ بعضے گۓ پتم اثراتھ مٹان تہٕ نوٚین اثراتن جاے دِوان۔ یہ قدیم بنیاد آسہے نہٕ البتہ کشیرِ ہندین سارنے علاقن منز ہشی صورت تھوان بلکہ آسہے اَتھ منز علاقہ وار بین زیاد ڈٲکار تکیازِ اکہِ علاقہ پیٹھ بییس علاقس گژھن اوس دشوار۔ یہ گامہ گامہ بدلونٕ لسانی بنیاد آسہے مذہبی تہٕ کلچرل ہم آہنگی کنۍ پھور تہٕ لہجہ جایہ جایہ مختلف آسنہٕ باوجود بیٚنز لفظیات ہرجایہ ہُوے تھاوان تہٕ اَمہِ کِس لسانی گرتس تہٕ آسہے جایہ جایہ ہشرٕ۔ یہ چھےٚ یہے بنیاد یوسہ از تام دوہ دینہٕ کرِ ترسیگ وسیلہ بنتھ روز تہٕ اَسہِ تام واژ۔ اَمیُک اثر بیوٚو نہٕ خاص کُنہٕ زبانی پیٹھ تہٕ یہے روز دۄیِم زبانن لیٚنہٕ متاثر پیدان۔ اَمیُک بوڈ وجہ اوس کاشرِین ہنز سیاسی محکومی تہٕ اکہِ پتہ بییہ قوٚمچ حکمرانی۔ پرتھ کانہہ نوٚو حاکم قوم آو پیٚنز زبان ہیتھ تہٕ کاشرِی روٗدی یِمن زبانن ہند اثر رٹان، یا تہٕ تمدنی تبدیلین سیٚتۍ سیٚتۍ نوٚین لفظن ہندِ ضرورَتہٕ کِنۍ تہٕ عزتہٕ پژھ زِ حاکمن ہنزِ زبانی ہندی لفظ ورتاوتھ باسو حاکم ہوی۔

دردِ زبانی ہُند اثر اوک پایہ تراوِتھ یِمن زبانن ہُند سارِوے کھوٚتہٕ زیاد اثر کاشرِ زبانی ہندِس لفظیاتس پیٹھ پیوٚو تِمن منز چھےٚ سنسکرت تہٕ فارسی زبانہٕ سارِنے سرِس۔

سنسکرت زبانی ہند اثر چھُ پرانِس کاشرِس پیٹھ یوٗت سروٗن زِ کینژن محققن ہنز رٲے چھےٚ زِ کاشر زبان چھےٚ سنسکرتچ اکھ شاخ۔ یہ اوس یوٗہے سروٗن اثر یُس گریرسن نس نظریس برخلاف کینژو یہ خیال ظاہر زِ کاشر زبان چھےٚ شمالی ہندوستانہٕ چین مختلف زبانن ہندی پاٹھو اکھ پراکرت۔ گراہم بیلیئن دوٚن ۱۹۲۴ہس منز زِ گریرسنۍ رلے چھنہٕ اکھ جواب بلکہ اکھ سوال ۱۳

فارسی لفظو وراۤے چھ تقریبن پریتھ کیٚنہٕ کاشرِس لفظس ویدی یا سنسکرت لفظن ستۍ ہشر۔ کیٚنہٕ کم تہٕ کیٚنہٕ زیادٕ۔ یِمن لفظن سیٹھاہ ٹاکارٕ ہشر چھُ تِمن چھُ تتسم، ونٛنہٕ آمت تہٕ یِمن لفظن پانہٕ وٕنۍ زیادٕ ہشر چھُنہٕ تِمن چھُ تدبھو، ونٛنہٕ آمت۔ امی ہشر چہِ بنیادس پیٹھ چھےٚ کینٛژن ہنٛزرلے زِ پریتھ کانٛہہ کاشُر لفظ چھُ ویدی زبانۍ منٛز یا سنسکرت زبانۍ منٛز درامُت۔ تتسم گےٚ بیٚیہ ہوی لفظ: زٕنۍ (جنہ، ژٕر (چٹ)، تمُن (تمنٔ وٕ ے (وٕ یٔ ، نوٚو (نوٚ، اُس (آسیہ، دراو (دار، اُڈج (ہڈ بیترِ تہٕ تدبھوٚ گےٚ بیٚیہ ہوی لفظ: تیٖر (تشار، شال (شرگال، پوٚہل (پشٹپال، دوٚد (دُگدٔ، ژوٚل (چلٔ، گنٛڈ (گنٛنٹھ بیترِ۔ یہ کتھ چھےٚ عیان زِ تتسم کیو تدبھو لفظن ہنٛد تعلق چھُ کاشرِ پن ہنٛدس قریبی اُندۍ کھیس ستۍ تہٕ اُتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یِمن لفظن ہندی چیز آسی کاشرِ سنسکرتکہِ اثر بروٚنہہ تہٕ ورتاوان تہٕ یِمن چیزن ہنٛدِ خاطرٕ آسہٕ نکھ ناو تہٕ۔ لہٰذا چھُنہٕ یہ وَنُن سراسر صحیح زِ پریتھ کانٛہہ لفظ کیا چھُ سنسکرت منٛز درامُت یتھ پاٹھۍ زن امہِ نظریکۍ حامی ٹکھ وَنان چھِ، بلکہ پزر چھُ یہ زِ قدیم کاشُر (یا وُنۍ توٚ پشاچ) تہٕ ویدی سنسکرت چھِ ژٕرکہِ اکی لسانی خاندانچہِ زٕ شاخہٕ یمہِ کنہٕ لفظن منٛز پانہٕ وٕنۍ ہشر چھُ۔ زبانٕ متعلق چھُ یتھےٚ وَنُن صحیح زِ اکس زبانۍ کتھ زبانۍ ستۍ چھُ زیادٕ قریبی رشتہٕ تہٕ کتھ ستۍ دوٗر۔ دوٗریک رشتہٕ چھُ کاشرِس انگریزی زبانۍ ستۍ تہٕ تکیازِ انگریزی تہٕ چھےٚ ژٕرکہِ اکھ آریائی زبان۔ مثلن۔ گاو (COW، ہوٗن (HOUND، نٔس (NOSE، لنگ (LEG)، گاس (GRASS، شیٖن (SNOW، نوٚو (NEW) بیترِ۔ ژھوٚنۍ پاٹھۍ ونوٚ یۍ زِ سنسکرتس ستۍ کاشرِ لفظن ہنٛد صوتیاتی ہشر چھُ یہندِ نسبی رِشتہٕ کنہٕ نہٕ زِ سنسکرت منٛزٕ اَلگ سپدنہٕ کنہٕ۔ صرف چھِ تِم لفظ شکہٕ وراۤے سنسکرت منٛز دراۓمتۍ یِمن ہُنٛد تعلق مذہبس تہٕ عقیدس ستۍ چھُ۔ مثلن شو، بھگوان، سورگ، نرگ، مایا، شمبو، تیٖرتھ، پوٗزا، شراد، ووپدیش، مایا، گوساۓ، شرۄژ، پوٗنۍ، پاپھ، بیترِ۔

صوتیاتی ہشر چہِ بنیادس پیٹھ چھِ کاشرِ بن تہٕ سنسکرت لفظن پانہٕ وٕنۍ وارٕ یہن قسمن ہنٛدی شبقہ اصوٗل مثلن۔

ا۔ سنسکرت: اکش / > کاشُر: اچھ/۔ مثلن تکشہ > تچھ، رکشہ > رچھ، مکشہ > مچھ،

ii) سنسکرت : /چھ/ > کاشُر : /ژھ/ ، مثلن اَچھ > اَژھ ، اِچھ > یژھ

iii) سنسکرت : /چ/ > کاشُر : /ژ/ ، مثلن نچنہٕ > نژُن - چُڈ > ژُر ،

iv) سنسکرت : /ج/ > کاشُر : /ز/ مثلن لَجہٕ > لز ،

v) سنسکرت : /د/ > کاشُر : / / مثلن پَدیہ > پزر ،

vi) سنسکرت : /ت/ > کاشُر : /د/ مثلن انتر > اندر

vii) سنسکرت اندیم /ت/ > کاشُر /تھ/ مثلن پرٕتہٕ > پرٕتھ ، تتہٕ > تتھ ،

لفظیاتہٕ کہِ ہِشر چھِ بُنیادِ پیٹھ چھِ ماہرو کاشِر زبانِ ہِندی دور تہٕ گنڈمتۍ :

| | | |
|---|---|---|
| ویدی کال : | ۲۲۵۰ ق م | ۵۰۰ ق م تام |
| کلاسیکی سنسکرت کال : | ۵۰۰ ق م | گوڈنیُک صدی عیسوی |
| پرٕاکرت : | گوڈنیُک صدی عیسوی | پانژم صدی عیسوی |
| اُپبھرنش کال : | پانژم صدی عیسوی | ہیٚم صدی عیسوی تام |

یہِ دور بندی چھےٚ دراصل کُنہِ تہٕ شُمالی ہندوستٲنی زبانِ متعلق لگہار ، کاشرِس متعلق چھےٚ سرٕاسر فرضی تکیازِ اَتہِ چھُنہٕ تۄمہِ یادٕ ہہِ صدیہِ برونٛہم کانہہ نُسخہٕ موجوٗد۔

لفظیاتہٕ درٲے چھُنہٕ کاشرِ زبانِ ہِندِس بناوٹس پیٹھ سنسکرتک کانہہ تہٕ اثر نظر گژھان صرف یہِ زِ کینہہ گوڈنگو تہٕ پوٚت لگی چھِ سنسکرتس ستۍ رلان : مثلن سو۔ (سوکال ، سوپوت ، سوباد)

اَ۔ (اَکال ، اَپزٕ ، اَچھُہ)

نِر ۔ (نِرمل ، نِراش ، نِراکار) نیٚے ۔ (نیٚپوٗتُر)

کاشرِ زبانِ اوس ژوداہہِ صدیہِ برونٛہہ فارسی زبانِ ہُند اثر رٕٹُن ہیوٚتمُت ۔ چونکہِ کشیرِ ہٕنز سلطنت اَس سیٹھاہ وسیع تہٕ افغانستان تام اوس اَکہِ حِصہٕ تہٕ وسطِ ایشیاہس ستۍ اَسی سیٹھاہ پرٲنۍ تجارتی رِشتہٕ ، لہٰذا اَتھِ سیٹھاہ فارسی لفظ کاشرِس منز داخل سپدیۍ ۔ چنانچہ کلہن نہٕ راز ترنگنی منز تہٕ چھِ درایہٕ فارسی لفظ نظرِ گژھان ۔

ژوداہمہ صدی یہ پتہٕ آیہ کاشُر زبان مکمل پاٹھۍ فارسی زبانہِ ہندِس اثرس تل پوٗرٕ پاٹھۍ۔ ژوداہمہ صدی منز گیہ کاشرِن ہنز زندگیہ منز اکھ بُنیادی تبدیلی شروع۔ نہ صرف پُد اسلام قبول بلکہ کاشرِن ہند ووٚتھن بیٚہن، پلو پوشاکھ، کھیوٚن چیوٚن، کار کسب تہٕ شعر و ادب تہٕ بدلیوو موٗلے۔ اتھ زیردس تمدنی تبدیلیہ سٟتۍ گیہ زبانہِ اندر تہٕ رود قبولنُک عمل شروع۔

اسلامی تعلیمہِ ہند اثر ہیوٚتن کٲشیرِ منٛز راز للتادتیہ سند دورِ (۷۲۵ء — ۷۶۲ء) منٛز پیوٚن ییلہ جہیم بن سام ناوک اکھ مسلمان کٲشیرِ منٛز اسلامُک تبلیغ کرنہٕ لوگ۔ کاشرِن کیٚنژ اوس یہ اکھ نوٚو مذہب یُتھ منز پرتھ کُنہٕ تصورٕ خاطرٕ پنُن عربی لفظ اوس۔ کاشرۍ آسہن اتھ متعلق کیٚتھ کران تہٕ اتھ تہٕ پنٕنس عقیدس درمیان ہشر تہٕ بیٚن وُچھان۔ ۱۰۱۴ء منز کوٚر محمود غزنوی ین کٲشیرِ پیٚٹھ گوڈنیُک حملہ۔ پیارۍ اوس کٲشیرِ اندر اکھ بوٚڈ طبقہٕ اسلامہٕ نشہِ متاثر سپدمُت، نہ صرف غریب طبقہٕ بلکہ ییٚتیک راز ہرش تہٕ۔ راز سہہ دیو (۱۳۰۵ء) سند وقتہٕ آیہ زٕ اہم شخص کٲشیرِ اکھ اوس رینچن یُس لداخہٕ پیٚٹھ آو تہٕ بییہ شمس الدین شاہمیر۔ رینچن رٕٹ ۱۳۲۴ء منز ییٚتیچ حکومت تہٕ حضرت بلبل شاہ صابس نِش مسلمان بنِتھ بنیوو ییٚتیک گوڈنیُک مسلمان راز۔ ۱۳۴۱ء منز بیوٚٹھ شمس الدین شاہمیر کٲشیرِ ہندِس تختس پیٚٹھ تہٕ شاہمیری دورچ تراوٕن بُنیاد۔ ایرانہٕ پیٚٹھ آیہ بارٕ تعدادس منز سادات کٲشیرِ تہٕ بییہ کیٚن عالمن، دانشورن تہٕ شاعرن ہند مدتہٕ واتنوو کھ اسلامُک پیغام عام کاشرِن تام۔ عقیدچہ تبدیلی سٟتۍ بدلیوو کاشرِن ہند کلچر تہٕ۔ اتھ دورس منز آیہ کٲشیرِ منز نوٚو صنعتہٕ تہٕ حرفتہٕ، نوۍ کار کسب تہٕ نوۍ پلو پوشاکھ۔ زندگیہ ہنز اتھ بُنیادی تبدیلیہ سٟتۍ آیہ کاشرِ زبانہِ منز تہٕ بارٕ تبدیلی۔ فارسی زبان بنیہ کٲشیرِ ہنز درباری زبان۔ کٲشیرِ ہندۍ فارسی عالم شاعر تہٕ مورخ بیٚٹھۍ راز دربارس منز۔ سارنے تعلیم یافتہٕ لُکن ہندِ خاطرٕ بنیوو فارسی لیکھُن پرُن لازمی تہٕ فارسی زبانہِ ہند علم بنیوو عالم آسنُک سارِوۍ کھوتہٕ اہم شرط۔ منصفی منز، محکمہ مالس منز غرض پرتھ کُنہٕ دفترۍ کامہ منز تہٕ خط کتابتس منز گوو فارسیُک رواج شروع۔

نتیجہ دراو یہ زِ نہ صرف گے کاشرِ زبانہِ نوۍ لفظ ہران بلکہ پرانین کاشرِن لفظن ہنز جاے گے فارسی لفظ

رٹان ۔ چنانچہ کتاب ، قلم ، دوات ہوِن لفظن مقابلہٕ پرٲنۍ کٲشرۍ لفظ چھِنہٕ ووٚنۍ عام انسانن یاد تہٕ ۔ پۆتھ ، کٲنۍ ، ہلہٕ ہوکہٕ ۔

علمہٕ ادبہٕ تہٕ لیکھہٕ پرٕ ہند لو شعبو علاوٕ رٕٹۍ کٲشرٕ زبٲنۍ زندگیہٕ ہندس پرتھ شعبس منٛز فارسی لفظ ۔ مثلن ؛

ا ۔ گرگرٕ وسیٹھ ۔ پیالہٕ ، رکٲبی ، چمچہٕ ، دیگچہٕ ، دیگ ، طش نارٕ ، قالین ، لیف ، تکیہٕ ، پلنگ ، صندوق ، پھول دان ، شمع دان بیترٕ ۔

ب ۔ پلو پوشاکھ ۔ دستار ، قمیض ، پاجامہٕ ، سدرٕ ، اچکن ، شلوار ، پٲزار بیترٕ ۔

ج ۔ کھین چین ۔ رستہٕ ، کباب ، گوشتابہٕ ، روغن جوش بیترٕ ۔

د ۔ لیکھہٕ پرٕ ؛ قلم ، کتاب ، دوات ، قلمدان ، کاغذ (کاگد) بیترٕ

ہ ۔ کارکسب ؛ شال ، گبہٕ ، قالین ، نمدہٕ بیترٕ ۔

و ۔ امہٕ علاوہ ؛ آواز ، زبان ، علم ، شروٗع ، لفظ ، اثر ، صبح ، شام ، تبدیلی ، تعداد ، شاعر ، مذہب ، جاری ، جماعت ، سیاست ، رہنما ، درویش ، فقیر ، کینہٕ ، منحوس ، بدمعاش ، خاندانی ، مدرس ، شریف سلوک ، ترقی ، جایزٕ گردان ، عروض ، بیان ، تشریح ، تفصیل ، مثنوی ، غزل ، رباعی ، مرثیہ ، مدح آزادی ، اشارٕ ، اصطلاح ، افلاس ، اطلاع ، اُمت ، برادری ، براتھ ، دشمن ، بیزار ، ناراض ، قریب ، عشق ، فراق ، تمنا ، اضطراب ، بیقرٲری ، ملاقات ، وصل ، سکوٗن ، آرام ، خوش ، موسیقی ، آواز ، ادب ، فن ، تنقید ، ترقی ، تواریخ ، تحریر ، مستقبل ، حال ، ماضی ، عالم ، کاینات ، تسخیر ، تدبیر ، تقدیر بیتر بیترٕ ۔ غرض کانہہ تہٕ فارسی لفظ ہیکہٕ کٲشرِس منٛز ضروٗرتہٕ ورٕ استعمال سپدِتھ ۔ یوٚت یوٚت کٲشرِ علمی زبان وسعت لبہٕ تیوٚت تیوٚت بیٚین نٔوۍ فارسی لفظ ورتاونہٕ ۔ یتھٕ پٲٹھۍ زن اردو زبان کران چھے ۔

علمی زبان پھٔنے درس و تدریس تہٕ نشر و اشاعتہٕ کہ ذریعہ عوٲمی زبانۍ نِشہٕ مختلف آسِتھ تہٕ پانٔ پلنٔے عام سپدان ۔ ژوداہِمہِ صدی پیٹھہ ازتام روز فارسی زبان سائنس مثنوی ادبس، تبلیغی ادبس تہٕ مختلف اطلاعٲتی تحریرن منز سانہٕ زبانۍ ہندس لفظہٕ راشس مسلسل اضافہٕ کران تہٕ یہ سلسلہٕ چھُ ازتہٕ جٲری۔

کٲشرِس منز آمتی فارسی لفظ چھِ دۄن قسمن ہندی:

ا۔ تم لفظ یِم کٲشرِ پھۄرِ مطابق مکمل پاٹھۍ بدلیمتۍ چھِ۔ مثلن۔ دوستہٕ، بیقلاٲزو ڈسی، وۄمید۔

ب۔ تِم لفظ یِمن کٲشرِ پھۄرِ مطابق معمولی فرق چھِ آمُت۔ مثلن۔ عٲلم، ظٲلم، دسخط، فہرس، خاب، غلام، آنہٕ بیترِ۔

امہِ پھۄرِ بدلیہٕ ہندی چھِ کینہہ شیقہٕ اصول یِمن کُن مۄختصر پاٹھۍ اشارہٕ ہیکو کٔرِتھ۔

۱۔ صوتیاتی پھیر۔

۱۔ گوڈنِشہِ /اِ/ چھُ بنان /یہٕ/ یا /اِیٔ/ مثلن احساس (اِیحاس، انصاف (اِینصاف۔

۲۔ /اُ/ ( /او/ یا /اوٗ/۔ مثلن اُستاد (وۄستاد، ضروری (ضوری۔

۳۔ گوڈنِشہِ تہٕ منزنِشہِ /آ/ ( /ٲ/۔ مثلن عالم (عٲلِم، ظالم (ظٲلم۔

۴۔ اندنِشہِ /ہ/ ( /ہٕ/ مثلن تازہ (تازٕ، پردہ (پردٕ،

۵۔ اندنِشہِ /ی/ ( /ۍ/ مثلن خالی (خٲلۍ، بازی (بٲزۍ، سواری (سوٲرۍ

۶۔ /خ/، /غ/، /ف/، /ق/ ( /کھ/، /گ/، /پھ/، /ک/ مگر لکھایہ منز یِم پننہِ اصلی شکلہِ منز لیکھنہٕ۔

۷۔ /ث/، /ص/ ( /س/۔ مگر لکھایہ منز یِم پننہِ اصلی شکلہِ منز لیکھنہٕ۔

۸، /ط/ ( /ت/۔ مگر لکھا یہ منز روزِ /ط/ پننی شکلہِ منز۔

۹، /ز/، /ض/، /ظ/ ( /ز/۔ مگر لکھا یہ منز روزِ یمن آوازن پننی شکل۔

۱۰، اندشایہ /ک/، /پ/، تہٕ /ت/ چھِ ہکاری بنان، اگرِ یمو پرو نہہ /ا/، /آ/ یا /او/ آسہِ۔ مثلن پوشاکھ، تاپھ، دولتھ۔

۱۱، /س/ تہٕ /ش/ آوازن پتہٕ /ت/ چھُ تراوِنہٕ یوان۔ مثلن۔ درخواست ( درخاس۔ دستخط ( دسخط ، یادداشت یاداش۔

۱۲، ژھوپاوِی لِہ چھِ پھٹان۔ مثلن درج ( دٕرج، رسم ( رٕسم، لفظ) لفظ

ب۔ مارفیمی پھیر۔ فارسی زبانٕ ہندی گوڈلگو تہٕ پوٚت لگی چھِ کاشرِ لفظن سٕتیٕ تہٕ کاشری گوڈلگی تہٕ پوٚت لگی چھِ فارسی لفظن سٕتیٕ سہل پاٹھو ژلتھ ہکان۔ مثلن

i، فارسی گوڈ لوگ + کاشُر لفظ = بےمند چھ، بدٲچھ، ہرکانہہ۔ ہرشایہ۔

ii، فارسی لفظ + کاشُر پوٚت لوگ = شامہٕ تیٕ۔ راتھ کیُت، کتابہٕ وول۔ نظرِن تل۔ نقشہٕ گوٚر

iii، کاشُر گوڈلوگ + فارسی لفظ۔ بے زبان۔ اڈسیر

iv، کاشُر لفظ + فارسی پوٚت لوگ = پھوٚل دان، دگدار،

ج۔ لفظہِ میُل۔ مثلن۔ ژوٚک آتش، موٚدُر قند، کرٕہُن سیاہ، سفید شین۔ بجہٕ بوڈ۔ ریتھ رواج، موم تیٕ۔

د۔ دپتیٕ، تلمیح۔ تہٕ ترکیبہٕ۔ فارسی مثنوین ہندِ ترجمہ سٕتیٕ تہٕ غزل، نعت، منقبت، دعا، قصیدہ بیترِ فارسی شعرِ ذٲرٕ کاشرِس منز یِنہٕ سٕتیٕ گیہ کاشرِس منز ہتہٕ بدی دپتیٕ، تلمیح تہٕ ترکیبہٕ داخل۔

فارسی زبان روٗز برابر ۱۹۴۷ء تام ییٚنچ سرکاری زبان تہٕ علمی زبان تہٕ یہ روٗز مُسلسل کاشرِ زبانٕ ہند باوژُل ہیرِ راوان۔ یہ زبان پیچھے ازکل تہٕ بدستور کاشرِس نٲژگران خاصکر تہٕ علمی نثرس۔

ازکل یوٚدوے نہ روٗدی فارسی بولن والی حاکم تہٕ نہٕ روٗز فارسی سرکٲری زبان، مگر تتھ بین ہنہٕ بدین وریین ہند فارسی پوٚت منظر چھُ کاشرِ زبانی باپتھ ازتہٕ فارسی زبانی ہند مدد لازمی بناوان۔

فارسی زبانی ہندس اثرس ستی ستی روٗز کاشر زبان پنجٲبی، ہندوستٲنی تہٕ انگریزی زبانن نِشہٕ تہٕ متاثر پیدان۔ پنجٲبی تہٕ ہندوستٲنی زبانن ہند اثر ووت خاصکر تِتھ تمن موٗزوٗرن ہندِ ذٔریعہ یم کٲشِر بیٹھ ہندوستانہٕ کین مختلف علاقن منز موٗزوٗری کرنہٕ گژھان ٲسی تہٕ ڈُنہٕ تہٕ کینژ و علاقو پیٹھ گژھان چھِ۔ کیہنہ پنجٲبی / ہندوستٲنی لفظ چھِ مثالہٕ پاٹھی یم: چوکہٕ، دور، کھڑا، تھاپر، سونچُن، چھیکرس، ریڈ، چھکرٕ، چھکہٕ، چھڈ، چھڈُن، چھر، جیتھ، جانچھ بیتر۔

انگریزن ستی ییدِ سیوٚد تعلق روزنہٕ کنی یوٗرپی کلچرکہٕ عام گژھنہٕ کنی تہٕ جدید کارکسب تہٕ صنعژ لوٗرینہٕ کنی ژاپہ کاشرس منز ہیتہٕ بدی انگریزی لفظ تہٕ یہٕ عمل چھُنے جٲری۔ گوڈٕ گوڈٕ یم لفظ انگریزی پیٹھ آے تم بدلیہ مکمل پاٹھی کاشرِ بھورہٕ مطابق۔ مگر انگریزی تعلیم عام گژھنہٕ پتہٕ روٗدی پرینہٕ کاشری انگریزی بھور برقرار تھاونچ کوشش کران۔ برٛونہہ برٛونہہ آمتی کیہنہ انگریزی لفظ چھِ تم یم نہٕ ووٚنی پرٛزناونے چھِ یوان۔ مثلن:

لاین مان (LINE MAN) ہے ٹینشن (HIGH TENSION) رنگروٹھ (RECRUITS)

ترپال (TARPAULIN) موبلیل (MOBILE OIL) اکوٹنٹ (ACCOUNT-

TANT) پُلیس (POLICE) رپٹ (REPORT) پیڈل (PADDLE)

نوٹھ (NOTE) بم (BOMB -) (PUMP) الماری (ALMIRAH) پستول

(PISTOL) ہسپتال (HOSPITAL) پینسل (PENCIL) - سُچ (SWITCH)

سیمنٹھ (CEMENT) ٹاکی (TALKY) فلم (FILM) واسکٹھ (WAISTCOAT)

دراز (DRAWERS)

رسمِ خط :- پرانہِ زمانہٕ اوس کٲشُر لیکھنہٕ باپتھ شاردا رسمِ خط ورتاونہٕ یوان۔ یہ ووں گوو اوس پتہٕ کٲشر باپتھے بناونہٕ آمُت تہٕ پرٛن وٲلیس اوس اَنکہٕ ونی پرٛن پیوان۔ اَمہٕ رسمِ خطک اکھ خاکہٕ چھُ ییتہٕ پٲٹھۍ:-

| کٲشُر ناو | اُزیک | شاردا |
| --- | --- | --- |
| آرَو اَ | اَ | 𑆃 |
| ایتُو آ | آ | 𑆄 |
| ییو اِ | اِ | 𑆅 |
| یشورو ای | ای | 𑆆 |
| ووپل وو اُ | اُ | 𑆇 |
| ووپل با اوٗ | اوٗ | 𑆈 |
| تالوٕے اے | اے | 𑆍 |
| وُٹھو اوٚ | اوٚ | 𑆏 |
| کوو کاٗ | ک | 𑆑 |
| کھن کھاٗ | کھ | 𑆒 |
| گگر گاٗ | گ | 𑆓 |
| نُتوٗ ناٗ | ن | 𑆕 |
| ژالو چاٗ | چ | 𑆖 |
| ژھوٹُن چھاٗ | چھ | 𑆗 |
| جاشن جاٗ | ج | 𑆘 |
| ٹوو ٹاٗ | ٹ | 𑆛 |

| شاردا | أزِگ | کاشُرناو |
|---|---|---|
| 𑆡 | تھ | تھاجہِ تھٲ |
| 𑆢 | د | دۄو دٲ |
| 𑆛 | ٹ | ارماں ٹٲ |
| 𑆜 | ٹھ | سَرماں ٹھٲ |
| 𑆝 | ڈ | ڈُڈ ڈٲ |
| 𑆥 | پ | پڈر پٲ |
| 𑆦 | پھ | پھرن پھٲ |
| 𑆩 | م | موو مٲ |
| 𑆪 | ی | یاد یٲ |
| 𑆫 | ر | رکبہ رٲ |
| 𑆬 | ل | لاو لٲ |
| 𑆮 | و | وَبہ وٲ |
| 𑆱 | س | سوپہ سٲ |
| 𑆯 | ش | شکر شٲ |
| 𑆲 | ہ | ہالہ ہٲ |

شاردا اوس دراصل برہمی لپی ہُندے اکھ قسم یتھ بِدھم تہٕ ونان آسی۔ اَتھ پتہ آس کاشرین عقیدت تہٕ ہیچھنہٕ بَرہ ونہٕ اوس پزٕ یتھ کانہہ وَنان" اوم سوستہ بِدھم" یعنے بِدم لپی رُوزن وار کار۔

پنڈت طبقس منز رُود ہمیشہ شاردا رسم تحطے مقبول چنانچہ کاشُر لیلا یہ بھجن استی کنٹھن مہانے پرکاش،

لۄ واکھ ، مختلف تٕرِ بیترِ چھِ اَتھی رسمِ خطس منز موجود۔ مگر اَتھ رسمِ خطس لرِ لوٚر رُود فارسی رسمِ خطُک تہٕ رِواج تہٕ مسلمان گرن منز۔ آو خاصکر یُتھ اَتھی رسمِ خطس منز سوٗرے ادب لیکھنہٕ۔ فارسی رسمِ خط اوس ژھوپاوی آوازن ٹھیک پأٹھۍ ظأہر کران صرف نہٕ /ژ/ تہٕ /ژھ/ آوازن۔ تمگر صداوی آوازن منز آسہ واریاہ آواز اَمہِ رسمِ خطہٕ نیبر۔ خاصکر یُتھ منزِم صداوی یعنے /اِ/، /إ/، /اُ/ تہٕ /اٗ/ تہٕ بیٚییہ /ایہ/، /اوٗ/، /اوٚ/، /و/ تہٕ /وٗ/ اند شأے تالبر /ی/ تہٕ منز شأے تالبر /ۃ/ ظأہر کرنہٕ باپتھ تہٕ اُس نہٕ اَتھ منز کانہہ علامت۔ یمو کوتاہیو کنۍ اوس فارسی رسمِ خط اکثر لفظن غلط پأٹھۍ ظأہر کران تہٕ امی کنۍ چھنے وارِ ہن شاعرن قافیہ ورتاونس منز تہٕ غلطیہ گمژہٕ۔

کأشرِ رسمِ خط تیار کرنٕچ گوڈنیچ کوشش کٔر پنڈت ساگرام کولن (۹) ۱۸۵۴ منز یلہِ تمۍ گینٹرن انگریزِ عالمن سٕتۍ مشورٕ کٔرِتھ کأشرِ زبأنی ہند اکھ قایدہ تیار کوٚر۔ اَیمُک رسمِ خط اوس رومن۔ اَتھ منز چھ ساگرام کولن کأشرِ زبأنی ہنز ۶۱ آواز بدکڈمژ، یمن منز ۲۵ صداوی چھنے تہٕ ۳۶ ژھوپاوی۔

گرٛیرسن تہٕ پیٚیۍ پننین مختلف کتابن منز کأشر لیکھنہٕ خأطرٕ رومن رسمِ خطُک کأم ہیٚنۍ۔ تمۍ دِنہ اَوی کأشرِ صوتیأتی نظامکۍ زاوی جارتھ یم ظأہر کرنٕچ کرٕن کوشش۔ اوکنۍ چھ تمۍ سُند رسمِ خط سٕٹھاہ پیچیدٕ۔ گرٛیرسن نہٕ رسمِ خطہٕ مطابق چھ صداوی آوازن ہندی اَچھر یتھ پأٹھۍ ، تہٕ

| | | | |
|---|---|---|---|
| (آ) | ā | (اَ) | a |
| (ای) | ī | (اِ) | i |
| (او) | ō | (اوٚ) | o |
| (اوٗ) | ū | (اُ) | u |
| (آ) | ā̆ | (اٚ) | ă |
| (اٟ) | ü̆ | ٲ | ĕ |
| (اے) | ē | (اےٚ) | e |

اَو　　au　　(او)　　ŏ

(اَے)　　ai

سری کنٹھ توشخٲنی (۱۸۹۴ء - ۱۹۷۸ء) کوٚر ۱۹۲۱ء منز "اچھرزان" ناوُک اکھ قاید چھاپ
یَتھ منز کٲشرِ زبٲنی ہندِ خاطرٕ ناگری رسم خط تجویز اوس کرنہٕ آمُت۔ توشخٲنی چھُ اَتھ قاٗیدس متعلق لیکھان:

۱۹۲۱ء یس منز کٔر مےٚ کوٗشِش ناگری اچھرن منز کٲشر کتاب لیکھنٕچ۔
صرف سَتھ پُٗش سور اچھر آیہٕ تَتھ کٲشرِ آوازٕ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ تراونہٕ۔
سَتھ اَکھ کتابہٕ آیہٕ یِمَن اَچھرن منز تہٕ لیکھنہٕ۔ اَتھ رسم خطس یا لکھاوٹ
دِژ تمہٕ وقتکی رسرچ ڈپارٹمنٹن تہٕ منظوٗری۔ پرٛیمس تھوٚو مےٚ ناو
"اچھرزان"۔ مگر مسلمانن پیٹھ یہٕ ناگری لِکھاوٹھ زور پیٚشرٕنی باسیوو
نہٕ مےٚ رُت۔" [۵]

امہٕ تجربہٕ پتہٕ کوٚر سری کنٹھ توشخٲنی کٲشرِ زبٲنی ہندِ خاطرٕ نوٚو رومن رسم خط تیار۔ یَتھ "اچھرمال" ناو اوس۔ مگر
ییلہٕ یہٕ تہٕ مقبول سپُد، تمی کٔر کٲشرِ باپتھ انٹرنیشنل رسم خط راۓج کرنہٕ باپتھ تہٕ کوٗشِش تہٕ ایس۔پی کالجکِہ پرتاپ میگزینک
کٲشرِ حصہٕ آو اَتھی منز چھاپنہٕ۔ مگر آخر سپُد یہٕ تہٕ ترک۔

۱۹۴۸ء منز آیہٕ سرکارکہ طرفہٕ اکھ سکرپٹ کمیٹی بناونہٕ یَتھ غلام محمد عشایی، جے۔ ایل۔ کول، غلام حسن
بیگ عارف تہٕ سری کنٹھ توشخٲنی ممبر ٲسی۔ اَمی کمیٹیہ کوٚر گوڈنکہ پھِر فارسی۔ عربی رسم خطٕچ بُنیادِ پیٹھ تہٕ انٹرنیشنل
سکرپٹس مطابق کٲشرِ رسم خط تیار یتھ تمہٕ وقتہٕ حکومتن منظوٗری دِژ۔ یہٕ تجربہٕ کوٚر سارِوے پسند تہٕ اَتھ منز آیہٕ
پانژھ نصٲبی کتابہٕ چھاپنہٕ۔ امہٕ رسم خطچ اکھ اہم خصوٗصیت ٲس یہٕ زِ اعرابوٚ بدلہٕ آیہٕ اَتھ منز صداوی آوازٕ تہٕ
اچھرن منزے ظاہر ہیوان کرنہٕ۔ امہٕ رسم خط مطابق ٲسی صداوی آوازن ہندِ خاطرٕ یِم اچھر۔

| | |
|---|---|
| اَ | اَ |
| آ | آ |
| اِ | اِ |
| ای (ےٖ) | ای (ےٖ) |
| اُ | اُ |
| اٗو | اٗو |
| ا | اٗ |
| ٦ | آٗ |
| [illegible] | اٖ |
| [illegible] | اٖے |
| او | اۆ |
| او | او |
| ی | اے |

نُسخ یہِ کاشُر صورت اَس ٹایپ تیار کرنہٕ باپتھ تہٕ آسان تیکیازِ اَتھ منز ادس نہٕ لفظن پیٹھ تہٕ تلہٕ زبرٕ زیرٕ تہٕ ہمزٕ تراونُک ضرورتھے۔ ١٩٥٣ہس منز سپز کشیر اکہٕ زبردس سیاسی بحرانچ شکار یمیُک اکھ نتیجہٕ یہٕ تہٕ دراد زِ کاشُر زبان سپز سکولو منزٕ خارج تہٕ اَمہٕ بدلہٕ زٕٹ اردو زبانہٕ تعلیمی ذریعہٕ جاے۔ یِنہٕ سورُے بیہنہٕ گاُل کھاتس گوو۔ تِنہٕ گوو کاشُر رسم خط تہٕ منشتھے۔

١٩٥٥ہس منز آے اکھ نوٚ رسم خط کمیٹی بناونہٕ یتھ منز جے ایل کول، دینا ناتھ نادم، امین کامل، محی الدین حاجنی، غلام حسن بیگ عارف تہٕ پی۔ این پشپ شامل آسی۔ اَمہٕ کمیٹی کوٚر نستعلیق چہٕ بنیادِ پیٹھ

موجوُدٕ رسم خط تیار یَتھ تہٕ پیٹھٕ ازتام مُسلسل بہتری انہٕ آے ۔ اَزیُک یہٕ رسم خط تہٕ چھُ تمام رسم خطن ہندی پأٹھی کینہہ ناگزیر کوتأہیہٕ تھاوان مگر کُلس پیٹھٕ ہیکو اتھ اکھ کامیاب رسم خط وَنتھ تکیازِ اَتھ چھُ قبوُلِ عام حأصل تہٕ بیٚیہ چھُ یہٕ کأشرِ چہٕ سارِیے آوازٕ ظأہر ہیکان کرِتھ ۔ یہٕ رسم خط ورتاونس منز چھُنہٕ البتہٕ وُنہٕ تہٕ معیارن ہند خیال تھونہٕ یوان تہٕ مختلف لیکھن وألی چھِ کینہہ آوازٕ مختلف پأٹھی لیکھان ۔ ووں گوو یہٕ پھیر گرٛتھ پانہٕ وٕنی صلاح مشورٕ کرِتھ تہٕ بیٚیہ کأشرِس منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ لیکھنہٕ ستۍ دوٗر ۔

موجوُدٕ رسم خطس چھُ عام پأٹھی سائنسی رسم خط تہٕ وَننہٕ یوان ، یہٕ نہٕ صحیح چھُ تہٕ نہٕ ہیکہٕ اَستھ ۔ رسم خط چھُ محض اکھ رسم آسان لیُس قبوُل چھُ پیوان کرُن ۔ یہٕ چھُ پوٗرٕ زٕ پرأنی ساری کأشرِ لفظ چھِ صوتیأتی بناوٹہٕ مطأبق لیکھنہٕ یوان ، مگر فارسی تہٕ عربی پیٹھٕ آمتی بیشتر لفظ چھِ پننہٕ اصلی صوٗرژِ منزے لیکھنہٕ یوان ۔ صرف چھِ تمن فارسی تہٕ عربی لفظن ہنز ظأہری شکل بدلاونی ضروٗری بنان یمن کأشرِ بوِ مطأبق کانہہ بنیادی تبدیلی آسہٕ آمٕژ ۔ مثلن : ووستہٕ ، (= اُستاد) بیقل (= بے عقل) دٔس (= دست) عأب (= عیب) دوٗرس (= عُرس) حأرأنی (= حیرانی) خاب (= خواب) درخاس (= درخواست) شکلہٕ منز یہٕ تبدیلی اَنُن چھُ زبأنی ہُند گرامر تہٕ ذمہ وار ۔

موجوُدٕ رسم خطس لۄر لوٚر چھُ ضروٗرتھ وِز انٹرنیشنل رسم خط ( ۱۴۹ ) رومن رسم خط تہٕ ناگری رسم خط تہٕ ورتاونہٕ یوان ۔ انٹرنیشنل رسم خط چھُ یتھ پأٹھی :

صداوی : i (= اِ) ، i: (= ای / ی) ، ɨ (= اٖ) ، ɨ: (= اٟ) ، u (= اُ) ، u: (= اوٗ)

e (= اے / یٚ) ، e: (= اے / یے) ، ə (= اٚ) ، ə: (= اٲ)

o (= اۆ) ، o: (= او) ، ɔ (= اۄ) ، a: (= آ) ، a (= ا) ، ɔ: (= اوٚ)

۔ (= ی) ۔ نسی آوازن پیٹھ چھُ ( ~ ) تھاونہٕ یوان ۔

موجودٕ کأشرِس املاہس معیاربندی تہٕ مروجہٕ رسمِ خطس ترقی کانِچھنکُ امار ہاوِتھ چھُ "مرغوب تھیوری" منز وُنہِ رہنمایانہٕ اصولن باضابطہٕ علی ورتاو ہاونہٕ آمُت ۔ یمو منز چھہٕ کینہہ اصوٗل یم : تہٕ

۱، موجودٕ رسمِ خطس منز ورتاونہٕ یِنہٕ واجبہٕ ژور علامژ وٗ ، ےٚ ، ٯ ، ۍ گژھن ے ، ۍ ، ٕ تہٕ یِمہٕ علامژ بناوتھ زبر تہٕ زیر ہندِ پاٹھۍ سیوٚد حرفس پیٹھ کنہٕ یا تَلہٕ کنہٕ ورتاونہٕ یِنہٕ ۔ مثلاً :-

| | عربی / فارسی | مروجہٕ کأشر رسمِ خط | مرغوب تھیوری مطابق |
|---|---|---|---|
| I | اصوٗل | اوٗصوٗل | اُصوٗل |
| II | محسوٗس | موٗحسوٗس | محسوٗس |
| III | احساس | ایٚحساس | اِحساس |
| IV | اعتقاد | ایتقاد | اِعتقاد |
| V | گُلاب | گولاب | گُلاب |
| VI | قُربان | قوربان | قُربان |
| VII | اِقرار | اِقرار | اِقرار |
| VIII | روایت | رٕوایتھ | رٕوایت |

۲، پریتھ لفظس درمیان "ع" گژھہ لیکھنہٕ یُن ۔ مثلاً شاعری ، معشوق ، معنے ۔

۳، کُنہٕ تہٕ لفظس گژھہ نہٕ مُنزِم تالرِ ہاونہٕ یُن تہٕ لفظ گژھہِ سالم روزُن ، مثلاً دُنیا ، کلمہٕ ، فریاد ۔

۴، پریتھ فارسی لفظس یَتہٕ کینہہ ہاے مختفی گژھہِ قایم یُن تھاونہٕ ۔ مثلاً جلبہٕ ، نغمہٕ لفظکۍ پاٹھۍ زِندہٕ ، مُردہٕ ، بندہٕ ، لفظن منز ۔

۵، حیٚران ، غیٚرت ، عینک ، فیصلہٕ ہوٚین لفظن گژھہِ یےٚ یاے مجہوٗلس پیٹھ تِتھےٚ پاٹھۍ ہاونہٕ یُن یِتھہٕ پاٹھۍ شاعرتہٕ عالم لفظن منز الفس پیٹھ چھُ ۔ مثلاً حیٚران ، غیٚرت ، فیٚصلہٕ بیترِ ۔

۶، دہ یُو کھوتہٕ زیادٕ حرفو ہِنٛدۍ بنیمتین لفظن منز گژھنہٕ پوٚتُس یِنہٕ والین حرفن ت ، ٹ ، پ تہٕ ک حرفن ھ ہاونہٕ یُن ۔ بلکہ گژھن اصل صوٗرتس منزے لیکھنہٕ یِنۍ ۔ مثلاً رات ، عظمت ، کوٹ ، توپ ، پاک

# واکھ تہٕ شُرُک

## (۱۳۰۰ء پیٹھ ۱۵۰۰ء تام)

### پس منظر

کاشُر زبانۍ ہُند تاریخ چھُ شاعری سٕتۍ شروع گژھان، مگر یہِ چھُنہٕ ہرگز تہٕ ممکن زِ اَسۍ کیا ہیکو اَمیُک تاریخ یژی گوڈنچہِ تخلیقہ پیٹھہٕ شروع کرِتھ۔ کاشرِ شاعری ہٕندۍ پرانہٕ کھوتہٕ پرانۍ شار نموٗنہٕ چھِ اکھ ساس وری پرانۍ دستیاب۔ مگر یِم چھِ ساپہٕ یوت ذری پرانہٕ تاریخکۍ نتیجہ۔ کاشرِ ادبُک تاریخ چھُ تیوٗتُے پرون یوت کاشرِ زبانۍ ہُند تاریخ چھُ۔ کاشرِ تہٕ آسہن لازمن پننہٕ سوکھ دوکھ کینہہ جذبن تہٕ احساسن ہنز باوتھ پننی زبانۍ منز کران۔ مگر تِم بے پھِرکۍ لیہ ہندۍ باتھ رودۍ نہٕ ژھرتھ تکیازِ یمن قلمبند کرنہٕ باپتھ اوس نہٕ کانٛہہ۔ ووں گوو تہٕ کرِتھ تہٕ روزِ تِمن باتن ہنزے نوٚن نوٚن لفظہٕ اظہارن منز اَژِتھ نسل بہ نسل پکان تہٕ واتان تام۔ لگہ باتھ چھِ اَدے مدرتہٕ مہوٗدِ تکیازِ یمن منز چھُ زِندہٕ زمانن ہُند پھُرد وپھوار شامل گومُت۔ ساٚنۍ وارِیاہ عام لکہٕ باتھ آسن معموٗلی لفظہٕ پھیر دِرۍ سیٹھاہ قدیم۔ یِتھین باتن منز چھِ خاصکر ہِتھ گندن باتھ، بند باتھ، وَدن باتھ (وان)، ہیلی باتھ تہٕ پرپژہٕ سارٕوے کھوتہٕ پرانۍ باتھ۔

یمن ٹکہ باتن منز چھیہٕ تمہٕ سارے خاصیژ ٹاکارپاٹھۍ موجود یمہٕ برونٹھہ کُن سانہٕ وژن کالہٕ چہ شاعرِ یہٕ منز پوٗرپاٹھۍ وٕتلے یہ ۔ مثلن اَتھ منز چھیہٕ خیالہٕ بدلہٕ سازس تہٕ آہنگس اہمیت ۔ یہ چھیہٕ بذاتی گیوٕنہٕ یا پتھ وَنہٕ یوان ، نہٕ زِ پرنہٕ یا پتھ لیکھنہٕ ۔ اکھ مرکزی کردار چھُ زنانہٕ ہُند ۔ یمہٕ شاعرِ یہٕ منز چھیہٕ عام پاٹھۍ معروضیت آسان یوسہ برونٹھہ کُن سانہٕ وژن شاعرِ یہٕ منز آدٕ تہٕ اَمہٕ بدلہٕ آیہٕ داخلیت تہٕ ماوراٗیت ۔

## چھم پد

یہ کتھ چھیہٕ یقینی زِ یمہٕ شاعرِ یہٕ لرِ لوٗر آسہے کاشرِ شاعرِ یہٕ ہُند بیاکھ آہنگ تہٕ پھبان رُود مُت یتھ عام پاٹھۍ سنجید شاعری وَنان چھِ ۔ اَتھ منز چھیہٕ صوتی آہنگہٕ بجایہٕ فکری تہدآریہ یا پیغامس ژرا اہمیت روزان ۔ اَتھ منز چھیہٕ جذباتی گتہٕ تہٕ باوژِ ہندِ سرِ بجایہٕ باوژِ ہنز پیچیدگی کاچھِنہٕ یوان ۔ یہ چھیہٕ پرنچ تہٕ ورژاچ شاعری تہٕ اوکنی چھنہٕ یہ عام لوکن منز زِندہ روٗزمِژ بلکہ دربارن منز تہٕ علمی حلقن منز ۔ یژھ شاعری دیت کشیرِ ہندو مذہبی ادارو پناہ تہٕ عالمو تہٕ مبلغو تھوٗ رژھرِتھ ۔ اَمہٕ عالمانہٕ شاعرِ یہٕ ہندی سارِوے کھوتہٕ پرانی نموٗنہٕ چھِ "سنگرہ شلوک" تہٕ "چھم پد" مانہٕ یوان ۔ مختلف تنترگرنتھن تہٕ شوگرنتھن منز چھِ یم شلوک تہٕ پد مختلف روحانی مسلن ہنز درژھنے کرنہٕ باپتھ دِنہٕ آمتی ۔ اَمہٕ شاعرِ یہٕ ہند اکھ نموٗنہٕ چھُ یہ :۔

یہ گَت بھوے اُدچ اکمکے
نِرو کاشں پدییہ آونہٕ
رَسم رس وِچی آگمکے
اگاد کتھ زُ تہ نِد پرِینہٕ

ترجمہ :۔ ہیچھے ریاضت کرنہٕ ستی چھِ انہٕ گوٹ ژلان ۔ عرفانک گاش چھُ حاصل

سپدان تہٕ منٛز بے قرٲری چھےٚ دوٗر گژھان ۔ یہ نہٕ تہ ہر تیلی ییلہٕ تہٕ پان پننہٕ پرزناوِو۔

یم پد چھِ دراصل کٲشر ہندِ پوٚشیوی سادٕ "پان پرزناو" فلسفہ یا پرٛتیبھِگیا عام لوکن تام واتناونہٕ باپتھ وَنی متہ ۔ یوٚدوے یمن ہنز زبان لکہٕ زیوٚلنہٕ دوٗر چھےٚ آسمژ، مگر سادن ہندی زاتھ آسہن سہل پاٹھی یہ سمجھ ہیکان، تکیازِ تم آسی فلسفی اصطلاحن واقف ۔ ابھنوگپتن چھِ ۱۰۱۵ء منز یتھی کینہہ واکھ پننہٕ "تنترالوک" تصنیفِ منز دِتی متہ۔

کٲشرِ ہندین عالمن اوس مادری زبٲنی ہنز اہمیژ ہندِ پوٗرہ پوٗر احساس تکیازِ اتھو زبٲنی منز چھےٚ پرٕ تخلیقی باوتھ ممکن ۔ کھمندر (ڈہم صدی) چھُ پننہٕ اکس کتابہ منز کٲشرِ ہندین شاعرن مشورٕ دِوان زِ تمن پزِ پننہٕ مادری زبٲنی ہند مطالعہ کرُن ۔ اتھی کتابہ منز چھُ کھمندر اکھ واقعہ بیان کران ییمہٕ تلہٕ صاف چھُ نَنان زِ یتہٕ چھِ علاقٲیی زبٲنی یا "دیش بھاشاہ" منز چھےٚ شاعری ہنز روایت آسمژ:

" اَمہٕ پتہٕ ووٚتھ وہ ستاد ۔ سہٕ اوس نٕشس منز تہٕ تمی بوزناوی
پننہٕ مادری زبٲنی منز کینہہ شار۔"

## مھانے پرکاش:۔

چھم پدویتہٕ چھےٚ کاشرِس منز دوٚیم تخلیق "مہانے پرکاش" یوٚ شِتی کنٹھ ناوکِ شاعرن لیچھمژ چھےٚ۔ (مہانے پرکاش' چھےٚ گوڈنچہ لٹہٕ پنڈت مکندرام شاسترین ۱۹۱۸ء منز رِسرچ محکمہ طرفہٕ شایع کٔرمژ ۔) اشتی کنٹھس متعلق چھےٚ متضاد رایہ دِنہٕ یوان ۔ جارج گریرسن چھُ اَمُسند وق سلطان حسین شاہ سُند دور زانان ۔ یُس زن ۱۴۷۵ء منز تختس چھُ بیہان ۔ گریرسن سُند ونُن چھُ زِ شتی کنٹھ چھُ مشہور سنسکرت کتاب "بال بودھنی نیاساک" تہٕ مصنف ۔ مگر اکثر کاشرِی محقق، مثلن محی الدین حاجنی، اوتار کرشن رہبر (۱۹۶۵ء) پی، این پشپ (۱۹۸۶ء) دیناناتھ یچھ (۱۹۷۴ء) چھِ گریرسنس ستی اتفاق کران ۔ یم چھِ شتی کنٹھن زمانہ ترٛوٲہم صدی زانان ۔

وَنہٕ چھُ یِوان زِ شتی کنٹھ چھُ پدم پور (پامپور) سودکھ پنڈت نہ گرِ زامُت۔ حسبِ دستوٗر آے تس سنسکرت زبان تہٕ ادبَچ تعلیم دِنہٕ تہٕ سُہ بنیوو پانہٕ سنسکرت زبانٕ ہُند عالم۔ تمۍ لیچھ اَتھ زبانٕ منز کتابہٕ تہٕ سنسکرت ادبس منز گووشری کنٹھ ناوٕ مشہور۔ دینا ناتھ یچھ چھُ لیکھان :

یموچھ سنگرام سنگھ نہٕ عرضداشتہٕ کنٛہ مہانٛے پرکاش تصنیف کرمُت۔ اَمہٕ کتھہِ ہُمہٕ چھ اکہِ شرکہٕ کنٛہ اندازہٕ تہٕ قیاس پیدان لُس "شیتہٕ کنٹھ وومشہ پرچے" لس یعنے شیتہٕ کنٹھ ونس شجرہ نسبس منز درج چھُ۔ اَتھ اندر چھُ امیک ناو "گورُپتکا" قرار دِنہٕ آمُت۔ گورِپتکا چھےٚ مہانے پرکاشس کنٛہ اِشارہٕ کران۔ اَمہٕ پوتھہِ ہندِس حاشیس پیٹھ تہٕ چھُ گورُپتکایہٕ ہند معنی 'مہانے پرکاش' دِنہٕ آمُت ۔

محققن ہُند وَنُن چھُ زِ مہانے پرکاشُچ زبان چھےٚ اَپ برنٛش کاچ زبان۔ مگر اَتھ دعوس چھےٚ کمزوٗری یہٕ زِ چھم پد (کُھم صدی) مہانے پرکاش (بہم صدی) بانا سُروُدکتھا (یِداہم صدی) پرِے شست پنڈتنی داکھ (شُراہم صدی) تہٕ صاحب کولنی واکھ (اَرداہم صدی) چھِ معمولی ہیر پھیر وراے کُنی زبان تھاوان۔ دراصل چھےٚ علمی زبان کتابن منز قاد روزمژ تہٕ اَتھ چھنہٕ ارتقا پیدمُت۔ لہٰذا زبانٕ ہندِس ماہتیس کُن وُچھتھے شتی کنٹھن زمانہٕ مقرر کرُن چھُ غلط۔ یُژھے چھنہٕ بہان زِ شتی کنٹھنٛ زبان کیا چھےٚ عام لُکن ہنز زبان اَسمژ نیلہٕ زن تمۍ پانہٕ دعوا کوٚرمُت چھُ زِ مہانے پرکاش چھےٚ "سروُگوچرِ دیش بھاشایہٕ" یعنی عام فہم علاقایی زبانٕ منز لیکھنہٕ آمُت۔

'مہانے پرکاش' چھےٚ واکھن منز وَنہٕ آمُت۔ واکھ (سنسکرت : واکیہ / واکیانی) چھُ سنسکرت شاعریہٕ پیٹھ کاشُر شاعریہٕ منز آمُت تکیازِ سنسکرتس منز تہٕ چھہٕ "واکیہ سروُد" اَتھ ہیژ منز لیکھنہٕ آمُت۔ 'واکیہ' لفظُک معنی چھُ کانہہ زِ ھوٚٹ تہٕ موٚٹ کتھ۔ اَمِچ ہیت چھےٚ گنڈتھ تہٕ اَتھ منز چھنہٕ پھرِ پھرِگ جذباتن ہنز باوتھ ممکن۔ یہٕ چھےٚ فکری شاعریہٕ ہند خاطرٕ موزوٗن۔ تکیازِ اَکس واکھس منز چھُ شاعر

کانہہ نکری ژاوِ جار موٗ خصر کھوتہٕ موٗ خصر لفظن منز باوِتھ ہیکان۔ واکھ چھُ اکھ فلسفیانہٕ شٕرک یا پدٕ یتھ للہِ ہتدِ وننہٕ" وٕچار" ضرورت چھُ آسان : "یم پدٕ للہِ وٕنی تم ہردٕ اٗنکھ"۔

واکھ چھُ گنڈِتھ ژوٗ پرِتھ ہیت تھاونہٕ کنہِ سہل پاٹھی ژٕتس روٗزِتھ ہیکان تہٕ اوٗ کنہِ تبلیغی شلوٗکہٕ خاطرٕ سیٹھاہ مناسب۔ اُکس واکھس چھُ عام پاٹھی ژور مصرعہ آسان یمن ہنز قافیہ ترتیب یموٗ شیٚبو ترتیبو منز کانہہ تہٕ ہیکہٕ آسنھ : ا ب ا ب / ا ج ا ب / ا ب ج ا / ا ا ا ا / ا ا ب ا / ا ب ب ا ۔

وون گوو کینہہ واکھ چھِ تم تہٕ یمن نہٕ قافیہ چھُبی تہٕ کینہہ واکھ چھ ووج مصرٕ ستی اکھ اُکس ستی جوڑتھ۔

واکھُک عروض چھُ سنسکرت شاعری نش مختلف۔ اییُک عروض چھُ معیاری عروض ییٚتھ منز ہکہ سٕرے یوت گرِ منز لیوان چھہِ۔ اَتھ برعکس چھُ سنسکرت عروضس منز پرتھ مصرعہ کین بنیادی رُکنن یا ماتراین ہند تعداد برابر روزان۔ واکھ کس اُکس مصرس یا پدس منز چھِ عام پاٹھی ژور دباو روزان۔

مثلن :- ژھانڈان بو سم دہن کیو راتھ

گریرسن چھُ واکھ کس عروضس متعلق لیکھان :

یوٗ تام میٚہ پے چھُ ایرانس یا شمالی ہندوستانس منز چھُنہٕ اَمہِ قسمُک عروضی نظام کنہِ تہٕ میلان "۔[۱۲]

گریرسن چھُ ونان زِ اگر کنہِ کنہِ جایہِ رُکنن ہند تعداد برابر روزان تہٕ چھُ، مگر کنہِ تہٕ باتس منز چھُنہٕ یہِ ترتیب دوہیو یا تریو مصرو علاوٕ برقرار روزان ۔[۱۳]

مہانے پرکاشس منز چھِ کُل ۹۴ واکھ تہٕ پرتھ واکھس چھُ تلہٕ کنہِ سنسکرتس منز وِرِتھ کرنہٕ آمُت۔ یہِ چھُنہٕ نُنان زِ یہِ وِرتھ چھا شتی کنٹھن پانے کرِمُت کِنہٕ تمس پتہٕ بیٚیہِ کانسہِ عالمن۔ مہانے پرکاشُک متن چھُ اَزی کس پرن واُلس اَنکہٕ وُنی پرُن ہوان تکیازِ نہٕ شاردا لکھایہ تہٕ ناگری لکھایہ منز اوس نہٕ کاشرین مخصوص آوازن ادا کرنہٕ باپتھ خاص کانہہ علامتی نظام۔ یتہٕ چھُ اکھ وجہ زِ عام

قاری ہندِ خاطرٕ چھِ یم واکھ ناقابلِ فہم۔

شتی کنٹھ چھُ مہلنے پرکاشس منز شومتہ کین مختلف تصورن واکھن ہنز شکلِ منز پیش کران۔ یہ اوس سُہ دور ییلہِ اسلامی تبلیغ شروٗع سپدمت اوس تہٕ شتی کنٹھ اوس شومتہٕ کین بنیادی تصورن ہنز باوتھ کرٕنی پننٕ فرض زانان:

پادیت اِہِ کمُ بجھس پسادے
شتہ کنٹھس گہ اجم کِتا تھ
تین مہ مہہ جن کھلتھ سمادے
تے سار اوے مہٕنے پرماتھُ (۱/۱۴)

ترجمہ: امیہٕ شتی کنٹھن کرٕ سر کتھن ہنز باوتھ تہٕ پننٕ زنم کورُم سپھل۔
یہ کرٕتھ ترآدِم واریاہ عالم پتھ۔)

سُہ چھُ وجود چہ کنٹرٕ منز گنترِک قایل۔ سُہ چھُ بوٗد تہٕ نابوٗد دونوٕنی اکی حقیقژ ہندی زٕ رٕپھ مانان۔ کاینانک یہ راز زانُنہٕ خاطرٕ چھُ پننٕ پان زانُن ضروری:

پیٹھُ مہاتھ اِمہاویر
پینچ داہہ کمُ واہتا تھُ (۷/۴)

ترجمہ: (آخری سرٕ چھُ پننِسے پانس منز۔ پانژھ جلس چھ تھوٗد پرٕ زگارنس منز مددگار۔)
شِو چھُ شکھتی تہٕ تہٕ سے چھُ بناون وول تہٕ مٹاون وول۔ انسان تہٕ ہیکہِ کوشش کرِتھ ہتِہٕ
شوٗنسدِ رٕپھ ہٕنتھ تہٕ تعمیر تہٕ تخریب کرنٕچ صلاحیت پرٲوِتھ:

دلوت اکہِ کِشی پرٕ راجِ
جگ گھُسُم بھیر بھکشیت

ننتہٕ شٔتھ گاسکھ ترٕرابے
شمہٕ واٗنی آشے تکھشیت
(۳/۱)

ترجمہٕ : (کٔشی چھنےٚ سوٗ اکھ دیوی یوٚسہٕ سارنٕے سٔرس چھنےٚ۔ سوٗ چھنےٚ تسٕ بھیٚروس تہٕ ہٕنگلاوان یُس یتھ سارٕی ہسے زگتس ژاپان چھُ۔ کوٗشش ہے کرکھ، ژٕ تہٕ لبکھ یہٕ شکتھی۔)

ابھنوگپتنہٕ تنترالوکہٕ مطابق چھنےٚ یہٕ کھاول دیوی "چت سوٕرپھ" یعنی انسانہٕ سنٕز ژٕتھ یا شعور یوٚسہٕ سمیہ کینٕہ سارنٕے کالن تہٕ وجہن تہٕ اثراتن بھیش چھنےٚ دٕوان۔ یہٕ ژٕتھ چھنےٚ شو، وِشنو تہٕ برہماہس تہٕ ہٕنگلاوان۔

پٔرم شوس پٔر سپوتس شچھی
یتھ سپندیو نگھا نو
ییٚگما اُدِت سداشو رُچھی
سو وشوبیج ناڈس اُگھا نو

(شو تہٕ شکتھی بٔیلہٕ یکہٕ وٕٹہٕ ژٕلیتھ گوڈنیک وُیہہٕ چھ ہاوان۔ تہندِ نالہٕ مٔتہٕ چھُ پیول پیوان یمہٕ منٕز کاینات وتلان چھُ۔)

شتی کنٹھس یِنی چھُ کاشرِ شاعریہٕ ہُنداکھ زٕبوٗٹھ دور تہٕ انداتان۔ تمٕہندین ہم عصرن منٕز چھُنہٕ کانٕسہٕ تہٕ شاعرس متعلق کینٕہہ پے لگان۔ لل دیدٕ تام چھُ یہٕ سوٗرے دور نبجرِ باسان۔ البتہٕ لل دید بروٚنہہ چھُ اکس شاعرٕ سُندناو عام پاٹھی ہیٚنہٕ یوان، رٕگوو سِدموٗل۔ وٕنٕہ چھُ یوان زٕ سِدموٗل تہٕ اوٚس یامِپُرک روزن وول تہٕ یہٕ اوس لل دیدٕ ہُند دوستاد۔ اُمی سُند ناو چھُ صرف اُدِکِنٕ ہیٚنہٕ یوان زٕ امی سُندٕ ناوِ چھِ کینٕہہ تم واکھ یِم لل دیدٕ ہٕندین کینٕہن واکھن ہٕندِس جوابس منٕز امی وٕذ ہتی چھِ۔

لل : سِری لیس ہیُو نہ پرکاش کنے
گنگہ ہیُو نہ تیرتھ کانہہ
بآیس ہیُو نہ باندو کُنے
رَنہ ہیُو نہ سوکھ کانہہ

سدمول : اُچھن ہیُو نہ پرکاش کُنے
کوٹھبن ہیُو نہ تیرتھ کانہہ
پھندس ہیُو نہ باندو کنے
کھنہ ہیُو نہ سوکھ کانہہ

حضرت باباداؤد مشکواتی نہٕ بیانہٕ مطابق چھُ سِد مآلی سُند ناو شری کنٹھ اوسمُت یُس شتی کنٹھُن اکھ زُراوس ۔ یوٗہے شری کنٹھ یا سِدمول چھُ "بال بودھنی نیاس" ناوٕچہِ سنسکرت کتابہٕ ہُند مصنف ۔

## لل دید

کاشُر شاعریہِ ہُند اصل تاریخ چھِ یِرِ نہٕ پاٹھی لل دِیدِ پیٹھے شرُوع گژھان ۔ ایک مطلب چھُنہٕ زِ تمِس برونہہ کیا اوسنہٕ کاشرس منز کہنی تہٕ ونہٕ پوان ۔ بلکہ اَدکنی زِ لل دیدِ ہنز شاعری چھنے اکہِ زیٹھہِ دوٗرک عروج نہ زِ دسلابہ ۔ اَمی بنہ شاعریہ منز چھِ کاشرِ شاعریہ ہندِن تمن سارنے اہمارن ہندی موٗل نظر گژھان یِم اَمس پتہٕ ہتہٕ وادن دُرِیٖن قایم روٗدی ، درؤن بینی ، مادرآیی دیان ؛ عام زبانٕ ہُند ورتاو تہٕ نسوآنی لہجہ ۔

لل دید یِیہِ شراہ ناماواریہ تہٕ قداوار شخصیت سآنس ادبی تاریخس منز چھنے تیتھے پچھے

تِہنٛز زندگی مشرفہٕ کِبن پٕردن ژھایہِ۔ کاشرین چھےٚ پتہٕ دٔکھ تِمس ستۍ عقیدت رٔوزمٕژ تہٕ عقیدتمندی کِنۍ چھےٚ سوا کھ نیم داستانوی کردار بنیمٕژ۔ تِمٕ سٕنٛزِ زندگیہ ستۍ چھےٚ وارِیاہ کیٚتھ جوٗرتھ یمو منٛز تِمٕ سٕنٛزِ زندگیہٕ ہٕنٛدی اصل حالات وُنی زاوُنی مشکل چھہٕ۔ مگر بُنیاد چھےٚ یمے کیٚتھ تہٕ کُنہٕ حدس تام تِمٕ سٕنٛزِ پٕنٛزِ شاعری تِکیازِ تِمٕ ہٕنٛدِ دورٕک ساری مورخ چھہٕ صرف بادشاہن تہٕ دربارس ستۍ وابستہ لکن متعلق لیکھان آسۍ مٕتۍ تہٕ عوامی زندگیہ تہٕ شخصن ستۍ آسہٕ تِمن کانٛہہ دلچسپی۔

لل دیدِ متعلق چھُ سارِوے کھوتہٕ پٕرون حوالہٕ نُندٕ ریٛوش یعنی شیخ العالم[۲] ُنس کلامس منٛز میلان۔ تِمٕ چھُ لل دیدِ ہِتھ یاکٹھ خراج عقیدت پیش کوٚرمُت:

تَس پدمان پورچہ للے
یَمہٕ گلہٕ گلے امرِتھ چیٚیو
سو سانٛی اوتار لوٚلے
تِتھی وَرمےٚ دِتم دِوو

لل دیدِ سانٛی تہٕ اوتار وٕنتھ چھُ نُندٕ ریٛوش[۲] تِمٕ سٕنٛزِ زندگیہ متعلق اہم پہلوٗس کُن اشارٕ کران۔ لل آس تیتھ کرٕوٕنی سانٛی یا یوگنی یمٕ کُن پہٕزرُک سبق دِوان۔ باسان چھُ سلطان شہاب الدینس یُس یوگنی وٕلس منٛز بُتھہِ آیاے تہٕ یمہٕ تِمس عظیم فاتح بننُک آشرواد دِژوو، سو آس یہے لل دید۔ یہ واقع چھُ ۱۴۵۹ء منٛز زٕونہٕ راژن پٕنٛنہٕ زانٛہٕ راز ترنٛگنی منٛز دیتمُت۔ تِمس پتہٕ چھُ سارِوے مورخوامہٕ واقعک حوالہٕ دیتمُت تہٕ اُمس یوگینہ چھکھ "زنی صالحہ و تقوی" وونمُت۔ بابا داوٗد مشکوٰتی چھُ اسرارالابرارس منٛز اَمِہ سے زٕنہٕ ہُندناو لل دید وٕنان۔ لل دیدِ متعلق چھُ تارِیخن منٛز سارِوے کھوتہٕ پٕرون حوالہٕ بابا علی رینہ نِس "تذکرۃ العارفین" تارِیخس منٛز میلان۔ یہ چھُ ۹۷۰ھ (=۱۵۶۳ء) منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ رینہ چھُ گوڈنکہٕ پھِرِ لل دیدِ متعلق مختلف ٹکہٕ

رِہوایۍ شر درج گران پتہٕ تِمَس چھُ "لل ماج"، حضرت مریم مکانے ربعہ ثانی "ونان۔ تِمَس بروٚنھ کُنہٕ تہٕ چھُکُھ تام پروٚن تاریخ اوسُمت یُس نہٕ از دستیاب چھُ۔ اَمہٕ تاریخی حوالہ پیٚٹھ چھُ بیاکھ مفصل حوالہ بابا نصیب الدین غازی رحؒ سِندِس نورنامس منز میلان:

نقل است کہ حقیقت لل دیوانہ کہ اى درویش در شہر بنپور عورتی نام لل دیوانہ حق ومجذوب برحق بود مانند ہمشیرہ شیخ منصور حلاج مشہور است، و بہ مٹی عرفان مست ومدہوش و دشت وبیابان میکشی آوردند کہ اول در عقد یک شخصی بود روزی باوردن آب رفت ومدتی برلب آب ایستادہ ماند و باطراف وجوانب لبقعۃ الٰہی مشاہدہ میکرد و شوہرش بدگماں شدہ درعقب رفتہ بجاے کمین استاد لل دیوانہ رجوع بخانہ نمود کوزۂ آب گرفتہ بجانب خانہ رواں شد شوہرس از کمین گاہ برآمدہ واز قہر و دغدغہ یک چوبی بداں کوزہ انداخت وکوزہ شکست وآب بی کوزہ مانند یخ بستہ معلق برہوا ایستادہ ماند ویک قطرہ برزمین نیفتاد وآں آب بخانۂ خود رساند وضیانہ خورا گفت کہ کوزہ بیارید تا ایں آب بنہم وچند کوزہ درخانہ بود ہمہ پُراز آب کردند وباز پس نیامد و دیگہا آوردند ولبالب کردہ گذاشت وآں آب کمی نمی شد۔۔۔۔۔۔ بقیہ آب دصحرا بگذارید لل دیوانہ حسب الفرمودہ آں آب کہ ماندہ بود دریک جایی، برنافت. وبمجرد ریختن آں آب یک تالاب شدہ ہرگز خشک نمی شود وبرقرار ست۔ وآں راللہ تراگ میگویند۔۔"[۱۶]

اُمہٕ پتہٕ چھہٕ یتھےٚ پاٹھۍ باتٕہ ساریٚ مورخ لل دیدِ اکھ نیم اساطیری کردار بناوِتھ پیش کران۔ یمَن سارنٕے تواریخن ہندِس گاشس منز چھُ لل دیدِ متعلق یتہٕ ہتان زِ لل زایہ پامپرس نکھہٕ سمپورٕ پوٚرٕ یوہے ۱۳۳۰ء تام کُنہِ ڈُری یہٕ۔ ناو اوٚسُس پدماوتی۔ کینژن ہُندوٕنُ چھُ زِ امس اوس اصل ناو" للہٕ" (یِسوندرٕ یا لَلِتا (یِ ٹاٹھ کوٗر)۔ (اکہٕ رلوایتھ پیٹھے زِ لل ہیوس خاندر کرِتھ ناوتھ کیاز نیچہ یڈ ٹنش آسس لول ہش بوٗن کُن یوٚسہٕ تس سترٕ ج کام آس دِوان۔) لوٚچی کوٗرہس خاندر مگر وارُ ہیوس نہٕ رُت۔ رٔون اوٚسُس ہُدٕ تہٕ بد ذاتھ۔ کھنس چینس تہٕ آسس کانٹان۔ تس آس لوٚکچارٕ پیٹھے گیانس دیانس کُن کل تہٕ وارِ وِن اوٚسس نہٕ یہٕ پسند۔ تمہٕ سُند پرٕ ژھل من رٔو ظاہرس تہٕ باطنس درمیان رشتن سَنٕہ تہٕ رٔوحانیتہٕ کین بنیادی سوالن ہُند جواب تلاش کرنہٕ۔ رلوایتی شاشترٕ وٕ دیتسُ نہٕ اَتھ منز مدد۔ گاٹلین نش گرِژھتھ تہِ گےٚ نااُمید۔ آخر آس جنوٗن تہٕ ساریٚ ٹھرٕ نہاوِتھ تہٕ رلوایتی عقیدن ہندی زولانہٕ ژٕٹھِتھ لٕج حقیقت گارنہٕ۔ دیان تمہٕ ژٕڈ پنٕنۍ جامہٕ تہٕ لٕج ننگے ژنہٕ۔ مگر یہٕ چھُنہٕ صحی ہکیاز سوٚ آس نہٕ کانٕہہ دیوانہٕ مژٕ تہٕ سوٚ آس سماجی زندگیہٕ ہُند پوٚرٕ پوٚرٕ شعوٗر تھاوان تہٕ لکن تہٕ چھُن زندگیہٕ ہندِس پرتھ معاملس منز معقولیت اختیار کرنُک سبق دیتمُت:

یوٚ تہٕ تر ژلہِ تم امبرہٕ ہتا

کھیوٚ دیوٚ گلہِ نم آہار ان

للہٕ ہُندوٕنُ" سہٕ مےٚ للہٕ گوٚو واکھ تہٕ وژُن، توے ہیوٚتم ننگے نژن" چھُ دراصل تتھ رٔوحانی کمالس کُن اشارٕ یلہٕ زن ژھارن وول مادی وجود مُشرِتھ ابدی حقیقتہٕ ستی واصل چھُ گژھان۔ یلہٕ نہٕ انسانس تہٕ خُدایس منز باگ کانٕہہ پردٕ چھُ روزان۔

یہِ کتھ چھےٚ یقینی زِ تمہِ کوٗر پننہِ وقتہٕ کین بڈٕ ین بڈٕ ین بزرگن ستی ملاقات۔ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی[رح] تہٕ نیبر پیٹھٕ آمتی بزرگ ہیکہٕ ہن نہٕ لوٚتام اسلامُک تبلیغ کرِتھ اگرنہٕ تمِ لل دیدِ ہوین عوامی رہنماہن نش گژھتھ یتیٚ فکری تہٕ رٔوحانی ہوا نوازاہن۔ تمہٕ ندِ کلامکی ساری تصور چھِ

اسلامی عقیدس ستی ہشر تھاوان۔ تمو سُند پان پرزناو "نظریہ یودوے" پژتھجنیا فلسفک مرکزی خیال چھُ
یہ چھُ اسلامُک تہِ سبق: مَنْ عَرَفَ نَفْسَہٗ فَقَدْ عَرَفَ رَبَّہٗ۔ تسُند بُت پرستیہ خلاف
پاٗغام تہ توحیدُک فلسفہٕ تہِ اوس اسلامس ستی پوٗر پوٗر ہشر تھاوان۔

موٗرخو چھُ عام پاٗٹھی لل دیدِ ہُند مرن سنہ ۱۳۸۴ء دیتمُت۔ دیان سو آیہ ینبجیارچہ
مسجدِ نش دفن کرنہٕ۔ بیاکھ لکہ روایتھ چھےٚ زِ تیٚمہ وزِ گےٚ سو اکھ گاشہٕ بریہہ تہٕنتھ غاب۔

لل دیدِ ہُند زمانہٕ اوس اکھ پُر آشوب زمانہٕ۔ سو زاینہٕ یلہ راز سہہ دیو کٔشیر ہندِس
تخنس پیٹھ اوس۔ ملک اوس بدامنی ہندِس حالس منز تہ پوٗلس پتھ پدی کٔشیر پیٹھ حملہ۔ ہلاکو خانٕنی
زُری دلچووَن (یا زلجووَن) کوٗر سارَی سے کٔشیرِ چھیوٗ فان تہ سوٗرے مرشا یہ گوولوٗ ٹھتھ۔ سہہ دیو ژوٗل کشتواڑ
چھپنہٕ۔ ینس دورس منز اوس سہہ دیون ترن اہم شخص مرتبہ دیتمُت اکھ اوس شاہ میر، دوٚیم اوس
لنکر ژکھ تہ ترٚیم تبتہ پیٹھ ژلتھ آمُت شہزادٕ رینچن۔ ۱۳۲۴ء منز بنیو رینچن کٔشیر ہُند بلا مقابلہ راز۔
تمو کوٗر اسلام قبوٗل تہ تمس ستی لگی کھیچو کھیچو کاشری مسلمان بنٕنہٕ۔ رینچن شاہ (سلطان صدرالدین) گُذریود
اَمہٕ پتہٕ صرف ڈاینہٕ وٚہری یعنی ۱۳۲۶ء منز۔ تم اوس سہہ دیونس کمانڈر رامہٕ ژندر یہ زنانہٕ ستی نیتھر کوٗرمُت
یُس ناواوس کوٹہٕ راٗنی۔ رینچن شاہ نہٕ مرنہٕ پتہٕ رٹ تمی یٔنیک راج تاج۔ تمہ اوٚن سہہ دیوُن بوے اُدیان دیو
ناد دِتھ تہ کوٗرن تسی ستی نیتھر۔ اُدیان دیو بیوٗٹھ تخنس اِلہ پہِ یندس وٚرین تہٕ پتہٕ کوٹہٕ رانہٕ رٹ بیٚیہ پانٕے تخت۔
مگر شاہ میرن کٔر بغاوت تہ کوٹہٕ رانہٕ ستی خاندر کٔرتھ بیوٗٹھ تخنس۔ خاندرٕ پتہٕ صرف اکھ دوہ تہ اکھ
راتھ گُزٕریتھ کٔر رانہٕ خودکشی۔ یہ اوس وری ۱۳۴۲ء۔ شاہ میر (سلطان شمس الدین) لوگ کٔشیر منز
امن امان قایم کرنہٕ باپتھ پرٚتھ کانٛہہ کوشش کرنہٕ۔ اَتھی ستی گو دِ کٔشیر منز شاہ میری دور شروع یُس
۱۵۵۳ء تام قایم رُوٗد۔

لل دید رٲزِ یہِ سیاسی وۄژراڑھ دٲرِ رٲزِتھ وُچھان تہٕ پننین وۄندِ سیرن ہنٛز باوَتھ کران۔ وۄن گوو ژۄداہمہِ صدیہِ ہُندِ سیاسی تہٕ سماجی ہوالو اچھ تہٕ کرِتھ تہٕ تِمہٕ سندِ ن واکھن منٛز نظرِ گژھان۔ اکہِ پاسہٕ مُفلِسن ہُندیہِ حال:

گاٹلاہ اکھ وُچھم بوچھہِ سیتہِ مران

پن زن ہراں پۄہنہٕ واو

نیش بۄد اکھ وُچھم وازس ماران

تتہٕ لل بہٕ پراران ژھیٚنِم نا پراہ

بییہِ پاسہٕ مالدارن ہُندیہِ حال:

ژامر، چھتر، رتھ سمہاسن

ہلاد، ناٹ رس، تُلہٕ پریٚنکھ

للہٕ واکھن ہُند فکری پہلو چھُ تہدار تہٕ کاشُرِ شیومتُک لبِ لباب آسِتھ تہٕ زمانی بُندشہٕ نِشہٕ آزاد، پریتھ دورس منٛز لگہار۔ یہِ چھُ دراصل فردِ سندِس وجوٗدس منٛز گُپتھ امکان گاشراوان تہٕ وجوٗدچن خوفتہٕ تہٕ بیدار حالژن ہنٛز باوتھ کران۔ فرد چھُ غفلتس تہٕ جہالتس منٛز تِمہٕ وِزِ غرق گژھان ییلہ سُہ مادی ژھرپٕہِ ژھرپٕہِ منٛز یا ظاہری رسم رواجن منٛز آورُچھُ روزان۔

موٗڈو گرٕے چھےٚ نہٕ دارُن تہٕ پارُن

موٗڈو گرٕے چھےٚ نہٕ رچھنہِ کاے

لل چھےٚ اَمہِ غفلژ ہُند اکوے وجہ زانان۔ سُہ گوو یہِ زِ ریڈ وتہٕ سمو چھُ پزٕ ریا دٕے انانس نشہٕ دٲر زونمت۔ ییلہِ زن یہِ وجوٗدکے اکھ رچھ چھُیس پرزناوُن گژھہ۔

تنہ منٛز گیٚیس بہٕ لتَس کنُے

بوزم سیٚتھ گنٹا وزاں

تتھ جایہِ دارنایہ دارن ژٕٹم

آکاش تہٕ پرٛکاش کوٚرُم سَہر

پانس لاگیتھ رٕوٗدُکھ مےٚ ژٕ

مےٚ ژٕےٚ ژھانڈاں لوٗسُم دوہ

پانس منٛز ییلہِ ڈیوٗٹھکھ مےٚ ژٕ

مےٚ ژٕےٚ تہٕ پانس دِتم ژھوہ

ییلہِ انسانی شعوٗر اَتھ مقامس واتان چھُ سُہ چھُ آسنکی تہٕ نہٕ آسنکی ظاہری بین مٹاوِتھ اَتھ تہٕ کنہِ کنُے پرٛزرپرٛزناوان ۔ سُہ چھُ دُنیاوی طمہو، فریبو، مُہہ تہٕ مایہ لنشہِ آزاد گژھان جموٗدِ لنشہِ بات لبان تہٕ پرتھ ساتہٕ "نوٗم نوٗوُے" آسان ۔ اَمہِ باپتھ چھُنہٕ ضروٗری ترک دنیا کرُن، وَن رٹُن تہٕ بمس اذا دیُن ۔ فرد ہیکہِ دوہ دِہنہٕ کس کاربارس منٛز روٗزِتھ تہٕ پرٛزرس سیٚتۍ واصل روٗزِتھ ۔ اَتھ کیفیژ چھِ 'مرنے مرُن' ونان یاراوس منٛز لبُن' ونان:

لوٗلک تارلٕہ لولہ للہٕ نوٗوُم

مرنے موٗیس تہٕ روٗزس نہٕ ذرے

راونہٕ ژنرٕے رادُن روٗدُم

راوِتھ اَتھ آیس بوسَرے

اُسان گنداں سہزے پردوُم
دٕپہٕ نۍ کوٗرُم پانس سرے

لل واکھن ہُند فکری عنصر چھُ مروجہ فلسفن ہندیو اصولو تہٕ قاعدو نشہٕ آزاد تہٕ یہ چھُ اُکس تہما طالب سُندہٕ بیٚنٛہ روحانی سفرنامہ یُس باوُترٕ ہتی میلتھ اُکیک شعرت

لل دیدِ ہند بجر چھُنہٕ صرف تٔمۍ سنٛزِ شاعریہ ہندس فلسفس منز بلکہ تمہٕ کھوتہٕ زیادٕ باوتھ ہندِس ماڑی منز رس منز۔ للہٕ واکھن منز چھےٚ تخلیق کشادگی، خوبصورت تہٕ روشن تشبیہن ہند انتخاب، جذباتن ہنز شدت، لفظہٕ ورتاوُک احتیاط تہٕ گرتٕگ شعوُر۔ کاشرِ زبانۍ منز چھِ لل واکھ اَمہٕ لحاظہٕ از تام بےنظیر۔ للہٕ واکھن ہُند بُنیادی وٚسیلہٕ چھُ استعارٕ تکیازِ للہٕ ہُند تخیُل چھُ تمن سرحدن وُنی دِوان ییٚتہٕ نِشہٕ معروضی دُنیہکی تجربہ اند چھ واتان تہٕ ماورآیی تجربہ شروع چھُ سپدان۔ ماوراہس باوتھ دِنہٕ باپتھ چھُ استعارے اکھ وٚسیلہٕ۔ لل چھےٚ اکایل تصورن جاے تہٕ ناو دِتھ تہٕ تھٕ ڈرامایی صورت حال بردنتھ کُن انان یم پرن والس حارتن چھِ یاوان تہٕ پھِری پھِری سونچنا دلس بیٚٹھ مجبوُر چھِ کران۔ خوف آسہٕ یا وِسُن، منہ کامن آسہٕ یا میُل، بےقراری آسہٕ یا سکوُن، لل چھےٚ موزوُن کھوتہٕ موزوُن تشبیہہ ووتلاوِتھ یِنٛنِن احساس یا تصورن حساوی سطحس پیٹھ انان۔ یٔمہٕ مہارتہٕ سان للہٕ یِنٛنِن تشبیہن منز محالتی ورتاوی متی چھِ سو مہارت چھُنہٕ بییہ کانسہٕ شاعرس حاصل۔

یَتھ سرس سری پھوٗل نا وبٕتھرے
تتھ سرِ سکلوٚ پونۍ چیٚن
مرگ، سرگال، گنڈٕ زلہٕ ہستی
زِین نازِن تہٕ توٚتۍ بیٚن

واکھ، مانس کول اکول نا اَتے
ژھوپہٕ مُدرِ اَتہٕ نا پرویش
روزان شو شکھتھ نا اتے
موژیلے کیھنہ تہٕ سے ووہدیش

# شیخ العالمؒ

ژودآہمہِ صدیہٕ ہندیاکھ طرحدار شاعر چھُ نُندریوٚشؒ ییس پرٛتھ کہٕنۍ شیخ العالمؒ چھ وناں۔ تمہٕ اوٚن دوہ دنیچہِ زندٕ زباۍ ہُند سوٗرے باوژیل ورتاونس منٛز۔ تہٕ نہ صرف دِتُن کاشرِ شاعریہِ اکھ سدابہار طرح بلکہ عوامس منٛز مقبوٗل گرٛژھنہٕ کہٕنۍ کرٛن کاشرِ قوٚمہٕ مخصوٗص سوچن ترائے تہٕ قاییم۔ اسلوبہٕ کیو تجربہٕ رٛنگی چھ سہٕ بیوٚن گوڈنیُک ___ جدت پسند عوامی شاعر۔ سہٕ پُد یُنہٕ حیاتی منٛزے مقبوٗل تہٕ تتنے یٖتھ آو تمہٕ سُند کلام تحریرس منٛز اَنہٕ۔ یہِ بنیو کاشرن ہندِ عقیدُک حصہ حتّٰی کہ اَتھ آو "کاشر قرآن" تہٕ وَننہٕ۔ سہٕ اوس یُنہِ وَقتُک عظیم انقلابی رہنما یمۍ سماجی تہٕ سیاسی جبرس خلاف بغاوت کرٕ۔

شیخ العالمؒ نہِ زندگیہٕ ہندِس پرتھ مرحلس ستۍ چھےٚ کانہہ نہٕ کانہہ روایت منسوٗب۔ یِیتین چھُنہٕ ممکن یمن سارنے روایژن پھیر دِیُن۔

شیخ العالم شیخ نورالدین نورانیؒ سُند اصلی ناو اوس "نُند"۔ ماجہ اوس تُمس ناو سدر (سدرموج) سو آس کھیہ (کولگوم تحصیل) روزان۔ سو آس لوکچارے کیموہ گامہٕ کِس اَکِس چوٗکی درس باگنۍ آمرٕ تہٕ پتہٕ آس زٕ شُری زیتھ موند گامرٕ۔ یمن دون شُرن اوس ناو شِشش تہٕ گندر۔ سدرٕ آس یِنیچیارٕکس یاسمن ریٚشن پتہٕ پرٛتھِ موجب یِوان گرٛژھان اوٚرٕ اوس سالار دیٖن ناوُک اکھ شخص تہٕ یِوان۔ یاسمن ریٚشن نہٕ مشوٗرٕ کوٚر تمۍ سدرِ ستۍ خاندر تہٕ لوٗگ کیٚموہ گامس منٛز روزنہٕ۔ اَتہٕ اوس سہٕ ووپرۍ کارکران۔ سالاردین

اوس اَمہِ برٛوٚنٛہہ غاز مسلم تہٕ ناوا اوٚسُس سلرسنٛز۔ تہٕ حضرت سید سمنانی رحٕ یس نِش اوٚسُن اسلام قبوٗل کوٗرمُت۔ روایژ موٗجُب چھُ تٔمۍ سُند شجرہ نسب کشتواڑکِس راژٕ اوگرٛ سنٛزس ستۍ رلان۔ سدرٕ ماجہِ زاو سلرسنٛزُن اکۍ اولادتہٕ ناو تھوو ہس نند سنٛز۔ اَتھ چھِ محقق مختلف رایہِ دِوان۔ ووٚن گوو اَزکۍ اکثر محقق چھِ بابا نصیب الدین غازی رحٕ یَس ستۍ اتفاق کران۔ تٔمۍ سٕندِس نورنامس منٛز چھُ یتھٕ پاٹھۍ درج:

چناں آوردند کہ از ہجرت سیّد کائنات صلی اللہ علیہ وسلم سنہ ہفت صد

وہفتاد ونہ بود کہ حضرت شیخ نورالدین تولد شد۔ نظم

زہجرت سیّد عالمؐ ازیں دار

کہ بد ہفتاد وہفت صد نہ پدیدارؒ

اَمہِ مطابق چھُ ورٛی ۷۷۹ھ (= ۱۳۷۸ء) اوسمُت۔ باباخلیل تہٕ چھُ یوٚہے وٕری دِوان:

ولادت آں سرمایہ سعادت نہم جلوسِ سلطنت سلطان قطب الدین بقریہ

کیموہ درروزِ نفیس یوم الخمس ہشتم ماہ جمادی الاول سنہ ہجری ہفت صد

وہفتاد ونہ بود۔ ؒ

نند گوو لوٚڈ بوٚڈ گرٛھاں مگر تٔمۍ ہووٕ نہٕ ماَلۍ سٕندِس کارس ستۍ کانٛہہ لوٚے خوٚے۔ دپان ووہٕ رٕ بایے آسس سُنٛزٕ زوٗر۔ تِم آسۍ تس تہٕ بٔنٛنے کاربار ہیٚچھناوُن یژھان۔ مگر گےٚ نہٕ کامیاب۔ سُہ اوس گوڈٕ پیٹھے خلوت پسند تہٕ اکثر اوس دیانس منٛز محو روزان۔ لوٚہ لنگرس ستۍ مارے بٕڑراوٕ نہٕ باپتھ کوٚرہَس ڈاڈٕ سر گامچہِ اَکِس کورِ ستۍ خاندریَس زِرے ناو اوس۔ (پرانِن نسخن منٛز چھِ گفتگو چالہِ وِننہٕ آمٕتۍ کینٛہہ واکھ زِیہِ ہندِ ناوتہٕ درج۔) زِیہِ زارے ژٕ شُری: اکھ نیٚچوٗ حیدر تہٕ بیاکھ کوٗر زوٗن۔ مگر شُری زٕنٛھ تہٕ بدلوو نہٕ نندن پنُن مزاژٕ تہٕ سُہ روٗد بدستوٗر روٗحانی مسلن، وجوٗدکین سرن تہٕ نجاتہٕ کین امکانن متعلق ہیہم سونٛچان۔ سُہ ووت اَتھۍ نتیجس زِ یتھ مادی دُنیہس لوٗر روٗزِتھ

چھُنہٕ یِمہٕ دنیاہٕ الوٗ حقیقتٕ ہُند عرفان حاصل کرُن ممکن تہٕ بجاے چھنہٕ کانہہ وَتھ۔ یُونکہ کشیٖرِ منز آس ترک دنیاہ کرنچ تہٕ تیٖھ رٕنٛیچ اکھ پرانٛی رٛیش روایت برونٛہٕ قایم، سُندن تہٕ کرٛہِ یے وَتھ اختیار تہٕ تمی رٛٹ کیمو ہہ شہار ٹینگ ناوچہٕ جایہ اکھ گوپھ۔ یہ گوپھ چھےٚ ازتہٕ موجوٗد۔

دنیا ترٛاونُک تہٕ گوپھ رٹنُک یہ واقعہ آسہےٚ سیٹھاہ دلا آزار۔ پیٚتہٕ پیٚتہٕ ماجہٕ، آشنہٕ تہٕ شُرِن ہٕندی ماہٕ مِتی آلو تہٕ . برو نہہ برونہہ ترٛتھ اکھ کلِ یِتھ نہٕ چارے آسہٕ کانہہ۔ یہ منظر چھُ نامعلوم شاعرو منظوم مکالمن ہٕندِس صوٗرتس منز۔ پرٛتھ پانٛٹھ پیش کوٚرمُت۔ یِم مکالمہ چھ بابا نصیب الدین غازی یَن پننِس نورنامس منز درج کری متی۔ مثلن :

سدرِ موج :

نند گوپھہِ چھی گگر تہٕ بچھی
نُند سہہ تے شال موینےٚ
نندہ دراہم ازتل وچھی
نند زووہ تے زچہٕ موکھنےٚ؟

نُند :

موج، گوپھہ لو وہندے لرے
جندس یہ وہندے پانٛٹ کاے
گگرن یہ رازہٕ شوگن گندے
سار ژُمرہ یہ وہندے گرٛاے

گمرِ ترٛاونہٕ پیٚتہٕ کیٚہ کال گرٛژھتھ موییس دوٚ نوٚے منزٕ۔ (تہنٛز قبر چھےٚ کیمو ہ سالار دین، سدرہ ماجہ ے دیندٕ ہنزن قبرن نکھ موجوٗد۔)

نندٕ رٕوُد بہن وٚرِین گوٚ پھرٕ ٹھ ، ووٚ پل ہاکس تہٕ ہنٛد پیٹھٕ گذارٕ کران ۔ بہہ وُہرِی بیلہٕ گوٚ چھ منز درا وسہٕ اوس اکھ نوٚو وجوٗد ہیتھ آمُت ۔ تمہِ اٚس پننہٕ باپتھ حق ژھارنٕچ تہٕ پراوٕنٕچ دٕتھ لسمٕ پتٕھ پننٕن حساوٚی توٚوتن پیٹھ فتح لٔبتھ ، یتھ دنیاہس منز پرزس پرٛنس منز ۔ مدد کرٕنٕ تہٕ دوٚ کہ ہتین ، مسکینن تہٕ دکہٕ لدن کُنہٕ نہٕ کُنہٕ رٔنگی راحت واتناوُن ۔ اَتھ مقصدس منز کامیاب گژھنہٕ باپتھ کوٚر تمہٕ محسوس زٕ انسان گژھہٕ لوہ لنگرٕچ ماے ترٛاوِتھ ، پننہٕ تنہٕ ہنٛدِ سوکھ مُشرِتھ ، عذاب برداش کرِتھ علہٕ منز آدُر روزُن ۔ سادگی تہٕ شوٚد من آسُن چھ گوڈنیُک شرط ۔ یہ وٚتھ آس روایتی مذہبی کٹر پسندی خلاف اکھ خاموش بغاوت تکیازٕ اَتہٕ چھُنہٕ مذہبُک کانہہ بٔن تہٕ ساری چھ برابر ۔ یہ وٚتھ آس رێشٕتٕچ وٚتھ یمہٕ دٔتہٕ پکِتھ وارِیاہو بزرگو بڑٕھ تھوٚد مرتبہ پرووُمُت اوس ۔ رێشو آسہِ نفسس پیٹھ قابوٗ لبنہٕ باپتھ وارِیاہ جسمٲنی اذاتلان تہٕ زاٚنتھ کرِتھ پرس تن دِتھ برداشتُک طاقت کامہِ لاگان ۔ زندگیہ ہنٛدِس اَتھ طرزس چھ 'زندے مرُن' تہٕ ونان تہٕ اَتھ چھ جبس دم کِس تصورس سٕتی وارِیاہ ہِشر ۔ چنانچہ حدیث شریفہٕ مطابق چھِے مرنہٕ کہ خوفہٕ نشہٕ موکجار لبنٕچ وٚتھ یہے زِ 'موتو اقبل ان تموتوا' یعنی اَسہ پزِ مرنہٕ برٛونٹھے مرُن ۔ اَتھ تصورس چھُ صوفی اصطلاحن منز 'سبزٕ موت'، تہٕ ناو دِنہٕ آمُت ۔ یہ تصور اوس بود بکشوٚن منز تہٕ مقبوٗل تہٕ ہیندی سادن منز تہٕ ۔ نند رێش کرٕ پرانین رێشن ہنز وٚتھ اختیار کرتِھ آوٚن رسالتس پیٹھ تہٕ یقین تہٕ یتھ پاٹھی بنیوو اسلٲمی رێشتیُک بٲنی کار ۔ لوکوٚ وٚنُس پرٛتھ کُنہٕ شیخ العالمؒ ۔

ژالُن چھُے وزملہٕ تہٕ ترٛٹھ
ژالُن چھُے مند نٔین گٹہ کار
ژالُن چھُے پان کڈُن گرٛٹو
ژالُن چھُے کھیوٚن وٚیہہ تہٕ گار

ژالُن چھُے پرتبُس کرنہٕ الٗو

ژالُن چھُے منز اتھس ہیوٚن نار

شیخ العالمؒ دیُت مذہبی رواداری ہُند پأغام۔ تٕہ اوس کأشرین پیٹھ پدن وأنس ظلمس تہٕ جبرس خلاف تہٕ اوکنِزاوس یرٕھان زِ کأشرس قومس گوژھنہٕ مذہبہ کِس ناوس پیٹھ پھاس پیوٚن :

أکِس مأجہِ ہِندِ ہِن

تمن دِ ے تراوِتھ تہٕ کیاے

مُسلمانن کیو ہیٚندِ ہِن

کرٕ بنٛدن توشہِ خُداے

بیٛپاری اوس جأگیرداری نظامُک استحصال طبس پیٹھ تہٕ عوامس منز اُمس انتشار پأدٕ کرنہٕ باپتھ کوشش پیوان کرنہٕ۔ بیٚیہ پاسہ اُسی تم تہٕ لوٗٹس منز شریک یہنز اصل کأم لوکن برژ دِتھ ہاوٕنی اُس۔ یعنی ملہ بپیر تہٕ عالم۔ شیخ العالمؒ کٔرِ تم بے نقاب :

دوہ پھہ بتہٕ اُنِ دوٕ کھیتے وولو کھرے

دوہ پھہ بتہٕ بچھرے گہ گہ چانگ

دوہ پھہ بتہٕ کھیٚیاو ملہ سِنز کوکرے

تمِہ تہٕ مالہ پٔرِ ے شوٚنگی تھے بانگ

---

ہبرے شوٗ بلی اندرٕ ی شوٗمی

مُبرن کھسان کٔرِ ی کرٔی کار

ملہ ہے ڈٕپی زٕ تہٕ مولوی رومیؒ

نہٕ ملہ ڈیشتھ استغفار

ملن ہنگہ پھٹ کیاہ شبالی
پکان اُلِتھ ڈلِتھ کبتھ
کھورن کونش تہ کاسم نالی
کرِتھ تلُ تزرکہ ٹھلو ہتھ

یِتھی ہوی باغیانہ شُرکی ونتھ گے صاحبِ اقتدار لُکھ شیخ العالمؒ زبردس ناراض تہ تِمو سُند زہد وتق
پھٹراونہ باپتھ کرکھ وارِیاہ کوششہ۔ یاوَن مرنا وچ اکھ سوندرکوٗر آیہ تمس نِش سوزنہ مگر تمہ سُندِس ایمانس
آیہ نہ زانہہ تہ گراے۔ بیلہ یِم تِھ سارِے کوششہ ناکام سپز، سُہ آو نظربند کرنہ۔ یہ اوس سلطان علی شاہس
دور (۱۴۱۶۔ ۱۴۲۲ء) جون راج چھ یُنہ راج ترنگینہ منز۔ امہ واقعک ذکر یتھ پاٹھو کران:

मौलवी नूरद्दीन नामानं यवनानां परं गुरुम ।
वेदद्रष्ट्या च्छद्म मानः स क्रोधीत तम बन्धयत् ।। (673)

(ترجمہ: مسلمانن ہُند سارِوے کھوتہ بوڈ گور اوس ملا نورالدین۔ سُہ آو باغی زانتھ نظربند کرنہ۔)

یہ اوس شیخ العالمؒ سُند بلند مرتبہ تہ لوکن منز تمہ سُند احترام زِ حضرت میر محمد ہمدانیؒ
ہیو بزرگ آو تمس سمکھنہ۔ دپان یہ ملاقات سپُد ۸۱۴ھ (= ۱۴۱۱ء) منز ژارِ شریفہ تہ اتی دیتکھ خطاب شاہ
شیخ العالمؒ اوس حضرت سید سمنانیؒ صابس تِہ وقت ہوتھ تہ تمس ستۍ اوس اہم مذہبی معاملن پیٹھ
بحث کران۔

شیخ العالمؒ پھیور ساری سے کشیر۔ سُہ چھُنہ کانہہ تہ علاقہ بیِتہ نہ تمی پننہ پدی چھہ تراوِی متۍ۔
ژہ واپاری چھ کشیرِ منز تمہ سُندی یادگار تہ تمی سُندین ژاٹھن ہنز زیارژہ۔ مثلن بابا نصرالدین (ژارِ شریف)
بابا بامالدین (بُمہ زوٗ)، شیخ زین الدین (عیش مقام) نارالدین (وترہیل) شامہ بی بی (پوتسکر)
بہت بی بی (زوٗس) سنگ گتے (دریہ گام) شنگہ بی بی (ژارِ شریف) بیتر۔ کینژن گامن منز چھ

تمہ زیادٕ کالس قیام کورمُت۔ کیموہ گوہ پھبلہٕ پیپٹھ نیرتھ پھیور گامہٕ گامہٕ مگر گوڈنیک پڑاو اوس تِمس ژٕمرگامس منز۔ اَتہٕ اکھ وری ٹھہرِتھ دراو کمرازٕ کس دورس پیٹھ۔ تورٕ پھیرتھ ووت سرینگر یِیتہٕ موکھیتہٕ پوکھرٕ (دیٖژزناگ) اَتھ اُکس ؤری یس قیام کورٕ۔ اُتھ جایہِ چھےٚ تِمس بٕژمراوہٕ ناپتھ یاوَن مژنہٕ (ریشونگٕر یا لوُبی) ناوچ زِتھ تِمہٕ ہنٛدِس خلوت گاہس منز سوزنہٕ آمُت۔ موکھیتہٕ پوکھرٕ پیپٹھ نیرتھ ووت شیخ صابؒ سیچہ پور (ہونچھ پور) یِیتہٕ تِمہ نِتن ؤری ین روٗد۔ اُتی سمکھےیٖ نہٕ ژارٕٹہٕ کورٕ یٖہندِ ناو بہت دید تہٕ ڈٕہت دید اوس۔ یِیتہٕ ووت ہاون گام تہٕ تیٖتہ پیپٹھ دریہ گوم یِیتہٕ تِمہٕ بہن ؤری ین قرار کورٕ۔ اَتہٕ پیپٹھ گو وروہ بہ وَن یُس تِمہٕ ہنٛدین جدن ہنٛد گام اوس۔ اُتی گُذٲرٕ تِمہٕ یِیتہٕ وآنسہ ہنٛدِ پٔتِم سَتھ ؤری۔ شیخ صابؒ گو ورہکاے وڈر پیپٹھ بر جہٕ شُہلس تل رحمت حق۔ اَتہٕ پیپٹھ آے تِمہٕ ہنٛز میت ژرارِ شریف نِتھ دفن کرنہٕ۔ جنازس منز اُسی کشیرِ ہنٛدی بے شمار لُکھ تہٕ دپان تِمہٕ وقتکی ولی عہد شاہی خانن (زین العابدین) تہٕ کٔر شرکت یُس ۱۴۲۰ اوس منز تختس بیوٚٹھ۔

بہرِ تکفین و غسلِ شیخ آندم
ناگہاں در رسید سلطاں ہم
از پےٕ غسل خود نمود قیام
در نمازِ جنازہ گشت امامؒ

یہ واقع چھُ ہاوان زِ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس اُمس عظیم شاعرس چھُ راز دربارس منز تہِ سٹھاہ احترام اوسمُت۔ وفات سپدنہٕ پتہٕ تہٕ روٗد تَس پرتھ دورس منز سرکأری احترام حاصل۔ تِمہٕ ہنٛدِس ناوس پیپٹھ چھُ پٹھان دورس منز ضرب تہِ لوان ترادنہٕ۔ یِیلہٕ زن عطا محمد خان ۱۸۰۹ ہس منز "شیخ العالم" نہٕ ناوٕ سکہٕ رأنج چھُ کران یتھ پیپٹھ یہ عبارت درج چھےٚ؛

ملن ہنگہ پھٹہ کیاہ شبائی

پکان اُلِتھ وٗلِتھ کبتھ

کھورن کونش تہ کٲسم نالی

کرِژہ تُلی ترٕکہ ٹھُلو ہیتھ

یِتھی ہِوی بٲغیانہ شُرکی وٗنتھ گےٚ صاحبِ اقتدار لکھ یِشیخ العالمسؒ زبردس ناراض تہ تِمو سُند زہد وتقویٰ پھٹراونہٕ باپتھ کرِکھ وارِیاہ کوٗشِشہٕ ۔ یاوَن مٔرٛناوِچ اکھ سوندر کوٗر آیہ تِمَس نِش سوزنہٕ مگر تِمو سُندِس ایمانَس آے نہٕ زانہہ تہ گراے ۔ ییٚلہِ یِمَو سارِنیے کوٗشِشہ ناکام سپٕز ، سہ آو نظر بند کرنہٕ ۔ یہ اوس سلطان علی شاہُن دور ( ۱۴۱۳ء ۔ ۱۴۲۲ء ) جون راج چھ پننہِ راج ترنگینہ منز اَمہِ واقعُچ ذکر یِتھ پاٹھٕ کران :

मौलवी नुरदीन नामानं यवनानां परं गुरुम ।

वेदाध्या च्छेद्कं मानःस द्रोहीति तय बन्धयत ॥ (673)

( ترجمہ : مسلمانن ہُند سارِوے کھوتہ بوٚڈ گور اوس ملا نورالدین ۔ سہ آو بٲغی زانِتھ نظر بند کرنہٕ ۔ )

یہ اوس یِشیخ العالمؒ سُند بلند مرتبہ تہ لوٗکن منز تِمو سُند احترام زِ حضرت میر محمد ہمدانیؒ ہیٚو بزرگ آو تِمَس سمکھنہٕ ۔ دپان یہ ملاقات سپُد ۸۱۴ھ ( = ۱۴۱۱ء ) منز ژرارِ شریفہ تہ اتی دِتِنس خطاب ثانی یِشیخ العالمسؒ اوس حضرت سید سمنانیؒ صابس ستِہ ووٗتھُن بہُن تہ تِمَس ستِہ اوس اہم مذہبی معاملن پیٹھ بحث کران ۔

یِشیخ العالمؒ پھیوٗر سارِسے کٔشیرِ ۔ سہ چھُنہٕ کانہہ تہ علاقہ ییٚتہٕ نہ تِمو پننہِ پٔدی چھ ترٲوِ متِ ۔ ژہ واپارِ چھ کٔشیرِ منز تِمو سٕندی یادگار تہ تِمو سٕندین ژاٹھن ہٕنز زیارژہ ۔ مثلن بابا نصرالدین ( ژرارِ شریف ) بابا بام الدین ( بُمہ زو ) ، یِشیخ زین الدین ( عیش مقام ) نارالدین ( وترہیل ) شامہ بی بی ( لوٗتسکر ) بہت بی بی ( زولس ) سنگی گتے ( دریہ گام ) شنگہ بی بی ( ژرارِ شریف ) بیترِ ۔ کینژن گامن منز چھُ

تمہٕ زیادہ کالس قیام کوٚرمُت ۔ کیموہ گوٚ پھ بلہٕ پیٹھ نیرتھ پھیوٚر گامہٕ گامہٕ مگر گوٚ ڈنیک پرٛاو اوسُس زٕمہٕ گامس منٛز ۔ اَتہٕ اکھ وری ٹھٔہرتھ دراو کمٕزاز کس دورس پیٹھ ۔ توٚرپھیرتھ دوت سرینگر ییٚتہٕ موکھتہٕ پوٚکھرٕ (ڈرٛزانگ) تمی اَکس وٚری لیس قیام کوٚر ۔ اَتھی جایہ چھے تمٕس بڑٕ مراد بہٕ باپتھ یاون مرٛشہٕ (ریشونگہٕ یا لوٗبی) ناوٕچ زیتھ تمی ہنٛدس خلوت گاہس منٛز سوز پہٕ آمژ ۔ موکھتہٕ پوکھرٕ پیٹھ نیرتھ دوت ریشِ صابٕ سچہ پور (ہونچھ پوٚر) ییٚتہٕ سُہ ٚنتن وٚرین روٗد ۔ اَتی سمکھےلیس پزٕ زاٛڑہٕ کوٚریہٕ ہنٛد ناو بہت دید پہٕ ذٕہت دیداوس ۔ پتہٕ دوت ہاون گام تہٕ تتہٕ پیٹھ دریہ گوم ییٚتہٕ تمی بہن وٚرین قرار کوٚر ۔ اَتہٕ پیٹھ گوو رہبہٕ وٚن لیس تمی ہنٛدین جدن ہنٛد گام اوس ۔ اَتی گذٲرِ تمی پَتہٕ وٲنسہٕ ہنٛدی تیم سنہٕ وٚری ۔ ریشِ صابٕ گوو رہکاے وڈٕرپیٹھ بڑٕ مجہٕ سہلس تل رحمت حق ۔ اَتہٕ پیٹھ آے تمی ہنٛز میت ژرار شریف نیتھ دفن کرنہٕ ۔ جنازس منٛز اَسی کشیر ہنٛدی بے شمار لکھ تہٕ دپان تمہٕ وقتکی ولی عہد شاہی خانن (زین العابدین) تہٕ کٔر شرکت لیُو ۱۴۴۰ اوس منٛز تخت بیوٚٹھ ۔

> بہر تکفین و غسل ریشِ آندم
> ناگہاں در رسید سلطاں ہم
> از پے، غسل خود نمود قیام
> در نمازِ جنازہ گشت امامؔ

یہ واقع چھُ ہاوان زِ کاشُر زبانی ہنٛدِس اُمس عظیم شاعرس چھُ راز دربارس منٛز تہٕ سیٹھاہ احترام اوسمُت ۔ وفات سپدنہٕ پتہٕ تہٕ روٗد تس پرتھ دورس منٛز سرکاری احترام حاصل ۔ تمی ہنٛدِس ناوس پیٹھ چھُ پٹھان دورس منٛز ضرب تہٕ لوان تراونہٕ ییلہٕ زن عطا محمد خان ۱۸۰۹ ءیس منٛز شیخ العالمؒ نہٕ ناوِ سکہٕ رٲئج چھُ کران یتھ پیٹھ یہ عبارت درج چھے ؛

سکہ شد روشن زِ شاہ نورالدینؒ

رایج از مخدوم قطب العارفینؒ

شیخ العالمُنس رحمت حق پیدنس پیٹھ چھِ واریاہ مادہ تاریخ وَنِنہٕ آمتی تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ پردن چھُ بابا نصرالدینؒ مانِنہٕ یوان :

دوٚپ نصری متے تاریخ واگ

نُندٕ زوٚبتہ گویا پایہ سراگ (۸۴۲ھ = ۱۴۳۸ء)

شیخ العالمٓ نِن باتن چھِ عام پاٹھی 'شُرُکۍ' وَنان تِکیازِ تِمَو سُند پربتھ کانہہ باتھ اوس فکرِ تہٕ وِیژارِ باپتھ اکھ مسلہ پیش کران۔ تِمَو چھِنے کینہہ تِیچھِ نظمہٕ تہٕ وَنہٕ مرثیَن منز گوٚنگل نامہٕ، منصور نامہٕ تِتھی متے وِردم دووٕ خاص کرِتھ قابلِ ذکر چھِنے۔

شیخہٕ شُرُکۍ چھِ اکِہ پاسہٕ وحدانیتکۍ زاوِجار پیش کران تہٕ بییہ پاسہٕ دوہدشیچہٕ زندگیہ ہندِن عام پہلوٗن ہنز باوتھ کران۔ یوٚدوَے شیخہٕ شُرکین منز للہ واکھن ہنز اجمالی کیفیت چھِنہٕ، مگر موضوعی نوٗرِ تہٕ بینسِ رنگی چھِ شیخہٕ شُرُکۍ واریاہ طرحدار۔ شیخہٕ شُرکین ہندِ فلسفُک مرکزی تصور چھُ وحدانیت یُس اکِہ پاسہٕ اَندی نِکھی وِیدِین چیزن منز ٹاکار چھُ :

خُدایے چھُ اکُے ناو چھس لچھا

ذکرِ روٗس اکھ کھچھا مو

ذٔرِ وِہندُن اکُے پچھا

رزقہٕ روٗس کانہہ مچھا مو

تہٕ بییہ پاسہٕ چھُ انسانہٕ بندِن پانٔنِس حسن تہٕ عقلہٕ ہندِن سرحدن الوَر :

کُنزے بوزکھ کُنہٕ نو روزکھ

اَمی کُنزِن دیُت کوتاہ جلاد

عقل تہٕ فکر تور کوٗت سوزکھ

کمہِ مالہِ چیتھ ہیوٚک شہٕ دریاو

کنہٕ زانٕنس تہٕ سرنس منٛز نے ہیکہِ انسان پننہِ انفرادی وجوٗدکہِ انتشارٕ نشہِ نجات لبتھ تہٕ زندگیہ ہُند پربھ کانہہ مسلہِ حل کرِتھ۔ تیلی ژٕلنس زوٗنکی اِرسہِ تہٕ مرنگ پھرٕ کھٕ۔ حضرت شیخ چھُ پرتھ رنگس تہٕ رٕھس پیٹہٕ کنہٕ موتچ تخریب کاری محسوٗس کران تہٕ اوے چھُ پھرٕ پھرٕ موتکی خوفناک تصویرٕ وٕ تلاوان۔ مگر اَمیُک منطقی نتیجہ چھنہٕ زندگیہ نشہِ فرار بلکہ کرِ پھِرٕ تہٕ عذاب ژٕالتھ پرتھ ساعتہٕ نیک عملہِ منٛز آوُر روزنُک ضروٗرت۔

شیخ شرکین ہندی تشبیہہ چھنہٕ للہ واکھن ہندی پأٹھی غارٕ معروٗف تہٕ اکایل چیزن ہُند تصور وٕ تلاوان بلکہ عام دوہ دِشہ کین اندی پکھی چیزن ہُند۔ شیخ العالمؒ چھُ کامہٕ گامہٕ پھیوٗرُمت تہٕ پانہٕ وُچھمتٕ تہٕ محسوٗس کرِدمتہٕ چیزٕ چھِن تشبیہن تہٕ استعارن منٛز ورتأوی متہٕ یم شارس منٛز بیتھ غارٕ معموٗلی اہمیت چھ پرٕاوان۔ ییٚتھٕ پأٹھی چھِ تمی بندی تشبیہہ دیہاتی زندگیہ تہٕ خاصکرِتھ لاگنیہ تہٕ کامہٕ کارس ستہٕ داٛتھ تھاوان۔ ریاکارن تہٕ مکارن پیٹھ طنٛزی شرٛکی اوٚک یابہٕ ترأوِتھ چھِنہٕ تمی بندہن سارنے شرکین منٛز طنٛز چ تہٕ اِیرٕنی ہنز زیرٕ پٕ لہر۔ وارٕیہن شرکین منٛز چھُ تمثیلی رنگ تہٕ میلان۔

خانٕ ہندہن یمن روبہ خانٕ
جانٕ دِیاں اپأری گرٕتھ
سوندرٕ وُچھکھ ہُری وکھناوان
ژم وٕ ہستہن ڈٕوان لرٕتھ
تتھی مالہِ ڈیٚنھم کیس بوٗوان
نصرٕ سے وچھٕ ژٕ ڈچھنہٕ گرٕتھ

لل دیدہ تہٕ شیخ العالمؒ چھ ژوٗدٕ ہمہٕ صدیہ بندی نٕرے ویدی عوأمی شاعر۔ مگر یہ کتھ چھنہٕ یقینی

زِتمن اُندی ٚکھٕ آسہن بێیہ ہ واریاہ شاعریم تہندی واکھ تہٕ شُرکی بوزِتھ شعر وَنان آسہن۔ چنانچہِ شیخ العالمؒ ہنز اکھ ژاٹہ کوٗر شامہ بی بی چھےٚ تمہٕ مرثیہ کرِنہٕ مشہور یوسہ تمہِ ہنٛنس وٕستادٕ ہندِس رحمت حق پدٕ تس پیٹھ وٕنہٕ مٕژ چھےٚ۔ اُمکی کینہہ باتھ چھہِ یم:-

نندہ سنز گو سورگس ماتو

اسہ سنز گو سورگس ماتو

نند سنز کٕ سنزی ریشہٕ بێیہ میلو پننے دلیشہٕ

دوٕ پہ دلیشہٕ بو گارتھ کاتو

نند سنز گو سورگس ماتو

پچون خرقہٕ، کھراو تہٕ عاصہ کُنہہ نہٕ کریا یُتھ بێیہ وآنسہ ساسہ

یُتھ بێیہ کس شوٗبان آسو

نند سنز گوو سورگس ماتو

ژاٹہ کورلو وٕدٕرے شامے وٕندبل وتھ آسم شامے

گارکھ پیپر شامے کاتو

نند سنز گو سورگس ماتو

مختلف تورنامن منز چھُ درج زِ شیخ العالمؒ سُند بیاکھ ژاٹھ بابا نصر الدین (نصر بوٚے) تہٕ چھُ شاعر اوسمُت یُس "پہلوان سخن" تہٕ چھُ دنہٕ آمُت۔ وَنہٕ چھُ یِوان زِ تمی سُند اصل ناو چھُ "اوٚنر" اوسمُت تہٕ اُکس ڈیگچہِ گرس منز اوس زامُت۔ تمی ژھُن سورُے مال دولت ترٲوِتھ تہٕ شیخ العالمسؒ پتہٕ ژٹِ وَتھ۔ دپان سہٕ اوس یچہِ منز شیخ العالمسؒ گامہ گوم پھرناوان یێلہِ زن سہٕ وآنسہِ یتھ ناتوان گومُت اوس۔ تمی چھُ شیخ العالمسؒ "علمدارِ کشمیر" لقب دیتمُت بابا نصر الدینؒ

سال وفات چھُ ۸۵۵ھ (=۱۴۵۱ء) تہٕ دفن چھُ پننس ووستادس لر۔

سال وصلش باز پرسیدم زعقل

عارف باللہ نصرالدین بگفت

کلام شیخس منز چھہِ کینہہ شُرکی شامل یم بابا نصرالدین حضرت شیخس در جواب وَنی متی چھہِ۔ مثال

نوٕے ترٕ تہٕ نوٕے زنگہ

نومن بہ منگہٕ تہٕ نوٕے دِن

نوٕے پیٚلہٕ تھکنم ہنگہٕ تہٕ منگہٕ

ادٕکس منگہٕ تہٕ منٕے کم دِن

یتھے پاٹھو چھہِ مختلف قلمی نسخن منز بمہ ساد تہٕ بابا زین الدین ہندی شُرکی تہٕ نظرِ گژھان یم شیخ العالمس ستی مکالمن ہندِس صورتس منز ہاوینہٕ چھہِ آمتی۔ (اگر زیاد امکان چھُ یہ زِ یم مکالمہٕ چھہِ تمہنے دوہن ہٕنیہ کانہہ شاعرن وَنی متی تہٕ مقصد چھُکھ اوسمُت شیخ العالمن روحانی کمال ہاوُن۔) مثلاً

اگن گگن برزماوی | کرشو دوہ چھہِ وار آسن
کرشوٕ عالم باوی | کرشو نبس تار آسن (بمہ ساد)

لل دید، شیخ العالمؒ تہٕ تمہٕ ہٕندٕ بن ژاٹھن ہند یہ دور اوس ہر حالہٕ اکھ انقلابی دور تہٕ خیالن، تصوراتن، پرژھن تہٕ قدرن ہند ردوقبولک دور۔ لہٰذا واکھ تہٕ شیخہ شُرکی یوٚدوے ییٚدٕ سیوٚد پاٹھی عصری حالاتن ہنز عکاسی چھہِ کران مگر یم پرتھ چھُ ژھوٚداہمہٕ تہٕ پنہٕ آہمہٕ ضدہٕ یہ ہند اکھ روشن تصویر بروٚنٹھ کُن پاوان۔

## سلطان زین العابدین بڈشاہ

امہٕ دورک سارؠوے کھوتہٕ زُت حصہٕ چھُ شاہی خان یا سلطان زین العابدین سُند

لوان مانہٕ یِس لُکھ مایہ سان بڈشاہ آسی وَنان۔ سُہ بیوٗٹھ ۱۴۱۹ء منز تختس پٮ۪ٹھ۔ تمہِ ستۍ گوو ظُلمُک، جبرُک، افراتفری تہٕ فرقہ پرستیہ ہُند دور ختم۔ جزیہ کورُن ختم تہٕ بڈٮ۪ن مسلمان لاگِن نٔو دپہک اُنتھ تعمیری کامَن کُن۔ نیبر پٮ۪ٹھہٕ اَنِن ماہر تہٕ دستکار تہٕ کٲشرِ ن دیٲون مختلف صنعتَن تہٕ حرفتَن ہنز تربیت۔ کدل تہٕ نہر بناوناوِن تہٕ سوکھک تہٕ سوکالُک ماحول کورُن پٲدٕ۔ اَمیُک نتیجہ دراو زِ علم تہٕ ادب تہٕ لوگ پھانپھلنہٕ۔ تمہِ دِژ شاعرن، مورخن تہٕ عالِمَن بٔنِس دربارس منز تھٔز جاے تہٕ الہامی کتابو علاوٕ کرناوِن واریاہ علمی کتابہٕ اکہِ زبٲنی پٮ۪ٹھہٕ بٔیِس زبٲنی منز ترجمہٕ۔ بڈشاہ اوس پانہٕ تہٕ شاعر۔ مشہور قصیدٕ "اَقِلتَ یَارِیحَ الصَّبَا یَوماً اِلیٰ اَرضِ الحَرَم" یتھ عام پٲٹھۍ امام زین العابدین سُند قصیدٕ چھِ وَنان، چھُ اکِہ اندازٕ بڈشاہ سُندٕے۔ اَکِس قلمی نسخس منز چھُ صاف ہاوتھ زِ یہ قصیدٕ چھُ عربی، فارسی، ترکی تہٕ کٲشرِ زبٲنی منز لیکھنہٕ آمُت۔ اَتھ منز چھُ کٲشر شعر اکھ یہ:

زٲوِیُل کمر، آدِیُل بدن، شوقس چمن، ذوقس چھُ پَن

یادُک سبز، رادُک تھز، عرشس چھُ تھم، فرشس چھُ کَن

دِپان بڈشاہ اوس فارسیس منز صاحبِ دیوان تہٕ قطب مسکین اوسُس تخلص۔ سُہ اوس علمس تہٕ ادبس ستۍ ستۍ موسیقی، مصوری تہٕ ڈرامہٕ تہٕ شوق تھاوان تہٕ تمہِ ہنزِ سرپرستیہ ستۍ چھےٚ یمو فنو سیٹھاہ ترقی کٔرمٕژ۔ مختلف تاریخی حوالو ستۍ چھُ نَنان زِ تمہِ سندِس دورس منز چھےٚ کٲشرِ زبٲنی تہٕ درباری سرپرستی میچمٕژ۔ سُندِ رَیتِشنٕ جنازس منز تمہِ سُند شٲمل سپدُن چھُ اکھ ثبوت زِ تمس چھُ کٲشرِ ن شاعرن ہُند احترام اوسمُت۔ دو ییاُہن وریَن بادشاہی کٔرتھ گوو بڈشاہ ۱۴۷۰ء منز رحمت حق۔

**اوتار بٹ:-** اوتار بٹنۍ "بانا سُر وَدِ کتھا" چھےٚ اَکہ دورچ گٔنی کٲشر کتاب۔ لوٗبہ دستیاب۔ چھےٚ۔ اوتار بٹ اوس دربارس منز اہم عالم تہٕ شاعر مانہٕ یِوان۔ "بانا سُر ودکتھا" چھےٚ تمہِ ۱۴۴۶ء منز تصنیف کٔرمٕژ۔ پانے چھُ لیکھان:

زین نپانے وٮ٘لے راجیے شدٕ ونٕتے ورشے کتگے

دوٕسر سوت پوزیت آجیے ہر ونشس اندر وتھے

اُمیک مطلب چھُ زٕ زین العابدین اوس کٔشیرِ ہند راز تہٕ تٔمِس آسِ گٔمتہٕ شتوہ وٕری تختس بیٹھی مٕتس

ییلہٕ اوتار بٹن پنٕنۍ نظم ڈٕنۍ۔

اَتھ نظمہِ منز چھِ اوتار بٹن پھِرِی پھِرِی بڈشاہس گون گیوٕی متہٕ تہٕ تمۍ ہنٛدِس انصافس تہٕ عوام پرورِیہ

چھِن سیٹھاہ تعریف کٔرِی متہٕ۔ بادشاہس نِش آفرین رٹنہٕ باپتھ چھےٚ شاعرن عوامی زبان ترٲوِتھ علمی زبان

رٹمٕژ یٚتھ پیٹھ پراکرت تہٕ اُپبھرنشُک رنگ ٹاکارٕ چھُ۔ شاعر ہنزِ پننہِ زندگیہِ متعلق چھِنہٕ اَمہٕ کینٛہہ تہٕ پے۔

صرف چھےٚ نظمہِ ہنزِ یہِ ہتم سطرِ تمۍ سٕندٕ نیب دِوان۔

"اَتہٕ لارَے سٕرٕ گال پُرییہ بھٹاوتار ورچنا باناسر کتھا سماپتا"

(ترجمہ: لارکہِ سٕرٕ گال پورکِس اوتار بٹنۍ ڈٕنۍ ہٕز باناسر کتھا وآرٕ اند۔)

تہٕ زن گوو اوتار بٹ چھُ لار پرگنہٕ کہِ شالہ پوریک روزن وول اوسمُت۔ کینٛہہ مورخ چھِ یوٕدبٹ تہٕ اوتار بٹ

کُنے شاعر زانان۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ یوٕدبٹ اوس بیاکھ شخص یٚمی ڈرامہٕ چہِ شکلہِ منز بڈشاہ سٕندٕ حال پیش

کورمُت چھُ تہٕ اَتھ ڈرامہس اوس ناو "زاینہ پرکاش"۔ شری ورن چھےٚ اَمہٕ ڈرامہٕ چ ذکر کٔرمٕژ مگر وٕنۍ چھُ

یہِ نایاب۔

اوتار بٹنۍ طویل نظم چھےٚ بقول شاعر "کاویہ پبند" صنفہِ منز۔ وٕنۍ آمٕژ تہٕ اَتھ منز چھُ رزمی تہٕ

بزمی شاعرِیہ ہٕند میٚل۔ اَمِچ بنیادی کتھ چھےٚ مہابھارت کہِ ہرونش پراچ سوکتھ یٚتھ منز باناسُرنہٕ کورِ

اوشایہ تہٕ کرشن جی نِس نیچوِی ہنٛدِس نیچوِی انٛرُدن عشق بادٕ نہٕ چھُ آمُت۔ مگر شاعرن چھُ نظمہِ ہنٛدِس زیادٕ

حصس منز باناسُر تہٕ کرشن جیٚن جنگ ہووُمت۔ جنگُک منظر نظماوِنس منز چھِ اوتار بٹن تم ساری

اسلوٗبی وول ورتاوِی متہٕ یِم سنسکرت شاعرِیہ منز عام آسی۔ کردار پیش کرنس منز تہٕ چھُ روایژ لوررُودمُت

تہٕ روایتی تشبیہن ہُنٛد کام ہیٚتھ مژ:

بان دُہتِ سا اُش در سندر
رُوپ ژٔڈو سکلِ زگہٕ اندر
دیشاکھ بھاشوٗ شینہٕ نژ مندر
کوٗمدُ زن کاشو

(ترجمہ:۔ بسترس پیٹھ ڈایھ تراوِتھ چھےٚ اُشا یِہے زنتہٕ وَہرِ کچہِ زوٗنہ ہُند گاہ ہیوٗ پرزلان۔)

لت زن چھاوون پکے پُش بھر
گو ادا نُبھ نیریت کشتنے اکے

(ترجمہ: سُہ یعنی اَزُرد گو تمِ سُند یعنی اُشا یہٕ ہنز تن تِتھےٚ کنٛز چھاوِتھ یِتھ پاٹھۍ پوشہٕ نوٗل پوشہٕ تھر چھاوِتھ بنہٕ ہیٚٹھ وُچھ تلتھ ژلان چھُ۔)

"بانا سُر کتھا" چھےٚ وارِہٕن بحرن منز وَنہٕ آمژ تہٕ پرِتھ کانہہ بحر چھےٚ جذبہٕ مطابق۔ ازیک پرٛن وول یوٚدوَے اَمِچ زبان سمجھتھ چھُنہٕ ہیکان مگر تو تہٕ چھُ اَمِچ موٗسیقی ژٕھنتھ ہیکان تہٕ اَمِکِس نغماتی آہنگس داد ہیکان دِتھ۔

شری ور اوس بڈشاہ نہٕ دورُک اکھ نمایندٕ مورخ۔ سُہ چھُ پاپہٕ تہٕ سنسکرتس منز شعر ونان اوسمُت۔ تمِ سُندِ بیان پرٛتھ چھُ باسان زِ تمۍ ما آسہے پنٕنۍ نظم "وشست برٛہم درشن" کاشرس منز لیچھمٕژ:۔

راز بوزنو مےٚ والمیکینی "وشسٹ برٛہم درشن"

یتھ منز بیانچ وَتھ ہاوِنہٕ چھےٚ آمژ۔ ییلہِ مےٚ اَمِچ ورٛتھنۍ تہٕ اَتھ بوزنو، سُہ گوو زنتہٕ رُوزِتھ۔ سُہ اوس اَکھ پتہٕ نیندرِ منز تہٕ یاد کران تِتھےٚ پاٹھۍ یتھ پاٹھۍ زن کانہہ عاشق پنٕنِس معشوقہٕ سنٛدی ناز یاد چھُ

کران ۔ یہ اوس تمۍ سُند یقین زِ انسان چھُ پننہٕ مادری زبانۍ منز ے زانکاری حاصل ہیکان کرِتھ نہ زِ بیٚیہ کنہٕ زبانۍ منز ۔ اوے کرنو تمۍ مختلف شاسترن ہند ترجمہ تِتھین شخصن اَتھہ یم سنسکرت ، علاقائی زبان تہٕ فارسی زانان آسی ۔ یاوَن ، تام ہیکن کیمیات ، جراثیمیات تہٕ کلپا ہوی مضمون سمجھتھ اگر پننہٕ مادری زبانۍ منز مطالعہ کران آسن ۔

پنڈت ہمہ صدی ہنز بیا کھ شعر تخلیق چھےٚ " دوکھ سوکھ مہہ مایا زال ژر یتھ " یوسہ موجود چھےٚ ۔ یہ طویل نظم چھےٚ گنگ پژشت ناوکۍ اکۍ شاعرن سلطان حسن شاہنس زمانس ( ۸۴ - ۱۴۷۲ ) منز لیٚچھمٕژ ۔ اَتھ نظمہِ چھِ ژور حصہ تہٕ اییک موضوع چھ دنیاہس منز انسانن سُند حال ۔ شاعر چھ انسانس دُنیا زم زاننک تہٕ اَمہِ کِس مہہ وِنس مایا زالس ژٹنک تلقین کران ۔ جوتش ، یوگ ، حکمت تہٕ شاسترن متعلق بحث کرِتھ چھُ شاعر باس دِوان زِ سُہ چھُ عالم اوسمُت ییٚمہ کِنۍ تس حسن شاہنس دربارس منز تھوٚد مرتبہ اوس ۔ اَمہِ نظمہِ ہنز زبان تہٕ چھےٚ اَز کِس پرن والۍ ہندِ خاطرٕ ناقابلِ فہم ۔

سہ کت کتھا ین بھجیت کھین کھین اندے دِن یلو لنے
اتہ ولویش پشیت دِن دِن کھیو چنہ بنا گلوانے
نرپت حسن شاہ جیہ یو نو و یہ جن پدرکشہ کھیہ

( ترجمہ : ییٚمہِ منز شہرت بوٗزِتھ یندرازس تہٕ لرزاژان چھُ تہٕ ژندر تہٕ چھُ دوہہ گلان ۔ تس حسن شاہس آسن جے جے کار ، ییٚمہ لوکچہِ وانہ منز ے ٹکن راچھ کرٕ ۔ )

**مرثیہ** کاشُر شاعرییہ ہندِ اَمہِ گوڈٕ کالچ زان روزِ تو تام اَڈے اگر نہ تمن کاشرین مرثین ہنز ذکر کرو ییٚمہ اتھ دورس منز حضرت امام حسینؑ ہندِس شہید گژھنس پیٹھ ونہٕ چھےٚ آمژٕ ۔ ژترا دونہٕ آمژن مرثین ہندی نمونہؔ وُچھتھ چھُ باسان زِ یم مرثیہ آسہ نہ کنہٕ گنڈِتھ شعر صنفہِ منز ونہٕ یوان بلکہ ماتمی لیٚہہِ منز یتھ " وان " ہیکو وٕنِتھ ۔ اَتھ چھُنہٕ فارمہ ہنز زیادہ بندش ۔ میر سید حسن ناوکِس شاعر ہنز

یہ مثنوی چھنے مثالہٕ پاٹھی پیش۔ سُہ چھُ ۱۲۸۱ھ (= ۱۸۶۴ء) منز رحمت حق گومُت :۔

دِون ہار چھکھ میون ژٕ گیہہ بار چھکھ
کیول شوبان ژٕے چھُکھ بس تے

اوٚرژھ پوٚن کیاہ کرٕ تعریف　　چانِس پاکھن کنہ واتہٕ لطیف
سارنے پاپن نوارِ تَس تے

پانٕژن وقتن ییٚمی کرٕ آہی　　دِپہٕ میانہٕ اَتھ ماسوٕ زاہ آلی
یوٚ بنہٕ ہَم کینہہ تَتھ بازارس تے

تہنٕزے ماے چھُم بڈ رہکاے　　نٕزِ اندر ییٚمی لوٚب بوٚڈ پاے
بوٚزُن نہ ماٗل زاہ سوکھ سادس تے

آرتھ گرٕژھِ ہے بنا جاتس　　شاہ نے بنٕزرِ ہے زوٗ پاکذاتس
تی تھیوٚک ذاتن ملکوٗتس تے

کاٗرٕ نوٚمرِ تھ روٗد ویگیس ڈیشِتھ　　ژاٗریلہٕ بوٚندوٚن کرشمر ڈیشِتھ
لاٗرِتھ گاٗمژ زلو تالس تے

مینٕدِس دارد آسُن گوٚژھُم　　غمہٕ سِتی ژندرٕ کی پاٗٹھی یہ موٚژُم
ڈیوٚل گنڈ کرتَس روہ پہٕ دستس تے

بیٚیس اَکِس نامعلوٗم شاعرٕ سندِ مرثیُک یہ اقتباس چھُ قدیم کاٗشرِ مرثیُک اسلوٗب نٕزِ پاٗٹھی ہاوان :

دوٗلے ییٚنی انوارِ انوار وَدَو ناٗسی باین
گژھو ننہ وارِ ییٚتی مہٕ پیارٕ کربلا نِشہٕ باین

دلو کھ وٕتہٕ پیٹھ روٗدی وٕنینہٕ وُزی توٚ

گرٕ پتنٕے گرٛھو مالینو

کُنی بینہٕ پان مارٕ وٕتہٕ پیٹھ جان دِوان وچھے باین

ڈیشکھ نہٕ کفن نہٕ سران دِواں مسافرن باین

دیکھ ڈٔنی توم نفس نیران ہوٚندکیٚ ڈٕٹی دو

اُچھ کُمُ ترٛوٚپرٕ لو مالینو

مرٛشیح یہ ریوارت روٗز برابر ژُک دورس تامٕ نکہٕ لیٚیہٕ نکھ روٗزتھ برونٹھ پکان پتہٕ ژُک دورس لنز روٚڈن پوٚرٕ جہار ۔

# دورِ آشوبُک ادب

(۱۴۷۴ء — ۱۵۵۰ء)

## پسِ منظر

بڈشاہ پُد ۱۴۷۴ئس رحمتِ حق تہٕ تٔمی سٟتی گو وکشیرِ ہُند سونہری دور تہِ ختم۔ تٔمی پتہٕ
نیچوی ادہم حاجی تہٕ بہرام آسی بدنٟچھے اکھ اٗکس ژھلس زاگان۔ بڈشاہ سٕنہ مرنہٕ پتہٕ بیوٗٹھ ادہم حاجی سلطان
حیدر شاہ ناوٕ رٔٹھ کشیرِ ہندِس تختس مگر صرف ژودہن رٕتن حکوٗمت کٔرتھ آو قتل کرنہٕ تہٕ تٔمی سُند
نیچو حسن خان (یعنی حسن شاہ) بنیوو بادشاہ۔ حسن شاہ موٗد تہٕ تٔمی سُند سُنہٕ وُہرِ شہزادٕ محمد شاہ آو تختس بیہناونہٕ۔
مگر دوییٕ وُہرِ پتہٕ ادہم خانٕنہِ نیچوی فتح شٲہن حکوٗمت اُتھ۔ فتح شاہ اوس مذہب پرس، حوصلہٕ مند
تہٕ سنجیدہ۔ ستن وٕرین حکوٗمت کٔرتھ پتہٕ محمد شٲہن حکوٗمت واپس۔ محمد شٲہس تہٕ فتح شٲہس روٗز
برابر ۱۵۲۸ء تام ٹھٔپہٕ ٹھٔم۔ اَتھ سیاسی لمہٕ لمہٕ دوران روٗدی رٔئیس، مولوی تہٕ وزیر مسلسل سازشہٕ
کران تہٕ ہُپارِ یُہرلو کشیرِ پیٹھ مغلن ہُند دباو۔ اَمہٕ افراتفری ہُند نتیجہٕ دراو شہمیرِی حکوٗمت گے
منتشر تہٕ ژک خاندان لوٗگ طاقت ہینٕنہِ اتھن منز ینہٕ۔ مغلو کوٗر بابرٕ سٕندِس دورس منز گوڈنیک
حملہٕ ۱۵۲۷ءس منز مگر کاجی ژک نہٕ گاچہٕ جارِ تہٕ حوصلہٕ کِنہِ گے مغل ناکام۔ مگر کشیرِ پیٹھ ژٕلی متی کینہہ بارسوخ
نفر خاصکر بتھ ابدال ماگرے تہٕ ریگی ژکھ روٗدی مغلن سٟتی سازباز کران تہٕ ۱۵۲۸ءس منز کوٗر مغلو

یاکھ حملہٕ یِتھ منز تِم کامیاب گےٚ۔ کینژ س کالس روپوش روزنہٕ پتہٕ دراو کاج ژکھ بیٚیہ مغلن مِتھ تہٕ کرن کشیر زاونس پیٹھ مجبور۔ مگر کشیر آیہ پانژن حصن منز باگراونہٕ۔ یہ پارٕ سپد ۱۵۳۳ء منز مرزا حیدرٕ دغلتن زبردس حملہٕ۔ کشیرِ ہنز اقتصادی حالت گےٚ خراب تہٕ اُتھی ستۍ ووتھ دژاگ۔ کاشرو کورِ یتھ تِتھ بیٚیہ پننٕ طاقت یکجا تہٕ مرزا حیدر کوڑکھ نبر۔ ۱۵۴۱ء منز آو مرزا حیدرٕ مغلن ہُند فوج ہتھ تہٕ کرن کشیر فتح مگر شہمیری خاندانکۍ نٲزٕ نوزک یۭدا تھوون تختس پیٹھ۔ ۱۵۵۱ء منز سپد مرزا حیدر قتل تہٕ نوزک شاہ رُود ناو خاطرٕ کشیرِ ہُند سلطان۔ تمۍ لوٗژھ ژک سردارن ستۍ صلح کرن تہٕ دِتۍ تِمن بڑۍ بڑۍ جاگیر۔ مگر ژکو لوٗژھ نہٕ سُہ تہٕ تمۍ بند بدلہٕ آو ابراہیم شاہ سلطان بناونہٕ۔ ۹۶۱ھ (= ۱۵۵۳ء) منز کوٚر ژکو تختس پیٹھ قبضہٕ ییلہٕ شہمیری خاندانکس آخری وارث سلطان حبیب شاہ تہٕ کلہٕ پیٹھ تاج والنہٕ آو تہٕ غازی ژک بس کلس پیٹھ آو تھاونہٕ۔ اُتھی ستۍ گوو ژک دور شروٗع لیُس مغلن ہندِس بیہم خطرس تل صرف پنژتریُہن ؤرِ ین قایم رُود۔

**لکہٕ لےٚ** کاشر زبان تہٕ پنز بڈشاہ نہٕ مرنہٕ پتےٚ درباری سرپرستیہ نشہٕ محروم تہٕ کاشر شاعری تہٕ آسہے تھمہٕ ستۍ ژھوکِنۍ۔ ہیٚنز پرٔشتہٕ دہن ترٛہن ؤرِ ین منز آسہے

نمل پاٹھۍ ژھوکیمژ۔ یوتام بڈشاہس اندۍ کنۍ شاعر اوٚچھ دٕژمژ آسہے۔ کاشر شاعری آسہے بیٚیہ عام لُکہ باتن تام شروکیمژ تکیازِ وو نۍ اوس نہٕ عالمو تہٕ مبلغو منز کانہہ تہٕ خیالن تہٕ فلسفن کاشر زبٲنۍ ہندِ ذریعہ لوکن تام واتناوُن یژھان۔ شاعرو منز اوسہٕ کانہہ تہٕ فارسی، عربی تہٕ سنسکرت پیٹھ ادب پارٕ ترجمہ کرنچ محنت کرنہٕ خاطرٕ تیار تکیازِ سُہ علمی ماحول رُودنہٕ۔ اکھ تیُتھ دور گوو شروٗع یتھ منز زنتہٕ کانہہ کیٛنہہ وَنن کیٛتھ اوس یی نہٕ۔ وجہ اوس صاف زِ سماجس منز آس نہٕ کُنہ قسمِچ انقلٲبی نوعیتچ تحریک یتھ منز دانشورن تہٕ تخلیقکارن ہنز شمولیت لازمی یِیہٕ ہے۔ امہٕ نٔبۍ یون دورکۍ ساری گاٹلۍ کیو ڈٕ رُودۍ محلہٕ خانن منز سپدن واجنین ژوین سازشن تہٕ بغاوژن ہند تماشہٕ وُچھان تہٕ بعضے یمن منز شریک سپدان۔

لکہٕ باتن ہنز آس اکےٚ ہیٔت، وژن۔ وژن اوس لل دیدٕ ہندِ وقتہٕ تہٕ مُروج تہٕ

تمہٕ چھُ یہِ لفظ ورتاومُت تہٕ : "سُے منے للہِ گوو واکھ تہٕ وژُن"۔ لل دێدِ تہٕ شیخ العالم رح ٕنس کلامس منز چھِ وژنکۍ نموٗنہٕ تہٕ میلان یِمَن منز کیٛہنہٕ واکھ کُنۍ موضوٗع تہٕ کُنۍ ووج آسنہٕ کِنۍ جوٗرِتھ چھِ۔ یِمن وژنن منز آسن بعضے نوٗزُک خیاٲلی تہٕ پند گوٗیی سپدان۔ مگر وقتس سٟتۍ سٟتۍ گوو وژُن نکرۍ زاوِ جارِ بجایہِ موٗسیقیہ کُن پھیران تہٕ یہِ آوجذباتن ہندِ بےٚ پھرٕنیک ورتاو باپتھ ورتاونہٕ۔ وژن چھُ موٗسیقیہ تہٕ رقص تابع روزان تہٕ عام ورتاوچہِ زباٲنۍ پھٕٹرٲوِتھ، واٹھتہ تہٕ وُٹھتھ بحرِ تہٕ وزنس منز انان۔ اَمیک گوڈنیُک شرط چھُ یہِ زِ یہِ گرٕزھِ گیوٚنُس پیٹھ کھسُن۔ اَمہِ غرضہٕ چھ لفظ تکرار، آوازِ تکرار، قافیہ، اندرٕ ری قافیہِ تہٕ ووج ہوٚ دل ورتاونہٕ یِوان۔ ووج مصرٕچہِ آوازِ چھےٚ وژنُک کلہم صوتی آہنگ معین کران۔ وژنہٕ باپتھ چھےٚنہٕ کانہہ مقرر ہیت ووٚن گوو ییٚژ پاٹھۍ چھ اَمیُک اکھ شعر ترٛین مصرٕن ہُند آسان تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ ووج یِوان۔ اَمہِ ترتیبہِ وراے چھےٚ بێیہ کیٛہنہٕ ترتیبہٕ ممکن تہٕ کاشرٕن وژنن منز چھےٚ الہٕ پلہٕ پنداہ ترتیبہٕ درینٛٹھۍ گرٕژھان۔ وژنس منز چھُ اکثر سازٕت شاعرٕ سُند بنیاٲدی مُدار روزان۔ اکھ لُکہٕ باتٕچ یہ مثال چھےٚ اَتھ کتھِ ثابت کرنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ:

ہے وٚیسی یارس کیاہ گےٚ وننے
یِنہٕ گوم نیرِتھ تنہٕ نےٚ آم
تتھ پاٹھۍ نٹھ چھیم تِتھ پٕہۍ یِنہٕ نے
یِنہٕ نےٚ، تنہٕ نےٚ، تنہٕ نےٚ آم

(نا معلوٗم)

کاشرِ زباٲنۍ منز چھِ نامعلوٗم شاعرن ہندی ساسہٕ بُدی باتھ وژنن ہنزِ شکلہِ منز دستیاب یِمَن اُسی لُکہٕ باتھ چھِ وَنان۔ یِم لُکہٕ باتھ چھِ مختلف دورن منز عام لُکن ہندی عام واقعہ سوکھ دوکھ، وِسُن، رُوٗن، امار، مِنہٕ کامن جوش تہٕ واراگ تہٕ باقے جذبہٕ تہٕ احساس باوان آمتۍ۔ یِمَن باتن منز چھِ اکہِ پاسہٕ اُسی فردٕ سنزِ زندگیہ ہُند حال زینہٕ گرٕ بیٹھ مرن گرٕ تام وُچھان تہٕ بێیہ پاسہٕ چھِ زمانہٕ

یتھ زمانہٕ کٲشرِ قومُک اجتمٲعی داستان زانِتھ ہیکان ۔ یِمن بٲتن منز چھِ وارِیاہ بٲتھ یِم النساہٕ ہندِ زنمہٕ زنمانن ہندِ دوہہٕ کھیچ باوتھ چھِ کران تہٕ یِنہٕ سۭزرٕ شوزرٕ تہٕ جذبن ہندِ خلوٗصہٕ کِنۍ لازوال تہٕ ناقٲبلِ تقلید چھِ ۔ مثلن یِم بٲتھ:

سوہٕ پھلہِ میانہٕ لُدرے ڈُکو نادلاییے ہوٗکرٕی کرٕی
راز آنگن گِنڈان چھُکھو ناد لاییے ہوٗکرٕی کرٕی
راز بایو مُلی ہیوٚتو کھو نادلاییے ہوٗکرٕی کرٕی
مُلی ہیتھ ژٕ رز کھوٚتو کھو نادلاییے ہوٗکرٕی کرٕی
رزہِ تارِتھ ہٹہِ گنڈو کھو نادلاییے ہوٗکرٕی کرٕی
ہٹہِ لاگِنہٕ پرزلان چھوکھو نادلاییے ہوٗکرٕی کرٕی

چھُم یارٕ موٚہ یہٕ موٚہ یے یارٕ ییتہٕ مولیے
رٕژھہِ رژھہ ترام تتیوٚد
رُمہٕ رُمہٕ موے چھیتیوٚد
بی نہٕ لوٚکچار بیٚییے یارٕ ییتہٕ مولیے

ہرِشِ یٲری لوٚمنم ژٹنس نالہٕ نالچہٕ ژٕجینم مالووے
دوٚہ اکہِ گیہِ سومابہٕ ہُند سالہٕ لچھِس گہنہٕ گنجووے
وِچھِس نِنز موتزِ ڈِتے مالہٕ نالچہٕ ژٕجینم مالووے

زٔون کھۄشہٕ لۄپٔنیٕ ببرے
وَنہٕ زٔونی بے گستن خبرے
بأے واجنن بأے یوان خبرے
یَس نہ آسان سو چھےٚ نظرے
وَنہٕ زٔونی بے گستن خبرے

بُلبُلی اول ویلۄر کُلی گنرس تےٚ
یارے وۄتھے ڈل سأیس تے ڈل سأیس تےٚ
غأرن ستی لۄگ سے رس تےٚ لۄگ سے رس تےٚ
پیپہٕ ہے چاون کھاسبو مَس تےٚ کھاسبو مس تےٚ
پادن تلہٕ کنٔز پان ووتھرس تےٚ پان ووتھرس تےٚ
رۄمالہٕ ستی گمہٕ وۄتھرس تےٚ گمہٕ وۄتھرس تےٚ
کرٕ پیٹھ یارس پراران چھس تےٚ پراران چھس تےٚ
بُلبلی اول ویلۄر کُلی گنرس تےٚ کُلی گنرس تےٚ

سانہٕ گرٕ چھو جہٕ یوٕ یوسمن تھقرٕ
چأنی کل چھم گرٕ گرے
رنگہٕ رنگہٕ یوان رنگہٕ ژرٕ
آکاشہٕ رۄف کران کوترٕ

از دوٚلہٕ آلوٚے بنگرے ژٕر
چاٚنی کل چھم گرِ گرے

ژٕ چھکھ بالہٕ پیٹھُک لالہٕ بہٕ نو ژالہٕ جُداٰیی
ژٕ تٕل آبہٕ بہٕ تلہٕ تابہٕ کرو کاسہٕ گداٰیی

کاشرِ لکہٕ باتن منز چھِ اکثر باتھ یِتھ پاٹھی ژورن صدین منز وتھ آمتی تہٕ شاعرن ہندی ناو چھنہٕ ویدی۔

## حبہٕ خوتون

اَتھ لکہٕ لیہٕ منز چھ کُنہِ تابے شاعرِ یم معروف چھِ تہٕ یمن ستی کینہہ باتھ منسوب چھِ۔ یمن شاعرن منز چھےٚ سارِوے کھوتہٕ تابناک تہٕ روایت ساز شاعر حبہٕ خوتوٗن۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنز زندگی چھےٚ مختلف دلیلن منز تیتھ پاٹھی ؤلتھ زِ افسانہٕ تہٕ پزر بٕدٕ کڑُن چھ سیٹھاہ مشکل بنیومُت۔ ڈلیلہٕ گرو، مثنوی نگارو، ڈرامانویسو، مورخو تہٕ قالینن پیٹھ نقش ترادِ والیو چھےٚ یمہٕ دلیلہٕ پننی پننی پاٹھی پیش کرمژ۔ کینہہ ؤری برونہہ آیہٕ تس پیٹھ اکھ ٹی وی فلم تہٕ بناونہٕ۔ پیٹھ چھُ مشکل یہٕ زِ تمہِ ہند زمانکی مورخ چھِ تس متعلق بلکل خاموش۔ مختلف تواریخی نیم تواریخی حوالن تہٕ داستانوی بیانن ہندِس گاشس منز چھےٚ حبہٕ خوتونہِ متعلق ترےٚ راےٚ خاص پاٹھی توجہ منگان۔

(ا) حبہٕ خوتوٗنہٕ ہند اصل ناو اوس زوٗن تہٕ سو زایہٕ وہو پرگنہٕ کس ژندہار گامس منز تہٕ مالِس اوسُس ناو عبدی راتھر۔ تس آو عزیز لون ناوکس اکس ناہنجار شخصس ستی خاندر کرنہٕ۔ اکہٕ دوہہ آس کونگہٕ ڈورس منز گیوان تہٕ سُلطان یوسف چک گو تس وُچھتھ تس پیٹھ عاشق۔ تمی موکلاو سو رِنس لِنشہٕ

تہٕ کوٚرُن تَس ستۍ نِکاح (یا دِژنَس حرم خانس منٛز جاے) دربارس منٛز واتنہٕ سوٚ
تھدِس مرتبس تہٕ موسیقی ستۍ رُوزِس خاص دلچسپی ۔ اکبر بادشاہن ییلہِ یوسف
شاہ ژَک گرفتار کوٚر حبہ خوتوٗن روٗز فراقس منٛز نالہٕ دِوان۔ ٹکہٕ روایت
چھےٚ زِ سو آیہٕ انتقال کرنہٕ پتہٕ وینتھ بٹھس پیٹھ پانتہٕ چھوکہٕ دفن کرنہٕ ۔ مگر
تازٕ تحقیق چھُ زانان زِ یوسف شاہ ژکس ییلہِ بسوکس (بہار) منٛز جاگیر دِنہٕ آو،
سہٕ رُود حبہ خوتوٗنہٕ ہندِس فراقس منٛز پریشان تہٕ وَوَنُن:

در آرزوے آں بت کشمیر نژادے
شد تار سرو مار سر از گریہ دو چشم

حبہ خوتوٗن آے توٗری واتناونہٕ ییتہِ سوم رنہٕ یینہٕ یوسف شاہ ژک نہٕ قبرِ پرِ دفن کرنہٕ آے لہٕ۔

ب ۔ حبہ خوتوٗن آس گریزِ کس اکس بوٚڈ راز ہنٛز کوٗر۔ بوٚڈ راز اوس للہٕ ہوم گامہٕ کس اکس تاجر سُند
قرضدار ییس ییابند ناواوس۔ قرضس بدلہٕ چھُ اِہ بوٚڈ راز تس حبہ خوتوٗن نیچوس نیتھری دِوان۔
واری دِ چھُ تَس سیٹھاہ تکلیف دِنہٕ یوان تہٕ سوٚ چھےٚ پننین شعرن منٛز پننین دوکھن ہنٛز
بادتھ کران ۔ اُتھی دوران چھےٚ تَس پیٹھ سلطان یوسف شاہ ژکنۍ نظر پیوان۔ سُہ چھُ
تس پیٹھ عاشق سپدِتھ تِتھی راز مندورِ منٛز نوان ۔ مگر ییلہِ اکبر بادشاہ یوسف شاہ ژکس
گرفتار چھُ کران ۔ حبہ خوتوٗن چھےٚ پانپرِ کس عبدی راتھرنہٕ گرِ چھپِنہٕ بہان۔ انتقال کرنہٕ
پتہٕ چھےٚ پانتہٕ چھوکہٕ دفن کرنہٕ یوان ؎

ج ۔ حبہ خوتوٗن ہندِ ین وژُن منٛز چھُ کینہہ شعر تیم یم صاف ہاوان چھہٕ زِ سو آس سید البہار
ناوِ کس اکس رئیسہٕ ہنٛز کوٗر تہٕ ماجہ اوسُس ناد بدو الجمال۔

مٲلِس ناو چھُم سیدالبھار

ماجہِ ناو چھُم بدوالجمال

سید کوٗر چھےٚس پُرکمالو

وۄتھو لالو نیٚندرے

مٲلِ ماجہِ رٕچھنٕس قندکستورے

دوٚیِ دِتی آسم تن ناواں

مالنِۍ میانٕۍ ارباب آسی

توٚے درام جیبہ خوتون ناو

اصلی ناو اوس "حبیبہ" تہٕ لوکچارے کوٗرہس جمالہٕ (سرینگر) کمال الدین ناوکس شخصس

ستی کھاندر۔ مگر ہشہ تہٕ زامہ ستی آیس نہٕ برابری ییمہ کِنی تس خلاپُد۔ سو چھےٚ ونان:

یارمیون جمالہٕ کمال تس چھُم ناو

شہ چھُم ییتہٕ پکس متہٕ

اکہِ لٹہٕ ییہ ہم نا

دوہہ اکہِ مٲلِ ماجہِ نگر ہرشایس

شہرٕچ آسہٕ واتہٕس گام

## کیاہ کرٕ پوشہِ تہٕ لانہ نیالیں
## باگنہ آیس کھندرے تام

تس چھےٚ پننہِ زمانہٕ موجب قرآن شریفچ تعلیم دِنہٕ آمژ تہٕ موسیقی تہٕ شاعری سٕتۍ چھس سٹھاہ دلچسپی آسمژ۔ تس میچ شُہرت یمہ کنہِ سلطان یوسف شاہ ژک تمس تام ووت تہٕ کوٚرُن تس سٕتۍ نکاح۔ دربارس منز ہیوو تمہٕ موسیقیہ پیٹھ پنُن کمال تہٕ "راست کشمیری" دِتُن ترتیب تہٕ۔

تمہٕ سنزِ شاعری ہنز داخلی شہادت نظرِ تل تھوٚتھ چھےٚ تریم رائے زیادٕ معتبر باسان تہٕ تمہ ہندِس انجامس متعلق چھ صحیح چھُ باسان زِ سو چھےٚ لسوکس منز سلطان یوسف شاہ ژک نہٕ قبرِ لرِ دفن یکیاژ تتھۍ لکھ چھہٕ تتھ قبرِ "جبہ بی بی" ہنز قبر وَنان۔

حبہ خوتوٗن یوسہ تہٕ آس، سو چھےٚ بلاشک کاشرِچ اکھ عہد ساز شاعر یمہ پرانہٕ سرٕ دی ہدایتی تہٕ الوٗہی شاعری لِشہٕ ڈلتھ وژُن پانہٕ حال باوُنک وسیلہ بنوو۔ تمہ ہندین وژنن منز ووتہ تلیوٗمت شخص تہٕ حبہ خوتوٗنہٕ ہنز پننہِ ذات چھےٚ اکوے وجود۔ سو آس اکھ زندٕ آدم زاد زنانہٕ یوسہ محبت تہٕ آس کران تہٕ سترٕ تہٕ۔ یوسہ پراوُن تہٕ آس یژھان تہٕ پان آیتن کرُن تہٕ زانان آس۔ یس پننہِ روٗحہٕ پیٹھ نازٕ تہٕ اوس تہٕ تمہٕ ہندی اچھ لوٗش پرٕ گرژھنک اندیشہ تہٕ، یس راون تیوٗل تہٕ اوس تہٕ لبنک ہول تہٕ۔ اتھ ساری سے دِژ تمہٕ پننہِ بربکہٕ تہٕ بے پھریک لے۔ تمہٕ روٗٹ نہٕ کانہہ تہٕ مکھٹ۔ اَدٕ کنہِ چھےٚ تمہٕ سنزِ شاعری منز جذبن ہندس خلوص سٕتۍ سٕتۍ بے باکی تہٕ۔

زوٗلہٕ چھم نہٕ یوان، موٗلہٕ چھکھ والان
غم چھُم وانجہِ منے
زاہہٕ چھکھ نہٕ دوٗد مُت سینہٕ شہلاوان

## ژٔرے کھوزِگی میأنی دٕے

دوٕ دٕ ہر روٕ پٮ۪ہ تتہٕ ملہٕ
مےٚ چأنی کل گنیم
ژٔندن وانٕہ پٮ۪ہ تن چھلہٕ
لالو کلہٕ آلوٚ ے

بشری لوکُک یہٕ برٛنکہٕ اظہار چھُ پرانہٕ کأشرِ شأعری منز سیٹھاہ کم یاب تہٕ جبہ خوتوٚنہٕ ہنز شأعری منز اُمیُک آسُن چھُ ازاسہٕ حأران کران۔

تمُہندی کینہہ وژن چھہٕ البتہٕ فکرِ ہند سنبر تہٕ ہاوان، خاصکرِ تھ تمہٕ ساعتہٕ ییٚلہٕ سو ہیٚنٛز نجی غم کُل انسأنی ذأژ ہُند غم بنادان چھےٚ:

گندنے درایس توٚری گیہٕ سہٕ زُ ستھ
دوٕہ درٕ یامتھ لوٚ ستھ گوم

یاونی تجم رژٔ ے
تام توٚرے نادس آم
پیٚشمہٕ اُسم نیندرے ہٕژٔ ے
سون وژٔھایہٕ گندنے

جبہ خوتوٚنہٕ تجُ کأشر زبان وٕتہٕ پیٚٹھ نہ زِ کنہٕ مدرسہ یا دربارٕ منز۔ یہٕ چھےٚ ورتاوٕچ زبان یتھ

منز ژونگ پھٲرِ پھہ ژٕژھرِ تھ چھُ۔ یہ چھنہٕ ہیچھمٕژ زبان بلکہ وۄپزاوی وۄندِ باوتھ۔ شاہی دربارٕک سوٗرے ہاو باو، حشمت تہٕ آداب تکلف پانہٕ ڈٕچھتھ تہٕ کورنہٕ تمہٕ پنُن دیہاتی لہجہ ترک۔ یاربل، پوٚت وَن، وڈر، ربتہٕ کول، ہردہواو، ماسہٕ ہندگر، ترڈٕ تہٕ مالہٕ، دوہ دہر، باغ ببر، یندر گٕمس گٕمس، ژندن وونی، پوشہٕ مدن گوشہٕ رٹنی، یار دود، نیندر مژ، دوٚدمُت سینہٕ شیہلاوُن، ربنہٕ کول سوٗرن، دٲن پوش تہٕ ہی، اچھ پوش برٕ گژھنی، دٲن پوش چھاوٕنی، شراونٕ شین گلُن بیترِ چھِ تم ونہٕتیم ژلتھ تیتھ اکھ ماحول وونانٕ چھ یُس وُنہٕ تہٕ کشیرِ منز دوہ پر چھنہٕ۔

دل نتھ ژٕڈتھم گوشے  
وۄلامیانہٕ پوشے مدنو  
وۄلہٕ ونسی گژھو ہیے   یُس مرِ شہ کتہٕ ہیے  
پراران چھُس چانہٕ زیے  
وۄلامیانہٕ پوشے مدنو

یاوُن میانہٕ قرٕ مزی پیٹہٕ، کمیو دانہٕ رنگنے آکھ  
منے نوزون اُتھرِ ماژٕ ہٕ، اکہٕ لٹہٕ ہیہ ہم نا

وُنہٕ چھُ یوان زٕ حبہٕ خوتونہٕ اوس صوٗفیانہٕ موٗسیقی پیٹھ کمال حاصل تہٕ تمہٕ چھُ راست کشیری "ترتیب دیتمُت۔ مگر تمی بندس کلامس متعلق چھُ   پوٚز زٕ یہ چھُ سوٗرے لگہٕ لیہٕ پیٹھ تہٕ اتھ منز چھُنہٕ عرُوضُک شٹھ بنیار۔ آزاد چھُ لکھان:

فارسی کا تتبع کرتے ہوئے بھی وزن عروض کی ناگوار قید و بند سے

حتی المقدوٗر میلو بچایا۔ کئی غزلیں اور قطعات صرف موسیقی کی لے پر لکھیں۔
ان میں کوئی خاص بحر نہیں پائی جاتی مگر ان کی شعریت میں ایسا سحر ہے
کہ عروضی وجد میں آجاتے ہیں یتھ

یہ اَسِ تس پننہ دوندرچ باوتھ، پننۍ اَندری وُزنی، پننۍ اَندری لۍ ہتھ۔

یند رازٕ بہٕ ازٕ ہ رژے

اَندرٕ لجم بوٗ لنے

توٚبہ کتی کتی لوٚبہ مژے

سون وژھایہ گندنے

# ژَک دوٚر (۱۵۵۳ء تا ۱۵۸۶ء)

ژَک دورس منز یوٚدوۍ مغلن ہندین حملن ہند دلیرانہٕ مقابلہ کرنہٕ ستۍ کاشرن ہند قومی کردار مضبوط سپدٕ تہٕ تمن پانس پیٹھ اعتماد پٲدٕ گوٚو مگر علمی تہٕ ادبی سرگرمین ہندِ خاطرٕ روٗدنہٕ یہ دور تہٕ پھروٗژ۔ یمن تیٚنتژٕن وٕرین منز وچھ کشیرِ شیعہ سُنی فساد، خوفناک قحط تہٕ سیاسی افراتفری۔ مغلن ہندِس دباوس تل، ہیچ نہٕ ییٚتہٕ مستحکم حکومت قایم سپدِتھ۔ کیہنہ کاشرۍ روٗدۍ وزٕ وزٕ مغلن نش فریادٕ گژھان تہٕ تمن کشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرنٕچ دعوت دِوان۔ کالہٕ پگہہ روٗدۍ بادشاہ بدلان۔ غازی ژَک روٗد دُہن وٕرین حسن شاہ ژَک نۆن وٕرین، علی شاہ ژَک ژٔون وٕرین، یوسف شاہ ژَک (گوڈنکہٕ پھِرِ) ڈوڈس وٕرۍ لس، سید مبارک بیہقی شین رتن، لوہر خان (یوسف شہن بنیتھ) کینژن رتن، یوسف شاہ ژَک شین وٕرین تہٕ یعقوب شاہ ژَک دوٚن وٕرین۔ ژَک دور ووت اندٕ ییلہٕ ۱۵۸۶ء یس منز کیہنہ صاحب اثر شخصیژن پیٹھ مشتمل اکھ وفد شہنشاہ اکبرس

ژنش گۆ تہٕ تور پٲٹھۍ مرزا قاسم خان زبردس مغل فوج ہیتھ تہٕ کٔشیرِ منز گوٚو مغل دور شروع۔

شُراہمہٕ صدی ہنٛز چھ جبہ خوتوٚنہٕ ورٲے کٔشرِ تاپے شاعر وۄیدی۔ یہنزٕ شاعری متعلق کانہہ راے قایم کرٕنۍ چھُ ناممکن تکیازِ وۄنیکتام چھنہٕ تحقیق یہنزٕ شاعری ہُند خاص کانہہ نموٗنہٕ بازیاب کرِتھ ہیوٚکمُت۔

یم شاعر چھِ شیخ بابا داوٗد خاکیؒ، مرزا کمال الدین بدخشیؒ تہٕ خواجہ حبیب اللہ نوشہری جیؒ۔ دلچسپ کتھ چھےٚ یہٕ زِ یم سٲری شاعر چھِ عقیدتی شاعر۔

## شیخ داوٗد خاکیؒ

(۱۵۲۱ء — ۱۵۸۵ء) چھِ ژٔک دورُک اکھ اہم عالم تہٕ فاضل تہٕ تِم چھِ کٲشرِ کھوتہٕ زیادٕ فارسی زبٲنۍ منز شعر ونان آسمِتۍ۔ تِمہٕ ہٕندۍ بابہٕ صٲبس اوس حسن گنائی ناوُک مشہور خوش نویس اوس۔ خاکی صٲب اوس شیخ مخدوم حمزہؒ سُند شاگرد تہٕ کٔشیرِ ہنٛدِس سیاستس منز چھُن اہم رول ادا کوٚرمُت۔ شہنشاہ جلال الدین اکبرس نِش یُس وفد فریادٕ گوٚو تتھ منز چھُ بابا داوٗد خاکیؒ تہٕ اوسمُت۔ تِمہٕ ہنٛزن فارسی کتابن منز چھےٚ دستوٗر السالکین، وردالمریدین تہٕ قصیدۂ جلالیہ خاصکر تھ مشہور۔ اُکس قلمی نسخس منز چھ خاکی صٲبُن اکھ کٲشر منقبت لیکھتھ یتھ ددج چھُ "یا شیخ نورالدین یٲری کر"۔

| | |
|---|---|
| اُنہٕ کتہٕ زبان وۄنہے زٲری | یا شیخ نورالدینؒ یٲری کر |
| بخنہٕ بڈٕ نند لالہٕ وتہٕ گرٕ زیاری | یا شیخ نورالدینؒ یٲری کر |
| ہمتس چانس لگھو یٲری | |
| امتس منز چھکھ علمدار | |
| ناو چون ردم شام عرس جٲری | یا شیخ نورالدینؒ یٲری کر |

## خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ

(۱۵۵۵ء — ۱۶۱۷ء) چھ نوشہر سرینگرٕ زامُت تہٕ مٲلِس اوسُس ناو خواجہ شمس الدین گنائی۔

تمی ہیوٚچھ لوکچارٕ سے منز قرآن شریف علاوٕ علم عروض تہٕ بلاغت تہٕ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ صابس نِش تہٕ کرن تربیت حاصل۔ سُہ چھ اوسمُت گیونس تہٕ وائنس منز تہٕ ماہر مگر اَتھ پیٹھ چھ تس واریاہ ازا تہٕ بیوٚمُت تُلُن۔ تَس خلاف آدفتویٰ تہٕ دِنہٕ مگر سُہ رُوٗد بیٚنہٕ وِتہٕ پیٹھ قایم۔

ساز سنطوٗر دٕہرِیے　　در شریعت نو چھیے

عاشقس تی بَس اپچھیے

دوٚ کھوگژھ ہوو دِویے

فارسی زبانی منز چھ جبیٚ صاحب دیوان اوسمُت تہٕ تمہٕ علاوٕ چھنے تمی سنز بییہٕ تہٕ کینہہ تصنیفہٕ۔

صاحب حال بود و ذوق سماع　　در طریق ہدا مطیع و مطاع

والد ماجدش بجاہ وجلال　　بود شمس گنائی بقال

بادۂ علم را باو ساقی　　شد محمد حسین آفاقی

در صد و یک ہزار بست و ہفت　　در مفاجات عالم آخر رفت

جبیٚ لس کاشُرس کلاس پیٹھ چھ حبہ خوتونہٕ ہند اثر ٹاکارٕ۔ آزاد چھ لیکھان:

خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ ملکہ حبہ خوتون کے عہد میں موجود تھے۔ عموماً ان کے سامنے گانے بجانے کی محفلیں منعقد ہوا کرتی تھیں۔ جب حبہ خاتون کا کلام موسیقی کے پردے میں ان کے سامنے پیش ہوا تو وہ متاثر ہوئے بغیر نہ رہے۔

نتیجہ یہ ہوا کہ انہوں نے بھی کشیری زبان میں لب کشائی کی۔

دنہٕ چھ یوان زِ جبیٚ ینٛ کلام چھ صوفیانہ موسیقیہ ہندِ بِن مختلف مقامن منز گیونہٕ یوان۔ صوفیانہٕ موسیقیہ منز چھ تمی سُند یہ باتھ تہٕ شامل۔

چھُم یارٕ سنز بمٲری بہ کو نہٕ کرسے وٲنی
یہ ڈُو یارٕ آسس تھرے پھولہٕ وٲنی
یم گُل تہٕ گاٗم بر تہٕ چھنہٕ موژس کاڈٕ کٲنی
بودو یارٕ آسس ہر موکھچ شیپہٕ مٲنی
اُمی ہارنہٕ تاپنٕ گاہ جس دٲنی دٲنی
بودو یارٕ اوسُس خاجہٕ حبیبہٕ وٲنی
چھم تمنّنٕتھ سودا تہٕ واپنچ تہٕ دٲنی

مگر جبی چھُ کاشرس منز یمہٕ درود کنہٕ خاصکر تھ زانہٕ یوان:

وُتھو گرٛشھو دِویے
کنت کنزٕ آ آویے
جلو ماران ژاویے
کیاہ بہ دِمس ناویے
وُتھو گرٛشھو دِویے
کاوو نتس گرزاویے
سینہٕ مُژرِتھ باویے
حال پننٕ ہاویے
وُتھو گرٛشھو دِویے

آشکاراہ دراوِیے
یَس محمدؐ ناوِیے
صوٗرتن منز ژاوِیے
وٕھتھٕ و گژھو دِیے

## مُغل دورس منز کشیر (۱۵۸۶ء تا ۱۷۵۲ء)

۱۵۸۶ء یَس منز گے آخرس مغل کُشیر فتح کرنس منز کامیاب تہٕ اکہٕ ہتھ تہٕ شہاہٹھن وَرِین کرٕکھ کُشیر پیٹھ حکوٗمت۔ باقی دورن ہندی پاٹھی چھِ اَتھ دورس تہٕ کینٛہہ گاشری پاس تہٕ کینٛہہ گٹہٕ پاس۔ گوڈٕ گوڈٕ رُودی مغل شہنشاہ کاشرِن ہندی دل زینِنہٕ باپتھ تِکن منز پاپر جاییٔ ہنٛز کامہٕ کران۔ چنانچہ شہنشاہ اکبر آو پانہٕ ترٛینیہ لٹہٕ کُشیر، گامہٕ گامہٕ پھیوٚر تہٕ کاشرِن ہندی مسلہٕ سمجھنٕچ کوٚرن کوشش۔ مگر بیٛیہ پاپھ رُودسہٕ کاشرِن ہند حوصلہٕ تہٕ ہمت پھٹراونہٕ باپتھ تہٕ پرٛیتھ کانہہ کوشش کران۔ (وُنہٕ چھُ یوان زِ چھیرن تہٕ کاگر اَتھ میٛتھ زَن کاشری کاہل بَنن تہٕ زنانہٕ کردار ژٹن۔) بغاوتُک امکان دوٗر تھاونہٕ باپتھ رُودی مغل شہنشاہ ستہٕ ستی بیٛتکی گورنر بدلاوان تہٕ کُل آیہٕ ترٛہ ہٹھ گورنر مقرر کرنہٕ۔ جہانگیر آو ۱۶۱۹ء یَس منز کُشیر تہٕ تِکن ہندِ جانٛہر باپتھ تُلن واریاہ قدم۔ تمی کری واریاہ محل تہٕ آرام گاہ تعمیر تہٕ پرانین عمارتن تہٕ باغن ہنٛز کرنٲوِن مرمت۔ شاہ جہان تہٕ آو کُشیر تہٕ واریاہ باغ لاگٲوِن تہٕ نوٗمسو ژٲرٕ تہٕ پوشہٕ ژاژٕ انِن یور۔ اورنگ زیبنس دورس منز وُچھ کُشیر واریاہ خطرناک نار، دزاگ، بُنلہٕ تہٕ سہلاب، شیعہ تہٕ سُنی فسادو تہٕ کرٕ کاشرِن ہنٛز اقتصادی حالت تباہ تہٕ کاشرِن ہنٛز اخلاقی تہٕ رُوحانی قدرہٕ گے مسمار۔ فرقہٕ وارانہ فساد وٲتی محمد شاہنس دورس منز انتہس تہٕ کاشری گے کنگال۔

ساری ہے مغل دورس منز رُود ایرانی کلچر تہٕ ادب کاشرِن پیٹھ غالب تہٕ واریاہ

کاشرِ گۆڈنِچ پَتھ کال، رۆحٲنی ورثہٕ تہٕ ادب مُشترکھ ایرانٕکۍ کلچرس تہٕ ادبس منز پنٕنۍ پرزنتھ تھاوان۔ دربارٕ بنیوو فارسی شاعرن، مورخن تہٕ باقی قلمکارن ہُند سمن بل تہٕ کٔشیر بنیٔے "زٕ سمٕگ اِرلوکُٹ ایران"۔ اَتھی دورس منز یعنی ۱۶۹۸ء یِس منز اوٚن خواجہ نورالدّین بیجاپور پیٹھ موئے مبارکؐ تہٕ حضرت بلہ آے اَمہ خٲطرٕ زیارت تعمیر کرنہٕ۔ یہ اوس کٔشیرِ ہِند تٲریخُک اکھ عہدساز واقعہ۔ محمود گامی چھ اَتھ واقعس متعلق لیکھان:

کشمیر شرف یافت از موئے شریفش
مانند مدینہ است ز آثارِ محمدؐ

کاشُر زبان روٗز ساری ہے مغل دورس منز مشرفس منز تہٕ کانہہ تہٕ روایت ساز تخلیق آے نہٕ اَتھ زبٲنۍ منز بروٗنٹھ کُن۔ ڈوڈ ہتھ ؤری پیٹھی ورین ہُند یہ دور چھ کاشرِ زبٲنۍ ہُند بیاکھ تیٚتھ بوٚن دور تکیازِ اکہ پاسہٕ گٔے کاشرِ شاعر فارسی شاعرن ہندِس رعبس تل خاموش تہٕ بیٚیہ پاسہ روٗدی عام کاشرِ یا تہٕ مغل شان د شوکتس تماشہٕ وُچھان نتہٕ گٔے فسادو تہٕ قدرتی آفژ کنِی تیوٗت تباہ زِ کُنہ سنجیدٕ کامہ کیٚنٛژ میوٗ لکھ نہ موقعے۔

صاحب کول مغل دورُک سارِوے کھوتہٕ اہم شاعر چھ صاحب کول۔ سُہ اوس جبہ کدلہ روزان تہٕ سنسکرت زبٲنۍ تہٕ ادبٕک اوٚسُس سروٚن مطالعہ۔ تمہِ ہندِس زانسس متعلق چھنہٕ کینٛہہ پَے تہٕ تمہٕ سُند مرُن سنہ چھ آنکہ ولی گنڈنہٕ یوان ۱۶۲۶ء۔ صاحب کولُن واریاہ کلام چھ زٕ شرِنہٕ آمت یِتھ منز ژٕ اہم کتابہ چھےٚ "زنم ژریتھ" تہٕ "سری کرشنہٕ اوتار لیلا"۔ "زنم ژریتھ" چھےٚ اکھ لٕغٲتی نظم یِتھ منز شاعر زندگیہ ہِندِ وۄ تلنہ پیٹھ ازتام ایِنک ارتقا پرانن ہندِس گاشس منز وٕرٕشناوان چھ۔ اَمہِ مطابق چھ زندگیہ ہُند آگُر اِندر دیوتا سُند گرٕ تہٕ تمہٕ سُند یہ گرٕ چھ کٔشیر۔ سُہ چھ کٔشیرِ ہندِ ین مختلف مقامن ہنز ذکر کران کران روٗحٲنی سفر بیان کران۔ وۄں گوو کٔشیرِ ہندِ ین مقامن ہنز ذکر چھےٚ جغرافیٲیی حقیقت کم تہٕ تخیل زیادٕ۔ نظمہِ ہنز زبان چھےٚ عام زبٲنۍ نِشہٕ ڈٕلتھ علمی زبان۔

"سری کرشنہٕ اوتار لیلا" چھےٚ بھگوت پرانکہِ ذہمہِ سکندا چہ بُنیادٕ پیٹھ وَننہٕ آمژ طویل لٕغٲتی نظم۔

کینٛژن جاین چھِ سیٚد سیوٚد ترجمہ کرنہٕ آمتۍ۔ اَیَنک مسودٕ چھُ جارج گریسن ۱۸۹۹ ہس منز لوٚبمُت تہٕ اِیشور کولن مدد چھُن اُتھ انگریزۍ ہس منز ترجمہ کوٚرمُت یُس ایشیاٹک سوسائٹی آف بنگال کہ طرفہٕ ۱۹۲۸ ہس منز اصل متن ستۍ شایع کرنہٕ آو۔ گریسن چھُ اُتھ نظمہٕ 'دیناناتھ' ناوکس شاعرس منز تخلیق زانان۔ تکیازِ نظمہٕ ہندِس آخری حصس منز چھُ "دیون" لفظ ورتاونہٕ آمُت یُس گریسنس شاعرُن تخلص چھُ باسیومُت۔

" دیون" آس شیران کرٛشنہٕ پدس تہٕ
شیران آس تہٕ کوٚنہٕ لوٗکھیوم
پاٗرۍ پاٗرۍ تسندِس پانہٕ لوٗٹھنس تہٕ
لاگس بہٕ دسہٕ تہٕ پمپوش

گریسنس چھنہٕ کینٛژو ماہرو رائے دِژمٕژ زِ یہ نظم چھنہٕ دیوکار اپرکاش رامنۍ تخلیق یمۍ رام اوتار ژریتھ لیچھمُت چھنہٕ۔ مگر گریسنس چھنہٕ اُتھ ستۍ اتفاق تہٕ سہٕ چھُنہٕ کُنہٕ حتمی نتیجس وٚتمُت۔ پی، این، پشپ تہٕ چھُ اُتھ نظمہٕ صاحب کوٚلنۍ تخلیق مانان۔

" کرٛشنہٕ اوتار لیلا" چھنہٕ عام فہم زبانۍ منز۔ نہایت میچھ زبانۍ منز لکھنہٕ آمژ تہٕ موسیقی چھنہٕ اَمچہٕ تشبیہ کاری ستۍ زلیتھ تیتھ مہوٗن اسلوب ووتلاوان یُس شاعرس منز پرٛ پرٛتھ ہنز لوٚپہٕ لوٚپہٕ باوتھ چھُ کران۔ مثلن یتھہٕ کرٛشن جی گوپین منز کام دیو ہیوٗ سیٚزٕ چھُ کران۔

ووٗنۍ اوس بالہٕ پان کرٛشنہٕ زلوس تہٕ
کامہٕ دیو پانے کیاہ ڈٕنۍ زہ بس
کامنیہ کامنا کونہٕ برنس تہٕ
لاگس بہٕ دسہٕ تہٕ پمپوش

نبھ پرٛبھ گوٗپیہِ پتہٕ لارنٕس تہٕ
کاٗم کوٗٹ تراوِتھ آسہٕ پتہٕ تٔس
نالہٕ مٔتہٕ رٹھون کامدیوٚس تہٕ
لاگس بہٕ دستہٕ دستہٕ پمپوش
گوٗپین من لوٗگ کامہٕ دیوس تہٕ
سٔمتھ سارٕوے دوٗرٕکھ وٕژتھ
سٔرٕیہٕ سون وٕزٕنا بال کرٕشنس تہٕ
لاگس بہٕ دستہٕ دستہٕ پمپوش

صاحب کوٗل چھِ سنسکرتس منٛز وار یاہ طوٗیل نظمہٕ لیچھمٕژ یمن منٛز کلپہ ورکش دیوی نامٕ تابہٕ، تہٕ شارٕکا ستاوا خاص کٔرِتھ قابلِ ذکر چھےٚ۔

مرزا اکمل الدین بدخشیؔ (۱۶۴۲ء - ۱۷۱۷ء) چھ مغل دوٗرُک مشہوٗر فارسی شاعر تہٕ روٗحانی بُزرگ مانہٕ یوان۔ اُمی ہٕندی اسلاف چھِ بدخشانکی اُسی متی تہٕ مُغل حکوٗمتس منٛز چھِ تِھندین عہدن پیٹھ اُسی متی۔ مرزا اکمل الدین سٕنز اکھ فارسی مثنوی چھِ "بحر العرفان"۔ اُمی سٕندس تاوس یتی چھُ صرف اکھ کاشُر بٲتھ منسوٗب حالانکہٕ کیٛہہ محقق چھِ اَتھ جِنہ خوتوٗنہٕ ہٕند مانان تہٕ کیٛہہ محموٗد گامیُن:

بالہٕ ہے رُمہٕ رُمہٕ | چھُم یارٕ چون تمنا
کانٛی پیٹھ ڈیوٚٹھے
دوٗن لاگِتھ آگن ژاو
دانٛی دانٛی گامٕ بتنے | چھُم یارٕ چون تمنا

مرثی صنفہٕ ہندی ماہر چھِ وُنان زاتھ چھِ مختلف حصہ یعنی حمد، نعت ، مدح ائمہ، معجزات تہٕ واقعہ کربلا۔ پرتھ بند
پیٹھ چھُ دوٚوج مصرعہ اکہ ہم قافیہ مصرعہٕ پتہٕ دوہرانہٕ یوان ۔ "بم تہٕ زلہٕ ڈوٚلکھ چھس دپان برٛماچھےٚ سمسار"۔ نظمہٕ
ہندِس دوٚیمِس بندس منٛز چھُ کائناتس منٛز انسانہٕ سنٛد تخلیق سپدنُک واقعہ سیٹھاہ نفیس پاٹھۍ ہاونہٕ آمُت
تہٕ ژوٚن عناصرن ہندِس ترتیبس منٛز تجزیہ چہ ہلٕرمشہٕ ہُند آٚسُن تہٕ چھُ ہاونہٕ آمُت ۔ ترٛیِن بندن منٛز چھےٚ
ڈوٚلکوٚ پننِس وجودس منٛز ینیچ دلیل بوزناوان تہٕ تمثیلی رنگ پاٹھۍ کران ۔ یہٕ نظم چھےٚ نندہٕ ڈارہٕ نقنگاری ہُند
پےٚ دِوان ۔ تمثیلی معنین ہُند لطف تُلنس سٟتۍ ستی چھُ پرُن وول پرٛان پرٛان تہٕ ڈوٚلکہٕ ہندی گوٚبۍ گوٚبۍ تہٕ
معنہٕ ساوُ تکہ 'دِن دِن' زنہٕ تہٕ کنو بوزان ۔

ہا پاک زاتے پروردگارو ژےٚ کرتم رحم تےٚ
بم تہٕ زلہ ہو ڈوٚلکھ چھےٚ وُنان برماچھےٚ سمسار

روپہ دید ، ئند آہرٕ صدی ہنٛز اکھ اہم زنانہٕ شاعر چھےٚ روپہ دید یا روپہ بھوانی۔ مگر لل دید ہندی پاٹھۍ
چھےٚ اُمس متعلق تہٕ صرف لکہٕ روایژ میلان ۔ ونہٕ چھُ یوان زِ روپہ دید زایہٕ ۱۶۲۱ ایس منٛز صفاکدلہٕ تہٕ مالِس
اوُسس ناو مادودیو در ییس پانہٕ تہٕ اکھ مشہور بزرگ اوس ۔ روپھ آس بالہٕ پانےٚ گیانس منٛز محو روزان تہٕ
مالینُک ماحول تہٕ اوسُس تیُتھ زِ تمس میج روحانیچ تربیت ۔ اُمی ہندِس مالِس نش آسۍ تمہٕ وقتکۍ وارِیاہ بزرگ
یوان یم مختلف روحانی مسلن پیٹھ بحث آسۍ کران ۔ حسب رواج کوٚر ہس بالہٕ پانےٚ کِتام ہیرانندس
ستی خاندر ییس مٔڈ اوس ۔ وارِوِ آسس نہ قدرتہٕ رنگہٕ رنگہٕ طریقہ اُمس تاوان ۔ آخر ژھٔنُن گربار
ترٛاوتھ تہٕ لج پزرچہٕ دتہٕ ژھارنہٕ ۔ دپان سوٚ آس مس پریشان ترٛاوتھ پھیران ییمہٕ کنۍ "الکیشوری" ناو پیوس۔
سوٚ یپاری یکہٕ ہا اکہٕ ہجوم اوسُس پتہٕ پتہٕ آسان ۔ سوٚ ژج منہ گوم ییتہٕ اکس پہر منٛز تپھ کرنہٕ بیٹھ ۔ اتہٕ نیرتھ
چھےٚ سوٚ لار واژمٕرشہ ییتہٕ تمہٕ شاہ کولہٕ نٔبس بیٹھ قرار کوٚر۔ اُتھ شایہ چھُ ترٛس مشہور فارسی شاعر شاہ صادق
قلندرس سٟتۍ ملاقات سپدمُت ۔ لکہٕ روایژ کنۍ چھُ یمن یانہٕ وانۍ سیٹھاہ بحث سپدمُت ییُس وُنہٕ تہٕ

مرزا صابن مزار چھُ حولہ (سرینگر)۔

جمہ بی بی ناوچ اکھ کاشر شاعر چھےٚ مرزا اکمل الدین بدخشی صابنٕز مرید آسمژ۔ اُمہ چھےٚ مرزا صابنس رحمت حق
سپدنس پیٹھ اکھ لوکٹ مرثی وٚنمٕژ تہٕ اُمی سُند چھُ یتے اُسہٕ تام وومُت:

| | |
|---|---|
| میانہٕ ہیو ہیو | ہی بہ لدیو ناوآنی |
| بنی صابنہٕ چھیو | توٚتے گژھم واتنے |
| تتہٕ دیدار دِیو | ہی بہ لدیو ناوآنی |
| میانہٕ مرزا دپیو | چانہٕ ہیژم بیشہٕ |
| مٕنٛہٕ میانی مار چھیو | ہی بہ لدیو ناوآنی |

جمہٕ متعلق چھُ وَننہٕ یوان زِ سو چھےٚ جامع مسجدِ نکھہٕ رشپد ناوکس کتام کاندرِ سٕنز آشنٕژ آسمژ۔
ننہٕ ڈار (؟ — ۱۷۷۴ء) چھُ کاٹھی ہول (بیرُوٚ) گامُک روزن وول اوسمُت۔ دپان اُمی سٕنز واریاہ
مرثیہ چھےٚ محفوظ۔ اُمی سٕنز چھےٚ اکھ طویل مرثی یُتھ محی الدین حاجنی "زبانی رِوایژ پیٹھ" تحریرس منز اُنتھ
'ڈولکہٕ شار' عنوانہٕ کوٚ ڈنکہٕ پھِر شایع چھُ کران ٦٦؎ مگر تمہِ بندِ وَننہٕ مطابق چھِ یم ستوٚ بند و منز صرف زِ بند
درج آمتی کرنہٕ۔ مگر امین کامل چھ اُتھ نظمِ متعلق لیکھان:

> اُمکی زِ بند چھِ 'کاشر شاعری' اندر شایع سپدی متی یم مےٚ حاجنی صابس
> دِتی متی آسی۔ وونی کوٚر مےٚ یہ سوٚرے باتھ محفوظ روزنکہٕ خیالہٕ یتھ
> (صوفی شاعر) منز درج۔ یہ باتھ اوس مےٚ قدیم صاب، سدہٕ بل
> بندِ گرہٕ حاصل پٕدمُت۔ قدیم صابنٕ گفتار اوس زِ پٕھ کالہٕ اوس
> یہ باتھ ڈولکہٕ پیٹھ اکس خاص اندازس منز گیونہٕ یوان ٦٧؎

پھرنہٕ چھُ لوان ۔ روپہ دێدٕ چھُ واسکر گاس منز تہٕ کینٛژن ڈریٚین قیام کورمُت ۔ دپان مغل صوبیدار علی مردان خان تہٕ اوس اور لوان روپہ دێدٕ ہنٛز سیوا کرنہٕ ۔ اُتہٕ نیرتھ چھےٚ سوٚ سرینگر آمژ یێتہٕ سو ۱۷۲۱ہس منز فوت چھےٚ سپزمژ ۔ اُمی ہندس مرنس پیٹھ چھُ شاہ صادق قلندرن وونمُت :

عارفے ذات آں الک اوتار
قالب عنصری خولیش شکست
کرد پرواز سوے عرش عظیم
با دلِ نیک رحمتش پیوست

روپہ دێد آس رُوحانیتچہِ وَتہٕ منز للہ دێدٕ پتہٕ رہبر مانان تہٕ سٮ۪ٹھاہ احترامہٕ سان چھُن تمۍ سُند ناو ہیوٚتمُت :

شرُنے آیس للی شورس
یا
لل نام لل پرما گورم

للہ دێدٕ ہندی پانٛژ چھہٕ تمہٕ صرف واکھ ڈنہِ متہٕ مگر یمن منز چھُ کتھ ہندس واتناورس کُن زٕور توجہ دنہٕ آمُت تہٕ ہنٛزٕ ہنز نہ اکثر چھنہٕ نظرِ گژھان ۔ للہ واکھن برعکس چھُ روپہ واکھن منز تبلیغی انداز تہٕ عالمانہ زبٲنۍ ہند گوبہر تہٕ گیر ۔ یمن واکھن چھنہٕ قافیکۍ صحی ورتاو تہٕ نہ چھُ استعارکۍ کانہہ نیرل انداز ۔ روپہ دێدٕ ہند کلام چھُ شاید تمۍ ہنزٕ جیاتی منزے قلمبند کرنہٕ آمُت تہٕ شاردا رسم خطس منز چھہٕ اکھ داریاہ نسخہٕ پنڈت گرن منز موجوٗد ۔ شایع کرنہٕ آمژن سوٚ بربرن منز چھےٚ ہری بٹ شاستری ہنٛز ترتیب دِژمژ سوٚ بربرن سارِوے کھوتہٕ معتبر یوسہ ۱۹۵۰ ہس منز الکھ ایشوری ٹرسٹ کہ طرفہٕ شایع سپز ۔

کشیرِ ہند پٹھان دور (۱۷۵۲ء تا ۱۸۱۹ء) ۔ مغل دورکس آخری حصس منز بیلہ کاشرۍ فسادو

تہٕ اقتصادی بدحالی ستی تنگ آے، تم دورِ ینے کابل تہٕ احمد شاہ ابدالیس کوٚرُکھ کشیر فتح کرنک سال۔ افغانوٚ دٕژ مغلن شکس تہٕ کشیر بنیٛے پٹھان سلطنتُک ہند حصہٕ۔ گوڈنیُک افغان گورنر عبداللہ خان اشک عقاسی دراو شین رٔتِن کشیرِ تہٕ موٚنڈ کرِتھ تہٕ حکوٗمت آیہٕ تمہِ سندِ س ناظم سُکھ جیون سندِ ن اتھن منز۔ تمہِ دِژ افغان فوجس شکس تہٕ پنجابُک پیٹھ لوٗگ زور آزماوُنہٕ۔ مگر تمس گے پننی کینہہ ساتھی پھیرِتھ یمہِ کِنی تس جنگس منز ہار ہیپز۔ افغانو نیوٗ سُہ فاد کرِتھ کابل ییِتہِ سُہ قتل کرنہٕ آو۔ سُکھ جیون سندِ س انصافس، عوام پروری تہٕ علم دوستی چھِ ساری تعریف کران۔ سُہ اوس پانہٕ تہٕ فارسی شاعر۔ تمس پتہٕ آو اکس پتہٕ بیاکھ گورنر تہٕ کشیرِ گو دلوٗٹھاہ کرِتھ۔ اَدٕ کاڈنہٕ کم تہٕ کاڈنہٕ زیادٕ ساپہٕ بُدی کاشرِ آیہٕ قتل کرنہٕ۔ بیپارِ ر رُوٗد آسمان تہٕ  بیزار۔ خوفناک سہلاب، ہُبی، نار، دراگ تہٕ وبا روٗدی کشیرِ موتُک بازار بناوِتھ۔ پٹھانن ہند دور روز کشیرِ ہندِ س تارٔخس منز اکھ وکھٕت خاب ہیوٗ یاد۔

| | |
|---|---|
| باغِ کشمیر داغ حسرت شُد | عشرت شاں بدل بعسرت شُد |
| ہلہ کردہ بمر معہ کشمیر | ظالماں چوں سگانِ بے زنجیر |
| بر درو بام و کوچہ زاں بیداد | ہر نفس بود ہمچو نے فریاد |
| دل ظالم کہ سخت سنگین بود | ہیچ اثر بر دماں نہ نمود[۱۸] |

کنوٗہمہٕ صدیہٕ ہندِ گوڈٕ پیٹھے روٗد پنجابُک راز رنجیت سنگھ کشیرِ پیٹھ نظر تھاوِتھ یتھ موقعہ میلی تھے افغانو نِشہِ اَتھ مُہتھ نِنہٕ ہیے۔ ۱۸۱۴ ہس منز کوٚر تمہِ کشیرِ پیٹھ گوڈنیُک حملہٕ مگر اتھ منز گو نہٕ کامیاب۔ ۱۸۱۹ ہس منز ییِلہِ افغان گورنر جبار خان کشیرِ نیبر اوس، یتیُک اکھ رٔیس بیربل در گو رنجیت سنگھس نِش تہٕ بیاکھ حملہٕ کرنہٕ باپتھ کوٗرُن آمادٕ۔ سُہ آو ترٕہ ساس سکھ فوج ہُتھ ہرپور (شُپیَن) کِنی تہٕ جبار خانُن فوجس دِژُن شکس۔ اَتی پیٹھ گو کشیرِ ہند بیاکھ گٹکارٕ کال شروع۔ سِکھ راج۔

افغان دورس منز دِیت کاشرِ شاعرہٕ ہنز دیتھ بییہ تھکھ۔ اَمہٕ دورٕکس آخری حصس منز چھُ محمود گامی اَتھ نوٚروآنی دِوان مگر تو تام زن گے ساری کاشرِ کلے۔ صرف چھِ تھی کینہہ تجربہٕ نظر گژھان

یم تِمو شاعرو چھِ کٔرِ متی یم بذاتی فارسی زبانی ہندی شاعر آسی۔ یم چھِ فاخر، سعداللہ شاہ آبادی، بابا کمال، میر عبداللہ بیہقی تہٕ ملا عبیداللہ۔ یِہنز شاعری منز چھُ اکوے چیز سرٕود تہٕ زَن گوو وٕزنچہٕ لُکہٕ روایژ بَنشہٕ ڈلتھ فارسی شاعری ہُند آہنگ ورتاوُن۔ فارسی دان شاعرن ہِندین یِمن تجربن ہُند مدا اوس کٲشر شاعری منز لُکہٕ وٕزنچہٕ بے ساختگی بدلہٕ کلاسیکی غزلچ ہیتی بندش پٲدٕ کرٕنی۔ بے پھیریک جذبو بدلہٕ مربوط خیالن تہٕ تصورن زیوٗدٕنی۔ یوٗدوے پرانہٕ کٲشر شاعری منز دُمصرٕ شعرن ہنز کانہہ کانہہ مثال میلنہٕ ہیکہٕ تہٕ مگر یِمن ہیکو نہٕ غزل وٕنتھ تکیاز غزل چھُنہٕ صرف ہم قافیہ دُمصری شعرن ہُند ناو۔ غزلچ بنیٲدی پھیر ہاو خصوصیت چھِنے قافیہ بند شعرن ہند الگ الگ پٲٹھ مکمل آسُن تہٕ موسیقی تاہین روز نہٕ بجایہٕ موسیقی پالنس تاہین کرٕنی۔

**سیّد محمد ھادی فاخر** چھُ (شاید) گوڈنیک شاعر یُمی کٲشرس منز شعوری طور غزلک تجربہ کوٗر۔ فاخرُن کینہہ کلام چھُ ۱۲۲۷ھ (= ۱۸۱۲ء) منز نقل کرنہٕ آمُت۔ اَتھ منز درج اکہ غزلکی یم کینہہ شعر چھِ صاف ہاوان زِ تَس چھُ غزلس پیٹھ پوٗرہٕ عبور اوسمُت:

دورِ ڈیونٹھم نورِ ماہ زن پوٗرِ ساماں اوس تے
رو درخشاں مو پریشاں خوش خراماں اوس تے
فاخر اندر اشتیاقِ سروِ ناز سیم تن
پیرہن چاک از گریباں تا بداماں اوس تے[۱۵]

عزیز شاہ ڈل چھُ مشہوٗر گلوکار اوسمُت یِہندِ نِس کتب خانس منز چھِنے تمی بند اَتھ لیکھنہٕ اکھ بیاض یتھ منز سہٕ یہٕ غزل تہٕ فاخرنہٕ ناوٕ درج چھُ کران۔ یُلہٕ زن عام پٲٹھی یہٕ رسول میرُن غزل چھُ ماننہٕ یوان:

یارِ لوگُتھ سنگدل، چانہٕ جانگ چھم قسم

فاخرن چھِ نعت تہٕ لیکھی متی تہٕ مرثیہ تہٕ۔ اکہ نعت شریفکی یم کینہہ شعرٕ چھو:

روے چون قبلہ تہٕ محراب بُے      دمہ دمہ سجدا دمِسنا

رۄخ چون صفا دمروا چھے — حجرالاسود خال سیاہ

وَتھ چاٗنۍ کعبہٕ پتہٕ تھٲنۍ کُن نۍ — دمہٕ دمہٕ سجداہ دِمنا

ییٚنہٕ یارٕ ہاوِنم ہارنجہٕ بُتھے — لچھ بدٕ چھو کھ تمہٕ دِ تمنا

کتہٕ لسہٕ فاخر کرتجہٕ شرنۍ — دمہٕ دمہٕ سجداہ دِمنا

تاریخ کبیرس منز چھُ اَمِس متعلق درج رِسہ چھُ عطاءاللہ ہمانند شاگرد اوسمُت۔ بیٚنہٕ چھُ درج :

درفن شعر دستے عجیب داشت — نعوت و مناقب و قصاید

فارسی و کشمیری ارد بسیار است۔

فاخر چھُ ۱۱۹۴ھ (= ۱۷۸۰) رحمتِ حق سپدمُت۔

**سیّد اسلام شاہ آزاد** چھُ عطاءاللہ ہمانند بیاکھ شاگرد اوسمُت۔ فارسیس منز چھُ یہ صاحب دیوان مگر کاشرس منز چھُ اَمُسند صرف اکھ منقبت رُژھرتھ۔ سید اسلام شاہ آزاد چھُ ارتاٗجہ وُہر ۱۲۸۳ھ (۱۸۶۶ء) منز ییمہِ عالمہ گُذریومُت پتہٕ خانیار چھُ دفن۔

مشہور تاریخ کشمیر 'باغ سلیمان' لیکھن وول میر سعداللہ شاہ آبادی چھُ کاشرس منز شعر ونان اوسمُت۔ تمہٕ سندِ اکہِ غزلکۍ کینہہ شعر چھِ نموٗنہٕ پاٹھۍ پیش :

گورن ژٕ پوٗرنۍ ناژ زیارت کرو گورن

کھوژن کوو چھکھ کھور نمرتھ واہ نم اے دل

از مولہٕ کھوٗل برچھ سفر پیش سکھ کر

ییٚنہٕ کاٗلۍ ژمو میٚترِ مینٛزۍ موژ نم اے دِل

ہو یانہٕ الرحمان علے العرش پوٗرتھ نا

در وُسعتِ خود عرشہ نتے چھکھ نہٕ کم اے دل

گاڑن گری چھے یار کرُس گرِ گرے گتھ

پانُس نشے چھے جان وندس دمبدم اے دِل ؔ

میر سعداللہ شاہ آبادؔ چھ ۱۲۰۴ھ (= ۱۷۹۰ء) منز رحمتِ حق گومُت۔

بابا کمال الدین چھ ژارِ شریف شیخ العالمؒ سٕنہ درگاہک ڈیڈیدوان اوسمُت۔ وونمُت چھُن:

سرمہ چشم کمال

خاکِ درِ نورالدین

یہ چھُ تمو سٕنز ریشن نامُک یتیم شعر یُس تمو ۱۱۹۹ھ (= ۱۷۸۵ء) منز پننہ اتھہ لیوکھمُت چھ۔ بابا کمالنِ نثری کیو منظوم ریش نامہ چھ خاص اہمیت تھاوان تکیاز تمو چھ للہ واکھ تہ شیخہ شرکی نہایت احتیاطہ سان نقل کرِ مِتۍ۔ ۱۲۴۶ھ (= ۱۸۳۰ء) منز چھُ تمو فارسی نثرس منز "ریشی نامہ عنبر شمامہ" لیوکھمُت۔ بابا کمال چھ کاشرس منز مقبول شاعر گنزرنہ یوامُت۔ "وفات نامہ آنحضرتؐ" یُس محمود گامی سٕنہ ناوٕ چھپان آو، چھُ دراصل بابا کمالن لیوکھمُت۔ (وچھو صفحہ: ۱۲۵) بابا کمالن چھے بیاکھ مثنوی "قصٕہ بہباب" تہ لیچھمژٕ۔ بابا کمالنہ اکہ وژنی ہنٛز شعر چھ نمونہ پاٹھۍ پیش:

| | |
|---|---|
| رسہ رسہ بریو مسہ کی پیالو | ووتھ میانہ لالو نیندرے |
| عشقہ دادِ ژھنڈی تھم سنگرمالو | ووتھ میانہ لالو نیندرے |
| شوقہ چانہ گنڈتھ دراس سالو | نظراہ کرتو سوندرے |
| دلغ ژامہ دِلہ ہے کوہ وہ نالو | ووتھ میانہ لالو نیندرے |

بابا کمال چھ ۱۸۴۰ء منز واصلِ حق سپدمُت۔

اُردُ نہ مال چھے اردہِمہ صدی ہنز اکھ مقبول زنانہ شاعر۔ مگر امی ہنز شاعری ہنٛدی چھ کُنہ تام نمونے دستیاب تہ یہ کینہ شراہ دستیاب چھ تتھ پیٹھ چھ شکھ زِ یہ چھا امی سٕنز۔ مثلن تمہ سٕنز ناوٕ یُس باتھ

سارِوے کھوتہ مشہور چھُہ، یُس چھُہ محض گوڈنیُک لفظ "اُرنی" آسنہٕ کنۍ اُرنہٕ مالہٕ ہُند وننہٕ یوان ییلہٕ زن تحریری شہادت اَتھ محمودگامیُن پچھنے ہاوان۔

اُرنہٕ رنگ گوم شُزاون ہیے
کرییے درشُن دِیے

ییتھے پاٹھۍ چھُہ ییا کھ ناری موند وژُن "ہَن ہَن چھُم لولہٕ چانہٕ بڑتھ" پرانہٕ نسخو مطابق محمودگامیُن ییلہٕ زن کیہنہ اَتھ اُرنہٕ مالہٕ ہُند زانان چھُہ۔

اُرنہٕ مال پچھنے پلہالن گاہ زامُت۔ سو پچھنے ونان:

سو نہٕ ہی پھوٚ جکھے ونہٕ نہٕ کریڈہ زالن
پش وا جکھے پوشہ مالن گرٕتھ
گُل گرٕتھن برتہٕ کرپڈس ماسنہٕ زالن
پلہالن مالیُن پچھے

(اصل موسیقی)

اُرس سپد پنڈت بھوانی داس کاچرو ناوکس مشہور عالم تہٕ درباری شاعرس ستۍ نکاح۔ تس اوس تخلص نیکو تہٕ پیٹھان دورس منز اوس اکھ بارسوخ عہدیدار۔ عبدالاحد آزاد نہٕ وَننہٕ چھُہ تِمو تہٕ کاشرس منز شعر ونۍ متۍ۔ دیان خاندریتہٕ کیے کالٕ تراو بھوانی داس نیکو ہن اُرہٕ نہٕ مال تہٕ سو روز ساری سے وانسہٕ مالنی۔

اُرنہٕ مالہٕ چھُہ جبہ خوتو نہٕ ہندی پاٹھۍ سہل تہٕ شیرین لہجس منز لوتہٕ واے لوتہٕ واے وژن ونۍ متۍ یم پننہٕ رُسلہٕ سازتہٕ کنۍ تہٕ دردلیہ کنۍ اَز تہٕ مقبول چھُہ۔

ہا دولو منہٕ پھُلی وندلیو پادن
آدن باجہ میانہٕ یارو وے

گُلی پیرِ کوٚ تراوِتھ کولہٕ رادن
دُکلے ووٚنہٕ میوٚنےٚ گو
مےٚ کلے چانہٕ براٚنٛشرِ گےٚ موٚنادن
آدن باجہٕ میانہٕ یار دوے

مےٚ شوقہٕ یارٕ ہندی بٔرِمس پیالہٕ تہٕ آلو دی توسے
ترہِ ہنہٕ مرگہٕ وسہٕ وٕنہٕ بالہٕ تہٕ اَہی نی توسے
کیاہ کرٕ نی نمٔ ہرنہٕ ژھالہٕ تہٕ آلو دی توسے
قندٕ تہٕ نابد بٔرِمس پیالہٕ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ نی توسے
جو دگو دعاشقن دوٚدکِنہٕ ژالہٕ تہٕ آلو نی توسے

اُردٕ نہٕ مالہٕ ہُند وفات سپُد ۱۸۰۰ء منز۔

## مثنوی ہنز صنف

غزلکی پأٹھی آیہ مثنوی ہنز صنف تہٕ فارسی پیٹھٕ پنٕز موضوع، مزاز تہٕ قاعدٕ ہیتھ۔ ہیتی اعتبارٕ اگر وُچھو مثنوی ہکو تیتھ نظمہٕ وٕنتھ یتھ منز پرتھ کانہہ شعر دوٚن ہم قافیہ مصرن ہُند آسہٕ۔ چنانچہ مثنوی ہُند لغوی معنی تہٕ چھُ "دوگُن" یا جوڑٕ جوڑٕ۔ یہ چھُ عربی لفظ "ثنی" منز دٔرامُت۔ عام پأٹھی چھُ پرتھ شعرُک قافیہ اَمہٕ برٛونٛہ نہہ شعرکہ قافیہ نشہٕ بیون آسان۔ قافیہ علاوٕ ہیکہٕ ردیف تہٕ آستھ۔

علم عروضہٕ کیو ووستاد چھِ مثنوی خأطرٕ اٹھ بحر موزون زانان۔ شاید اوٚکنٕز تہٕ موٚ وُچھ اکثر فارسی مثنویہ یمنے اُٹھن بحرن منز۔ یمو اٹھو منز یم پانژھ بحر عام پأٹھی کأشرن مثنوین منز ورتاونہٕ آمٕژ چھےٚ، تم چھےٚ یم:-

۱۔ ہزج مسدس محذوف (مفاعیلن مفاعیلن فعولن)

مثال: ہتو ہا صبحہ کے نوشبویہ داوو
ہتو تس گلعزارس میانہ گراوو (مقبول شاہ ، گلریز)

۲. متقارب مثمن محذوف (فعولن فعولن فعولن فعل)

مثال: بہار آو عالم سپنُن سبزہ زار
پوان از ہوا بوے گیسوے یار (مقبول شاہ ، بہار نامہ)

۳. خفیف مسدس مطوی مخبون محذوف (فاعلاتن مفاعلن فعلن)

مال دولتھ زمین کنُن سورُے
دِٕ ہیوتن عوٗن گرس کورُن تورُے (ناجی متورہ : کنجوس)

۴. رمل مسدس محذوف / مقطوع

فاعلاتن فاعلاتن فاعلن یا
فاعلاتن فعلاتن فعلن

مثال: بوچھ لجیو چھُہ نہ مایر کھیاوتھو
ترپیش لجیو گبہ دوداہ چاوتھو (محمود گامی : یہلی نامہ)

۵. رجز مثمن مطوی مخبون (مفتعلن مفاعلن . مفتعلن مفاعلن)

مثال: پھیر دوہس یہ اندی اندی
نیری پوشن کروس گندی
گبہ گیوس دوہ دس پھیس
نوز کراں یہ روز دُہس (محمود گامی : یوسف زلیخا)

یمنے پانژن بحرن منز چھے اکثر کاشرِ مثنوِیہ لیکھنہ آمژ۔ مگر اکھ معلب چھُنہ زِ یمو بحرو درأے

کیاہنکہٕ بہٕ بینیہ کُنہٕ بحرِ منز مثنوی لیکھنہٕ یتھ۔ یمو بحرو منزٕ یم زٕ بحر کاشرس منز سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ ورتاونہٕ چھےٚ آمژٕ تِم چھےٚ ہزج مسدس محذوف تہٕ متقارب مثمن مح.وف۔ گوڈنیچ چھےٚ یمژٕ پاٹھی لولہٕ مثنوین منز تہٕ دوٚیم رزمی تہٕ ہزلی مثنوین منز۔

موضوع کِنۍ چھےٚ مثنوی عام پاٹھی ژورن قسمن منز ماننہٕ یوان: عشقیہ مثنوی، رزمی مثنوی یا جنگنامہ، ہزلی مثنوی تہٕ منظری یا بہاری مثنوی۔ مگر ییلہٕ سۍنتھ وچھو مثنوی منز یہٕ ذٲژ باگنہٕ تہٕ چھےٚ نہٕ صحیح تکیازِ عشق، جنگ، ہزل تہٕ منظرٕ ژٕ دنوے عنصر چھِ اکثر مثنوین منز یکہٕ وٹہٕ ورتاونہٕ یوان۔ ووں گو دِیہٕ چھُ پوٚزٕ زِ کُنہٕ مثنوِیہٕ منز چھُ اکھ عنصر غالب روزان تہٕ کُنہٕ منز بیاکھ۔ یمو عنصرو علاوہ تہٕ ہیکن مثنوی منز کینہہ عنصر شامل سپدِتھ، مثلن وعظ، ہدایت تہٕ علمی بحث۔ اَمیُک دارمدار چھُ شاعرسٕنٛدِس موڈس پیٹھ۔

یتھ پاٹھۍ وچھ اَسہٕ زِ ہیت تہٕ موضوع نظرِ تل تھٲوِتھ ہیکہٕ مثنوِیہٕ ہند سادٕ کھوتہٕ سادٕ تعریف یتھٕ پاٹھۍ کٔرِتھ زِ مثنوی گژھہِ سو شعرٕ تخلیق یُس دو مصری شعرن منز آسہٕ تہٕ یتھ موضوعی تسلسل یا ووٚدتھ واشر آسہٕ۔ یہٕ ہیکہٕ سیٹھاہ زیٹھ تہٕ آسِتھ، سا سہٕ بدٕ شعرن منز تہٕ ہیکہٕ سیٹھاہ موخصر تہٕ آسِتھ یعنی داہ وُہ شعر۔ مثنوی ہند موضوع ہیکہٕ کینہہ تہٕ آسِتھ یوٚدوے پرانین اکثر مثنوین ہند موضوع عشق روٗدمُت چھُ۔

مثنوی ہندِ یہٕ تعریف یادٕ تھٲوِتھ ییلہٕ اَسی کاشرِ زبٲنۍ ہندِس شعر سرمایس وۄن دِمو۔ مثنوی ہند ورتاو چھُ اَسہٕ ژٕ داہمہِ صدِیہ پیٹھے نظرِ گژھان۔ شُندرِ پیٹھۍ "نظم" "نام حق" "یا "صدوسی مسل" چھےٚ مثنوی ہند سارٕوے کھوتہٕ پرون نموٗنہٕ۔ اَتھ نظمہِ منز چھےٚ اکھ ہتھ تہٕ ترٛہ شرعی مسلن منز وِرژھنے کرنہٕ آمژٕ۔ مثنوی منز ہیت چھےٚ اوکنۍ ورتاونہٕ آمژٕ زِ قافیکہٕ مدٕ دِتھ روزن یم شعر یاد۔ اَسی ہیکو نہٕ حتمی طور وٲنِتھ زِ شُندرِ رِیشن کیا چھےٚ مثنوی منز ہیت فارسی شاعرِیہٕ ہندِس اثرس تل وۄنۍ مژ۔ مگر یہٕ چھُ دیان تھاوُن زِ سہٕ چھُ فارسی زبٲنۍ ہندِس اہم ترین مثنوی نگار جلال الدین رومی (١٢٠٧ء - ١٢٧٣ء) سٕنٛد زبردست مدح روٗدمُت:

مے ذٕرٕ زٕ تہٕ مولانٲ رومیؔ نہٕ مٕلہٕ ڈیشتھ پر استغفار

اَکھ زمانس منز یێلہِ سانہِ شاعری ہنز غالب صنف واکھ اوس، مثنوی ہُند ورتاو چھُ قابلِ توجہ بنان:

حمدہ پتہٕ نعتہٕ پتہٕ ساہتاہ روز
مسلک بیان نٔنہرِتھ بوز
کن تھو مسلس گال حسد
وقایک مسلاہ چھُے معتمد

یێلہِ نہٕ حرکتھ کیہنہ گژھم پکہ شر اکھ صاف
پس رہا گردیم از یزداں پاک
گژزرِ نہ تمہِ وقتہٕ ژٕمےٚ کنُ نظر
پیش آید مرترا مہرِ پدر

دٔزِ ڈٕبُونٹھن ہٕتھ بابس اوس پکان
بروٚنٹھ درایس دردہِ ستیٚ گریہ کران
باہ چھاوِتھ اوس نژُوہس اندرو
حکم آو تس ٹوٚٹھ گوٚبر مار نوشہ

بڈشاہ نہٕ دورچہ شاعری منز چھےٚ صرف اوتار ٹینز "بانا سُر دِگتھا"، اکھ طویل بیانیٔ نظم مگر اتھ چھنہٕ مثنوی ہنز ہیئت کُنہٕ تہٕ جایہ ورتاونہٕ آمژ۔ اَمہِ پتہٕ گےٚ کاشُر شاعری کلہم پاٹھۍ پوٚت منظرس منز، لہٰذا اوس نہٕ مثنوی ہندِ ارتقاہک سوالے۔

اردأہمہِ صدی منز چھےٚ دُبارٕ مثنوی ورتاوس منز یوان یێلہِ میر عبداللہ بیہقی زٕ مثنوی یہ "عقاید" تہٕ

"وقایہ" لیکھان چھُ۔ کشیرِ منز چھُ بیہقی خاندان عالم تہٕ فاضل پاد کرنہٕ باپتھ سیٹھاہ مشہور۔ میر عبداللہ بیہقی اوس امی خاندانُک۔ سُہ چھُ تاریخ کبیر مطابق ۱۲۰۰ھ (= ۱۷۸۵ء) منز رحمت حق گومُت۔ "عقاید" تہٕ "وقایہ" چھے زٕ ہدایتی قسمچہ موختصر مثنوی۔ یِم دوٕشوے مثنوی چھے خاص فنی معیارٕ کنہ کم زور چھے، مگر عوامس منز چھے یِم سیٹھاہ مقبول روزمٕژ۔ نمونہ:

| | |
|---|---|
| میر عبداللہ ہس لش مسلن | چھہِ پیتہ نعتہ پتہ تھوٗ باکن |
| تمہٕ گی زانُن وُنی حقہ ہند ی ٹاٹھو | وَنہٕ ساری مسلہ کاشری پاٹھو |
| گوڈٕ پزِ تمہٕ نے خاص و عاس | نماز چھے کھمَ زن اسلامس |

(وقایہ)

| | |
|---|---|
| کاشرِ پاٹھین عقاید زان | میر عبداللہ کرِ بیان |
| امہٕ کھوتہٕ عبادتھ چھنہٕ درکار | عقاید وظعن ہُند سردار |
| ییٚ دوہ وانٛسے ییژاہ ساس | قیامژ دہ ہس معتقد آس |
| تتھ شاہہ ساری سپن آب | زٕ تحجہ گُرتھو دائہ افتاب |
| مرُتھ کُرپادا حق سُبحان | زندگی مرنہٕ پیتہ پزٕ پاٹھو زان |

(عقاید)

یِمن دوٕن مثنوین یِوٚدوے واقعاتی تسلسل چھنہٕ، مگر موضوعی تسلسل چھُ یِمن منز وحدت پاد کران۔

ییٚتین چھنہٕ بیٚیہ اکہٕ مثنوی ہُنز ذکر ضروری یُس ۱۲۰۱ھ (= ۱۷۸۶ء) منز نقل کرنہٕ آمژ چھے۔

اَتھ چھُ عنوان "طوطہ نامہ"، تہٕ کمی تام عبدی پالن چھے وُنی مژ۔

**مومن صاب** چھُ گوڈنیکین کاشرین صوفی شاعرن منز۔ سُہ چھُ ببہ گام (پلوامہ) روزان اوسمُت۔ تمیٚ ہندِس زندگی منز منس متعلق چھنہٕ شیقہ پاٹھی کینہہ تہٕ پئے۔ وَنہٕ چھُ یِوان زِ سُہ چھُ محمود گامیس بردہ یہ

گذریومت

کیہتہ وٚری گٔمژ مثنوی صِنفہِ ہٕندِس تارٟخی جاے زٕس منز روزِ تٔمی سٕندناو ہمیشہ یاد تھاونہٕ۔ تٔمی چھُ شیخ فریدالدین عطارن سُنز عظیم مثنوی "منطق الطیر" یمیُک اکھ حصہ کاشرِس منز پھیرِمُت یُس تصوفہٕ مطابق سیٹھاہ معنہٕ سوو چھُ۔ ساری جاناوار چھِ ستھِس اندر سمکِتھ جمع گژھان۔ بلبل، طوطہٕ، مور، بطخ، ککُو، راز ہونز، پانژ، بوتیمار، بون ہصوہ بیترِ ساری جاناور چھِ ستھِس اکہِ اکہِ پننہِ پننہِ حال باوان تہٕ ستُے چھکھ اکہِ اکہِ جواب دِوان۔ سارنے چھُ سیمرغ وچھنُک ہول، ہد ہدس ورِ ہاوکھ بناوِتھ چھِ تِم سفرِس پیٹھ نیران۔ سفرس چھِ ستھ مقام: طلب، عشق، استغفار، توحید، حیرت تہٕ فنا۔ یمن ستونی مقامن ہُند حال باوِتھ چھُ شاعرن واقعہ بیان کران یتھ منز جاناور پنُن خون جگر چوان چھِ تہٕ سیمرغس کُن روانہٕ چھِ سپدان مگر اکثر جاناور چھِ اَڈ وتی تھکتھ بیہوان تہٕ اڈن چھِ تیز دُزِتھ بیہوان، کینہہ چھِ واوہٕ بُزی گژھان تہٕ کینہہ چھِ گٹہٕ سوٚدرس منز پیوان۔ موژان موژان چھِ پوٚتُس صرف ترٛہ جاناور روزان تِم تہٕ تیتِھ پکھ چھیٚنتھ۔ اتھ جایہِ چھُ شاعر حضرت یوسفؑ سندِ کپنہٕ پٮ۪ٹھ واقعہ بیان کرِتھ ترٛہن جاناورن پیٹھ سپر نوٚن گژھنُک حال باوان۔ ترٛہ جاناور چھِ سیمرغنہٕ سُند جلوٗ وُچھتھ بے حال گژھان تہٕ یتیلہِ ہوش یوان چھکھ تِم چھِ پانسے منز سیمرغ (یعنی ترٛہ جاناور) وُچھان۔

| | |
|---|---|
| اوس تورُک یی تہٕ تی ہو تور گو و | کُنز کُس ذٕری یاد سے منز قطرہٕ پیوٚ و |
| تورِ یورِس یور تورِس چھکھ گٔنے | اندرِ نیبرِ ہیرِ بون ڈیوٚ ٹھکھ گٔنے |
| بازکش تِم آے یتیلِہ اندر وجوٗد | لٔسہٕ پانس وچھکھ موجوٗد و شہوٗد |

موٚمن صابنہٕ صوفیانہٕ کلامہٕ منز چھِ کل ترٛے وژن یتھ کُن روٗدی متی۔ یِم ترٛنوے چھِ "منطق الطیر" کس تمثیلی معنیس وکھنے کران زِ عشقُک منزل چھُ طالبس پانسے منز تہٕ یوٚہے چھُ پرزناوُن۔

| | |
|---|---|
| نیٚبرے اندر اژھ | اندرے بڈی پرژھ |
| وچھہن شہنشاہ | نوٚبتھے تہٕ نوٚبھنہٕ گیاہ |

چِنِٹھٔ خوٗن گرٛزھِ ترێشہِ کیٚنہ چیوٗنیے    سےٚ گرٛزھِ ژانگہِ زالنیے لو
تمہٕ کے گاشہٕ گرٛزھِ یار پرٛزنٕن یے    رٕژھِ رٕژھِ مرٛزھِ ماز کھیون نیے لو

اَہگنہٕ سیٖن تہٕ دوٗگیٖنار نزاو    پانہٕ مٕنزٕ پان پرٛزناوو لو
دوٚکھٕ تٕہ عشقن ژھیٚڑِ دِتھ دراوو    مێٚشرٛ جامہٕ گنٛڈِ تھے دراوو لو
بے رنگ پانٕے ہر رنگہٕ آوو    پانہٕ مٕنزٕ پان پرٛزناوو لو

مرثی ژٕک دور اوس مرثیک عروج مگر تمہٕ پتہٕ گوو باقے ادبی سرمایس سٍتۍ مرثیہ ادبُک سرمایہ تہٕ مغل تہٕ افغان دورس منز ضایہٕ۔ کیٚنہ کیٚنہٕ چھُ پرانین نسخن منز کانہہ کانہہ نموٗنہٕ میلان۔ اَمہٕ زیٖٹھِ دورٕک کینہہ نموٗنہٕ چھِ یم :۔

میر محمد جعفر (گنڈ ماگام ؟ — مدفن شیٖن)۔ نموٗنہٕ

معصوم تھپھ دوٚیہ اُتھ ہنہٕ کانس کرٕ نو ۔ تتھ لمان تہٕ دراوتس شہٕ۔
بۆزی نوٗسے شاہ حسینؑ شاہؑ سُند زٕ دانو ییلہٕ اوس کٕن زوٗن کربلا دانو۔
گاس اکہٕ اکہٕ پٔنہ تھ شاہ جوانو۔ دوٚیُن کس کُن وُچھان چھُکھ میانہٕ یانو...

عبدالحکیم سالم ( ۱۷۳۰ء ) اوس مشہور فارسی شاعر تہٕ عالم۔ سورخ خواجہ اعظم دیدمری اوسُس شاگرد۔ نموٗنہٕ :

بگیوا چھن اڈٕ وٕژھن ، یمن آسہ رٕژھن بایو
یمہٕ نوٗنزٕ وٕپرٕنہٕ آیو سون ظلم وچھان بایو

یوٹ خدایہ بندی پڑھی یتو موکلاوتھ رنتو بالیو

پیاد پتہ تھاونہ آیو ، رود دیوان کھارن بالو . . . . . .

## محمد حیات

اُمی سند کلام چھ ۱۲۵۰ھ منز نقل آمت کرنہ ۔ پئے پتاہ چھُنہ معلوم۔

نمونہ : خلقو دنیا زاتی توبے وفا امہ کے برٔی زیا تو قع

کوزن دغا بینہ نے چھو خبر بہ دنئے . . . . .

## بابا محمد جواد

(حسن آباد۔ زٔک دور) نمونہ :

تربیتہ پری ویش اڈ کجہ پاؤہم

درایو وعباس علیؑ امنہ تزیشاہ

دمہ کیتی وید اکھ یہ داغ دِلس تھوٗوہم

ژڈ تھس بند بند رودُس نہ کانہہ ہوشاہ . . . . . .

## خوجہ اکبر

(زٔک دور) پئے پتاہ چھُنہ معلوم۔ نمونہ :

ہو غافلہ پانو ووڈ فکراہ کر

ہبا دلہ چو نظر ونظراہ کر

یہ دو برونتھ کنہ چھے حیدر صفدر ، گرژھی یتھنہ بے پروایی . . . . . .

## خوجہ حسو بٹ نادان

(اگنڈ حسو بٹ ، وُرلہ سرکہ پیٹھ یکھ دورس منز۔ وفات ) نمونہ :

دیہ کوژ خلفرٕ پادشاہ حضرت شاہ امامٕ ہندسرو

سےٚ سرٕ سُبحان نوُرٕ قدسی ملمک دریاو

کیاہ سنا عمرٕ سعدس یاد اوس ناحدیثٕ پاٗغمبرو

## سیّد عبدُ اللہ شاہ (ژرک دور، پےٚ پتاہ چھُنہٕ کُنہ) نموٗنہٕ :

ہیا باٗندر واہٕ منزٕ ناد لایو ہو میانہٕ بابیو

ییتمو لول آم لول آم میانہٕ بابیو .....

## خوجہ عباس (ژرک دور۔ پےٚ پتاہ چھُنہٕ میلان) نموٗنہٕ :

خلقو وُنہٕ کس صاحب دِدِ گھ نو مار۔ چھُلِتھ وُن ییوٚمُت بلہٕ نوزاہ

ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ چھم زخم کار۔ سہٕ گوم پتہٕ وُنہٕ کس ہنیوم کیاہ

## میر احمد علی (ژرک دور۔ پےٚ پتاہ چھُنہٕ میلان)۔ نموٗنہٕ۔

بوزُم زٕ امام حسینؑ افتابہٕ کھوتہٕ تیزٕ دنیاہس منزٕ اوس نوران۔ آس

تعویذٕ کُنہٕ لیکھنہٕ ناو شاہ جیتو۔ لوٗبن زینت یہٕ ییُن بلندشان۔

## سیّد صالح رضوی (ماگام۔ مدفن ہانگام سوپور۔) نموٗنہٕ۔

خاٗلقو سرسبزٕ کرتہٕ میانہٕ دِلہٕ کےٚ چمن

ییتہٕ پھولتم رنگہٕ رنگہٕ دِدِ کھکی یاسمن

سیّد شرف الدّین رضوی (احمد پور ماگم) نمونہ:

بڈی بابہ چھُسے پیاد پکان ۔ ہیکان نو چھُس بایو

حضرت زینبؑ درایہ پتھاں ڈیشان کیا چھس بایو

قاضی احمد دین (احمد پور ماگم ۔ پٹھان دور) ۔ قاضی احمد علی (پٹھان دور ۔ گنڈ ، پٹن)

خوجہ محمد (پٹھان دور) خوجہ محمد فاضل (پٹھان دور) ملا عبدالرحمان (ویٚوس ، کولگام ۔ پٹھان دور) ۔ نمونہ

اسم اعظمک صندوقہ اوس علی مرتضیٰؑ

سُے لوٗ ٹِھ کربلا منز ما ٔدان رٹیتھ اچھر اوس حضرت امام حسینؑ تس دیت عمر سعدن کان ۔

مرزا عجزاللہ (راجپور ۔ پلووم ؟) نمونہ ۔

یتھ نفس تہ قفس چھوے دنیا تہ دنیادار ہو ۔ زیتھ کیاہ

اندتھ آمیوزگہ ۔ سوکھ کیاہ دِکھ صاحبس ۔ سوکھ گارٕ گارٕ گار ہو

میر محمد عباس (ویٚوس ۔ کولگام ۔) نمونہ ۔

صاحبو یُس چانہ دربار درواز اڑے رٹہ زِ پرواز کری تھے گژھ بہشتس اندر ۔

محمد اعظم (ڈب شادی پور ۔ ؟) سید امیرالدین (دولت آباد سرینگر ۔ ۱۷۸۲ء)

یم اسی ترین ہیتن وُردین ہندِ پُر آشوب زمانکۍ کینہہ شاعر یم وُنس تل آمتۍ چھ ۔ کاںٔتاہ آسن تم تہ گٔد ریتی یہندی ناو تہ پھۍ کُن رُدد کہ نہ ۔ یہ دوپرے اوس تیُتھ یتھ منز کاشرین پنٕنۍ واد کہ تہ یاد آسی نہ ۔ شاعر یہ کُس پرٚز ہے ۔

# کُنوٛہم صدی۔ تجرُبہٕ تہٕ وَہراو

## پَسِ منظر

۱۸۱۹ءیس منٛز یێلہِ پانٛژن ہتَن وٕرِین ہندِ مسلمان حکومتہٕ پتہٕ غارٕ کاشُرن اَتھ اقتدار لوٗگ یێمہِ اکہِ لٹہِ سپد یێتہٕ کیٛن عالمن، مبلغن تہٕ شاعرن خیالن ہندِ اِظہارُک ضروٗرت محسوٗس۔ نوٗسر گوٚ وعقیدن تہٕ قدرن ہندِ رد و قبوٗلُک سلسلہٕ شروٗع۔ نوٗسر لگو شاعر پنٛنِس قومی کردارس ژھارنہٕ تہٕ کٔشیرِ ہندِس پتھ کالس ووٗن دِنہٕ۔ اسلام اوس اوٚتام نہٕ صرف اکہِ اکثریتی مذہبہٕ رنٛگی قایم سپدمُت بلکہ اوس کاشرِ لو سورٕے عربی تہٕ عجمی اساطیر، داستان تہٕ تاریخ تہٕ پننٕ زونمُت۔ نعت، منقبت، جنگنامہٕ، لولہٕ داتان تہٕ غزل آیہٕ کاشرِس منٛز لیٖلہٕ پاٹھی لیکھنہٕ۔ یێمہِ پاسہٕ آیہٕ لیلا، ژر تھ تہٕ بھجن تہٕ بارٕسس۔ حتیٰ کہ عیسائی مشنرِیو تہٕ کٔر کاشرِ زبانی منٛز تبلیغچ کام جوشہٕ خروشہٕ سان شروٗع۔ اَمیُک نتیجہٕ دراو زِ کاشر شاعری ییوٗل نوٚو زوٗزبہٕ۔

یوٚدوے سِکھ کانٛہہ نجات ہیتھ آیہٕ نہٕ، مگر تہٕ کرِتھ کرٕ پر پتھ کُنہٕ فرقہٕ کیو کاشرِو راحت ہِش محسوٗس۔ مہاراجہ رنٛجیت سِنٛگن گورنرن ہنٛزِ کارکردگی پیٹھ نگرٲنی تھاوِتھ یتھ نہٕ کاشرن ستۍ کانٛہہ زیادتی سپدِ۔ کُل آیہٕ داہ گورنر مقرر کرنہٕ یِمن منٛز موتی رام، کرپا رام، میاں سنگھ، شیخ غلام محی الدین تہٕ شیخ امام الدین ییٚنہٕ نیک نامی موکھ ناو ہێتی لایق چھِ۔ وون گوو سِکھ ہیکی نہٕ کاشرن ہنٛز اقتصادی حالت بہتر بناونس منٛز زیادٕ کامیاب سپدِتھ، اکھ اوٚکُنی زِ یِمنے ووٚرِین منٛز آو اکھ خطرناک ٹُنیُل (۱۸۲۷ء) تہٕ تتھ پتی ووٚتھ کالرا وبا تہٕ ۱۸۳۷ءیس منٛز ووٚتھ اکھ نہٕ مُشووٚن دراگ۔ دوٚیم اوٚکُنی زِ سِکھ رودی انگریزن ستۍ ہیتھے برسرِ پیکار۔ کاشرن ہنٛزِ اقتصادی حالژ ہند انداز ہیکہِ موٗرکرافٹ ہندِ سفر نامٕچ یہِ اقتباس پٔرِتھ سپدِتھ:-

یتھ گامس منٛز اَسہِ ٹھہراو کوٚرمُت اوس الہٕ پلہٕ واراہ، تہٕ کُنہٕ ہے کانٛہہ

پَتھ کُن رُوٗدمُت اوس، سُہ اوس اَنتھ رَوٗس ذلتُک ٹاکارِ پھ۔

اگر نےٚ کُنہِ قسمُک اَتھ روٗٹ کرِ ہ آو تہٕ نظامس منٛز کانہہ تبدیلی

آے ہٕ اَنہٕ باسان چھُ زِ ملکُک یہِ حصہ آسہِ عنقریب لبکینوٗ وراَیی....

"باسان چھُ سِکھ چھ کاشرِن مُشکلنے چاروٲین ہندِ کھوتہٕ بہتر

زانان۔ یُیلہِ کانہہ سِکھ کاَنسہِ مقامی شخصس قتل چھُ کران، تٔس چھُ

شُراہہ ہیٚتھ وُہن روپین ہند جُرمانہٕ لوان کرنہٕ۔ تِتھ ہیٚتھ یٚھتے

ژُور روپیہ ہارِ گمتی ہندِس عیالس میلان، اگر ہیوٗند اوس۔

مسلمان ہے اوس تہٕ زٕ ے روپیہ یلہ

## صوفی شاعری تہٕ مثنوی

کاشُرِ شاعری ہنٛز بنیادی ہیٚج روٗزگوٚڑ پیٚٹھے

سریت پسندی ہیٚمکِ موٗل قدیم ویدانت شیوِمت تہٕ بُدھ مَتس منٛز آسی۔ ژوداہمہِ صدی ہِ پیٚٹھ یُیلہِ ساداتِ

ایرانہٕ پیٚٹھ کُشیر آیہِ تِموٚ اوٚن اسلامی تصوف تہٕ پانس سٟتیٚ یُس سیٹھاہ جلد کاشرو قبوٗل کوٚر تکیازِ مقامی فلسفس

تہٕ اَتھ اوس سارنے بنیادی اصوٗلن ہُند ہشر۔ ایران اوس قدیم زمانہٕ پیٚٹھے مشرقی تہٕ مغربی فکرِ ہُند سنٛگم بل۔

خاصکر تہٕ اوس شہرِ خراسان یمکُک آگرٕ ییٚتہ بغداد ہیٚتھ آہتی بہلہِ پایہِ عالم تہٕ فاضل لُبتھ آسی تہٕ افلاطون

تہٕ ارسطو نٟن عظیم علمی کارنامن ہیٚتھ آسی بحث و مباحثن منٛز راتھ دوہ آوری۔ اَمی فکری تلاشُک ہرِ ترٕ

اوس تصوف ییٚمکی کیٚہنہ پایہِ بٔڈی مفکر شیخ محی الدین ابن عربیؒ، منصور الحلاجؒ، ابوسعید اصرارؒ، جلال الدین

رومیؒ، شیخ شہاب الدین سہروردیؒ، حافظ شیرازیؒ، الغزالیؒ، شیخ سعدیؒ تہٕ عمر خیامؒ چھ۔

اسلامی تصوفکی ترٕ ے کلیدی تصور چھ، توحید، رسالت تہٕ عشق۔ توحید گوو زِ خدا چھُ کُنے یُس سارسے

کائناتس پیٚٹھ محیط چھُ تہٕ پریتھ رنگس تہٕ رٔ پس منٛز جلوگر چھُ۔ رسالت گوو زِ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم

چھِ خُدایہ سٕندی آخری پیغمبر یِم تمام عالمہٕ باپتھ رحمت بٔنتھ دنیاہس آے۔ عشق چھُ تصوفہٕ مطابق تمام آنٛگ

تہٕ نہٕ آننگ راز۔ تہٕ اوکنی یِزٕ انسانس پرِتھ ساعتہٕ خُدایہٕ سٕندِس محبتس منز سرشار روزُن۔ عشقُک یہٕ تصور چھُ تمام صوفی مفکرو تہٕ شاعرَو پننی پننی پاٹھی وَترٕھنووُمُت تہٕ اَمکی بے شمار جہت چھکھ بدکڈی متی۔ اَمہِ تصورُچ بنیاد چھُ قرآن مجیدُک یہٕ آیہٕ : وَالَّذِينَ آمَنُوا أَشَدُّ حُبًّا لِلّٰه یعنی صاحب ایمان چھِ تِمے یِم خُدایہٕ سٕندِ لول سارِوے کھوتہٕ زیادٕ آسن تھوان۔ یہٕ اوس یوٚہے عشق یُس کاینات بوٚد گژھنُک وجہ بنیوو۔ خُدا چھُ قرآن مجیدس منز وَنان : "بہٕ اوسُس اکھ پوشیدٕ خزانہٕ تہٕ مےٚ گوو شوق زِ بہٕ گژھہٕ زانہٕ یُن تہٕ مےٚ کرِ مخلوق پاد یُتھ زِ بہٕ زانہٕ یمہٕ"۔

خُدایہٕ سٕند عشق چھُ تیلی پوٚز ییلہِ یہٕ بے غرض تہٕ بے لوث آسہٕ تہٕ اَمہِ باپتھ چھُ انسانس نہٕ صرف تن تہٕ من شوٗزٕ تھاوُن بلکہ دنیاوی فریبو منز موکلِتھ کریچھر تہٕ عذاب ژالُن۔ اَمہِ باپتھ چھےٚ اکھ اے وتھ یعنی انسانن تہٕ خُدایہٕ سٕندین باقے مخلوقن لول بٲگراوُن تہٕ تِہنٕز سوکھ منزِ تھ تمن سوکھ واتناوُن :

دل بدست آور کہ حج اکبر است

از ہزاراں کعبہ یک دل بہتر است (رومیؒ)

ژوداہمہِ صدیہ پیٹھہٕ ارداہمہِ صدیہ تام اوس اسلامی تصوف کٲشِرِ منز پوٗرٕ پاٹھی مقبول سپدمُت تہٕ اَمکی مختلف سلسلہٕ تہٕ آسی قایم سپدی متی۔ وارِیاہ کٲشری شاعر آسی تصوفس بٕتھٕ طرزِ حیات تہٕ طرزِ فکر زانان تہٕ شاعریہ ہٕندِ ذریعہٕ آسی اَمیُک تعلیم عام پرٛھان کران۔ صوفی شاعرن ہٕندِ اَمہِ کاروانُک رہبر اوس پانہٕ حضرت شیخ العالمؒ۔ ارداہمہِ صدیہ ہٕندِس دوٚیمِس حصس منز گو صوفی شاعرن ہٕند اکھ زیوٚٹھ سلسلہٕ شروع یِم فارسی زبانہِ ہٕنزِ صوفی شاعریہ سٍتی متاثر سپدِتھ کٲشرِ زبانہِ منز تصوفکی ساری بُنیادی تصور چھِ انان۔ یِمن تصورن ہٕند عام سپدنہٕ سٍتی بدلیوو کٲشرِ شاعریہ ہٕند کُلہم محاورٕ تہٕ کیاژِ تصورن سٍتی مٕرٕ تی آے فارسی زبانہِ ہٕندی ہتہٕ بدی لفظ ترکیبہٕ تہٕ ونتی بہٕ۔ کینہہ شاعر رُودی یِمن لفظن ترکیبن تہٕ ونتن تتھے پاٹھی لا کھوٚل کران یتھ پاٹھی یِم فارسی شاعر منز آسی تہٕ کینژو شاعرو دیُت یِمن پننہٕ زبانہِ ہٕند مزاز تہٕ یِمن پتہٕ کٕنی تجربہ سٍتی رُکھ یانہٕ تہٕ

**کرم بلند** چھُ صرف پنٛنہِ ژورو باتو کنِہ زانہٕ یِوان یِمن منٛز سارِوے کھوتہٕ مقبول باتھ چھُ:

بہٕ درایس شوتہٕ چلنے گلن منٛز ڈٗنی دمایو

گرزہٕ پھیرِ ژھلہٕ ژھلے

اوٹ نیرِ مالہٕ تلے

گرزہٕ میانہٕ رینزِلے گلن منٛز ڈٗنی دِمایو

موتی لال ساقی چھُ کرم بلندس متعلق لیکھان:

کرم بلند زاو ژوڈارِ (بیرو) تہٕ خاندر کوٚرُن ہاعز گوٚنڈ واتھور تہٕ

توٚرِ گوٚو بسنہٕ ییٚہ

کرم بلند اوس مومن صابُن ژاٹھ۔ سُہ گوو کُنوٗہمہِ صدی ہندِس ژوٗرمس یا پانٛژمس دٔہلس منٛز رحمتِ حق۔

**شاہ غفور** تہٕ اوس زمانہٕ کنہِ محمودس بروٗنہہ۔ سُہ اوس بڈگامہٕ نکھے چھون گامس منٛز روزان۔ تِمو ہٕندِ لو

زُرلو منٛز اوس سُبحان شاہ تہٕ شاعرِیُس سوٗدرِ بل روزان اوس۔ تِمُسنٛد مشہوٗر باتھ چھُ

"نے"

نے چھٕنے دِیان بارِ صاحب چھُ کُنے دَے چھُ ژکھِ لٔش پانہٕ سے تھاوان میونے

شاہ غفورنی چھِ کُل پانٛژھ وژن وِیدِ کہٕ تہٕ پانٛژہ ہی منٛز چھٕنے تصوف تہٕ شاستر چ تیٚژ لوکہٕ سنٛجی زِ شاعریہ ہٕند

بُنیادی جذبہٕ چھُنہٕ نظری گژھان۔ باسان چھُ شاہ غفورس چھٕنے قرآن شریف تہٕ شاستر چ لوٗرِ لوٗرِ زان اسمژ۔

لل دیدِ ہُند تہٕ چھُس اثر اوسمت۔ نموٗنہٕ:

مَن کَانَ ھٰذا آیُس قرآن پرے

وَنَحنُ اَقرَب چھُس رہبر

پننہِ یاٹھؠ کرٕہس باوتھ۔ صوفی شاعرن ہندِ یہِ کاروان چھُ از تام جأری

## سوچھ کرال

چھُ گوڈنکین صوفی شاعرن منز سارؠوے کھوتہٕ اہم شاعر۔ سُہ اوس یندر (اپلودم) اگاس منز روزان تہٕ پیشہِ کنہِ اوس کرال۔ اُتھی گامس منز چھُ تمُنٛد مزار تہٕ پیٛرس پیٹھ چھُس تاریخ وفات ۷. ربیع الاول ۱۲۷۱ھ (۱۸۵۵ء) لیکھتھ۔ دپان سوچھ کرالُن مول عارف خان تہٕ اوس شاعر پنُنٛد اکھ بأتھ "مَس دُتھیتھم تہٕ چوٗدُس کٹہِ والن" تس چھُ پیالن موے" رژھراونہٕ چھُ آمُت۔ سوچھ کرال اوس مومن صابن شاگرد تہٕ محمود گامیس سٟتؠ چھُس وٕٹھن بُہن اوسمُت۔ سوچھ کرال چھُ اُمی اوسمُت مگر تمہِ بنٛز شاعری پٔرِتھ چھُ باسان زِ تس اُس فارسی شاعری ہنٛز لوٗرِ زان۔ تس پتھ پننہِ وأنسہِ منٛزے سٟٹھاہ شہرت تہٕ از تہٕ چھُ تمُنٛد دوہ تمہٕ ہندِس مزارس پیٹھ مناونہٕ یوان۔

سوچھ کرال اوس وحدت الوجودیا ہمہ اوس فلسفس پیٹھ پزٕھ تھوان۔ تمہِ ہنٛز شاعری ہنٛز ٹاکارٕ خأصیت چھےٚ یہِ زِ سُہ چھُ پننین روٗحأنی تجربن غار معمولی شبیہن منز پیش کران یمن حرارت تہٕ حُسن آسان چھُ۔ سُہ چھُ پننہِ زبان پأنہٕ دریاف کران تہٕ برونٛہہ مروجہ ونتھن چھُنہٕ ورتاوان۔ یوٗدوے سوچھ کرالُن سٟٹھاہ کم کلام موجود چھُ، مگر ییٚمہِ بےٚ کلامس منز چھُ کأشرِ شاعری ہندی کینہہ بہترین شعر نظر گژھان۔

سوٗدرس منز باگ چھےٚ زوٗنہٕ ڈبا\
تتھ منز لبتھ چھےٚ شاہ پانے

نہٕ تتہِ نیہہ تےٚ نہٕ تتہِ شبا ہبا یہِ چھےٚ کمانے\
کینہہ نے اوس کینہہ تاں اوس\
کینہہ نس معنی چھُ کینہہ ہاہ\
کینہہ نس معنی زاناں گوس پانے اوس بہ بہانے

فَسَمٕ وَجہٕ ڈیشتھ گرِ گرے
عاشق کونہٕ تتھ دارے سر

برہما، وشنو، مہیشر گارُن
شِتھ چھےٚ تہٕنٛدے زُو
پان ہے کھٔڈنے جان ہِکھ مارُن
دارنا بہٕ دارُن سوٗ ہم سوٗ

**محمود گامی** چھُ کُنوٗہِمہِ صدی ہٕند ساروے کھوتہٕ اہم شاعر۔ نہ صرف اوکِنٛز زٕ تٔمِس بروٗنہہ ورٛن شاعری ہٕنٛد سورے حُسن آو تٔمی سٕتی شاعری منٛز ہٕیتھ بلکہ اوکِنٛز تہٕ زٕ موضوعس ہٕیتس تہٕ زبأنی منٛز۔ کرٕ تی نو روایت قایم یِمہٕ منٛز از تام خلاے کانہہ شاعر نہ برٕ ہیوٚک نیرِتھ۔ شیخ العالمؒ پتہٕ چھُ محمود گامی اکھ شاعر یٔمی سُند کلام سیٹھاہ قدر کرِتھ رٔٹھراونہٕ چھُ آمُت تہٕ ہیتہٕ ہدِین مسودن منٛز چھُ دستیاب۔ تٔمِس چھُ پننے ہمعصر شاعر ولی اللہ مُتو یِتھ پأٹھۍ عقیدتُک نذرانہٕ پیش کران :

خصوصن کأشرِس منٛز مردِ نامی
چھُ کیاہ کم ایس زماں محمود گامی
مے کوٗر تمی سیٹھاہ شاہ باد دِلشاد
سُہ اوسُے کأشرِس منٛز مرد اُستاد

محمود زاو ۱۷۶۵ء منٛز آرٕ ودٕ (محمود آباد) گامس منٛز۔ گرس منٛز اوس علمی تہٕ ادبی ماحول تہٕ حسب روایت آیس عربی تہٕ فارسی زبأنہِ منٛز تعلیم دِنہٕ۔ تٔمی کوٚر سعدی، حافظ، نظامی تہٕ جامی ہوٚیِن فارسی

شاعرن ہند سٕنتھ مطالعہ ۔ تہنزِ شاعری پٮ۪ٹھ اوس ستھا ہ اثر پیوان ، یُس تِمو لوکو چارسے منز فارسی شعرو نٕہ۔ اکہ پرانہِ بیاضہِ سام ہیتھ چھُ ننان زِ تمِ کرِ گوڑ گوڑٕ چامی ہندین نعتن تقلید فارسیس منز پتہٕ اُتھی دوران گوو اکہ ساعتہٕ پتہٕ شوکی پاٹھی کیٚہہ کاشُری نعتیہ شعر وَنہٕ ۔ اَمہ پتہٕ لوگ سٕہ کاشرس منز نعت وَننہٕ ۔ یِمن نعتن ہنز مقبولیت ڈیچھتھ کوٚر تمی آخرس کاشرس منز لیکھنُک فٲصلہٕ ۔ وون گوو منزی نٔنزی آسہے فارسیس منز پتہٕ لیکھان ۔ اُمی ہندین نعتن ہنز بیاضہِ چھُ اندرن پٮ۪ٹھ لیکھتھ گُفت ۱۲۲۹ھ "یعنی سہ چھُ اَمہ ساعتہٕ تقریبن پنژاہ وُہر اوسمت ۔ مگر یہ چھُنہٕ ممکن زِ بیاضہِ منز شامل ساری نعت کیا آسن تمی اُتھو اکے وری یس منز وٚنی متی ۔ اَمہ بیاضہِ ہندِ اکس فارسی نعتس منز چھُ یِم زِ کاشری شعر درج :

در روز محشر ہیٚنہ گونہرس وٚنہٕ ییہ نو مول

تمہ دوہ ہہمت کرامت تھاوِ محمدؐ

یُس بارگاہ آسہ سہٕ در نارِ جہنم

نور دیدِ ہیتھ ییہ لارٕس تتہ کھارِ محمدؐ

باسان چھُ یِمے شعر آسن محمودنی گوڈنکی شعر۔ عبدالاحد آزادُن وَنُن چھُ زِ محمودس ییلہ پنُن جوان سال نیچوُ شاہ سلطان مود تمی وُنی تمی ہندی سے مرثس پٮ۪ٹھ گوڈنکی کاشری شعر یہ

لگیو لگیو لگیو

شاہ سلطانو لگیو

ڈیچھنہٕ سورت بندرو رچھتھ وانجہِ اندرو

ووہ وریہ میلنے گندرو

پہلوانو لگیو

مگر یہ روایت چھنہٕ صحیح نکیازِ محمودن پھٕلے پٮ۪تھ مثنوی شیرین خسرو ۱۱۹۹ھ (=۱۷۸۵ء)

منز نیچِہ بیلہ سہٕ اُمر ساتہ کُل دُہہ دُہرادس ۔ اُتھ وانسہٕ منز گئہ آسہے تس جوان نیچوٗ ۔ شاہ سلطان چھُہ
محمودنس بییس نیچوس حیدرگامیس زِٹیھ اوسمُت ۔

شعرونس منز تھوٗو محمودن تخلص "گامی" ہیکیاہ یہ اوس نظامی تہٕ جامی ناوِن تہٕ ہشر تھاوان تہٕ سُہ
اوس یمن دوٚن مشہور شاعرن ہند مدح ۔ لیکھان چھُ :

چانی تعریف کران نظامی چانی توصیف پران جامی

ونہٕ کیاہ ووٚنی محمود گامی

یارسول سلام علیک

محموٗدن زٕ بیم نیچوٗ اوس حیدرگامی ییمہ منز کرانی ہانکل از تام موجوٗد چھےٚ ۔

محموٗد گوو بنیہٕ وانسہٕ منز ے شہر گامہ مقبوٗل ۔ دپان سُہ اوس پانہٕ تہٕ گیوان ۔ سرینگرس منز تہٕ چھُ تس
یُن گژھن اوسمُت تہٕ محفلن منز اوس تس سٹھاہ احترام لبوان کرنہٕ ۔ سُہ اوس زبردس زیرک تہٕ ظریف ۔ تہٕ
وارِیاہ چاٹھ چھ تمۍ سندس ناوس سٟتۍ منسوب لبوان کرنہٕ ۔ ییمن ہمعصر شاعرن منز چھُ تس خاصکر تھ ولی اللہ متّو
سٟتۍ یارانہٕ اوسمُت ۔ ولی اللہ متّو ییلہ ییمن جوان بوے موٗد، محموٗدن لیچھ اَتھ دوہکس منز اکھ مرثی ۔ یہ مرثی چھےٚ
ولی اللہ متّو سنزِ مثنوی "ہیمال ناگرائے" منز شامِل ۔

پیشہٕ کنۍ اوس محمود گامی زراڈ ہلس منز پہ ناوان تہٕ بجرس منز اوس پیرمُریدی کنۍ تہٕ مشہور ۔ خوشنویسی
منز تہٕ اوس دلچسپی تھاوان ۔ تمۍ سندِ زمانکیو وارِیاہ خوشنویسو چھِ تمۍ سند کلامک لیچھ بناوِمتۍ تہٕ دوستن احبابن
منز چھکھ باگراوِمتۍ ۔ تمہ پیٹھ از تام چھ بے شمار گیون والیو تمۍ سندۍ وژن گیوِمتۍ ۔ محمود گامی گو دنیہ دور
وانس پراوِتھ ۱۲۶۵ ھ (۱۸۵۵ء) منز رحمت حق ۔ سُہ چھُ آرِ دور دفن تہٕ تمۍ سند مزار چھُ شرتھ پیرتھ ۔
تمۍ سندس ناوس پیٹھ آو آرِدور گامس محمود آباد ناو دِنہٕ ۔

محمود گامی چھُ بڈ آکھ نغزٕ شاعر تہٕ تمۍ ہنز ساریے مثنوی یہ ، نعت ، منقبت ، صوفیانہ

باتھ بیتر چھ پننہ نغمأتی لہجہ کنۍ پرزناونہ یوان ۔ وژنک اصل مزاز ییس جبہ تہ توتہ پتہ مشراونے اوس آمت ، تس کور محمودن بازیاب ، تہ زندگی بخشن تہ تتھس عروج یس واتنووُن ییتہ پیٹھ ساری اُتھ تقلید کرنہٕ لگۍ ۔ مقدار رنگ تہ چھ ساروے کھوتہ زیادٕ وژن تمی بنڈی ۔ یمن منز چھ ہیرتہ موضوعک تنوع تہ اتی چھ باسان زِ وژن کیتھ پاٹھۍ چھ لولہ شاعری ہند خاطر ساروے کھوتہ کامیاب صنف ۔ لول انسأنی اَسرتن' الوہی اَسرتن یا ییتر تہ پرزھ ہند وژن چھ اُتھ شاعری ہندی نوی نوی آکار دِنس منز مددگار روزان ۔

محمودنِس وژن منز چھنے کأشرِ سیتھ کاین اکھ مکمل تصویر، وۄتلان یتھ منز کأشرن ہند وۄتھن بہن ، لول ، نفرت ، پرٕژھ ساجی رشتہ ، فریب ، وۄمینہ غرض زندگی ہند پرتھ گوشہ ساری رنگ ہیتھ ٹاکارٕ چھُ ۔ زمانہ گدرنس سیتی سیتی چھُ اُتھ منز سانہ باپتھ راوُنک احساس زیادٕ زیادٕ شدت رٹان تکیازِ اَسی چھ ژرینتھ ہبکان زأنِ کیاہ گیاہ روو۔

استأے استأے باغہٕ ببر وۄتھراوس تے

کونگہ ، کوستور ، مشکہ کوفور تن ناوس تے

رِستھر وہیتم چھتر بونین ہواوس تے

شتھرِ بے گیلن مہ کرتم چھس بے کس تے

| | |
|---|---|
| گچھ کُھٹہٕ بے تھاوے وۄتھراُوِ تھ | لچھ ناوِ یو کرے انتظار |
| اَچھ داَرزن روزَے یاَراَوِتھ | منہ ناَوِتھ اَنتن یار |

| | |
|---|---|
| لگےنے رُمبہ ریشن آے مے چھم چون تن | ارمان چاَژم کس دراے سنے نوماے مشی زاہ |

پوشہِ نولو پرزٕھنو کاوس          کوٚت گٔے ِتم ہاوساک

یم لانہٕ نیاے کس باوس

بٲلی باوس لانہٕ نیاے

تل پاتالے ڈیچھوم خاب          خابہٕ منز گوس سیٹھاہ نایاب

ناگہٕ پیپھ رٕوٗٹس ناہٕ ونزلے

محموٗدنٕین بٲتن منز بادہٕ آمُت لول چھُ اکی آنہٕ انسٲنی لول تہٕ تہٕ سِری لول تہٕ ۔ سُہ چھُ اکھ مثٲلی صوٗفی شاعر یُس جذبٲتی وٕتشہٕ تہٕ وابستگیہٕ ورٲے شعر چھُنہٕ تھران ۔ سُہ چھُ ژھرٕیے نکتہٕ سنجی نہٕ بلکہٕ دوٗر رٕوزِتھ پننِس کشفس تہٕ آگٲہیہٕ جذبک رُح دِتھ تشبیہن منز پیش کران ۔

جبہٕ ستی جبین پھوکھ لوے حبابس          پھوکہٕ ستی میوٗل بتِیہٕ آبس ستی

موٗدکیاہ رٕوٗدکیا باقی حسابس

رِندہٕ چھکھ زِندہٕ کتھ آبس ستی

صوٗرتس نِشہٕ چھے تعبیر خابس          مشک زن میلتھ گولابس ستی

واصلس نِشہٕ ژھاے چھنہٕ کانہہ نقابس

رِندہٕ چھکھ زِندہٕ کتھ آبس ستی

عرشس تہٕ کرُسیہٕ آسہٕ ملوتے          نوٗرن اوس بہتھ درماندان

نٔے اوس تارِیخ نٔے اوس سنٔہ

وَنٔے دردِ نیستان

الفس تہٕ میمس آس رلوٗنے　　　اُنس ژ یوٗدگوو حاران

د، ذ، ر، ز، ص ادس ینے

ونے دردِ نیستان

محموٗدن نعتیہ کلام تہٕ چھُ تھدٕ پایک۔ فارسی نعتک سرٕوٗن مطالعہٕ آسنہٕ کنۍ چھُ تمۍ کاشرس منز نعت گوئی ہُند کمال ہووُمُت۔ نعت اوس شیخ العالمؒ نہٕ دٕسی کاشرس منز آسُت مگر محموٗدن دِژ اَتھ باقاعدٕ صنفٕ ہنز شکل۔ محموود چھُ تمن کینژن شاعرن منز یمو نعتس منز پننہٕ فنہٕ تہٕ عقیدتہٕ ستۍ جلال تہٕ جمال متوازن چھُ ہووُمُت تمۍ بدٕ ین نعتن منز چھِہ آنحضورؐ ہُند حسن صرف جسمانی حسن روزان بلکہ "تصورِ جانان" بنان تہٕ روحانی تجاتچ اکھ علامت۔

محموود گامی چھُ مثنوی نگارن منز تہٕ سرس۔ یوٗدوٕے مثنوی ہندۍ نموٗنہٕ تمس برونٹھ شاعرین منز تہٕ نظر چھِ گژھان مگر محموٗدٕنۍ مثنوی شیرین خسرو چھےٚ تۍ تہٕ گوڈنچ مکمل مثنوی زاننہٕ یوان۔ محموٗدن چھےٚ کل داہ مثنوی یہ لیچھمژ تہٕ یمہٕ سارٕے چھےٚ فارسیہ پیٹھٕ مستعار۔ چونکہ اسلامی تاریخ تہٕ اساطیر اوس اوتام کاشرٕ لوٗکہٕ باپتھ پننۍ زونمُت لہٰذا اَنۍ محموٗدن پننین سارنے مثنوین ہندِ خاطرٕ ایرانی ادبہٕ منزٕ پلاٹ تہٕ پننہٕ زبانی منز کرٕن پننۍ پاٹھۍ پیش۔

مثنوی شیرین خسرو لیچھ تمۍ ۱۱۹۹ھ (=۱۷۸۵ء) ییس منز۔ مثنوی ہنز فنی کوتاہیہ نظر تل تھاوتھ تہٕ چھِ یہ صحیح باسان زِ یہ چھےٚ تمۍ ہنز گوڈنچ مثنوی۔ مثنوی ہندۍ کینہہ حصہٕ چھِ راوِمتۍ یمہٕ کنۍ اَکھ تسلسل ڈٕلمُت چھُ۔ اَکی کردارٕ تہٕ چھِنہٕ واش ہیکمتۍ گنڈِتھ تہٕ شاعرن چھےٚ صرف دلیل زھوٕٹۍ پاٹھۍ دنچ کوشش کرمژ۔ خسرو چھُ پننس یارس ہنز زبانی شیرینہٕ ہُند سراپا بوزان (شیشہٕ شعر) تہٕ تس پیٹھ عاشق گژھان۔ سُہ چھُ شیرینہٕ ہندِس بائس منز پننۍ اکھ تصویر کلِس اویزان تھاوان۔ شیرین چھےٚ تصویرٕ وُچھتھ خسروس پیٹھ دیوانہٕ پدان یتھ تتھ چھُ یمن میل پدان مگر کینہہ کال گژھی تھےٚ چھےٚ شیرین خسروس نشہٕ بد دل پدان تہٕ خسرو تہٕ چھُ بیٚیس ستۍ خاندر کران۔ یپاری چھُ اکھ سنگ تراش فرہاد شیرینہٕ ہندِس محبتس منز گرفتار۔ مگر شیرین زیننہٕ خاطرٕ چھُ

تس بال ژٕٹھ دود کول والنٕگ شرط پوان تھاونہٕ۔ فرہاد چھُ زوٗژٕٹھ یہٕ شرط پوٗرٕ کران۔ مگر خسرو چھُ تس شیٖنچہ سوزان زِ شیٖرِن گیہِ مرِتھ۔ فرہاد چھُ یہٕ شیٖنچہ بوٗزِتھ تیٖشہٕ کلس لۄنگ لایتھ مران۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ خسرو بیٖیہٕ شیٖرینہٕ ستیٖ نکاح کران۔ مگر تمۍ سندِ دوٗیمہ زنانہٕ زاتٕ ہنٛز نیچُو چھُ تس پیٹھ عاشق آسان۔ سُہ چھُ مالس نیٖندرِ منز قتل کران۔ شیٖرین تہٕ چھےٚ آخرس خودکشی کران۔

شیٖرین خسرو چھےٚ شاعرانہٕ خوٗبیو ورٲے۔ اَتھ منز چھِ کینٛہہ مارٕ منٛدۍ شعر۔ مثلن:

شباں گیاہ خال تتھ برگ انارس　　　دزاں زن مرژہ پھوٗل منز باگ نارس

اَسن وقتن پھوٲں چھُ گہٕ منز گاش　　　تمن دوٗن موختہٕ ہارن شوٗبہٕ شاباش

قصہ شیخ صنعان چھےٚ محموٗدنۍ دوٗیم مثنوی۔ یہٕ چھےٚ لکھنہٕ پتہٕ پتہٕ ہتیٖ مقبوٗل پیٚومٕژ۔ اَتھ نہٕ چھ داستانکۍ پاٹھۍ پیچدار مرحلہٕ تہٕ نہٕ چھُس غٲرٕ ضروری زیٚچھر۔ بحرٕ تہٕ چھس لوٗتٕ تہٕ روان حالانکہ یہٕ بحر چھےٚ فارسی مثنوی ہنٛز کانہہ مستند بحر۔ یہٕ چھےٚ نکہٕ بانہٕ لیہٕ پیٹھ ونہٕ آمژٕ۔ زبان چھس سیوٗدٕ تہٕ صاف:

سرباو تمہٕ ہیٚنز یانی　　　کمۍ گرٕ یہٕ صوٗرت چانی

کمۍ ہیچھناو کھ کتھے　　　چھی رؤ یہٕ ندی اتھے

خورشید رۄے کمۍ دِتےٚ　　　تس چھا بیٖیہٕ کینہہ تےٚ

"شیخ صنعان" مثنوی ہند اصل قصہ چھُ شیخ عطارنہٕ 'منطق الطیر' منز نہٕ آمُت۔ بصرٕک مشہور زاہد شیخ صنعان چھُ خانس منز وُچھان پوتلین سجدٕ کران۔ خابُک تعبیر زانہٕ موکھ چھُ روٗم واتان یتہِ تس تتہٕ کُس بادشاہ ہنٛز کورِ ستیٖ عشق چھُ سپدان۔ مگر سو چھےٚ آتش پرس ییٚتھاہ کرشنہٕ پتہٕ چھُ شیخ عشقچہ وتہِ لنٛنہٕ لوٗب ہتھ بیٖیہٕ مسلمان سپدان تہٕ پننٕ وطن واپس پوان مگر رۄنٛز شہزادؠ چھےٚ تس پتھ پان ماران تہٕ آخرس چھےٚ تس لبنھ تس ستیٖ خاندر کران۔

محموٗدنین مثنوین منز چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ مقبوٗل مثنوی "یوسف زلیخا" یوسہٕ شاید سارنٕے کاشرِن مثنوین منز مقبولیژ کنۍ سرس چھےٚ۔ محموٗدن چھےٚ یہٕ مثنوی جامی ہنٛز مثنوی پرٕتھ وُذمژٕ۔ تموٗدن چھُ واقعہ

اختصار سان پیش کورُمت تکیاز سُہ اوس زانان زِ زیچھ چھ شاعر یہ ہند عاب:

محمود وکر موختصر حال

طولِ کلام باعثِ ملال

محمودن آسہے لازمن جامی سنز "زلیخا" پرمژ تہ قرآن شریفک سورہ یوسف تہ اوسُس برونٹھ کنہ اوکنی چھینہ تمی سید سیوذ ترجمہ کورُمت۔ بوذوے بنیہ تہ کینژ و شاعر و محمود س پتہ یوسف زلیخا" لیچھ مگر محمودنہ مثنوی ہنز مقبولیت پیچ نہ بیہ کُنہ۔ یِلہ اکہ غار معروف شاعر قدیر شاہ قادرن پنژ یوسف زلیخا لیچھ تہ دُپ:

"سُہ گامی زانہ کیاہ شعرچ نزاکت"

پیر عزیز اللہ حقانین وونُس،

چھُ یتھ قصس سیٹھاہ بس قول جامی پتھ گو ختم بر محمود گامی

تمس پتہ ہاو کانہہ نازک خیالی تمس کرزہ جاے اوتھمن منز جھنیہ خالی

مشہور جرمن عالم کارل فریڈرک برکھارڈن کور اتھ مثنوی محمد گامی نہ مرنہ پتہ کینژ وہری یانترہ قلمی نسخہ نظر تل تھاوتھ ترجمہ۔ کینہہ وری برونہہ آس اکثر کاشرین زنانن ساری مثنوی زبانی یاد آسان۔ امچہ مقبولیژ ہند وجہ چھُ یتے زِ اکھ قصس چھُ مذہبی تقدس حاصل تہ قرآنس کومس منز چھُ اتھ "احسن القصص" وننہ آمُت۔ بلکہ یہ زِ اتھ مثنوی منز چھُ محمودن سوزے فن پھولتہ آمُت۔ انسانی رشتن ہنز ماحولچ تہ قدرچ تہ جذباتن ہنز انداز مختلف لبن منز تہ مناسب کھوتہ مناسب لفظن منز باوتھ چھے کرنہ آمژ سو چھے لاجواب۔ باقی مثنوین ہند کھوتہ چھ اتھ مثنوی منز محمودن نیرزِ باتک انداز تہ پوت منظر زیادہ کامیاب پاٹھی ووتلو ومُت۔

پھیر دہ ہس یہ اندی اندی نیرِ پوشن یہ کرِ گوندی

گیہ گیوس دہ دس پھس لوزِ کراں یہ روزِ دہس

اَتھ منز چھ مناسب جاین وژن تہٕ شاعر یمن منز آخری وژن کاشُر زبانی ہنز بہترین مرثی چھُہ۔
اُمچ دۄد کھُہرنے چھےٚ لاثانی۔

## ناد لایے میانہٕ یوسفو ودلو

دلیل چھےٚ سارنیے ویزِ زِ شاہ طیموسنہٕ کورِ زلیخایہ وُچھ خابس منز اکھ نوجوان ییمُس تس دِل نیو۔ ناو وۄنُنس عزیز مصر۔ زلیخایہ کورُکھ عزیزِ مصرس ستیٚ خانہ دار گریٚید۔ تمہ پتہٕ وُچھ سو لج بُتھ بُتھ دۄنہ زِ یہ چھُنہٕ سُہ ییُس تس خابی آیو۔ اَتھی دوران وُچھ حضرت یعقوبؑ سند بانیٚ بنیچو یوسفنؑ تہٕ اکھ خاب یتھ منز تمہِ زون، آفتاب تہٕ کاہ تارکھ اسمانہ دُستھ تس سجدہ دِوان وچھ۔ تمہِ دۄن بنیس بابہ صابس یہ خاب گر تمہِ وۄنُس درجواب زِ دۄد رباین وُدُرنہ۔ گر دۄد رباؤ بوزُس۔ تمو نیوس ورغلاوتھ ولس منز تہٕ ژھنکُھ چہس۔ اپاری پکِ کیہنہ سوداگار، تمو کھورُس چیہہ منز پانس ستیٚ نیوکھ تہٕ مصرس منز کنکھ سُہ عزیزِ مصرس۔ تمہِ ہندِس دربارس منز بیٚلہ زلیخایہ سُہ وُچھ، تس ڈیٚت پننیٚ عشقہٕ نارن بلیہ جوش۔ سوہ لج تس ژۄرِ ژھیٚپہ میلنہٕ تہٕ تس ستیٚ وصل کرنچ کوشش کرنہٕ۔ مگر پریتھ ساعتہ کورُس یوسفنؑ انکار۔ زلیخایہ کر خشمناک پیدٕ تھ عزیزِ مصرس انش اپرنے شکایت زِ یوسفنؑ کور تمہِ ہندِس عصمتس پیٹھ حملہٕ۔ یوسفؑ کورُکھ قاد۔ مگر عزیزِ مصرن وُچھ اکھ خاب یتھ یوسفنؑ تعبیر کوڈ۔ یوسفؑ آو رہا کرنہٕ تہٕ تس آو شہرک انتظام حوالہ کرنہٕ۔ اَتھی دوران سپدِ تس پننیٚ دۄد رباے۔ تمن اَتھ سوزِ تمہِ مینُن جامہ حضرت یعقوبسؑ ییٚس اَچھن گاش اوس گومُت۔ یہ جامہ اَچھن ملنہٕ ستیٚ آو تس بیٚیہ گاش۔ تمہِ ہندی دۄد رباے گے شرمندہ۔ عزیزِ مصر نیٚیہ مود، زلیخایہ کور یوسفس ستیٚ خاندر۔ دلیل چھےٚ یوسفؑ نِس رحمتِ حق سپدِتس ستیٚ انددواتان تہٕ زلیخا چھےٚ دۄہہ اکھ دِوان۔

مثنوی لیٚل مجنون چھےٚ نظامی سنز مثنوی برونٹھ کنہ تھاوتھ لیکھنہٕ آمژ۔ مگر محمودن چھُنہٕ ترجمہ کورمُت بلکہ چھِن دلیل وژنن تہٕ دلولس منز باد مژ۔ تمہ علاوہ چھےٚ محمودن کوشش کرمژ زِ دلیل تہٕ گرٕ چھنہٕ دۄدپر باسِنہٕ تہٕ ساری کردار، رسم، رواج، پلو پوشاکھ، اوند پوکھ بیتر چھُن کاشُر ودمُت۔ یتہٕ چھےٚ کامیاب

ترپن کاشرن مثنوین منز اکھ یِدوے اکھ مثنوی ہنز ہیت اند وند برقرار چھنہٕ ۔

قصہ ہارون رشید کِ چھاپی نُسخہٕ تہٕ قلمی نُسخہٕ چھِ وارِیاہ بِہن تھوان ۔ چھاپی نسخہٕ مطابق چھےٚ یہ مثنوی تمہٕ ۱۲۵۸ھ منز لیچھمٕژ ۔

یک حکایت ، پوٚپری نامہ ، قصہ محمود غزنوی ، منصور نامہ ، پہلی نامہ ، چھےٚ محمودنہٕ ژھوچہٕ مثنوی ییمن منز محمودُن داستان گوئی ہٕنٛد فن تہٕ مثنوی ہیچھ تمہٕ سٕند عبور عیان چھُ ۔

محمود اوس داستانوی زمانکی موضوع ژارنس منز ، لکہ لیہ ہنزٕ بے ساختگی پانہٕ دنس منز تہٕ غار علمی تہٕ پانیارِچ زبان ورتاونس منز ۔ اکھ مثالی رومانی شاعرس زندگیہ ہٕندین سرن ہنز ۔ زان تصوفہٕ کِس گاشس منز کرِنی یژھان اوس ۔ سہ روٗد ہِنٛس پُر آشوب زمانس ستی رٲوِشتھ ۔ ییٚہ کنہٕ اُندی نِکھی سپدن والین سیاسی انقلابن ہنز ژھاے تہٕ تمی ہنز شاعری منز نظر چھینہٕ گژھان ۔ نہ تہٕ زن وُچھ تمی پٹھان دورُک زوال ، سکھ دورُک عروج تہٕ زوال تہٕ ڈوگر راجُک آغاز ییتھ منز امرتسرُک معاہدہ تہٕ پیوٚد ۔ تمی وُچھ نہٕ زنہٕ کہنی ۔

محمودگامیس پتہٕ چھُ شاعرن ہٕند اکھ بوڈ کاروان پوکمُت ، یِمن منز کینہہ تمی ہٕندی ہمعصر آسی تہٕ کینہہ کانسی ۔ کینہہ آسی صرف مثنوی لیکھان تہٕ کینہہ صرف وژن / غزل ۔ مگر کینہہ آسی دونوی صنفن منز ونان ۔ وارِیاہ چھِ تحریرس منز نہ پیٚہ کنہٕ وٕنہ تہٕ راوس تلے تہٕ شاید گئے ہمیشہٕ خاطرٕ مُشتھے ۔ کینژن شاعرن ہٕند وارِیاہ کلام چھُ ضایہٕ گومُت تہٕ کینژن ہُند چھُ وُنہ تہٕ قلمی نسخن منز ژھیکرِتھ تحقیقس پراران ۔ محمودنِہ ہمعصر شاعرن منز چھِ بابا خلیل ، پیر علی شاہ ، ولی اللہ متو ، عبدالاحد ناظم تہٕ مقبوٗل امرتسری سارِوے کھوتہٕ اہم ۔

**بابا خلیل** اوس صرف 'نورنامہ' لیکھنہٕ کنہٕ زانہٕ یوان ۔ مگر تمی چھےٚ اکھ لوکٹ مثنوی تہٕ لیچھمٕژ ییمُک ناو چھُ قصہ حضرت شمعونؑ وزنِ ماکرہ یوس تمی پننس شاگرد احمد شاہ نہٕ فرمائشہٕ پیٹھ وٕنمٕژ چھےٚ ۔

بشرطِ التماس شاہ احمد　　　شہ ژٕ دوڈارُک متے چشم شاگرد رشد

وۄنِم کٲشر توٚے تَس فِکر کٔ سم وگرنہ کٲشرِچ خٲہش نہ آسِم

مثنوی ہُند واقعہ چھُ حضرت شمعونؑ تہٕ تٔمی سٕنٛز. مکار زنانہٕ متعلق۔ کافر چھِ شمعونس نِشہٕ پھِرِکہ پھِرِ شکس کھیتھ تٔمی سٕنٛز. زنانہٕ پھُسراوان تہٕ تَس نِشہٕ شمعونؑ سٕنٛز طاقتُک راز معلوم کران زِ سُہ ہیکہ صرف مَس وٲلہٕ کرگنڈ ستی پامال گٔژھتھ تہٕ بنیہ نہٕ کُنہِ ستی۔ شمعونؑ چھُ گرفتار یوان کرنہٕ مگر تٔہنٛز. زنانہ تہٕ چھِ یِنٛس ستی بے وفٲیی کرنس پیٹھ سزا دِوان۔ شمعونؑ چھُ آخرس زنانہٕ ہِنٛز راز ونُنُک گناہ کرنس پیٹھ افسوس کران تہٕ رہا سپدان۔

مثنوی ہٕنٛز زبان چھےٚ فارسی آمیز تہٕ شاید چھےٚ یہ بابا خلیلنٕ کٕنی مثنوی۔ تَس چھُ ہِنٛزِ کوتاہیہ ہُند خیال اوسمُت۔

یِمن بٲتن پٔری یوٚد کانہہ تہٕ ماہر مےٚ چھُم منت کرِمنہٕ عیب ظاہر

کرِس اصلاح پیٚٹھ زانہٕ ہر گاہ خلیس ورنہ پشرآوِن الی اللہ

باباخلیل اوس حضرت بابانصیب الدین غازیؒ سند یُو خلیفو منز اکھ یُس زٕوہ یہ ہنگس ستی اوس۔ سُہ اوس زٕوداٍر روزان شہ

پیر علی شاہؒ اوس یِمنے دوہن زٕوڈاریگ بیا کھ اہم شاعر۔ سُہ اوس ولی اللہ متوٗ سُند مُرشد۔ سُہ چھُ 'خدیج نامہ' مثنوی ہُند خالقؒ۔ یہ مثنوی چھےٚ کٲشرِ زبٲنی ہِنٛزن مقبول ترین مثنوین منز اکھ یوسہ پرِتھ گرس منز پرنہٕ آسہ یوان۔ یہ مثنوی چھِنہٕ کُنہِ فارسی مثنوی ہُند ترجمہ بلکہ چھےٚ طبع زاد۔ اَمِچ شوٚز زبان تہٕ روٲنی چھےٚ تعریفن لایق۔

خدیجن زٕ دو غم کیاہ گیہ مسرور دوٚدِن تَس چھکھ زٕمیاہن دوٚن اچھن نور

زٕ ڈیشتھ یامحمدؐ دل دوٚدُم مے مےٚ غارَس آم کوتاہ کیاہ دوٚدُم مے

گیس بے حال ڈیشتھ حال چوٚنے زٕ نکھنا بہر سودا مال میو نے

مثنوی منز چھِ نعت چھےٚ تھاہ شیرین تہٕ پُر سوز۔ یِمن بندن منز چھُ کٲشر ونونیک :

از گوو منور کُل عالم ستےٚ | دٕپہ دٕپہ نمہ وٕے معبوٗدس
بلہٕ نے داُدی ژٕلہٕ نےٚ غم ستےٚ | دٕپہ دٕپہ نمہ وٕے معبوٗدس
شوقہٕ سان ونوٗ تازٕ بتازٕے | حضرتؐ سون مہارٕزے آو
ہول گوم جگرس لول آم چونےٚ | یارسولؐ از ووہ سون یے

پیر علی شاہس چھُ حضرت سید حسین سمنانیؒ ماُلۍ پھِرٕ بُڈ بب اوسمت:

سُہ حضرت سید سمنان دِوسرٕ چھُم | مےٚ از ذُریات اوبُڈ بب پدٕ چھُم

سُہ چھُ حضرت نصیب الدین غازیؒ سُند خاص مرید اوسمُت تہٕ تمہِندس خلیفہ خاص سید علی خان سُند تہِ چھُ عقیدت مند اوسمُت۔

خلیفہ خاص چھُس سید علی خان | یوٗتےٚ واتہم چھُس تل ہیٚڈٕ پراران

ژٕ وڈار چھُ پیر علی شاہ سُند آستان یینہٕ پرتھ ؤری یہ مالہٕ چھُ لگان۔ تمہِ چھُ چ تہٕ کورُمت۔

**ولی اللہ موتو** اوس بڈ گاُمی تحصیلہٕ کِس وُہن گامس منز روزان۔ تمہِندس زانُنس متعلق چھِنہٕ کینہہ تہِ پےٚ تہٕ وننہٕ چھُ یوان زِ ۱۸۵۸ ء گوو تمِس مرشد پیر علی شاہس ستی جُس مگر سُہ گوو مدینہ شریفس منزے رحمت حق تہٕ تتی آو دفن کرنہٕ، بیشہ کِنہٕ اوس اوخون تہٕ ژاہٕ ہسی منز اوس شرن پرناوان۔ تس اوس محمودگامیس نِش یُن گژھن یمیُک حوالہٕ تمہِ پننہٕ مثنویہ منز دِیمُت چھُ۔ ظریف شاہ تہٕ عزیزِ خان چھِ بیترہٕ شاعر یمن ستی تس یارانہٕ اوس۔ ولی اللہ سُس چھُ اکھ بوٚ جوانی منزے گُزریوُمت تہٕ اَکھ سانحس پیٹھ چھِنے محمودگامین اکھ وژن نمار تی وزدمژ، یوسہ ہمال ناگرٕ اے مثنوی منز شامل چھِنے۔

ولی اللہ مُتو چھُ ترین کتابن ہِند مصنف: ہیمال ناگرٕ اے، چہل اسرار، تہٕ ضروریات دین۔ ترنوے کتابہ چھِنے ترجمہ۔ ہیمال ناگرٕ اے (۱۸۲۱ء) چھِنے گوڈنیچ کاشُر مثنوی یتھ پیٹھ دلیل کشیرِ ہِند اسطیر منز ننہٕ چھِنے آمژ۔ دوٚن گوو یہ چھِنے تمہِ صدرالدین ناوکِس کاشرس فارسی شاعر

پسنز مثنوی نظرِ تل تھاوِتھ لیچھ۔

مثنوی چھنے تپہ اتاکِس سرچھ رازٕ ناگُراے پسنز تہٕ بلہٕ پورِکس رازبلدیو نہٕ کورِ ہیمالہٕ ہند لوہیچ، دھیلچ، فراقچ تہٕ سعی گرٕ ھنچ دِل مہوٕنٕ داستان۔ ولی اللہٕ ہن چھِ یہٕ داستان نظماوِنس منز کمال ہوٚوُمُت یِمہٕ کِنہٕ اعتراف تِمس پتہٕ سیف الدین بلی ین تہٕ چھُ کورمُت۔ یِلہٕ سُہ اکھ کِتھ پیٹھ پننہٕ مثنوی چھُ لیکھان:

| | |
|---|---|
| سُہ کانی طبقہ صافی نکتہ واتن | یہٕ وائی ایتلائی شعر خوانن |
| ییمِس رِس کاشریک عزِس چھُ زیچھر | یھنے لِس فارسی نظمس چھُ میچھر |

ولی اللہٕ ہن چھنے یہٕ پُر پیچ واقعن ہٕنز دلیل سیٹھاہ سادگی تہٕ روانی سان باوِمٕژ تہٕ غیر ضروری آرایشی النکارن ہٕنز نمائش کرنہٕ بدلہٕ چھِن دلیلہٕ ہندِس داخلی حُسنس تہٕ طلماتس کام ہیچنہ کوشش کرمٕژ۔ اَمِچ زبان چھنے شوُد تہٕ صاف کاشُر زبان تہٕ مکالمہٕ تہٕ جذبہٕ چھِ پورِ پاٹھی کرِ دارن ستی ہشر تھاوان۔ فضا شیرنس تہٕ جذبات نگاری منز تہٕ چھُ شاعرن کمالک فن ہوٚوُمُت۔

ولی اللہٕ ہن چھنے حضرت امیر کبیرؒ سٕنز تصنیف 'چہل اسرار' تہٕ کاشرِس منز پھرمٕژ۔ ترجمہ چھُ مثنوی منز مگر مختلف مقامن ہند خاطرٕ چھنے مختلف بحر ورتاونہٕ آمٕژ۔ ترجمہ ضروریات دین، مثنوی چھنہٕ (شاید) شایع پیسز مٕژ۔ آزادن چھُ اَمہٕ کِ بٕرٕ ہُندمسودٕ وُچھمُت تہٕ اتھ پیٹھ چھُن تبصرٕ نہٕ کورمُت۔ یِمو مثنوی یو علاوٕ چھِ ولی اللہٕ ہن کیہنہ صوفیانہ وژن تہٕ وٚنٕ مژ یِمن منز سریت، وجد چ کیفیت تہٕ عشق رسولؐ یکہٕ وٚنہٕ رلتھ اکھ سنٕدُون سوز چھُ بنان۔

عزیز خان تہٕ ظریف شاہ چھِ مثنوی ہیمال ناگراے، منز شامل باوتٕ کِنہٕ زانہٕ آمتہٕ۔

عزیز خانس متعلق چھُ ولی اللہ سیٹھاہ مایہ تہٕ احترامہٕ سان لیکھان:

| | |
|---|---|
| عزیز اللہ خانا مردِ دانا | چھُ یِیاکھا صاحبا شیرین کلاما |
| سُہ چھُم الحمدللہ بابہٕ نے یار | سے چھُم ہٕدی تہٕ تِم مُندچھِس طلبگار |

عزیزاللہ خان چھُے عشقہ کستور      عزیزن سوز بوزآنی گژھان سور

عزیز خان چھُ ولی اللہ ہس مرشد تہٕ اوسمت پہٕ ووستاد تہٕ۔ ہیمال ناگرائے منز چھُ تمُ ہندی نہ بے باتھ۔ یمُو وراے چھُنہٕ تمُ سُند کیہنہ تہٕ دستیاب۔

## ظریف شاہ

ظریف شاہ ہندی چھُ ہیمال ناگرائے منز کُنوہ باتھ تہٕ ز نعت۔ یمُو علاوٕ چھُ تمُ ہندی باتھ اور یور قلمی نسخن منز نظرِ گژھان۔ تمُ سُنز زبان چھُ سٹھے میٹھ تہٕ نعت چھُن ونونی طرزس میٹھ وٕنی تہٕ

حور درایہٕ دُہٕ دِہٕ لگھوس یارٔی      یارسولؐ امتس یارٔی کر

دوزخچ درواز بند کر کھ سارٔی      جنتس مزر کھ تارٔی دِیے

مسجد اقصیٰ انبیاءٔ سارٔی      یارسولؐ امتس یارٔی کر

روے چون گلاب خوے لوٗبہٕ دونُے      دُہٕ کر تمنا چونُے دراو

موے چون عنبر روے شوٗبہٕ دونُے      دہٕ کر تمنا چونُے دراو

تنظراہ کر ہے والضحیٰ رویس      والیل مویس وندہے جان

زوٗ تہٕ جان قربان دریا خویس      والیل مویس وندہے جان

ظریف شاہ چھُ صوٗفیانہٕ وژنس منز تہٕ باقی اہم صوفی شاعرن لر مقام نھاوان۔ ولی اللہ ہن تہٕ چھُ تمُ سُند فنک تہٕ بزرگی ہند احترام کوٚرمُت:

بجز اہلِ دِلاں نو کانہ موٗنُے      ونُن میونُے ظریفن وَنہٕ ودنُے

ونی تعریف رہبر، دِہٕ وانی      ظریف رہبرم گژھ کن دوانی

وہدا کھا یتھ شیے وُہنہ نے چھُم        ہِنَنہ شاہ ظریفن اَنہ نے چھُم

وَنانی دردل چھُس شاہ ظریفن        انانی آہ دل چھُس شاہ ظریفن

ظریف شہس متعلق چھِنے متضاد رایہ۔ اکھ رائے چھِنے زِ سہ اوس پرونشہ روزان تہٕ ولی اللہ متوس نِش بیلہ تہٕ ہیہ ہے، گوڈٕ پور اوس مسجدٕ منز قیام کران آسان[9] اکہ دوہہ گوو پرونشہ تران اکھروٹ بالس پیٹھ رحمت حق۔ بیاکھ رائے چھِنے ظریف اوس صفاپور یگ تہٕ ۱۸۵۶ء منز گوو رحمت حق[10]

**مقبول امرتسری** روُد اکھ اہم شاعر آسِتھ تہٕ گمنامی ہندِس عالمس منز۔ شاید اوکنی زِ کشیرِ ہندِ مرازِ علاقہ پیٹھ امرتسر گژھتھ روُد یہ تس کاشرِ بستی کانہہ خاص تعلق۔ تس اوس پانس تہٕ ایسکُ احساس۔

حالِ دل نِشہٕ عامن        مقبولہ مہ کر حالیے

چھُم سہ منز گمنامن

(دامن بہ رلِ کالیے)

اُمی سند زندگیہ متعلق چھُنہ کانہہ پیے پتاہ، دوں گوو مختلف قلمی نسخو تلہٕ چھُ نشان زِ سہ چھُ مقبول شاہ کرالہ وارس برونہہ او سُمت۔ اُمی سُند واریاہ کلام چھُ مختلف قلمی نسخن منز دستیاب سپدان تہٕ ۱۹۶۲ء منز سپُد یہ دریافت[11] امرتسرٕ سکونت رٹِتھ اوس سہ پننس ناوس ستّی امرتسری لیکھان۔ مگر کشیرِ ہنز یاد چھِنے تس ہیتھے روُزمژ:

مقبولہ پننے دیش کریاد

نیرو وونی یمہ پردیشہٕ لولو

اُمی چھِ کلاسیکی انداز زیٹھی غزل، نعت تہٕ منقبت وُنی منز۔ تمہ علاوہ چھِن ترے مثنوی یہ تہٕ وُنہ مژ: بہلی نامہ، منصور نامہ تہٕ یوسف زلیخا۔

بہلی نامہ مثنویہ سُند چھُ اکھ پرون نسخہ        یتھ اندس پیٹھ لیکھتھ چھُ:

"تمام شد قصہ چوپان بزبان کشمیری از کلام مقبول صاحب امرتسری ..... باشد دعاے سعادت پناہ حقیقت آگاہ میر مبارک شاہ ساکنہ موضع ہی واز پرگنہ مذکورہ ..... ربیع الثانی ۱۳۱۲ھ مرقوم شد۔" [۱۲]

ایمک موضوع چھُ سے یُس محمود نہ مثنوۍ ہند چھُ، پوز مقبولنہ زبان پٮ۪ چھےٚ زیادٕ صاف تہٕ شوٗد۔ منصورنامہ چھےٚ مقبول امرتسری ہنز تصنیف مگر شامل پٮ۪ چھےٚ مقبول کرالہ وارِکہ ہندِس کلامس منز کرنہٕ آمژ۔ یہ مثنوی اُس کمی تام حسن ہگرن تہٕ پٔننہٕ ناو چھاپمژ۔ 'یوسف زلیخا' تہٕ گرٛزھ امرتسری ہنزِ تصنیف آہستہ تکیاز مقبول کرالہ وارِکہ اوس یہ مثنوی خاطرٕ سہ موضوع تمان یُس بروٗنٹھُے کانسہٕ شاعرن ورتو وُمت آسہے۔

مقبول امرتسری سٕند دیت چھُ خاصکر تھ کاشرِس غزلس۔ مقبول کرالہ وارِکہ تہٕ چھُ غزلہ ہِیتھ منز اکھ نہ باتھ لیکھی متی، مگر غزلک مزاز چھُس نہ تو گمُت پادٕ کرُن۔ اُتھ برعکس چھُ امرتسری ہندٮ۪ن غزلن منز کلاسیکی لہجہٕ تہٕ ادٕ بہر گوہرہ۔ زبانی پیٹھ تہٕ چھس قدرت حاصل تہٕ شاعریہ ہنزن نزاکژن تہٕ چھُ واقف مختلف بحرن منز لیکھنہٕ آمتین کینژن غزلن ہندی کم شعر وُچھتو۔

منٕ چھُو لولہ مس دُتیتھم رسے پاٹھی سو ندرے بوٗنبرو
منٕ روش روشہٕ لیکھنا پوش لاگے گو ندرے بوٗنبرو (ہزج مثمن سالم)

شیر مر باغِ دلس منز تےٚ گرٛزھ جاے پسند
جو یہ اُچھ سینہٕ چمن سرو سرافرازٕ ووہ لو
چنگہ چھُم پان چو سیتارٕ رگن نوروزٕ صبا
راست آہنگ سیر انداز خوش آوازٕ ووہ لو (رمل مثمن مخبون محذوف)

دمہ دمہ پھیر تو دلہ کس کعبس
توجہ کرد آنجنابس گُن (متقارب مثمن اثرم، اثلم)

تھوٗدوٚدتھ نجدکرِ ریشہٕ لولو     مجلوٗن مَتہٕ درویشہٕ لولو
معشوق وُچھنکھ چھےٚ ناتمنا     لاَل چھےٚ حاضر نیشہٕ لولو

(متقارب مثمن اثلم، ابتر)

کرکوٗشِش جسمانی     پرذکرِ حق روٗحانی
رٹھ پان پانس رتشی     رٹھ منزل وجدانی

(ہزج مثمن اخرب)

بلبل ٹنبتھ منز گلشنس     یارس دتو وُنی درشنس
دردِ الاہی ہیتھ دِلس     ییتھ مانچھ آسان منز گنس     (کامل مثمن سالم)

خستہٕ جگر چھُم کس وَنہٕ گراوے     تس میون پاغام نکھناکاوے
ازسون پکھنا درشُن دِکھنا     فرشس خوشبوہ وُتھراوے

(متقارب مثمن اثلم)

یارہ سُندمےٚ لول آمومنز منس     کرسہٕ ڈیشن تھپھ بہٕ ژھنہس دامنس
دیرِ تمی سٕنز گرزنپر تھہ بردنٹھ آم     کوٚہ تھوٚدتےٚ دوہ مےٚ آمولوسنس

(رمل مسدس محذوف)

کن کمی ژےٚ برٕنے صاف وَن دُردانہٕ نگارو
افسانہٕ وُنی وُنی تھاوی تھُم افسانہٕ     نگارو

(ہزج مثمن اخرب مکفوف محذوف)

متقبول چھُ غزلیچ زبان دارہیس حدس تام وژنِچہٕ زبانی نِشہٕ الگ تھاوِتھ ہیوٚکمُت ۔ اَمہٕ ژنگ

تہٕ چھُ سُہ پننین ہمعصرن منز ممتاز۔ یاسان چھُ تمہٕ سُند اثر چھُ کینژو شاعرو رُوٹمُت خاصکر تھ غلام احمد مہجورن پیٚن نش تمہٕ سند کلامُک اکھ نسخہ زٕژھرتھ اوس۔

**عبدالاحد ناظم** اوس رسول میرنس زمانس منز ییٚجبیارہ روزان۔ تمہٕ سُند سالِ ولادت چھُ ۱۸۱۶ء تہٕ تمہٕ کرٕ مشہور فارسی شاعر عالم تہٕ مورخ محمد خضر مقبل ہندس درسگاہس منز تعلیم تہٕ تربیت حاصل۔ اَمہٕ برونہہ اُس تمہٕ پننس ... بابا نورالدینس نشی ابتدأیی تعلیم رٕٹمٕژ۔ ییٚجبیارس منز آسی اَمہٕ وقتہٕ بہلہٕ پایہٕ مبلغ، شاعر تہٕ عالم روزان یمہٕ مقبلنس اثرس تَل آسی۔ ناظمس رُودمُت سارنے ستی قریبی تعلق۔ ناظم گو صرف پانژتژہ وُری وٲنس پرٲوِتھ ۱۸۵۱ء منز رحمتِ حق۔ تمہٕ سُند مزار چھُ بابا نصیب الدین غازیؒ ہندس زیارتس نکھہ۔

ناظمن کرٕ تمہٕ ساعتہٕ شاعری شروع ییٚلہٕ شہر گامہٕ محمود گامی ینٛہٕ باتھ گرزان آسی۔ گوڈٕ گوڈٕ آسہے ناظم تہٕ تمہٕ سے تقلید لوگمُت کرنہٕ مگر فارسی شاعریہٕ ہُند وسیع مطالعہٕ رُودتس مختلف لے تہٕ لہجہٕ ژھارنس منز رہبری کران۔ تمہٕ لیکھی وژن، غزل، نعت، منقبت تہٕ مثنوی۔ وژنس منز چھُ تیٚلی سُہ کانہہ حسن پادٕ کران ییٚلہٕ سُہ مجازی عشقہٕ کس جذبس بنے پھریک باوتھ چھُ کران۔

| | |
|---|---|
| یارہ یکھنا چھمُ کرادِ پوشن | زانہہ تہٕ گوشن گوٚے نامیوٚنے |
| مٲرنس چانی مار بر دوشن | زانہہ تہٕ گوشن گوٚے نامیوٚنے |
| قولہٕ زٕستیو کر دولہٕ وُچھتم | مار زُلفو دِل لولہٕ بچھتم |
| مٲری مٕتہٕ اُمی چانی حسنہٕ بوشن | زانہہ تہٕ گوشن گوٚے نامیوٚنے |

مگر یٲژھ پاٹھی چھُ سُہ عامیانہ رمزن، کنایَن تہٕ تشبیہن ینٛزے گرفتار باسان۔ مگر تمہٕ ہٕندین غزلن ہُند کلاسکی لب ولہجہٕ چھُ کاشرس منز بلکل الگ یُس تَس اہم مرتبہ چھُ دِوان۔ تَس چھُ فارسی عروضس پیٹھ عبوٗر اوسمُت۔ تمہٕ ہنز اکھ مرثی یوسہٕ تمہٕ پننس لوکٹس باے سندس مرنس پیٹھ لیچھ، چھےٚ فنی پختگی کنہٕ کاشرِ زبٲنی ہنٛزن بہترین مرثین منز اکھ۔ اَمہٕ خیال بندی، لےٚ کاری، اثر آفرینی تہٕ ٹیکنیک چھےٚ کاشرس مرثیہ ادبس

منز بینظیر۔

اَمِہ بحر (رمل مثمن مخبون محذوف) چھنے ماتمی لیٚہ ستۍ مکمل پاٹھۍ ہم آہنگ۔

صُبحہٕ کے واو ژ ژُھکھ عمہ ہتھٕ شاد کران

گرِھتھ تس مارہٕ مٕتس وٕنتھ ژ فریاد کران

دادی لدتھ دِلاہ چاٲنۍ وُچھم یاد کران

آہ و فریاد و فغان نالہ زِ بیداد کران

ماہکو جامہٕ ڈلتھ اوس دوہس گو مُت شام

سوزِ دل اوس ژھٹاں سینہٕ ژٕتاں، دینہٕ سلام

صُبحکس واوس قاصد بناوِتھ چھُ شاعر بینٕس راوی مٕتس ٹاکھس گراوِ سوزان۔ ناظمن چھنے بیا کھ مرثی غزلچہ ہیٔتس منز وُڈمٕژ، یُس بحر ماتمی جذبچ شدت ظاہر کرنس منز مددگار چھنے۔ اَتھ مرثی چھ ستھ غزل نما حصہٕ تہٕ ساری چھہٕ 'مفعول فاعلات مفاعیل فاعلن' وزنس پیٹھ۔ تمی چھ شٕنے نعت تہٕ شٕنے منقبت تہٕ وُنی مٕتی یمن منز کلاسکی ہیٔژن پیٹھ ناظمُن دسترس ٹاکارہ چھُ۔ "اَسہٕ بوزٕ انگریز دریے آو" "قدچیچہٕ مبارک" تہٕ محمود گامیس پرٕ دمٕی چھنے ناظمنہٕ ترٕے مو خصر ہزلی نظمہ۔

ناظمنی مثنوی 'زین العرب' چھنے سیٹھاہ مقبول پیٚمٕژ۔ اَمِہ دلیل چھنے تمی شیخ فریدالدین عطار نہٕ 'الٰہی نامہٕ' منز ہیٚمٕژ۔ یہ چھنے زین العرب یا رابعہ تہٕ غلام یکتاش نہ مجیتچ داستان۔ یکتاش اوس اکہ دوہہ زین العرب نس بأرے ہندس دربارس منز گیوان تہٕ سو گیہٕ اُمس پیٹھ عاشق۔ عشق رُود گوڈٕ گوڈٕ پردس تلے، مگر اکہ دوہہ ییلہٕ تمی ہندی بأرے اَیگ بوزٕ، سہ گو وخشمناک تہٕ یکتاش آو کریس منز۔ نزاوٕنہٕ تہٕ زین العرب آیہٕ ژٕنتس حمامس منز قاد کرنہٕ یتہٕ تس تاوسِتۍ خون پھوٹ۔ اُمی خونہٕ ستۍ رُوز سو کٕنی ژٕ ژٕ یکتاش نہٕ ناو لولہٕ مٕتی باتھ لیکھان یوٚتام تس دم سور لو۔ عشقک یہ حال وُچھتھ کرٕ نو و تمی ہندی بأرے

یکتاش کر یہ منز نبر لگریکتاشن کورٕ انتقام ہیٚنہ موکھ قتل تہٕ اُتھی ستۍ چھُ یہ الناک لولہٕ پنیاے اندان۔ قصہ چھُ اُکِس بادشاہ سنٛزِ زِیٖوِیُٔس یہ سپنٛس نیچوٗس بوزناوان چھُ۔ ناظمنۍ داستان گوٗیی تہٕ فضا آفرینی چھےٚ نفیس تہٕ مثنوی چھےٚ خوبصورت وڑنوٚ ستۍ پارٚ آوِتھ۔

محموٗد گامیس اَندۍ کنۍ چھِ بیٚیہ تہٕ کیٛہہ شاعر روزان اَکھ متۍ یمن منز وصالی، وہاب لون، سلام کشمیری تہٕ شکر رٛیوش خاصکرِتھ قابلِ ذکر چھِ۔ شکر رٛیوش اوس بدرکوٹ (ٹنگمرگ) روزان۔ دپان ۱۸۷۰ءمنز سیٚد رحمت حق۔ ساکلاب نامہ، مظہر نامہ، جنگ نامہ چھِ تمۍ ہنٛدۍ کیٛہہ ظریفانہ وژنہِ یم تمۍ ہنٛدِس علاقس منز مقبوٗل چھِ۔ وہاب لون اوس اسلام آبادٕ علاقس منز سکھڈس سلر روزان۔ دپان سُہ اوس محموٗد گامیٚن خاص طالب۔ وصالی تہٕ سلام کشمیری ہنٛدۍ کیٛہہ باتھ چھِ قلمی نسخن منز درج۔

## سیف الدین تاربلی

زاو ۱۸۰۳ء منز تاربلہ (سرینگر)۔ اُمۍ ہنٛدِس خاندانس اَکھ منطقی ونان تہٕ سیف الدین سُند پوٗرناو چھُ میر محمد سیف الدین منطقی لیکھنہٕ یوان۔ ابتدأیی تعلیم ہیچھ پننِس ماکِس میر نصیر اللہ ہس نِش تہٕ پتہٕ بنیوو احمد صاب تاربلی سُند مرید۔ سُہ بنیوو عربی تہٕ فارسیک جان عالم تہٕ یمے زبانہ پرناونہ خاطرِ گو وُسُہ لدھیانہ بیٚیہ سُہ افغانستان کس سابقہ بادشاہ شجاع الملک ہنٛدۍ شُرۍ پرناوان اوس سُہ چھُ پانس متعلق لیکھان: فقیر آخوند شہزادگان میر سیف الدین عفا اللہ عنہٗ۔ سُہ روٗد پتہٕ مرنہ گرِ تام اُتھی شہرس منز تہٕ اتی چھُ آسود۔ محی الدین مسکین چھُ لیکھان: درسنہ ہزار دوصد ونود درشہر لدھیانہ رحلت نمود و در آنجاد آسودہ تہٕ زنِ گو و۔ ۱۲۹۰ھ = ۱۸۷۳ء

سیف الدین چھُ واریاہ لیوکھمُت تہٕ اکثر فارسی تہٕ عربی زبانن منز۔ تس چھُ یمن زبانن پیٹھ بے پناہ عبوٗر اوسمُت۔ تمۍ چھِ فارسی لفظن ہنٛزن آوازن پیٹھ عجیب تجربہ کٔرۍ متۍ تہٕ شعر ڈٔنی متۍ۔ کاشرِس منز چھےٚ اُمۍ سنٛزٕ صرف زٕ تصنیفہ تہٕ دٕونوے مثنویہ۔ وامق عذرا تہٕ قصہٕ ارزن وہی مال۔ 'وامق عذرا' چھےٚ دلچسپ عشقیہ دلیل یتھ منز عشق تہٕ جنگ وجدل رلاوِتھ چھِ۔

شاہ یَمن سُند نیچُو وامق تہٕ شاہ سہیلہٕ سنز کوٗر عذرا چھ اکھ اَکس پیٹھ دِل دِوان۔ دۄن مالین گۄو جنگ تہٕ وامق سُند مول گۄو قتل۔ تَنٛد بابہٕ پتھر بیوٚٹھ تختس تہٕ وامق گۄو شاہ سہیلہٕ نہٕ دٕسہ گرفتار۔ عذرا ئی اُکی سپاہن ژۄرِ تہٕ یِژھون تس ستہٕ خاندر کرُن۔ مگر وامقنٕ بابہٕ پتھر چھُ تس پانس نِش اناوان تہٕ پانہٕ چھُ تس ستہٕ خاندر یِژھان کرُن۔ آخر گۄو عاشقس تہٕ معشوقس میل تہٕ پُدٕکھ خاندر۔ وامق بنیوو بادشاہ مگر عذرا یہٕ پیٹھ گۄو رٕومُگ شہزادہٕ دیوانہٕ۔ وامق کوٚرُن قتل تہٕ یہٕ بوٗزِتھ کرُ عذرا یہٕ تہٕ خودکشی تہٕ دۄنوے آیہٕ اُکسے قبر منز دفن کرنہٕ۔

وامق عذرا چھےٚ سیف الدینن شیخ یعقوب صرفی نِنہٕ مثنوی یہٕ پیٹھ ترجمہ کرمِژ۔ وۄنی گۄو صرف دلیل پانہٕ ناد نہٕ کیٚنہہ حدس تامہٕ۔ مثنوی چھےٚ ۱۲۷۱ھ منز لیکھنہٕ آمِژ۔ اَمِچ زبان چھےٚ سہل تہٕ صاف۔ سراپا، منظر تہٕ جذبات ظاہر کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ نوٚو نوٚو تشبیہہ ورتاونچ کوشش آمِژ کرنہٕ۔

'ہسال' مثنوی یہٕ چھُ سحر حلال' تہٕ ناوٕ دنہٕ آمُت۔ یہٕ چھےٚ صدر الدین وفایی نہٕ فارسی مثنوی یہٕ پیٹھ کاشرِس منز پھیرنہٕ آمِژ۔ وۄن گۄو وَنُن آسہے ولی اللہ مُتو سنز مثنوی نہٕ بروٚنٹھ کنہٕ یتھ ذکر تمو کرُمُت چھےٚ۔ سیف الدینٕنز زبان چھےٚ زبانی ہنز۔ وۄنہٕ ستاد لہا ونہٕ کیٚنہہ بے اثر بنیمژ تہٕ یِرن وول چھُ شاعریہٕ ہند حظ تلنہٕ بجایہ دلیل ژھارنس کُنے لگان۔ تمو چھےٚ زانہٕتہٕ اَمہٕ قسمچ زبان ورتاومِژ تکیازِ سُہ اوس زانان زِ سُہ چھُ عالمن ہندِ خاطرٕ لیکھان نہٕ زِ عام پرن والین ہندِ خاطرٕ۔

فصیحن تال رغبت بر فصاحت
ملیحن ہال الفت در ملاحت

فصیحن بر سخن تولنہٕ بہ میزان
ملیحن صنع و فن بالغ تمیزن

**پرکاش بٹ** اوس کولگامی تحصیلہٕ کِس دیوسر علاقس منز کرُی گامہٕ روزان۔ مالِس اوس ناو میرزہٕ بٹ۔ پرکاش بٹنی تریہِم پیر چھےٚ وُنہٕ تہٕ اُتھ گامس منز زندے۔ آثارو کِنی چھُ نِنان زِ سُہ گۄو ۸۵-۱۸۷۵ء منز سورگواس۔ اُمی سنز زندگی یہٕ متعلق چھنہٕ بیٚیہ کیٚنہہ تہٕ نِنان۔ جارج گریرسن چھُ غلطی کِنی پرکاش بٹس گوجوارِ یُگ (سرینگر) زانان یُس سکھ جیونس دورس منز اوس۔ سکھ جیون بیوٚٹھ تختس ۱۷۸۶ء منز تام

پرکاش بٹ چھُ رامایَن لِکھنہٕ کِنۍ مشہوٗر۔ یہ مثنوی چھپیہٕ تمۍ ۱۹۰۴ بکرمی یعنی ۱۸۵۴ء منز اند واتناومژ۔ ۱۹۱۰ء منز سپز یہ مثنوی گوڈنِکہ پھِرِ فارسی خطس منز شایع۔ مگر یہ آس بلکل مسخ حالتس منز۔ گریرسن اوس برونٹھے اَکھ اصل متن وارِہو نسخو پیٹھ تیار کوٗرمُت تہٕ اتھ کامہِ منز اوس تس مکند رام شاستری اَتھ رٔٹ کوٗرمُت۔

پرکاش بٹن رامایَن چھُ ستن حصن یا کانڈن منز باگرِتھ: بالہٕ کانڈ، ایودھیا کانڈ، ارنیا کانڈ، کشکندھیا کانڈ، سوندر کانڈ، یدھ کانڈ، تہٕ اُتر کانڈ۔ اندس پیٹھ چھُ لَوَ تہٕ کُش زٔریتھ دِتھ لیُس رامٔنِکے مُعجزہ مٲنِتھ ہیکون۔ پرکاش بٹ چھ بیشتر پاٹھۍ والمیکی ہِندِس رامائنس تابع روٗدمُت وٕ ہ گو وکینژن جاین چھن نۆو تفصیل دِتی متہٕ مثلن سیتایہ ہِندِس مالِنس متعلق۔ پرکاش بٹ لِس آر یتھس منز چھے سیتا مندودری ناوچ اپسرا یہ ہنز کوٗر ہاوتہٕ آمژ یتیمہِ راونس ناش کرنہٕ موکھہٕ زنانہٕ ہُند آکار روٗٹ تہٕ تس ستۍ کوٗرن خاندر۔ باقی دلیل چھے کُنی۔ ایودھیا یہ ہِندِس راجہٕ دشرتھس چھے ترے رانہٕ کوشلیا، کاکیئی، سمترا، رام چھُ زلوان گوڈنِچہِ، بھرت دوٚیمہِ تہٕ لکشمن تہٕ شترگھن ترٚیمہِ۔ شرٚی چھِ بڈٕ ی گژھان تہٕ یمن چھ خاندرک وق واتان۔ رام چھُ سوئمبرس منز راجہٕ جنک سندِ کوٗرِ سیتایہ آشینتی بناوان۔ جنک چھُ پننِ بیا کھ کوٗر اُرمیلا لکشمنس دِوان تہٕ پننہٕ زٕ باوزٕ شترگھنس تہٕ بھرتس۔ کاکیئی چھے دشرتھس دعدٕ دِنہٕ مجبوٗر کران زِ سۆ زِن رامس ونواس تہٕ تمۍ ہندِس پوترس یعنی بھرتس بخشن راج تاج۔ راجہٕ چھُ یہ کرنس پیٹھ مجبوٗر گژھان تہٕ رام چھُ سیتا تہٕ لکشمن ہتھ ژودہن وٕ ریین ہندِس ونواسس پیٹھ نیران۔ بھرت تہٕ شترگھن چھنہٕ اَمہِ ساعتہٕ گرٕ آسان تہٕ دشرتھ چھُ رام نہٕ جُدٲیی منز مران۔ بھرت چھُ مانان راج رٹُن تہٕ رامس واپس ینہٕ باپتھ زارٕ پارٕ کران۔ مگر ناکام گژھِتھ چھُ راج امانت زٲنِتھ رٹان تہٕ کاکیئی چھے پچھتاوان روزان۔ ونواسس منز چھِ رام لکشمن تہٕ سیتا زنگہٕ رنگہٕ بلاین تن دِوان تہٕ تپ کران۔ اُتھ منز چھُ لنکا یہ ہُند راجہٕ راون سیتایہ اغوا کران۔ رام تہٕ لکشمن چھِ وارِہس کالس سیتایہ ہندِ پتاہ ژھانڈان تہٕ تُہند نیب لبان تہٕ واندر راژن ہندِ اَتھ واہ لنکا یہ پیٹھ حملہٕ کران تہٕ سیتایہ واپس اَنان۔ ونواس چھُ اند واتان تہٕ یِم چھِ فتحیاب سپدِتھ ایودھیا واپس یِوان تہٕ پننُ راج رٹان۔ مگر لکن منز چھے افواہ پدان

زِ سیتا چھے راوݨس نش رٕوزِتھ واپاک پٲنٛسٕ مِنٛز۔ سیتا چھے دیوتاہن ناد دِوان زِ تِمن منٛز تمہ ہنٛز پاکدامنی ہِندۍ گواہ۔ سۄ چھے اَگہٕ باپتھ نار مَنٛزی تہٕ پکان تہٕ اَمہ امتحانہٕ پتہٕ زیاد سۄندر بنتھ نیران۔ مگر سیتا یہٕ ہنٛز زام چھے ژھل کرتھ تس اتھہٕ لداونہٕ ہنٛز تصویر بناوناوان تہٕ پتہٕ راوݨس نش گژھتھ تس اُپرٕ وَنان زِ سیتا آس اتھ کُن مدے گنٛڈِتھ پریشان۔ رام چھُ یہٕ بوزِتھ حد کنِ خشناک سپدان تہٕ سیتایہٕ وَنس منٛز نٕراوناوان۔ سۄ چھے بیٛنہٕ زٕو آسان تہٕ وُدان رِوان وَنس منٛز پھیران۔ والمیکی ریٛوش چھُ تس پننہٕ کٹیایہٕ منٛز نوان یتہٕ تس لوٚ تہٕ کش ہٕ نیٚچوِ زٕلوان چھ۔ یمے چھ بڈِ گژھتھ رامس انتقام ہیوان۔ رام چھُ آخر زانان زِ یم چھ تمہٕ ہنٛدی زِ گبر۔ سہٕ چھُ پچھتاوان تہٕ سیتایہٕ واپس یِنہٕ باپتھ زار پار کران۔ والمیکی ہٕ وَنہٕ چھے سۄ آماد گژھان مگر رام چھس تو تہٕ منٛز دربارس قسم کھیوٚن وَنان زِ تٕمنٛد عصمت چھُ پاک۔ اَتھ پیٛٹھ چھے سۄ زندگیہ نِشہٕ بیزار گژھان تہٕ نارائنس نادلایان۔ زمین چھے پھٹان تہٕ سۄ چھے اتھ منٛز شٕرپان۔ رامہٕ زٕ رِتھ چھُ رام بنس پرٕلوک گژھتس ستہٕ اندواتان۔

بحر ہزج منٛز وَنہٕ آمٕژ سری رام اوتار زٕرِتھ چھُ کاشُر زبٲنی ہنٛزٕ تھکنِ لایق مثنوی۔ اَمِچ ساد زبان، جذبن ہند شوٗر، کردارن ہنٛز عکاسی تہٕ منظر نگاری چھے لاجواب۔ شاعرن یہٕ ہنٛزن ندا گرُن ہُند پلۄ پلۄ خیال تھاوِتھ تہٕ چھے مثنوی ہنٛز دلیل روانی سان برونٛہہ پکان۔ نمونہٕ:

مقرری پِیٛد گژھ رام وَنوٲسس — وُدٕلُن تِمہ پرٕزٕ ترووُن خاصہٕ اطلاس
اَنکھ کا یکییہٕ پیرِ نکھ بُرزٕ جاے — پرہٕ لوٚگ شہر سوٗرے رام راے
ستی سیتا پکن گے پان مارن — وَدن آس خوٗن نیترو آس ہاران

کاشرِ، فارسی تہٕ سنسکرت لفظن ہُندیٚ میل تہٕ چھُ داد منگان۔ ساری سے مثنوی منٛز چھُ مرازی لہجہ نوٗن یِنہٕچ دِیشھنے گریرسن کرٕ مِژ چھے۔ پرکاش بٹ چھے پننس علاقس پٕنٛزٕ سیٛٹھاہ مانے آسٕمژ: توے گٕنِ چھِن کرٕ گامس نزدیک شینکر پوٚر موٚنمت سۄ جاے یتِتھ سیتا زمینس شرٕ پیٚمٕژ چھے۔

دۆکھ تمۍ ڈٗور شینکر پورٕ منز باگ    ۆستھ گیہٕ رام ژٕندن ہتھ دِلس داغ

کرٕہا اکھ منز توٚت تام ازکُری گام    ۆستھ پیٚلہٕ گیہٕ تیلہٕ بوز نہٕ تُتھی    آم

پرٛکاش بٹنہٕ لیلایہٕ نہٕ وزن تہٕ چھہِ مارٕ مُندی۔ مثلن رام ژٕریتہٕ منز یہٕ وژن:

آو بہار بول بلبلو    سون وولو بریوشادی

کاوقیرٕ ؤچھ پوشہٕ نولو    آو نالن زن فریادی

باد دوندکی غم غوصہٕ گلو    سون وولو بریوشادی

رام ژٕریتھ نہٕ لوکُش ژٕریتھ علاوٕ چھےٚ پرکاش بٹنہٕ بیٚیہ کینہہ تخلیقہٕ کرشنہٕ اوتار، اکہ نندن تہٕ شوگن

گرٕ پتیٚمہٕ ژٕ تخلیقہٕ چھنہٕ اتھ آمژٕ۔

پرٛکاش بٹ چھُ شکہٕ روٗس سانیو اہم شاعرو منز اکھ۔ بلجی ناتھ پنڈتہٕ وَنُن چھنہٕ صحیح زِ "پرکاش رامن

چھنہٕ تھدٕ پایچ شاعری کرمژٕ تہٕ تمِس چھُ کُنہٕ شعرن ہند وزن تہٕ پھٹان"۔[18]

**رسول میر** چھُ کُنو ہمہٕ صدیہٕ ہند یا کھ عہد ساز شاعر یمہٕ نہٕ پننس کانہہ تہٕ پیشروس تقلید کوٚر بلکہ شیرن

پننہٕ بانچھ پلنٕ اکھ وَتھ یتھ وَتہٕ تمِس پتہٕ وارِہیو پکنچ کوشش کٔر۔ سُہ اوس پرٛزِ پاٹھی اکھ سماجی تہٕ ادبی باغی۔[19] تمۍ

وۄن پانے پننہٕ شاعریہٕ نارٕکتاب:

روٗسلن نارٕ کتاب    وٗنی چانہٕ غمے

آسہٕ کس تابہٕ جواب    چاومے جامہٕ جمے

'نارٕکتاب' ونن وول یہٕ شاعر زاو میر ماداں ڈورٕ (شاہ آباد)۔ تمِس زٕ آس اتہٕ کس خانقاہس لرٕ۔ سُہ زاو تیلہٕ

ییلہٕ محمود گامی بزرگ شاعرن منز شمار اوس سپدان۔ اکہ روایژٕ مطابق چھُ تمۍ پننُ لوکچار محمودنین نظرن تلے گذورمُت

تمۍ منز زندگیہٕ ہندی حالات نہٕ چھنہٕ ویدی۔ ووں گوو روایت چھےٚ زِ سُہ اوس رِندہ قسمُک انسان۔ لوکچارے

اوسن پننہٕ اکس ژاڑہٕ باجہٕ دل دیتمت یُس کونگ ناو اوس۔ تمۍ ہندی موکھ چھِ تمۍ کرِتۍ لولہٕ ہتۍ نغمہ گیوی متۍ تہٕ

راز ہیٚنزِ یاکٲنی، پوشہٕ مال، بدماگز ہوی مارٕ مُنٛدی ناوچھنس دِژمتۍ۔ مگر حاصل آس فقط دردِ محبت تہٕ یوٚہے بنیوو تمۍ سٕندِ شاعری ہُند ناگہٕ راد۔ سُہ چھُ یِنٛتس مارُس پتہٕ ڈوریگ مُقدم تہٕ رُودمُت۔ سُہ اوس شیخ احمد تارِبلی (۱۸۴۴-۱۹۰۵) سُند مرید۔ دیوان رسول میر چھُ صرف ترٛہ وَری وٲنس پرٲوتھ گُذریوٚمُت۔ محی الدین مسکین چھُ زیانگار (۱۸۷۶ء) مثنوی منز رسول میرن تذکرہ تتھ پاٹھۍ کران زِ تہٕ سُہ آس برونٛہہ کرتام گُذریوٚمُت اوس۔

خصوصاً اوس استادِ یگانہ        سُہ میر شاہ آبادی در زمانہ

دوٚن گوو اکھ رلے پتھے زِ رسول میر اوس ۱۸۸۹ء تام حال حیات۔[۵]

میر چھُ پننہٕ مزاجہٕ کنۍ شہر گامہ بدنام اوسمُت تہٕ شاعری منز تہٕ چھُن تہٕ کانٛہہ نقابہ ہیوٚتمُت۔ سُہ اوس مارٕ مُنٛدین پتھ موت تہٕ اکھ کٲنتس اوسہٕ کھوژان۔ لغمات شاعر آسنہٕ کنۍ چھُن پننہٕ ہاوسا کیہ ہُند اظہار بیباکیہ سان کوٚرمُت۔ سُہ اوس پانہٕ زنانن ستۍ رٕدو کرنہٕ تیران۔ سرینگر وسہ ہے تہٕ 'تاشہ وان' اوس ضرور گرٛزھان یِیتہٕ تس کوتام مُوضہٕ مال، ٹوکھیم آس۔

مطالعچ وسعت، مشاہدچ شدت تہٕ زبانۍ پیٹھ قدرت چھےٚ میرس کلامس منز اکھ مارٕ موٚند اسلوٗب پاد کران یتھ تہٕ کاشرس منز جواب کانٛہہ چھُ۔ پننین کلیشتھن وژن تہٕ غزلن منز چھُ میر پننہٕ فنکارہ ہندۍ تتھۍ طلسم ہاوان یم تس کاشرین اہم ترین شاعرن منز شامل چھ کران۔ آزاد چھُ لیکھان "انتام پُد تہٕ غزل لیکھنس منز رسول میرن ہیوٚ مرتبہٕ کاشر زبانۍ ہندس کانٛہہ تہٕ شاعرس نصیب[۶]"۔ غزل لفظ تلہٕ چھُ وژن کیو غزل دوٚنوے معنی۔ میر ہن چھُ پننیٚ زِ رسول میرٕ ہش مقبولیت ہیوٚکنہٕ کانٛہہ تہٕ کاشر شاعر پرٲوتھ۔ تس اوس پننہٕ بجرگ پوٚر احساس توے چھُن پانس "نادرِ سخن گو۔ سبحان اللہ" وونمُت۔

رسول میرٕ نۍ عظمت پتھے یتھ کتھو منز زِ تمۍ کوٚڈ کاشر شاعری تصوف کہ روایتی اظہار کہ شتھنیار منز تہٕ لاجن روماہ کین رنگین تہٕ شاداب مرگن کُن۔ سُہ چھُ خالص عشق شاعر، وارہہن شعرن منز چھُ یہ حُسن تحیر تہٕ پاد کران یہ زن حسن پرس شاعریہ کیتھ ضروری چھُ۔ شعر روایژن ہُند پاس کرتھ چھُ سُہ بعضے

زنانہٕ ہُند کردار اختیار کران تہٕ بعضے روایتھ ونِتھ ڈٲلتھ مردن ہُند کردار ۔ زنہٕ ہُند حال آسہٕ تہٕ وَنہٕ:

کھٔس گوم ہانکلِہ درزہٕ گوم بُریے ژٕس گوم دانجہِ یار ما آو

تمہٕ دور سینہٕ تہٕ میتہٕ دار زٕ ووہلہٕ دِلسی وتنے یار گوپہٕ آو

مردن ہُند یکھہ یِیہ تہٕ دپنہٕ:

مُتھہٕ پیٹھہ تھوٚد تُل نقاب، تلکھ نے ویٔہہ بہٕ کھیٚے

یہٕ گُناہ یا چھُ ثواب، چاوٕنے جام جیٚے

کُنہٕ کُنہٕ چھہ رسول میرُن قلم مصور ہند برشہِ کھوتہٕ زیادٕ پرٛتی تصویر جران:

گمہٕ شبنم گل رخس زن چھہ عرق دانہٕ تٔس

زوٚنہٕ پیٹھٕ تارکھ پکان، کارہِ دوگُن دٔرہٕ دان

مردانہٕ عاشقہٕ سُند لہجہ رٹِتھ، روایتی لولہٕ ونہٕ آہنگ ترٲوِتھ تہٕ عجمی شبیہن کٲم ہیتھ کوٚر تمی کاشرِس غزلس منز دارہیس حدس تام کلاسیکی غزلک جلال پیدٕ ۔ مگر اتھ منز چھنے اکھ کمی ضرور، سُہ گو وَلولہٕ کہٕ جذبک محدوٗد جنسی اظہار۔

دیوان رسول میرن چھنے اکھ مثنوی تہٕ لیچھمہٕ 'زیبا نگار، مگر ایمیک کانہہ نسخہٕ چھنہٕ بدس پیدان۔ محی الدین مسکین چھُ اَتھ متعلق لیکھان:

سپُن اول بہر سو اشتہارا جاب عشق او زیبا نگارا

تسُند تصنیف کینہہ نون گو ونہٕ در مام ژھوٗرے شہر اسپُن درخلق ناکام ٢٢

## مثنوی : دوٚیُم دور

۱۷، مارچ ۱۸۴۶ء پتہٕ گٲژ کشیٖرُک ہُند سودا۔ برطانوی حاکمو دِژ سانہِ کٔشیٖر پانژٕ ستتھ لچھ روپیہٕ بدلہٕ ڈوگر راجہٕ گلاب سنگھس ییٚمہِ سکھن ماتحت روٗزِتھ کافی اثر و رسوخ اوس بڑٕرووُمت تہٕ آخر سنبولُن ییتھ تیتھ پانہٕ اقتدار۔ یہِ معاہدہ پتہٕ امرتسر منٛز تہٕ امی ناوٕ چھُ زانہٕ یوان۔ گلاب سنگھ بنیوو مہاراجہ تہٕ کٔشیٖر ہیچھ گوو ڈوگرہ راج شروٗع۔ ڈوگر راجس منٛز روٗدی کاشرۍ پٔتۍ مہکوٗ تہٕ زیادٕے مالیہ بران تہٕ اَمہِ کہ لاریٚ پتھرس تہٕ بیپارس روزگار ہٕتی تہٕ زمینی بلایہ تہٕ پتےٚ۔ ساری ڈوگر راجہٕ گلاب سنگھ (۱۸۴۶ء – ۱۸۵۷ء) رنبیر سنگھ (۱۸۵۷ء – ۱۸۸۵ء) پرتاپ سنگھ (۱۸۸۵ء – ۱۹۲۵ء) تہٕ ہری سنگھ (۱۹۲۵ء – ۱۹۴۷ء) روٗدی اکہٕ پاسہٕ برطانوی حاکمن ہند مشورٕ کٲم کران تہٕ بییہِ پاسہٕ پننُے اقتدار درہاوان۔ چنانچہِ مہاراجہ پرتاپ سنگھ نِس دورس منٛز آو اقتدار دۄیےٚ ترٛہن ورین باضابطہٕ ڈوگرن ہندٕ ہتھو منٛز بنہٕ تہٕ کونسل آف ریجنسی حوالہٕ کرنہٕ۔ لیکن ہنٛز یا پرچٲیی باپتھ آیہٕ واریاہ قدم تُلنہٕ یمو ستۍ لُکن منٛز پڑھ ہش ہیٚژن پاد سپدٕنۍ۔ راولپنڈی سڑک آیہٕ بناونہٕ، والٹر لارنس نہٕ سربراہی منٛز سپد زمینک بندوبست، مشن سکول، مشن ہسپتال تہٕ ایس پی کالج آیہٕ قایم کرنہٕ، سرکٲری ملازمتہٕ باپتھ آودٕ سٹیٹ سبجیکٹ آسُن لازمی قرار دِنہٕ تہٕ سارگاہ آیہٕ شیرنہٕ تہٕ پارٲونہٕ۔

یوٗدوےٚ خوشحالی ہنٛز تہٕ پاٹھی توتہٕ آیہٕ نہٕ، مگر لکن منٛز اعتماد پاد سپدنہٕ ستۍ ہیوٚتُن کاشرِین مسلمانن قومی شعوٗر ووتلُن تہٕ تِم لگو عربی تہٕ عجمی تہذیبہِ کِس پتہٕ کالس ووٚن دِنہٕ یتھ اسلامی تہذیبہٕ کِہن روشن دورن ہند حال زانتھ تِم احساس شکست ترٛاوِن تہٕ پننہِ قومی انفرادیت ژھارن۔ اَمہِ نوٚ شعوٗرک اظہار سپد گوڈنیتھے مثنوی منٛز۔

مثنوی ہُند اکھ نوٚو دور گوو شروٗع یُتھ سُنز راز دربارُک جاہ وجلال آو ہاونہٕ تہٕ بڑٕمن بڑٕمن شہزادن
ہنزن میہمن تہٕ فتوحاتن ہُنٛد حال آو باونہٕ۔ اَتھ ستی رٕٹ آیہ کیہنہٕ حقیقت پسند مثنوی یہِ تہٕ لیکھنہٕ۔ مقبول شاہ کرالہ وارِی
لکھمن جو بلبل، امیر شاہ کریری، عبدالوہاب حاجنی، ملی شاہ، غلام محمد حنفی بیتر شاعرن ہنز مثنوی یہ چھےٚ کاشُر
شاعری ہِند اکھ بوڈ دفتر۔

کاشُرس مثنوی ادبس منز چھُ محمودس پتہٕ سارِوے کھوتہٕ اہم دُیت مقبول شاہ کرالہ وارِی سُند۔ تمی سنز
مثنوی گلریز چھےٚ یوسف زلیخا پتہٕ سارِوے کھوتہٕ مقبول مثنوی۔ مقبول شاہ زاو لُوہے ۱۸۰۲ء تہٕ ۲۷ فروری
۱۸۷۷ اگر زِ لوو ییمہ عالمہٕ۔ ماٛلِس اوسُس ناو عبدالقدوس شاہ یمِس پیشہ پیر مریدی اوس۔ مقبولن تہٕ
رٕٹ لوٚہے پیشہ تہٕ ساٛرِے ووٚنس گژھ آین تنگدستیہ منز۔ صحت تہٕ اوسُس عموماً ناساز روزان تہٕ
پتھ اوسُس تیوٚتہٕ آنگ سخ ہموسپہ۔ اکھ منگیتہٕ ادن اڈنمت مصطفےٰ شاہ مخزون یُس لوکچار پے منز جان شعر
ادس ونان، مگر سُہ گوس اڈ ژوٚٹے۔ پتہٕ من دوہن زاوس اکھ تیوٚ، علی شاہ، مگر سُہ اوسُس دُ نہٕ سُہ موٚمے یِیلہِ
پانہٕ یہ دُنیا ترٛاوِتھ ژوٚل۔

مقبول شاہ نہٕ تصنیف پہ چھےٚ: گلریز، گریسی نامہ، پیر نامہ، بہار نامہ، یوسف زلیخا تہٕ منصور نامہ۔
اَمہ علاوٕ چھن واریاہ وژن تہٕ نعت تہٕ وُنی متی۔

گلریز چھےٚ ضیا بخشی نہٕ مثنوی ہُند ترجمہ۔ فارسی زبانی منز چھنہٕ یہ کانہہ اہم مثنوی مانہٕ یوان، مگر
کاشرس منز چھےٚ یہ مقبولنہٕ تخلیقی صلاحیتہٕ ستی اکھ لاثانی شاہکار۔ ایک ماری منز چھُ نہٕ صرف اَمہ کس طرزِ بیانس
منز بلکہ اَمچہ ڈیلہ منز تہٕ:

اکھ لولہٕ موت شہزادہ معصوم شاہ چھُ اَکس خوبصورت جاناورس پیٹھ فلوا گژھان تہٕ اَمس چھُ تھوان
پنجرس منز بند کرِتھ۔ یہ جاناور چھُ زِ کہِ اکہ دوٚر ملکہٕ راز کوٚر نوش لب یہ جاناور چھُ اکہ دٕہ تس پنن سوٚمے
گُذرن باوان زِ کِتھ پاٹھی گوو ترکستانک شہزادہ عجب ملک تمی ہِندی تعریف بوزِتھ تس پیٹھ عاشق۔ سُہ

کیتھ پاٹھی دراے سوٗرے دین دنیا تراوتھ تس ژھارنہٕ ، کیتھ پاٹھی پھیٛٹس سوٚدرس منز۔ ناو تہٕ آخر ووت اُکس پچھ کھنجہ پیٹھ پیران پیران اُکس زٕوس منز۔ یتہِ تمۍ نوش لبہٕ ہنز۔ ولس نازمست عفریتہٕ نہٕ زالہٕ منز۔ موکلاو۔ عجب ملکن واتناوسو ییٚنس ماٚلس نش تہٕ تمہٕ کرِ نو دۍ پننہٕ لولرِ ستۍ ملاقات۔ جاناور لاگتھ نوش لب گییہٕ وننان زِ ملاقاتہٕ کہٕ دوہ ہیٚیہٕ تس عجب ملکس لرِ پان ساوتھ نیٚندر۔ ماجہ وُچھ تہٕ ژکھہ یتھ نیوٗن عجب ملک ترکستان تہٕ نوش لبہٕ دِتن شاہس تہٕ تس بنیو وجاناور۔ تتہٕ ووت تس عجب ملک ژھاران ژھاران کوہ تہٕ بیابان ژھنڈان تہٕ کُنہٕ تہٕ میوٚلس نہٕ پے۔ یہ ذٔلیل بوزِتھ چھ معصوم شاہ تس مدد کران۔ تمۍ ہٕدِس ماٚلس ماجہ آباد کرِتھ تس عجب ملکس ستۍ یتھر کرناوان تہٕ پانہٕ چھ کران نازمستہٕ ستۍ۔

مثنوی ہند یہ پرۍ کتھ چھے سیٚٹھاہ فنکارٕ یہ سان موزوٗن طلسماتی فضہس منز پیش کرنہٕ آمٕژ تہٕ پرن وول چھ پنن دنیا مشرِ تھ اُمہٕ کس دنیاہس سٲر کران۔ مثنوی چھے رنگا رنگی منظرن ہند ہٕکل اُتی راز دربار اُتی بیابان، اُتی وولہٕ وٗن سمندر تہٕ اُتی ژھوپ دِپ پراسرار زٕو۔ یوٚدوے مثنوی ہنز ہیت مکالمن ہنز فطری تُلہٕ تراو رواچھ ہٕتھوان مگر شاعر چھ تو تہٕ کردارن ہنزن جذباتی تراین گراین ستۍ لفظن ہنز ژٲرِ ہم آہنگ کرِتھ ہیوکمُت۔ زبانی ہند تکلف تہٕ بے پھرکہ ر چھ نفیس پاٹھی ہلو تہٕ آمُت۔

| | |
|---|---|
| ژکھہ ہٕژ لولہٕ دوٚہس چھا یہ شایان | ژرے تتے مئے دوستی ودنی واژ پایان |
| نہٕ زانن کانہہ نہٕ زونم کانہہ مئے از نام | ژکوٚ یٕژ چھکھ کران ناحق مئے بدنام |
| یہ پرد یتھ دوہس تامتھ مئے چھم ناو | چھنہٕ لوٚگمُت مئے یاون لنج زانہہ واو |

مقبولنی دوٚیم اہم مثنوی چھے 'گریس نامہ' یوسہ تمۍ ۱۸۵۲ء منز لیچھ۔ یہ چھ مقبولن طرحدار تخلیقی ذہن ژگلریز ہٕش۔ یتھ لولہ مثنویہ پتہٕ ہیوک سُہ گریس نامہ ہش تلخ مثنوی لیکھتھ۔ یہ اوس تس پننہٕ زمانچہ سماجی حقیقژ ہند ذاتی تجربہ یمہٕ تس گریس نامہ لیکھنچ تحریک دِژ۔ شیخ العالمؒ ہنو شرکو پتہٕ چھے یہ گوڈنچ شہر آشوب نظم یتھ منز زمانکہ کلہم شعری فضہٕ ہٕنز ڈٕلیتھ ناخوشگوار تجربہ منز خوبصورت تخلیق پرِ یتھمژ۔

چھِنے ۔ یوٚدوٚے اُمہِ مثنوی ہُند مدعا گریسی طبقک کِس اخلاقس، وطیرس تہٕ حالس پیٹھ ہزل کرُن چھُ مگر ورگہٕ پاٹھۍ
چھِنے یہِ مہاراجہ گلاب سِنگھ نہٕ دورُک احوال نامہ بنیمتۍ ۔ گریسی طبقہ اوس جاگیردارن تہٕ تِہندین کارندن،
نمبردارن، سزوولن، پٹواریٚن، تھانہٕ دارن تہٕ ملن تہٕ پیرن ہِنزِ ظلمہٕ جبرٕ تہٕ استحصالہٕ سۭتۍ پتھرس لاریومُت
تہٕ مقبولس ہیوٚ پیر صاب کیاہ ہیکہِ ہے تِمن دُہوٚتھ تہٕ لکہٕ ژٕ زارتھ تھوٚد تُلِتھ ۔

یوٚدوٚے گریسی نامس منز اخلاقی طور مقبول شاہ نامعقول تہٕ ناشائستہٕ چھُ باسان، مگر فنی سطحس
پیٹھ چھُس اکھ پوٚز شاعر بِنتھ دوتلان ییمہِ بالا فطرتی تہٕ داستانوی کردارو بدلہٕ پانس اندۍ پکھۍ زندہٕ انسانن ہُند حال بُکھُن
پننۍ فرض زونۍ ۔ حقیقت پسند شاعری ہُند آغاز چھُ امی نظمہِ سۭتۍ پدان۔ کاشُر شاعری اُمس پیٹھ زندگیہِ
نِشہِ دورِ یمتۍ، مقبولن اُتی یہِ بنیہِ اُتھ نکھ تہٕ زندہ زبانۍ ہُند پھیری پھہ بخشنس ۔

گریسی نامہ چھِنے وارِہِن لوکٕٹین دلچسپ واقعن ہنز اکھ ہانکل۔ یِم واقعہ چھِ شاعرن ہُندین
مفروضن ڈکھ دِنہٕ موکھہٕ ورتاونہٕ آمتۍ۔ طنزُک تہٕ ظرافتُک ہُند فنکارانہٕ ورتاو چھُ تِیُتھ زیرن وول چھُ پننۍ
ردِعمل یتھ تھاوِتھ اکھ ایکہٕ لطف تُلان تہٕ تمہٕ زمانُک پرزٕ ژانتھ ہیکان ۔ مگر باسان چھُ گریسی نامس پیٹھ
چھِ مقبولس ژوٚداپارِ بننۍ مرید ناراض گمتۍ ییمہِ کِنۍ تس معافی چھِنے منگنۍ پییمتۍ:

بِنتھ گوو واہیا تھا، بو ڈُنہہ گوس | تو گمہٕ بوزنےٚ پانس پوٚتُس پیوس

پننۍ اوقات ضایع کورمتے ہیہات | لجم بازیاہ تہٕ شیطان پھورمتے ہیہات

خُداوندا عفو کر تمہٕ خطا ژِ رے | دِتھا ہاوِم خدایا با عطا ژِ رے

مریدن ہنز ناراضگی دور کرنہٕ بلہِ پتھے چھِنے شاید تمۍ بیاکھ طنزی مثنوی لیچھمتۍ "پیر نامہ"۔ یہِ
چھِنے اکھ ژھوٚٹ مثنوی یتھ منز تمۍ پیرن ہِندِس تکبرس تہٕ تِہنزِ جہالتٕ ورُن چھُ تھوٚد تُلمت ۔ یہِ پرِتھ
چھِ شیخہٕ شرکی یاد پیوان۔ کینہہ شعر:

چرس تے بنگ چیتھ پِیش نگہ پھیری | کرن تس پرتھ دِپن پی گیہ فقیری

خصوٗصن یوٚدوٕ تمِس مارِنی تگی تال | دِپن پٔزِ کِنٛژ یوٗہے گوٚو صاحبِ حال
رتھی اعلیٰ تہٕ ہم ادنےٰ بنیمتی | چھہ رہزن رہنما لوکن بنیمتی

'قصہ حضرت ایوب صابر' چھےٚ شاید مقبوٗلی گوڈنیچ تصنیف یتھ منٛز حضرت ایوبؑ نہٕ آزمایشہٕ
تہٕ صبرچ کتھ اصلاحی مقصد کِنٛژ باوٕنہٕ چھےٚ آمژ۔ 'بہارنامہ' چھےٚ سیٹھاہ نوٚو بصورت نظم۔ امیک فعوٗلن
فعوٗلن فعوٗلن فعوٗل، وزن چھہ بہارچہٕ جلوٕگری ہنٛز رٕلتھ عکس تہٕ آہنگچ دلیذیر ملون پاد کران۔ بہارک ین
چھہ شاعرس ہِنٛز جانِ جاناں یاد پاوان یمہٕ سٕند جلوٕ تس پرتھ طرفہٕ نظرِ چھہ گژھان:

بہار آو عالم سپُن سبزٕ زار | پوان از ہوا بوے گیسوے یار
بہار آو پیوٚو پرتوِ روے یار | توے کوہ و صحرا سپنی لالہٕ زار

بہاریہ مثنوی ییٚھتھ چھہ مقبولن کاشرِ شاعری ہنٛدس ییٚس اکِس طرحس ڈٔسلاوہ کوٗرمُت۔
یمو مثنوی یو علاوٕ چھہ مقبوٗلنین وژنن تہٕ نعتن ہنٛد تعداد تہٕ سیٹھاہ۔ اکھ مرثی تہٕ چھہن ڈٔنی منٛز یِنِس
منگتہٕ ہنٛدس مرنس پیٹھ۔ اکھ ہجو تہٕ چھُن وۄنمُت یتھ منٛز اکِس شقدارس منٛز۔ بدکرداریہ پیٹھ ہیٚڈ تہٕ چھہ آمُت۔
لکھمن جو بلبل سُند اصل ناو اوس لکھمن رینہٕ تہٕ بلبل اوس تس تخلص۔ سُہ اوس پرمانندن خاص یار تہٕ ژاٹھ۔
پرمانندن یہ کینژھاہ وۄن تہٕ تھوو بلبلن قلمبند کٔرِتھ۔ سُہ زاو ملہ پورہٕ (بانہٕ محلہ) مٲلِس اوس تس ناو سُندر رازدان۔
تمی سُند زاسنہٕ چھہ ۱۸۱۲ء زانہٕ پوان۔ مٲلِس نِش پوٚرُن سنسکرت تہٕ ترکہ شاستر، جوتش تہٕ حکمت تہٕ ژاٹھاہ
منٛز ہیوچھُن فارسی۔ امہٕ پتہٕ لوگ بانہٕ محلس منٛزے دکانداری کرنہٕ۔ مگر بایِن ہنٛز وۄتھس نیاے تہٕ امہٕ ہنٛزِ
بچنہ موکھ ژوٗل ہندوستان تہٕ تہور پتھ شہر رٔد پھیران۔ تمی چھہ ہِنٛز سوٗرے ہِنٛز تہٕ گدٕرُن اکس نظرِ منٛز یوٚومُت
یتھ 'دہی وٲراگ' عنوان چھہ۔ سُہ آو کشیر واپس تہٕ پتہٕ ہنوٗ وکھ کوٹیال۔ سُہ آو ناگم سورنہٕ پتہٕ تمی دوٚیم
نیتھر کوٚر۔ سُہ لوگ ناگے لسنہٕ تہٕ ژالِس نشری۔ مگر کینہہ وری گژھتھ بیوٚس آشنیٚن دارکِنٛژ ڈٔسی بیٹھ۔ اتہٕ پتہٕ موٚدس
سٲری شری اکہٕ اکہٕ تہٕ بلبلس وۄتھ وٲراگ تہٕ ژوٗل گربار ترٲوِتھ۔ گوڈ بیوٚٹھ اِشہٕ برہٕ تہٕ پتہٕ گو ستھ ییتہٕ

تِس سادن سنتن ہنز سیوا کرنس منز تہٕ پرمانندنین شرن تلٕ روزِتھ من شانت گو د۔ پرمانندنس وننس پیٹھ کوٚر تمۍ نلگے بیاکھ خاندر تہٕ لسوٗ ون گرٕ۔ یتہٕ زاس اکھ نیچو تہٕ اکھ کوٗر۔ ۱۸۸۴ءس منز پدسو رگواس۔ دپان تمۍ چھُ پانٕے پننہٕ اُکس لیلایہ منز پننٕس وفات وَنمُت:

'کہٕ زیرہٕ پاے عضو رام جی آمد شرن لکھمن ' ۱۹۵۵ بکرمی

لکھمن جی ببن چھُ کاشرِس منز وارِیاہ وَنمُت مگر تمۍ سنز شہرت چھنہٕ خاصکرِتھ سام نامہٕ، لکھنہٕ کنۍ۔ اَمہٕ رزمیہ مثنوی ہنز دلیل چھنے تمۍ فردوسی تہٕ شہنامہٕ منزٕ نمژ۔ دوٚن گوو تمۍ چھنہٕ صرف دلیل ژھونڈرامژ بلکہ چھِن کینہہ واقعہ تراٗوِی تھے ژھنی متی تہٕ گوڈٕ پیٹھ اندس تام چھُن سورُے توجہ مرکزی کردارس کنۍ دِیُتمت۔ نریمان پہلوانہٕ سُند نیچو سام چھُ اکہٕ دوہہ شکارس نیران۔ مگر جنگلس منز چھُ سُہ تِتی باجن لنہٕ ژھینہٕ گرٕتھ اُکس دآران جایہ اُکس خوبصورت کور سُمکھان یوٚسہ تمس شاہ چینن سنز شاہزاد پری رخت ہند جُنکی تعریف چھنے بوزناوان۔ سام چھُ لوٚزی تھے متان۔ ییلہٕ تِس پننۍ لشکر سمکھان چھُنےٕ سُہ چھُ چین گرٕژھنہٕ نیران یُیتھ سُہ پننہٕ لولہٕ میلہٕ۔ سفرس منز چھُ تِس زنگی فوجس سۭتۍ جنگ پیدان۔ سُہ چھُ زنیان تہٕ واتان چھُ ملک خاور یتیہٕ سُہ بادشاہ چھُ بنان۔ اَتہٕ پیٹھ چین گرٕژھون چھُ تِس خواجہ سعدان سمکھان یُس تِس پانس سۭتۍ چھُ نوان۔ یتھ چھکھ پیوان دیو جندہٕ ییمۍ فغفور چینیہٕ سنز باوزہٕ تہٕ پری دخترہٕ ہنز ولیٖس پری نوس قاد اُس کرِتھ تھاوِمژ۔ سام چھُ دیوس قتل کران تہٕ قیدٕ ہن رہا کران۔ جندٕ سُند بوٚے مکوکال دیو چھُ یوان وُتھتھ تہٕ سُتہٕ چھُ مارٕ گژھان۔ واتان چھُ سام چینن ییتہٕ تِس بڈٕ عزت چھُ یوان کرنہٕ۔ پری دخترہٕ سۭتۍ چھُ ژوٗری وصل کران تہٕ اُتھ پیٹھ چھُ شاہ چینن ناراض گژھان تہٕ سام چھُ دوا دِتھ بیہوش یوان کرنہٕ تہٕ جھس منز یوان تراونہٕ۔ گر پری دخترہٕ ہنز اکھ ولیٖس چھنے تِس نبر کڈِتھ بچاوان۔ سام چھُ بییہٕ پری دخترہٕ سمکھان مگر ناہ مژگری سپدٕنہٕ پتہٕ چھُ سام دِذٕ جنگل کُن نژلان۔ مگر پری دخت جھس رخ بدلاوِتھ توٗری واتان۔ سُہ چھُ شاہ چینس خط لکھان تہٕ جواب جھس دپان واپس یِن۔ یتہٕ جھس نہنگال دیوس سۭتۍ جنگ کرناوان۔ اَتہٕ تہٕ ییلہٕ سام زنیان چھُ

تہٕ شاہ چین چھُ ژھل کرِتھ پری دخت ہندٕ رِنٛچ افواہ کران ۔ یہٕ بوزِتھ چھُ سام بیٚیہ واراگ ژٹان ۔ یپارٕ چھُ وزیرٕ پُتٕر نیچُو قمرتاش پری دختہٕ پیٚٹھ فلواہ گژھان ۔ مگر سو چھس وعدٕ کرناوان گوڈٕ سکھا وُم سام ۔ سُہے چھُ پتھ رتتھ سامس شیٚشہٕ سوزان زِ پری دخت چھےٚ زندٕ ے ۔ پری دخت پچھےٚ ویٚلہٕ ستی نیران سامس سکھہٕ ۔ وَتہٕ چُھکھ اہرہ دیوٕ تُلتھ نوان ۔ سام چھُ بیٚیہ تہٕ کیٚھ جنگ کرِتھ پری دختہٕ حاصل کران ۔ شاہ چینس تِکس دوان تہٕ پری دختہٕ ستی خاندر کران تہٕ پننٕ وطن واپس پِوان ۔

بُلبل چھُ سام نامس منٛز پننِ سوٚرے فن ہاوان ۔ زبان ورتاوٕنس منٛز ، فصاحت ووٚنگٕ بیان کرنس منٛز ، کردار بناوٕنس منٛز تہٕ پیکر تراشی منٛز چھُ بُلبل اکثر مثنوی نگارن پتھ تراوان ۔ محبت چھُ امہٕ رزمیک مرکز مگر بلبلن چھُ جنگک ماحول تیتھہٕ پاٹھی پیش کوٚرمُت زِ پرن وول چھُ جنگک گرزٕ کنو بوزان تہٕ پننِ جنگس منٛز شامل محسوس کران ۔

مثنوی منٛز چھِ وارِیاہ یادگار کردار ، یمو کال دیوٕ سُند آکار لفظن منٛز انٛنس منٛز چھُ بلبلن کمال کوٚرمُت یتہٕ شیٚنہ ہن منٛز موزوٗن زٕارٕ وُچھو ۔

کلس پیٚٹھ ہنگ زن رائیل پیس پیٹھ ـــ نگو پیٚٹھی نگ دراہتی رائیس پیٹھ
زٹل موکریڈہ زالاہ رائین تٔل ـــ رٔچو تیتھہٕ آلکٔرِ ہتی ماکنو کھٔل
بُتھس پیٹھ نس آسس دوزخک تھم ـــ نکہ دارٕ دُد کش ہاے جہنم
کوکرس نیچ وٹرتس سینہٕ تے دٔچھ ـــ کرتھ وال آسی ہا پتھ نارٕ کےٚ کچھ
سوٕ بٔڈ یڈٕ عیدگاہا تٔس کمر کوہ ـــ مندل تیتھہٕ دور رٕ زِتھ کوہ بر کوہ

جنگک سماع آسٕ تن یا محفل آرائی ہند ، منظر آسٕ تن یا کردار ، بُلبل چھُ پرتھ جایہ مقامی رنگ پاٹھ کرنس کُن خاص توجہ دِوان ۔

نل دمن ، تہٕ چھےٚ بحرٕ ہزجس منٛز اکھ رزمیہ مثنوی ۔ یہٕ چھےٚ مہابھارتہٕ منٛز ہنہٕ آہرٕ شاکس

دلیلہٕ بیٹھہٕ یتھہٕ منز رازٕنلس خلاف کلہٕ یوٚک سازش چھُ کران تکیازِ تمُ چھےٚ سویم ورس منز ۔ دمینتی زینہِ مرنہٕ ۔ رازٕنل چھُ زارس منز سورُے ہاران تہٕ ژھورُے چھوٚنے چھُ دمینتی ہیتھ جنگل رٹان ۔ جنگلس منز چھُ سُہ اکہِ دوہہ دمینتی نیندرِ پٲدِتھ ژلان تہٕ پانہٕ چھُ رازٕ رتھ برنس نش لوکرٕ بنتھ روزان ۔ دمینتی چھےٚ مالیُن ژلان تہٕ تمُ سُند مول چھُ تمُ سُند سویمبر دُبارٕ بناوُن یژھان ۔ نل تہٕ چھُ رتھ بان بنتھ واتتھ دِتان تہٕ دوٚن باژن چھُ میُل سپدان ۔ اتھ مثنوی منز تہٕ چھےٚ سیٹھاہ پُرژ شاعری ۔

سُہ موگہ زلفہٕ درازس منز نمایاں ‎ ‎ ‎ ‎ پوٚہہ رٲتھ زیٹھاے بسرِ دیہ تابان

صراحی زن بلوریچ مارِ منز کارٕ ‎ ‎ ‎ ‎ برٕتھ از بادہ نازو ادا سارٕ

'نل دمن' مثنوی چھےٚ شایع پدنےٚ ۔ یمو دوٚیو اہم مثنویو علاوٕ چھےٚ بلبلن بیٚیہ ژٕ لوکچہٕ مثنویہ لیچھمٕژ ؛ 'اوم نامہ' تہٕ 'چارے نامہ' ۔ گوڈنچ چھےٚ 'اوم' لفظکس معنیبن پیٹھ ۔ دکھنےٚ تہٕ دوٚیم چھےٚ چارہِ ہندین صفتن ہنز وکھنے ۔ تمُ ہنزن لیلاین منز لیُس سرُد تہٕ یژھ تہٕ پژھ ہُند شوزر چھُ، تیمُک جواب چھُ پرمانندس نش یا کرشن جو رازدانس نش میلان ۔ یمن ہند تعداد چھُ ترٕ ہہ پیٹھ پانژ ترین تام ۔ ڈٕہہ پیٹھ پنداہ تام ورژن تہٕ چھِن وُنی ہتہٕ ۔ رادھا سویم ور تہٕ چھِن وُنمُت مگر اوڈے ژتہٕ

عبدالوہاب پرے چھُ کاشرِس مثنوی ادبس تیوٚت دہراہ دِوان یوت نہٕ اتھ تمس بروٚنٹھ یا تمس پتہٕ بیٚیہ کانہہ تہٕ شاعر دِتھ ہیوٚک ۔ سُہ زاو ۷، اگست ۱۸۴۶ء حاجنہٕ ۔ سُہ اوس ڈایہ دہرے ییلہِ تمُ سُند بابہٕ صاب مقصوٗد پرے ییمہِ عالمہٕ گوٚو ۔ وہاب رُود مقامی مدرسس منز تعلیم جٲری تھاوِتھ تہٕ دہاہر وانس تام پرٲوُن فارسی تہٕ عربی زبانن ہنز تہٕ اسلامیاتچ تھر تعلیم ۔ وہاب اوس بوڈ زمیندار تہٕ بیٚیہ اوس سرکٲرِ ملازمت تہٕ کران ۔ سُہ رُود وارِہن عہدن پیٹھ تہٕ ٹھنزِ گرٕن ٹھیکہٕ دٲرِ، کار دٲرِ تہٕ تحویل دٲرِ تہٕ ۔ وٲنسہِ ہندین آخری ستن ؤرین رُود خلوت نشین تہٕ لکن منز گوٚو بلند پایہ بزرگ ہندِ حیثیتہٕ مشہور ۔ ۲۹، دسمبر ۱۹۱۲ء گوٚو رحمت حق تہٕ حاجنس منز آو دفن کرنہٕ ۔

واہ نبن کتابن ہند تعداد چھ ترٛواہ: ہفت قصہ گرزن، ہفت قصہ الٰمی، قصہ چہار درویش ،
قصہ بہرام گور، نونہال گلبدن، اکبر نامہ، شاہنامہ، خلافت نامہ، سلطانی، شکل وشمایل آنحضرتؐ ،
سہلاب نامہ، درویشی تہٕ دیوان وہاب ۔ مگر گوڈنچہٕ ژور مثنویہٕ چھےٚ وونیکتام رٲوس تلؐ
شاہنامہ چھ ۹۱۴۲۳ شعرن پیٹھ وہرتھ ۔ یہ چھ فردوسی تہٕ شاہنامک ترجمہ ۔ ووں گوو ایمُک ژورِیم جلد
چھ وہابن باقی تارٕیخن ہند مطالعہ کٔرِتھ لیوکھمُت ۔ اتھ جلدس چھ خلافت نامہ یا 'فتح ایران بدست صحابہ
کرام' عنوان ۔ شاہنامہ چھ اکبر نامہ چھ حمیداللہ شاہ آبادٕ ربٕند فارسی شاہنامُک ترجمہ ۔ اتھ منز چھ افغانن تہٕ
انگریزن درمیان جنگن ہند حال بیان کرنہٕ آمُت ۔

سلطانی مثنوی چھےٚ حضرت شیخ حمزہ مخدومؒ ہندین خلیفن ہند تذکرہ ۔ اتھ منز چھ ترٛواہ
ساس شعر ۔ یہ تہٕ چھےٚ ترجمہ ۔

'شکل وشمایل آنحضرتؐ' چھےٚ اکھ بے قافیس منز ۳۶۶ شعرن ہنز مثنوی ۔ 'درویشی' منز
چھ وہاب پننٕ احوال نامہ باوان تہٕ اتھ سٟتۍ سٟتۍ چھ ڈوگرٕ راجہ کین ظلمن تہٕ ستمن ہند حال تہٕ باوان ۔

**امیر شاہ کریری** زاو کریرٕ گامہ ۱۸۲۸ء اکس پیرٕ گرس منز ۔ سُہ چھ شاہ امیرالدین تہٕ سید امیرالدین
ناوٕ تہٕ زانہٕ یوان ۔ گرس منز اوس لیکھنُک پرنُک ماحول تہٕ حسب روایت ہیچھس عربی، فارسی تہٕ اسلامیاتچ
تربیت ۔ تس اوس عبدالوہاب پرے تہٕ لکھمن جو بلبلس سٟتۍ جان یارانہٕ ۔ رزمیہ شاعری ہندین ووستادن
منز چھ شامل ۔ رٕتہٕ اوس پیٹھاہ پرگو ۔ تمۍ ہنزٕ تصنیفہٕ چھےٚ: سام نامہ (ووہ ساس شعر) خاور نامہ (۲۰۱۶۵
شعر) ظفر نامہ، جنگ علقم، انوارِ محمدیؐ اعجاز سرمدی تہٕ بہارستان ۔ یمو تصنیفو علاوٕ چھ تمۍ واریاہ نعت تہٕ منقبت
تہٕ وٕژنہ ہتہ ۔ سام نامہ تہٕ خاور نامہ چھ کاشرکی ساروے کھوتہٕ مقبول جنگنامہ ۔

'سام نامہٕ' چھ امیر شاہن وہاب پرےنس وننس پیٹھ شہنامہ پیٹھ ترجمہ کورمُت تہٕ ایمُک قصہ
چھ الٕہ پلہٕ تی یہ بلبل نس سانامس منز ۔ چھ مگر امیر شاہ سند سام نامہ چھ زیادٕ دلبستاہ رسان تہٕ سُہ چھ اصل مثنوی

ترجمہ کرنس منز محتاط رُودمُت ۔ یوٚدوَے تٔمۍ سٕنز زبان فارسی آمیز چھےٚ مگر روانی تہٕ میچھر پأدٕ کرنس منز چھُس جان فن اوسمُت ۔ پری دخت ہٕندٕ ریم تعریف دِ چھو۔

دِواں گرٕلے دردانہ درگوش چھس | شباں عشقہٕ پیچانہٕ کی پوش چھس
تُندرو زٕن وُوٕ شیلوٕمُت گولاب | کرٕتھ حلقہٕ تتھ سوٚمبل مشک تاب
چھُ نوٚزک تمُس حلقہٕ نازنٕین | شباں تتھ ہٕٹس موٚختہٕ لعل نگین
زسرتابپا چھُس لطافت تمام | پری پیکرے چھس پری دخت نام

جنگ خاور چھُ ابن حسام بہٕ خاورنامُک ترجمہ ۔ یہ ترجمہ اوس مکمل کرن وولے پیٚلہ سُہ رحمت حق گوو ۔ اکمۍ آخرۍ ۷۵۰ ، ہم شعر چھِ امیر شاہ ہٕندۍ پنٕچوی قبوٗل شاہن ترجمہ کرٕ ی متۍ ۔ یہ جنگنامہ چھُ بذاتِ فردوسی ہٕندِس شہنامس متعابلہ لیکھنہٕ آمُت ییتھ منز حضرت علیؓ ، مالک اشتر ، ابوالمعجن تہٕ سعد وقاص بندٕ ین جنگن تہٕ فتوحاتن ہُند بیان چھُ ۔ ووٕں گوو یمن کارناسن چھنہٕ کانہہ تأریخی سند ۔ شاعرن چھِ یم فرضی قصہ تتھ پأٹھۍ بادٕ کرٕ مٕتۍ زِ پرن والس چھِ تأریخُک گمانہٕ گژھان ۔ عربکۍ زٕ مشہوٗر پہلوان ابوالمعجن تہٕ سعد وقاص چھِ مدینہ منز ژلان تہٕ اتی پیٹھٕ چھُ خاورنامُک زیٹھ زیٹھ قصہ شروع گژھان ۔ حضرت علیؓ چھِ یمن دون پہلوانن ژھانڈٕ تھ اُنہٕ باپتھ نیران تہٕ پتہٕ چھُ مالک اشتر تہٕ نیران ۔ یم پہلوان چھِ ملک خاور واتان یتیٚہ یم خاوراں قبادس سٕتۍ ژکس دِتھ دوٗر دراز ملکن تہٕ طلسمأتی شہرن فتح کران کران . برونٹھ چھِ پکان ۔ پرتھ جنگس منز چھِ یم عجیب عجیب مشکلاتن منز ہینہٕ پوان تہٕ پتہٕ تتھ حضرت علیؓ ہندِ اَتھہ رٹہٕ فتحیاب سپدان ۔

جنگ علقم تہٕ چھُ حضرت علیؓ بندٕ ین فتوحاتن ہُند تذکرہ ۔ ظفرنامس چھُ امام حنیفؓ تہٕ یزید بن درمیان جنگُک حال پیش کران ۔ انوارِ محمدیؐ تہٕ اعجاز سرمدی منز چھُ امیر شاہ سرورکائناتنؐ ہٕندۍ جمالُک تہٕ کمالُک لسأنی جلوٕ پیش ہاوِن ۔

امیر شاہ اوس خاص کٔرتھ رزمیہ مثنوی خأطرے تخلیقی ذہن تھاوان ۔ سُہ چھُ نہایت فنکاری

سان جنگ تہٕ جدل تہٕ کشتہٕ خوٗنکۍ ہوناک نظارٕ عکساوان تھٕہکان تہٕ یمن چھ فطرٕژہندۍن دلفریب نظارن تہٕ حسن و عشقہٕ کین رنگین افسانن ستۍ تیُتھ میُل کران زِ یم چھہٕ اکھ اکس نِشہٕ اژھین باسان۔

سید امیر شاہ کرِیرِ گوو ۱۹۰۳ء ، سنز رحمت حق یہ۔[۵]

ہماں روز سے پیر سید امیر نجلا بریں گو سعادتِ پُر پر

(مظفر شاہ)

**سید مقبول شاہ** اوس سید امیر شاہ کرِیرِ سُند فرزند یُس ۱۸۶۹ء منز زاو۔ تمۍ کرٕ مالس نِشی عربی تہٕ فارسی تعلیم حاصل تہٕ شاعری منز تہٕ روٗدُن مالۍ سُندُے رنگ۔ امیر شاہ بیلہٕ 'خاور نامہ' اڈٕ دُے ترٲوِتھ یمہٕ عالمہ گوو، مقبول شاہن ہیوٚتھ یہ کام پوٗرٕ کرٕنۍ مٕژ۔ اکھ ہدایت اوس تس امیر شاہن پننۍ ٹوٗپۍ کلس پیٹھ تھاوِتھ کوٚرمُت۔

زِ سر تھوٗد تجن سوے سعادت کلاہ تھون تمۍ کلس پیٹھ مٕنۍ مانندِ ماہ

دِتُن دم دوٚپُن وَن یہ باقی کتاب کرُن ووٚدٕنۍ ہمہ نامہ بوتراب

۵۷ ، ۷ شعر لیکھتھ کوٚر تمۍ خاور نامہ مکمل۔ امہِ علاوٕ چھہٕ تمۍ ملا حسینن لیوٚکھمُت 'روضۃ الشہدا' ہُک ترجمہ کوٚرمُت تہٕ بیٚیہ چھِن نعت تہٕ منقبت تہٕ لیکھمٕژ۔

سید مقبول شاہ کرِیرِ گوو ۱۱ ، نومبر ۱۹۳۰ء ، رحمت حق۔

**سید مظفر شاہ** چھہٕ کرِیرٕ گامُک بیاکھ رزمیہ شاعر۔ اُمِ سُند لیوٚکھمُت 'جنگ مختار' چھ کاشرِس مقبول عام جنگ نامہ ووٚدُن گو و زبان چھس حدٕ روس فارسی آمیز۔ مظفر شاہ سٕنز بیٚیہ تصنیفہٕ چھےٚ: تحفۃ الاحباب، رکن الدین، توبۃ النصوح تہٕ نعت تہٕ منقبت۔ ۱۹۳۵ء منز گوو رحمت حق۔

**پیر غلام محمد حنفی** چھ واریاہن کتابن ہُند خالق: قمر الزماں، جبہ خوتون، ہزار داستان، گل وصنوبر، لال مجنون، الف لال، باغ و بہار یا چہار درویش، معراج، حاتم، ہشت بہشت: جنگ امیر حمزہ رضی، خلافت نامہ، بوستانِ کشمیر، کرامات اولیا، ملہ نامہ، ریشی نامہ، وفات نامہ، قصہ شیر کشمیر، پہلی نامہ ،

شاہنامہ، تفسیر قرآن شریف۔ باسان چھُ حنفی چھُ وہاب پرے ہندی پاٹھۍ سیٹھاہ پرگوٗ۔ خلافت نامہ، چھُ مورخ حسن شاہ کھوہامیُ سُنٛد خلافت نامُک ترجمہ۔ یہ چھُ ژون جلدن منز۔ جنگ امیر حمزہؓ چھُ حضرت امیر حمزہؓ سُندین جنگی فتوحاتن ہنز داستان۔ پنٛدہن ساسن شعرن منز ونہٕ آمژ یہ مثنوی چھےٚ پنٛدہن جلدن منز شایع سپنٛز مژ۔ قصہ چہار درویش مثنوی چھےٚ ژورن حصن منز۔ مثنوی حبہ خوتوٗن، چھےٚ حبہ خوتونہٕ متعلق اَکِس لُکہ کتھِ ہنز منظوم شکل۔ اَتھ منز چھہِ ستھ وژن تہٕ شامل۔ مثنوی الف لاٗل یا ہزار داستان چھےٚ الف لیلیٰ منز ننہٕ آمتین کینژن قصن ہنز منظوم صوٗرت۔ بوستان کشمیر یا وقت آخر زمان چھےٚ تمہِ ینہٕ زمانہٕ کین لُکن ہندین اخلاقن، عادتن تہٕ رسمن رواجن متعلق طنزی انداز پیچھ۔ کاشُر کلام اللہ، چھُ حنفی سُنٛد اکھ اہم ادبی تہٕ دینی کارنامہ۔ مانہٕ دیوان، مگر ونہٕ چھُ دیوان زِ یہ چھُ بیٚیہ کانٛہہ ہندی ناوِ چھاپ پُدمُت تھٕو۔ شاہ نامہ بلہ نامہ، لاٗل مجنون، گل وصنوبر بیتر مثنوین ہُندِ تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ بےٚ پناہ میلان۔ فارسی زبانۍ منز تہٕ چھےٚ حنفی سُنٛز کینٛہہ تصنیف۔ یمو ساروے کتابو منز چھےٚ جنگ امیر حمزہؓ ساروے کھوتہٕ پسند آمژ کرنہٕ۔ اَمِچ زبان چھےٚ وارِہس حدس تام فارسی آمیزی لشہٕ بچھتہٕ دلیلہٕ منز چھےٚ روٲنی پٲدٕ آمژ کرنہٕ۔

غلام محمد حنفی چھُ ۱۸۶۷ء منز سوپورس منز زاوٗت۔ پیشہ کنۍ اوس امام تہٕ بیٚیہ اوس شُرین قرآن شریف پرناوان۔ لُکھ اُسس ٹاٹھنیار سان 'مامہ پیر' ونان۔ دپان تمۍ سُنٛد بابہٕ صاحب پیر غلام رسول تہٕ اوس شاعر۔ حنفی چھُ پانہٕ لاپرواہ اوسمُت تہٕ یہ پتھ کانٛہہ پیٹھ چھُ اوسُت پرتھ کران یُہے چھُ وجہ زِ تمۍ سُندۍ اکثر ادبی کارنامہ چھہِ رٲوِس تل۔ تِ گوو ۱۹۲۷ء منز رحمتِ حق۔

**علی شاہ** اوس نُہرل (ہند وارٕ) روزان۔ عربی تہٕ فارسی زبانن پیٹھ چھس عبوٗر اوسمُت۔ کاشرِس منز چھہِ تمۍ وارِیاہ جنگ نامہ لیچھی یتھ یم ساری سے کشیرِ منز تفریحُک سامانہٕ اُسۍ: جنگ زین العرب، جنگ امام حنیف، جنگ زیتون، جنگ خاور، جنگ تال، جنگ خیبر تہٕ جنگ بیرالالم، علی شاہ سُنٛز زبان چھےٚ سیٹھاہ فارسی آمیز۔

دپان علی شاہ ہرل گذریو اکھ ہتھ تہٕ شُراہ وری واٲنسہٕ منز ۱۹۳۵ء منز۔ کُنوہمہٕ صدی ہندین ییمن دوہن
ساری پیٚٹھ کمرازس منز جنگنامہٕ تہٕ مذہبی مثنوی یہٕ لیکھنک زبردس رواج اوس، بیاکھ اوس مرازس منز۔ تمن
دوہن تہٕ لول مثنوی ہُندے رواج۔ عشقہٕ کین موضوعن ہنز مثنوی یہٕ آیہ کُنوہمہٕ صدیہٕ ہندس گوڈنکس حصس
منز تہٕ لیکھنہٕ آمژ، مگر صدی ہندین آخری وُریہن منز لیکھنہٕ آمژ مثنوی یہٕ چھےٚ زبان ورتاونس منز، اسلوبس
کردار نگاری تہٕ جذبات نگٲری منز گوڈنچن مثنوے تقلید کران۔ اکثر مثنوین ہندی قصہ تہٕ اَسی برونٹھے
ورتاونہٕ آمتی۔ باسان چھُ زِ تمکھ اَسی پھری پھری تی پرٕن بوزُن یتہٕ کران یہٕ نمونہٕ برونٹھے پرِتھ/بوزِتھ پسند
اوس کورمُت۔ محی الدین مسکین، عبدالرزاق، عبدالرحیم اعلی، کافی شاہ، عبدالغفار فارغ، عزیز اللہ حقانی
سیف الدین عارض، محمد اسماعیل نامی، اکبر بٹ، ولشنہ کول، حاجی الیاس، درویش عبدالقادر، میر علی شاہ
چھِ امہِ دورکی کینہہ مشہور شاعر۔

**پیر محی الدین مسکین** اوس یورکھو شپور (کولگام) روزان۔ آزاد چھُ امس متعلق لیکھان زِ یہندِ مرٕن
تاریخ پیٚیہٕ نہٕ معلوم۔ زیچھِ واٲنسہٕ منز چھ ۱۹۴۷ء برونہہ ترٛہ پانژترژہ وری گذریومُت۔ آزاد چھُ لیکھان زِ یہ
دوتس یورکھوشپورِ تہٕ گمر یہ چھےٚ عجیب کتھ زِ تمی چھنہٕ مسکین مزار ڈیچھمُت۔ مسکینٕنس مزارس چھُ تمنے دوہن
ہُند بیور لاگتھ یتھ پیٹھ تمی سُند مرٕن تاریخ صاف چھُ دِتھ یعنی ۱۵ شعبان ۱۳۴۰ھ (۱۹۲۱ء)

مسکین اوس پیر مریدی سببہٕ پنجاب تہٕ پہاڑی علاقن گژھان۔ تمٕ چھےٚ کل شیٚیہ مثنوی یہٕ لیچھمٕژ:
یوسف زلیخا، زیبا نگار، سوہنی مہیوال، لال مجنون، چندر بدن تہٕ ہیر رانجھا۔ امہِ علاوہ چھن ورژن تہٕ نعت تہٕ وَنٕی تہٕ

مسکین اوس بذاتِ مثنوی نگار۔ غزلس منز چھُ رسُل میرس تقلید کران اوسمُت۔ یوٚدوے امس رسول
میرنی ہِش مقبولیت حاصل گیہ نہٕ مگر امی سُند غزل تہٕ چھنہٕ شاعرانہٕ خوبیو نِشہٕ خٲلی کینہہ:

مےٚ تب عشقن سِنتھ گوم بدن دوٗدمُت چھِنتھ ییوم
اسم کوتاہ بِنتھ گوم وُنتھ کس زانہٕ ویسیے

دل ہیتھ مے ژٕول ہم دلبرے
اکھ ذرٕ دۄرٕ بر نو زرے

مرما بہٕ ووٚنی چانی شرٚے
اکھ ذرٕ دۄرٕ بر نو زرٚے

**حاجی محی الدین مسکین** اوس سریہ بل (سرینگر) روزان۔ تٔمۍ سٕند لیوکھمُت 'تاریخ کبیر' چھُ کشیرِ متعلق فارسی زبانۍ ہندِ بن تارٟخن منز اہم درجہ تھاوان۔ کأشرس منز چھےٚ تٔمۍ ترےٚ مثنوی لیچھمٕژ؛ یوسف زلیخا، وامق عذرا تہٕ گلنور۔

محمودن اوس 'یوسف زلیخا' واقعہ پٮ۪نہِ پأٹھۍ نظموومُت۔ مگر مسکین چھُ سید سیوٚد جامی ہٕنز مثنوی پیٹھٕ ترجمہ کورمُت تہٕ امہِ باپتھ چھُن سیٹھاہ محنت تہٕ کٔرمٕژ۔

شبنمہٕ سأری پلکاں گے سوے یعقوبؑ
دِچھکھ زن صبح صادق روے یعقوبؑ

دِکھے رُخصت تیأری سوے کروٚاُسی
بصحرا اکھ ددٕہ باہم برُد اُسی

عزیز جان تہٕ یوسف بوے سونے
تہٕ سرو قد چھنا دلجوے سونے

دہن نابستی از بہر تماشا
تہٕ ہٕتی آسُن اُچھن سانین چھُ گاشاہ

'وامق عذرا' مثنوی ہُند انداز تہٕ چھُ یتھے ہیو۔

مسکینن گوٚو ۱۹۲۱ ویس منز رحمت حق۔

**خواجہ عبدُ الرزاق** اوس شاہ آبادٕکۍ علاقہٕ کس 'شاروی ددٕہ' گامس منز روزان۔ اُمی سٕند تذکرٕ چھُ نہٕ وُنستام کُنہ جایہ کرنہٕ آمُت۔ اندازن اوس یوٚر کھوٚتشیورِ کس محی الدین مسکین سٕند ہمعصر۔ اُمی سٕنز اکہ مثنوی ہُند اکھ نسخہ چھُ اتھہ آمُت یُتھ منز ترکستانہٕ کس عبدالعزیز تہٕ ہندوستانچہِ کامران نادچہِ زنانہٕ ہندِ عشقُک دلیل چھےٚ ونہٕ آمُت۔ امہِ مثنوی ہُند نقل چھُ ۱۸۹۸ ء منز کُمی تام عبدالصمدن کورمُت۔ مثنوی چھےٚ احداللہ اسلام آبادی سٕنز فارسی مثنوی ہُند ترجمہ۔ مثنوی منز چھُ جایہ جایہ بأتھ درج یمن اصل مثنوی ہند کھوٚتہٕ زیادٕ اہمیت چھےٚ۔

**خضر ملکؔ صفاییؔ** اوس پوٚہل دیوسر گامُک بکین دریُس کوٚ لگامی تحصیلُک مشہوٗر گام چھُ۔ صفاییؔ چھُ ۱۸۴۸ء کوٚ لگابہٕ دٔرِ زوٗہ میں کھُل نوٗر آبادٕ زامُت تہٕ ۱۳۳۹ھ (۱۹۲۰ء) چھُ رحمتِ حق پیٚد مُت۔ تمۍ ہندِس مرنس پتہٕ چھےٚ مولوی عمہ لالن اکھ مرثی وٗنمٕژ یمکی کینہہ شعر چھِہ:

درلیغا ملک جی خضر نیک فال — تمی کوز لبوے خدا ارتحال

رٕ تھوٚد سالکا سالکن خاص اوس — تمس جام عرفاں اخلاص اوس

تصانیف تمۍ ہندی ہزاراں ہزار — نعوٗت و مناقب کتب بے شمار

مآرس اوٚسُس ناو حضور ملک یُس عالم چھُ اوسمُت۔ رٕ گوٚ وکھُل نزاوِتھ، پوٚہل دیوسر لبنہٕ بیٚتہٕ خضر ملک گرِ پیٹھی دِتہٕ آو۔ تمۍ بنوو ڈٔریک گہ شاہ ہینٛز پیر تہٕ تمی تھوٚوُس تخلص صفاییؔ۔ صفاییؔ اوس درس دِتھ تہٕ تبلیغ کٔرِتھ پننۍ ژوٗٹ زینان۔ اُمی بنا گرٕ اوس تمۍ ہندین طالبن ہند بار تعداد سمان تہٕ لنگر اوس ہمیشہ چلان۔ خضر ملک اوس بسیار گو شاعر تہٕ تمۍ ہنز ساریے تصنیفہٕ چھےٚ تمۍ ہندی اُکی یارن لیچھمٕژ یمَس احد ڈارنا و اوس۔ تس اوس کشیرِ نبر تہٕ کینژن عالمن ستۍ خط و کتابت۔ خضر ملک صفاییؔ ہنزن مثنوین ہند تعداد چھُ:

باغ شہدا، قصص الانبیا، جبل المتین، سکندر نامہ، جنگ عجم، شاہنامہ، طوطہ نامہ تہٕ مولوی نامہ۔ یمو مثنویو علاوٕ چھِ صفاییؔ ہندی وارِیاہ وژن نعت تہٕ منقبت یِم دیوان چہ شکلِ منز چھِ۔ وۄں گوٚو سارنے حرفن ہندی ردیف ورتاونہٕ ستۍ چھُ تنگگری ہُند باس لگان۔

'باغ شہدا' چھےٚ ملا حسین سٕنزِ فارسی روضتہ الشہدا ہُک ترجمہ۔ شعرن ہُند تعداد چھُس شےٚ ساس۔ کتابہٕ منز چھُ کربلا ہُک سوٗرے سانحہ مثنوی منز بِھرنہٕ آمُت۔ یہ مرثیہ مثنوی چھےٚ تمۍ ۱۳۲۳ھ منز مکمل کٔرمٕژ۔ مثنوی چھےٚ بحرِ منز ونہٕ آمٕژ۔ صفاییؔ چھُ گوڈے پانس متعلق ونان۔

ناظم نامی صفاییؔ خوش نوچھ عندلیب
چھےٚ نوا نزاوان ہزار آواز با صلواہ عجیب

قصص الانبیاء، چھُنہٕ بہن ساسن شعرن پیٹھ مشتمل مثنوی یوسہٕ عبدل واحد بن محمد سٕنٛز فارسی نثری کتابہٕ ہُند ترجمہ چھُنہٕ۔ حبل المتین، چھُنہٕ لوکٹ مثنوی یتھ منٛز کینٛژن بزرگن ہندِ تعریف تہٕ توصیف چھِ۔ طوطہٕ نامہ، مولانا رومی سٕنٛز طوطہٕ نامُک ترجمہ۔ 'مولوی نامہ' مثنوی منٛز چھُ صفائی پننس مرشد گلہٕ شاہ صابنٛد حالات بیان کران۔ 'سکندر نامہ' جنگ عجم، تہٕ شاہنامہ، چھِنہٕ ترٛےٚ مثنوِیہ صفایس سٕتۍ منسوب مگر مین ہُند چھُنہٕ کانہہ پےٚ پتاہ۔

**عبدالرحیم اعما** اوس باہمال بالہٕ اپارٕ ناگم گامس منٛز روزان۔ سُہ پرٛیتھیو وجان علمی حلقس منٛز تہٕ مولوی رسول شیخس نِشہٕ میچھس ابتدائی تعلیم۔ سُہ اوس اکوہ وُہر ییلہٕ ہِتلیٚ نیرہٕ ستۍ اُچھ گاشہٕ نِشہٕ گوو۔ تمۍ کٔر نعت تہٕ منقبت ڈٕنتھ شاعری شروٗع۔ سُہ چھُ لوکچارٕ پیٹھے سیٹھاہ زیرک تہٕ حاضر جواب اوسمت۔ مثنوی ادبس چھُ اُمۍ سُند دیُت زٕ مثنویہٕ 'گلبدن' تہٕ 'شاہنامہ'۔ دوٚیم مثنوی چھِنہٕ بدس پیٚتر مژ۔ 'گلبدن' چھِنہٕ نعت تہٕ مناجات ہیتھ زٕنوٚ دُہ شتھ شعرن منٛز۔ یہ چھِنہٕ تمۍ محمد علی مراد سٕنزِ اردوٗ مثنوِیہ پیٹھ ترجمہ کٔرمژ۔ ۱۹۱۲ء منٛز چھُن مکمل کٔرمژ۔ اَمہٕ پتہٕ دوٚیہ وُہرِ یعنی ۱۹۱۴ء منٛز سید رحمت حقؒ۔ 'گلبدن' چھِنہٕ خوبصورت لفظہٕ ژار، منظر نگاری تہٕ واقعہ نگأری کِنۍ کأشرِ زبانۍ ہنٛزن اہم مثنوین منٛز شمار پیدان۔ مثلن مجنونن موٗل چھُ نیچوس گرِ یِنہٕ باپتھ زار پار کران:

وداں چھُنہٕ گاش تھوکمت ماجہ چانے　　چھِنہٕ اَتہٕ وانی برانہ نوی پانے

نہ چھس راتیح ییندہٕ رنے چھُس دہک کار　　کراں فریاد وزاری بادل زار

نزٕ چھنےٚ سوزٕ سونے مزٕ نراد　　مزٕ چشمہ کٔرزٕ آتش ہزٕ پراو

شا یکھنا وچھکھنا سون احوال　　تباہ گمٕ تیٚن کٔرکھنا پرسش حال

اسے چھکھنا اچھن زوٕن ہندکینے گاش　　گرٕ گےٚ زٕ ٹےٚ سوالسنٛج چھِنہٕ آتش

اعمایَس نعتن تہٕ منقبتن منز چھُ جذبُک شوز، تہٕ باوُژہند سر رقت تہٕ سوز پاد کران:

خسِتہٕ جانس گاشہٕ رٕژتس آش چانی دمبدم
متہٕ کرتن دٗوراز دریا شفیع المذنبینؐ
موٗت بٔنِتھ لاراں پیٚے ہاراں اَچھو کنہٕ خوٗن دِل
جان چھم تھاراں وندے سر یا شفیع المذنبینؐ

یہ آس اعمایس ندامت تہٕ انکساری یمہِ سٕتہٕ کاشرِ یُک اکھ اہم شاعر بنوو:

الا اے شاعران ملک کشمیر کریوم اصلاح یوٚدوے چھو ہوا گیر
بہ چھُس ناخاندہٕ اعما کم لیاقت دٔزنم کیٚہ مے زانہٕ نم نہ نزاکت

**کافی شاہ** اوس کوٗہار علاقٕکس زیر پور گامس منز روزان۔ اَنکوٚنہٕ حسابہٕ چھُ ۱۹۲۰ء یمہٕ عالمہ گذریوٚمت۔ کاشرِس منز چھےٚ اُمہِ سُنز اکھ مثنوی دستیاب 'قصہ بہرام شاہ' یہ چھےٚ اکھ عشقیہ مثنوی یتھ منز۔

سراپا نگاری ہُند یہ نموٗنہٕ وُچھو:

چھےٚ کرمژ موٚختہٕ رٕش زن تارِ منز بند وٗنے کیاہ بے بہا تٕہ شوٗبہ وٗنی دند
چھنبہ پھوٗت زن تسنز رانہٕ بہ نرمی مزاجس تمہٕ ہندِس کر دانہٕ نرمی

کافی شاہ اوس شیخ احمد تار بلُک سُند مرید، یتھ ذکر تمہٕ مثنوی منز کُرمُت چھےٚ۔

**عبدالغفار فارغ** اوس بٹہ مالیُن (سرینگر) روزان تہٕ پیشہٕ کنہٕ اوس تاجر۔ شال تہٕ پشمینُک کاروبار اوس کران۔ گوڈٕ پیٹھے چھُ اوسمُت آزاد خیال تہٕ گھوٚنک شوقین۔ ۱۹۲۳ء منز کوٚرُن حج تہٕ اَمہِ پتہٕ دوہ یہ دٔہری گو رحمت حق۔ سابقہ چیف منسٹر صادق غلام محمد اوس اُمی سُند نیچو۔ فارغ نہٕ چھےٚ ترےٚ تصنیفہٕ: قصہ یوسف زلیخا، ملہ نامہ تہٕ مسدس حالی (ترجمہ)۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ واریاہ نعت وٗنی متہٕ۔

**عزیزاللہ حقانی** زاو ۱۸۵۲ء منز۔ گوڈٕ اوس ترپرستان (سرینگر) روزان پتہٕ بٔٹوارِ۔ عربی

تہٕ فارسی زبانن پیٹھ اوسُس پُور دسگاہ حاصل رِصوٗفیانہٕ موسیقی ہُند اوسُس سیٹھاہ شوق۔ رُہ پھیوٗر وارِہین علاقن خاص کٔرِتھ لداخ، کشتوار، یارقند، بمبے، سورت دہلی، صوبہ سرحد تہٕ دِلہ۔ پانٕژٕ شتھ وُہر چھُ ۱۳۴۶ھ (۱۹۲۷ء) منٛز رحمت حق سپُد مُت۔ عبدالاحد آزاد چھُ تس متعلق لیکھان: "محمود گامی کے بعد اگر کشمیر نے کوئی مطلق العنان سخنور پیدا کیا وہ حقانی صاحب ہیں۔ شاعری میں اس مرد میدان نے ہر قسم کے کرتب دکھائے ہیں۔" تٕمی سٕنٛزٕن کتابن ہُند فہرس چھُ زیوٗرٕٹھ: قصہ بے نظیر بدر منیر، گلبن عشق، ماہرو گل اندام قصہ دشنان، جوہر عشق، چراغ محفل، جنگ عراق، ممتاز بے نظیر، گلدستہ بے نظیر، چندر بدن، روضتہ الشہدا۔ یمو علاوٕ چھےٚ تٕمی فارسیس منٛز تہٕ وارِیاہ کتابہٕ لیچھمٕژ۔ یمن منٛز تاریخ عالم نثر تہٕ دیوان حقانی اہم چھےٚ۔ کاشرِس منٛز چھِن غزل تہٕ نعت تہٕ وٕنِمٕژ۔

مثنوین منٛز چھےٚ بے نظیر بدر منیر سیٹھاہ مقبوٗل روٗزمٕژ۔ اَتھ چھِ شٔے حصہٕ تہٕ مختلف بحرن منٛز چھےٚ وننہٕ آمٕژ۔ اَمِچ روانی چھےٚ اَمِچہ مقبوٗلیژ ہنٛز ضمانت۔ اَمِچ داستان چھےٚ ہندوستانی تہٕ حقانین چھےٚ اردوٗ پیٹھٕ ترجمہ کٔرمٕژ۔

'جوہر عشق' چھےٚ جہاندار شاہ تہٕ بہار دربانو یہ ہُند لولِچ دلیل۔ یہ چھےٚ حقانین ترٛیہ پھِر مختلف اندازٕ وٕنِمٕژ۔ یہ چھےٚ تیٚژ مقبوٗل یس مٕژ زٕ کینٛژو چھاپ یہ پیٚنہ پیٚنہ ناو۔

حقانی ہنٛزن مثنوین ہنٛز زبان چھےٚ مشکل مگر تہٕ کٔرِتھ آسی نیم خواندٕ تام یمن پران آسان۔ شایع گمٕژ وکتابو علاوٕ چھےٚ تٕمی سٕنٛز کیٚہہ مثنویہ وُنہ تہٕ چھپنیٚ یمن ہُند نیب مولانا فطرت دِوان چھُ۔ یمہ چھےٚ: سالاب نامہ، آتش نامہ، بہار نامہ، درویش نامہ تہٕ شہر آشوب۔ مثنویو کھوتہٕ اوس حقانی پیٚنہٕ فنکٕ مظاہر غزلس منٛز ہیکان کٔرِتھ۔ کلاسکی اسلوٗبس تابع روٗزِتھ تہٕ چھِ تٕمی سٕندین غزلن منٛز وارِیاہ زبر شعر یمن منٛز عرفان تہٕ چھُ تہٕ رومان تہٕ۔

لجس داوس پرٕ زٕ ہُم داوس تہٕ کاوس      مٕنیٚ گوو بٕس بس ژٕ کر، ماین نگارو

اَغافِل خورۍ سالے کیاہ چھ معلوم    چھُ تیرِ عشق یتھ قاتِل نگارو

روے از نقاب ہاوِتھ آتش بہ شمع ترأوِتھ

پروانہٕ دیاوناوِتھ نارس نرے مبارک

نینْدرِ ہتِ سے اندرِ گوٚنڈ تم جوش تونْدرُن باوِ کُس

گوشہِ گیٚرن روشہِ روٚٹ تم گوشہِ گلزار تےٚ

تمۍ چھِ محمود گامی بٕنہٕ لیٚہٕ مثنوی تہٕ وژن وٚنۍمتۍ۔ مگر نعتن منز چھُ تمۍ سُند فن خاصکر تھ پھولتھ آمُت۔ حقاؔنی سُند یہٕ نعت شریف چھُ کاشرِ زبانۍ ہندو بہترین نعتو منزٕ اکھ (خاصکرٕتھ غلام حسن صوفی ہنزِ آوازِ منز)

گو دِجہان تازٕ بہ رخسارِ رسولِ عربیؐ

روٚٹ گُلو مشکِ زِ گفتارِ رسولِ عربیؐ

یم گنہگار تہِ نار کرن نالہ فغان

تِمہٕ موکلاوِ تمن کھارِ رسولِ عربیؐ

حقاؔنی اوس پانہٕ سیوٚد سادٕ تہٕ خاموش زندگی گذاران تہٕ ہاو باوس پٮ۪ٹھ ظاہر دارۍ ہنز اُہس نفرت۔ شہر آشوبس منز چھےٚ تمۍ خاصکرٕتھ مکار درویشن تہٕ مُلن تہٕ بدکردار مُلن خبر ہیٚژمژ۔ ہزلی مثنوین کُن چھُ سیٹھاہ کم شاعرو رغبت ہوٚومُت۔ یمن منز چھُ اکبر بٹ اکھ اہم شاعر گذریومُت۔ سُہ اوس اسلام آبادس منز بُڈی گامہٕ روزان۔ سُہ اوس نیم خاند تہٕ بیٚشہِ کنۍ اوس گریوس۔ آزادنہٕ بیانہٕ مطابق چھُ سُہ ناظمن ہُند شاگرد اوسمُت۔ مگر زن، وو درنامہ، تہٕ مٹہ ہانزنۍ چھےٚ تمۍ ہنز کیہنہ خوبصورت نظمہ۔ سُہ چھُ شیٹھ وُہر بُرونہہ ۱۹۱۰ءس منز گذریومُت۔ مٹہ ہانزنۍ منز وچھو یم کیہنہ شعر:

رٹہٕ مے کھار مٹہ ہانز نٕ یے کمی وٗنی یے دشمن داری یے

نیب بوزمے درو گجن کھنٕ یے ڈالہٕ نی تھم منز کرالہٕ یاری یے

شالہٕ مارس کرے وتھرن یے کمی وٗنی یے دشمن داری یے

اکبرن چھےٚ گامہٕ گوم پھیرتھ 'سال گاہ' عنوانہٕ اکھ زیٛٹھ نظم لیچھمٕژ۔

**ولیشنہٕ کول** اوس ونیہِ (کولگام) روزان۔ اصل ناو اوس وشمبر ناتھ کول۔ سہٕ زاو ۱۸۷۵ منز پیشہٕ کنہ اوس سرکاری ٹیچر تہٕ فارسی زبانی پیٹھ اوس عبور تہٕ فارسیس منز تہٕ چھن واریاہ شاعری کرمٕژ۔ فارسی غزلن منز اوس عنادل تخلص ورتاوان۔ کاشرس منز چھےٚ تمی سنز اکہ تخلیق 'ولیشنہٕ پرتاپ رامائن' یوسہٕ تمی ۱۹۱۴ منز مکمل کرٕ یتھ اتھ چھ الہ پلہ ترٕےٚ ساس بند تہٕ ستن کانڈن منز چھےٚ باگرتھ: بال کانڈ، ونواس کانڈ، لنکا کانڈ، ایودھیا کانڈ، اشومیا کانڈ، راج لیلا کانڈ تہٕ وے کنٹھ کانڈ۔

ولیشنہٕ کول چھ کردار سازی، مکالمہ، منظر نگاری تہٕ واقعن ہنز ترتیبہٕ منز تلسی داسس پتہٕ پتہٕ پوکمُت۔ ووں گوو باقی کاشرین مثنوی نگارن ہندی پاٹھی چھےٚ تمی تہٕ کوشش کرمٕژ زِ دلیل گژھہِ نہٕ کاشرین وُدہٕ پہ باسنہٕ تہٕ اوکنی چھن مقامی رنگ برقرار تھاونک پوٗر پوٗر خیال تھوومُت۔ منظر نگاری منز تہٕ چھ کشیرِ ہندے حسن گرایہ ماران:

یمبرزل پیالہٕ ہتھ زن گل انارس ہوا داری چھےٚ مٹہ برگ چنارس

اُمہِ زبان چھےٚ لکہٕ زبان تہٕ فارسیت چھےٚ حسب رواج مثنوی ہندین لوازماتن منز اکھ زانہٕ آمژ۔ مثنوی چھےٚ بجنو یلا یوتہٕ گیتوہتی پاراوہٕ آمژ۔

ولیشنہٕ کولن چھ فارسی خطس منز مثنوی ہند نسخہٕ تیار کورمُت تہٕ وُنہٕ چھ چھاپ پدنے۔

ولیشنہٕ کول گو و ۱۹۴۰ منز بسوٗرگواس۔

بلوامی علاقک اکھ شاعر اوس سیف الدین عارض یُس پنزھل گامہٕ روزان اوس۔

پیر مریدی اوسُس پیشہ تہ وزن تہ نعت لیکھنہ علاوٕ چھِن اکھ مثنوی لیچھمٕ 'نو بہار' اَکھ مثنوی یہ چھُ 'بہار دانش' کتابہ منز فارسی ترجمہ آمُت کرنہ مگر اصل نسخہ چھُ نایاب۔ مثنوی چھےٚ ۱۸۹۷ء منز لیکھنہ آمژ۔ مگر شاعرس متعلق چھُنہ بیٚیہ کینہہ تہ پَے۔

**محمد اسماعیل نامی** اوس کاوڈار (سرینگر) روزان۔ پیشہ اوسُس تجارت تہ تبت اوس اَتھٕ سلسلس منز گژھان۔ فارسی زبانۍ ہُند عالم آسنہ علاوٕ اوس عالم دین تہ۔ تبتک سفرنامہ چھُن فارسیس منز لیوٚکھمُت۔ کاشرس منز چھےٚ نامی ہنز تصنیفہ 'مغازی النبیؐ' تہ 'شیرین خسرو'۔ نامی ہنز زبان چھےٚ ناوکنۍ کاشر۔ نہ تہ چھےٚ یہ سراسر فارسی۔ ووٚں گوٚو 'شیرین خسرو' منز چھُ کانہہ کانہہ شعر صاف کاشُر:

گُلو جامہ ژٹۍ بلبلو شور تُل زبس گریہ وۄتھ کوہسارن بنیُں۔

نامی سُند انتقال سپُد ۱۳۵۸ھ (۱۹۳۹ء) منز۔

**حاجی الیاس** اوس ژرار شریف ریٚش خاندانس منز زامُت مگر دار بیٚہو بیرلوٕ بیٹھ اَسکھ لکھ حاجی ونان۔ پننہ مثنوی 'ممتاز بے نظیر' منز چھُ پانس متعلق ونان:

مے مسکینس عاصیس الیاس چھُم نام بساں در ژرار چھُس تحصیل بڈگام

مالِ سُند ناو اوسُس حاج احمد تہ پانہ اوس سرکارٕ ملازم۔ لوکچارس منز اوسُس شوخ طبیعت مگر جوانی منز بیٚیہ اکھ نیچو گُذریوس، ساریے رنگینی موکلیس۔ اُمی سے نیچوٕ ہندِس مرنس پیٹھ وۄنِن اکھ مرثی یوس پتہ لکہ باتکہ پاٹھۍ مقبول سپز۔

کیاہ ژٕ نے مرنٕ گوٚے بہانے جانِ جانانو ووٚ لو

صحت گوس خراب تہ اَخری دوہن ڈہنز صرف نعت تہ منقبت۔ ۱۳۴۳ء منز گو و رحمت حق۔ آزادن چھُ اُمی سُند تاریخ وفات وۄنمُت۔

اوس تزِ واٗیم صفرٕ شب جمع نصف رات     حاجی الیاس ژٕراہ دروازٕ قاۍدِ حیات

خلعت ایماں ڈٕلتھ ژاو بہ باغ بہشت     یغفراللہ     دراس یہ سال وفات

حاجی الیاسن چھےٚ تریے مثنوی یہ لیچھمٕژ : ممتاز بے نظیر ( ۵ جلد ) ، مکرزن تہٕ خنجر عشق ۔ الیاسنٕ زبان چھےٚ شوژ تہٕ صاف ۔

**درویش عبدالقادر** زاو ۱۸۶۸ء منز خوجہ بازار ( سرینگر ) کاشرس منز چھن اکھ مثنوی وٕنی مٕژ 'یوسف زلیخا' ، یتھ پیٹھ تس ناز اوس ۔

اگر حاسد کرن تہٕ کینہہ تعصب     یہ نظم قادری زانن تعجب

غرض تم اوستادان زمانہ     پیٚنہٕ دلشاد ڈیشتھ یتھ فسانہ

تھوٚوکھ منظور تہٕ تصدیق کوٚرہس     پیٚنےٚ تحقیق اکھ اکھ حرف پوٚرہس

سُہ اوس آزاد نٔہن دوہن زندے ۔

**میر علی شاہ** اوس کھوٚیہامی علاقٕکس کتھ تام گامس منز روزان ۔ اُمی ہٕنز پننہ اُتھ لیچھمٕژ اکھ مثنوی 'آخر زمانہ' ۔ سال تحریر چھُس ۱۳۲۳ھ ( ۱۹۰۴ء ) ۔ مثنوی چھےٚ مہاراجہ پرتاپ سنگھ ٕنس دورس پیٹھ طنز ۔ مثنوی پٔرتھ چھُ تمہٕ زمانک پوٚر عکس بروٚنٹھ کُن یوان زٕ گریس کیتھ پاٹھٕ اُسی دٕیو دٕیو اتھو لوٗٹہٕ یوان تہٕ سرکار اوس نہٕ یہندین دٕکھن دادین کُن کانہہ توجہ دِوان ۔ اُتھی زمانس چھُ میر علی شاہن 'آخر زمانہ' وٕنمُت :

۵ برابر تزِ واہ شتھ تہٕ اکوٗہ سٕنہ     بہ قسمت خلق آیہ تتھ منز ہہنہ

۵ چھُ کشمیر سٕے صحب لوٗکن پسند     مکانات لاگکھ توے اند وند

چھُ باغ بہشت کوٚنکھ کوچہٕ باغ     یہ تتھ اندر ژایہ عالی دماغ ۳۲

سماجی موضوعس پیٹھ مثنوی لیکھنس منز چھُ بیٚیہ اکھ شاعرن مینٛن فن ہووُمُت ۔ یُس ناو اوس عزیز میر ۔

اُمی سنز سٙتھ مثنویہ چھِنے اَتھ آمژٕ؛ پھرسی نامہ۔ ہشت بہشت ،طوطہٕ نامہ ،خجستہٕ ،بُلبُل نامہ ، وامق عذرا تہٕ ترجمہٕ طب یوسفی ۔[۵۳] یِمو ساروٕے سنز چھِنے پھرسی نامہ شاید ساروٕے کھوتہٕ اہم۔ یہ مثنوی چھِنے مقبول شاہ کرالہٕ واری ہِندِس گریسی نامس درجواب گریستین ہِندِس حمایتس منز ونہٕ آمژٕ۔ اَمہٕ مثنوی ہُند تذکرٕ چھُ عبدالاحد آزادن تہٕ کورمُت "کسان بھی مقبول کی تیزیاں زیادہ دیر تک برداشت نہ کرسکا۔ تھوڑی مدت کے بعد اسکے جذبات پیدا ہوئے اور مقبول کے حریف مقابل پیدا کر کے میدان میں لے آئے ۔ چنانچہ "گریسی نامہ" کے جواب میں "پھرسی نامہ" لکھا گیا۔ اور شاعر کو نہ صرف شاعرانہ جواب دیا گیا بلکہ مدلل اور معقول لیکن شہرت کے پر نہ پھیلا سکا۔ کیونکہ ادبی فضا میں مقبول کی مقبولیت اور قدامت پرستی کے بادل چھائے ہوئے تھے ۔ اور ماحول ایسی باتیں قبول کرنے کیلئے تیار نہ تھا۔" [۵۴] مگر آزادن چھِنہٕ شاعرٕ سُند کانہہ نیب دِتمُت۔ یہ شاعر رُدٕ گمنٲمی ہِندِس عالمس منز۔ عزیز پیر چھُ پانے مثنوی ہٕنز مدا بیان کران ونان :

وِدلو ہا پھرسی بختہٕ گریسی یارے ونے تعریف چأنی وارٕ وارٕے

یہ ہاوے کیاہ ژٕ کٔرکھ کالن مالے کڈٕے مقبول شاہ صأبن ملالے

اَمہٕ پتہٕ چھُ عزیز پیر گریستین ہنز اقتصادی لاچأری ہُند حال باوان ییلہٕ زن ییڑ پریشانی کُنہٕ تہٕ اخلاقی یا روحانی قدر برقرار چھِنہٕ تھوان تہٕ پیرن سنز خدمت کیاہ کرہن گریسی۔ مقبولنی پأٹھی چھُ عزیز پیرن تہٕ پننین دعوہن ہِندِس ڈٕکھس کِتھ مختلف واقاتن منز یِمن سنز گریسی سنز اہمیت تہٕ برتری ہاوہٕنہٕ چھِنے آمژٕ۔

عزیز پیر نو مثنویو منز چھِنے بیاکھ مثنوی موجود ہشت بہشت یا قصہ بہرام گور۔ اتھ منز چھِنے سٙتھ دلیلہٕ شامل یِمن شاہ بہرام گور سُند کردار واتھ چھُ دِوان۔ مثنوی چھِنے امیر خسروٕنہٕ مثنوی ہُند ترجمہ۔ باقی مثنویہ چھِنے رأدس تل۔

عزیز پیر چھُ سو یہ بگہٕ (بڈگوم) روزان اوسمت۔ گرس منز چھس جان تعلیمی ماحول اوسمُت تہٕ عزیز اللہ حقانی ہِندِس خاندانس ستی چھس پیر مریدی ہُند تعلق اوسمُت۔ عزیز پیر چھُ درویش صفت آسِتھ

تہٕ سیٹھاہ ظٲرِف اوسمُت تہٕ تٔمۍ ہِندی چاکھٕ چھ وُنہٕ تہٕ علاقس منز عام ۔ گوڈٕ اوس سرکٲری مُلازم تہٕ پتہٕ چھُن ملازمت ترٲوِتھ ٹھیکہ دٲری کرٕمٕژ ۔ سُہ اوس عزیز اللہ حقانی سُند خاص مرید تہٕ تٔمۍ سُند چھُن سیٹھاہ تھیتوٗ کرُت ۔

عزیز میر گوو ۲۶ ۴۷ ۱۳ھ (= ۱۹۲۷ء) رحمت حق ۔

ووٹن ورملکی میر زیہ پیرن ( ۱۸۱۱ء - ۱۹۱۰ء ) تہٕ اوس مقبول شاہ نس گریسی نامس مقابلہٕ موقدم نامہٕ ووٗنمُت ۔

**مولوی احمد اللہ ہاکبادی** اوس ہاکہٕ بوٗر (ورہل) گامس منز روزان ۔ مولوی صدیق اللہ اوس تس پیتر ۔ کمراز کم باقی اہم شاعرن ہندی پأٹھۍ چھُ تٔسۍ سیٹھاہ پُرگو شاعر گذریومُت ۔ فارسی تہٕ عربی زبانن ہُند علم آسنہٕ کنۍ چھُن واریاہ کتابہٕ کأشرس منز بٔرمٕژ ۔ ۱۹۲۵ء منز چھُ رحمت حق پیُدمُت ۔[۵] تٔمۍ سٕنزن کأشرن کتابن ہُند فہرس چھُ شرہن تام واتان ۔ یم چھےٚ :- ۱، قصہ بی بی تمیزہ ۲، ضروریات دین ۳، کأشر کریما ۴، توصیف ایمان، ۵، تنبیہ المسلمین، ۶، اعجاز احمدی، ۷، گلشن کرامات، خواجہ حبیب اللہ نوشہری، ۸، ہشت بہشت، ۹، قصہ امام رضاؓ ۱۰، چہل قصہ، ۱۱، نعوت و مناقب، ۱۲، غزلیات ۱۳، طوطی نامہ، ۱۴، قصہ سلطان جمجمہ، ۱۵، قصص الانبیاءؑ، ۱۶، غوثیہ شریفہ ۔ یمو کتابو علاوٕ چھےٚ تٔمۍ فارسی زبانۍ منز تہٕ ژ کتابہٕ لیچھٕمٕژ ۔

ضروریات دین، مثنوی چھےٚ رضا علی ہُند بدایع منظومُک ترجمہٕ ۔ 'کأشر کریما' چھُ سعدی شیرازی پندکریماہُک ترجمہٕ ۔ 'قصہ بی بی تمیزہ' چھُ تمیزہ ناوچہٕ اَکس بدکار زنانہٕ ہٕنز دلیل ۔

| | |
|---|---|
| اکھ زنانا ہ آس درشہرہرا | دریا ابلیس فن اندر سرا |
| خویش زاپاں آس سوبیگانے | بار عصیان آس ہیتھ پیٹھ شانے |
| ظاہرن واراہ گراں آس بندگی | باطناً شرمندگی تہٕ گندگی |

اعجاز احمدؐ، مثنوی یہ منز چھُ حضرت محمدؐ سٕندن ژہ یہ ترٕہن معجزن ہُند بیان ۔ 'توصیف ایمان'، منز چھُ ایمان مجمل تہٕ ایمان مفصلکی ارکان دیرٕ ژھنا وُنہٕ آمتی ۔ قصہ امام مسلم، منز چھُ واقعات کربلا بیان

کرنہٕ آمتۍ۔ 'ہشت بہشت' مثنوی سٕنز پٔھۍ سٕتھ گاہٕ جارِ چہِ کتھ۔ اَکھ چھُ قصہ بہرام گورُ تہٕ وننہٕ آمُت۔ 'قصہ سلطان جمجمہٕ' چھےٚ وُنہِ شایع سپدنے۔ 'چہل قصہ' مثنوی منٛز چھےٚ کلیلہ و دمن' منٛز ژاریتہٕ آمژ دہِ یے تاجہِ دلیلہٕ۔ 'قصص الانبیاء' (جلد اول) چھےٚ ہکبارٕ ی ہنٛز سارِ وے کھوتہٕ بٔڈ کتاب۔ ہاکبارٕ ی ہنٛز باقی تصنیف چھےٚ وُنہِ تہٕ بازیاب سپدنے۔

مولوی احمداللہ ہکباری چھُ تفریحہ کھوتہٕ تبلیغی مقصدہٕ باپتھ مثنوی لیکھان اوسمُت۔ تمۍ ہندِ ن وژنن تہٕ نعتن تہٕ منقبتن ہُند مقصد تہِ اوس یی۔

**حافظ کشمیری** مُند اصل ناو اوس عبدالغنی اندرابی تہٕ روزان اوس رتن پورٕ (پلوامہ) سُہ اوس پننٕ ژابہٕ ہال چلاوان تہٕ یتےٚ اوسُس روزگار۔ وژنو تہٕ نعتو علاوٕ چھِ ترےٚ مثنویہٕ لیچھمٕژ: 'ہی مال نأ گرٲے'، 'ژندر بدن' تہٕ 'رٕنیش نامہ'۔ حافظ سپُد ۱۹۰۹ء س منٛز رحمت حق۔

**خواجہ غلام مصطفیٰ شاہن** (ونجبیور ؟ - ۱۹۶۶ء)۔ اَمۍ چھےٚ پننٕ سارےٚ وٲنس 'قصص الانبیاء' لیکھنس منٛز صرف کرٕمٕژ[۲۶] تمۍ ہنٛز فنی مہارت تہٕ قدرت چھےٚ قابلِ داد۔

**کبیر میر** اوس آربلہٕ (اسلام آباد) روزان۔ 'زٕ نٕ مزدُور' تہٕ 'معراج نامہ' چھےٚ اَمۍ ہنٛز زٕ مثنویہٕ۔

اَمہِ دورُک اَکھ گمنام شاعر چھُ سید محبوب مقبول الطاف۔[۲۷] سُہ اوس شاہ پور (شیخہٕ پورٕ ہا لگل) گامس منٛز روزان۔ بابہٕ صاٮ۪بس اوسُس عبدالعزیز ناو تہٕ سلوکہٕ چہِ وَتہٕ اوس قادری۔ تمۍ سُند پیر دوٚترٕ چھُ شیخ القادرٕ جیلانی صاٮ۪بس تام واتان۔ اَکس فارسی مثنویہٕ منٛز چھُ پننُ حسب و نسب بیان کران و نان زِ مےٚ اوس ناو محبوبؔ۔ پیرن دیتمُ لقب 'مقبول' تہٕ تخلص چھُم الطاف۔ سُہ چھُ اکثر جاین 'الطافی' تخلص ورتاوان۔ الطافن چھےٚ کأشرِس تہٕ فارسیس منٛز واریاہ کتابہٕ لیچھمٕژ۔ یمن منٛز قصہ حسن و دل، قصہ بی بی پاک دامن تہٕ دیوان الطاف کأشرِس منٛز چھےٚ تہٕ باقی چھےٚ فارسیس منٛز۔ تمۍ ہنٛزن مثنوین منٛز چھِ فنی اعتبارٕ زُو زیٹہٕ کمے مگر تمۍ ہندی وژن وُچھتھ چھُ باسان زِ سُہ چھُ کأشر نعتُک شاعر یہ

ہنز رلوایشرن تہٕ ترنا کٔرن واقف اوسمُت ۔ مثلن جبہ خوتو، ہندِس 'سون وٕشھے گِندنے'، وژنس
مطابق چھُ تمہٕ اکھ وژن لیوکھمُت ۔

مثنوی 'بی بی پاکدامن' چھےٚ الطافن مولانا عطارنہِ 'الاہی نامہ' پیٹھٕ بیھہ اُنمُت ۔ یہ مثنوی چھےٚ
تمہٕ سُتنتھ وری وآنسہِ منز ۱۳۳۳ھ (۱۹۱۵ء) منز لیچھمُت ۔ اتھ منز تہٕ چھُ صاف زِ تس چھےٚ مثنویہِ بدلہ
وژن وننس منز بے مہارت آسمٕژ ۔ پننہٕ اُتھ لیچھمٕژ اُتھ مثنویہِ منز تہٕ چھہ تمہٕ سندی کینہہ وژن ۔ تمہ سندہِ
پننہ بیانہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ سُہ چھُ ۱۸۴۵ء یس منز زامُت ۔ الطاف چھُ ۱۹۲۵ء یس منز وفات سپدمُت
تہٕ شیشچہ پور دفن آمُت کرنہٕ ۔[۲۹]

**اکرم بقال دردمند / داڈی لد** چھُ ژلدارُک شاعر اوسمُت ۔ تمس متعلق چھُ مشہور زِ سُہ اوس حاضر
جواب، زندہ دل تہٕ ظریف ۔ سُہ اوس پرزی عشقک داڈی لد ۔ اُکس ہمسایہ کور پیٹھ اوس وآران گومُت ۔ یارن
دوستن منز تہٕ اوس سیٹھاہ بدنام ۔ پننہٕ عشقہٕ داڈی کانگر لوگ ورگہ پاٹھی 'مہرو ماہ' مثنویہِ منز باونہٕ ۔ اُمِچ
زبان چھےٚ سیوٚد، صاف تہٕ سادر وار ۔

اُچھو ڈونٹھ ژن خون ہارُن ہیوتُن رڈٕژُن جان تے پان مارُن ہیوتُن
تِرِ بے خبر پایہ عشقس پٔتیم دوڈُن ہا خدایا ونن کیاہ گیم
بو ناہ چھم ہناہ سینہٕ لوٚژرا وہا رفیقاہ گوژھم حال تس باوِ ہا

دیان داڈی لد سنز پننی لولہ گیہ یاوِ ونس منز بے مرتھ تہٕ داڈی لد تہٕ گوو لوٚپے دوِ دٕرٹھ جانہ
مرگ ۔ تمہ سندس زاسنٔس تہٕ مرن سنٔس متعلق چھنہٕ کہنی پے ۔ سُہ اوس مقبول شاہ کرالہ وآرس اتھ پننین
باتن اصلاح کرناوان ۔

ژار شریفک بیاکھ شاعر چھُ حسن گنئے ۔ سُہ اوس آزادہٕ لوکچار زندے تہٕ تمہ سندس
بابہ صابس اوس یار ۔ سُہ تہٕ اوس حاضر جواب تہٕ خوش باش ۔ دیان وونمُت چھُن واریاہ مگر اکثر چھُ

ضایہ گوٚمُت ۔ آزادن چھُ زبانی روایژ پیٹھٕ اُمی سُند کینہہ کلام قلمبند کوٚرمُت ۔ بنیُل نامہٕ چھِنے اُمی سٕنز اکھ نفیس نظم :

گوڑٕ گوو کنن ناگہانی صدا　　　دوٚپُکھ آو اسرافیلس ندا

اول آیہٕ یامت قیامت سوگرا ے　　　تتھی درایہٕ بے پرٕ دیتھی ماجہ زا ے

ننگے درایہٕ نرٕ مادٕ یکساں گوو　　　طمع سوٗر سارٕن مۓ دوٚپ فان گوو

گرد ؤزھ ترٕ ژھے غاب گوو آسماں　　　مۓ دوٚپ زن وُڈاوٕن باد طفاں

شاید چھُ حسن گنین تمی بُلبُلیک حال وونمُت یُس ۳۰ مئی ۱۸۸۵ء آو تہٕ یتہٕ روٗد ۱۶ اگست تام اکی پوٚت وہرٕ یوان ۔ لارنس تہٕ ونہٕ چھِ اَتھ بُلبُلس منز سارِ ترِ ساس نفر موٗدی متی[38] حسن گنے گذریو پانہٕ ۱۹۱۰ء منز ۔

**انوٗر داس** چھُ دوگرمنا ( بانگل ) روزان اوسمُت ۔ اُمی سُند اوس اکوے باتھ نوٚن تہٕ ونہٕ چھُ یوان زِ سُہ گذریو وُہم صدی اژنہٕ برونہہ یہن ۔ انور سٕنز زٕ لوکٕچہٕ مثنوی چھِنے بدس سپدیمژٕ یمہٕ قریبن ہتھ وری برونہہ چھِنے لیکھنہٕ آمژٕ[39] دونوے مثنویہٕ چھِنے نظامی سٕندِ ہفت پیکرٕ پیٹھٕ ترجمہٕ آمژٕ کرنہٕ تہٕ زبان چھکھ میٹھ تہٕ سادٕ ۔ مثال :

یہٕ وُنیٖ مثالا تہنز سر بسر　　　ازاں جملہ پھیرتھ ونے مو مختصر

بُتھ آس تس سعۓ احسان خلق　　　توے صاحبن کوٚرس سلطان حق

نظر کرٕ تمس پٮ۪ٹھٕ لوٚٹھو خدا　　　سپٕن پادشاہ سُہ آسِتھ گدا

بگفت انور کم زباں ایں دلیل　　　مہرباں بر و باد رب الجلیل

**مہدی ترالی** اوس عاشق ترالی سُند زُیٹھ بوے ۔ محی الدین اوس ناو تہٕ مہدی اوسُس تخلص ۔ اندازاً چھُ ۱۹۰۰ء منز گذریومُت ۔ اُمی سٕنزٕ چھِنے پانژھ مثنویہٕ : چندر بدن ، قصہ اصحاب کہف ، احوال قیامت ، داستانِ ریا تہٕ جنگ خیبر ۔ یموٗ علاوٕ چھِن وژن تہٕ وُنیٖ متی ۔ زبان چھس شوٚز تہٕ صاف ۔ مثلن چندر بدن

منز اکہ وژنکی یم باتھ :

ویسیے دل ژیوم رسہ رسہ یارن | ماران پچھے گوشوارن گراے
زد گام بدنس سیماب کارن | پرژھنم نہ زانہہ کیا گوے ہے ہاے
ودنس ژھین چھمہ چھس اوش ہارن | ماران پچھے گوشوارن گراے

علی محمد عاشق اوس ترالہ روزان ۔ ذات آسس گنے ۔ فارسی زبانی پیٹھ اوسس عبور تہ ژاپٹہ ہاس منز اوس شعرن پیٹھ ناداں ۔ ۱۹۱۰ ، گو ویتہ عالمہ ۔ تمی چھے ژور مثنوی لیچھمژ : زہرہ تہ بہرام ، گلزار حسن ، عبرت نامہ تہ نور مال ۔ یمو علاوہ چھین وژن تہ نعت تہ وُنی متی ۔ نور مال منز چھ مقامی عاشق معشوق سند قصہ ، مگر یہ مثنوی چھنہ دستیاب ۔

**اسد اللہ شاہ دلیو** اوس ژوہ ے ڈاریک بیاکھ شاعر یُس کینژ ظرافتی نظمو کنہ زانہ چھ یوان ۔ امی سند موول علی شاہ اوس ناظم سند ہمعصر ۔ اسد شہنز ظرافتی باتھ چھ مختلف شخصن تہ واقعن متعلق پییت نامہ ، چھنے تمی ہنز نفیس نظم ۔

عین نبہ ووتھ قبلس کن لوتی دوپنکھ الے چھانو
لراہ کرہ بنا چھم خطہ شترن ماژرے چھانو

اسد شاہن اکھ مرثی تہ وُنی مژ ' وفات نامہ حضرت فاطمہ ' ۔ تمی چھ کیہنہ مادہ تاریخ تہ وُنی متی یم تمی ہنز ووستادل ہاوان چھ : مالی ہندس مرنس پیٹھ چھن وونمت :

دراو از دنیاے فانی واے زیبا مالہ پیر
ژاو در جنت خراماں پاے رعنا مالہ پیر
لکھ دری فوتک کنس تل دوپ منے غائبی ہاتفن
"ژاو در جنت ز دنیا دراو بینا مالہ پیر" (۱۳۱۸ھ)

اشد شاہ گود ۱۹۰۷، گجراتس (پاکستان) منز رحمت حق۔

## عقیدتی شاعری

بھکتی یا عقیدت چھے کاشرِ شاعری ہِ گوڈ پیٹھے سری موضوعن لر لوٚر روزمژ۔ شتی کنٹھ، لل دید، شیخ العالمؒ، صاحب کول، محمود گامی، ناظم، مقبول بیترِ سار دے شاعر چھ وار یاہ کلام تیتھ لیوکھمت یُس تہنز باقی شاعری نِشہِ الگ لگ چھُ تھاوان یتھ منز عظیم مذہبی شخصیژن ہندی تعریف تہ توصیف چھ بیان کرنہ آمژ تہ ستی ستی چھ شاعو پنُن شکوہ تہ بادمتی تہ التجاہ کرمتی۔ مناجات، نعت، منقبت، لیلا تہ بھجن چھ عقیدتی شاعری ہِندی کینہہ اظہار۔ سار دے مثنوی نگار و تہ وژن گو شاعو چھ یتھ باتھ ونژمتی۔ تہ کرِتھ چھ گنوہمہ صدی ہِ منز کینہہ شاعر تم گذرمتی یمو ہُند کلمہ دیُت عقیدتی شاعری ہُندے چھُ تہ یوٚہے دیُت چھُ سانہِ ادبہ کِس تاریخس منز تہند منفرد مقام تہ مرتبہ معین کران۔ اوکنی پیٹھ یمن شاعرن ییتھ بابس منز الگ پاٹھی سام ہینی۔ قطب الدین قطب، واعظ حیدر، بیب دید، ثناء اللہ کریری، پرمانند، صدیق اللہ حاجنی غلام حسن شاہ کھویہامی، غلام احمد جید، عبدالاحد نادم، کرشن جو راز دان، مولانا انور شوپیانی چھ عقیدتی شاعرن منز کینہہ اہم ناو۔

عقیدتی تہ دینی شاعری منز چھُ اہم مسلہ یہ زِ شاعر کتھ حدس تام ہیکہ تاریخی شخصیژن پننہ شاعری ہُند مرکز بناوتھ احتیاط تہ عقیدکس حدن منز روزتھ پننہ تخلیقہ آزاد یہ ہنز وتھ لبتھ۔ اَتھ امتحانس منز یُسے کامیاب گژھ سُے بنہِ شاعر۔ اَسی وچھو ز سانی عقیدتی شاعر کُنہ پاٹھی چھ یہ مسلہ اَنزراوان پرمانند زاو مشہور تیرتھ مٹن پیٹھ میل جوراہ دوٗر اکس گامس منز یتھ سیر کانٹی گوٚنڈ چھ ونان۔ مالِس اوسُس ناو کرشنہ پنڈت تہ ماجہ سرسوتی۔ تمُن ژندزاسنہ چھُ اٹھ سٹی ۱۷۹۲، زانہ یوان۔ گوڈ اوسُس ناو ’نند‘ تہ شاعر بننہ پتہ ووٚنہس پرمانند۔ ذات کنی اوس پنڈت تہ پیشہ کنی پٹھواری تمو ژند

موٗل تہٕ پڑدیب تہٕ آسی ٹھوٲرؠ۔ پرمانندن کٔر ابتدٲیی تعلیم مٲلِس نِشی حاصل۔ فارسی تہٕ سنسکرت تہٕ ہیچھن۔
سرکٲرؠ نوکری میلتھ آو سُہ مٹن لبنہٕ یِنہٕ پٹواری تٕس ہووُر اوس۔ پرمانندس یوٗدوے منٛز پرمہ آنند
میوٗلمُت اوس مگر گرؠ کیٚنہ اوس سُہ بے سوکھ تہٕ تلخ زندگی گذاران تہٕ وجہ اوٚسُس آشنہٕ سٟتؠ ناچاقی۔
پیٚٹھ گیس زنٛہ تیٚچوی جانہٕ مرگ تہٕ پتہ کیٚنہ روزس تہٕ کورٕ۔

پرمانند گو وسارؠ بے کشیرِ ہٕنٛز روٗحانی کمالہٕ کیٚنہ مشہوٗر تہٕ تٔس ہیٚلی کینہہ پُرخلوص ژاٹھ یمن منٛز
صالح گنے تہٕ لکھمن ریٖنہ بلبل خاص کٔرتھ قابلِ ذکر چھِ۔ صالح گنے اوٚسُس گرکامن منٛز پرزان تہٕ لکھمن ریٖنہ
بلبل روٗدس شاعری رُژھرتھ تھاوان۔ بلبل اوس نہٕ تٔس ژاٹھے بوت بلکہ تٕمہ ڈیٚکھ تہٕ تہٕ شاعری منٛز ہم خیال
تہٕ۔ اَتھ حدس تام اوس یمن دلن ہنٛد میل زِ بلبلن چھِ تمہِ منٛز شاہکار نظمہٕ زادھا سو یمو رُک۔ اکھ حصہ لیوکمُت
لُس امرِ لِنسہٕ ازٕ ہٕبن چھُ۔

فارسی ماحول آسنہٕ کیٚنہ لوٗگ پرمانند تہٕ گوڈٕ فارسی پاٹھؠ شعر ونُنہٕ تہٕ تخلص اوس 'غریب' تھوٚوان۔
مگر سٟتی ہیوٗ حِس تہٕ لوٗگ کاشری پاٹھؠ وننہٕ۔ سُہ اوس مٹنٕ کِس تیرتھس پیٹھ روزان یِنہٕ راتھ دوہ لیلا یہ
تہٕ بھجن گیوٚنہٕ آسی یوان۔ سُہ اوس پانہٕ تہٕ اکھ تھود گرشتہٕ بھگت تہٕ توٚے کیٚنہ ہیٚنٛز تمہِ تہٕ لیلا یہ وننہٕ یمن منٛز دیو
مالٲیی سنٛز تہٕ سنسکرتُک رنگ اوس۔ نہٕ کٔرتھ تہٕ پھٕنے تمہِ ہنٛز زبان پیٚٹھ تہٕ مندر۔ سُہ یُتھ تہٕ موضوع
پیٚٹھ وننہٕ ہے تتھ آسی ذرٕ یاد پیٚچ ہش روانی یوان۔ سُہ چھُ یِنہٕ زمانچن ادبی روایژن تہٕ بتھی پھٕرٕ گوٚمُت
تہٕ پننہٕ خاطرٕ چھِن اظہارٕ کِنہ نوٚیہ توٚیہ انداز تلاش کرٕ ہیتۍ۔ ہیٚنٛز زٕنگی چھِ تمہِ وژنکؠ قالب پسند کورمُت
تہٕ یِنہٕ ہے ورتاوِتھ چھُ سُہ بھاوتایہ ہنٛزیاوتھ کرنہٕ خاطرٕ رنگہٕ رنگہٕ آہنگ وہ تلاوان۔

| | |
|---|---|
| بِنہٕ ہِنہٕ نرہِنہٕ ینٛز گامہٕ گٹھ | گہٕ پچھ کوتاہ گوٹ آکار |
| نہٕ آکاش بوٗتہٕ کیاہ وہ کیاہ زھٹہٕ | کہٕ منکہٕ ہی مکنہٕ داری |

پرمانندنہٕ شاعری منٛز چھُ کٔلس پیٚٹھ یان پرٕزناو' پاگام یُس وہ مختلف طریقو پیش چھُ

کران ۔ یِتھ پاٹھۍ چھِ تمۍ ہندۍ تشبیہہ لاگنہٕ سٍتۍ تعلق تھاوان تکیازِ یہ چھُ کرٕ یہ کراونُک موزون استعارٕ بنان ۔ لل دیدِ ہند سرٕون اثر چھُ پرمانندنٕہن لیلاین منٛز پرٕنتھ جایہ نظرِ گژھان ۔ واریاہ لیلایہ چھےٚ نغماتی طرزٕ چہ مربوط نظمہٕ مثلن کُل تہٕ ژھاے ، ژٕبتھ تہٕ من ، امرناتھ یاترا ، سہز ورٛژار ، پانژ ترٛہ باغ ، دِہہ واٗراگ ، بیترِ ۔ یمو مو مختصر تخلیقو علاوٕ چھےٚ تمۍ سٕنزٕ ترٛےٚ طویل حکایتی نظمہٕ ؛ رادھا سویمور ، سوٗدام ژرِتر ، تہٕ شِوٕلگن ۔ ترٛنٛوے نظمہٕ چھےٚ وژنہٕ لیہِ منٛز ۔ رادھا سویمورس منٛز چھُ شری کرشن تہٕ رادھا یہٕ ہندِ خاندرُک حال باونہٕ آمُت مگر تمثیلی معنیس منٛز چھُ یہ وجود تہٕ خالقِ وجودٕ سُند میٖل بنان ۔ فطرژ ہندی ساری عناصر چھِ امہِ کِس شادی یانِس منٛز شریک سپدان ۔ سوٗدام ژرِتر ، نظمہِ منٛز چھےٚ سداما تہٕ شری کرشنہٕ سٕند یارانٛژ دلیل ۔ مگر تمثیلی اندازٕ ہے وُچھو تہٕ یہ چھےٚ کُلہٕ نِشہ جُزٕکہِ ژھینہٕ گژھنٕچ ژھینہٕ کِنہ عذابس منٛز ہینہٕ تہٕ پتہٕ پوٗتُس عذاب ژلتھ بییہٕ میٖل گژھنٕچ دلیل ۔ شِوٕلگن ، نظمہِ منٛز چھےٚ شِو تہٕ پارٕ وتی ہنٛز دلیل ۔ پاروتی چھےٚ زنم لبان ۔ سو چھےٚ بالغ ہیوان سپدِتھ تہٕ تٔمسٕندِ ولہٕاکُ سنٛز چھُ سپدان ۔ غرض اکہٕ اکہٕ مرحلہٕ چھےٚ ساریے دٔلیل ولہٕ تارٕ سان باونہٕ آمژٕ ۔

پرمانند گوٚو ۱۸۷۹ ہس منٛز سورگواس[۴۲] ۔ بلبلن چھُ تمۍ سُند تاریخ وفات فارسیس منٛز دوٗنمُت :

بلبل کشید نالہ بہ دل گفت ہا زِ دم
یا ہوئے وہائے باز کہ گلشن خزاں گرفت

بلبل چھُ پرمانندس پوٗنپرٕ ژنی گنتھ اوسمُت دِوان ؛

پرمانند سے گوند لکھمن تے
وٕندتس وٕندتس ژٕوتے جان
تو آسہٕ پرملہ آنند پراون تے
بٕڑ یکوپہٕ رہٕ ڈمن تے پرٕ۹ان

قُطبُ الدّین قُطب مسکین  اوس ژرارِ شریفہ روزان تہٕ وعظ خانٕی کران ۔ آزادن بیانہٕ کنُہ چھ ۱۸۵۷ہ سنز بیمہ عالمہ گومُت ۔ وُاعظ نامور، سنز چھُ اُمی سُند سال وفات نیران ۔ اُمی سندی نعت چھ سیٹھاہ مقبول سپدی منتی۔ نیاز مندی، ایثار تہٕ تغزل چھُ اُمی سندین نعتن معیاری بناوان۔ اگر کنہ فارسبیت تہٕ چھنےٚ، سو تہٕ چھنے موزوٗن ۔

طال شوقی الیک الیک یارسولؐ سلام علیک

نال قلبی لدیک لدیک یارسولؐ سلام علیک

چھُکھ ژٕ آمُت بے میم احمد میم بیلہ وۄتھ تیتھ رۄداحد

نون ژٕ درامُت مُچھکھ نوٗرِ سرمد یارسولؐ سلام علیک

ونوٗنی طرزس پیٹھ تہٕ چھِن نعت وُنی متی ؛

مرتبہ بوڈ چھُکھ سانہ سردارے

عقہ پنہٕ یارے وندہے جان

دل چھُم چیشمہ تہٕ چشم نمبوارے

عمہ چانہ دم ہیتھ اوش ہاران

نظراہ کرتم چھس لاچارے

عقہ پنہٕ یارے وندہے جان

واعظ حیدر باب (اول) چھ ژرارِ شریفُک بیاکھ اہم نعت گو ۔ شمایل نبویؐ تہٕ مشک نامہ نبویؐ، چھےٚ اُمی سنز نز تخلیقہ ۔ دپان ۱۸۵۸ہ سنز گو رحمت حقؒ

ببب دبد تہٕ اُس محمود گامی نہٕ وقتہ حضرتبلہ روزان  ۔ اکہ باتہ تہٕ ورائے چھنہٕ اُمی سُند کانہہ پے پتاہ :

یا فتاح یار چھُم وُنہٕ معصومے ۔ یوٗرِمہٕ رُمے سے للہٕ وَن
جیم کج زلف چانٛز سیاہ پچھے ۔ سیم تنٛ تمِس میم دٔہن
شوقٕک داغ منز سینس پچھمے ۔ یوٗرِمہٕ رُمے سُے للہٕ وَن
ریشیان کشمیر نند لالہٕ پچھے ۔ کاشرِن ہند چھُم سُے غمخوار
تسنز وتہٕ پیٹھ پان گولے ۔ یوٗرِمہٕ رُمے سُے للہٕ وَن

**ثناء اللّٰہ کریری** اوس ورلس نزدیک کریری گامس منز روزان ۔ اصل ناو اوسُس پیر سید ثناء اللّٰہ بخاری تہٕ مالِس اوسُس ناو سید خلیل اللّٰہ بخاری ۔ سُہ زاو ۱۷۹۶ء منز ۔ دینیات ، فارسی تہٕ عربی ہیوٚچھُن گری تہٕ تصوف زوٚنُن کوبلہٕ کِس اکِس روحانی بزرگس نِشہٕ ۔ وعظ خانی تہٕ ہیچھن بابہٕ صابس نِشی ۔ پننہٕ زمانہٕ کین وارِیاہن روٗحانی شخصیژن ستی رودُس ووتھن بہُن تہٕ تِمو ہندِن پننین عقیدت مندن ہند تعداد تہٕ اوس وارِیاہ ۔

ثناء اللّٰہ ہندی نعت چھہٕ ساری بے کنٛشیرِ منز پرنہٕ یوان ۔ صبحگاہی مقامس پیٹھ تمی سُند اکھ نعت شریف چھُ التجاہن ہندِ خلوصہٕ کِنی ، جذبن ہندِ شوزرِ کِنی تہٕ باوژہندِ روانی کِنی شاید ساروے کھوتہٕ مقبول عام نعتن منز اکھ ۔

ہاواہ وانگھ ناتو تے ییٚنہٕ ڈاپھ تراو تھ مصطفیٰؐ
احوال میانی تِس ونکھ سے ہو کریم داد دِن دوا
سے چھے زوٚن پے سون تے سُے چھے حمایت سون تے
سُے جان سُے نِندبون تے سے رہنما سے پیشوا
استاد رٔوزتھ عرض کر کاشُر غریباہ ییوٚو ییٚتھ
بے چاہ بے کس بے ہنر بے یار دیار بے نوا

ثناءاللہ ہن چھ نعتو تہ منقبتو علاوٕ پانژھ عقیدتی مثنوی لیچھمژ۔ احوال الاخرت، توبہ نصوح، قصہ ضروان، قصہ یہودا و قطروس، قصہ سبا۔ احوال الآخرت چھےٚ رفیع الدین دہلوی نہ فارسی نثری تصنیفہٕ ہند ترجمہ۔ مثنوی منز چھ اسلامی عقیدہٕ مطابق آخر زمانک تہ قیامژ ہند حال باونہ آمت۔ توبہ نصوح، مثنوی چھےٚ ایٰایھا الذین امنوا توبوا الی اللہ توبت نصوحا آیہ کریمُک تفسیر۔ باغ ضرواں، مثنوی ہند واقعہ چھ قرآن شریفہ منزے ہنہ آمت۔ ملک یمنس منز ضروان ناوُک باغ اوس ہمیشہ سرسبز تہ شاداب تکیاز باغہ وول اوس اُمہ کہ میوہ منز کینہہ حصہ غریبن تہ فاقہٕ ہتن نہ کھیاوان۔ مگر ییلہ تمُس پتہ تمی ہند پوشر پوٚ خارات کرنہ نشہ انکار کوٚر، سوُرے باغ ییٚو ہرتھ۔ مگر آخر ییلہ توبہ کوٚرکھ باغ سپُد بیُیہ آباد۔ قصہ یہودا و قطروس چھ سورہ کہف منز ہنہ آمت یہودا تہ قطروس آسی بارٕ موٗل مرِتھ ییلہ جاداد باگرا ودکھ، یہودا ہن دیت پننہٕ جاداد حاجتمندن مگر قطروس روٗد پننس حصس راچھ کرِتھ۔ دولتک گوس تکبر تہ ہنگہ تہ منگہ روٗدس سوٗرے۔ 'قصہ سبا' مثنوی چھےٚ سبا شہرکین کافرن ہنز تباہی ہنز دلیل۔

ثناءاللہ اوس مبلغ تہ شاعری اُس تمُس تشہ تبلیغک سارٕوے کھوتہ کارگر وسیلہ۔ سُہ سپُد ۱۸۷۳ء منز رحمت حق۔

غلام حسن شاہ چھ کشیرِ ہند مشہور مورخ۔ سُہ اوس کاشرس منز نعت تہ ونان۔ نعتو علاوٕ چھُن آنحضرتؐ ہندین معجزن ہند تذکرہ تہ لیوٚکھمُت 'اعجاز غریبہ'۔ اُتھی تصنیفہٕ منز چھن آخرس پیٚنی تہ پننہٕ خاندانکی حالات تہ باوی متی۔ تمی ہندین نعتن منز چھےٚ انکساری تہ دیدارچ کلا۔

| | |
|---|---|
| چھُس گنہگار یا رسول اللہؐ | بوز تم زار یا رسول اللہؐ |
| روسیاہ چھُس بہ اُمت باامید | چون دربار یا رسول اللہؐ |
| سو کھہ سان از مےٚ ہاوتم دیدار | در شب تار یا رسول اللہؐ |

حسن شاہ سُند بابہ صاب غلام رسول شیوا اوس فارسیک تہ اسلامیاتُک بوڑ بار عالم۔
حسن زاوُ گام گامس منز ۱۸۲۳ءس منز تہ ۱۸۹۸ء منز گو ورحمت حق۔
غُلام احمد جید اوس حسن شاہ سُند بوے۔ تِم چھ فارسیس منز واریاہ ووٚنمُت۔ کاشر
نعتُک اکھ نموٗنہ چھ ہاوان زِتس اوس کاشرِس منز تہ نعت گوٚیی ہُندفن حاصل۔

| | |
|---|---|
| بلاشک سارنے پیغمبرن پیٹھ | تھر دتیمُت پھُنے ژٕے ذاتِ باری |
| ہمیشہ سارنے پیٹھ چھکھ ژٕ سردار | ژٕے کُن محتاج وقت کار ساری |

جید سُند سال وفات چھ ۱۹۰۸ء۔
عبدُالاحد نادم چھ بلاشک کاشر زبانۍ ہُند سارِوے کھوتہ بوڑ نعت گو۔ کمراز کین
اکثر بڈین شاعرن ہندی پاٹھۍ روٗد تِم تہ منز شاعری منز تہ تفریح تہ بزم آرایی بجایہ اصلاحک
مقصد غالب تہ انسانی قدرن ہند نوٚو تعمیر کرنہ خاطر روٗزس مردِ کامل رسول اللہ حضرت محمد صلی
اللہ علیہ وآلہ وسلمن ہنز شخصیت تخلیقُک مرکز۔

کرِ مے زاوِپن شعرن شانے
برِ مے نعتن ہندی طوٗمار
پرِ مے تہ نادِم چھس پرارانے
شاہ خوبانے ہاو دیدار

تِم کوٚر روٗمی، نظامی، سعدی تہ جامی پنُدو نعتو منز تہ الہام حاصل تہ محمود گامی
فاخر، قطب الدین واعظ، ثناء اللہ کریری، عبدالاحد ناظم بیتر کاشرین بہلہ پایہ شاعرن ہندی
نعت پرِتھ تہ آرن پننہ خاطرِ اکھ مخصوص لۓ یتھ منز کاشر دٕلوٚگ سوز وگداز، جذبک مرژھجار
تہ باوژ ہُند بےپھرِیک اظہار چھُ۔ یوٚد وۓ اتھ لیٚہ منز۔ تِمس بروٚنٹھ تہ واریاہ نعت وتنہ آسی
آمتی مگر نادمن تھوٚو نہ یہ قافیس تابع بلکہ دِتن معنی آفرینی تہ استدلالس کُن زور توجہ۔ یہ سپُد ننیلی

ممکن ییلہٕ تمہِ آنحضرتؐ سُند جمال تہٕ کمال پرزنوو، تمن ستیٕ پانیار گ رشتہٕ جوڑِ تہٕ پننیٕ دِل تہٕ دماغ کوٗرُن نوٗرِ نبوتہٕ ستیٕ آباد۔ سُہ چھُ پننِس محبوٗبس تہٕ پننِس شوٗقُک دِلس درمیان کانہہ تہٕ حجاب زانان تہٕ پرچھ ساتہٕ چھُ تہندی جلوٕ پننہٕ نجاتچہ وَتہٕ گاشرٲن وچھان۔

کلہٕ کہٕ آگرِ علمکہ سرٕ ییے    باتن آباہ بڑٕ توسے

محشرس تام ہے پوشہٕ سوٕے ترییے

ژٕرییے دروٗد پرٕ توسے

اَسہٕ کھوٗتن شیطانٕنہٕ سوٗن چاہا    تتھٕ منز نراوِن کیاہ اوس لوٗن

رسہ وولہٕ اَسہ ہاو کھسنچ راہ

اَسہٕ گوٗژھ گژھِ منز گاہ چون

نادمن لیوٗکھ شمایل شریف، تہٕ یتھ منز تمہٕ شاعرہٕ ہنزن سارنے نژاکژن کام ہیتھ آنحضرتؐ ہندی اہار، عادات تہٕ اطوار تہٕ معجزات سیٹھاہ خوبصورت پاٹھی پیش چھ کرِ متی۔ زیہجوری، چھنے مثنوی ہنز ہیئر منز مولانا جامی ہندِس نعتس پیٹھ تضمین تہٕ میجوری یا ہجرکس حالس منز چھُن قومک ابتدال ہوو مُت۔ مناجاتس منز چھُنہٕ نادم پنُن انفرادی رنگ پادٕ ہیوکمُت کرِتھ۔ نادمن چھ اکھ شہر آشوب تہٕ ونمُت یُس اکھ شاہکار چھُ۔ اتھ منز چھُ سُہ پننہٕ احساسکہ تمہ چھوکھ ہاوان یم تس پننہٕ زمانہٕ کین لوکن ہند اخلاقی تہٕ روٗحانی بحران وُچھتھ عذاب چھ دِوان۔ عام لوٗکھ چھِ دنیاداری ہندِ ہاوسہ زنتہٕ "لوچھِ ہتی ہوٕنی" واعظ چھ پننہٕ تھدی پندارن راوری متی۔ خوجہ زاد چھ زاتہٕ ہندی استکبارن زالی متی۔ پیر چھ نفسِ امارن گمراہ کرٕ متی، درویش چھ مکار بنتھ لکن پادن لسوان، عالمن چھنے طمعہو وُپہٕ واجرتہٕ۔ نادم چھُ اکھ ابتدائس پتھ کالہٕ کہن کفارن ستیٕ ہشر ہاوان تہٕ اوس تیلہٕ کفارن عار"۔ نادم ہندی نیر چھ شیخ العالمؒ ہنو تیزو کھوتہٕ زیاد تیز تہٕ اثردار،

پیر کرٕی گمراہ نفس امارن     نیلی باطن بوز اظہار
پلنٕے پالنٕ چھِ مرتب کھارن
رتہٕ اوس تیلہٕ کفارن عار

عبدالاحد نادم زاو رینہ وارِ (سرینگر) ۱۸۳۸ء منز۔ تمۍ سُند بابہٕ صاحب غلام محی الدین اوس پیشہٕ کِنۍ کاتب۔ موج آٖسس اکہِ بڈِ عالم خاندانہٕ منز، شیخ غلام رسول شیوا ہنز کور۔ شیوا بندی زٕ نامور نیچوی آسی غلام حسن شاہ مورخ تہٕ غلام احمد جید۔ لوکچارِ سے منز گوس مول مرِتھ تہٕ موج گےٚ عبدالاحد نادس ہیتھ مالیُن گامہٕ (بنڈپور) یمن دوہن اوٗسس ماجہِ بڈِ بیب زندے تہٕ مام رودِس لوٗلہٕ تہٕ لاے کران۔ جیدن چھُ خاصکر تمۍ سنز شخصیژ پیٹھ اثر ترووٗمت نادمن ہیوٚچھ فارسی تہٕ طبابت تسٕی نِشہٕ۔ تمۍ ہیتۍ لوکچارِ پیٹھے شعر ونۍ مگر سیٹھاہ کم شاعری چھےٚ ژٕتھرِتھ روزمژ۔ آخری دوہن اوس تس صحت سیٹھاہ ناساز روزان تہٕ ۱۳۲۹ھ (۱۹۱۱ء) گوو رحمت حق یتھ۵

کرشن جو رازدان     اوس وَن پوہ (اننت ناگ) روزان۔ سُہ زاو ۱۸۵۰ء منز۔ تمۍ ماٖیس اوٗسس ناو گنیش جو رینہٕ یُس مہاراجہ پرتاپ سنگھس سیٹھاہ قریب چھُ اوسمُت۔ کرشن جو بینو گرہستی ساد تہٕ شو فلسفس پیٹھ آٖسس ذر پڑھِ۔ تس آدنِکہٕ زمانہٕ موجُب فارسی، سنسکرت، جوتش شاستر تہٕ ریاضی ہنز تعلیم دنٕک زبر انتظام کرنہٕ تہٕ تمۍ کر سیٹھاہ کم دقتس منز یمن علمن پیٹھ مہارتھ حاصل۔ تس اوس ماٗلِسُند بوٗڈ جاگیر تورمُت، مگر کیتژ کالہٕ پتہٕ ژھُن تمۍ یہ سورُے نرادتھ تہٕ صرف لوگُس سادن سنتن ستۍ وقتس بہنس منز دِل۔ رازدان گوو نہ صرف عوامس منز مقبول بلکہ مہاراجہ پرتاب سنگھ نہٕ آو تمِس رتش تہٕ تمِس تھاوُن گامہٕ بیچھ شہر ینہٕ گژھنہٕ خاطرٕ ژھٹہٕ وار (شکاری)۔ شاعر دِمنز اوس رازدانس خاصکر تھ مشہور گو نہٕ ماتھ پرماندس ستۍ خاص الفت تہٕ تس سمکھنہٕ اوس منزی مٕتھ

گرژھان۔

۱۳، دسمبر ۱۹۲۶ء اوس یِلہِ کرشن جو رازدان سورگواس پیُو۔

رازدانٕنۍ شاعری چھےٚ تمہِ ہِنزِ حیاتی منٛزے شہر گامہٕ مقبول گامژ تہٕ اَکھ واریاہ نسخہٕ چھ تیار آمٕتۍ کرنہٕ یِمو منٛز کیٛنہہ چھاپنہٕ تہٕ چھہٕ آمٕتۍ۔ جارج گریرسن چھ مُکند رام شاستری نہٕ اتھ واپہ تمہِ سُند شِو لگن، انگریزی ترجمہ ہیتھ ۱۹۱۴ء پیٹھ ۱۹۲۴ء تام قسطن منٛز شایع کوٚرمُت۔

رازدان چھ بذاتی اکھ نغماتی شاعر۔ نغمگی چھےٚ تمہِ ہِنزِ پرٛتھ سٕتۍ زلہِ عقیدتی شاعریہ ہُندتیُتھ طرح بناوان یُس پرتھ کانٛسہِ پریتھ دِزِ پزیہ دُن چھُ۔ پرٛتھ چھیٚنہٕ اَتھ منٛز کانہہ ٹھوٗر بنان۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ سارِے کٲشِر چھےٚ مرحوم تبت بقال تہٕ کیلاش مہرا یہ ہِنزِ میچھ آوازِ منٛز تمہِ ہِنزِ وِدیوٗ لیلا یِمو سٕتۍ کالہٕ بۄنہٕ گرزان آسان:

○ بل تے ماول وہنہٕ گولاب پمپوشہ دسنےٚ
پوٗزایہِ لاگس پرمہٕ شوس ہشو ناکھس تےٚ

○ بال درایس ژرینے پیتھ بالہِ شمبھو
دِتہٕ ہرینہٕ ژھالہ لولہٕ ڈالہِ شمبھو

نغماتی شاعری اَستھ تہٕ چھیٚنہٕ رازدانٕنۍ شاعری ظاہر جذبن ہِنزٕ شاعری۔ یہ چھےٚ مکمل شاعری یتھ منٛز پرن واجی ہندی واریاہ طلب پوٗرٕ چھہٕ سیدان۔ صوتی آہنگ شوق، اساطیری لُطف فطرژ کُن کٔشش تہٕ پانہٕ آپو نبر۔

ژوِنہٕ ڈٲریز حرکرژ نشہٕ ژھین گو
یِن گوو یژوٗرژ پریشر موکلتھ
یرٛتھ سمبرژ کالس اکھ کھن گو

## من گوو ہتھ مۍنہٕ موہن ناتھ

شاسترن ہُند گیان، کاشُر شیٚہ راش، فطرتٕچ ہند مشاہدٕ تہٕ موسیقیہٕ ہنٛز زان چھےٚ کرشنہ رازدانس آیرٕ تہٕ سۄ چھُ اَتھ سارٕسے میٚل کٔرِتھ پنُن باوٕنٕچ آرٹ بناوان۔

مولوی صدیق اللہ زاو حاجنہٕ ۱۲، اگست ۱۸۲۲ء۔ مٲلِس اوس ناو عبدالفتاح۔ یمنے دوہن ووتھ زبردس دراگ یمہٕ کنہٕ صدیق اللہ ہس گرٕ سے منز بابہٕ صابُس نش تعلیم پیٚتے حاصل کرٕنی۔ اَمہٕ ورٕ اُس سارے کشیرِ سکھ راجس تل بربادیہ ہندس گلس تام واتمٕژ۔ تَس پیوو مزید تعلیمہٕ خاطرٕ سرینگر تہٕ کرالہٕ پور گژھن تہٕ تعلیمہٕ نِشہٕ فارغ سپدِتھ لوگ تبلیغہٕ چہِ کامہٕ تہٕ اَتھ سٟتۍ رۄد ترجمہ کران تہٕ شعر ونان۔ تٔمۍ ہنٛز وۄ کاشر لوکتابو منز چھےٚ کل پانژھ کتابہٕ محفوظ روزمٕژ: سکندر نامہٕ، مغازی النبیؐ، بدایٔع منظوم، شکل وشمایٔل آنحضرتؐ، معجزات النبیؐ۔

سکندر نامہ، چھےٚ نظامی گنجوی سنٛز مثنوی ہند ترجمہ۔ سکندر اعظم چھُ مثنوی ہند ہیرو یُس متعلق قیاس اوس یِوان کرنہٕ زِ سۄ چھُ سے فاتح یُس قرآن مجیدس منز 'ذوالقرنین' چھُ ونہٕ آمُت۔ مگر محققو چھُ ثابت کوٚرمُت زِ سکندر اوس بُت پرس یُس نہٕ کانہہ وحی اوس۔ لہاذا چھُ اسی مجبورٕ تہٕ ذوالقرنین گژھِ بہرحال سکندرس ورٲے کانہہ بادشاہ آسُن ۔ صدیق اللہ ہن چھےٚ پنٛج گنجہٕ منز صرف دلیل نمبرٕ تہٕ موخصر پاٹھۍ چھِن نظماومٕژ۔ مگر تہٕ کٔرِتھ چھُ سکندر اعظم ہنٛز اساطیری شخصیت پرٛتۍ پاٹھۍ برونہہ کُن یِوان۔

'مغازی النبیؐ' آسہِ شاید صدیق اللہ ہن حضرت یعقوب صرفیؒ ہنٛز مثنوی پٔرِتھ لیچھمٕژ۔ صدیق اللہ تہٕ چھُ مبالغہٕ نِشہٕ پرہیز کٔرِتھ پرٛتھہٕ تہٕ تخیلس منز توازن پاد کرنس منز کامیاب گومُت۔ کتابہٕ منز چھُ تمن مقدس جہادن ہُند حال ہاونہٕ آمُت یمن ہنٛز رہنمائی پانہٕ حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم کران آسہِ ۔[۲۶] 'بدایٔع منظوم'، مثنوی چھےٚ رضا علی سُند بدایٔع منظومُک ترجمہ۔ اَتھ منز چھِ حنفی مسلکہٕ مطابق مختلف دینی مسلن ہنٛز ونٛژھنے ۔ معجزات رسولؐ

مثنوی منز چھُ ژوٚدے ہتھ معجزن ہُند بیان تہٕ شکل و شمائل آنحضرتؐ، مثنوی چھےٚ شاعری مُستھ تہٕ مبالغہٕ نشہٕ پاک تہٕ سیٹھاہ احتیاط سان چھُہ موضوعس برونٹھ پکناوان ۔ "نجوم الشہابیہ یحوم اللوہابیہ" چھےٚ کاشرِس منز مولوی صابنِیہ بیاکھ مثنوی ۔ یہ سپز واریاہ پھِر چھاپ تہٕ مقبولِ عام ۔ یوٚت زِ مولوی عبدالغنی شوپیانی گوو اہلِ حدیث فرقہٕکِس دفاعس منز "الرطب الجنی فی ردِ هفوات الھاجنی" لِکھنس پیٹھ مجبور ۔

صدیق اللہ حاجنی اوس کشیرِ منز کاشرِ زبٲنی ہنز اہمیت پوٚرہ پأٹھی زانان زِ اُمہِ ورأے ہیکہِ نہٕ اسلامک تبلیغ سپدِتھ :

یاد تھاوُن سہل چھُہ کاشرِی پأٹھی
کاشرِی بأتھ کاشرِن چھی ٹاٹھی

مولوی صاب گوو ۱۳۱۸ھ بمطابق ۱۹۰۰ء رحمت حق ۔

**مرثی** سِکھ دورس تہٕ ڈوگرہ دورس منز سپدی کشیرِ منز خوفناک شیعہ سنی فساد ۔ ۱۸۳۰ء وٕرِی یِکہ فساد چھُہ سارِوے کھوٚتہٕ ہولناک ییلہِ ژٕڈی بلہ ڈُلِی بیٚرِ ژٕٹنس پیٹھ تناز وٕتھ تہٕ سأری سے شہرس کٕڈن ژھِٹھ ۔ بیِیہٕ مزار تہٕ 'مرگہٕ بٕل' چھےٚ زِ جایہ ییٚتہٕ زیاد فساد سپدی ۔ ییٚتھےٚ بیاکھ فساد سپد ۱۸۷۲ء منز ۔ یمن فسادن ہُند نتیجہٕ دراو یہ زِ واریاہ شاعرٕ لگی پننین جذباتن جوش و خروش سان زٕبو دِنہ ۔ اُمہِ دورکین کینژن مشہور شاعرن ہُند تذکرہ چھُہ ییتہٕ پأٹھی :

**خوجہ حسین میر** (پیٚدٲیش ۱۷۷۰ء — ؟) چھُ نومرثیک بٲنی کارمانہٕ یوان ۔ اُس اُسی خب بوٚرے تہٕ جوتان ۔ پیشہٕ کِنہِ اوس کاشکار تہٕ کم کاہہ لیکھہِ پرٕتہٕ آسِس ۔ اُمی کوٚر بابہ پور حبہ کدلک حکیم خاندان زبردس متاثر ۔ مقام ہند مرثیک آغاز چھُ اُمی کوٚرمُت ۔ اُمی ہندین تہٕ تمس پتہٕ ونہٕ آمتین مرثین چھُ معنوی اعتبارٕ تہٕ پانژھ حصہ تہٕ ہیتی اعتبارٕ تہٕ پانژھ حصہ ۔ معنوی اعتبارٕ پانژھ

جعبہ چھہ : حمد، نعت، مدح، معجزہ تہ دردِمتی اعتبارٕ پانژٕہ جعبہ چھہٕ برخاست دُبالہٕ، گت، کریکھ تہ نشست۔

خوجہ حسین میرنِس مرثیَن ہندِ کچھہِ قلمی نسخہٕ میلان۔ اَہندی کینہہ اہم مضموٗن چھہٕ:۔ حق نوا، آہنہ، اسم اللہ، ہما، رل، عابد، کمان، معرفت، خوش نوا، جواہر، سرِ وحدت نموٗنہ :

وہ ذکرہ ملہ بوے۔ سمہ مدیح زینے

دمہ جست چھم زور شیرِ جبارٕ

رُ آینے جہاں نما۔ تمی تلن زن برگ کاہ قلعہ خیبرٕ۔

پھٹرن درِ فولاد تمی زن آینےٕ۔۔۔۔۔۔

**مُلا حکیم عظیم** (؟ - ۱۸۵۲ء، حسن آباد سرینگر) مالِس اوسُس ناو حکیم جواد۔ اُمس اوس فارسی تہ عربی علاوٕ نجوٗمس پیٹھ تہ عبوٗر۔ مضموٗن: کتاب، سپر، اس، ہوا، خواب، چاہ، پیری، در کبوتر، طوٗبیٰ۔ زنجیر، سفر، کاہ بیترِ۔ نموٗنہ :

یا اللہ کرتن دل کشاد وسیع فضایوٗن قفس سینےٕ

چھُ گوٗرُت گنھوتے تنگ ورناو

اتھ منز کبوترِ دل گرفتار و

**مُنشی محمد یوٗسف** (بابا پوٗر جبہ کدل، ۱۷۸۹ء۔ حسن آباد۔ ۱۸۸۴ء) اوس عالم، زاہد تہ مرثیٰ نگار۔ نموٗنہ :

کتہ بابہ متے چھم کونہ چھوٗم ہاوانے

بابہ بتہ دچھنگ آرزو کیاہ چھو دتھاونے

تسنز دیڑے چھم کرس گراوانے

**خواجہ محمد باقر** (گنڈ خواجہ قاسم ماگام ۱۸۱۰ء — ۱۸۵۴ء) ۔ محمود گامیس بتہٕ اوس تعلق۔ مضموٗن : نوروزی، فاتح الابواب، الفت و معرفت، شہد و شاہد، شفا، شکر، مصباح، قدرت، تعویذ، حق، قاضی بیتر۔

**منشی شاہ محمد** (بابہ پور حبہ کدل ۱۸۱۰ء — ۱۸۶۳ء) پرگو شاعر۔ مضموٗن : معراج، سلاح، کعبہ، شب و روز، خیمہ تہ لباس، آب حیات، دریا، زبان، دل، نوشیروان بیتر۔

**حکیم عبداللہ** (بابہ پور حبہ کدل، ۱۸۱۵ء — ۱۸۸۷ء) مضموٗن :- نرگس، رشک، رشتہ، مرگ، مشک۔ نموٗنہ :

تنٕے روزِ حشر یمہٕ سر زِ لہ چشمہٕ وا
یمہٕ شہیدن ہند کُس سر یزیدن گنڈ ناوی باعث اندر

**مولوی عبداللہ انصاری** (۱۸۱۶ء — ۱۸۷۵ء) مضموٗن : امامت، رجعت، زہد بیتر۔

**منشی مُصطفےٰ علی** (بابہ پور حبہ کدل ۱۸۲۳ء — حسن آباد ۱۸۹۶ء) مضموٗن : شب و روز

**خوجہ دائیم** (نولرِ احمد پور ۱۸۳۹ء — کربلا ۱۸۹۲ء) مضموٗن : قدر و جلال، شان اللہ، معبود۔ ماہ رمضان، احسان خدا، حمد و سپاس۔

**مرزا ابوالقاسم** (گنڈ خواجہ قاسم ماگام ۱۸۳۹ء — ؟ کربلا) مضموٗن : حج، ستارہ، کوہ، نماز، خدک، رمضان، پردہ، آسیا، مالکِ یوم الدین، اصول دین بیترِ۔

**سید رضا** (شگن پوش ودر ۱۸۲۹ء — ۱۹۱۲ء) مضموٗن : فخر، تاج، زیارت، بزرگی، نعمت، عطا۔

**سید تقی** (ڈب داکورہ گاندربل ۱۸۴۸ء — ۱۹۳۱ء) مضموٗن : مسجد۔

**منشی احمد علی** (سدرمر حبہ کدل ۱۸۵۳ء — ۱۹۲۴ء) ۔ اُدس کلکتہ تہ لاہور کین چھاپ

خانن منز خوش نویس۔ مضمون: دست وپا، شان، زندان، دین، جماعت بیتر۔

صفدر میر (گنڈ حسی بٹ۔ ۱۹۲۲ء)۔ مضمون: باغ

منشی حُسین علی (بابا پور حبہ کدل ۱۸۶۶ء۔ ۱۹۳۴ء) اوس بہلہ پایہ خوشنویسن منز شمار سپدان۔ منشی محمد عباس بتہ زٕلتھ اوس مرثی ونان۔

منشی صفدر (بابا پور حبہ کدل ۱۸۷۶ء۔ ۱۹۰۶ء) مضمون: سنگ، بے نقط، سکندر، شمشیر، دِل تہٕ عرش بیتر۔

حکیم حسن علی بابا پور حبہ کدل ۱۸۷۳ء۔ ۱۹۱۸ء) اوس شاہی حکیم مہدی سُند فرزند۔ مضمون 'بے نقط' چھے تمی سنز اہم مرثی۔ بیٚیہ کینہہ مضمون چھہ: جسم، سر، شام۔ فروغ دین، نار، کاہ، ایوب، طفلی بیتر۔

حکیم حبیب اللہ حبیب (بابا پور حبہ کدل ۱۸۵۱ء۔ ۱۹۰۷ء) چھُ ڈوگرہ دورکین مرثی نگارن منز سیٹھاہ تھود مرتبہ تھاوان۔ تمی سنز زندگی چھے وارےہن مصیبتن تہٕ دولابن ہنز داستان۔ تہٕ کرِتھ کرٕ تمی تھز تعلیم حاصل تہٕ مرثی ادبس کرٕن زیردس خدمت۔ تسنزن تصنیفن منز چھے تمی سنز مرثی یوسف سارے کھوتہٕ اہم زانہٕ یوان۔ نمونہٕ:

کتہٕ رُؤدہم، کیتھ گوہم جُدا مٕتہٕ یوسفہٕ گومُت دیوانے
دُچھے بتھا بوزہم ناخُدا لولہ چانہٕ ہول چھم پھیرلانے

بیٚیہ کینژن مرثین ہندی مضمون چھس: گلزار، ہمیشہ بہار، شہادت، کربلا، آب، چراغ، غوف بیتر۔

مرثیو علاوٕ چھہ تمی کینہہ طرفتی باگھ تہٕ وٕنی ہتی۔ 'سہلاب نامہ' تہٕ 'اگرپکہ نامہ' چھے حبیب نہٕ بہترین نظمہ۔ نمونہٕ:

نصیحت بوز، وچھ نقصان چھی کتھ
یوٚدوٕے یار زٕ ژےٚ لاجتھ گرٕ سیتھ
اول ناجنس چھے "گامک تہٕ شہرک
بنیاہ سمواج زانہٕ کھنڈک تہٕ زہرک (اگر سپہٕ نامہ)

'سہلاب نامہ' نظم چھے لڈی شاہ طرزس پیٹھ:

سوکھ موکھ دُستھ آو آب قہار
گوٚو کنُے کھٹِ بلہٕ کھاڑ نہٕ یار

## صوفی شاعر

یوٚدوٕے تصوف اند وند کُنو ہمہ صدیہ ہنز شاعری ہند مرکزی عنصر روُد مگر اَمہٕ صدیہ ہندین آخری وُرِین منز ووتھ کینہہ شاعر یِمو پنہٕ سرٕ تجربو ورٲے بیٚیہٕ کنہٕ تجربہٕ باوتھ کٔر۔ ووں گوو ایک بنیادی ڈُپلہٕ وُد توتہٕ لوٗبےٚ تکیا زوال چھ اَتھ بُنیاد۔

صوفی شاعرن ہندِس صنفس منز چھُ رحمان ڈار فنی پختگی تہٕ تجربن ہنز مُدرٕ ژکنی اہم ترین شاعرن منز شمار یوان کرنہٕ۔ یوٚدوٕے اُمِ سُند کلام کمے دستیاب چھُ، مگر یتھے چھ تمس شاعریہ ہندِس تاریخس منز بلند مرتبہ دِنہٕ باپتھ سٮ۪ٹھاہ۔ رحمان ڈار اوس چھٕ بل (سرینگر) روزان۔ اُمِ ہندِس زانسَس تہٕ مرن سنس متعلق چھنہٕ کانہہ کتھ ثبوت۔ آزاد نہٕ بیا نہٕ کٔز چھُ سہٕ محمود گامی ہمکال اوسمُت نہٕ۔ چونکہ رحمان ڈارنس نیچوٕ ہندِس نیچوٕ سُند نیچو رمضان چھُ آزاد نہٕ وقتہٕ نور باغہٕ روزان اوسمت، لہٰذا چھُ تمٕ سُند قیاس صحی باسان۔ رحمان ڈار چھُ دانا مزار (سرینگر) دفن۔ دپان تمٕ سُند نیچو حبیب ڈار تہٕ چھُ شاعر اوسمُت۔ رحمان ڈار اوس عالمہٕ کٔنہٕ تہٕ صوفی تہٕ تمٕ ہندین پاروکارن ہُند سلسلہ چھُ از تام جاری۔

رحمان ڈارٕنین اکثر وژنن منز چھے منطقی ودہٕ بوٚ واشرٕ کٔنی نظمہٕ ہنز خاصیت پادٕ گمٕژ: تمٕ چھے موسیقیہٕ سٮ۪ٹھاہ کام ہیژمٕژ مگر یہ چھِن جذبس تابع تھاوِتھ تہٕ معنوی امکانن چھِن زیادٕ

گنجایش تھاوِتھ۔ سُہ چھُ سری شیٚنیہن ہنٛزِ تجربن باوتھ کرِتھ دنیاوی زندگیہ ہنٛدِ بے معنیٚکھ احساس تہٕ دِوان تہٕ بجانِچہِ وُنہٕ ہُند نیب تہٕ۔ زندگیہ ہنٛز لاحاصل ووٗھ ژھانٛڑِ چھُ سُہ اکِس پزِس صوفی سنٛز نظرِ وچھان :

ژٕ پارٕ دراوس جمال وچھنے، کمال بلے یاونے
تاونہٕ بازرے اوقات رووم اُچھو ستیٚ گوس پکان
سمیہ کس سوٗ درس سنٛح بیوم پکنے، تتھ چھِنہٕ تھکہٕ جاے کنے
ژٕلہٕ ونہٕ وُمرے پانٛز پرٕ پھِٹو مو، تمہ دادِ چھس نہٕ بلان

رحمان ڈارٕ منٛن وژن منٛز چھُ ذاتی دۄکھ تہٕ کائناتی دۄکھ کنٛے سیدان تہٕ سورُے وجود چھُ فریادی بنان۔ شش رنگ نظم چھےٚ امرٕ زنٛگی کاشرِ زبانٕ ہنٛز اکھ لاثانی نظم۔ اتھ منٛز چھے راوی اکھ لولہٕ مژ۔ ہجرس منٛز پنٛنِس راوی ہتس معشوقس پتھ فلواتہٕ تس ستیٚ دُبارٕ واصل سپدنہٕ باپتھ کریشان۔ پننہٕ اصل آگرٕ نِشہٕ وجودُک ژھینہٕ گژھتھ زوال پزیر سپدُن تہٕ اصلس ستیٚ بیٚیہ ہم آہنگ سپدنُک تصور چھُ شاعرن تمثیلی اندازٕ بوومُت۔ راونُک دۄکھ تہٕ پراونُک اضطراب چھُ اکس چھندریمژ لولہٕ مژ ہنٛدِس کردارس منٛز ساریے کھوتہٕ موزون استعارٕ بنان۔ نظمہِ چھے شےٚ بند تہٕ پرتھ بند کِس اکھٕن مصرن چھُ کنٛی آوازِ ہُند تکرار دلچسپ تہٕ معنہٕ سود سرود پادٕ کران۔ باسان چھُ اتھ نظمہِ چھےٚ گیونٛژ اکاے لے یتھ منٛز یہ مقبوٗل چھےٚ نہٕ۔

'مانچھ تُلرٕ' نظم چھےٚ رحمان ڈارٕنی بیاکھ تمثیلی نظم یتھ منٛز ژٕ ورٕ کردار۔ مانچھ تلرٕ مچھ، مانچھ گن تہٕ شاعر پنُن پنُن دعواہیش کرِتھ ازلی نیک وبدکس نیایس وکھنے جِھ کران۔ دوٕن گو شاعر چھُ اتھ تمثیلہِ پانٕے معنہٕ دِتھ کمٕ ورٕ بناوان۔

رُوح گو د مانچھ گن، فکر گیہ تُلرٕ، مچھ گیہ نفس امارے

باقی وژنن منز چھ رحمان ڈار ماورائی حسنس زمینی جلون منز وچھان تہ کایل شیبہن منز پیش کران ۔

ؔ توہہ ماڈیو نٹون مانز چھس نیتے           کتھن کرِ سونہ روٹ میون یار

ؔ تھزرے پیٹھ نظر تراو           بازار وُچھ ژ تماشا

بازار ییتھی تہ ٹکھ ناگونہ

میتیو زونہ گندو نا

سرینگرک بیاکھ ناماور صوفی شاعر چھ نعمہ صاب ۔ تاسنہ تہ مرن سنہ چھنہ معلوم ۔ باسان چھ کنوہم صدیہ ہندس شیمس یا سنم س ذہلس منز چھ رحمت حق گومت ۔ مقامی روایت پھٹے زِ نعمہ صاب اوس زانندار محلہ اکس قالباف کارخانس پیٹھ کام کران ۔ اتھی کارخانس منز اوس شمس فقیر تہ کام کران یُس ماٹی وتہ اُستاد اوس ۔

نعمہ صابنہِ وژن تہ غزل چھ الپہ پہ ژتجھہ یم مقبول عام چھ ۔ سُ چھ وژنہ کس روایتی آہنگس منز صوفیانہ رموز باوان ۔ سُ چھ سیود ساد روان زبانی منز تتھی لوکہ وریژھناوان یم بروٹھے مقبول آسی : دِل ہنہ ژالن ، یار راوُن ، مس چیون ، دور بہ ژالن ، یار تنہ آسُن ، عشقک شمع زالُن ، لوبک چمن برگرژھن ، مایہ ولنہ ین ، للہ ون نار آسُن بیتر ۔ ووں گووے کاری منز چھ سُہ سٹھاہ ماہر اوسمت ۔ یوہے چھ تکی سنز مقبولیژ ہند سبب ۔ بہ کرتھ چھن کیہنہ شعر مزرتتھی وژنی بتی ییمن منز تمہنہ تخلیق وُپھ محسوس پھٹے پدان ۔

سودر پوریوم جہاز دوریوم

بہ جہاز گوم وباکلیے

بہ ژٲیوس سنٛز ژوٚرے شمع زٲلتھ زوٚرے
چھُ کیاہ تہٕ شور وۆتھمُت زورِ عشقہٕ نارِ سٲے

ہ سازس تارِ گنجم کیتہٕ شوٗقےٚ پاس ترٛوٚپمِتھ گوس
صدائے ساز پالنِس نیشہٕ
کمیوٗ شیشہٕ چاوُنس مےٚ

سُہ چھُ دُنیہِچہ بے ثباتی تہٕ غٲر یقینیتس سٹھاہ سہل لفظن منز باوان۔ انسانہٕ سندِ تنہایہِ تہٕ جکھیچہ نارسٲیہِ پیٹھ افسوس چھُ سرُن تاثر وِتھ تلاوان:

دُپتہ گتےٚ پانہٕ میانیو کتھ نہ روزان کاڈییے
بالہٕ کریوم لوٗکہٕ لوٗکےٚ لکھ نہ نیران ساڑییے
لکھ چھِ تتھی دِہ کھ چھُ دوان کانہہ نہ کران یارییے
رنگہٕ مندورِن رو بہٕ خانن موت کراں وٕچارییے
مرگ چھُ تتھےٚ ورگہٕ والاں منزِ گڈاں بازارییے

"حورے منے نیو تم ژورِ دِل" وژن چھُ تمہٕ ہندِ ہن وژنن منز بیوٗن رنگ تھاوان تکیازِ اتھ منز چھِ کینہہ شعر یمن منز یاونِ ژھوہ تہٕ دنیا چھاونک مار موٗت چھُ۔

**شاہ قلندر** چھُ تازٕ تحقیقہٕ موجب تھید (اوبرائے ہوٹل اگامک روزن ؤول تہٕ وانھور اوس گریہ بٹھُم آمُت۔ اصل ناو اوسُس گوٗبٹ۔ سُہ چھُ ۱۸۸۰ء پیٹھ بروٚنہہ گذریومُت ۔ اُمِ سُند کلام پٕرتھ چھُ ننان زِ شاہ قلندر اوس نہ صرف ناوٕکۍ قلندر بلکہ عملِکۍ تہٕ۔ شاہ قلندرن واریاہ کلام چھُ قلمی نسخن منز ژھرتھ تہٕ ممکن چھُ واریاہ آسہ مناپہ تہٕ گومُت۔ اُمِ ہندی وژن، غزل تہٕ اکھ مثنوی پٕرتھ چھُ نَنان زِ سُہ اوس مکمل پاٹھۍ صوفی شاعر۔ تس چھُ تصوفک جان مطالہ اوسمُت

غزلہ کس فنس پیٹھ تہٕ چھُس دسترس اوسمت۔

ے اے پری گل پیکری دِل تمبلوتھ سوٗد کیاہ
ملک دِل واٗران کوٗرتھن دیچھ تہٕ پتھ دہ دِزٕ رٕود کیاہ

ے طاق ابروے تو ہر سو کعبہ ہم تبخانہ چھُے
کفر واسلام ملہٕ ناوُن کمہٕ دوٗپُے تی چھا روا

ے تس کمیک آرام آسی یُس چوٗمُت عشقُن شراب
پیانہٕ لنشہٕ لیُس بے خبر گو وتنسی دِپاں خانہ خراب

باسان چھ رسل میر چھُ خاصکر تھ شاہ قلندرس نشہٕ متاثر اوسمت۔ مثلن یم کینہہ شعر بوٗزِتھ چھُ رُسل میر یاد پیوان:

ے ژتُل از روے نقاب میٔے کُن موکھ ہاو سوندری
پہ گناہ یا چھُ ثواب میٔے کُن موکھ ہاو سوندری

ے از نار عشقت مار مسا مار منیو وے
بیمار عشقت وار چھس آوار منیو وے

تمہٕ ہندی وژن تہٕ چھِ تمہٕ ہندین ہمعصرن نشہٕ بیون مزاز تھاوان۔

بوٗتے پزہٕ چھے نوکھو تہٕ نو وے رُدُس اتہٕ گتھ سوری پہ زانہہ
شو شاہ قلندر چھُنہ کانٕسہ ہیوٗ یے
کامہ دِیو دوے مانسبل

'ادھم تہٕ گلجان'، یُس سلطان ابراہیم ادھم اناوِ وٕری بہ نشراہ مر بروہہ شایع تہٕ بسیر مژ چھے۔ مثنوی منز بنیادی واقعہ چھُ یتھ پاٹھی زِ بلخ شہرک

مشہور صوفی بزرگ ادھم چھُ تتہٕ چہ شہزادٕ گلچاہس پیٹھ عاشق گژھان ۔ سُہ چھُ عشقہٕ نار خانہ خراب پیدٕ تھ
گلچاہ ہندِ مارمتہٕ بدنس سوز ملیتھ پھیران ۔ بادشاہ چھُس سیٹھاہ خشم ہاوان مگر ییلہٕ یہٕ سُہ پوٚت پھیوٚر،
سُہ چھُس سوٚدرس منز پوٚز موختہٕ اننگ شرط تھاواں ۔ ادہم چھُ سودرس زانکی دِوان تہٕ خواجہ خضر چھُس
موختہٕ ہلم بران ۔ یہٕ ہیتھ چھُ یوان بادشاہس نش مگر گلچان چھےٚ آسان مرِتھ گمژ ۔ ادہم چھُ تمی سٕنز
قبر پراٹان تہٕ خواجہ خضرن یژھنہ چھےٚ گلچان بییہٕ زِند گژھان ۔ یمن چھُ نکاح پیدان تہٕ یم چھِ
ولس منز اکس پہر سنز گرِ کران ۔ اکھ نیچو چھُکھ زیوان ابراہیم یُس بوڈ گژھتھ سائس نیران چھُ ۔
اُمس چھُ بادشاہ وچھان تہٕ سُہ چھُ اُمی سے راج تاج حوالہ کرِتھ واراگ رٹان ۔ مثنوی ہنز زبان
چھےٚ حدروٚس فارسی آمیز تہٕ کردار سازی یا بیانس منز چھُنہٕ کانہہ خاص حسن ۔

**شمس فقیر** چھُ صوفی شاعرن منز فقرِ کنی تہٕ تہٕ فکرِ کنی تہٕ ممتاز مرتبہ تھاوان ۔ مگر مقبول
اُسِتھ تہٕ چھِنہٕ تمی سٕنز زندگیہ ہندی حالات وِیدی ۔ اصل ناو اوسُس محمد صدیق بٹ تہٕ روزان
اوس چنکراں محلہ (سرینگر) ۔ لوکچارے سوز کھ قالباف کامہ ییتہٕ تس بزرگ شاعر نعمہ صابس سیتر ووتھن
بہنن روٗد ۔ تمی کر سو چھِ میار ناد بزرگس نش تہٕ تربیت حاصل تہٕ پتہٕ گو وامر تس ییتہٕ تس مزید روحانیت
حاصل کرنک موقعہ میول ۔ تور پھیرِتھ کوٚرُن اننت ناگہ کس پشمینہ فروش عزیز بٹ تہٕ کورِتی خاندر ۔
تمُس زانہ یہٕ نیچوی غنی شاہ تہٕ نورالدین شاہ تہٕ بییہ اکھ کوٗر ۔ سُہ ژاو قاضی باغہ (بڈگوم) گوپھہ تہٕ بیوٗٹھ
شُہن رِمتن ریاضت کرنہٕ ۔ گوپھہِ ترٛاوِتھ لوگ سُہ ینس بایس نش کرِش پورہ (بڈگوم) روزنہٕ
ییتہٕ سُہ آخری دمس تام سکونت کرِتھ روٗد ۔ دپان شمس فقیر زاد ۱۸۴۳ء تہٕ ۱۹۰۴ء منز گو ورحمت حق [۵۲]

شمس فقیرن چھِ کُل نمتھ ییٹھی وژن تہٕ غزل موجود ۔ یمن منز چھِ باسان زِ سُہ اوس روایتی موضوع
تہٕ بادر نِشہ گریز کرنچ کوشش کران ۔ باپہ بندی ہنز تہٕ چھِن نوٚ ترتیبہ درتاومرِ تہٕ کیٚنژن جاین چھِن
وِوج ترک تہٕ کوٚرمُت ۔ "شُنیاہ گژھتھ" چھےٚ تمی بڈ کھ شاندار نظم ۔ اتھ منز چھُ وجودچہ ازلی بے ثباتی

کیفیتھ پیٹھ انسانہٕ ہندِ بوٚدپدنگ، عالی مقام ننگ تہٕ دبارٕ تنزل تہٕ پتہٕ نوٚو ارتقاع پراونگ سفرنامہٕ، سیٹھاہے موٗختصر پاٹھۍ نظمہٕ ہنزٕ ہیٚرٕ منز تمثیلی آیہٕ پیش کرنہٕ آمٕت۔ نابوٚد بارسس یُن ادس عشقچہِ حوصلہٕ ہندی ہُند نتیجہٕ تہٕ شمس چھ اُتھ مادرأیٔ واقعس کایٕت دِوان:

شُنٛیاہ گرٛہتھ اوس میون اوٗنے   اُدٕ عشقہٕ نارن زٕ دیلیے
گنزس ترووُنم رۄہٕ منز وٗبے
شرۄ نٛ شرۄ نٛ بوزان ژاس

یہِ آس انسانہٕ ہندِس تعمیرس منز گیُتھ خرآبی (واوس سٕتۍ ملون) زِ دنیاکاوِ یٹہٕ وول ژانٛتھ تہٕ سپُد سُہ پتہٕ من متھِ ہُند تسکار تہٕ گناہس ووٚندُن یٔنٛ وجوٗد:

کوہ تہٕ بال درینٛٹھۍ آم نارٕ ہتۍ دزان   آب سےٚ درینٛٹھۍ آم کولیے
زال مےٚ درینٛٹھۍ آم سبز درمناہ
تتھۍ یارٕ ولنے آس

رازٕ ہونز کاو تہٕ راتہٕ موغلہ ہنز حکایت چھےٚ تمثیلٕ بنتھ ازلی ابلیس بنیٚہِ ہن معنہٕ ساد برنجان۔ شمس فقیرٕ چھُ پھیرٕ پھیرٕ کیہنہ نہٕ تہٕ کیہنہ تاں اکس عارضی اختلافس بیٹھ حاران گرٛہان تہٕ ایمِ دِکھنے شنہین منز کران۔ سُہ چھُ کیہنہ اکس ٹاکارتس منز کیہنہ نہٕ کھ ژھربہٕ وچھان تہٕ کیہنہ نہکس ژھرس منز کیہنہ نہٕ کھ تکمیل لبان۔

واران یونہٕ ہندِ حاران کاوو
دنتو اُتھ کیاہ ناو
کیہنہ اَس منز باگ دِہہ چھ ناوو   دِہہ دِہہ کورمس پارادو
دِہ ییلہِ سوریوم کیاہ پرکھاوو   ونتو اُتھ کیاہ آوولو

"یہ چھُ دنیا ہیندرے زۄلو، دنن وول شاعر یوٚدوے جایہ جایہ بیدار سپدنک تلقین چھُ کران، مگر تہٕ کرٕ تھ چھُ سُہ زمینی حُسنچ مہوٗ نی ترائے گژائے پرزناوان تہٕ اَمکی نغمہٕ گیوان ۔ صوفی اصطلاحن ہُند گتُل ورتاو چھُ شمس فقیرنِس وارہس کلاس تھس عام قارٕی ہند خاطرٕ مشکل بناوان لیٚس سری تجربو نِشہٕ غارزان آسہٕ ۔ وۄں گوٚو عام پرٕن وول تہٕ چھُ لیہٕ ہندِس میچھرس تہٕ سرُودس منز تیوٗت آورنہٕ یوان زِ تس چھنہٕ پوٚشیدٕ رموزن تام واتنک ضرٗورت تہٕ پیوان ۔

**احمد بٹوآری** چھُ باقی شاعرن مقابلہٕ جلوگری ہندِس تماشس منز محو تہٕ ہجرکہ کریشنہٕ بجایہ چھنے تمی ہندِس کلامس منز وصلچ بشاشت تہٕ اُتھہِ ستی حارت تہٕ شکرانہٕ تہٕ ۔

مے کرٕ تھم بڈٕ مہرٕ بانی ژٕ آیوکھ سانہٕ آنگانی

وزُن ہیوٚت شوقہٕ کی سازن

گرٕ زن ہیوٚت شاہ ئیندرا زن

چھُ سوزٕے سوز یوزانی ژٕ آیوکھ سانہٕ آنگانی

ئیندرازنہٕ دربارٕ نغمہٕ کراں چھی پرستانو

سوزِ منصور وزان کن مے دژاو گوس دیوانو

لجیو پھلیا با دام وارٕ درایہٕ اُچھ دارِ تی وچھانی

دِل شالمار چشمہٕ پھنوار

تسٕ لیٚس آسہٕ شب بیدار

ثمر تمہ کےٚ پتےٚ پیارٕ درایہٕ اُچھ دارِ تی وچھانی

باغ عرفانٕچ گلاب پھٔرِ یے دیوانہٕ کوٚرتھن پرستان

حورٕ نیچھ دری چمن سوٚر پرٕی پرٕی یے

احمد بٹواری چھُنہٕ برونٹھے شیرنہٕ آمتین بسٲنی گرتن پننہٕ شوقُک پھولوینار حوالہٕ کران بلکہ چھُ اُمہٕ خٲطرٕ موزون زبان تلاش کران۔ شہ چھُ باتن منز پننہٕ وچھواری شوقُک تسکین ژھاران تہٕ بوزن وٲلِس دِلس منز شونگمتی جذبہٕ وزناوان۔

احمد بٹواری سٕنز نظم "نے" چھےٚ عام پٲٹھی پسند آمٕژ کرنہٕ۔ گوڈٕ چھےٚ "نے" پننہٕ وجودس پیٹھ دلیل بوزناوان تہٕ پوٚتُس چھےٚ یہے نے کل حیاتٕچ زبان بنان یوسہٕ ازلہٕ پیٹھٕ ابدس تام وزان روزِ تہٕ بنِنس آگرس ستی والیس میلنہٕ خٲطرٕ بٲپتھ فریاد کران روزِ۔

احمد بٹواری اوس بٹوارٕ (سرینگر) روزان۔ تٔمۍ سٕند زاسنہٕ چھُ ۱۸۴۵ء تہٕ مرن سنہ ۱۹۱۸ء مانٕنہٕ یوان۔ مقبرٕ چھُس امیر بیر (پاندچھ)۔

وھب کھار اوس کھرٕ وشار روزان۔ تٔمۍ سٕند زاسنہٕ چھُ قیاسہٕ پٲٹھی ۱۸۴۲ء یوان زاننہٕ۔ مٲلِس اوسُس حاجی کھار (حیات کھار؟) ناو۔ دپان شہ تہٕ اوس شاعر مگر تٔمۍ سٕند کلام روُد نہٕ زٕژھرتھ۔ کارکسب اوسُس کھارہٕ کام تہٕ بیتھ پٲٹھی اوس نہٕ پرینہٕ۔ مگر کلامُک سرسری مطالعہ کٔرِتھ تہٕ چھُ باسان زِ شہ چھُنہٕ مُڈ اوسمُت۔ تٔمِس چھےٚ تصوف کِین زاوی ہِین مسلن ہٕنز پوٗرٕ پوٗرٕ زان اسمٕژ تہٕ اسلٲمی تواریخس تہٕ اساطیرن پیٹھ تہٕ چھُس نظر آسمٕژ۔ تٔمۍ سٕند شوہرٕ گوو تیٚتی گامہٕ شہرٕ بیلہٕ شہ حالِ حیاتے اوس۔ تٔمۍ سٕندین عقیدت مندن منز آسۍ عام لکن ستی ستی شاعر تہٕ رئیس تہٕ، مسلمان تہٕ تہٕ غیر مسلمان تہٕ۔ دپان مہاراجہ امر سنگھ اوس تٔمۍ سٕند زیرٕ دس عقیدت مند۔ اکہٕ دوہہٕ سوزٕنس ترٕنے ہتھ روپیہ تہٕ کھسن کیٛت گرٕ، مگر وہب کھارن سوٗزٕنس سوٗرے کیہنہٕ والیس۔ مشہور کرشنہٕ کٕمتی شاعر پرمانند تہٕ اوس وہب کھارس سٕتھاہ عزت کران۔ تٔمۍ چھےٚ پننی نظم "پنژترٕ باغ" اکہٕ پھرٕ دٕہِس عقیدتُک نذرانہٕ سوزمٕژ۔ پانہٕ اوس وہب کھار امداصاحب بجابُن مُرید۔

وہب کھارن لوب ۱۹۱۲ء منز وفات۔ تٔمۍ سٕندیو عقیدت مندو منز بنوو اکھ خوجہ اسمال

کھیٚین تمۍ سٕند مقبریٚس زن وہب تہٕ گرہٕ نشہٕ کرٕ تام قدمے دوٗر چھُ ۔ وہبس اٰسۍ ترٕ نے نیٚچوی : اسماں کھار، کماں کھاٗ تہٕ لالہٕ کھار۔ تہندی شری چھہٕ وُنہٕ اتی کھر وشارہٕ آباد۔

وہبس متعلق چھُ مشہور زٕ سُہ اوس یادٕ گیوان تہٕ الٕکھ کتھ چھُ تمۍ سٕند کلام تہٕ تصدیق کران ۔ تس چھُ نے کانٛہ تہٕ ہُند زبردس شوق اوسمُت تہٕ پننہِ پرتھ کانہہ وژُن چھُن کرُنہٕ تہٕ کتھہٕ لیپہ پیٹھ گونڈمُت ۔ باسان چھُ زٕ لِیی پھٕ چھے تس وُنِش دِوان روزمٕژ ۔ تمۍ چھُ لکہٕ بانٛتہٕ ہنٛزن لین ہُند لیسہٕ پاٹھۍ استعمال کورمُت ۔ توے چھُ تمۍ سندی واریاہ وژن رۆدِس منٛز گیوہٕ یِوان تہٕ باقی کلام تہٕ چھُ گیوٚن وٲلۍ عام پاٹھۍ گیوان ۔ تمۍ چھُ پرانٛین کاشرین ذلیلہٕ گرین ہُند دٲل تہٕ ورتومُت تہٕ پننہِ مشہور نعتاتی نظم "طوطہٕ" چھِن اُتھی رنگس منٛز شبن لیٚجن منٛز وٗنی مٕژ ۔ 'ژندن کٕل' نظمہٕ منٛز چھُ وہاب کھار آدمی ذاتہٕ ہُندِس ازلی رزرس پیٹھ پنُن یقین ظاہر کران تہٕ حقہٕ باپتھ مختلف پیغمبرن ہندہٕ جھاد کُ حوالہٕ دِتھ پننِس اُتھ یقینس ثابت کران : ' سر کرِیہٕ ژندن کُل مولہٕ تلے ۔ ژندن چھُ اصل ذاتھ ' ۔ یہٕ چھُ یوٚہے ازلہٕ رزرہٕ ذاتُن تہٕ فرتن ہُند ہمٕن چھُ بے معنی بنان تہٕ آدمی ذاتہٕ ہُند کنہٕ چھُ نان :

حضرت آدمس زٕ ے گبر تمہٕ اٰسۍ دوٕ یہٕ سلسلے
اُکہٕ زٕٹ آورنیٚ اُکہٕ قبر دوٕنوے چھے کنی ذات

وہاب چھُ پننِہ انفرادی رمزہٕ تہٕ کنایہ ورتاونہٕ بجایہ بروٚنٹھے ورتاونہٕ آمتۍ رمزہٕ تہٕ کنایہ ورتاونکُ فن ہاوان۔

صوفیانہٕ روایژ ہُند اکھ دلچسپ شاعر چھُ احمد ڈار ۔ "آکھو شہر شیرازو" تہٕ "آکھو شاموسوندرے" ہوی لافانی وٕنوٕنۍ وٕنن وول احمد ڈار چھُ بے پناہ نغمگی ہُند تہٕ پایدارُک شاعر ۔ تمۍ سٕنزٕ یمہٕ وٕنوٕنۍ طرزٕ چہ نظمہٕ چھے تس کاشرِ شاعرِیہٕ ہٕندِس تاریخس منٛز لوٚشہٕ وُن مقام دِنہٕ خاطر کافی ۔ "آکھو شہر شیرازو" نظم چھے اکہٕ پاسہٕ کشیرِ ہندِ روایتی خاندرُک اکھ روشن تہٕ ماری موٚند منظر بروٚنٹھ کنُ انان تہٕ بیٚیہ پاسہٕ فنکارانہٕ مبالغہٕ ورتاوِتھ عام انسانی حقیقژ غیر معمولی صورت دِوان ۔ اُتھ منٛز چھہٕ پتھ کالہٕ چِین قدرن تہٕ

ریٚڑشن ہُند تیوٚت سرٚون تہٕ گوٚن احساس زِ مبالغٕک چھُنہٕ گمانے پیدان:

شوٗقہٕ چاپہٕ وایے چنگہٕ تے سازو آکھو شہرِ شیرازو

حوٗر چھےٚ ونوان نورٕ مہرازو آکھو شہرِ شیرازو

تلپاتالکہِ شاہ ییٚند رازو اندری بوزمے ییٚندری سوز

سِے سوز بوٗزِتھ دِل گو وتازو آکھو شہرِ شیرازو

ییتھے اساطیری پوٚت منظر چھ "آکھو شامو سوندرے" نظمہِ تہٕ ییتھ منز کامران شہرٕک کام دیو شامہٕ زنگی چھُ تہٕ آمُت چھُ سوندر مال بنِتھ۔ سوندر مالہِ ہنز تمبلیٚرش ولہِ چھےٚ شوٗقہٕ ہنز گوان:

حوٗر دراپہٕ وتہٕ وان دردکہِ گامو پرٕ دِتُھ روے چھے وُچھانو

نوٗر ژھٹہِ طوٗرس سوٗر پیدیامو آکھو شامو سوندرے

نام چانی بوزِ رے رٔومہٕ تہٕ شامو لچھ چھی شوٗبان سامانو

لچھ نادِ سورے پوٚن ہنگامو آکھو شامو سوندرے

'ہا ایازو سوے چھےٚ وَتھ' نظمہِ تہٕ چھےٚ یتھے پاٹھی سری صورت حال تہٕ انسانی صوتحالس مُیل کرِتھ شاعری ہُند معراج بنان۔ تشبیہہ کاری تہٕ تلمیحن ہُند یتھ سیکولر ورتاو چھُ خاصے بڑیہ کانہہ شاعرس نِش۔ 'وِزِن دیوٗ اَتھ کارس' چھےٚ احمد ڈارٕنی بیاکھ پرٕ قوت سوز برٕ نظم یتھ منز حقیقتُک ہندی کھوٗڈ تہٕ پاسہٕ اہہار پرٕ زِنادِ ہیچ کوشش چھےٚ کرنہٕ آمِژ۔

کاشر شاعری ہُندیہ ممتاز شاعراوس حیدر پورِ بسان تہٕ شمس فقیر اوسُس وستادِ پانے چھُن وِدِ نمُت:

چھُ حیدر پور احمد ڈار و نان

سِے چھُم پیر شمس مثل شمس

احمد ڈار گوو ۱۹۲۶ء رحمت حق۔

**رحیم صاب :-** چھُ سوپورُک اکھ نامور صوفی شاعر گذریومُت۔ اکھ رائے چھےٚ سُہ اوس تکیہ تا پر روزان تہٕ بیاکھ رائے چھےٚ زِ سوپورِ اوس تلوان محلہٕ روزان۔ کینہہ چھِ ونان زِ سُہ اوس گاہکی گیپن رچھان تہٕ کینہہ چھِ ونان سُہ اوس ووورٕ۔ تمِس متعلق چھےٚ واریاہ کرامژ منسوب تہٕ لکن چھےٚ تمی سنز واریاہ عقیدت۔ رحم صابنِس کینژرے باتھ چھِ موجود تہٕ تمن منٛز چھےٚ صورت ڈٕچرٕ۔ نکتہٕ سنجی، صوفی اصطلاحن تہٕ تلمیحن ہُند ورتاو ڈُینتھ چھِ باسان زِ سُہ چھُ شریعت تہٕ قرآن زانان اوسمُت۔ تمی سُند اکھ نعت چھُ جذباتی وشنیرِ کنِ تہٕ روانی کنِ تمی سندِس کلامس منٛز بیون تہٕ بدون:

جان وندیو ہا بہٕ پان وندیو زُو تہٕ جان وندے میانہٕ پیر لوتے لو

بڈٕ ڈلہٕ منٛز باگ تژتران وچھکھ حضر تبلہٕ کے سپیرٕ لوتے لو

تنٛنہٕ گوم رباب رگن گیم تارے زیر و بم رِڈٕ زٕہم چپیر لوتے لو

دپان ۱۸۶۰ء چھُ رحمت حق سپُدمُت۔

صوفی شاعرن ہندِس اتھ صفس منٛز چھِ بییہ تہٕ کینہہ شاعر یہُند اکثر کلام ضایہ چھُ سپُدمُت۔ قادر صاب کینہہ نہٕ، عبلی ووڈی تہٕ ملا عبیداللہ۔ قادر صاب کینہہ نہٕ چھُ چھرٕبل روزان اوسمُت تہٕ کینژن ہنٛز رائے چھےٚ سُہ اوس رحمان ڈارُن نیچوُر۔ سُہ چھُ تمہِ وژنہٕ کنِ زانہٕ یوان یتھ ردیف چھُ 'کینہہ نہٕ':

کنہٕ بوزم منہٕ سپے منٛز . وہٕ کس بو کینہہ نے

سال گورے سنہٕ سرپے منٛز سبر منٛز کھوت کینہہ نے

عبلی ووڈی سند کلام چھُ تُکہٕ شاعریہٕ تِڑرِ گومُت۔ مشہور تکیہ باتھ: 'یہلی گوری فراق تیری، مالیُن چھون رایہ نیری لو' چھُ تمی سند تخلص ہتھ یاد آمُت کرنہٕ۔

چندس چھےٚ نا تماگ چلما۔ بو کہو یارے تھکے لو

ہا عبلی جانو قرآن خانو ہیجہ پتھ گو کھودیوانے لو

**مُلا عبیدُ الله** اوس نزر پرستان سرینگر روزان تہ دپان ۱۸۵۳ء گو درحمت حق۔ وژنہ پرکس اَتھ سونہری کالس منز چھ کینہہ بڑ شاعر وُتھی متی یمو واکھن منز پنی کھتی باوُک دلوہار کور۔ یہند سیٹھاہ کم کلام چھ رژھر تھ۔ مسرزہ کاکھ اوس لل دیدہ نشہ سیٹھاہ متاثر تہ تمی ہندی آیہ چھن واکھ وُنہ متی۔

تیمبر خالی آکاش خالی تن خالی یہ دم خالی

یُتھ نو گژھی اکھ دم خالی سرن سائی چھے ستی متی

مسرزہ کاکھ اوس ہنگل گونڈ (کوکرناگ) روزان تہ ۱۸۲۴ء پد سورگہ واسی۔

**لچھ کاکھ** اوس بربرشاہ سرینگر روزان تہ ۱۸۷۱ء منز گو وسورگہ واسی۔ ستہ اوس نزرگہ شاسترس بیٹھ پرتھ تھاوان۔ یو پہ مھاکھ زاو ۱۸۳۱ء پنگلن بلوارہ مگر بوڈ گژھتھ ووتھ سرینگر پینہ شہ گلاب باغہ کس ایشرداس نگرہ روزان اوس۔

**گنگا پرساد** اوس وژن ونان تہ روزان اوس سرینگر۔ تمہ سُند کلام چھ نایاب۔

وژن شاعر یہ منز چھ اکھ اہم ناو فقیر احمد راہ یس ڈلگیٹ سرینگر روزان اوس۔ تمہ سُند مول اوس ونیجہ بیارس نزدیک گوند نور دزک اکھ گریوس۔ احمد ڈار اوس واریاہ کارکسب زانان مگر پوریوس نہ کُنہ منز تہ آخر کرن ملازمت مشن سکولس منز۔ درویش صفت آسنہ کنی اوس کن منز سیٹھاہ عزت تہ تمی ہندی باتھ تہ گے ڈلہ ڈلہ مقبول۔ ۲۵ ہب جلے ۱۹۴۳ء گو ورحمت حق۔ تمہ سُند مزار چھ سیلمان ٹینگہ کس دامنس تل۔ تمی ہندس کلامس چھ خطابتی لہجہ تہ پننین شاگردن چھ سلوکچ وتہ پکنگ ہدایت کران۔ دوُن گووا اکھ زباتھ چھن تمثیلی انداز تہ ونی متی یمہ منز "ڈل سوارے سائس دراو" مشہور چھ۔ تس اُس باتھ بندی ہنر جان مگر تہ نوی وژن ورتاونچ تہ آسس صلاحیت۔

**غزل گو شاعر** کُنو ہمہ صدیہ ہندس آخری حصس منز آسی اکثر شاعر پننین پیشرون ہندبن دزنن

ہُند تقلید کرنے پیٹھ منصب زانان۔ اُتھی دورس منز چھ کیہنہ شاعر فارسی کرس کلاسیکی غزلس نمونہ بناوتھ کاشرس منز غزلک اکھ مزاز قایم کران۔ عبدالوہاب پرے، مولانا انور، وار محمود تہٕ اسد میر چھ یمن منز اہم۔

**عبدالوہاب پرے** چھ کاشر زبٲنی ہُند سارو ے کھوتہٕ پُرگو شاعر۔ باسان چھ سُہ چھ درس وٲنس لیکھان رودمُت۔ پرن وول چھ ایک حجم وُچھتھ حاران سپدان۔ تمہ چھے اکھ درجن زیچھ مثنوی لیچھمژ یہند تذکرہ برونٹھے سپد۔ یمو مثنویو علاوہ چھ تمہ ۱۷۸ غزلن ہندی شُنبہ ساس اکھ ہتھ تہٕ ترٛاہٹھ شعر حروف تہجی مطابق وٲنی منز۔ یوٚدوے اکثر شعر قافیہ تہٕ ردیف چہ مجبوری کنہ صرف تک بندی چھ بنیمتی، مگر وار یاہ شعر چھن تھی تہٕ وٲنی مہ یمن منز خیالچ نزاکت یا بیانچ نزاکت تہٕ متاثر چھنے کران۔ بسیار جاین چھ باسان زِ ردیفے چھُ شعرک سبب بنیوٗمُت۔ تمہ ہندین غزلن منز چھ نعت، منقبت، صوفیانہ خیال، منظر، طنز، تہٕ پانہ حال یکہ وٹہ رٛلتھ تہٕ سارنے غزلن چھ ہوٗے رنگ۔ زنتہ تمہ پننہ وٲنسہ ہندس کنہ حصس منز یم غزل ہیتھے چھ وٲنی مہتی۔ دیوان مکمل کرتھ چھُن لیوکھمُت: "این دیوان ابیات کشمیری ۲۶، ماہ جمادی الاول ۱۳۲۵ھ بمقام فتنہ لادوب درڈنگ ختم شد۔ درآں ایام برائے انتظام کاہ سبز رفتہ بودم ..." مگر محی الدین حاجنی چھ لیکھان:

> دیوان میں ردیف دار التزام سے مجبور ہوکر وہاب نے زندگی کے مختلف
> ادوار میں مختلف ردیفوں میں طبع آزمائی کی ہے اور اسی لئے ایک ہی
> ردیف میں تراوش فکر کی ابتدائی تک بندی اور آخری دور کی پختہ خیالی
> کے نمونے ساتھ ساتھ ملتے ہیں [۵۵]

**مولانا انور شوپیانی** زاو ۱۸۵۲ء منز شپینس نزدیک کنہ پورہ۔ مٲلس اوسُس ناو محمد مختار بٹ تہٕ پانس اوسُس اصل ناو محمد انور بٹ۔ تمہ ہندی زٕ ٹھی پیچوی مولوی عبدالغنی یَن چھ انور نی حالات زندگی باوان وٕنمُت زِ سُہ اوس محمد خان ناوی اکی پیاہن منگنہ نیوٗمُت تہٕ ناو اوسُس شیر خان تھوٗومُت۔ لوکچارس منز کیہنہ رسمی تعلیم پرٲوِتھ گوو مزوٗرِ ہندس سلسلس منز پنجاب یتہِ امرتسر شہرس منز تس اہل حدیث مسلکس

ہتہ ذہنی برابری آیہ۔ نور پھیرتھ لاگ تمہ کٲشرِ منز اہل حدیث مسلکچ تعلیم دِنۍ تہٕ سُہ گو مبلغ بحیثیتہٕ مشہور تہٕ لوکو ہیوتُس مولانا انور وننُ۔ سُہ بنیوو کٲشرِ منز اہل حدیث مسلکُک بانی کار۔ سُہ پھیوٗر دوٗر دوٗر علاقن سرینگر، لداخ، کشتواڑ، ڈوڈہ بیترِ تہٕ پرِتھ جایہ بناوِن ہنز زاہڈ۔ اتھ دوران پیوٗو تس نٔنزِ نٔنزِ جیل تہٕ گرٕژھن تہٕ مقدمہ تہٕ ژٔلنۍ۔ تمس ہیچھ آسو واریاہ مولوی بیترِ ارتکیازِ سُہ اوس اکہ طرفہٕ ہیٹھاہ سلیس تہٕ روان زبانۍ منز تبلیغ کران تہٕ بییہ طرفہٕ اوس سماجی کھرِ بن، فضوٗل رسمن رواجن تہٕ توہماتن خلاف لوکن منز بیدارٕی پادٕ کران تمہ بنوو پننُ سوٗرُے کلام توحید تہٕ سنّت عام لوکن تام واتناونُک اکھ وٚسیلہٕ۔ تمہ ہنز کٲشرِ تہٕ فارسی شاعری ہند مقدار تہٕ میعار وُچھتھ چھُ تمہ سُند شاعرانہٕ بجرمانُ ہیوان۔ مولانا انور چھُ صاحبِ دیوان تہٕ فارسی تہٕ اردو زبانن منز تہٕ چھِن غزل وٚنِۍ متہٕ۔ امہٕ علاوٕ چھِن واریاہ وژُن تہٕ نعت تہٕ وٚنِۍ متہٕ۔ "مثنوی تعلیم وسنّت" چھےٚ ساہ واد شعرن ہیچھ مشتمل۔ شیخ العالمؒ تہٕ چھِنہٕ پوٚت سہل زبانۍ منز بییہ کانٛہہ تہٕ شاعرن احکامِ دین تہٕ مسلہٕ منظوٗم کرِ متہٕ۔

تفسیرِ سورہ یوسف (ترِنےٚ حصہٕ، ۱۹۱۶ء) مثنوی چھےٚ احسن القصص قرآن شریف کیو آیاتو مطابق روما نیتہٕ ورٲے کٲشرِس منز پیش کران۔ انور چھُ گوڈے لیکھان۔

نہ ہاوِنۍ شاعری دٲنش وٚری چھم

مگر کٔنۍ ہنز وٚنۍ بالا نزی چھم

سراپا نگاری منز تہٕ چھِنہٕ انورن تعقدُنک خیال مشروٗوٗت تہٕ جذبات تہٕ چھِن شائستگی اندرٕے باوٕی متہٕ۔

مولانا انورؔ چھُ وہاب پرے تہٕ وازِ محموٗدنۍ پانٛژ کٲشرِس غزلس فارسی غزلُک رنگ بخشمت۔ مگر غزل تہٕ چھِن تبلیغہٕ کُے وٚسیلہٕ بنووُمت۔ یودوٚے سارٕے صوفی شاعر ہدایتی شعر وٚنِۍ متہٕ چھِ مگر انورس ورٲے چھُ خابے کانٛہہ تبلیغی اسلوب ورتاوِتھ ہیوٚکمُت۔ سُہ چھُ لفظن ہند جذباتی حلقہٕ محسوس کرِتھ یمن

تعلیمہِ ہندِ ولتناور باپتھ موزوٗن سیاق وسباقس منز۔ اَنہٕ ورتاوان تہٕ شوٗدی کاشُر لفظ چھ موزوٗن فارسی لفظن منٛز رلتھ فکرہِ ہند بار وہتراوان۔

اے مسلمان کتھ چھ ہیم رسمی مسلمان یی پزیا
کلمہ پُری پُری ہیم چھ ہے توہ ازان یی پزیا
نادلایاں غاین کُن کور دو کر شام وسحر
حاضرس تس ناظرس ہنٛنِس چھ روشاں تی پزیا

چھُ تُسند حملہٕ کاروبار غلط
یُس رٹُن برخلاف یار غلط
تقلید ژٹھ، توحید رٹھ، کُنہِس دِاٹھ، کتہٕ روزتھ
مرشد زبر، خیر البشر، کر ذکرہِ دل اے باہُنر
مشرکین سینہ سنگ کیا، چون رنگ سرکار کیاہ
کاٹھ برنگ کیا، شرکہ ہنگ کیا، غفلتک زنگار کیاہ
غاین کن ناد دِیُن کیا، ختم کیا برلسوار کیاہ
ٹھم علم کیاہ، چیم تہٕ خم کیاہ، زیر وبم کیاہ جار کیاہ

؎ پھسوغزلو ہتی روٗز تس خلاف ناراضگی برٛان مگر سہ روٗد ہنٛنِس عقیدس پیٹھ ڈٹھ:

جان انور چاپنہ کنڑک پیالہ چیتھ مسرور گوو
عالماہ گر آسہِ دشمن کیاہ چھُ پرواہ یا صمد

انورنس دیوانس منز چھ ستمتھ غزل تہٕ گلدستۂ انور، کتابہ منز چھ شُہاٹھ غزل۔ سلام انور،

چھےٚ نعتن ہنز سوٚمبرن۔ واریاہ غزل چھن مثنوین منز شامل کرنہٕ آمتۍ۔ انورن پٕچھےٚ کاشرِس منز گوڈنیک پھِر رباعیہ تہٕ لیچھمٕژ۔ 'نصیحتہ النسواں' پٕچھےٚ کاشرِین زنانن ہندِ خاطرٕ ونونتی تہٕ روٗفی طرزس پیٹھ۔ انورنہ بییہ کینہہ کاشر کتابہ پٕچھےٚ: بشارۃ المومنین مع اشارۃ الیقین۔ اصول حدیث، جنگ بدر، فارسی تہٕ اردوس منز تہٕ پٕچھےٚ انورنہٕ کینہہ کتابہ شایع سپزمژٕ۔

مولانا انور سپد ۱۳۵۹ھ (= ۱۹۴۰ء) منز رحمت حق تہٕ ہینس آبایی گامس منزے چھ دفن تہٕ[56]

وہاب پرے تہٕ مولانا انورس مقابلہ چھُ واز محمود وجودکین سرن متعلق نکتہ سنجی ورتاوان۔ ووستادلہ تہٕ حرفشہُ ہند عنصر چھُ تمی ہندین سارنے غزلن منز غالب۔ نوٚی نوٚی قافیہ ردیف تہٕ وزن گنڈتھ چھُ سُہ نِوِ نِوِ انداز خیال آرایی کران تہٕ اوے چھ تکرار دوٗر نھاوتھ ہکان۔ صوفیانہ، شرعی، نعتیہ تہٕ مجازی رنگ چھ میلتھ۔ ووٚن گو ویصری تشبیہہ نہ آسنہٕ کنہٕ چھ پرن والس شٹھیارگ باس لگان کینژن جاین چھُ باسان زِ واز محمود چھُ لفظن ہنز نبرتایہ تہٕ شاعری زانان:۔

| | |
|---|---|
| رنگ بے رنگ گومو رنگ گومو چھاوانی | بے رنگ پرنگ گومو رنگ گومو چھاوانی |
| نار کُے کنگ گومو مارکن منز وہانی | دارنےٚ ہنگ گومو رنگ گومو چھاوانی |
| حال منصور تنہٕ میانے چھ گومُت | تالہٕ بیٹھ چھم شرعچ تلوار سےمنے |
| حدولا حد ما چھُ کینژہا حد رٹان | نود پہٕ عشق کعبہ یابت خانہ چھا |

البتہ واز محمودنی وٚژن چھ ہنا مختلف مزاجکی ہن منز۔ پٕچھےٚ زبانی ہنز کرتب بازی تہٕ خیال آرایی بدلہ وژنچہ روایژ ہنز خوبصورت ئے کاری تہٕ جذبایت۔ تمی ہندی غزل چھ طویل؛ اکھ اکھ چھُ ہینژ ہن شیٹھن شعرن ہُند۔ باسان چھُ تمیٚ چھُ واریاہ وٚنمُت مگر ضایہ چھُ گومُت تہٕ[57]

واز محمود اوس نواب بازر روزان۔ سُہ چھُ ۱۹۱۶ء پیٹھ ۱۹۱۸ء تام کنہ وِرِی پہٕ فوت گومُت۔ بیاکھ راے پٕچھےٚ زِ تُس اوس ماکس عبدالرحمان بٹ ناد تہٕ روزان اوس بجہٕ مشید نکھے۔

اَمہ دوُرک بیاکھ غزل گو چھُ اسد میر۔ تمۍ سنز شاعری ہندی رنگ ہاوُ چھتہ چھُ
مانُن ییوان زِ سہ چھُ گوڈنیُک ہندِ وزن نگارن ہندی پاٹھۍ تنگگری تہ ہاو باوِ ورتاوِتھ ہنز بہترین پھرکیگ
باوتھ پرتھان۔ وزنکہ فطری آہنگک فایدہ تُلتھ چھُ سہ غزلس خاص کاشرِ ے دِوان۔ مروجہ تشبیہن تہ
ترکیبن کام ہیتھ چھُ یُنہ مسنہ کامناپہ تہ پیرٕ تہ پرٕ تھ باضے رسول میرنس جوش آفرین لہجس منز تہ باضے
محمود گامی نس پنہ وٕنس لہجس منز پیش کران۔

| | |
|---|---|
| کرٕ تھ بھوٕ لہم لوگو لالو لو | شرمے ژلہ ہم لوگو لالو لو |
| تھٕر بانس لولہ کہن چمنن | مشک ملہ ہم لوگو لالو لو |
| روزٕ دنیر بوز میون رٕ ودیے لو لو | تازٕ تازٕ سوزٕ دل نوٕ دیے لو لو |
| کُکی لی کورکُن ترووُتھ پرتو | نوری کُن عاشقو دوٕ دیے لو لو |
| بٕرٕی بٕرٕی کھاسیٕ پرٕ تھ جانی آسی | ژینے روٕس اَمہ ما چوٕ دیے لو لو |

اسد میر زاو ۱۸۶۸ء اندی نکھہ کُنہ ورٕیہ ہوکُر بدسگامہ۔ ژاٹھ ہاٹس منز فارسی تہ عربی پرٕ تھ کورُن
اسلامیاتُک مطالعہ۔ زمینداری کرنس ستی ستی اوس شرٕ بن پرناوان۔ سُہ گو و ۱۹۳۰ء رحمت حق تہ ہجامع
مسجد ہندس آنگنس منز آو دفن کرنہ۔ ش

شیخ غلام احمد چھُ اَمہ دوُرک اکھ گمنام غزل گو یمی ہندی غزل وُنہ تہ قلمی نسخن
منز ے چھ۔ سہ زاو لوگامہ (تحصیل کولگام) تہ مالِس اوُس ناو غلام رسول۔ ۱۹۱۵ء سپد رحمت حق۔

**باقی شاعر:**۔ کُنوہمہ صدیہ ہندس آخری حصس منز چھ یمیہ تہ واریاہ شاعر قابلِ ذکر یمو
وزنس منز لول تہ تصوف حسب روایت یکہ وٹہ بود۔ یہ باب اندوا تناونہ برونہہ چھُ یُہند تذکرہ
منزوری۔

حاجن علاقہ چھُ واریاہ کالہ پیٹھہ علمک تہ ادبُک اکھ مرکز روُدمت۔ اَتہ کہن گمنام

شاعرن منز چھِ اسد پرے، رمضان بٹ، نُسہ ڈار تہٕ لالہٕ تانترے خاصکر نٲو ہیٚنہٕ لایق۔ اسد پرے اوس تصوف تہٕ شاسترچہِ علمی زبانی منز رموزن ہنز باد تھ کران۔ عام قاری ہندِ خاطرٕ چھُ اُمی سُند کلام مشکل مگر مجلسن منز چھےٚ امہٕ سیٹھاہ قدر کرنہٕ یوان۔ اسد پرے چھُ مختلف قسمکی پد وننہٕ کنی تہٕ مشہور:

ظہور انسان ژرہ پٲری تابان عالم بار ہیوٚتم تامے

یہ در عالم تہٕ در آدم، عارفن استر رود نم (صحرائی پد)

یمہ لولہکے درواز ژاے، تم ناپھیرتھ آے تم ناپھیرتھ آے

پژھ ہنز یژھ براں کھژلے پدِ تھ بینادار پدِ تھ بینادار (مستزاد، مکرر)

ہاجنگ بیاکھ مشہور شاعر چھُ نُسہ ڈار (مانسو)، سُہ زاو ۱۸۵۷ء، ماقبلہ تہٕ ۱۹۱۰ء گذریو۔ رسالہ فوجس منز اوس کٲم کران۔ تمہٕ بندی کل ارداہ وژن چھِ دستیاب۔

کمراز گ بیاکھ شاعر چھُ رمضان بٹ۔ سُہ روز بٕنہِ اکہ ندرِ، کزِ زند۔ تمہٕ چھےٚ یہ پُراسرار دلیل وژنن اندر وٚنمژ۔ تمس برونہہ چھےٚ داستان بہودر گنے ناوکی اکہ شاعرن تہٕ وٚنمژ[۵۳]۔ رمضان بٹن چھِ یہ دلیل بیان کرنس منز وژنکی ساری لوازمات کامہ لاگمتی۔ امہٕ علاوٕ چھِ تمہٕ صوفیانہ طرزکی وارہاہ وژن وٚنی متی۔ سُہ زاو پرہاسپورکہ تاریخی گامہ دوٚر اکھ زکلو میٹر گنتان گامس منز۔ تمہٕ سُند زاینہٕ چھُ ۱۸۷۵ء تہٕ مرن سنہ ۱۹۱۸ء زانہٕ یوان۔ لالہ تانترے تہٕ چھِ کمرازکے منز اکھ وژن گو شاعر گذریومُت۔ ۱۹۱۲ء منز گذریو یمہٕ عالمہٕ[۵۴]۔

تحقیق چھُ جٲری تہٕ کنوہمہٕ صدیہ ہندی مشراونہٕ آمتی شاعر چھِ بدیوان کڈنہٕ۔ یمتین چھُ بینہٕ تہٕ کینژن شاعرن ہند تذکرٕ ضرٗری یمہند کم کاپہ کلام بدس چھُ، شاہ ابراہیم (ترلگوم بٹن۔ ۱۸۹۹ء) محمد شاہ دیکہ (شہلی سگ - ۱۸۹۹ء)۔ دلیش اسمال (لبتہ پور - ۱۸۸۹ء) حبیب اللہ زرگر (خانقاہ نقشبندیہ - ۱۹۰۴ء) عبدالغفار تایب (پٹن ورمل؟ - ۱۹۱۶ء) خان پور ورمل

اسد شاہ (پھرسل کولگام) محمد سراج (زآنہ کدل ؟ - ۱۹۱۸ء) احد بٹ (؟-۱۹۰۷ء ترال) اُمر ۔ بٹ (؟ - ۱۹۳۶ء کھرو) پیر غلام الدین، غلہ پیر (زآنہ کدل) حسن شاہ بیدل آری گوم ترال ؟) محی الدین محی (؟ - ۱۹۱۸ء کشتواڑ) رحیم جوگر ٹال (؟ - ڈوڈہ) ملہ خالق (؟ - ۱۹۳۱ء پہالن) پیر عبد القادر، قدیر (۱۹۵۲ء وانہ پور سرینگر) بہاؤالدین نقشبندی (؟ - ۱۹۲۵ء وندہوم لار) جلال الدین نہار (؟ - ۱۸۹۵ء، ترال -

عبد الغفار فارغ (- ۱۹۲۵ء بٹہ مالیئن) احمد پرے (؟ - ۱۹۳۶ء شور گری محلہ سرینگر) خوجہ سبحان (؟ - ۱۹۲۰ء ونتر پور) غلام مصطفےٰ شاہ (؟ - ۱۹۱۳ء ثرار شریف) ٹھوکر منہ ووٹ (۱۸۵۰ء - ۱۹۲۳ء چنکرال محلہ) آنند رام (ترال ۱۸۸۹ء - ۱۹۳۹ء) بالک رام (ناگم ۱۸۹۴ء - ۱۹۲۹ء ہری زندر چھپے اُمی ہنز اکھ مثنوی) ستھ رام بٹ نادم (ترال - ۱۹۲۵ء) - محمد شعبان ڈار (؟ - ؟) قصہ بہرام گور چھپے اُمی ہنز اکھ مثنوی) مسکین جبار (شاہ گونڈ ہندوور - ۱۹۳۷ء) مصطفےٰ اتہہ ووٗنی، اسلام آباد ۱۸۶۰ء - ؟ - اُمی ہندی وژن چھ اکھ درجن کتابن ہنز شایع بیدی مژ -) صابر تلہ ووٗنی -

قاضی مقبول شاہ (ریشی محلہ جبہ کدل ؟ - ۱۸۹۷ء) احمد راہ (سرینگر) اکبر بٹ، وصالی (؟ ؟) گرامی (؟ ؟) الور (؟ ؟)

# کاشرِ نثرُک ووتلُن

کاشرِ نثرُک تأریخ ژھانڈنس منز چھےٚ بُنیادی غلطی کرنہٕ آمژ ، تہِ زن گوٚو صرف چھُ تتھی تخلیقہِ نثر ونہٕ یوان یہ تحریرِس منز آسہِ ۔ حالانکہ تحریرِس منز یُن چھُ اکھ اضافی معاملہٕ واریاہ ادب چھُنہٕ زٕنہے نہِ تحریرِس منز یوان تہٕ تم زبانہٕ تہِ چھےٚ یمَن منز ادب چھُ مگر تحریرٕچ روایت چھیٚ نہٕ ۔ پزر چھُ یہ زِ تہِ سوٗرُے چھُ نثری ادب ییٚتھ کانٛہہ مقرر اسلوب آسہِ تہٕ مقرر ہیئت آسہِ ۔ گنڈِتھ اسلوب تہٕ ہیئت آسنہٕ کِنۍ چھُ نثری ادب پارٕ زمانہٕ پتھ زمانہٕ اُتھی اسلوبس تہٕ ہیئژ منز پھِرنہٕ یوان۔ اُتھی منز چھےٚ امہِ کِس تخلیقکارٕ سُندِ شعورٕچ تہٕ شخصیژ ہنز مُہر آسان ۔

کاشرِس لکہٕ ادبس منز تہِ چھےٚ واریاہ تژھہٕ تخلیقہٕ یمہٕ بِنہِ نس گنڈِتھ اسلوبس تہٕ گرنس منزٕے پرانہٕ زمانہٕ پیٹھٕ اَسہِ تام معمولی ہیر پھیر گژھتھ اسہِ تام واتژ چھےٚ ۔ اُہندی خالق کم آسی ، کِتہِ آسی ، کِتھہِ آسی ۔ تہِ سوٗرُے چھُ وقتن اسہِ نِش ژوٗرِ نِیوٗمت۔ واریاہ دلیلہٕ چھےٚ ونہٕ تہِ کینژن دلیلہٕ گرٕن ہندس یا دٕوٗترس منز کم کانٛہہ پننہِ اصلی حالژ منز زٕژھرتھ تہٕ تم چھِہ یمن منز کُنہِ قسمک ہیر پھیر کرٕن بوٗڑ جرم زانان۔ مگر بدقسمتی

کنہٕ چھےٚ یٕژھ دلیلہٕ سیٹھاہ کم تحریرس منز آمژٕ۔ سانہِو اَزی کیو محققو ییلہٕ یمہٕ دلیلہٕ سوٚمبراوِ، تِمو تھوٚوہٕ دلیلن ہندِ روایتی اسلوبک تہٕ لکہٕ ہیژ ہند کانہہ تہٕ خیال۔

**حاتم سٕنز دلیلہٕ** ناوچہٕ سوٚمبرنہٕ منز شامِل دلیلہٕ چھےٚ آرل سٹاینن (۱۸۶۲ء–۱۹۴۳ء) سیٹھاہ محنت کٔرِتھ ایمانداری سان تِہنٛزس اصلی اسلوبس منز قلمبند کرِمژٕ تہٕ یِمو پاٹھۍ چھُن کاشرِ نثرُک تیُتھ اکھ نمونہٕ محفوظ کوٚرمُت یُس ہتہٕ بوٚد وٕری پرون چھُ

طوطہٕ پیوٚو اتی پتھر۔ یہٕ ژاو پادشاہ پنٛنِس مرس منز۔
یُس یہٕ وندیر اوس، سُہ چھُ ہاتیس منز۔ پادشاہ اصل
یُس اوس، سُہ کھوٚت گُرِس پیٹھ۔ "دوٚپُن یمن لکن :
مٔارِیون ہاپتھ ! لٔایوس بوٚند وکھ پھٹرٕ اُڈیوس زنگ !"
اوٚنکھ ژٕٹِھ پادشاہس نش۔۔۔۔

یمن دلیلن ہُند قدیم کٲشُر لِسٲنی انہار چھُ ٹاکار۔ شاید چھُ دلیل ونُنک یہ لہجہ تہٕ آرٕت سیٹھاہ عام اوسمُت۔ ازتہٕ چھہٕ بییشور دلیلہٕ گرٕ یتھے پٲٹھۍ دلیل بوزناوان تہٕ رمضان بٹ گنتاٗئیٚ نہٕ زیوٚہ بہو دُر گنہٕ یُن اکہٕ نندُن، تہٕ چھُ وارہس حدس تام بیٚنہٕ موٚلہٕ ہیژ منزٕ قلمبند کرنہٕ آمُت۔ اتھ منز تہٕ چھےٚ دلیل نثری عبارژ وِستی برونٹھ پکان تہٕ کاشرِ بانڈو چھہٕ یِتھ کاکی لکہٕ پٲتھر پنٛنہٕ اصل لسٲنی صورژ منزٕ برونٹھ کُن پکہٕ ناوی ہتی۔ یمن منز چھہٕ واتل پٲتھر، بہری پٲتھر، گوسٲنی پٲتھر، راز پٲتھر تہٕ درز پٲتھر سارِوے کھوتہٕ پرٲنی۔ واتل پٲتھرُک یِم مکالمہٕ وُچھو!

مسخرٕ: ہے یہ تہنٛد پٲتھر کرٕ پیٹھ چھُ گندنہٕ آمُت ؟
برونٹھ واتل : کھور بانہٕ لگے (یعنی قربان لگے) ہر شہٕ دیو اوس پادشاہ۔

درشہ دیو اوسُس وزیر، اہور اوسُس مسخر۔ ڈے دیت ماگُن یہٕ

ہنہٕ بدٕن وٕریُن رۄدی یم پاتھر زبانی زبانی زٕژھرِتھ۔ یوٗ دوٗے یمن منز کینہہ تبدیلیہ

تہٕ یوان گیہٕ، یہندی مکالمہ رۄد توتہٕ پننہٕ اصل صورژ منزے۔ وۄستاد پاتھر گرٕ اُسی پننین

ژاٹھن مکالمہ زبانی یاد کرناوان تہٕ وٗلن، وائن، نژن تہٕ باتہٕ لوازماتن ستی ستی رۄدی کردارن

ہندی مکالمہ تہٕ زٕژھرِتھ۔ چونکہ پاتھر رٕچھ طنز تہٕ ظرافت تہٕ "ظرافژ ہند رٕچھ

ژھوچھ" (تیکپیر) اوکنی اُس نہٕ چاٹن تہٕ تُسنن ہندی لفظ بدلاونٕچ یا ہرٕراونٕچ کانہہ

گنجایش۔ پتھ کیلہ مکالمن ہنز اثر آفرینی ہند دارومدار کردارن ہندس تُل تراوس، لہجس تہٕ

پھورس پیٹھے آسہ۔

کاشر نثرکی پرانی نمونہٕ چھہٕ تمن مرثین منز تہٕ میلان یمہٕ شہدائے کربلا علیہم السلام

ہنز شہادت، حالات تہٕ فضائیل بیان کرنہٕ باپتھ ونہٕ تہٕ لیکھنہٕ چھےٚ آمژ۔ یمہٕ مرثیہٕ چھےٚ

تمنے پیٹھ ونہٕ آمژ یُتہٕ حضرت میر شمس الدین عراقیؒ نہٕ تبلیغہٕ پتہٕ شعیہ مسلک کشیر منز بارس

آو۔ تم چھہٕ دہٕ یہٕ پھر کشیر آمتی، اکھ سلطان حسن شاہ نہٕ وقتہٕ سفیر بنتھ تہٕ بیٚیہ ۱۴۸۷ھ منز مبلغ

بنتھ۔ ژکن ہندس دورس منز اوس شیعہ مسلک پننس عروجس پیٹھ تہٕ اتھی دورس منز چھ

مرثیہ گویی تہٕ عروج میلان۔ مگر ژکن ہندہٕ زوالہ پتہٕ یم فساد پیدی تمن منز گیہٕ تمدٕنہ کینہہ

بلتہٕ چیزن ستی مرثین ہندی نسخہٕ تہٕ ضایہ۔ گرژ تاپے چھہٕ زٕژھراونہٕ آمتی۔ کشیر منز زٕٹ

مرثین پننہٕ دۄکھ ہتہٕ لہجہٕ کنی وپداکھن ہنز صورت یمن" وان" آسی ونان۔ پننہٕ بےٚ پھرک

تہٕ پُرخلوص جذبہٕ کنی آسہٕ یمہٕ نظمہٕ وپداکھن ہنز صورت یمن ضابطہٕ مانان بلکہ آسہٕ پُرشدت جذبو برٕتھ

نثری جملن منز تکیاز نالہٕ چھنہٕ "پابندئے" تہٕ وٕبادن چھنہٕ کانہہ گنڈٕتھ ے۔ ماتم کرن

والی اُسی کربلاکس عہد ساز المیس پیٹھ بہٕ وان:

اڑ دۄیِر وۄدنس:

ترٛیشہِ ہتہ بوٚچھہِ ہنہٕ، دوٕ دِرستہٕ میانیو
کان آدیو، جان دراو یو
کیاہ گوم! کیاہ گوم!

سٮ۪نٛس مرٕتھ یتہٕ
کوچھہِ پیٹھ ہمتھو
بوٚچھہِ ہتہٕ میانیو اصغرو! ہاشیرخاروٗ
کیاہ گوم! کیاہ گوم!

یِم چھہِ پرٮ۪تھ قاید کینٛہہ نثری جُملہ تہٕ رٕون والین ہنٛز نیاز مندی تہٕ جان نثأری چھٮ۪یِمن منٛز جذبٲتی شدت پٲدٕ کران یوٚسہٕ مخصوٗص آرتس منٛز ظأہر اُس سپدان۔
کأشِر زبٲنی ہندی پرانہٕ کھوتہٕ پرٲنی قلمی نسخہٕ چھہِ یِمنٮ۪ مرثین ہندی میسر تہٕ یِہ پأٹھۍ چھہِ یِم کأشِر نثرکی اولین تحریری نموٗنہٕ آسنہٕ کینٛہہ زبردست اہمیت حأصل کران۔ عأمو چھہِ یِم مرثی تحریرس منٛز اَنِتھ کأشرِس نثری ادبس سٮ۪ٹھاہ خدمت کرٕمٕژ۔
دون ہارٕ ژھکھ میون ژٕ گیہ بارٕ ژھکھ
کیوٗل شوبان ژٕرے ژھکھ بس تے
اوٚزتھ یوٗن کیاہ کرٕ تعریف چانٮ۪ن پاٹھن کرواتہٕ لطیف
سارنٮ۪ پاین نوارِ تس تے
شٮ۪نٛ کار گرٕتھ بیلہٕ ییتھ سمارس
کند لگ ہنٛز رتہ بندہ ہا کارس

کرمژ رحمژ سۆدرس دامن گیری
دیہ پز ہم نہ کرنی زگنش پھیری
پانٔژن وقتن ییٚم کرٕ آہی
یوٚ بنہٕ ہم کیہنہ تتہٕ بازارس تےٚ ۵

(میر سید حسین : ژوداہم صدی)

مژٕین ہندلو یموٚ پرانیو نموٗنو پروٚنہہ چھینہٕ کأشرِ نثرک بٔنیہ کانہہ نموٗنہٕ تحریری شکلہٕ منز بازیاب سپدیومُت۔ دپان بدھ مت کس دورس منز آیہ کیہنہ کتابہ کأشرس نثرس منز لیکھنہٕ تہٕ کینژن کتابن ہُند ناو تہٕ چھُ ہینہٕ آمُت مثلن 'ملندپنہہ' تہٕ 'برہت کتھا'۔ مگر اُتھ کُنہٕ چھیٚنہٕ کانہہ معتبر شہادت۔ البتہٕ چھُ یہ قیاس قابلِ توجہ زِ بڈشاہنس دورس منز چھُ کأشرِس نثرس جان ووٗنہٕ بو میوٗلمُت۔ چونکہٕ اتھ دورس منز آسی مبلغ گامہ شہر تبلیغس پتہٕ آوری تہٕ تمن آسہے ضروٗر مقامی زبأنی منز تہٕ خیالن ہُند اظہار بیوٗمُت کرُن۔ عین ممکن چھُ زِ اتھ دورس منز آسہے قرآن شریفس تہٕ ترجمہ سپدُمت۔ اُمہٕ وقتُک اکھ مورخ سِری ور چھُ لیکھان:

بادشہس آس پرٛتھ زِ پرٛیتھ کأنسہ پزِ تٔتھی زبأنی منز ہدایت دِیُن یوٚسہ زبان سُہ زانان آسہ، تویٚ کرنوو تمہٕ مختلف الہأمی کتابن ہُند ترجمہ تمن عالمن اُتھ یم سنسکرت، مقامی زبان تہٕ فارسی زانان اُسی۔ تمہٕ تام ہکن جراثیمیات، کیمیات تہٕ فن ہوی علم سمجھتھ اگر تم یمن مضمونن پننہٕ زبأنی منز پرن سُہ

کٲشرِ منز اوس ترجمہٕ چہِ کامہِ ہِندِ بأپتھ دارالترجمہ تہٕ قایم آمُت کرنہٕ۔ ابوالفضل چھُ لیکھان:

تمہِ کرناوِ واریاہ کتابہٕ عربی، فارسی، سنسکرت تہٕ کٲشرِس منز ترجمہٕ۔

اَمہِ دورچین بٔنیہ گینژن کتابن ہُند حوالہ تہٕ چھُ میلان۔ مثلن یودبٹن ڈراما "زأنہٕ پرکاش" اکھ سومن "زأنہٕ ژرتھ" تہٕ اوتاربٹن "زأنہٕ ولاس"۔ مگر یمن کتابن ہُند تہٕ چھُنہٕ کانہہ پے پتاہ۔

اَمہِ پتہٕ چھِ قرآن شریف تہٕ حدیث کٲشرِس نثرس منز پھِرنہٕ بأپتھ واریاہ کوشش آمژ کرنہٕ۔ اکثر واعظ آسی قرآن شریفس منز مختلف واقعن تہٕ حدیث کین مختلف مسلن ہِنز ورژھنہٕ بأپتھ لیکھتھ تھاوان۔ یِتھین نثری قلم پارن ہِندی نموونہٕ چھِ اَز تہٕ پرأنین نسخن منز میلان۔ وون گو واَنہِ یُنز پہٕ کتھ یاد تھاوِنی زِ نثرس منز نوٚو تصور گو ترقی یا قتہٕ زبانن منز تہٕ سٹھاہ ژیری پأدٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس اکثر زبانن منز مقفیٰ نثر تہٕ دقیق رنگین لوان لیکھنہٕ۔ اَتھ منز اوس نہٕ باضابطہٕ نثر آسان مگر جملہ کین اندن پیٹھ اوس قافیہ ورتاونہٕ یِوان۔ کٲشرِس منز تہٕ آو گوڈٕ پیٹھے یِتھ نثر لیکھنہٕ۔ اَمہِ ترأیہ ہے وُچھو تہٕ شیخ العالمؒ ہندی کینہہ شرکہٕ تہٕ باسن اَمہِ نثرے ہنکیاز قافیہ ورأے چھِنہٕ یمن منز شاعری ہِنز بٔنیہ کانہہ خاصیت۔ گیون وٲلی آسی یِتھس نثرس لیہٕ منز زورٕ اَتھ گیوان تہٕ۔ اَکس پرأنس نسخس پیٹھ روٗسی کٹ عنوانہٕ اکھ روایت لیکھتھ منزٕ نٔنزٕ چھُس اکھ گیون ہُرتہٕ: "نیرٕ ژٔتی یے دیرٕ لوٚمبرنہٕ لولہ کروے روٗدنے

دٕیہ منز کرِتھ مشکلا۔ تس فضا اوس تتی یے۔ زوٗ بخشِنے

روٗسی کچہ کرِس برکت ذاتہٕ پاکن۔ شہرٕ دِوان چھِے

بچن۔ صبحہٕ وُچھتھ آسی نیران۔ طرفاتن پھیران۔

وُچھن باغاہ عربہ منز ے۔ زاگ ہیُرن منز ناگ چھِے۔
امی ناہِ پنٛین تریش۔ اُمی یہودی یونیس زال۔ زالہٕ لجمو
رُوسی کٹ۔ زالہٕ لجمژ حالہٕ اکے۔ اُچھو کنِ اُس خوٗن
تراوان۔ تَس بچن ہنْد اوس پھیران۔ یِیٛتہٕ کُس منٛے
موکلاوہم۔ نوٗر بنیؐ سُند شینن طرفن ییتہ کنِ زوٗن پرٛزلن۔
تہندِ نورے دلو موکلہٕ۔ اوس حضرتؐ جایہ تنہا۔ رُوس کچھ
لاکیں کرکھاہ۔ اسلام علیکم آغہٕ میانے۔ سوے کرکھ
گے بولاکسؐ۔ خوش گےٗ رُوسی کٹ آغہٕ میانے۔ آو
حضرتؐ یہودس رُوسی کٹ اُچھ تراونن۔ اُمِس آسن
بچہِ ژھاران۔ اُمی یہوٗدی سردارس وُوٗن "یِیٛتہٕ ضامن
کانہہ تھاوُن" درایہٕ رُوسی کٹ ژلاں لاران.....

اَمہٕ قسمکی واقعہٕ، حدیث تہٕ حکایژ آسہن پرٛتھ زمانس منز کاشرٛی واعظ ییٚکھتہ تھاوان تہٕ
گیوٗن واکی آسہن ہیٚنہٕ پاٹھی لیہِ منز گیوٗتھ جایہ جایہٕ پیش کران۔ چھکہٕ بروٗنہہ یوس "ید"
اُس گیوٗنہٕ یوان، سو تہٕ اُس باضے نشرے آسان۔

ہدایت تہٕ تبلیغہٕ باپتھ کاشر نثر ورتاونٛچ منظم کوشش پیز ۱۸۲۱ء منز بیلہِ
"سرام پور مشنری" ہِند ذریعہ نوٗ ٹیسٹامینٹ ترجمہ کرناونہٕ آو۔ شاردا لپی منز آیہ اَکُز
ایڈیشن یوٗتس پیتھ شایع کرنہٕ تہٕ ۱۸۸۴ء منز آدیہ فارسی خطس منزٕ تہٕ شایع کرنہٕ۔ اَمہٕ
پتہٕ آو برٹش بایبل سوسایٹی ہندِ اہتمامہٕ اولڈ ٹیسٹامینٹک ترجمہ تہٕ کرناونہٕ تہٕ ۱۸۹۹ء منز
آیہ دو نوے حصہ یکہ وٹہٕ لدھیانہ پیٹھ شایع کرنہٕ۔ ترجیح یہ ساہرے کام آیہ ٹی آر ویڈ

ناوِکس پادری ہٕنز نگرانیہ منز اَنز راوہٕ تہٕ کاشُر ماہرا دس یار محمد خان۔ بابلہ ترجمہ کرناوٕنۍ کام چھےٚ اَمہِ پتہٕ تہٕ جاری روزمٕژ۔ متی ہٕنز انجیلہ تہٕ لوقا ہٕنز انجیلہ ہندین ترجمن چھےٚ پانہٕ وٚنۍ اسلوٗبٕچ وارِیاہ فرق مشلن۔

ہ تو پتہٕ آو یسوعؑ روٗحکہ قووتہٕ سٟتۍ بیابانس اندر
نِنہٕ یتہِ شیطان تَس آزماوِ ہ تہٕ ییلہِ ژتجہن راژن
تہٕ ژتجہن دوہن روز بھاوِتھ موکلیو، آخر لجُس بوچھ
تہٕ آزماون وٲلۍ دوٚپ تَس نِش یِتھ تس ژٕ ہے
خدایہٕ سُند فرزند چھکھ ژٕ دپہ یمہ کنہٕ سپنن ژوچہ۔۔۔

(متی ہٕنز انجیل۔ ۱۸۹۹ء)

تہٕ یسوعؑ روح القدس سٟتۍ پُرِ سپدِتھ آو پوٚت
پھیرتھ تہٕ روٗحکہِ ہدایتہٕ سٟتۍ گوو بیابانس اندر
ژتجہن دوہن تہٕ ہ شیطانس نِش آو آزماونہٕ
تہٕ تمن دوہن اندر کھیون نہٕ کینہہ تہٕ ہ ییلہِ
تم دوہ موکلیہٕ تہٕ لجُس بوچھ ہ تہٕ شیطانن
دوٚپُس ژٕ ہے خُدایہٕ سُند فرزند چھکھ کنہٕ دٕپھ
ز ژوٚٹ ینہٕ ...... (لوقا سنز انجیل، ۱۹۲۵ء)

گوڈنیک ترجمہٕ چھُ زیاد سہل تہٕ عام ورتاوکس محاورس منز یتہِ منز روانی تہٕ پانٹھیار چھُ۔ دوٚیمہِ زبان چھ عالمانہٕ، کھُرِ دار تہٕ اصلس تابین۔

گنوہمہ صدیہ منز آیہ بنیہ تہٕ کینہہ کوشش کرنہٕ۔ ۱۸۷۶ء منز کِرام جو درن

جیومٹری متعلق اکھ بنیادی کتاب تیار۔ اَتھ اوس ناو "تحریر اقلیدس بزبان کشمیری"۔ اَتھ منز چھِنے شوٗز تہٕ صاف زبان ورتاونہٕ آمٕژ تہٕ بروٗنٹھے مروجہ لفظن چھُ اصطلاحی رنگ دِنہٕ آمُت مثلن:

یِیمہٕ ترکوٗنجکو زٕ کوٗنج آسَن پانہٕ وٲنی سوٗمی، تمن دوٗن
پانہٕ وٲنی سوٗمی کوٗنجن منز یِیدٕ سیوٗد زٕ لنجہٕ تہٕ گرٕژھن
پانہٕ وٲنی سوٗمہٕ۔ مان و ب ج چھُ ترکوٗنجل۔ اب ج
کوٗنج چھُ ا ج ب کوٗنجس سوٗمہٕ۔ اد گرٕژھن آسنہٕ اب
تہٕ اج لنجہٕ پانہٕ وٲنی سوٗمہٕ رٕ

رام جودر اوس تعلیم ہُند ڈایریکٹر۔ سَنہٕ گوو ۱۸۸۳ء فوت۔ یورپی ماہرن تہٕ محققن ہُند دیُت چھُ کٲشر زبٲنی ناقابل فراموش۔ تہنزن کامن منز چھِنے کینہہ کامہٕ یمہٕ نثر شیرنس منز مددگار روزٕ۔ جیمز ہنتن نولزُ سُند ناو تہٕ چھُ قابلِ ذکر۔ تمی لیُچھ محاورن تہٕ دٕپتین متعلق اکھ کتاب یتھ منز محاورٕ تہٕ دٕپتی جملن منز ورتاونہٕ چھٕ آمتی۔ یہ کتاب ییہ ۱۸۸۵ء منز چھپ۔ ۱۸۸۷ء منز لیوٗکھ نولزن کٲشرین پرٕژھن متعلق بیاکھ مقالہ یُس رایل ایشیاٹک سوسایٹی ہِندِس جرنلس منز شایع سپد۔ ۱۸۹۳ء منز ییہ نولزٕنی کتاب فوک ٹیلز آف کشمیر شایع یوسہ واریاہ مقبوٗل ییہ۔

کٲشرین وکھٕ دٕلیلن کُن دیُت بیٚیہٕ تہٕ کینٕژو محققو توجہ یمن منز سر آرل سٹاین سُند ناو سارِوے کھوتہٕ اہم چھُ۔ تمی سوٗبراو حاتم تلہٕ وٲنی ناوکِس اَکِس مشہوٗر دلیلہٕ گرٕس نِشہٕ بوٗزِتھ کٲشر دلیلہٕ تہٕ اکھ اکھ لفظ احتیاطہٕ سان قلمبند کٔرِتھ کوٗرن کٲشرین وکھٕ دلیلن ہُند روایتی اسلوٗب محفوٗظ۔ ۵۲۷ صفن پیٚٹھ مشتمل یہ کتاب ییہ ۱۹۲۳ء منز لندنہٕ پیٚٹھٕ شایع

یتھ منز گریرسنٕنۍ مفصل دیباچہ، دلیلن ہند لسانی تجزیہ تہٕ حاشیہ تہٕ شامل چھِ۔

اَتھ دوران روز واعظن تہٕ مبلغن ہندِ ذٕسہ قرآن شریفس نثری ترجمہ کرنچ کوشش جٲری۔ مولوی احمد شاہ جامعی چھُ اَمہِ کِس اَکِس حصس ترجمہ کران تہٕ دیباچس منز چھُ اَمہ بروٗنہہ مِن کوششن کُن تہٕ اشارہ کران:

یمہٕ بروٗنٹھ آس یتھ ہرِ کامہِ اندر گوڈنی سبقت کرمٕژ
جناب میر واعظ مولوی یحییٰ صٲبن نور اللہ مرقدہ۔ تمو
اوس صرف یتمہِ سپارِ پارہ عمس کٲشری پاٹھو ترجمہ کوٗرمُت
یوسہ چھاپ آس سپزمٕژ۔ تمہِ بروٗنہہ اوس اسلامیہ ہائے
سکوٗلکی سابق ہیڈ ماسٹر جناب غلام محی الدین خان صاب
ہہال پوٗرین سارِ ہے قرآن مجیدس بزبانِ کٲشری ترجمہ
کوٗرمُت یُس ازتام بالکل زیرِ پردہ روٗد تہٕ علماءِ کرامن
تہٕ اوس نہٕ تمہِ کِس طباعتس اجازت دِتمت۔ تمہِ پتہٕ کوٗر
جناب میر واعظ مولوی یوسف شاہ صٲبن پارہ عمہ
دبارہ مزید تفسیر چ وضاحت کٔرتھ، معنی تہٕ فواید
ہُرراوتھ معترضن ہندن اعتراضن جواب دِتھ شایع
یُس ونکنس موجوٗد چھُ۔

عیسائے مشنرین ہُند زوردار تبلیغ تہٕ اوس اکھ وجہ زِ کٲشرو واعظو کٔر قرآن شریفچ تعلیم نثری زبٲنی منز عام کرنچ کام تیز۔ ترجمہ تہٕ تفسیر کرنہٕ علاوہ آیہ واریاہ رسالہ تہٕ شایع کرنہٕ یُتھ زن عیسائے تبلیغس مقابلہ ہیکہِ ہے ییٚدتھ۔ چنانچہ ابو عبد الحی پیر غلام احمد کشمیری چھ

القول الفصیح فی ابطال الوهیة المسیح' عنوانہٕ کِس رسالس منز لیکھان:

..... تم (اہل نصاری چھِ ونان حضرت مسیح علیہ السلام
چھُ خدا تہٕ خُدایہ سُندنیچُو تہٕ اچِھ تعلیم چھِ آسان کران ہیندین
شفاخانن اندر تہٕ مدرسن اندر۔ بتقدیر الٰہی وولس ہ تہٕ ترینیہ
ژور لۄبہ شفاخانس اندر۔ تَتہٕ وُچھم پادری صاحب زیادٕ
بہن پہے منادی کران حضرت مسیحؑ چھُ خُدا تہٕ خدایہ
سُندنیچُو۔ دپان یُس یہ اعتقاد تھاوِ سُے لبہِ آخرتس
اندر نجات۔ یُس اکھاہ اتھ برخلاف اعتقاد تھاوِ سُہ
گژھِ عذاب ابدس گرفتار بلیہ وُچھم توراتس تہٕ انجیلس
کأشر زبأنی ترجمہ کوٚرمُت۔ تِمے کتابہٕ خلقن بقیمتہٕ
ارزان دِوان۔ یُس گو وُمنے خیال.....''

وُہمہ صدی ہندس گوڈنکس ڈٕلس منز چھے نہٕ اہم نثری کتابہٕ شایع سپزمژٕ بیمہ اہتمام لوکن منز سیٹھاہ مقبوٗل چھے۔ اکھ چھے ۱۸۸۸ء منز لیکھنہٕ آمژ ''معراج صلاح منہاج فلاحؔ'' یتھ عام پأٹھی ''کأشر کتاب'' چھِ ونان۔ اَتھ منز چھِ شعیہ مسلکہٕ نقط نظرٕ کنہٕ فقہ تہٕ شرع کین معاملن وضاحت آمژ کرنہٕ۔ دوٚن جلدن منز لیکھنہٕ آمژِ اَمہِ کتابہٕ ہند مصنف چھُ الحاج آغا محمد سید محمد موسوی (؟۔ بڈگوم۔ ۱۹۳۲ء)۔ گوڈنکس جلدس چھِ ۳۶۶ صفہٕ تہٕ دوٚیمس ۲۵۰ صفہٕ۔ اَمچ زبان یوٚدوے فارسی آمیز چھے، مگر یہ چھے عوامس منز مقبوٗل۔ دوٚیم مشہوٗر کتاب چھے مولوی محمد نورالدین قاری ہنز کأشر مسلہٕ کتاب (۱۹۲۹ء) یتھ منز سنی مسلمانن ہندِ عقیدٕ مطأبق شرعی معاملن ہنز وضاحت چھے۔ مولوی محمد نورالدینن چھے اَمہِ علاوٕ بییہ تہٕ

کیہنہ دینی کتابہ لیچھر شیمہ بے حد مقبول سپنز۔ "کأشر مسلہ کتابہ" ہندس طرزس پیٹھ لیچھ تمو دیالحق تہ دینی مسلن پیٹھ چھُ عالمانہ اندازٕ بحث آمُت کرنہ۔ کأشُر تفسیر (۱۹۲۵ء) چھُ قرآن مجیدچہ آخری سپارہ ہُند سلیس تہ صاف تفسیر۔ اَمہٕ کس سرنامس منز چھُ لیکھان:

اگر خداوند کریمن توفیق دِیُت ساری سے قرآن مجیدس
کرٕ یمی طریقہٕ وارٕ وارٕ ترجمہ۔ امید قوی چھُم زٕ عاشقان کلام
خدا کرن یِمہٕ کس اشاعتس منز بدل و جان سعی و کوشش۔
بالخصوص پھرن عام مسلمانن گلریز تہ لیلیٰ و مجنون و تمام
قصہ و افسانہ کتابہ پرنہٕ نشہٕ یور کُن نہٕ

"کأشر ہار باگے" ناوچ بیاکھ کتاب چھےٚ نورالدین قاری سنز یتھ منز تمو وراثتس متعلق اسلامی نظریہ شعرن منز ورٕ ٹھنوومُت چھُ۔ تمو چھُ "قصیدہ بردہ" تہ کأشرس منز ترجمہ کورمُت۔ یمو کتابو علاوٕ چھےٚ تمُہ سنز بیٚیہ تہ کتابہ شایع سپزمژ مثلن کأشر بانت سعاد، مرقاۃ الادب، المنطق، قاعدۂ نورانی، جامع الدعوات، اسلامی، مرآۃ الحقایق، ضروریات دین بیترٕ۔
مولوی نورالدین قاری چھُ اخلاقی تعلیمہ ہُند زبردس قایل اوسمُت تہ پننہ زمانہ کین کأشرن ہندس ادبی ذوقس پیٹھ چھُ سخ ناراض اوسمُت۔ تمُہ سُند تنقیدی نقطۂ نظر چھُ یتھ اقتباسس منز واضح سپدان:

پتی چھُم ہر کلمہ گو مسلمان ہندس خدمتس بصد عجز
التماس زٕ اگر تم بجاے قصہ و افسانہ کتابہ پرنہٕ کھو تہ
یور کُن توجہ دیہن، گلریز تہ شکرریز بیٚیہ لأل مجنونن تہ
شیرین فرہاد وغیرہ بیہودٕ تہ لغو بیٚیہ مخرب الاخلاق

کتابہ پرنہٕ کھوتہٕ مسایل دین ہیچھنس کُن ذوق وشوق پاد
کرہن سٹھاہ بہتر تہٕ افضل اوس ۔۔۔ تکیازِ تیمے
قصہ تہٕ بیہود کتابن ہندٕ پرنہٕ ستی چھ اخلاق بگران بیٚیہ
صحبت بدلاران ۔۔۔ لہٰذا چھُ یم قصہ کتابہ پرنہٕ نشہٕ
اجتناب تہٕ پرہیز کرُن ضروری تاکہ یُتھنہٕ انسان بدمعاش
بنہٕ تہٕ ناپاک سپدِ۔[۱۲]

مولوی محمد نورالدین قاری اوس نور منزل واز پورِ روزان ۔ والدس اوسُس ناو مولانا صدرالدین قاری ۔ سرینگرکس گورنمینٹ ہائے سکولس منز اوس عربی معلم ۔ اَتھ دورس منز آیہٕ دینی مسلن پیٹھ بیٚیہ تہٕ کیہنہ کتابہ لیکھنہٕ یموٚ ستیٚ کاشُر نثر عام سپُد ۔ مگر اکثر کتابہ چھنہٕ از عام پاٹھو دستیاب ۔ محی الدین ہندوؤن ہنزٕ ترےٚ کتابہ تفسیر پارۂ عم، عقاید نامہ، تہٕ آئینہ حقیقت روزِ سٹھاہ مقبول ۔ شایق شاہ آبادی لیچھ شرحِ وِردالمریدین ابوحسن وفائی لیچھ دینی مسلن پیٹھ بیاکھ کتاب "شرعِ محمدیؐ" یا کاشرِ بڈ مسلہ کتاب یتھ منزٕ اسلامی قانونس ستی ریاستی قانونن پیٹھ تہٕ بحث چھُ کرنہٕ آمُت ۔ عام فہم تہٕ سلیس کاشرس منزٕ لیکھنہٕ آمٕژ کتاب ییہٕ ۱۹۴۵ء منزٕ شایع ۔ مولانا انور شوپیانی (۱۸۵۳ء - ۱۹۴۰ء) لیوٚکھ تفسیر سورہ یوسف یتھ منزٕ آیاتن ہنز نثری تشریح آس ۔ شیخہ پور بانگلی شاعر محبوب مقبول الطافی (۱۸۴۵ء-؟) تہٕ چھےٚ قرآن شریفس ترجمہ کرنٕچ کوشش کرمٕژ ۔ تبت یدا ابی لہب سورہ شریفک ترجمہ چھُ اَکس قلمی نسخس منز دستیاب ۔ اَمِچ زبان چھےٚ سخ فارسی آمیز ترجمہ چھ لفظ لفظہٕ۔[۱۳]

۱۹۳۰ء برونہہ پیدی علمی نثر کہ بیٚیہ کیہنہ قابلِ ذکر تجربہ ۔ ۱۹۲۱ء منز لیچھ سری کنٹھ توشخانی (سرینگر ۱۸۹۷ء - ۲ دسمبر ۱۹۸۱ء) ریاضی ہنز زان 'اگر نزوید' ۔ اتھ منزٕ ورتاوی تم کاشری روایتی اصطلاح نوِ اندازٕ ۔ مثلن پُشرن (جمع) والُن (تفریق) گونُن (ضرب) پھالن (تقسیم)

ریاضی ہنز یہ زبان اُس قالباف تعلیمہِ ستۍ ہشر تھوان تہٕ زیٛو پھرنی آسان۔ مثلن ۸ ÷ ۵×۲ = ۲۰۷ ہیکو پرٛتھ" نہٕ پیٛشر سداہ وال ترٛے گون پانٛژھ پھال اُٹھ۔

اُتھی دوران پیدی نثری ڈراما لیکھنکی تجربہ۔ نندلال کول طالبنٕی ستیٚ کھوٹ غلام نبی دلسوزنی ڈراما، محی الدین حاجنی سُند گریس سُند گرٕ، چھ کاشر نثرکس ارتقاہس منز اہم قدم۔ یمو ڈرامہو کرٕی لیکھنکی کیہنہ نٔوی طرز قایم یم مقبول سپدی تہٕ جاری رٔودی۔ ۱۹۳۶ء منز آد ایس پی، کالجکس پرتاپ میگزینس منز کاشُر حصہ قایم کرنہٕ۔ کالجکو طالب علم تہٕ ٹیچر لگی مختلف علمی موضوعن پیٹھ نثر پارٕ لیکھنہٕ یمن منز غیر رواتی زبان ورتاونہٕ آیہ۔ ۱۹۴۱ء منز گوو گوڈنیک کاشُر اخبار 'گاش' جاری۔ یمیک مالک محمد امین مہجور (ستری گوم جلد دوم ۱۹۲۱ء-۱۹۸۲ء) اوس تہٕ مدیر اوس پلوامیک اکھ شخص حفیظ۔ اَتھ اُس غلام احمد مہجورنی سرپرستی حاصل۔ یہ اوس ہفتہ وار تہٕ مواد کُنہٕ اوس طرحدار۔ خبر، ایڈیٹوریل، علمی مضمون، ماحولس تہٕ صحتس متعلق زانکاری طنز تہٕ ظرافت بیترِ ہوی عام دلچسپی ہندی چیز اُسی پرتھ شمارس منز شامل یوان کرنہٕ۔ اخبارس آسہٕ پانٛژھ ہتھ کاپیہ چھپان تہٕ پرتھ کاپی اوس مول ترٛے پونسہٕ۔ اخبار رٔود تقریباً ڈٕہ ڈٕس وٕری یس چلان تہٕ اَخر سپد مالی مشکلاتو کنہٕ بند۔ کیہنہ اقتباس:

- یتمس ہفتس منز ژھتی ریذیڈنٹ، اسسٹنٹ ریذیڈنٹ، انسپکٹر جنرل تہٕ ہیڈ و صاب ملاقاتہ خاطرٕ نٔدس میر واعظ صابُن گرٕ۔ میر واعظ صابن دژ یمن صبحن چاے۔

- صفا پور ژوٚل اکھ واتُل پننی نوش ہیتھ۔ پُلیسس منز آو رپورٹ کرنہٕ۔ وو مید چھتے زٕ پلیس کڈٕ یمن ہُند پتہٕ فوراً۔

- اَکس زاو نیتھرِ کرٕتھ ترٛیی ریتی نیچو۔ زنانہٕ 'وٕرژس' اُمس کیاہ کرو ناو؟

خاندار ووٚتھُس: "اُمِس کرٛو ناو ہوٲیی جہازٕ"۔ زنانہٕ پرٛژھس: "یہٕ کیازِ؟"
خاندار ووٚتھُس: اَمہٕ کِنہ زِ اُمی کُڈ ترٛہن رتٕن منٛز نوٕن رتٕن ہنٛز وَتھ۔

# وُہمہِ صدی ہٕندۍ روایت پسند شاعر

وُہم صدی گٔژھ ساری ہیے دنیاہس کٔرِ وارِیاہ سماجی، سیاسی، رۄحانی تہٕ فکری انقلاب ہیتھ۔ یِمو انقلابو کوٚر کشیر ہیتھ سورے برصغیر متاثر تہٕ انسانہٕ سُند سورُے سوچ بدلیوو تہٕ نوٚو سرحد لوٚگ تلاش کرنہٕ۔ شعورچ یہ تبدیلی سپز شاعری تہٕ ادبس منز ظاہر۔ شاعری تہٕ ادبکو باقے اظہار ذٔگو ساپہ بدلن وٕزین ہنزن قدرن تہٕ رشتن خلاف بغاوت کرنہٕ تہٕ نوٚو ادب آو بارس یٚیمچ بُنیاد حقیقت پسندی ہُند فلسفہ اوس۔ مگر شاعرن ہُند اکھ بار تعداد رُود نوٚو تبدیلیہ وُچھتھ تہٕ پرانیے قدرن معنین تہٕ اظہارن ہندس حقس منز۔ یا تہٕ اوکنہِ زنین تبدیلین آسی تم شکہٕ برژو نظرو وُچھان، تہٕ اوکنہِ زٕ تم آسی پانس اندۍ کنۍ دنیاہس نشہٕ بے نیاز فقرچہ وٕتہٕ ہندی وٕتہٕ گژھ۔ مگر نوین تبدیلین ستۍ قدم نہ رلاونہٕ ستی ہیکہ نہ کانہہ شاعر بوڈ یا لوکٹ آسِتھ۔ یِمن قدامت پسند یا وِنو روایت پسند شاعرن ہکو نہ یکمشت پاٹھۍ روایتی شاعر ناو دِتھ تہٕ رد کٔرِتھ۔ یِمن منز چھِ ساری کینہہ بلند پایہ شاعر یِم روایتس لور روٗزِتھ تہٕ تخلیقی کمال ہاوِتھ گےٚ۔ یتھ بابس منز یِیہ تِمنے شاعرن ہنز ذکر کرنہٕ۔

گنوہمہِ صدی ہندس آخری حصس منز یا وُہمہِ صدی ہندِ ین گوڈنکین دون دہلین

منز زاہتھ اکثر شاعر رُودی دُہمہ صدی ہندِس نصفس تام لیکھان تہٕ کینہہ شاعر آسی اوتر تام نوین شاعرن لر لۄر وۄتھان بہان تہٕ کینہہ چھِ وُنہ تہٕ وضعدار پرژھ ہوی اُسہٕ منز۔

صوفی شاعریہ ہندین آخری قداور شاعرن منز چھ گوڈنیتھ صمد میر تہٕ احد زرگرنی ناو ذہنس منز یوان۔ صمد میر زاو نمبل ہار (بڈگوم) ۱۸۹۲ء منز۔ مٲلس اوسُس ناو عبدالخالق میر یُس پانہٕ تہٕ صوفی شاعر اوس تہٕ بیشہٕ کٔنی اوس اُری کش۔ صمد میرس کوٚر کھ بہہ وُہری ہیے خاندر تہٕ تس پیئے شُر لازی منز ے محنت موٗزوٗری کرنی۔ اُری کشی کران کران پھیور سہ وار یہن گامن۔ تس آو پہ پرنک موقعہ مگر سہ رُود مرشدن نشہ روحانی تربیت رٹان۔ نہ صرف کرٕ تمی تصوفس زان حاصل بلکہ شاسترچ تہٕ۔ صمد میرنی شاعری برتھ چھنہ کنہ شایہ تہٕ باس لگان زِ سُہ چھ اَن پڑ اوسمت۔ بُجرس منز اُژھ آو سُہ شہر پیٹھ واپس نمبل ہار تہٕ اَتی گذٲرِن باقے وۄنس۔ بڑ سوار بڑ سوار اوس تہتہٕ گرِ گیُون لگان تہٕ اُدی بندین طالبن ہند تعداد گوو ہُران۔ ۹ جنوری ۱۹۵۹ء گو صمد میر رحمت حق تہٕ بیننس مٲلس نکھ آو اگر دفن کرنہ۔

صمد میرنہ شاعری منز چھے گوڈنیتھ تمی سنز لفظ ژار متاثر کران۔ صوفیانہ موسیقی ہنز زان آسنہٕ کنی چھ تمی مختلف مقامن پیٹھ باتھ وۄنی متی۔ پانہٕ اوس نہ لیکھتھ ہیکان لہذا چھے تمی سُند کلام نقل کرن والیو واریہن جاین وزنچہ غلطیہ تھاوِمژ۔ تمی سُند اکثر کلام چھ تمی سنز حیاتی منز ے لوکچین اد کچین کتابن منز شایع سپدُمت۔ 'کلام صمد میر' عنوانس تل چھپے یہ کینہہ کتابچہ: ترانۂ صمد میر عنوانہٕ اکھ، 'لالہ مال' عنوانہٕ اکھ تہٕ آرول عنوانہٕ اکھ۔ یمو علاوہ چھ اکہ نندُن تہٕ دون حصن منز چھپیومُت۔ صمد میرس یوسہ مقبولیت حاصل سپز سۄ چھے سیٹھاہ کم لوکن نصیبہ۔ تمی سنز شاعریہ منز چھے رمز کاری تہٕ اشاریت نوی نوی طرح پراوان تہٕ بصیرت پچھے سیٹھاہ کم۔

دچھ راتھ کھٔرش ہلہ ہلہ     تتھ ما زانہہ وردراو

کٲری گر کوتاہ دلہٕ        کھو کلہٕ کرِو ٹھہراو

٥ ہُری میٹھرٕ تہٕ مازس باوکوٚنُے   گرِی چھہٕ کھوان مار
شیٖرن پرٕ زیادٕ یُن گاسہٕ کھیوٚنُے   کاٗتسہٕ ووٚنُے لو

٥ ہٲری کوٚے طوطہٕ ہنز پٲری زان ڈٔبییے
لٔجییے دٔورن گراے
مٲری نُنزی پانسٕ ہی کٔتھ ؤبییے
لٔجییے دٔورن گراے

**لسہٕ خان فدا** اوس قاضی محلہٕ (اننت ناگ) روزان تہٕ مٲلس اوس ناو جبار خان۔ سُہ زاو ۱۸۹۳ء منز۔ جبار خان اوس پانہٕ باسلوک بزرگ یمیٚس واز محمدس محمد سراجس ستی دوستانہٕ اوس۔ تہند کلام چھُن یتھ اکھ لیکھتھ تھوومُت۔ محمد سراج اوس لسہٕ خانس مرشد تمِس پتہٕ بنوون لاہورک غلام نبی بٹ پنُن مرشد۔ آخر کوٚر تمی پنُن الگ مسلک قایم تہٕ دارِہین کرٕن رہبری۔ لسہٕ خانٕنہٕ شخصیژٕ تمی ہند بو نظریہو چھُ واریاہ اختلاف رلے یُتھ کوٚرُت تہٕ دوہ یہ پھرٕ جھُ جیل تہٕ آمُت سوزنہٕ ۱۹۶۵ء منز گوو رحمت حق۔ تمی سُند دوہ چھُ بڈٕ عقیدتہٕ سان مناونہٕ یوان۔ لسہٕ خانٕنی چھےٚ ژور مثنویہٕ 'گلزار حقیقت'، گل بکاولی قصہ شاہ بہرام، قصہ چہار درویش تہٕ لیچھٕ۔ مختلف صوفیانہٕ حالن ہنز تمثیلی باوتھ چھےٚ گل بکاولی منز دلچسپ اندازٕ کرنہٕ آمٕژ تہٕ یہے چھےٚ لسہٕ خانٕنٕز ساروے کھوتہٕ مقبول مثنوی۔ یوٚدوے بیانس منز روایتی انداز چھُ مگر گلس پیٹھ چھےٚ اُرٕ حکایت اکہٕ مربوط استعارٕ رنگی پرن والین متاثر کران۔ گل بکاولی تہٕ سیف الملوکس عشقس تہٕ تلاشس منز چھُ پرن وول پانہٕ تہٕ اکھ روحٲنی سفر طے کران۔

لسہ خانن چھِ مثنوِیو علاوٕ وژن تہٕ غزل تہٕ وُنۍمتۍ یِم ازتہٕ مقبول چھِ۔

"گُل بکاولی"، مثنوی لیکھنہٕ باپتھ چھُ کمرازک تہٕ اکھ شاعر مشہوٗر، نعمت اللہ پرے۔ سُہ زاو صفاپور ۱۸۸۳ء س منز تہٕ ۱۹۶۳ء س منز پیُو فوت۔ سُہ اوس صوفی طرزٕ لسان بسان تہٕ لُکھ چھِس نعمہ صاب وَنان۔ بیشہ کیٚنۍ چھُ ٹھیکہ دراوسمُت۔ نعمہ صابنۍ گل بکاولی چھےٚ لسہ خانہٕ مثنوِیہ کھوتہٕ زیادٕ مفصل تہٕ یہ چھےٚ ژون لیچھن منز۔

یڈی بار سرینگرٕ اوس لسہ خان ناوُک بیاکھ شاعر روزان یُس ۲۹، اپریل ۱۹۶۴ء رحمت حق سپُد تہٕ جواہر نگر سرینگرٕ چھُ سپرد خاک کرنہٕ آمُت۔ اُمۍ چھِ صوفیانہ طرزکۍ وژن وُنۍمتۍ۔

عبدُ الاحد زرگر چھُ وُہمہ صدیہ ہندین صوفی شاعرن منز سارِوے کھوتہٕ ممتاز۔ سُہ زاو ۱۹۰۴ء منز مکار محلہ سرینگرٕ۔ جداجداد چھِس سونرکام کران آسۍمتۍ، مگر تمۍ سُند مول غلام محی الدین زرگراور روٗفی گر۔ ابتدایی تربیت کرٕ تمۍ ڈلی پور کاوڈارکس عبدالکبیر لونس تہٕ میر واعظ احمد اللہ یعنی عمہ صابس نش حاصل۔ کم کاسہ فارسی تہٕ عربی تہٕ پوٚرُن اوخن صابس نش تہٕ تصوف دُیہ منز روٗژُن قادری تہٕ کبروی سلسلہ۔ واریاہ طالب آیہ تمس نش تربیت رٹنہٕ تہٕ تمن سٟتۍ رُلتھ اوس پریتھ بۄنسوارٕ دوہ مجلس سماع کران۔ احد زرگرن چھوپ منۍ باپتہٕ کلام کلیات احد زرگر، کتابہ منز ییلہٕ زن زٕ بروٚنہہ کتابچن منز چھاپ اوس سپُدمُت۔ کلیاتس منز شامل ۲۱۳ وژنو نعتو تہٕ منقبتو علاوٕ چھُ تمۍ اکہ ننُدن، وَونُمت تہٕ بییہ چھِن گل تہٕ صنوبرٕ اکھ مثنوی لیچھمٕژ۔

احد زرگرٕ نۍ شاعری چھےٚ رمزن، کنایہ تہٕ تمثیلن منز شاعری۔ اتھ منز چھُ گونگ مُدا خاصکرتھ غالب۔ ییمہ کیٚنۍ قافین تہٕ لفظ تکرار چھِ مجبوری کیٚنۍ اتھ منز اضافی ابہام چھُ پاداگوٚمُت تو تہٕ چھُ احد زرگرٕ نۍ کیہنہ بیتھ سیٹھاہ مقبول گمتۍ۔

رنگ باٹل ڈولُم تاز گلس سِے منے دِلس کان

نگ کاڈ تژوُلم رازٕ بلس           ُسے مےّ دِلس کان

نارٕچ رێہہ چھم جسم گلس           دم بدم تیزان

پارٕچہ زاڈ تم سوُر ملس           ُسے مےّ دِلس کان

تمہ ہنز شاعری سمجنہٕ باپتھ چھےٚ تمہٕ ہنزن مجبوب علامژن ہنز زان ضروری۔ یمن علامژن

ہنز چھےٚ 'سیاہی' سارِوے کھوتہٕ اہم علامتھ۔

گل بتراتھ ییلہٕ پھوٚل از ظلمات           ظلِ ظلماتہٕ نشہٕ گووپاد پربھات

کلِ کائنات تنبلووُم جلون

اندرٕ کھالان ہیندرس ستہٕ ساسہ پن

یمو علامژو علاوٕ چھُ تمس نش سارنےٚ معنیَن ہند آگر شاعرس ہند متکلم "بہٕ" یُس گناہن

تہٕ ثوابن ہند، حرکژ تہٕ جموٗدک، آسنک تہٕ نہٕ آسنک مرکز چھُ۔

بے موجود در زمین و آسمان           بے سوبہ سو ماہ و مہر بر زلان

بےہ دوہ تہٕ راتھ لوح قلم کارساز

کس دِمہٕ سجدہ تے کس پرہ نماز

احد زرگرنہٕ شاعری منز چھِ استفہام تہٕ بغاوت ژلتھ یژھِ ہندس نٹنھیارس گملاونچ

کوشش کران۔ مگر امہٕ ہنزٕ یژھ شدید احساسچ شاعری چھےٚ رسمی پاٹھن منزرٕل گمژھ۔ احد زرگرس

چھُ حکم کفر تہٕ دینہٕ آمت، اکی لٹہ نہٕ واریاہہ لٹہِ۔

'گل وصنوبر' چھےٚ احد زرگرنٕ کنی مثنوی۔ یمیک قصہ تمہٕ اردو مثنوی ہیوٗ اوٗمت

چھُ۔ قصہ چھ ژھوڈ پاٹھو یہ زِ اکس بڈس بادشاہ سنز راڈ گُل چھےٚ ژوُرٕ ژھینِہ نیران تہٕ

دوکھ زنگین ستی ہم بستری کرِتھ والس پوان تہٕ لوت پاٹھ پنٕنس پرنس کرِ شونگان زتہٕ کہنی

گوو نہٕ ۔ مثنوی ہُند موضوٗع چھُ زرگرنٕس بأغی مزازس براہ آمُت ، مگر شوٗنزاہ وُہر آسنہٕ کِنۍ تہٕ تِکہٕ کتھن کھوژنہٕ کِنۍ چھُنہٕ تِمۍ یہٕ مثنوی پننِس تخیلس آزأدی دِتھ لیچھمٕژ ۔ مگر تہٕ کُرتھ چھِنہٕ اَتھ منز وارِیہن جاین تھزٕ شاعری : مثلن :

٥ عجأیب چال ڈِنٛہِ‍ٹھن تس مکالنٕ   بنیومُت زن سُہ اَکھ بیے موخہٕ دانس

٥ دلاورتن تنہا اوس کُنُ زوٗن   قلعہ اکھ دوٗرٕ بلند شان ڈیونٹھُن

٥ جواب دِتنکھ سُہ شاہِ خفتہ اقبال   ہشار از اوس روٗزِتھ وارِیاہ کال

بہٕ آمرٕ آسہا نہٕ کیتہِ کارٕ لچ   فِکر اَسِہ سیٹھاہ تہندے وصالچ

'اکہٕ ننٛدُن' قصہ چھُ تِمۍ 'وژن' فارمہٕ منز دوٗنمُت ۔ یوٗدوَے تِمۍ برونہہ تہٕ کینژو شاعرو یہٕ قصہ نظموومُت چھُ ، مگر تِمۍ چھُ یہٕ زیادٕ معنہٕ سوو بنوومُت تہٕ کردارن ہُند وونُد محسوٗس کرِتھ تہٕ مکالمن منز زُو اَنِتھ چھُن یہٕ زیادٕ دلچسپ بنوومُت ۔

احد زرگر سپُد ۲۱، نومبر ۱۹۸۳ء رحمت حق ۔

دُہمہٕ صدیہٕ ہندِس ابتداہس منز یِلہٕ سرینگرس منز سٹیٹ ہاے سکوٗل قأیم سپُد ، وارِیاہ کأشرِ نگی کشیرِ منز نو قسمچ تعلیم عام کرنچہٕ مُہم چلاونہٕ ۔ مولوی محمد نورالدین قاری چھُ جدید دورٕکۍ ضرورت سمجھن والین منز اکھ اہم شخص یمۍ اکہٕ پاسہٕ شُرن ہندِ خاطرٕ لوٗتہٕ وأرے تہٕ سہل بأتھ لیکھی یمن منز صحت وصفأیی ، سمأجی فرأیض ، سکاوٹ ٹرینِنگ ہوی موضوع اَسۍ بیٛیہٕ پاسہٕ کُرن کوشش زِ اسلأمی تعلیم گژھِ بدلوٗنِس سماجس منز علمی افادیت تھاوٕنۍ ۔ توے لیچھِ تِمۍ کأشرِ ہارٕ باگے ، مسلہٕ کتاب ہشہٕ کتابہٕ نثرس منز ۔ مگر سُہ چھُ پننہٕ دورکین مقبول شاعرن منز تھوٚد مرتبہٕ تھاوان اوسمُت ۔ نعت تہٕ منقبت لیکھنس سٟتۍ سٟتۍ چھِن کینہہ اہم منظوٗم ترجمہٕ تہٕ کرٕمٕتۍ ۔ یمن ترجمن چھُ حضرت امام ابوعبداللہ شرف الدین محمد بن سعید البوصیری

القاہریؒ سنٛد مشہوٗر قصیدہ بُردٕچ ترجمہ سیٹھاہ اہم۔ بجر ل متمنس منز تہٕ اَکھ بیٚیہ قافیس منز
کرنہٕ آمُت یہ ترجمہ چھُ سانہٕ عقیدتی شاعرٕ اکھ یادگار دِیت۔

سارِوٕے پیغمبرو ٹٕہ تٕہۍ بنأوِو پیشوا

شوٗبہ وُن آقا تٕمن منز تٕہۍ تہٕ تم خدمتگذار

سۭطے کٕر وستھ آسمان ہیتھ جملہ رسل وانبیاؑ

سارِنٕے برونٛہہ برونٛہہ علمبردار سۭے نامدار

امی انداز چھُ تٕمی حضرت کعب بن زہیرُن شہ قصیدہ تہٕ کأشرس منز پھِرمُت یُتھ
پیٚٹھ بقول قاریؔ "تٕمِس آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلمو پننہٕ ردای مبارک انعام عطا فرمووِمُت چھُ۔"
رزمی شاعری ہنز روایت یٚیلہٕ پننس اَنتہس وأتۍ، کینٛہہ شاعرو ہیٚژ یہ تتھیو موضوعو
خأطرٕ تہٕ ورتاوٕنۍ یم نہٕ اَمہِ قسمچہِ شاعری ہٕندۍ ہشر آسی تھوان، مگر یٚیلہِ شاعرہنز مند آیہٕ تہٕ تخیل تہٕ
آسیس نیز تٕیلہٕ چھِ اَمہٕ ناہشہ منز تہٕ شاہکار زنم لبان۔ یُتھُے اکھ شاہکار چھُے غلام محمد لوٗنٛ
نظم 'آگر نامہٕ' یوسہٕ ۷۵ اشعرن منز دِنہٕ چھُے آمٕژ (غزلو وراٗے)۔ نظمہٕ ہند سال تصنیف چھُ
۱۳۵۰ھ یعنی ۱۹۳۱ء۔ مگر اَتھ منز یادٕ نہٕ آمُت واقعہ چھُ سٕہ بوڈ سہلاب یُس ۱۸۹۳ء یُس
آیوو تہٕ یمیُک حال والٹر لارنسن پننہٕ کتابہٕ ہندِ ن نون صفن منز بیان چھُ کوٚرمُت۔
غلام محمد لون آسہٕ اَمہِ وٕری یہ تقریبن ترٛہ وُہر۔ سہلاب چھُ تیوٚت ہولناک اوسمُت
زِ لوٗنن چھُ ارترٛہ وٕری گُزٕرِتھ اَتھ آفژ پیٹھ قلم تُلمُت۔ لارنس چھُ لیکھان زِ ۱۸ جُلے
لوگُن وشُن وشُن رُوٗدیُس دُوٚن ہن گانٹن ژھِہ روٗس پھوان گوو۔ اوٚبر یٚیلہٕ تُلن ،
بالہٕ تینتالیس پیٹھ اَسہ پہ شیشہٕ ژٕچ تہٕ رووز مژ۔ نیتیجہ دراو سارِنٕے بالہٕ کولہٕ آیہِ گریزتھ
تہٕ یُیہِ آب لوگ ورٕلۍ ژھٕنس کُن سأری بیٚیہ ناش کران کران پکنہٕ۔ سابہ بٕدی مکانہٕ

آیہٕ ڈٲستھ، بے شمار چارواے پھٹ تہٕ واریاہ انسان تہٕ مۄدی پیٚہ گرٛزھتھ۔ لون چھُ اَتھی ہون کٲفرٕ منز ظرافتٕچ ہندی امکان ژھاران۔

من اللہ چھےٚ پٔرٛتھ ساٛنۍ در خار و شر
اسوتے لسو کیٚتھ ملکس اندر

لونن چھےٚ ہزلہٕ رزمی یا مٲک ہیٚر ایٚک باوتھ ترٛاے ژٕھمرٕ تہٕ واریاہن تخلیقی خاصیژن چھُن میٚل کوٚرمُت : تخلیقی نزاکتھ، زیرکی، ایرتی، احساس، جذبہ، ہزلہٕ رزمی فنٕ مگر اَتھ ساری سے چھےٚ ہمارٕدی ہنٛز زِیریٚ لہر۔ فطرتٕ ہندٕ یا گی عناصرن انسٲنی شخصیتھ دِتھ چھُن انسانٕ پنٕدس اَکھ تھے حشمتس تہٕ گمانس تہٕ ورُن تلمُت ییلہٕ ساری بڈٕ کیو لوکٕ ڈیٚگی جل کیو ژھٕری چھیٚنی فطرتٕ ہنٛزِ موچھِ منز لاچار چھِ باسان۔ نظمہٕ ہُند کردار چھُ نہایت ہنرمندی سان ژارنہٕ آمتی۔ یم چھِ سَتھ آگر یعنی شاہ ہرموکھ شاہ پہلگام، شاہ کوثر، شاہ ژٕھنہٕ آر، شاہ سوکھ ناگ، شاہِ فیروز (ٹنگمرگ) تہٕ شاہ کامراج۔ یمن ستن آگرن چھےٚ سَتھ کورٕ : نلنگل دیٚد، مادر ہمل، سیٚندہٕ، لیڈر، ولشو، رومشی تہٕ بانہٕ کرٕ آج۔ یمو منز چھےٚ ہیتھ بژٕ کولہٕ نیران، یمن گبر تہٕ کورٕ ونہٕ چھُ آمُت۔ اکہٕ دوہہٕ چھِ سَتھ آگر اکھ اَکس شیٚنچھ سوزان زِ کورٕ تہٕ گبر چھِ بالغ سپدی مٕتی تہٕ یمن بژٕ خاندر سپدن۔ یہٕند خاندر چھُ زبردس جوشہٕ خروشہٕ سان سپدان تہٕ یوٚہے چھُ بوٚڈ دیپ بنان۔ مگر شاعرن چھُ تمہٕ نفاستٕ سان یہٕ ہوومُت زِ نترس منز ہاونہٕ ستی ما گژھِ اَمیک مزے خراب۔ یہٕ نظم چھےٚ پٔرٛی پاٹھی کاشرس منز اَبیٚر ایٚکُے ستۍ تہٕ سکھ۔ یٔرن وول چھُ شاعر ہندس مشاہدس تہٕ کٔشیرِ ہندس ماحولس اَمچہِ جاگرنی، اَمہِ کیٚن رسمن رواجن تہٕ کاشرِ زبٲنۍ متعلق شاعر ہندس علمس پیٹھ تہٕ حٲران گژھان۔ اَتھ نظمہِ چھُ کٔشیرِ ہندِس تاریخس

ستی تہ واٹھ، تکیاز مہاراجہ ہندِ راجس متعلق کاشرِ ہندس ملٹرارس متعلق، زیارژن تہ رسمن رواجن متعلق چھ اُتھ منز وارِیاہ حوالہ۔

اَمہِ طویل نظمہِ علاوٕ چھ لون بیٚیہ تہ مثنوی لیچھمٕژ: ملہ نامہ، مکرزن، قصہ بہرام، سکندرنامہ تہ بیٚیہ چھن نعت منقبت تہ وژن تہ لیکھمٕتی۔ مگر یہ سورُے کلام چھُ وُنہِ چھاپ سپدنے۔

ملہ نامُک یہ اقتباس چھُ تمہٕ سندِ فنُک رُت نموٗنہ۔

| | |
|---|---|
| بجانہ مولوی الغابہ سوے لُج | مے بوزُم گب زمیندارس اکس ژج |
| خداین نعمتھا اسہ سوز ساٰلم | سیٹھاہ گوو میاں بوزتھ خوش سہ عاٰلم |
| کرِ واحسان اُمی سہے بے زبانس | دوٚپن باژن شرِ لدِ تون گاٰنس |
| روا چھو شرح موجب دنٕ تَے آلو | گنڈیوٚن گاٰنس کرِیوٚس بند زور غالو |
| اندر کُن کلہ تراٰیتھ لوٚت وٚن گب | ہیو ماکاٰنسہِ راوٕ واسہ ہا سو لیٚب |

غلام محمد لون چھ یارے پورِ (بیرو) ۱۸۶۰ء منز زامُت۔ لیوٚدوٕے پانس گرِیوٚس وِنان اوس، مگر تمی ہنز شاعری پرٕتھ چھُ باسان زِ تس چھُ سیٹھاہ مطالعہ اوسمُت۔ پیشہ کنی چھُ حکیم اوسمُت تہ مُنزی منزی چھ وووری کار تہ کران اوسمُت۔ ۱۹۳۵ء منز سیٚد رحمت حق تہ سوکھ ناگ تٕھس بیٚٹھ آو دفن کرنہٕ۔ سورُے کلام بر ونٹھ کُن تھیتھ ییٚہ لون ساٰنین بہلہ پایہ شاعرن منز شمار کرنہٕ۔

لالہ لکھمن چھُ اکھ الگ طرحُک شاعر۔ سہ زاو کونگاٚئی تحصیلہِ کِس ہاندژ گاٰنس منز ۱۴ اپریل ۱۸۹۳ء تہ سستھ وٕرِی واٰنس گُذتھ دراو یمہ عالمہ ۵ دسمبر ۱۹۶۲ء۔ تمی وُچھنہ سکول کینہہ دوٚن گوو زاٹہ ہالہ ہیوچھن فارسی۔ مگر تمی ہیوٚک نہ بنٕن کلام قلمبند کرِتھ تہ یہ روٚد لوکن ہندس زبانہ وٕنِس منزے زِنٕدہ رتھ۔ اصلی ناو اوسُس لکھمن رازدان تہ

پیشہٕ کنۍ اوس شکھدر تٕس میوٗل گامہٕ گامہٕ پھیرنُک سیٹھاہ موقعہ تہٕ تٕس سمکھیٚے تِمہٕ قسمکۍ لۅکھ تہٕ دلچسپ واقعہ آیس پیش۔ یِمہٕ رۅئد کردارن تہٕ واقعن ہٕنزِ ظرافتی امکان ژٕرژان تہٕ شعرن منز پیش کران۔ خاصکر تھ چھُ تٕمۍ سرکٲرۍ افسرن شُلن پٕلسہٕ افسرن ہزل کوٚرمُت یِم بیدین سادن گریستین ٹھگان ٲسۍ۔ تٕمۍ ہٕندۍ کردارن ہٕندۍ خاکہٕ یا کیریکچر چھِ سیٹھاہ دلچسپ یِمن منز یُس وچھنارس فن بناونُک ہنُن کمال ہاوان چھُ۔

یُمن گونترھن کُنۍ گنڈ     بنیومُت تِتھ درمُن زرنڈ

گوٚمُت ٲسِس ہینگن گان

مہ گرشہٕ ٹکہٕ کاندرن وان

یا     گونڈ نی کاژرٕ ژھکھ شال     یتو پٕھے کُسی بٹھ چال

ژٕے نٕس پٕھے زن گگر وال

ژٕژاں پٕھی لال لیتیلے

لالہٕ لکھمن چھِ یِتھ پاٹھۍ ہزلی وژن لیکھمژ، یِمن منز کیہنہ نظمہٕ ہنز تنظیم چھِ تھاوان۔ اُمہٕ علاوٕ چھیٚہ تٕمۍ کیہنہ زیچھ نظمہٕ تہٕ لیچھمژ، یِمن منز گنیش اوتار تہٕ شیوا پہ اوتار سیٹھاہ دلچسپ چھیٚہ۔ لالہٕ لکھمن ہٕنز لیلایہٕ تہٕ چھیٚہ خوبصورت لفظہٕ ژٲرٕ تہٕ موسیقی ہٕند ورتاوٕ کنۍ مقبوٗل۔

لیلایہٕ لیکھن وٲلۍ بٔیہ کیہنہ شاعر چھِ: آفتاب جی باسکر (کوپوور۔ ؟ - ۱۹۶۴ء) آفتاب کول وانچو (ابیل لانکر ۱۹۰۰ء - ۱۹۷۵ء) یِمۍ چھِ سروانند چراغیس ستۍ رُبیتھ 'لل واکھ' ترتیب دِژمٕژ۔ شیخہٕ شُرکر تہٕ چھِن ترتیب دِژمٕژ تہٕ بٔیہ چھُن 'ریش پیر' عنوانہٕ اکھ کتابچہٕ تہٕ چھپوومُت۔) آنند رام (ترال، ۱۸۸۹ء - ۱۹۳۹ء) ٹھوکر منہ وٹ (چنکرال محلہ ۱۸۵۰ء - ۱۹۲۳ء) ستہٕ رام بٹ نادم (ترال ؟- ۱۹۳۵ء) سوہٕ رام رینہ مسافر (ڈرس

پلووم، ۱۹۱۰ء۔) شمبھوناتھ رازدان رعنا (روسرہ کلیم ۱۹۱۴ء۔) سمبھوناتھ رازدان (ژوگوم قاضی گنڈ ۱۹۲۵ء

**فقیر عبدالکریم** چھُ وُہمہ صدی ہندین صوفی شاعرن منز بیاکھ مشہور شاعر۔ سُہ اوس لسہ خان بڈکیاری سُند شاگرد۔ تسی نشہ ہیچھِتھ کرُ تمی ۱۹۳۷ء پیٹھہ شاعری شروع۔ فقیر عبدالکریم نہ شاعریہ ہُند غالب موضوع چھُ عشق، تہ وارہہن شعرن منز چھُ شمس فقیرن بروٚنٹھ گژھان۔ اُمی ہندین وژنن تہ غزلن منز چھےٚ فارسیت سیٹھاہ کم تہ روانی چھس خوش کرہ وٲنی۔ 'گنج وحدت' چھُ اُمی ہنز شعر سوٚمبرن یتھ منز ۱۲۲ تخلیقہ چھےٚ یمن منز روٚو تہ نعت تہ چھِ۔

فقیر عبدالکریم (منٹو) زاو ۱۹۲۵ء بابہ محلہ سرینگرِ تہ ۲۶ جنوری ۱۹۸۳ء گوو رحمتِ حق۔

**مولوی عبدالغنی** اوس شُپیٚن کِس مولانا النورُن نیچو۔ ابتدائی تعلیم نِنس بابہ صابس نشہ حاصل کٔرِتھ گوو سُہ سیالکوٹ یتہِ تمی وارِیاہن عالمن نشہ تربیت رٹ۔ واپس یِتھ رُود پننس بابہ صابس توہم پرستی تہ جہالتس خلاف جہادس منز ستی ستی۔ تمی پکناو تمی ہنز تبلیغی کام بروٚنہہ تہ اردوٗ عربی، فارسی تہ کأشرس منز لیچھن وارِیاہ کتابہ۔ کأشرس منز چھِ تمی اکھ درجن پیٹھی کتابچہ لیکھی متی مثلن قصہ حضرت حبیب، حل مشکل، کأشر نظمہ، الرطب الجنی، حضرت ایوب، صفات النبیؐ، اسم اعظم بیترِ۔ یمہ سارِیے تصنیفہ چھےٚ بذاتی تبلیغی مقصد لیکھنہ آمژ۔ یمن منز چھےٚ اکثر شایع سپز مژ۔ مولوی عبدالغنی نہ کلہم شاعریہ متعلق چھےٚ ساروے کھوتہ اہم کتھ یہ زِ تمی تہ چھُ مولانا النوٗرنی پأٹھی غزل یتہِ باوژ ہند بُنیادی وسیلہ بنووُمُت۔ قصہ حضرت ایوب تام چھُ تمی غزلن منز بیان کوٚرمُت۔ غزلس پیٹھ چھُ تس مکمل دسترس اوسمُت۔

اسلامہ کس گوٗلابس بلیہ سُے بہار ییہ نا
دل منز چھُ اضطرابس دِلہ کیٚ قرار ییہ نا

خوشبوِ ہِ نند بونے وندہس قبلہٕ کرونے
رہبر سُہ چھون میونے ہتھ رسے یار ہیو نا
تمہٕ نیب پنُن پانہ لیوٚکھے برگ گلن منز
پی عشقہٕ ہیچان کارِ ہتی بوزتی ییے
عبدالغنی یارس چھُ تو شن روشہٕ پیم نا
وتھرس دِلس منز پوشہٕ بھتی بوزلنی یے

نعتکُ یہ لہجہ چھُ کأشرس منز بلکل سادہ روار۔

اَلرطبَ الجنی فی رَدِ ھفوات الھاجنی، چھےٚ مثنوی تہٕ یہ چھےٚ مولوی صدیق اللہ حاجنی ہِنہ کتابہٕ رَد کرنکہٕ مقصدہٕ لیکھنہٕ آمٕژ یتھ اہلِ حدیث مسلکچ حمایت سپدِ۔

مولانا عبدالغنی سپدہ ۷، جنوری ۱۹۶۵ء رحمت حق۔ دپان تمہٕ ساعتہ چھےٚ تمی ہنز واتس پانژہ پُنستھ وری اُسمژ رلیہ

شپین تحصیلک بیاکھ اہم شاعر چھُ اَمہٕ دوٚرک سید بہار شاہ یُس لکھ پورِ روزان اوس۔ حسب رواج اوسُن قرآن شریف تہٕ گلستان بوستان پوٚرمُت تہٕ لوکچارِ پیٹھےٚ چھُن شاعری کرُن کل کرُمژ۔ عوامس منز چھُ سُہ بینبولڈی شاہ باٲو کنی مشہور ییمن منز تمی یمہٕ صدی ہندس گوڈنکس حصس منز سپدمتین اکثر اہم واقعن ہُند حال چھُ ونمُت۔ تمہٕ چھےٚ اَمہٕ علاوٕ زاہم کتابہٕ لیچھمژ، قصہ حاتم طائی، تہٕ 'احوال کشیر' یتھ منز سنہ اکترہ پیٹھکی اہم واقعہ بیان چھِن کرِی متی۔

بہار شاہ گذر یو سپٹھاہ لاچاری تہٕ غربتس منز ۱۹۷۴ء منز۔

تُپینگ بیاکھ اکھ اہم شاعر چھُ لسہ ملک ملہم یُس ۱۸۸۵ء منز زاو تہٕ ۱۹۷۴ء

منز۔ رحمت حق سپُد۔ عربی تہٕ فارسیس پیٹھ اوٚسُس عبوٗر پیشہٕ اوٚسُکھ منشی گری۔ امی سُند
اکثر کلام چھُ ضنایہٕ گوٚمُت۔

بالہٕ اپارٕ کشیرِ چھِ وارِیاہ شاعر پاد کٔری متی یمن رسا جاودانی ساروے کھوتہٕ شہور
چھُ۔ پانس اوٚسُس ناو عبدالقدوس دیو تہٕ مأمس اوسُس ناو منور جو دیو۔ تِمو سُند بُڈ ییب
اوس کاڈی پورِ (اننت ناگ) بسان یتہٕ پیٹھ سُہ بھدرواہ لبنہٕ گو و۔ رسا زاو ۱۹۰۱ء منز۔
سکولہٕ منز فارغ سپدِتھ کٔرِ تِمو فارسی امتحان پاس تہٕ انگریزی تہٕ ہیوٚچھُن۔ سُہ آو گورنمنٹ
سکول ٹیچر لاگنہٕ۔ شوٚغل اوسُس گیوٗن تہٕ وایُن۔ خاصکرِتھ اوسُس ہارمونیم وایُن تگان۔
سُہ اوس وو رسن پیٹھ لکُن برونٹھ کنہٕ تہٕ گیوان۔ وُہہ ؤہُر اوس یلہٕ کاشرس منز شعر ونُن
ہیتِن۔ اَمہٕ برونہہ چھُ اردوہس منز ونان اوسمُت۔ کاشرس منز بنیُد سُہ رسل میرس
نِشہٕ خاصکرِتھ متاثر۔

بر ونٹھ گو و روٗسُل میر نازنین چاے
ہوٚت رسا گوس پوٚت ژھایے لو لو

اَتھ اثرس ستی یلہٕ مرزا غالب، امیر خسرو تہٕ حافظ ہوٚین عظیم شاعرن ہُند اثر
رلیو، رسا سُند اصل شعرٕ مزاج آو بارسس۔ وژنک لوٚزر تراوِتھ کلاسیکی غزلُک سپنیر تہٕ
میچھر انہِس منز رُدِتس فارسی تہٕ اردوٗ شاعری ہُند مطالعہ سٹھاہ اَکھ روٗٹ کران۔ تِمہٕ سُندِس
کلامس منز چھِ وارِیاہ شعر حافظ غالب تہٕ میر تقی میر یاد پاوان۔

o اَچھن منز کرس جاے ہر خوبروین
بکار آینس آیہٕ آسنیچ صفائی

زدل بستگی رستگاری چھے حاصل
میٚرٕ عشقتے زالہٕ ہرگز رہایی

- یی خوش گرٛژھ ہیٚس تی پانہٕ کرِہے، ناحقہٕ رٕسہس لوٗگ الزام داماہ رچھتھے سوٗدرس ترٕہے، چھُنہٕ انسانس پانُس تام
- فساد باپتھ اگر چھے مسجد، نفاقہٕ باپتھ اگر چھُ مندر تَمتِتھ چھِ ہم پیالہٕ رِندٕ ساری یکوگرٛژھو اَسی شرابخانُس
- کرِمی ماپیٚنیٚس سوداگری ناو
خدا جنت کنیا کارِ ثوابس

رٕسہس چھُ غزلکہ مزازُک پۆرٕ پۆرٕ شعور اوسمُت۔ سُہ چھُ غزلکس پرٛتھ شعرس معنیُک تہٕ تاثیرُک الگ خود کفیل شعری وجود زانان نہٕ زِ قافیُک تہٕ ردیفُک اکھ بہانہٕ۔ تمہٕ ہندی واریاہ شعر چھِ مکمل تشبیہہ وِ وتلاونہٕ کنہٕ شاہکار بنیمتی۔

دِلس منٛز چاٗنی تعشوقن کُرٕم جاے
سرس منٛز زنتہٕ لوٗگ نیلوفرس آبے

رسا اوس مذہبی ظاہرداری خلاف ییٚمِک اظہار تمہٕ جایہ جایہ پننہٕ شاعری منٛز کوٗرمُت چھُ۔ سُہ اوس حقیقتس زانُنس منٛز صرف لوٗس تہٕ جذباتن ہنٛز وَتھ پٕزٕ وَتھ زانان۔ اَتھ طریقس پیٹھ چھُ تَس پننہٕ وقتہٕ لوکہٕ متس اَنہٕ گٹس تہٕ مقابلہٕ پیوٗمُت کرُن۔

رسا جاودانی چھُ سانین مقبول ترین شاعرن منٛز اکھ۔ تمہٕ ہندس کلامس میلی اَزکین بہترین گلوکارن ہندی ہٹہٕ۔ مگر تس اوس پانہٕ پننہٕ گمنامی ہند سیٹھاہ ہمسوس۔

مس اے رسا گوو سُتھ چون آنو
وُلِس منز مگر یوزکُس خوشنوٲی

سُہ روز پننہِ کأشرِ شأعری کنی زِندہ یوٚدوے لُس پننہ اردو شأعری پیٹھ ناز اوس۔

چھُ رسہس دستگاہ یوٚد کأشرس منز
زبان محبوب چھُس ہندوستٲنی

(نیرنگ غزل (۱۹۶۲ء) چھُ رسانِن شیٚتھ ترٛہن غزلن ہنز سوٚمبرن۔

کأشرِ شأعری ہنز یہ مدھر آواز گیہ ۲۷، مئی ۱۹۷۹ء آتھوار دوٚہ خاموش۔

بالہٕ یپارِ کین شأعرن منز چھِ بیٚیہ کینہہ بزرگ شأعر یمن منز غلام رسول کامگار،
نشاط کشتوأری، الفت کشتوأری، جانباز کشتوأڑی، وفا بھدرواہی، سید مقبول فرحت
مولوی عبدالحلیم حلیم خاص کرِتھ قابل ذکر۔

غلام رسول کامگار (کشتواڑ، ۱۸۸۸ء ۔ ۱۹۸۴ء) چھُ اقبالنہ رموز بیخودی،
بابا داود خاکی ہندس ریشی نامس تہٕ علامہ برزنجی ہندس 'منشورس' ترجمہ کرنہٕ کنی مشہور۔ کامگار
چھُ شأعری ہدایتگ تہٕ اصلاحک کامیاب وسیلہ زانان۔ تمی سُند لہجہ چھُ گوب تہٕ رعب دار۔
الفت کشتوأڑی (کشتواڑ ۱۹۱۷ء۔ ) روٗد ساری ہے وأنسہ لیکھان مگر تمن کلام
ہیوک نہٕ کتابی صورتس منز شایع کرِتھ۔ اُمی سنز شأعری چھُ وزنک روایتی طرح۔

غلام نبی جانباز، ڈول وار (کشتواڑ، ۱۹۲۵ء ۔ ۳، دسمبر ۱۹۹۰ء) چھُ کشیر ہند نامور
گلوکار آسنس ستی ستی شأعر تہٕ یمی پنن کلام پانے گیوٚتھ کأشر موسیقیہ اکھ نوٚو طرح دیُت۔
رسا جاودانیس پتہ چھُ جانباز کشتوأڑی ساری سے کشیر منز مقبول۔ تمس چھُ کشیر ہندِ ین
وارِہہن اہم شأعرن ستی قریبی تعلق روٗدمُت۔ غلام رسول نشاط (کشتواڑ ۱۹۰۹ء) چھُ

نعت، منقبت تہٕ کربلا نامہٕ لیکھنہٕ کنہٕ مشہوٗر۔

## سیّد مقبوٗل فرحت (کشتواڑ ؟ - ۱۹۵۰ء)

وفا بھدروٲہی سُند اصل ناو چھُ غلام محی الدین خطیب تہٕ ۱۹۸۱ ہکہِ می منٛز چھُ بھدرواہس منٛز زامُت۔ سُہ چھُ نعت لیکھنس منٛز وارِیاہ کامیاب۔

## رژٕ دٮ۪د (درٲبی یار حبہ کدل ۱۸۸۰ء- ۱۹۶۶ء بڈی یار حبہ کدل)

چھےٚ لل دٮ۪د تہٕ روپہ بٲنۍ پتہٕ بیاکھ اہم زنانہٕ شاعر یمہٕ اُندریم پرکاش وٲکھن منٛز ژھوٗٹ۔ اُمی سُند کلاکھ پے پتاہ چھُ حالہٕ حالے لوٗگمُت تہٕ خوش قسمتی کنہٕ چھُ اکھ بیشتر حصہٕ لیکھنہٕ پتھ رٔژھراونہٕ آمُت۔ تمہِ ہندی الہ پلہٕ ترٕ ہتھ بیٚٹھی وٲکھ چھِ رژٕ دٮ۪د ہٕنٛدۍ نوشہِ ہش ماجہٕ نِتہٕ لوٗرتھ قلمبند کرٕ مٕتۍ۔ تس اوس ناو دھنہ وتی۔ رژٕ دٮ۪د چھےٚ لیکھ پر روٗس اُسنہٕ تہٕ وٲکھ کرٕ نِنٛز پوٗر پوٗر زانٛکاری اُسمٕژ تہٕ شیوٗمت تہٕ ویدانتہٕ کیٚن وارِہن نازٕ دارن تہٕ پٔھنےٚ واقف اُسمٕژ۔ تس چھُ لل دٮ۪د، نند ریوٗش، روپہ دٮ۪د تہٕ مِرزٕ کاکنہٕ شاعری ہُند سیٹھاہ شوق اوسمُت تہٕ تمہِ لیہ منٛز چھےٚ وٲکھ وننٕچ کوشش کرٕمٕژ۔

للہٕ ہندی پاٹھۍ مےٚ مالہٕ پان کھوٗژُم
روپہ ہنٛزٕ ژھوپہ ستۍ ژھوٗٹُم اُندریم گاش
نند ریوٗش نِنٛتھ مےٚ کُنس گُنے دوٗپُم
مِرزٕ کاکنہٕ گیانہٕ ستۍ آم مےٚ بوٗدِ پرکاش

رژٕ دٮ۪د ہنٛد کلامُکۍ نموٗنہٕ چھِ ہاوان زِ تس چھنہٕ محض پانس برونٛہمِہن شاعرن منٛز شمار گرٕھنُک شوق اوسمُت بلکہ چھِ تس زندگی ہٕندین میٹھین تہٕ ٹیٹھین پہلوٗن سعلق بنیٚژ آگہی اُسمٕژ تہٕ یہے آگہی عام کرنہٕ باپتھ چھےٚ یندرٕ گٔژ کٔژ تخلیس ستۍ جھانس سار کران اُسمٕژ تہٕ

تمہ سنز زبان چھےٚ ساد بول باشچ رسچ زبان یوسہ تمہ ہند منہ کِس خلوصس اکھ پاٹھ عکساوان چھےٚ۔ پننس خاندارہندس مرنس پیٹھ وُچھو رزٕ دیدِ ہند یہ واکھ۔

سازِ پھُٹ ، طبلہٕ بیوٚٹھ سازندر موٚد
گیوٚن چھُ اما منٛے ونہ گرزھاں کنن
سمرُن چھےٚ ژھٹان اندر لوٚرنہٕ بوٚد
مش مش چھُ تہٕ سوزِ سناں منن

رزٕ دیدِ ہُند خاندار، علامہ زنارد ُن کول ساغر کشیٖری چھُ پایہٕ تہٕ بہلہٕ پایہٕ عالِم، شاعر تہٕ ترجمہٕ کار اوسمُت۔ سُہ چھُ ساری ہسے برصغیرس مختلف قسمچ ملازمت کران پھیوٚرمُت۔ رزٕ دیدِ ہُند واریو گرہ اوس علم تہٕ ادبُک اکھ مرکز یور واریاہ نامور شاعر تہٕ عالِم یوان اسی۔

اَتھ دورس منز چھ بییہ تہ کینہہ شاعر یمو صوفیانہ وژن تہٕ غزل تہٕ نعت لیکھتھ شُہرتھ پرأو۔

احد صوفی (اکد لہ بل پانپر، ۱۸۹۰ء - ۱۹۵۴ء)

احمد بٹ (اکرمشور ؟ - ۱۹۵۶ء)

احمد پلہاج (پلہالن ۱۸۹۰ء - ۱۹۵۹ء)

محمد کھار (مدوٚن - ۱۸۹۴ء - شاہ گوبنڈ ۱۹۶۷ء)

غلام مصطفےٰ اشاہ (ویچہ برور ؟ - ۱۹۶۶ء) درویش محمد ڈار (ڈرنگ بل کلایہ گدھ ؟ ۱۹۴۸ء) خاموش کپرری (کرر، وربل ۱۹۱۲ء - ۱۹۷۳ء)

غالب ترالی (ترال ۱۹۱۶ء - ۱۹۵۲ء)

سیّد میرک شاہؒ (شالمار ؟ - ۱۹۷۱ء)، سید بشیر الدین قادری (ریاضت منت گینگ خانیار سرینگر)

سید مبارک شاہ فطرت (مدین صاب سرنگر ۱۸۹۹ء - ) عادل کرالہ واری

حسن ڈرائیور (خانیار ۱۹۰۸ء - ) شمس الدین غمگین

سید علی گوہر (اکبرر ۱۹۱۷ء )

سیّد غلام حسن ناظم (اکرر، ورل ۱۹۱۲ء - )

لالہ آرگامی (آری گوم ہندور ۱۹۱۶ء )

لالہ محمد زخمی (صفاپور ۱۹۱۳ء )

غلام رسول مشتاق (پنگلن ۱۹۲۴ء )

غلام نبی ظہور (تولہ ہال پلوم )

غلام احمد دلبر (زار شریف ۱۹۲۹ء )

غلام حسن انقلاب (پانپر )

غلام رسول دلنواز (زار شریف ۱۹۲۴ء - )

غلام رسول آزاد (پادشاہ باغ کرس ۱۹۱۵ء )

غلام احمد مقبل (سرینگر ۱۹۲۰ء )

عبدالرحمان قادری (اننت ناگ ۱۹۱۲ء )

عبدالرحمان طالب (ژٹین ۱۹۲۷ء )

عبدالسبحان نایکو (پنڈت پورورل ۱۹۱۱ء )

عبدالسلام ثانی (کرالہ دور، ژوڈر ۱۹۳۵ ) شیخ غلام قادر مدہوش (چھتہ بل پنیلی پورہ پائین ۱۹۴۰ء - )

مولوی غلام مصطفےٰ (ڈانگر پور، زانہ گیر ۱۸۹۸ء - ۱۹۴۹ء )

**نورالدین عیار (یاری کلان ژوڈر ۱۸۹۷ء - ۱۹۴۴ء) نواز رتن پوری**

یمن شاعرن منز چھ کینژن شاعرن ہُند کلام چھاپ سپدمُت۔ خاموش کیرری یُس اصل ناو سید الجبار اوس گوو داہ کتابہٕ شایع کرِتھ رحمت حق۔ بیاض جامی عرض وسلام شہادت نامہ، رباعیات، عرایش کشیر، مجموعٔ نعت، ہدیۂ نعت، گلزار نعت چھےٚ تمہٕ سنز کیہہ تصنیفہٕ۔ تمُ سُند واریاہ کلام چھُ وُنہٕ چھاپ سپدنے۔ غالب ترالی یا اسداللہ کانٹرو سُند کلام سپد کلیات غالب (ترتیب: جوگندر سنگھ شان) عنوانہٕ شایع۔

ڈاکٹر مس گومری پھےٚ واحد غار ملکی شاعرہ یمہٕ کاشرس منز شعر وٗنی۔ سو آس کرسچین مشنری سوسایٹی متہٕ اننت ناگ کس ہسپتالس منز ڈاکٹر۔ وطن واپس گژھنہٕ برونہہ اوسُن گرُی گامہ پننُ ہسپتال کھولمُت۔ سو آس پننہٕ شاعریہ ہند وسیلہ لُکن منز صحت تہٕ صفائی ہُند شعور یژھان پادہ کرُن تہٕ تمہ علاوہ اوسُس تبلیغ کرنُک شوق تہٕ۔ تمہٕ سنز پھےٚ ژور کتابہٕ رومن خطس منز شایع سپز مژہ۔ یودوے تمہٕ سنز شاعریہ منز ہیژر ژنگہ سٹھاہ ڈیجر چھُ، مگر جذبک خلوص چھُ اتھ پرٛزنگ چیز بناوان

**سید محی الدین نواز رتن پوری** (رتن پور ۱۹۲۶ء) چھ تمن شاعرن منز شامل یمو کاشر زبانی ہنز صوفیانہٕ روایت برقرار تھاوِتھ علامہ اقبالُن اثر رٹ تہٕ شاعری زانہِ خیال آرائی ہُند وسیلہ۔ نوازنہ شاعری ہندک چھ پانژھ مجموعہ شایع سپدی متی سوز دل، گل ریحان لولہٕ تب، مضراب تہٕ برزخ۔ گوڈنکین ژورن منز چھ غزل تہٕ وژن تہٕ پانژمس منز چھےٚ رباعیہ۔

**سید مبارک شاہ فطرت** (مدین صاب ۱۸۹۹ء ) چھُ فارسی تہٕ اردو زبانی منز عالم تہٕ شاعر۔ کاشرس منز چھن صوفیانہٕ طرزٕک غزل وٗنی متی تہٕ بیٚیہ چھُن شیخ یعقوب صرفی

نہ تصنیف 'مغازی النبی'، ترجمہ کوڑمُت ۔

**تنہا انصاری (حسین علی)** ( دہلبن ورل سہ ۱۹۱۴ء - ۱۹۶۹ء ) اوس اردو تہ کاشُر زبانِ ہُند مشہور شاعر۔ کاشُرس منز ہیوتن ۱۹۵۳ء پتہ وَنن تہ واریاہ غزل، مرثی، قطعہ تہ وژن چھِن لیکھی متی۔ تمہُند سورے کاشُر کلام آو 'وزات' کتابہ منز چھاپ کرنہ۔

ایو یارو وُدو دہ کھ لد حسینس
چھوکن دِلہ کین اشک مرہم کرُو تس
مگر حبس تھاوِی زبو پینہ کانہہ یزیداہ
ہُپارِی بیہناوِ بیٚپہ فوجاہ مُراتس

وُہمہ صدی ہندی زاہم شاعر غلام احمد فاضل تہ غلام رسول نازکی چھِہ تحریکۍ تہ طبقہ بندی نِبر۔ سہولیتہ باپتھ پیہ یہنز ذکر یتھی بابس منز الگ پاٹھی کرنہ۔

**غلام احمد فاضل کشمیری :** چھ تریمہ دلہ پیٹھے کاشُرس منز شعر ونان آمُت تحریکہ وہ وژھ تہ سوریے، فاضل رُود یمن کُن تھر پھرتھ شاعریہ اکھ پیشہ زانتھ پرتھ کُنہ قسمہ کس موضوعس پیٹھ لیکھان۔ غزل، وژن، نظم، نعت، لیلایہ بھجن، کیرتن۔ غرض پر یتھ کینہہ لیوکھن حسبِ فرمائش۔ سہ چھ کُنے کاشُر شاعر یُس پنُن کلام پننہِ چھاپان گوو۔ تمہ سنزن بانتہ کتابن ہُند تعداد چھ ترٕہ تام وۄتمُت۔ کتابن ہندین عنوانن ہُند ناو ہینہ ستی چھ نان زِ سہ کتھ حدس تام چھ شاعریہ کتھ وننگ تہ ہدایت کرنگ وسیلہ بناوِتھ ہپکان؛ ساغرِ مستی، شمع وطن، پرتھیج گنگ، انوارِ محمدی، بالک اوستھا، ستگورو، اسن کھنگالہ، پڑا یریک، تصویر چ، شری جب جی صاحب، مجن گارڈن، دراگہہ دلوس لار لار، ٹریفک ہوش، خوشحال کنبہ، شیرین فرہاد، ستھ رنگ، توشہ نامہ، گلدستہ فاضل۔

بیتر۔ دور، گوو تمہٕ ہندی مقبوٗل عام لولہٕ وژن ہتہٕ غزل تہٕ نعت چھہ یمنے کتابن منز چھکرتھ۔ تمہٕ ہندین باقٕین منز چھنے کرالہٕ کوٗر، سارِوے کھوتہٕ زیادٕ مقبوٗل سپیز مژ۔

غلام احمد فاضل چھُ ۱۹۱۶ء ڈب تل سرینگر زامُت۔ سُہ روٗد تعلیمہٕ ہندِس محکمس منز ٹیچر آسنَس سِتۍ سِتۍ خوشنویس، اُنہٕ سازی، نقش نگأری تہٕ موسیقی سِتۍ تہٕ آوُر۔ محکمس منز ہیڈ ماسٹر عہدس پیٹھہٕ رٹایر گژھتھ کٔرن فیلڈ سٔروے آرگنایزیشنس منز کأم ییٚتہٕ سُہ اخبار "چمنکُ" مدیر اوس۔

میر غلام رسوٗل نازکی زاو بنڈپور ۱۹۱۰ء۔ اُتھمہٕ جمأژ تام پٔرنہٕ پتہٕ لوگ تعلیمہٕ ہندِس محکمس منز ٹیچر۔ نوکری دوران کوٚرُن منشی عالم، ادیب فاضل تہٕ بی۔اے، محکمہ تعلیم ترأوِتھ آو ریڈیو کشیرِ منز ییٚتہٕ سُہ پروگرام ایگزیکٹو عہدس پیٹھہٕ رٹایر گوو۔ کینٛژس کالس روٗد فیلڈ سٔروے آرگنایزیشنس منز ہفتوأری 'چمنکُ' مدیر۔ محکمہ تعلیمس منز اوس کینٛژس کالس 'تعلیم جدید'، ناوکس رسالس تہٕ ایڈیٹر۔

میر غلام رسوٗل نازکی چھُ اردوٗ ہس منز تہٕ لیکھان تہٕ کأشرِس منز تہٕ۔ کأشرِس منز ہیوٚت تمہٕ ۱۹۵۳ء منز وَنُن۔ اُردوٗ شاعری منز تہٕ چھُ تس اہم مقام حاصل۔ کأشرِس منز روٗد سُہ تحریکو نِشہٕ دوٗر روٗزِتھ نعتیہ شاعری ہندی نوٚی فنی معیار قایم کران۔ امہٕ خاطرٕ باسیو تس رباعی ہنز ہیت سارِوے کھوتہٕ مناسب۔ تکیازِ اتھ منز چھُ اکِے جذبہ یا احساس شدتہٕ سان تفصیلو ورأے پیش کرنُک سیٹھاہ امکان۔ سُہ چھُنہٕ رباعی ہندِس کلاسیکی عروضس تابع روزان بلکہ چھُ اتھ پننین دلوانہٕ وار جذبن تہٕ پرژھہٕ ہندِ واتناورِ باپتھ سہل ترین قالب زانان۔ تمہٕ سندِس بیانس منز چھُ اکہ پاسہٕ کلاسیکی شاعری ہند ضبط تہٕ بییہ پاسہٕ طنزِچ زیریں لہر ہیتھ سبزر تہٕ شوزر۔

٥ اُچھن ہند گاشہ وَتہٕ پاراوکرِ زلس — ڈُوتھ اُش داہنہٕ کُیہ چھرکاوکرِ زلس
خبر ڈُنزلس زبر اندازس اندر — پتے زوٗنتھ مُناسب گراوکرِ زلس
٥ ہوڈل داندہ ہٹھ پُل گاواہ چھُ دنیا — ترُن تاپھاہ دُشنُ واواہ چھُ دنیا
کھوٗچاہ ژھنمت ہٹھس کھاٗلتھ طفان — ڈلس ستز پیرہ ٹی ناواہ چھُ دنیا

نازکی نِہن ترٕ وستز اکھ رباعین ہنز گوڈنیچ سوٗمبرن چھےٚ نمرود نامہ یوس ۱۹۶۲ ہس منز شایع پیس۔ یمن رباعین منز چھُ علامہ اقبالُنٕ اثر ٹاکارٕ۔ شاعر چھُ پانہٕ تہٕ لیکھان "یمہ کِتھ ہند تذکرٕ چھُ ضروری ز اکثر خیالات چھ حضرت اقبالؒ ہندی، مےٚ چھُ پانہٕ ترجمہ کوٗرمُت یا استفادٕ ہیٚتھ۔" نازکی نِہن رباعین تہٕ غزلن ہنز دوٗیم سوٗمبرن چھےٚ "آواز دوست" یتھ منز ہٕ ہتھ رُباعیہ چھےٚ۔ یمہ رباعیہ تہٕ چھنہٕ کلاسکی رباعیہ ہنز کنہٕ مروجہ بحرِ منز بلکہ ہزج مسدس محذوف بحرِ منز۔ نازکی چھُ پرتھ رباعی منز ژوٗریم مصرعہ سارُے کھوتہٕ اہم زانان۔ "ژوٗرِم مصرعہ چھُ بنان تہٕ یتہٕ چھس ترےٚ مصرعہ لاگنہٕ یوان۔"

## مرثی نگاری

حضرت امام حسین علیہ السلام ہنز شہادت رُوز دُہمہ صدی ہندین دارِ ہن شاعرن ہند خاطرٕ تہٕ الہامُک ناگہ راد تہٕ مرثی رُوز پننس مخصوص اسلوٗبس منز ترقی کران۔ مقام بند موضوعی مرثی لیکھنہٕ کِنہ یم شاعر دُہمہ صدی منز مقبول ہیدی، تہند مُختصر تذکرٕ چھ یتھ پاٹھٕ۔

منشی محمد عباس (بابا پور، جبہ کدل ۱۸۶۹ء - ۱۹۳۵ء) مضموٗن: الفت، باغ، معرفت، علم، فراست، یاقوت، سریر۔

منشی حیدر (بابا پور جبہ کدل ۱۸۷۲ء - ۱۹۳۱ء) مضموٗن: ابنر

خواجہ حسین ملک (سونہ پا بیروہ - ۱۸۷۸ء – ۱۹۴۶ء) مضمون: غریبی

حکیم غلام رسول (زنٛمر، باغوان پور ۱۸۷۹ء - ۱۹۳۰ء) مضمون مال، دنیا، قرابت جہاد، طمع، مزاج، طالع، امان، اسرار، ریا بیترٛ۔

غلام محمد نینگرو (گنگو، پلووم، ۱۸۸۳ء – ۱۹۵۵ء) مضمون: معرفت، آرائش، طفلی۔

حکیم سید محمد (چھتبل تیلہٕ پور، ۱۸۸۹ء - ۱۹۲۳ء) مضمون: گل نیلوفر، بند وبست بیم

حکیم محمد جواد (باباپورہ جبہ کدل - ۱۸۹۱ء - ۱۹۴۵ء) مضمون: قائد خانہ، شوکت، تاج۔ جاہ حشم، ریاست بیترٛ۔

مہدی حسین (خانقاہ سوختہ ۱۸۹۲ء - ۱۹۷۰ء) مضمون: حیا - حیات، ارم، خضر، ہدایت، نشیب وفراز، سیاہ وسفید، عصمت، شفاعت۔

سید حسین پالری (پالر بڈگام ۱۹۱۲ء - ۱۹۴۶ء) مضمونٛ: بکا، سربند، زمین

آغا سید علی صفوی (بمنہ بڈگام، ۱۹۲۰ء - ۱۹۷۵ء) عربی، فارسی تہٕ انگریزی زبانن پیٹھ دسترس تھاوِن وول چھُ کشیرِ ہندِس سیاسی تاریخس منز اہم مقام تھاوان۔ سہٕ چھُ ایم، اے تہٕ ایم، ایل، سی تہٕ روٗدمُت۔ تمہٕ ہنز زٕ مرثی چھےٚ اہم: امن، پاکستان

حسین علی تنہا انصاری (دلہبن، اوڑل ۱۹۱۳ء - ۱۹۶۹ء) تمہٕ دیُت مرثیہٕ نوٗشاعریہ ہُند ہیتی رنگ۔

خاموش کوری (اکہٕ رہٹن ۱۹۱۲ء - ۱۹۷۳ء) تمہٕ چھےٚ وارِیاہ مرثیہٕ لیچھمٕتۍ۔

سید اکبر ہاشمی (بتلی پور جہتہ بل، ۱۹۲۴ء -) موختصر تہٕ طویل مقام بند مرثی

غازی جلال الدین میثم (خانقاہ معلیٰ ۱۹۲۹ء - ) دریاو بنٛھس بیٹھ تمہٕ ہنز اہم مرثی

فارق بڈگامی ( بڈگوم ۱۹۲۱ء ) ہلال غم، شب عاشور، میون دل بیتر چھےٚ فارق بٕنہ بہترین مرثیہ۔ تمۍ ہنزن مرثین منز چھِ نوشاعرِ ہٕندی ساری انہار۔

یمو خالص مرثی گو شاعرو علاوٕ چھےٚ سانہو واریاہو بزرگ شاعرو تہٕ مرثیہٕ لیچھمتہٕ تہٕ مرثی چھکھ شاعرِ ہنزن مختلف فارمن سٍتؠ آشنا کرناوِمتہٕ۔ یمن شاعرن منز چھِ مرزا عارف، میر غلام رسول نازکی، دینا ناتھ نادم، رحمان راہی، غلام نبی فراق، امین کامل، ہتا مبرناتھ درفانی بیتر اہم۔ یہند تذکرٕ ییہ برونٹھ کُن۔

# ترقی پسند تحریک

## پسِ منظر

وُہم صدی شروع گژھنس تام اوس عالمی ادبس منز، خصوصن یوٗرپی ادبس منز مکتبی سرٕ ییٚژ ہُند تہٕ روایتی رُومانسک غلبہٕ ختم گوٗمُت تہٕ سماجی حقیقت پسندی اُمس اردٕ اہمہٕ صٔدی ہٕ پیٚٹھے شروٗع گژھتھ وارہٕ ہو منز لو گنڈزیمژ۔ ہندوستانہٕ چِھن اکثر ترقی یافت زبانن منز تہٕ اوس ۱۸۵۷ ءچہٕ انقلأبی لڑایہ پیٚٹھے سامراجس، جاگیر دأری نظامس تہٕ اَمہٕ کِین ادارن خلاف بغاوتُک جذبہٕ ہنہٕ ہنہٕ گنان یُس وُہمہٕ صٔدی ہٕ ہندین گوڈنکین دوٚن ڈٔہلین منز اَدیٚچ اکھ عام ترأے بنیوٚو۔ اَمیُک مکمل ترین ترجمان چھُ علامہ اقبالؔ۔ تمہٕ سنز شأعری چھےٚ قوٗمی تحریکِ آزأدی تہٕ اَتھ اندر موجوٗد سأرنے تضادن ہنز مکمل تصویرٕ بروٚنٹھ کُن انان۔ "ضربِ کلیم" تہٕ "ارمغانِ حجاز" شعر سومبرنن منز چھُ ہندوستانین گوڈنکہٕ پھیرِ پننہٕ محکوٗمی، پسماندگی تہٕ افلاس زانُنک تہٕ یہٕ دوٗر کرنُک شعوٗر میلان یُس خودی ہندِس طرحدار فلسفس منز بروٚنٹھ کُن آو۔

کٲشرِ ہندی عالم، دانشور، شأعر تہٕ ادیب ہیکہٕ ہن نہٕ پانس اَندی یکھو عہد ساز

انقلابن مُشراوِتھ۔ یِتھ پتہ اوس کُنُوہمہ صدی یہ ہِند وسطہ پیٹھے سامراجس خلاف جذبہ
کُنہ نتہ کُنہ رنگس منز باوتھ لبان تہ بغاوتھکو لوکٹ لوکٹ واقعہ تہ آسی سپدان۔ ۱۸۴۶ ایس
منز کوٗر سکھ راجکی آخری گورنر شیخ غلام محی الدینن نیچوی شیخ امام الدینن خود مختاری ہُند
اعلان۔ مگر جوٗمیک ڈوگر مہاراج گلاب سنگھ اوس کشیرِ پیٹھ قبضہ کرُن یژھان ییمہِ کِنہ
تمہِ برطانوی آغن ہند مدتہ کشیرِ پیٹھ حملہ کوٗر۔ ساری کاشرِ گئے ڈوگرہ حملس خلاف متحد
تہ گلاب سنگھس دِژکھ شِکس۔ برطانوی حاکم گئے امام الدینس پیٹھ سیٹھاہ برہم تہ کالہ
پگاہ لگس وارننگہ دِنہ۔ یِلہ بہ اُمہِ سترِ اندیوکھ تمو دیت گلاب سنگھس زبردس فوجی
مدد تہ پتھ پاٹھی گئے کشیرِ ہنز بغاوت پامال کرنس منز کامیاب۔ کشیر آیہ گلاب سنگھس پانژہ ہتھ
لچھ روپین کِنہنہ تہ ۱۶ مارچ ۱۸۴۶ اسی کر امرتسر معاہدس پیٹھ ہینری لارنس تہ گلاب سنگھن
دسخط۔ اَتی پیٹھ گو کشیرِ پیٹھ ڈوگر راج شروع یُس ۱۹۴۷ء تام قایم روٗد۔ اَتھ ہتس
وُریُس دوران بدلیے ژور مہاراجہ: گلاب سنگھ، رنبیر سنگھ، پرتاپ سنگھ تہ ہری سنگھ۔
یوٗدوے ڈوگرہ راجس کینژو مورخو سیٹھاہ تعریف چھ کرِی مژ مگر کاشرِ آسی ٹیکس دِدی
تہ بیگارِ کرِی کرِی سیٹھاہ زیرِ آمتی۔ تمو تج ورِز ورِز ظلمس خلاف آواز مگر سرکارن روٗد
تمن سختی سان دباوان۔ ۱۸۶۸ء منز لیوٗکھ رابرٹ تھارپن (ROBERT THORP)

" کاشرن ہنز رضامندی ورأے تمن پیٹھ گلاب سنگھُن راج
مسلط کرِتھ کرُ برطانوی سرکارن کاشرن ستی زبردست ناانصافی۔
اَسہِ ییم ستم پانہ اَتھ قومس پیٹھ کرِی تمن ہُند ازالہ کرنہ بجایہ
نیو اَسہِ یہ قوم ۱۸۴۶ء کِس ذلیل معاہدس تحت کِنتھ تہ بتو
گلاب سنگھُن لتہ داس ہئہ"

علامہ اقبالن لیوٗکھ:۔

آج وہ کشمیر ہے محکوم و مجبور و فقیر

کل جسے اہلِ نظر کہتے تھے ایرانِ صغیر

سینۂ افلاک سے اٹھتی ہے آہِ سوزناک

مردِ حق ہوتا ہے جب مرعوب سلطان و امیر

کہہ رہا ہے داستاں بیدردیٔ ایام کی

کوہ کے دامن میں وہ غم خانۂ دہقان پیر

(مُلّازادہ ضیغم بولانی کشیری کٔ بیاض)

۱۸۶۵ ہس منز کرٕ گوڈنکہِ پھرِ کاشرو ظلمس تہٕ جبرس خلاف ننہٕ وانہٕ بغاوت یلہِ زن سرینگرٕکیو شالبافو اکھ جلوس کوٚڈ تہٕ فوجن کرٕ درجن واد کاشرٕ قتل۔

کاشرو شاعرو یوٚدوے اتھ دورس منز تہٕ تصوفس تہٕ رومانس منز پناہ نیوٚ مگر احتجاجچ آواز چھِ کنہِ گژھنہٕ۔ میر علی شاہ (کھویہامی) سنز مثنوی "آخر زمانہ" چھےٚ اکھ احتجاجچ ٹاکارٕ مثال۔ کیہہ شعر:-

| | |
|---|---|
| چھُ شہزادٕ سونٕے یہ جموں دیار | زمیندار چھکھ کاشرٕ کاشکار |
| یواں بے نہایت تمس چھےٚ خراج | غریبن ہواں گوگجہِ ہاکس تہٕ باج |
| سپن حکم یوٚدوے کرِ کانہہ شکار | دِین باج یاسن نین واگزار |
| نواں کوٚت لوٗٹے، لیکھہٕ حساب | یہ فردا وَنن کیا خدایس جواب |
| تہٕ سوٚمبرٕ تھ گژھان چھنہٕ چشم سیر | بہر رنگ اوٚنکھ ملک کشمیر زیر |
| چھنٕے دابہ پلنگ چھُ ازعدزوں | گژھن آبہ ہُن جابجا سخت خون |
| خلق مقدمہ فوجداری گران | دروغس بحلقاً گواہی دوان |
| کمربستہٕ روزِتھ بغتنہ فساد، | کرنی فوجداری لگو تھوو یاد |
| عدالت چھنہٕ کانہہ تہٕ چھےٚ پھٕ گراں | مثل پوٚتھی زن بابہ نانک پراں |

علی شاہ پیرن ونن القصہ        یہ آخر زماں آو سانی حصہٕ

وہاب پرے حاجنی چھُ "درویشی" مثنوی منز ڈوگرہ زمانک حال یتھ پاٹھۍ بیان

گران :

تمہٕ وقتکۍ ظلم کاٗتیاہ انہ بو اندر شمار

ڈڈٕ حاکم آسۍ کیتھۍ کیا اوس ملکس گہٕ کار

کاٗسبن پرتھ طاٗیفس کوٗرٕمت مقرر باج سال

اوس لوٗٹنگ محکما بوٚڈ نا وتھ نقدی محال

چھان واتل واٗنۍ داندر رٕچھ یتہٕ کاندر سٔنزٕ یتہٕ کھار

آسۍ ساٗرۍ طاٗیفہٕ پیم چھۍ یتہٕ تم، تم باجدار

لیکھہ کاٗتیاہ ظلم تتھٕ وقتس ستم گر کیتۍ آسۍ

پرتھ سہس ہتھ جاہ ذٔلیل ہوتۍ آسان ستۍ آسۍ یتہٕ

دوہ پہ حاکمن ہندِ ظلمہٕ تہٕ استبدادٕ ستۍ روٗدی کاٗشرۍ عام لوٗکھ کرٕنۍ یوت یا روحہ ورٕنۍ پھیر ونہٕ کھوروہٕ لاشہ۔ یوٗہے حال ید وُچھتھ وۅن علامہ اقبالن :-

توڑ اُس دستِ جفاکیش کو یارب جس نے

روحِ آزادیٔ کشمیر کو پامال کیا

دوں گو وغلامی خلاف روٗز نفرت تہٕ احتجاجٕچ لہر سماں سماں یوٗتام ۱۹۳۱ ء دوت۔ جوٗنِم شہرس منز آیہ مذہبی جذبات مجروح کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ۔ یتھ خلاف ساٗری ہے ریاستس منز زبردس احتجاج سپُد۔ انقلابک روح اوس ڈیتھ یہ حادثہٕ بنیوو زبردس محرک تہٕ مسلمان گٔے متحد۔ خانقاہ معلیٰ ہس منز سپُد بوٚڈ بار اجتماع یتھ منز آکۍ شعلہ

بیان کأشرِ عبدالقدیرن تقریر کوٚر۔ سُہ آو گرفتار کرنہٕ ۔ ۱۳ جولائی آیہ اَدٕ ہنارِس مقدمس بوزنہِ

لۆکھ سمےیہِ یارِ تعدادس منز سنٹرل جیلس نکھہ۔ ڈوگرہ راجس خلاف آیہ نعرِ دِنہٕ یتھ پیٹھ پولیسن

اَدٕ کھلہٕ گولہٕ چلاوِ تہٕ اکوہ نوجوان گے جاں بحق۔ اَمہِ پتہٕ ہیوٚت مسلم کانفرنس قایم یتھ قیادت

کیہنہ تعلیم یافتہٕ کأشرِ کران آسی۔ یمن منز اوس چودھری غلام عباس، گوہر رحمان تہٕ خواجہ

غلام نبی گلکارس علاوٕ شیخ محمد عبداللہ تہٕ شأمِل۔ اَمہِ پتہٕ کمےکأل یوٚدوے کأشرِن ہند اتحاد

پھُٹ تہٕ کانفرنس گے دۆن حصن منز تقسیم؛ اکہ طرفہ شیخ عبداللہ ہندِس قیادتس منز

نیشنل کانفرنس تہٕ بیٚیہ پاسہ میر واعظ مولانا محمد یوسف شاہنِس قیادتس منز آزاد مسلم کانفرنس

مگر آزأدی ہُند جنگ رُود زور لبان۔

عالمی صورت حال تہٕ اوس ادبس منز انقلأبی تبدیلین ہندِ خاطرٕ ساز گار۔ اکہ

پاسہ آس روس، چین تہٕ ایشیاکین وارِہن ملکن منز جاگیرداری تہٕ سرمایہ داری نظامس

خلاف محنت کش ہنز جدوجہد زورن پیٹھ تہٕ بیٚیہ پاسہ اوس سورُے دُنیا عالمی جنگن ہنز

ہولنأکی وُچھتھ امنکہ ضرورت شدتہٕ سان محسوس کران۔ سوشلزم تہٕ عالمی امنہ باپتھ

اُتھ جہادس منز آسی یرتھ کُنہ ملکی ادیب تہٕ شاعر پیش پیش۔ ۱۹۳۵ء یس منز ہیوٚر

پیرسہ لیکھارن ہنز بین الاقوامی کانفرنس یتھ منز ترقی پسند تحریکہ ہند ضابطہٕ پاٹھۍ آغاز

کرنہٕ آو۔ اَمہِ پتہٕ ستی یعنی ۱۹۳۶ء یس منز آیہ برصغیرس منز تہٕ انجمن ترقی پسند مصنفین

قایم کرنہٕ یمہٕ کہ گوڈنکہ جلسچ صدارت منشی پریم چندن کرٕ۔ اَتھی جلسس منز آو انجمنہٕ

ہُند اعلان نامہٕ تہٕ پاس کرنہٕ یتھ برصغیرکیو اکثر بڈلو بڈلو ادیبو تہٕ شاعرو دستخط

کٔرو۔ اَمہِ اعلان نامُک یہ اقتباس چھُ ترقی پسند تحریکہٕ ہُند مُدعا تہٕ مقصد زانہٕ باپتھ

مفید۔

> ہم اپنے آپ کو ہندوستانی تہذیب کی بہترین روایات کا وارث درسمجھتے ہیں اوران روایات کو اپناتے ہوئے ہم اپنے ملک میں ہر طرح کی رجعت پسندی کے خلاف جہد و جہد کریں گے جو ہمارے وطن کو ایک نئی اور بہتر زندگی کی راہ دکھائے۔ اس کام میں ہم اپنے اور غیر ملکوں کے تہذیب و تمدن سے فائدہ اٹھائیں گے۔ ہم چاہتے ہیں کہ ہندوستان کا نیا ادب ہماری زندگی کے بنیادی مسایل کو اپنا موضوع بنائے یہ بھوک، افلاس، سماجی پستی اور غلامی کے مسایل ہیں ہم ان تمام آثار کی مخالفت کریں گے جو ہمیں لاچاری، سُستی اور توہم پرستی کی طرف لے جاتے ہیں۔ ہم ان تمام باتوں کو جو ہماری قوت تنقید کو ابھارتی ہیں اور رسموں اوراداروں کو عقل کی کسوٹی پر پرکھتی ہیں، تغیر اور ترقی کا ذریعہ سمجھ کر قبول کرتے ہیں ؎

یہ اعلان نامہ جاری گژھنس ییتی گوٚو ساریٖ پےٚ ملکس منز ادبس متعلق پرتھ کُنہ مَسلس پیٹھ نوٚفیمکُ بحث شروٗع، واریاہ تصورٕ گےٚ رَد تہٕ ادبہٕ کس معنیس ، مدعاہس تہٕ مقصدس متعلق گےٚ نوٚی تصور قایم۔ یوٚدوَے اعلان نامس پیٹھ دسخط کرن والین منز کانہہ تہٕ کاشُر ادیب اوس نہٕ مگر کُشیرِ منز اردو کیو کاشری لیکھن والیٚ لگی جوشہٕ خروشہٕ سان ترقی پسند تحریکہٕ عام کرنچ سنز کرنہٕ۔

عبدالاحد آزاد اوس ۱۹۳۱ء پیٹھےٚ کُشیرِ ہنزِ سیاسی بیداری ستہٕ جذباتی

طور وابستہ پیٚد مُت ، مگر تمی سنز نظر اُس نہٕ مہاراجی نظامہٕ منز آزاد گژھنس تامے بلکہ
کشیرِ منز سوشلِسٹ سماج تعمیر کرنس پیٹھ۔ سہٕ اوس اُتھی دوران اقبالؒ نہٕ سیاسی شاعری
ہُند مدح بنیومُت تہٕ "جاوید نامہ" شاعری اُس تمیٚ ہندِس پننس شعری ذہنس شیران۔
یوٗدوے سہٕ سرینگرکین دانشورن نِشہٕ دوٗر اوس مگر خطن ہندِ ذریعہ اوس تمی پننین ہم خیالن
سٟتی رشتہ جوڑمُت ۔ ۱۹۴۵ ہس منز یلہٕ پریم ناتھ بزاز سُند اخبار 'ہمدرد' جاری سپد
آزادس میوٗل پننیٚ شعلہ بیانی عام کرنُک موقعہ۔ سہٕ روٗد پننہٕ نظمہٕ تہٕ پننیٚ تنقیدی مضموٗن
اُتھی اخبارس منز شایع کرناوان تہٕ گامہٕ شہر لوٗکن مُتاثر کران ۔ ادبس تہٕ سماجس متعلق
تمی سندی خیال اُسی مارکس جدلیاتس تہٕ ترقی پسند تحریکہٕ سٟتی پوٗر پوٗر ہشر تھاوان۔ تمیٚ اوس
کاشرِس ادبس منز بنیادی تبدیلی اننُک ضروٗرت شدت سان محسوٗس سپدان تکیازِ
کاشرِ شاعری ہنز صوفیانہٕ شاعری اُس اوٗتام موضوعی تہٕ ہیٔتی اعتبارٕ زمانس سٟتی
لاتعلق صرف کینژَن کتھن تہٕ لفظن ہندِس تکرارس منز قٲد سپنزمٕژ ۔ آزاد اوس
اتھ نوِس زمانس سٟتی زانی یاب پڑھان کرُن۔

ادب بھی انسانی زندگی کے ساتھ ساتھ اس کی ہر منزل
میں اپنے روپ بدلتا رہتا ہے۔ مگر ہر نئے ادب کو پرانے
ادب کے ساتھ گہرا ربط ہوتا ہے ۔[۵]

ادبس متعلق یہ بُنیادی تصوٗر اوس تتھ زمانس منز بلکل ساہرواریتہٕ نوٚ ادبُک
تیب دوران اُمہ نوٚ ادبُک وُبہٕ ہاوُکھ اصوٗل اوس یہ زِ ادب چھُ بذاتی انسانی محنتہٕ
ہُند اکھ پیداوار یتھ منز تخلیقکارسُند شوق تہٕ جذبہٕ علاوہ اُندی پکھی حقیقتہٕ سٟتی تمہٕ سُند
انفرادی رویہ تہٕ شامل چھُ آسان ۔ اوٚکنہٕ چھُ پرستھ کُنہٕ دوٗرُک ادب پیٚدسیوٗد

یاورگہ پاٹھو اکہ نٔبہ بیٚیہ اقتصادی طبقہ کس حقس منز قولہ ہارٕ آسان ۔ ادیگ مول چھُ لہذا اٚمِہ سماجی افادیتہ منز، تہٕ زٕن گوو یہ گیہ حدس تام ہیکہ زندگیہ ہندین مسلن سمجنس منز مدد کٔرتھ تہٕ لوکن ہندر جانہر باپتھ بہتر سماج پادٕ کرنس منز لوکن جہادٕ باپتھ تیار کٔرتھ ۔ ترقی پسند تحریک اُس محنت کشن ہندس حقس منز تہٕ تہندی باپتھ ادب تخلیق کرنس پیٹھ زور دوان ۔

## مشاعری

غلام احمد مہجور چھُ ترقی پسند تحریکہ ہندس اگرس تل ییٚنہ وول گوڈنیک کاشُر شاعر ۔ سُہ زاو ۱۳۰۵ھ (۱۸۸۸ء) منز "متر گامہ"۔ مأجس اوسُس ناو عبداللہ شاہ تہٕ ماجہ سعیدہ بانو، یم دونوٕے خوشنولیس آسی ۔ گرس منز قرآن شریف پرنہ پتہٕ آو سُہ نزالہ کس اُکس آخون صاحبنس ژاڑہ ہالس منز داخل کرنہ یمس عبدالعلی گنائی عاشق ناو اوس ۔ عاشق اوس پانہ تہٕ کأشر شاعر، ادکنہ آسہے تٔس تمہ سے رنش کأشرہ شاعریہ ہنز زانہ پیٚنز ہش ۔ ۱۹۰۱ءیس منز نیوٗ تمہ نصرۃ الاسلام ادارس منز داخلہ ۔ مگر تنگدستی رکنہ ہیوٗکنہ اٚتھ پرایمری کلاس تعلیم پوٗرٕ کٔرتھ تہٕ سُہ گوو اٚمرِ پتہٕ امرتسر یتہٕ تمہ غلام محی الدین ہندس گرس منز روزٕتھ کتابت ہیٚچھ تہٕ لوگ کیہنہ پونسہ ژونک کماونہ ۔ امرتسرس منز مٔلکھ سُہ مولوی عبداللہ بسملس یُس اُردوٗ تہٕ فارسیس منز ہیکھان اوس ۔ بسمل گوو قادیان تہٕ مہجور بُلوٗون توٗرٕ تہٕ "البدر" ناوکس اخبارس منز لوگُن کاتب ۔ کام کرنس دوران وُچھ تمہ منشی محمد دین فوق سُند رسالہ تہٕ یتھ پاٹھو گنیس تمس سکیٚنج کل تہٕ ووت لاہور ۔ ۱۹۰۷ءیس منز آو واپس کشیر تہٕ یارکلان چہ اُکس کورٕ ستی سپدُس خاندر یُس "مہتاب" ناو اوس ۔ دُری کھنڈ گرٕ ھتھ لوگ سُہ شہر کش تہٕ لداخ ییوس

نوکری کرنہٕ گژھن۔ ؤری جوراہ گژھتھ پیوس مالی سندِ گذرٕ پتہٕ گرٕ واپس یُن تہٕ نوکری
پیٚیس نژاونی۔ بیٚیہ گوو پنجاب، تورٕ آو نا ووٚمید گژھتھ واپس۔ کینژن دوہن عدالتس
منز نقل نویسی ہنز کام کرٕتھ گوو محکمہ مالس منز بحال تہٕ آو پٹواری مقرر کرنہٕ۔ اتھ
دوران ہیوٚت تمی ٹنگو پورٕ اکھ لوکٕٹ مکانہٕ ٹلٕ تہٕ لوٚگ دوہ دوہ کڈنہٕ۔

۱۹۱۲ء پیٹھہٕ ہیوٚت تمی اردو پاٹھی لیکھُن تہٕ کینژن اردو مشاعرن منز کٔرن
شرکت تہٕ۔ اتھی دوران سپُد ملازمتہٕ نِشہٕ بیٚیہ معطل۔ مگر مقدمہٕ زینِتھ تہٕ آو بحال
کرنہٕ۔ مگر امہٕ پتہٕ گوو بیٚیہ دوہ پہٕ لٕٹہٕ معطل تہٕ بیٚیہ سپُد بحال۔ پریشان حالی اُستھ
تہٕ روُد مہجورٕ علمی تہٕ ادبی سرگرمین منز دلچسپی نوان تہٕ پننہٕ زمانٕکین اہم شاعرن
تہٕ عالمن ستی کوٚرن تعلق قایم۔ چنانچہٕ تس اوس علامہ اقبالس ستی تہٕ خط وکتابت۔
۱۹۱۱ء ییس منز کوٚر تمی مثنوی "پھاپھاکٹنی" لیکھتھ کاشرس منز لیکھنک تجربہ۔ امہٕ مثنوی
ہُند واقعہ چھُ الف لیلہٕ منزٕ نِنہٕ آمُت۔ امہٕ بروٚنہہ چھنہٕ تس کاشرس ستی کانہہ دلچسپی اُمُت۔

مئے مانُن حکم یاران پیوم ناچار
اگرچہ کاشرس نِش چھُس بہ بیزار

اتھی دورس منز لیچھ تمی "جنگ جرمن" ناوٕچ اکھ زیٹھ نظم یتھ منز تمی ۱۹۱۴ء کہ
عالمگیر جنگہٕ کس پوٚت منظرس منز برطانوی راجکی گون گیوٚو تہٕ بیٚیہ کٔرن کاشرِ ہندِس
قومی کردارس تہٕ تہنزِ حوصلہ مندی تہٕ ایمانداری سٹھاہ تعریف۔ امہٕ پتہٕ ترووٚ تمی اردو
زبانی منز لیکھُن تہٕ پھیوٚر کاشرس کُن۔ محمود گامی سٕنز غزل "یارٕ میانیو مارکن منز یان
ہوو تھ تی پزیا" پٔرِتھ لیوٚکھُن تمی گوڈنیُک غزل "ونہٕ ہے وٕلہ بے وفائی شیوٕ دلدار چھیا"
بحر کٔنی آسنہٕ علاوٕ چھُ سراپا نگاری ہُند انداز تہٕ کُنے۔ مہجور گوو جبہ خوتوٚن محمود گامی

رُسل میرن تہٕ مقبول امرتسری ہنز شاعری پٕرِتھ سیٹھاہ متاثر تہٕ وارِیاہ وزن تہٕ غزل لیکھن
پیٹھ من طرحن پیٹھ۔ مگر سُہ چھُ صرف رسل میرس نِش متاثر آسنُک اعتراف کران۔ مہجور
سُنٛد شہر گامہٕ مشہور۔ تمۍ سُندۍ بأتھ کھتۍ نٹین نارن تہٕ سُہ بنیو پننہٕ زمانُک سارِوے
کھوتہٕ ممتاز شاعر۔ تمس میلۍ وارِیاہ قدردان یِمن منز شیخ محمد عبداللہ، پنڈت پریم ناتھ
بزاز، عبدالاحد آزاد، جیالال کلم، دیوندر ستیارتھی، بلراج ساہنی اہم چھِ۔ تمۍ ہنز وارِیاہ
بأتہٕ سوٗمبرن تہٕ روزٕ پھرِ پھرِ چھپان تہٕ لوٗکھ روٗدۍ یِم ٹلی ہوان۔ بزازنِس "ہمدرد" اخبارس منز
تہٕ روٗد تمۍ سُند کلام چھپان۔ سُہ بنیاو کلچرل محاذس سرپرست۔ ١٩٤٨ء ہس منز یِنٛد
ریڈیو سٹیشن قایم تہٕ تمۍ سُندۍ اکھ بأتھ آو گوڈنِکہ کأشر بأتہٕ زٕنگی پیش کرنہٕ۔
١٩٥٠ء ہس منز نیوٗ شیخ محمد عبداللہ ہن پانس سیتۍ دِلہِ تہٕ تاریخ ادبیات کشیر لیکھنک
ڈیتنس مشورہ۔ ١٨ اپریل ١٩٥٢ء سُنٛد مہجور رحمت حق تہٕ منز گامہٕ آو دفن کرنہٕ
مگر اکھ دوہ گژھتھ آو تمۍ سُند جسدِ خاکی کڈنہٕ، سرینگر ہنٛز تہٕ اُتھ واجنہٕ آو سرکاری
اعزازسان دفن کرنہٕ۔ مہجورنِ مقبولیت پتھٕ ازتام جأری تہٕ لُکھ آد "شاعرِ کشیر"
خطاب دِنہٕ۔

مہجورن ترٲوٕ نہٕ وزنٕچ روایت تہٕ اُتھی منز روٗد پننۍ بہترین شعر ونان۔
یوٗدوۍ تمۍ ہنز شاعری ہُند کلُہم لہجہ روایتی چھُ مگر اُتھی منز چھُ نوٚ شاعری ہُند آغاز
سپدان۔ یوٗدوۍ سُہ ترقی پسند تحریکہِ سیتۍ سیدٕ سیود وابستہ روٗد نہٕ تہٕ نہ کوٚرُن مارکسی
فلسفہ قبوٗل مگر علامہ اقبالس نِش متاثر سپدِتھ، پننِس شاگرد عبدالاحد آزادس سیتۍ قریبی
تعلق آسنہٕ کِنۍ تہٕ پننہٕ زمانکِس کلہم سیأسی مزازس سمجھتھ لیکھن تمۍ بأتھ یِم ترقی پسند
شاعری ہندی ترجمان چھِ۔ ١٩٣٥ء ہس منز پیٚو تمۍ سنٛز مشہور نظم "گریسۍ کوٗر" ہمدرد اخبارس

منز شایع۔ یہ اُس گوڈنچ کاشُر نظم یُتھ منز ترقی پسند تحریکہ ہُند اثر ٹاکارہ پاٹھۍ نظر چھُ گژھان۔ گریسۍ کورِ ہُند کردار ژارِتھ پھیر تمۍ کاشُر شاعری ہُند روح عام دیہاتی زندگیہ کُن تہٕ مابعدالطبعاتی مسلو بدلہٕ دوہ دشہٕ چہ زندگیہ ہندِن مسلن کُن۔ مگر تہٕ کرِتھ چھُنہٕ مہجورن رویہ حقیقت پسندی ہُند بلکہ رومانیٹک سٕۓ چھُ گریسۍ کورِ ہندِن ٹھوس پرزن سنٕہ بجایہ تِمن منز تہٕ مافوق الفطری اظہار وُچھان۔

وُنہٕ وان درایکھ پیٹھٕ ترژیے  وِگنیو شاباش کرِیے
چنگہٕ ساز وایان چھکھے دِ ڈرییے
گریسۍ کوری نازنین سونٛدریے

اساطیری رنگ چھُ مہجورنہٕ شاعری ہُند سارِوے کھوتہٕ لوٚبہوُن رنگ یُس تمۍ سندِن استعارن معنہٕ ساوِر چھُ بخشان تہٕ خیالن شاعری چھُ بناوان۔ فطرژ ہندِن جزن تہٕ مظہرن تہٕ چھُنے ژلوٕ پوان تہٕ یم چھِ انسانی صورت حالکی آنہٕ بنان۔ 'وُزمل' جاے تمۍ ژٹ پرستان منز' تہٕ باتھے وژنن ہندِن واریاہن شعرن منز چھِ فطرژ ہندی تمۍ سندی من پسند چیز۔ شلن گُل، بُلبُل، باغ، یمبرزل، مُس، منہٕ کستورِ، پوشہٕ موت صبحک واو، پوشہٕ نول، سنگرمالہٕ بیتر پھرِ پھرِ شاعر بندِن جذبن ہندی ترجمان بنان تہٕ حُسنکی تہٕ عشقکی، آسنکی تہٕ نہٕ آسنکی، پرژرکی تہٕ کرژرکی نیاے اُنزراوان۔ مہجورنی بہترین شعر چھِ تمے یمن منز مہجورن انفرادی اسلوب برجستہٕ پاٹھۍ یعنی شعوری مدعاچہ پابندی وراے لمحاتی جذبن ہنز گتہٕ باو تھ کران چھُ۔

ژلہٕ لارِ وُچھمکھ حال وُنہٕ ہے وارِ وُچھہے روے
گلہٕ ژلومنے گیم اوٚش وۄتھم دُدرایہ وُنۓ کیا

کامہ دیو کرِ ساَلہٕ ڈل بوٗزُم شبس گژھہ تیل بل

درشنس آبس اندر ہمپوشس لاگتھ پرارہا

واو صبحُک سُلہٕ اوس لاران

تہٕ تمیلو مُٹ کستام ژھاران

خندہٕ پوشو کرِس جاپہٕ جایے

'کلام مہجور' ناوِ سوٗمبرنہٕ سلسلس منز چھُ سُہ اُتھی علامتی ترتیبہ منز پننین سیاسی خیالن ہنز باوتھ تہٕ کران تہٕ اوکنے چھُنہٕ سیاسی پاَغام باتھے رنگاکرِتھ پیٹھ غائب گژھان ۔ گریسی کوٗر نظم لیکھنہٕ پتہٕ چھُ ۱۹۴۰ ہس منز بیاکھ سیاسی نظم لیکھان "گہ ژٕج گاش آو" یوسہ بے حد مقبول پیو ۔ اتھ منز چھُ سُہ گوڈنکہٕ پھِر تحریکہٕ حریت کاَشرین ہنز حق بجانب جدوجہد مانان تہٕ پننہٕ واجبہٕ سیاسی آزادی استقبال کران ۔ نظمہٕ ہند جوش آفرین لہجہٕ چھُ اتھ تحریکہٕ مُرتہٕ تمہ ہنز دِلی وابستگی نتیجہ پانٹھو ہاوان ۔ مسلم کانفرنس ہنز نیشنل کانفرنسس منز تبدیل تہٕ یہ خوش آیندہٕ تبدیلی آیہٕ مہجورنس سیکولر کردارس براہ ۔ تمہ لیکھ" نیاے ترایو مائے تھاوِو پانہٕ واٹی" ہوی نغمہٕ یمو وارِہس حدس کاشرین ہندس روایتی ملنسارس دربر دیُت ۔ تس اوس کاَشرین ہنز انفرادیت تہٕ قومی کردار راونس پیٹھ دوکھ یتھ سُہ وِزِ وِزِ پننین یاتن

منز ژھاران اوس ۔ مہجورن چھِ پننہٕ زمانکی ہنگامی سیاسی پروگرام تہٕ کاشرین لیڈرن ہندی سیاسی تقریرہ تہٕ نظماوِ منزِ ۔ دراصل اوس یہ دور زبردس جوش وخروشک دور تہٕ کانہہ تہٕ کاَشرُ شاعر ہیکہ ہے نہٕ امہِ نِشہٕ الگ روٗزِتھ ۔ مہجورن کرِ مین سارِنے ہنگامی نوعیتکین موضوعن تمثیلی رنگ دِنچ کوشش ۔ مگر امہِ قسمِچ سیاسی شاعری روٗز تو تہٕ سیاسی) بیانہٕ بازی تام پے محدوٗد ۔

'پیام مہجور' (۱۹۳۹ء تا ۱۹۴۹ء) کتابی سلسلہ سأڑے شأعری چھپتھ لۄہے تاثر وۄتلاوان ۔ ستتھ ہیکو الناگ واقعن کوٚر شأعرن سُند خاب بۄتہٕ شِتہٕ یہ تمہٕ لیٚچھ فسادن، سماجی ناانصأفی، ٹھریٚے تقریر بازی تہٕ اُنی لوٚٹش خلاف پننی شاندار طنزی نظم "آزأدی" یۄس تمۍ ہنز شأعری منز گووٲکھ نوٚو رنگ پأدٕ۔

ترقی پسند تحریکہٕ ہند اصلی بأنی کار چھُ عبدالاحد آزاد یُس کٲشِرٕ ہنٛدِس سیأسی انقلابس سوشلزمس کُن رۄخ اوس یِرْہان پھِرن ۔

آزاد زاو رانگرٕ (بڈگام) ۱۹۰۳ء منز اُکس عام زمیندار بنٛدگرٕ تمہٕ سُند مول سلطان ڈار اوس صوفی مزاجک یۄس تمۍ دِژس پانے گوڈٕ گوڈٕ قرآن شریفچ تربیت تہٕ بیٚیہ پرنوٚدن کیہنہٕ فارسی کتابہٕ۔ زُیٹھ بوے اوسُس جان پوٚرمُت یۄس تمۍ ییلہٕ مکتب کھوٚل سُتہٕ گوو اُتی درج۔ شُراہ وہرے اوس ییلہٕ سُہ رانگرس نیچھ زوٚہامہٕ کس گورنمنٹ پرایمری سکوٗلس منز ٹیچر آو لاگنہٕ۔ سُہ روٗد یِمنہٕ مزازچ کام میلنہٕ کنہٕ راتھ دۄہ مطالعہ کرنس منز آوٗر تہٕ عربی، فارسی، ریاضی جغرافیہ بیترِ مضموٗنن ہنز سپزس پوٚرٕ زان۔ منشی امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ لوٚگ منشی فاضل امتحانٕچ تیأری کرنہٕ مگر نمونیا بیمار دِژس پنہٕ اٲکھ وُتھ۔ اُمرِ پتہٕ روٗد دۄہے اکہٕ نتہٕ بیٚیہ بیمار منز مبتلا۔ گرس منز اوس کأشر دلیلہ کتابہٕ پرنک تہٕ گیون بوزنُک شوق سارِتے یمہٕ کنہٕ سُہ کأشر شأعری ہنزن نزاکژن سنہٕ لوٚگ تہٕ پنداہ وہرِ پیٚٹھ ہیٚتن روایتی اندازٕ کی باتھ ونٕنۍ گوڈٕ اوس لیکھان تخلص احد پتہٕ جانباز تہٕ پتہٕ آزاد۔ اردو شأعری ہنٛد مطالعہ کران کران پیٚد لَس علامہ اقبالنِ ؒ یتوٚت اثر زِ سُہ لوٚگ تس تقلید کرنٕچ کوٚشش کرنہٕ۔ سُہ اوس یِرْہان کأشر شأعری تصوفہٕ کیو روایتی موضوعو نِشہٕ الگ کڈٕتھ اٲکھ نۆو زمانک

عرفان دیُن۔ نالہٕ زاری، رُوشمت یار مناوُن، خیالی محبوب ہندین ناز نخرن سنٛن تہٕ گُلن بُلبلن ہندِ زیٛوِ پیٚنُ عشقہٕ دود پھرِن ہیوٚتُن تس زندگیہ ہِنٛزٕ فرار باسُن، حالانکہ پاپہٕ کوٗرُن شروٗع امی نہجہ ستۍ۔ مذہبس متعلق چھُ اَکس کاشرِس خطس منٛز لیکھان:

" طریقِ خانقاہی چھُ مےٚ کھٹان ..... مذہبین ہندِس اہمیتس کرکانہہ احمق انکار۔ مےٚ ننٛتہ چھُ مذہب سوسایٹی ہُند پیداوار۔ میون عقیدٕ چھُ: محمدؐ، قرآن، خدا۔ عام لُکھ تہٕ مذہب دار حضرات چھِ ونان: خدا۔ قرآن۔ محمدؐ۔ یُہے خیال چھُ میانِس یتھ شعرس منٛز:

دیٖن دارٕ ژےٚ چھےٚ دیٖن پنُن چھُم مےٚ پنُن دیٖن
ایمانِ خدا چون تہٕ انسان مدعا میون

رُود سوال تصوفُک، یہ چھُس اقبال سُند تصوف حقیقت مانان۔ بس "

انسان نوازی چھےٚ آزادنہٕ شاعریہ ہندِس پرتھ کُنہٕ تصورُک مرکز۔ انقلابس تہٕ چھُنہٕ سُہ محض اقتدارچ تبدیلی زانان، سرمایہ دارن ہندِ اتھ منٛز طاقت ینٛتہٕ مزدورن ہندین اتھن منٛز دیُن۔ خارجی طاقت چھُ انسانہٕ ہندین انفرادی امکانن ہُند ضد تہٕ آزاد اوس نہٕ اَمہٕ قسمہٕ کِس جمودس پسند کران۔

لاے مجتبیٰ کتھا ملک خدا شکار کر | روز مجتبیٰ کتھاہ سوز دلس مہ عار کر
زون مےٚ وار چون شان لون ازل تہٕ لامکان | ہِنٛزٕ صحبتس دیان عقل تہٕ گاہٕ چار کر

عرش تہٕ لامکان چھون دیرو حرم دکان میون نوٚو چھُ اژُن مکانہٕ پرٕون ازنہٕ پگہہ یہٕ کارگر

نُل میانی پانَن سارٕ سیمنٹ بورکُلس پیٹھ
ملکن تہٕ فلکن لرزہٕ وۄتھ ڈیشتھ یہ جگر میون

یوٚدوَے تمۍ توہمس تہٕ اَنی پرٕژھ خلاف بغاوت کٔر مگر سُہ چھُنہٕ ژھریہِ عقلیژ ہُند تہٕ قایل۔ عقل چھےٚ توٚتام غارٕ انسٲنی صلاحیت یوٚتام نہٕ اَتھ سٟتۍ لول تہٕ آسہٕ۔ لول چھُ آزادنی سارِوے کھوتہٕ اہم علامت یُس عقلہٕ رہبری چھُ کران تہٕ اَتھ انسانہٕ سُند تہٕ خالص انسانہٕ سُند کمال چھُ بناوان۔ لولہٕ چہ وَنہٕ ہیکہِ تھےٚ ہیکہٕ انسان پننِس دنیاہس سوکھ سوو گرٕ بناوِتھ تہٕ اَتھی وَنہٕ ہیکھ ہیکہٕ سُہ پوٚشیدٕ راز تہٕ زانِتھ۔

یٟلہٕ لولہٕ چہٕ دیدو مےٚ حسنس تیز نظر ترٲو
لچھ پردٕ چیران ژاو تیٚر کی پاٹھۍ اژ میون

کافرِ ہندی جامہٕ لٲگتھ کامہٕ دیوٕ لوٚب عاشقو
پردٕ میانٕہِ دردٕ چشمن کعبہٕ تہٕ بتخانہٕ میون

گامس منز روزنہٕ کنۍ رُود نہٕ تس شہر کین دانشورن تہٕ سیاست دانن سٟتۍ ووھتن بہن تہٕ کینژھا اوس نہٕ سُہ پانہٕ تہٕ پرٕژھان۔ ووٚں گوو مہجور، پریم ناتھ بزاز، پدم ناتھ گنجو تہٕ جیالال کولس سٟتۍ رُود تس سیٹھاہ قریبی تعلق۔ یمو سارِوے دوستو چھُ تمس سٟتۍ قربت آسنس پیٹھ فخر کوٚرمُت۔ پریم ناتھ بزاز چھُ لِکھان:۔

کشمیر کی جنگِ آزادی میں ہم دونوں ایک دوسرے کے ساتھی تھے

لیکن فرق صرف اتنا تھا کہ وہ اپنے انقلابی خیالات کو
نظموں اور گیتوں کی شکل میں قوم کے سامنے پیش کرتے
تھے اور میں ان عقائد اور خیالات کو نثر میں ظاہر کرنے
کی کوشش کرتا تھا۔

آزاد رُود کاشُر ادبُک، مشرقی ادبُک تہٕ سماجیاتک دِل دِتھ مطالعہٕ کران تہٕ اَمیک فاضل کاشُر زبانۍ واتنا وان۔ پننہٕ موختصر وانسہٕ منز یوٚت وُسعتھ تہٕ وٲہراو تمۍ کاشُر زبانۍ دیُت سُہ چھُ ہمیشہٕ یاد تھاوُن لایق۔ کاشُر شاعرِس نوٚو نوٚو خیالو نوٚو اظہار وستہٕ مالامال کرنہٕ علاوٕ لیوٚکھ تمۍ اردو زبانۍ منز کاشُر زبانۍ تہٕ شاعری ہُند تاریخ یُس نوٚس تحقیق تہٕ تنقید س وتہٕ گاشراوان رُود۔ اَمہٕ علاوٕ دِژ تمۍ گوڈنکہٕ پھِر کلیات بقبول، ترتیب یوسہٕ نامکمل اُستھ تہٕ اکھ اہم کارنامہٕ چھُ۔

آزادن بناو ترقی پسند تحریکہٕ ہنز بنیاد نظریاتی اعتبارٕ پایدار یتھ پیٹھ تمس پتہٕ باقے شاعرو پننہٕ پننہٕ آپہٕ شاعرِیہٕ ہندی طرح پادٕ کرِی۔ آزاد گُذریو یتمہٕ عالمہٕ پرٲندرم بیمار رٲستی پانشر تاجہہ وُہر ژٕوُرِس مہ اپریل ۱۹۴۸ء۔

آہ آزاد از جہاں رو پوش شُد
یا کہ از جام بقا مدہوش شُد
بہر سال رحلتش مہجور گفت
"بلبل شیریں بیاں خاموش شُد" (مہجور)

## آزادنۍ کینہہ ہمعصر

آزادس رٲستی یِم تمۍ سندی ہمعصر علامہ اقبالؔ نہٕ شاعرِیہٕ تہٕ ترقی پسند

تحریکہ ستی متأثر گٔے تہٕ عام صوفیانہٕ تہٕ ہجہٕ لنشہٕ ڈٲلتھ لیوٗکھکھ عصری موضوعن پیٹھ تم چھہ عبدالستار
عاصی، غلام نبی عارض، پیر عبدالقادر آثم، غلام نبی دلسوز، مرزا غلام حسن بیگ عارف،
نیلہٕ کنٹھ شرما، امرچند ولی، دینا ناتھ المست، پتامبر ناتھ درفانی۔ یمن سٟتۍ چھہ کینہہ ازٕ تام
برابر لیکھان۔

عبدالستار عاصی (؟- ١٩٥١ء) تہٕ عبدالقادر آثم (١٨٩٧ء - ١٩٤٦ء) چھہ
ہٕ مزدور نواز شاعر یمو پننہٕ دورکین ہنگٲمی موضوعن پیٹھ لیوٗکھ۔ یہند کلام تہٕ چھُنہٕ
نیٚثرٕ پاٹھۍ دستیاب۔ 'وِدوا' ناٹکہ باپتھ آسی باتھ عاصین لیکھمٕتۍ۔ تمۍ چھُ اقبالٕنہٕ شکوہ
نظمہٕ ہٕ ترجمہ کوٗرمٕت یُس 'کاشُر گراو' ناوٕ چھاپ سپُدمٕت چھُ۔

غلام نبی عارض زاو رانگر (بڈگام) ١٢ ستمبر ١٩١٦ء۔ سہٕ اوس عبدالاحد آزادس
بنتھر۔ لوکچار پیٹھے روٗزس آزادنہٕ سرپرستی تہٕ اوے روٗدس پرنس ستۍ ستۍ شاعری
ہُند شوق تہٕ۔ ہاوس اوُسُس واریاہ تعلیم پرنُک مگر مجبورٕ یو کنۍ ہیوٗکُن صرف
ایس، پی، کالجس منز الف اے پاس کٔرِتھ۔ امہ پتہٕ کٔرِن فارسٹری ٹریننگ تہٕ سپُد
فارسٹر۔ کشیرِ ہندین واریاہن علاقن منز ملازمت کٔرِتھ ٢٧ اکتوبر ١٩٦٥ء سپُد رحمت حق۔
١٩٦٥ء سپُد رحمت حق۔

عارضن چھے ١٩٤٨ء پتہٕ شاعری شروع کرمٕژ۔ یمہ زن کشیرِ منز ترقی
پسند تحریک پوٗرٕ زورن پیٹھ آس۔ مگر عارض روٗد نیٚثرٕ پاٹھۍ حسن پرستی ستی تہٕ روٗنی
لیہ منز لیکھن کینہہ میٹھۍ باتھ یم مقبول عام سپدۍ۔ سرود تہٕ سادگی چھے یمن باتن
ہُند زو:

ہی مالہٕ ناگی راے یار ہے روُدُم لوکچار ہے روُدُم
شنیاس لاگتھ گرٕ بار ترٕوُدُم یار ہے روُدُم لوکچار ہے روُدُم

عارفن چھہِ زیادٕ وژن لیکھمٕتۍ، ووٚن گوو نعت، منقبت، غزل تہٕ نظمہٕ منز تہٕ چھُن قلم آزموومُت۔ ترقی پسند مصنفین قایم سپدنہٕ پتہٕ لیکھی تمۍ کینہہ انقلابی نغمہ تہٕ:

سونتہٕ ووٚلو ووٚلو ووٚلو طرف چمن قرار کر
ہردٕ ژٕلوٚ ژٕلوٚ ژٕلوٚ پوشہٕ تھرن مہٕ خار کر
یارٕ ووٚلو چھُ خستہ حال گروس مزدور کاشکار
لوسۍ متین دِلن زوٚن فاقہٕ پھرن ہشار کر

غلام نبی دِلسوز (۱۹۱۹ء - ۱۹۴۵ء) چھ بیاکھ جوان مرگ شاعر یُس نٹہٕ پور روزان اوس۔ شاعر آسنہٕ کھوتہٕ یِیہِ سُہ ڈراما لیکھنہٕ کِنۍ یاد کرنہٕ۔

## مرزا غلام حسن بیگ عارف

عارف زاو ۱۹۱۰ء یس منز کاڈۍ پور اننت ناگہٕ۔ لوکچارٕ پٮ۪ٹھے روٗزِس اکہٕ طرفہٕ ادبس سٟتۍ دلچسپی تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ سائینس سٟتۍ۔ علی گڈھ یونیورسٹی منز ایم، ایس، سی پاس کرنہٕ پتہٕ کرٕن ایس، پی، کالجس منز لیکچرر، تِمتھ کأم مگر سٟتۍ پتہٕ رٮ۪شم خانس منز ڈپٹی ڈایریکٹر مقرر۔ سری کلچر ڈپارٹمنٹس منز پتہٕ ڈایریکٹر عہدس پٮ۪ٹھ رٹایر۔ کینژس کالس روٗد ریڈیو کشمیر سرینگرک ڈایریکٹر تہٕ۔

عارف روٗد مہجورس تہٕ آزادس سٟتھاہ قریب، آزادنس گذرنس پٮ۪ٹھ لیوٚکھ مہجورن: ''۔۔۔۔۔ اَمہٕ پتہٕ سمکھ متے بیاکھ ہم خیال عارف صأب۔ عارف صأبن کرٕگِرٕ

حدس تام مئے آزاد صابنز کمی پور۔ خدایہ ہسند فضلہ ستی چھ تم وُنہ اتھ مادانس منز قدم قدم رِوان۔ آزاد صابس تہٕ عاصی صابس پتہٕ چھ ووٚنۍ ہے میانۍ ہمسفر" عارف رُود کشیر منز وارِہن ادبی تہٕ ثقافتی سرگرمین منز شریک تہٕ کینژن ادارن تہٕ رسالن ہُند بانی کار تہٕ۔ ۱۹۴۵ء یس منز گرٛن " بزم ادب" قایم تہٕ اَمہ کی طرفہٕ کوٚرُن ماہنامہ 'گلریز' شروٗع یتھ منز اردووس ستی کاشُر سیکشن تہٕ اوس آسان۔ کینژن وٚریِن کامیاب سان چلاوِتھ گوو یہ رِسالہ بند مگر نومبر ۶۰ء منز کوٚرُن دُبارٕ شروع تہٕ ووٚنۍ اوس یہ صرف کاشر زبانۍ تہٕ ادبُک ترجمان۔ قومی کلچرل محاذ ییلہ ۱۹۴۷ء منز قایم پِیُو، عارف آو اَمیُک جنرل سکرٹری تہٕ نایب صدر ژارنہٕ۔ ۱۹۵۷ء منز کوٚرُن اَکس ثقافتی وفدس ستی چینُک دورٕ تہٕ تورٕ پیتھ لیوٚکھُن چینُک سفرنامہ۔ شاعری منز بدلاوِ عارفن واریاہ رنگ۔ گوڈٕ گوڈٕ رُود ترقی پسند تحریکہ ہندس اثرس تل تہٕ اشتراکی تحریکہ ہندس حمایتس منز لیکھِن واریاہ باتھ۔ باہنیم بال، گریوس' دُسہ' بیتر چھنے تمہ ہنز اَمہ دورچہ شاعری ہنز نمایندہ نظمہٕ۔

خوجہ پوٚکھم چھینکہ بوٚن ترٛاوِتھ — داغ میانۍ ہاوِتھ ما
اکھ دنیا آکھ اَزماوِتھ — داغ میانۍ ہاوِتھ ما
فاقہٕ شرٛی بارٕ لرٕ لرٕ ساوِتھ — چھنب ژاران تھاوِتھ ما
خون جگرُک ترٛاگس ترٛاوِتھ — داغ میانۍ ہاوِتھ ما
(نظم 'دُسہ')

رموزِ عارف، آگر ووٚنۍ' بانگِ اول چھنے اَمہٕ طرحچہ شعر سوٚمبرنہٕ۔ عارف تہٕ رُود گوڈٕ پٮ۪ٹھے علامہ اقبالنٕ پرستار تہٕ واریاہ نظمہ تہٕ رباعیہٕ چھِن اقبالٕنس طرزس پیٹھ لیچھمٕژ۔ عارفن کرٕ ترقی پسندی ہندِن خیالن، سماجی مسلن، ہنگامی موضوعن، طنزس

تہٕ تصوف پنٕنہٕ شاعری منز توازن پاد کرنچ کوشش۔ تمیٚ لیچھ عمر خیامس نِشہٕ متاثر سپدِتھ رُباعیہٕ تہٕ مگر رُباعی ہُند کلاسیکی طرز ورتوٗن تہٕ۔

سیاسی دوستی چھےٚ کاغذی ناو
ژھ حرفکۍ باکھ اُتھ پیٹھ پان موساو
یکُن چھےٚ برونٹھ پکنچ تھاوصورتھ
چھُ دقیچہٕ لہر دوران غرضہٕ کے واو

تمیٚ کوٚر عمر خیامنین وارِہن رباعیین ترجمہ تہٕ 'میخانہٕ خیام'۔ کتابہِ منز کرِن چھاپ۔ تمیٚ کر کاشر زبانی ہنزن پنٕنین شعر ذاژن تہٕ رواج دِنچ کوشش تہٕ صوٗفیانہٕ تہٕ طنزی رنگکۍ وارِیاہ 'واکھ' تہٕ لیکھِن۔ حضرت امیر کبیرؒ سِندس 'چہل اسرارس' تہٕ چھُن ترجمہ کوٚرمُت۔ ۱۹۸۴ء یس منز کرِن پنٕنین عقیدتی رباعیین ہنز سوٚمبرن شایع "لولہ وہژار"۔ امہِ کس دیباچس منز چھُ لیکھان:

میانۍ شاعری چھےٚ کسی تہٕ ہہ وہبی تہٕ۔ ظاہری علمہٕ کہ غلبہ کنہِ، سیاسی ماحولہٕ کہ اثرہٕ تہٕ احساس ہندِ بیدار آسنہٕ کنہِ چھُ میانہٕ قرِہن پنٕنزِہن وُرِین ہنز شاعری زیادٕ سرمایہ کِنی شاعری ہُندےٚ۔"ن"

"عالم آشوب" چھےٚ تمیٚ سِنزن سیاسی نظمن ہنز تازٕ سوٚمبرن۔ عارف روٗد گوڈٕ پیٹھے ابہامس تہٕ علامتی اظہارس خلاف تہٕ شاعری ہنزن ہیتی بندشن منز ییلہِ سیوٚد واتناو رکِس حقس منز۔

دیناناتھ ولی المست (نڈی یار، ۱۹۰۸ء –) تہٕ چھُ ترقی پسند

شاعرن ہنز گوڈنچ پُیہ ہُند شاعری ہُند تحریکہ ہندس اثرس تل صوفیانہ طرزِ ترأوِتھ سماجی موضوعن تہ فطرژ ہندین نظارن متعلق لیوکھ۔ پیشہ کنہ مُصور آسنہ کنہ چھُ تمہ سنز شاعری منز تہ منظری عنصر سیٹھاہ ٹاکارہ۔ بالہ یپارہ (۱۹۵۵ء) چھے تمہ سنز کنہ شعر سومبرن۔ تمہ سُند زیٹھ بوے امرچند ولی (۱۹۰۰ء۔) تہ چھُ شاعر مگر کلامچ کانہہ سومبرن کرنہ شایع۔

شہ دردیہ زاو (بنڈ پور ۱۹۰۸ء ۔ ۱۹۷۲ء) سرود تحریک آزادی منز محنت کشن ہنز آواز بروہہ پکناوان۔ لہجہ تہ اسلوب کنہ اوس آزادس پتہ متاثر۔ "ورمل" (۱۹۵۰ء) چھے تمہ سنز گوڈنچ سومبرن۔ کمراز علاقک بیاکھ قابلِ ذکر شاعر اوس اتھ زمانس منز نندلال اب ایم اے ڈار یُس "نندہ" اوس تخلص کران۔ سُہ زاو ۱۹۱۵ء منز سری پور (ورمل) پیشہ کنہ اوس سکول ٹیچر۔ "منہ گامک کشکول" تہ "لول تہ حسن" چھے نندہ نہ زٕ شعر سومبرنہ۔ تمہ ہندس کلامس منز چھُ سیاسی عنصر سارے کھوتہ غالب۔

از سالہ اُنھ واو وولو وننہ کتے چھکھ
چھی ینہ دِر اُسہ وزناو وولو وننہ کتے چھکھ

گوڈنچ پُیہ ہندین ترقی پسندن منز چھ پریم ناتھ کول ارپن وزنک روایتی آہنگ تہ غزلچ عنایت ووتلاونہ کنہ مقبول سپدمت۔ مگر سیاسی تہ سماجی موضوعن پیٹھ لیکھنہ آمژٕ نظمہ آیس نہ تیژ پسند کرنہ۔ یوت زن تمہ ہندی وژن تہ غزل کرنہ آے۔ یمن مقبول عام غزلن، وژنن منز چھُ سُہ غزل تہ یُس ریڈیو کشیرِ کیہ فنکار د رسول میرن ناوِ مشہور کور۔

خوش پوُن ننہ بون ویسی یے میون دلبر آوتے
ٹھر ٹھر چھم مر بہ شاید شرمہٕ دِلہٕ کے دراونے

گل وُچھتھ بلبل چھہ تو شان اکھ اُکس رُوٹھتھ ونان
میانہٕ یارو چانہٕ حسنکُ چھُم سےٚ گلزار چھاونے

اَمہٕ غزلُک آہنگ چھُ ارپنہٕ بانہٕ شاعری ستۍ پوٚرہٕ ہشر تھاوان۔ اُتھ متعلق چھُ سہٕ لیکھان: اگرچہ یہ میانۍ خوش قسمتی چھےٚ زِ یتھس مقدٕ پایہٕ کِس شاعرس ستۍ آو یہ منسوب کرنہٕ، مگر اکھ دُکھ چھُم یہ زِ یاٚتھ چھُ اڈیٹوک تہٕ غلط ملط لیکھنہٕ گیونہٕ آمُت بُہٕ[12]......"

یہ بائتھ نہٕ چھُ کلیات رسول میرس منز تہٕ نہٕ کلام رسول میرس کِس کنہٕ حصس منز۔

ارپن ناو ۱۹۱۹ء یس منز بوگام یارپورہٕ آدن یاد پیوم (۱۹۸۱ء) چھپنے تمۍ ہنز کُنۍ شعر سوٚمبرن۔

## انجمن سازی

۱۹۴۷ءکِہ عہد ساز سیاسی انقلابہٕ پتہٕ گےٚ کشیر ہندۍ ساری شاعر، ادیب، مصور تہٕ دانشور یکجا تہٕ سوشلزم، جمہوریت تہٕ سیکولرازمس تقویت دِنہٕ کہ غرضہٕ بنوٚو تھ "کلچرل محاذ" یوٚنہٕ ہے محاذ آو زِ وٚری گژھتھ 'کلچرل کانگریس' ناوِ زانہٕ، یمیُک اکھ شاخ سرینگرس منز "انجمن ترقی پسند مصنفین" آس۔ اَمی انجمنہٕ ہندِ طرفہ سپُد رسالہٕ 'کونگ پوش' جاری یمیُک گوڈنیُک شمارہٕ ۲۰۰۵ ب (۱۹۵۹ء) منز شایع سپُد۔ اَمہٕ کِس ایڈیٹوریل بورڈس منز آسۍ غلام احمد مہجور، مرزا عارف، دینا ناتھ نادم تہٕ سوم ناتھ زتشی۔ کلچرل کانگریس روٗد ۱۹۵۳ء تام کشیرِ منز وارہٕ ہن ادبی تہٕ ثقافتی سرگرمین منز آوُر یمیٚہ زن اُدیبو تہٕ دانشورو زون زِ یمن سرگرمین پزِ ریاستہٕ کین باقے علاقن منز تہٕ وہراو دیُن۔

اَمہ علاوٕ آسۍ انتظامی معاملن پیٹھ تہٕ کہنہ اختلاف۔ اُدموکھ آے اکھ نوٚ تنظیم بارسس یُتھ آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس، ناو پیوٚو۔ ۱۹۵۷ء منز پیٚیہ کٔشیرِ ہندین ادیبن تہٕ تہذیبی کارکنن ہنز جماعت الگ یُتھ کلچرل کانفرنس ناو دِنہٕ آو۔ دِلہِ منز تہٕ پیٚیہ ۱۹۵۳ء ہس منز اکھ ادبی تنظیم قایم۔ "کشیری بزم ادب دہلی"۔ یہ تنظیم تہٕ روٗز ترقی پسند ادبکس بنیادی منشورس پیٹھ کأم کران تہٕ اکھ ترجمان روٗد رسالہ" پمپوش" یُتھ منز اردو حصہ تہٕ اوس۔ یمن سارنے انجمن روٗز ریاستی سرکارچ سرپرستی حاصل خاصکرِتھ وزیر تعلیم غلام محمد صادق روٗد یہنزن سرگرمین منز سیٹھاہ دلچسپی نوان۔ شہ روٗد وِزِ وِزِ ترقی پسند ادیبن ہندِ بنیادی مقصدچ وضاحت کران۔ شلن ۱۹۵۰ء ہس منز لیوٚکھن:۔

"از چھ امریکی تہٕ فرنگ سامراجی پاکستانکہ ذریعہ ساٗنس قومس غلام بناوٗن یژھان تہٕ سازشہٕ کرِتھ چھ یژھان سوویت روس خلاف فوجی اڈہٕ بناوٗن۔ کو نگ پوش تہٕ نمکی لکھن والی ترقی پسند ادیب تہٕ شاعر چھ یہ کتھ پوٗرٕ پأٹھۍ سمجھان۔ یوٚت تام نہٕ یم خطرٕ دوٗر سپدن تہٕ یوٚت تام نہٕ کأشرِ لُکن پننہٕ مستقبلک فیصلہ کرنہٕ خاطرٕ آزادی میلہ توٚت تام کرہٕ نہٕ کأشرِ لُکن ہنز تمدنی زندگی تہٕ پوٗرٕ پأٹھۍ ترقی۔ لہٰذا یمن سامراجی سازشن نشہ کرِتھ کرِ کو نگ پوش لوٗکن ہندِس جدوجہدس تہٕ رہنمایی۔

۱۹۵۷ء ہس لیوٚکھن ا۔

ہم کشمیر کے ادیب، شاعر، فنکار، مصور اور تہذیبی کارکن

اس بات کا اعلان کرتے ہیں کہ ہم اپنی صدیوں پرانی
روایات کو برقرار رکھتے ہوئے ایک عظیم ہندستانی
کلچر کی تعمیر میں اپنا حصہ ادا کرتے رہیں گے اور ہر اس
قوت کا مقابلہ کریں گے جو ہماری ان کوششوں میں
رخنہ ڈالنے کی کوشش کرے۔

یمن انجمنن منز رُوزِتھ گرٕ واریاہو شاعرو، افسانہ نگارو تہٕ ڈراما نگارو ترقی پسند
ادبُک مدعا تہٕ مقصد ہیتھ زندگیہ ہُند نوٚو اظہار پرزناوِنھ نوٚن ہیتٕرن منز پننہِ انفرادی
اسلوٗب ووتلاوُنٕچ کوٗشش

ترقی پسند تحریکہِ ہنز عام نہجہِ نِشہٕ ہناہ ڈٕلتھ یمو شاعرو شیٚتس دلس منز
مقام پرٕوو، تمن منز چھہٕ ماسٹر زندکول تہٕ۔ تمٕ ہنز کُل بہن وٕریٚن ہنز شاعری
(۱۹۴۲ء پیٹھہٕ ۱۹۵۰ء تام) چھےٚ پنٕ بیوٚن تہٕ بدلٕون مزاج تہٕ اسلوٗب ہاوان۔ زندہٕ کول
چھُ اَزی کس پرن والِس ہنز واریاہ طلبہٕ پوٗر کران۔ تمٕ ہنزٕن نظمن تہٕ غزلن منز چھےٚ
سرنیٚژر ہنز تہدارٕی مگر شہر آشوبُک شدید احساس تہٕ چھُس سٕتیٚ رٕتتی۔ تمٕ سُند شاعرانہٕ
بجر چھُ یہٕ زٕ سری شاعر اُستھ تہٕ چھُنہٕ سُہ دیانُک ابہام پننین اثر پذیر شُبہن پیٹھ غالب
دِوان گژھنہٕ۔ سُہ چھُ ٹھوٗس شیٚبیہن تہٕ جذبن ہنز ساہدروآری زُژھراونہٕ باپتھ سوٗرُے
فن ورتاوان۔

خط پتر سوزان چھمُ لوٚت کالہٕ واٚشش
کاغذن ہُند رنگ بیوٚن بیوٚن بے شمار
پوشہٕ مرگاہ، بوڈٕ سراہ، تارکھ نبا

ندیا یتھ اھربل ہیوٗ آبشار
مٲری موٗنداہ، سوندراہ، بوٗڈ گا ٹلاہ
پوٗز فقیراہ نفٕہ تورگس شہسوار
کیہنہٕ نہٕ اُستھ یُس دپان سمارسون
پراروٗن مٮ۪ے آدنٕک دلدار میون (ناتیاری)

ناکارٕ گومُت نگر سون
بنس نہٕ لایق رٕود مُت
وٕلٕس نہٕ ہوسٕس باج بٕھ
منز باگ ہٕکیس موٗدمُت

زُلہٕ ہا نہٕ بٮ۪یہ یمہٕ ہانہٕ یلور
کرناوتار کھنٕ اپور

(کرناوتارکھنا!)

فطرژ متعلق تمٕ ہنزن نظمن منز چھینہٕ پندگوٗیی یا سیاسی بلاغت، یہٕ چھُ فطری نظارن ہنٛدِس معصوم رنگس منز عکساوان۔ اَمہٕ رٔنگہٕ نہٕ چھےٚ تمٕ ہنز شاعری، ہجوٗر، آزاد تہٕ باقے ترقی پسندن نِشہٕ بیوٗن۔ زندکوٗلس اوس ہنٛدین اکثر ہمعصرن مقابلس ژُن مطالعہ تہٕ لل دید، ٹیگور تہٕ غالب ہوٚن شاعرن ہُند اوسُس اثر۔ انگریزی رومانی شاعرن ہُند اثر تہٕ چھُ تمٕ سندین واریاہن شعرن منز ٹاکارٕ۔ مشاہدٕ تہٕ مطالعہٕ چھُ زُلیتھ تمٕ ہندِس کلامس اکھ پوشہٕ ونی اہمیت دِوان۔ اَتھ سٟتۍ اوسُس ہنٛدِ

زمانچن فکری تراین گراین ہُند تہ پوٚر حِس۔ سمرن، نابیٚاری، راز، شُنیاوولُن ونن منز لال، کرناوِتار کھنا اپور، مجبوریا چھےٚ کاشُر شاعریہ ہنز کینہہ لازوال نظمہ یمن منز نظمہ ہنز ہیت سیٹھاہ کامیاب پاٹھۍ ورتاونہ چھےٚ آمژ۔

زندہ کول زاو ۱۷ اجلٗے ۱۸۸۴ ء جبہ کدلہ۔ پیشہٕ کنۍ اوس ٹیچر تہ لوکہ اُمرس سیٹھاہ پرٛتھ سان ماسٹرجی ونان۔ افلاس تہ ذٲتی مصیبتو باوجود روٗد سُہ راتھ دوہ پرنس مستہ تہ انگریزی، فارسی، اردو، سنسکرت زبانن پیٹھ اوسُس عبور حاصل۔ تمی سندی ساری ہمعصر چھہ تمۍ سنز شرافژ، ذہانژ تہ ایمانداری زبردس متاثر کرٛیتہٕ۔ تمی کوٚر اپیل دلوہٕ "ستوترٲولی" تہ پرمانند نہ شاعریہ منظوم انگریزی ترجمہ۔ سُہ اوس اردو تہ ہندی زبانن منز تہ شعر ونان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوسُس تخلص ثابت۔ تمس اوس کاشر زبانۍ تہ کاشرِ قومُک سیٹھاہ سریہہ تہ اٗیک اظہار چھُ تمۍ پننز کتھ نظمہ منز نفیس پاٹھۍ کوٚرمُت تمۍ کرنوو گوڈٕ پننۍ کاشُر کلام ناگری رسم خطس منز دون حصن منز شایع تہ آخر چھوپ یہ یکجا کرٕتھ لالہ رُخ پبلیکیشنن "سمرن" ناو چہ کتابہ منز ۱۹۵۵ء منز۔ زندکولن چھُ پانے پننہٕ کل شاعریہ سلس تہ روان انگریزی نثرس منز ترجمہ کوٚرمُت یُس سمرنہ منز شامل چھُ۔

ماسٹر زند کول سپُد ۴، فروری ۱۹٦٦ ء جموس منز سوَرگواس۔

یمۍ شاعرن ترقی پسند ادبی نظریہ سارِیےٚ خوٗبیہ تہ خٲمیہ ہتھ پننین نظمن منز درتوو سُہ چھُ دیناناتھ نادم۔ ترقی پسندی چھےٚ تُس نش سورُے کینہہ تراوِتھ محض بغاوت ظلمس جبرس تہ اَمہ کین ادارن خلاف، بغاوت غارانسٲنی اخلاقی قدرن خلاف بغاوت حسنہ کین معیارن خلاف تہ بغاوت متاعریہ ہنزن روایتی ہیٚژرن تہ باوژن خلاف۔

تہٕ ووتلیوو تمہٕ ساعتہٕ اکھ تازٕ طرح ہیتھ ییلہٕ زن مہجوٗرن تہٕ آزادن انقلابی رنگ کل کاشُر شاعری ہیٹھ چھاوتھ اوس مگر روایتی غنائیت تہٕ بلاغت ہندین جامن منز اوسنہٕ وِہان۔ باغیانہٕ معنی آسی باغیانہ لے منگان نرتہٕ ئے یوسہٕ نہٕ ہیٚچھنہٕ آسہٕ آمت بلکہ یوسہٕ تجربس ستی پانے ووتلیمت آسہٕ۔ روماٗنی مزاجٕکی اُمی شاعرن لب سوئے بول باشہٕ چھ فطری زبانہٕ منز۔ تمی ہنزن نظمن منز چھےٚ یہِ ووہ پرٛاژدی کیفیت گوڈنیتھے پرن وألس پانس کُن پھران۔

ستانچِہ ہِک واقعہ بنیوو لوکن ہنہ خاطر اتحادُک سبب یتہِ ستی کینہہ شاعر متاثر گٔیدی۔ اُمہِ برونہہ یمہٕ کینہہ نظمہ لیچھۍ

آسن تمن منز اوس آزادن رنگ ٹاکارٕ۔ مثلن 'موج کشیر' چھےٚ وطن پرستی ہنز نظم۔ مگر اُمہِ پتہٕ کرٕ تمی پننی شاعری پننہٕ زمانچن مختلف تحریکن ستی ہم آہنگ، سامراجس خلاف، جنگس خلاف، جاگیرداری نظامس خلاف تہٕ فرقہ پرستی خلاف یُس جوش تہٕ ولولہٕ تتھ زمانس منز اوس، تمیُک پوٗت گرزٕ چھ نادم صٲبن نظمن منز کنن گژھان۔

ووتھ باغٕچ گُلکِی کوٗ کوٗ کرٕ کرٕ جل تہٕ قمرِی منہٕ ناونے

وُچھی سونتکہٕ واوُک ہو ہو آمت باغہٕ بوٚمبرٕ وز ناوتے

ووہ لہٕ زیرِ دِموٗ از طوفانس

مظلومس بیکس انسانس

الہٕ قدرت چھلہٕ چھلہٕ گژھ عالم ییلہٕ وُزملہٕ ین شیچھ باونے

چھ اسہٕ باتھ نوٚی، نغمہ نوٚی شعر نوٚی

اُسہٕ چھ گلزار نوٚی

پھرٕنی کرٕتھ ، تھرٕنی کرٕتھ تہٕ بیٚیہِ باگرٕنی کرٕتھ

لوکٹ لاو ووتھ ونی جوان زندگی

ہتھ چھہ پھیران ہلمن لُدتھ یار نوٚی (میانہ شعرو کیاہ دوٚن)

ناٗدمن پھڑاوی گوڈ نیتھے شعرکی بُنیاڈی قاٗلب ۔ رُکنن ہُند ہشر برقرار تھاوتھ بدلاوِن پنٕنہِ منشہِ مصرٕ پتھ مصرٕ رُکنن ہُند مقدار ۔ اند قاٗفیہٕ تہٕ ورتاوِن پنٕنہِ منشہِ تہٕ امہٕ بدلہٕ دِتین مترٕ قاٗفیین تہٕ لفظٕ تکرارس کُن زوٚر تھون ۔ آزاد نظمہِ ہُند یہ نوٚو طرز گوو یکدم مقبول تہٕ اکثر شاعرٕ لگی اتھ پاننا ونہٕ ۔ انگریزی شاعریہِ ہندِس اثرس تل کرٕی تمہٕ نوٚی نوٚی ہیٔتی تجربہٕ تہٕ نوٚ ہیژ ورتاوِن یعنی سانیٹ، آزاد نظم، اوڈ تہٕ ہائیکو ۔ یتے یوت نہ، نغماتی عام ناتہ اند لکن ہتر باشہ نکھ انہٕ باپتھ تہٕ کرٕن تجربہٕ یُتھ بے ساختہٕ وُرن تہٕ اشارن ستی صوتی آہنگ واتھ کھیٚیہ۔

تازٕ تازے مئے انکے ڈلے ہے

ہے وولے ہے وولے ہے وولے ہے

پھلیہِ وانگن تہٕ پاٗرم ائے ہے ہے وولے ہے وولے ہے وولے ہے

مرشِ وانگن تہٕ وانگن چھہِ بیوٚن بیوٚن

مس ملر ہیو وانگنُ چھُ بیوٚن بیوٚن

نادِ ستر چھا کراں ھٹو لہ ھٹو لے ہے ہے وولے ہے وولے ہے وولے ہے

(ڈل ہانزن ہند ژٕن)

نادم رُود گوڈ نیتھے صوتی آہنگس تہٕ لفظن ہندِ بن جساوی حوالن پانہٕ ونی ڈیجہِ رٹان ۔ پنٕنہِ مشاہدکی نوٚرُک تہٕ عام احساس غار عامیانہٕ ترایہٕ پیش کرٕنی رُود تسند بنیاڈی

اَسہِ وطن رُت گام ہیو
تھٔل رُوتھ زن بوٚنہٕ شہلس گرٕ پتس آرام ہیو
ڈٔل دٕمس ییتھ شام ہیو
آدنُک بادام ہیو
ترأیہ ہیتھ زن گامہٕ ییتھ ہیٚژ کأل ووتھمُت مام ہیو
ماجہِ ہٕنڈ سومہٕ دام ہیو

(سون وطن)

۱۹۵۲ء کس سیأسی واقعس پیٹھ لیوٚکھ نأدمن کأشرِ زبأنی ہٕنڈ گوڈنیُک علامتی اوپیرا 'بوٚمبر تہٕ یمبرزل'، ییمکی مُدری بأتھ از تام تکہٕ بأتن ہندی پأٹھی مقبوُلِ عام چھہٕ۔

نادمنس سأری سے کلامس منز چھُ کٔشیرِ ہٕند پتھ کال پننُ گنبرتہٕ شیٖنہجار ہیتھ گرایہٕ ماران۔ 'کٔشیرِ' چھُے اَہم مرکزی کردار تہٕ کأشرِ ہٕند قومی یادٕ ووٚتر چھُ اُمیک آگر وونہٕ ۱۹۶۰ء پتہٕ لیوٚدٕ تٔمی ورگہٕ اظہارس کأم ہیتھ عوأمی مسلو بجایہ ذأتی تجربن ہنز یادٕ ہیٚژکرنی مگر اسلوبچ یمہٕ خأصیژ تھأوٕن برقرار۔

نأدم زاو ۱۹۱۶ء شیٖشیار سرینگرٕ اَکس غریب گرس منز مگر ییٚتہٕ کأشر کلچر جیہِ قدرٕ برقرار آسہٕ۔ پننہِ ماجہِ ہنز تربیژ منز روٗزتھ ہُرٕیے لس کٔشیرِ ہنز، کأشر کلچرچ تہٕ کأشرِ بٕکن ہنز ماے یوسہٕ بڑوٚنہہ گٔژ تٔمی ہنزِ شأعریہ ہٕند روٗح بیٖنیے۔ تٔمی کوٚر اردٕ ہندی تہٕ انگریزی ادبُک جان مطالعہ تہٕ پننہِ زبان مالامال کرنُک روٗدُس ہمیشہ خیال پیٖشہِ کنہِ اوس بنیأدی پیچر مگر کینژس کالس کرِن۔

گوڈ گوڈ اوس اردو پاٹھۍ شعر ونان تہٕ تخلص اوُس مُنٛزِ 'سحر' تہٕ پتہٕ مخمور۔
سُہ روُد انجمن ترقی پسند مصنفینٛنگ، کلچرل فرنٹُک تہٕ آل سٹیٹ کلچرل کانفرنسک جنرل سیکرٹری۔
'کونگ پوش' رسالس اوس ایڈیٹر تہٕ ترقی پسند تحریکِ ہُند اکھ اہم وٕتہٕ ہاوُکھ۔ ۱۹۵۲ء یُس
کوٗرُن ہندوستانی کلچرل وفدس ستی چینُک دورٕ۔ سکوٗل ٹیچرن ہنٛز ٹکہ پیٹھ آو ۱۹۵۷ء
یُس ریاستی قانون ساز کونسلُک ممبر تہٕ ژارنہٕ۔ ۷۔ اپریل ۱۹۸۸ء سپُد زیٹھ بیمار پتہٕ سورگواس۔
ناڈس لرلوٗر روُزتھ یمو ترقی پسند تحریک عام کُر تہٕ امہِ کہ ذٕریعہ کاشُر زبان نوِ نوِ
خیالو ستی مالدار بناوٕتھ منٛز چھُ اکھ اہم شاعر تہٕ کلچرل کارکن نور محمد روشن۔ سُہ زاو
۱۹۱۹ء منٛز ریاصنت ٹینگ (سرینگر) لوکچارے گوو ترقی پسند تحریکہِ ستی وابستہ تہٕ اَجِر کینہہ اہم
ذمہٕ وارِیہٕ وابجن نِکھ۔ 'کونگ پوش' کین کینٛژن شمارن روُد ایڈیٹر تہٕ تمہٕ علاوٕ دِژن کینہہ
کتابہٕ تہٕ ترتیب یم لالہ رُخ پبلیکیشن کہ طرفہٕ شایع سپزٕ۔ روشن روُد ناڈم رٕس اترس تل
انقلابی موضوعن پیٹھ پابند نظمہٕ لیکھان یمن منٛز جذباتی لہجہ تہٕ ہیٚرِ ہُند شعورٕ قابلِ توجہ چھُ۔
'جوش جنون' بہٕ کیاہ یونہٕ ناوے' 'گونگُل بہانہٕ تہٕ عشق' چھےٚ تمی ہنٛز کینہہ اہم نظمہٕ۔
نظمو علاوٕ چھِ تمی واریاہ ژُمصری ٹُکھ تہٕ وٕژُ مَتہ۔

عبدالستار رنجور کیگوم ۱۹۱۷ء۔ ۱۹۹۰ء) ۔ ابتدائی تعلیم حاصل کرنہٕ پتہٕ
گوو ۱۹۳۷ء یس منٛز لاہور یتہٕ علامہ اقبالس نِشہٕ متاثر گژھتھ تمی اردو زبانی منٛز انقلابی
شاعری ہیٚچھ کرنی۔ امہٕ برونہہ اوس روایتی اندازٕ کاشرس منٛز لولہ وژُن تہٕ لیکھان۔ لاہور
پیٹھ گوو تحریکہِ آزادی منٛز شامل تہٕ لوگ 'گریسی گنڈ' ناوٕچ تحریک منظم کرنہٕ۔ اَتھ سلسلس
منٛز بیوٚس مُنٛزِ گرفتار گژھن پتہٕ مُنٛزِ رو پوش۔ نیشنل کانفرنس تہٕ ڈیموکریٹک نیشنل کانفرنس
سیاسی تنظیمن منٛز سرگرم روزنہٕ پتہٕ بنیوو کمیونسٹ پارٹی آف انڈیاہُک جنرل سیکرٹری۔

یِوٚدوے تِمہٕ عشقی تہٕ منظری شاعری تہٕ چھےٚ کرمٕژ، مگر ییٚژ پاٹھۍ چھےٚ تِمہٕ نثر شاعری تِمہٕ سندِس بیٚیِس رتِس برتہٕ یِمژ۔ رنجورنہٕ شاعرٕ سٕنز چھےٚ تٔو سوٚمبرنہٕ شایع سپزمژ یِم چھےٚ بانگ انقلاب، جہادِ حیات، روحِ آزاد، انتظار، عید نمبر، ژٕ ہٕرٕ گگراے ووٚہٕرٕژ ورزِ مل، پیامِ عجم، حیاتِ خودی۔

نندلال کول انبار دار (اکرالہ کھوڈ جنہٕ کرل ۱۸۷۷ء – ۱۹۴۰ء) دیارام گنجو (جنہٕ کرل ۱۸۸۶–۱۹۵۵ء)

عبدالحق برق (بسنت باغ، ۱۹۱۷ء –)

حبیب کامران شمبوناتھ بٹ حلیم (۱۹۲۱ء –)

عبدالغفار مجبور (دلال محلہ ۱۹۱۶ء –) عبدالمجید سایر (زرپرستان ۱۹۱۷ء)

پریم ناتھ پریمی (گنپت یار ۱۹۲۳ء) سروانند کول پریمی (سوف کوکرناگ ۱۹۲۴ء – ۱ مئی ۱۹۹۰ء) ترلوکی ناتھ کندن (۱۹۲۶ء) فارق بڈگامی۔ غلام علی بٹ (بڈگوم ۱۹۲۴ء –) امام الدین مخمور (درہ گجن، ۱۹۳۱ء –) ناز کولگامی (ٹینگ پور ۱۹۲۱ء –)

مسرور کولگامی (دمہال ہانزپور ۱۹۲۶ء) چھ اَمہٕ دورُک بیٚیہ کینہہ شاعر یِہندۍ کلام اخبارن رسالن منز چھپان اوس تہٕ محفلن منز پرنہٕ یِوان اوس۔ یِمو منز چھ سروانند کول پریمی تہٕ فارق بڈگامی سُند کلام لوکچن لوکچن کتابن منز شایع سپدمُت۔ کلامِ پریمی، پیامِ پریمی تہٕ تاج کتابچہ علاوہ چھ سروانند کول پریمین بھگوت گیتایہ ہُند ترجمہ تہٕ شایع کوٚرمُت۔ سروانند کول پریمی آو پننٮ نیچوٚ ہیتھ ہلاک کرنہٕ۔ ناز کولگامی تہٕ چھ اقبالنہٕ 'اسرارِ خودی' ہُند ترجمہ کراچی پیٹھ شایع کوٚرمُت۔ فارق بڈگامی سٕنز چھےٚ پانژھ سوٚمبرنہٕ چھاپ سپزمژ: آواز ۱، آواز ۲، کلامِ فارق، انتظار ۱، انتظار ۲۔

ارجن دیو مجبور (زاینہ پور، ۱۹۲۳ء –) چھ ترقی پسند دورُک اکھ نمایندہ شاعر نہٕ

صرف رۆدسہ کینژن ادبی انجمن ہند روح روان بلکہ رۆدسہ کأشرِ زبأنی وارہو طریقو سُتھ دِوان۔ کلام مجبور، امن تہٕ جنگ تہٕ دُنیہٕ ہار چھنے مجبور نہ گوڈنکہِ دوچھہ شاعرِ یہ ہنر ترٚے سوٚمبرہ تہٕ رٕنہٕ شیشٕھ پتہٕ برلیپ مجبور نہٕ شاعرِ یہ ہنر ترلے۔

دینا ناتھ نادمس پتہٕ پموٚ شاعرِ ترقی پسند تحریکہِ ہندس چوکھالس منز رۆزتھ پننہٕ پننہٕ منفرد اسلوب شعور تہٕ سمبول تم چھہِ امین کامل تہٕ غلام نبی فراق تہٕ رحمان راہی ہندس اثرس تل آے واریاہ شاعر۔

محمد امین کامل زاو شوپیٖن تحصیلہِ کس کاپرن گامس منز ۱۹۲۴ء منز۔ بی۔ اے کرتھ پتہٕ کوٚرُن علی گڈھ یونیورسٹیہ منز ایل ایل بی پاس تہٕ اکہِ پتہٕ بیاکھ کام کٕرتھ بنیوٚو اٰخرس کلچرل اکادمی منز ایڈیٹر تہٕ اُتھی عہدس پیٹھ سپُد رٹایر تہٕ۔ یمنس اَتھ بےسوکھ کیر ییرس دوران رۆدُسہ مستقل پاٹھی کأشرِ زبأنی تہٕ ادبکہِ جانہِ تہٕ وسجارِ باپتھ جدوجہد کران تہٕ کٲشرِ ہندین شاعرن تہٕ ادبین پانس ستی ستی پکناوان گوڈ گوڈ اردو زبأنی منز لیکھنہٕ پتہٕ پھیور کأشرس کُن تہٕ اردو زبأنی ہندین بہلہِ پایہ شاعرن خاصکر تھ علامہ اقبالؒ سٕنس اثرس تل لوٚگ نظمہِ تہٕ غزلہِ لیکھنہٕ۔ یتھ تجربس نہٕ شعرک اظہار مناسب باسیوس تیتھ دیتن افسانن منز اظہار۔ اَمہِ علاوہ چھہِ تمو اکھ ناول کینہہ ڈراما تہٕ تنقیدی مضمون تہٕ لیکھی متی۔ واریاہ کتابہ دِژن ترتیب تہٕ کینژن اہم کتابن کوٚرُن ترجمہ تہٕ۔ ترقی پسند تحریکہِ پوچھر تہٕ وہراو دِنس منز چھُ کأملُن حصہ سیٹھاہ اہم۔ "مس ہلر" اَمس تمی سنز انقلأبی شاعرِ یہ ہنز گوڈنیچ شعر سوٚمبرن۔ اَمِچ بیشتر شاعری اَس اقبالؒ سٕنن نظمن تہٕ الگ الگ شعرن ہند سیدٕ سیوٚد یاورگہ کأشرُ ہرپھ۔ علامہؒ سٕنس طرزس پیٹھ لیچھ تمی اکھ مثنوی چالہِ نظم تہٕ 'ساقی نامہ' یوسہ ۱۹۵۳ء منز بیوٚن کتابچن منز شایع

آے کرنہٕ ۔ اَتھ نظمہِ پێٹھ چھُ بێیِس اردو شاعر منیب الرحمان نہٕ 'ساقی نامُک' رنگ تہٕ پٮ۪ٹھاہ نوٚن ۔ دوٚن مشہوٗر 'ساقی نامن' ہُند اثر غالب آسنہٕ تہٕ چھےٚ کاملنہٕ نظم پننہٕ جایہِ پننہٕ روانی تہٕ کاشرِ محاورٕکہِ خوبصوٗرت ورتاوٕکنہٕ اہم نظم ۔ موضوع چاہے مزوٗرن ہنز لاچاری اُس یا گریستن ہنز جفاکشی ، بے روزگاری یا سامراج وادٕ ۔ کامل اوس یمن مروجہ موضوعن پێٹھ لیکھنہٕ تہٕ شاعریہِ ہنزن ہیتی تہٕ عروضی نزاکژن کُن زوٚر توجہ دِوان ، توٚ نوٚلیہِ تہٕ آہنگ ووتلاوان ، گفتارٕچ زبان ترٲوِتھ تہٕ کاشرِ شعر زبٲنۍ اردو شاعریہِ ہنٛدِس معیٲری آہنگس نکھہٕ اننٕچ کوشش کران ۔

آرام دِلُک ژھوٚرُم بے تاب امارن منز
برجوش خیالن منز نقشن تہٕ نگارن منز
گاہے بہ زمینس پێٹھ گاہے بہ ستارن منز
لہرو وگہے نوٚد منٛز پھرٕ دوو گہے گوٚر منٛز

(انسانہٕ سُند ترانہٕ)

"یتھ فضاہس ماہوٲوس گرٲے تِژ" انسانہٕ سُند ترانہٕ ، 'ابہام' کتہٕ از تامتھ سحر سِپدےہٕ تہٕ چھےٚ شبنمہٕ دلہِ جیہ کیٚہنہ حمایہ نظمہٕ ۔ مگر غزلس منز ہیوٚک نہٕ کامل اَتھ دورس منز کانہہ نوٚو برہٲوِتھ ۔ شاید اوس سُہ نہجہِ ہنٛدِس زٔکرس پھِرِس پراران غلام نبی فراق روٗد ترقی پسند دورس منز موتُس تہٕ زندگیہِ درمیان حُسنس تہٕ عشقس درمیان ، فنس تہٕ سماجس درمیان رشتن پێٹھ پوٚتُس یتھ نظمہِ تہٕ غزل لِکھان یم کوٚنگ 'پوشہٕ' تہٕ 'بمپوش' کین مختلف شمارن منز چھپان آسی ۔ اکہِ طرفہٕ اوس سُہ مہجورٕ تہٕ نادمس نِش متاثر باسان تہٕ بێیِہ پاسہٕ انگریزی زبٲنۍ ہنٛدین روٗمانی شاعرن

نِشہٕ - 'بہار' سازندرس کُن' 'فنکار' تہٕ حسن ہر رنگس منز، چھےٚ تِمہ کینٛہہ نظمہٕ یِم فراق ہٕنن
اُزِ چین نظمن ہِنٛزِ مزاژک واٹھ چھےٚ ہاوان۔

بہٕ چھُس تلاشِ فنک فنکار یارا
کُنِش اُتھ منز چھےٚ پٕزِ پاکھٕ یار ہِنٛزن شوخ چشمن ہنٛز
چھےٚ فنکارِ حسین اکھ کاربارہ
کراں نرمی کٕنِن منز پاہ دفن چھےٚ پاڈ پلون ہنٛز

(فنکار)

منظری عنصر چھُ فراق سٕنٛز اَمہٕ شاعرہٕ ہنٛز بُنیادی کُنِش:

تیل بلہٕ کِس ہتھ کوہس ہیٹھ گاش پرزلان ناپر ڈیراہ زن دُہان
بکر والن ظاہرا تھکہٕ ہینڈ اُتی
نُنٛ گرژھاں نُنٛزٕ نُنٛزی ہیے آواز ہش
درگہس نِش ما چھُ کانٛہہ حاجت منداہ
خلوتس منز ژٕری آمُت دِل یینٛن مرزاوتے (حسن ہر رنگس اندر)

دیم سأنی آلو، ناوکِس کتابچس منز چھُ فراقن کینٛہہ کلام شایع سپُدمُت۔

غلام نبی فراق زاو ۱۹۲۲ء منز بُہرِ کدلہٕ (سرینگر)۔ گوڈٕ بنیو ٹیچر، پتہٕ لایبریرین تہٕ انگریزی
ادبس منز ایم اے کرنہٕ پتہٕ لوگ کالیج لیکچرر۔ ترقی پسند تحریک سورنہٕ پتہٕ ژٕٹ
فراقنہٕ شاعرہٕ نو تراے

رحمان راہی چھُ تحریکہٕ ہندین سربراہن منز اکھ نہ صرف پننو نظمو تہٕ غزلو
ستی بلکہ پننو تنقیدی مضمونو تہٕ اشارو ستی گاشراوِ تمہِ تحریکہٕ ہنٛز وتہٕ تہٕ تحریک کوٚرن

تنگ آر کنڈلہ منز نبر تہ زندگیہ ہندین زیر سطح پرزن ہنز. کرنٲوِنس زان۔ ۱۹۵۵ء تام روُد البتہ تُستہ مُروجہ انقلاٲبی یلاغرٕ منز قاد تہ سینہ ؤنی ساز' (۱۹۵۲ء) تہ صبحک سودا' (۱۹۵۴ء) نادِچن دوٕن سوٗمبرن منز چھُ سُہ آزادنس غلبس تل۔ پننہ شاعرِ متعلق چھُ سُہ لیکھان:

ازیک انسان بیٚمہ شانہ تہ جوٗرِ تہ سان ہنُ پگاہ
پرزلاوُنہ باپتھ فطرتس تہ انسان دشمن طاقتن
برخلاف پرنہتھ کنہِ محاذس پیٚٹھ لڑان چھُ تمیٚ اثرن
چھُ ساتس ازِکس ادبس معنی تہ صورتِ لحاظ خط وخال
بدلووِمُت۔

اَتھ دورس منز لیچھ تمیٚ کینہہ نظمہ نادِمَس اثرس تل تہ مثلن' بہ مازرِ میٚتہ باوجود انہِ گرٕ منز نوراہ'، 'بہار آو شولہ ماران'، بیتر۔

پیترٕ ونزاہ پیتہ لوٗگ راہی رسہ رسہ مبہم تصورو تہ خیالو بدلہ لمحاتی کیفیژن ہنز باوتھ غار ضروری تفصیل کم کرِتھ کرنہ۔ یُتھ پرن وول تتھ کیفیژ منز آورنہ پیہ' ویشاکھ تہ رنگہ، پھٕٹ اَمہِ اندازٕچ گوڈنیچ نظم:

بانبرلو کھا؟ ذیر کیاہ گوٚوے؟ بیٚنہ ہنا، وق کیا پیٚد؟
دُزٕ کدکھ واشاہ یکھن، آسمانٕ یکھ ساٗلاہ کرِتھ
وادے بتہ یوٗد آسہا بلبل تہ بنہٕ وُچھ آسہے
وادے میٚتہ یوٗد آسہے موکجار ہیۓ
وادے بتہ نے آسہا قرمِن نظر بند تھووِمُت

ژ اَڑ ہاس پیٹھ ہیتھ کُس تراوِ ہے شوقس غمچ زنجوٗری نالہٕ

مُدعاہ تہٕ مقصد چھُ پرونے، مگر روپہ چھُ نووٗ: کردارس منز وٗسِتھ تمُ سُند حال زانُن

تہٕ درس گوٗیی نِشہٕ پیتھ ہیوٗن۔

تمہٕ وقتہٕ باسیوو روایتی ترقی پسندن یہ معمولی انحراف تہٕ لٲنہٕ نِشہٕ ڈلُن،

مگر راہی رُوٗد ہیتھے اَتھ نوٗس اندازس شیرنہ تہٕ سنبالنہٕ یوٚتام سُہ تخلیقی عملہٕ ہندس دوٚیمس

پاوس پیٹھ ووت، یہ زن گوو نَہز بدلہٕ لاگِتھ یاورگہ باوُژ کام ہینی۔

تتھ دورس منز اُس ذاتی غمس، دوکھس یا اضطرابس باوُتھ کرٕنی تہٕ تحریکہٕ خلاف

بغاوت زانہٕنہٕ یوان۔ مگر راہی گوو اکیک پرداکرنہٕ ورآے اَتھ وُنہٕ سیٹھاہ برونٹھ نیرتھ۔

' نوروزِ صبا' (۱۹۵۸ء) یوٚدوے تحریکہٕ ہنز سارِے کھوتہٕ نمایندہ شاعری مانٕنہٕ

چھےٚ یوان، مگر اَمہٕ چن کینژن نظمن تہٕ غزلن منز چھےٚ تحریکہٕ نِشہٕ گریز کرنچ واریاہ کوشش۔

۱۹۵۷ء پتہٕ رُٹ تمہٕ سندی تخلیقی ذہن پننی صحی شکل۔

راہی (عبدالرحمان میر) زاو وازہٕ پورہٕ (سرینگرہٕ) ۱۹۲۵ء منز۔ مالی مشکلاتو

رٚنی پیوٚوتس تعلیمہٕ ہند سلسلہٕ تھکہٕ تھکہٕ برونہہ پکناوُن۔ گوڈٕ کرٕن اسلامیہ ہاے سکوٗلس

منز کام۔ فارسی زبانی منز ایم اے کرنہٕ پتہٕ پیٚو کالج لیکچرار مقرر۔ اَمہٕ پتہٕ آو کشمیر یونیورسٹی

ہندس فارسی شعبس منز لیکچررسند حیثیتہٕ۔ تمہٕ کوٚر انگریزی زبانی تہٕ ادبس منز تہٕ ایم اے

لوکچارٕ پیٹھے اوسُس شاعری ہُند شوق۔ کینژن وٚرین اردو شاعری ہنز مشق کرِتھ لوگ

کاشرِس منز شاعری تہٕ تنقید لیکھنہٕ۔ لوکچارٕ سے منز گوو ترقی پسند تحریکہٕ ستی وابستہٕ۔

اَتھ کُن پھیوٚر تمس عبدالاحد آزادن رغبت:۔

پتہٕ پیٚو مے اَتھی دُکانس پیٹھ (کتب فروش نورمحمدن دکان)

گوڈنکس ترقی پسند شاعر مرحوم عبدالاحد آزادس

ستی ملاقات ییمہ مےٚ مارکسیات پرنٛژ تحریک

درشر رئے ۱۹

راہی روٗد وار ہین انجمن منز سرگرم کارکُن۔ ۱۹۷۷ء منز روٗد تٔمۍ یونیورسٹی ہندس کاشرس شعبس منز ریڈرٕ پوسٹ تہٕ اُتی گوو ۱۹۸۴ء منز پروفیسر بٔنِتھ رٹایر۔ راہی چھُ گوڈنِک کاشُر ییُس ایمرٹس فیلوشپ دِنہٕ آو۔

ترقی پسند تحریکہِ ہندین آخری وٕرِین منز ییمن کینژن کانسِہن شاعرن ہند دیُت قابلِ ذکر چھُ تِمن منز چھِ غلام رسول سنتوش، ناجی منور، موتی لال ساقی موتی لال ناز، چمن لال چمن، غلام نبی خیال تہٕ مکھن لال بکیس خاصکر تہٕ قابلِ ذکر۔

غلام رسول سنتوش (چِنکرال محلہ، ۱۹۲۹ء-) چھُ ۵۲ء پیٹھٕ تحریکہِ ستی وابستہ پیدان مگر اتھ دوس منز ہیوٚک نہٕ خاص کیہنہ لیکھتھ۔ تٔمۍ ہنز شاعری آے تحریک سورنہٕ پتےٚ بارسس۔

ناجی منور (کاپرن ۱۹۳۲ء) موتی لال ساقی (بڈِیار ۱۹۳۶ء) موتی لال ناز (جوگی لنگر ۱۹۳۷ء) چمن لال چمن (شیشہ یار حبہ کدل ۱۹۳۷ء) تہٕ مکھن لال بکیس (کرپھلی محلہ ۱۹۲۹ء-) روٗدی عام پاٹھۍ انقلابی روٗمانیت ہندی موضوع ورتناوان، مثلن جدایی کنہٕ، بےوفایی، خاب بیترٕ پربتھ کُنہ منز۔ اوس عجیب منطقہ ستی انقلابک درس دِنہٕ یوان۔ یمو شاعرو تہٕ ہیوٚو نیتھٕ پتےٚ پننہِ تخلیقی کمال۔

غلام نبی خیال (مشالی محلہ ۱۹۳۶ء) روٗد علمی طور تحریکہِ منز سرگرم تہٕ اُکس وٕریس پیوس حضرتبل کیسہ کِس سلسلس منز جیل تہٕ کڈُن۔ زنجور ہُند ساز، سوٚمبرنہٕ ہنز۔ سارے شاعری پچھےٚ خیالن نظربندی دوران وٕنٛزٕ۔ اتھ منز چھُ روایتی تبلیغ تہٕ اینز جوشہ بدلہٕ جذبچ خلوص

تہٕ باوُژ ہنز تازگی ۔ اَمہٕ برونہہ اَٚسن اکھ سوٚمبرن چھاپہٕ ژ پرٛاگاش ۔ ۵۷ ، بیچھ ۵۹ ء تام کوٚر خیالن عمر خیامنین ڈوڈ ہتھ رُباعین منظوٗم ترجمہٕ ۔ یہ ترجمہ روزِ ہمیشہ صدابہار ، تحریک یوسہٕ تہٕ آسہٕ سہو ترجمہ کاری متعلق چھ خیال لیکھان :" یمہٕ کنہ گرزھہِ ترجمہ کرن وِزِ یمہ کتھ ہُند سارِوے کھوتہٕ زیادٕ لحاظ تھوٚن یُس زِ مترجم سُنز زیٛوِ منز گرزھہ اصلک روح فنی لوازمات سان پیش یہُن نہٕ یوٚدوٚے یہ مقصد پراوُن شاعریہ منز ناممکن چھ ، مگر خیال چھ ضرور فنی لوازماتن ہُند احترام کرِتھ ہیوٚکمُت تہٕ تمیٚ سُند ترجمہ چھ اعلیٰ شاعریہ ہُند مرتبہ پراوان ۔ یہ کامیابی ہیکہٕ ہیٚے نہٕ اصلک معنی ڈالنہٕ وراَے میلتھ ۔

| | |
|---|---|
| یارٕ اکھ ڈمراہ گیٚم لوچھ غزل خانی کران | تا بود دِلم زِ عشق محروم نشد |
| لوکٕ تہٕ ساری حل کرٕم سربستہ رازن تل سٔتے لٹھان | کم بود زِ اسرار کہ مفہوم نشد |
| ڈونکنس نیلہِ ڈمرِ ہُند حاصل پیوان چھم بروٚنٹھ کُن | الکنون کہ ہمے بنگرم ازروے خرد |
| چھس بہٕ زانان وار یاہ زانتھ تہٕ روٗدس غارزان | معلوم شد کہ ہیچ معلوم نشد |

(خیال) خیام

اکونگ پوش ، رسالس ایڈیٹر روزنہٕ علاوٕ چھ خیال کلچرل کانفرنسچہ ورکنگ کمیٹی ہُند ممبر تہٕ روٗدمُت ۔ روزگارکس سلسلس منز بدلاوِن واریاہ ہیتھہٕ ، گوڈٕ اوس ریڈیو کشیرِ منز نیوز ریڈر ، تمہٕ پتہٕ کرن کینژس کالس کلچرل اکادمی منز ملازمت تتہٕ نیرتھ بنوو ہفتہ وار محاذک ، ایڈیٹر ۔ ۵ ، اپریل ۶۵ء کوٚرن پننہ ہفتہ وار کاشُر اخبار 'وطن' جاری یُس وُری کھنڈ قایم روٗد ۔ خیالن چھپے کینہہ کتابہٕ تہٕ ترتیب دِژِن نثرتہٕ چھُن لیوٚکھمُت تہٕ ترجمہ تہٕ چھن کرٕی متی ۔

پرتھوی ناتھ سایل (شالہ کدل ۱۹۳۸ء — ) ستار احمد شاہد (کاوڈار ، ۱۹۲۴ء)

سجود سیلانی (ڈلگیٹ ۱۹۳۶ء -) جواہر لال سرور (مونہنور بڈگام ۱۹۳۹ء- )
رادھے ناتھ مسرت (رز انہ پور ۱۹۲۹ء) تہٕ غلام نبی ناظر (یار پور، کولگام ۱۹۳۱ء) چھِ
تم کیہہ شاعر یِہُند ناو ہیٚنہٕ ورٲے ترقی پسند شاعرن ہنز۔ سام نامکمل روزِ۔ یِمو منز چھِ سجود
سیلانی تہٕ غلام نبی ناظر تحریک سورہٕ پتہٕ اہمیت پراوان۔ سائیل تہٕ شاکر چھِ از تہٕ مختلف
سماجی تہٕ اخلاقی موضوعن پیٹھ لیکھان۔ سائلن چھےٚ اٹھ شعر سومبرنہٕ برونٹھ کُن ترادمژ
یِمن ہندی کیہہ باتہٕ مقبول عام پیدی۔ یِم سومبرنہٕ چھےٚ: فریاد سایل، سمرن، پمپوش،
رنگہٕ بلبل، فیشن، اصراف، لولہ ناد تہٕ لونٹھ ٹوٗری۔

یہ اُس ترقی پسند تحریکہٕ ہندس اثرس تل لیکھنہٕ آمژ شاعری ہنز اکھ موختصر سام.
وونی وچھو اُسی زِ تحریکہٕ ہُند دیُت کیاہ رۄُد کاشُرس منز نثری ادب پھانپھلاوُنس منز
امی تحریکہٕ دژ افسانہ، ناول، ڈرامہ تہٕ تنقیدہ لیکھنچ تحریک۔

## افسانُک گوڈنیک دور

کٲشِر چھےٚ پتہٕ وُتھ لکہٕ کتھو باپتھ مشہور۔ کہیٚمہِ صدی ہنز چھےٚ سوم دیون سابہ
بڈ ڈلیلہٕ اکس کتابہِ منز یکجا کرمٕژ یتھ "کتھا سریت ساگر" ناو چھُ۔ کٲشِر منز آسی ساری اکھ اکس
ڈلیلہٕ بوزناوان تہٕ کرتھ اوس ڈلیلہٕ گرن ہُند اکھ پیشہ ور طبقہ یِمن ڈلیلہٕ بوزناونک پنُن پنُن
انداز یا اسلوب اوس آسان۔ عام پاٹھۍ اوس یِمن ہُند نثر قافیہ دار آسان تہٕ منزٕ
منزٕ آسی گیون ہرکہٕ تہٕ واٹھ آسان۔ یتھ پاٹھۍ زن برونٹھے ونیہٕ آو، سرارل
سٹائین کرِ کیہہ لکہٕ ڈلیلہٕ پننس اصل روپس منز جمع تہٕ 'حاتم نٕ کتھ' ناوکہ ناو۔
۱۹۲۳ء منز چھاپہٕ گریرسن یمہٕ انگریزی ترجمہ ہیتھ لندنہٕ پیٹھ۔ یتھ پاٹھۍ گو افسانوی
نثر شروع۔ حاتم نٕ ڈلیلہٕ، آسہن ۱۹۵۰ء تام کٲشِر منز سیٹھاہ مقبول پیس زمژہ۔

ترقی پسند تحریکہِ ہندس اثرس تل ادیب آسہن سماجی حقیقت پسندی ہند
خاطرٕ شاعرٕ پہٕ ہُند وسیلہٕ تنگ محسوس کران تہٕ یپارٕ اوس اردو افسانک سیٹھاہ شہرٕ
پریم چند اوس خاصکرٕتھ سارِنٕے ہُند لۆکٹ افسانہ نگار۔ کشیرِ منز اوس پریم ناتھ پردیسی
۱۹۳۲ء پیٹھے اردو زبٲنی منز کاشرِن ہندس لسنس بسنس۔ اقتصادی حالس متعلق
پۆلتس پیٹھ افسانہ لیکھان۔ ترقی پسند تحریک قایم گژھنہٕ پتہٕ آسہ یم افسانہ محفلن منز
پرنہٕ یوان تہٕ یمن پیٹھ نظریاتی بحثہٕ علاوٕ اوس افسانہٕکس فنس پیٹھ تہٕ بحث یوان۔
یورپی ادبس منز اوس افسانہ ادبچ اکھ اہم صنف بنتھ وارٕہو تجربو منزٕ گدریومت۔
یم آسہٕ تم کینہہ سبب یموکنۍ ۱۹۵۰ء منز کاشرس منز افسانہ لیکھنک تجربہ کرنہٕ
آو۔ یہ تجربہ اوس وارٕہو فنی کمزوریو باوجود بلکل سادروار تہٕ سارِوے کوٚر پسند۔ یہ
نوٚو فن اوسنہٕ صرف شاعرٕ پہٕ بنتھ مختلف ہیت تھوان بلکہ پرانیو پردیہ کتھو، رازٕ
کتھو تہٕ داستانو نشہٕ تہٕ۔ شاعرٕ پہٕ مقابلہ چھ یہ خارجی ہیژٕ ہنزٕ دبند شونٕشہٕ بلکل آزاد
تہٕ عام لوکن ہنزٕ عام نثری زبٲنی منز لیکھنہٕ یِنہٕ کنۍ چھے اتھ منز عام زندگیہ ہنزٕ حقیقت
نگاری سیٹھاہ آسان۔ 'افسانہ' یتھ انگریزیس منز 'شارٹ سٹوری' (لوکٹ دلیل)
چھہٕ ونان، چھ مخصوص زمانس تہٕ مخصوص کردارٕ ہنزٕ زندگیہ ہندس کنہٕ مخصوص واقعس
وجوہی ترتیب دِتھ تمہٕ زمانچہٕ مروجہ زبٲنی منز تتھ پاٹھۍ پیش کران زِ یہ چھ تمس کردارٕ
ہنزٕ کُلہم زندگیہ ہُند ترجمان بنان۔ واقعک اختصار تہٕ حقیقت پسندی چھے
افسانچ بنزٕ بنتھ۔ امہ پتہٕ چھ افسانہ نگارس بانس تام زرٕ کوبہ ٹیکنیک ورتاواں
بیانس کٲم ہیٚیاہ کنہٕ مکالمس، شہ علامژ ورتاو یاہ کنہٕ تمثیل۔ افسانک تعلق چھ بہرحال
عام انسانہ ہنزٕ عام زندگیہ مٕستی۔

۱۹۵۰ء منز لیوکھ سوم ناتھ زُتشین (رگھناتھ مندر سرینگر، ۱۹۲۳ء - ) گوڈنیکُ
کاشر افسانہٕ "ییلہٕ پھول گاش" یُس اَمہٕ برونہہ اوس سُہ اُردوہس منز لیکھان۔ ییلہٕ پھول گاش،
اوس انقلابی رومانیت تہٕ ہندس اثرس تل گرنہٕ آمُت ییتھ منز حقیقی صورت حال تیتھ باکھ
غار اغلب انداز ہاوِنہٕ چھُ آمُت زِ افسانہٕ نگارُن فرضی منطقی نتیجہٕ تیر لوِ زِ۔ رسول چھُ
لالہ جی نِس دُکانس پیٹھ ایمانداری سان کام کران۔ شتوُہ جنوری کالہٕ چھُ سُہ لالہ جیس رُخصت
ہتھ شینہٕ گرِ کارِ منزِ ی تیز تیز گرِ کُن پکان۔ گرس منز چھُس نہٕ افلاس، لاچاری تہٕ دوکھو
ورائے ییتہٕ کینہہ۔ جندس تل چھُس نیچوُ تیہ ستہٕ درزان۔ راتھ چھُ پریشان خیالی منز گزران
تہٕ صُبح چھُ سُہ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گرِ نیران تہٕ شینہٕ منزِ ی وُتھ کڈتھ امراکدل کُن پکان۔

تاجلی چھُے۔ کام گژھہٕ اندنی۔ پتہٕ گژھہٕ آزاد۔ ژونگ سوتہٕ نہٕ
ادٕ تیلہٕ داد۔ انگریز ژول تہٕ شین کونہٕ گول۔ لالہ چھُ بوڈ تہٕ اَمی
کُمی بناوِ لوکہٕ۔ لوکہٕ تہٕ گژھن بڈنی۔ منز لگی ماروُد منزلی۔
سُلہٕ تہٕ گژھہٕ پانے بوڈ۔ ییلہٕ زندہ روزہٕ۔ ہاہا۔ تمس چھُ زندہ
روزنکُ حق۔ آزاد لُکھ چھنہٕ جل جل مران۔"

محنت کش سُند یہ عینی تصور چھُ افسانہٕ نگارس فنکو ساری لوازمات مشراوِتھ زہری سے
جوشس ستہٕ ییر والان۔ ییہٕ زن اوس زُتشیس افسانک فضا تہٕ زبان ورتاوُنک
پوُر سلیقہ۔

اَمہٕ پتہٕ لیوکھ دیناناتھ نادمن تہٕ اکھ افسانہٕ 'جوابی کارڈ'۔ گامی گامی زٕ کھ
دپدہٕ۔ نہٕ "گامی حاکم۔ گامی جج، گامی مولوی، گامی تھانہٕ دارینی، نمبردار، چوکیدار،
یہ ڈیپر زتہٕ سوری کینہہ" چھے پننس منگتہٕ نیچوس غلس رُت کانچھنہٕ بلہٕ پتھے زندہ تہٕ غلہٕ

چھُ ملیشیا فوجس منز۔ برتی سپدمُت۔ غلہ صاب چھُ گامہٕ گامہٕ آش تہٕ تھہٕ عزتس۔ تمہٕ پنٕنز جدٲیی منز۔ تہٕ چھنہٕ زون دیدٕ پرتھ کانہہ شہہ تمہٕ سُندے ناو ہیتھ ہیوان۔ مگر اکہٕ دوہہ چھنہٕ تمہٕ بتہٕ مار گرتھ ہنٛد تٔنیتھ واتان۔ گٲڈٕ گامس پھنہٕ دہہ ترچھتہٕ گژھان۔ مگر زون دیدٕ پھنہٕ ونان: "غلن چھُ مے ییٚو کھمُت تورٕ دِیُن، زنانہٕ فوجس منز برتی گژھنہٕ خاطرٕ۔"

یِوٚدوے نادمُن افسانس منز تمن دوہن ہنٛد گامی ماحول تہٕ لوکن ہنٛد ملرٛار تہٕ ماے محبت بیٹھاہ ہرتی پامٹھی چھُ ہوومُت، مگر انقلابی جوشہٕ کنہٕ چھُ سُہ انسانی دوکھ دادٕ شدتہٕ سان محسوس کرنہٕ نشہٕ محروم سپدمُت تہٕ ازیگ پرن دول چھنہٕ افسانس زندگیہ ہنٛد کانہہ پوٚز عکس زانس بیٹھ آمادٕ گژھان۔ چونکہ افسانہٕ چھنہٕ پرن والی ہسنز پرتھ زیتھ ہیکان، یہ چھنہٕ یوٚتھ ہمُت تاثر تہٕ یادٕ ہیکان کرِتھ۔

ییمہٕ دوہہ زون دیدٕ ہچھو بندوق ہیتھ کوہ کرُک پوٚژھ
ژھنتھ تہٕ ہوٚل گنڈتھ دراپہ تمہٕ دوہہ اُس گٲڈٕ گامس دہہ چھتے
تمہٕ دوہہ ادسہٕ کاڈٕ پورٕ کانہہ شرٕ تہٕ نہ ادس گلین بیٹھ کنہٕ کانہہ
کاوٹھاو ٹاو کران رَوٚ

یاتہٕ چھُ افسانہٕ نگارن یوٚتھ ہمُت اشارٕ دیُن زِ زون دیدٕ موٚیہ تہٕ تمہٕ سُند توبوت کوٚرُکھ۔ مگر توتہٕ چھُ افسانک یہ اند غلہ مزدوری۔

زتشی تہٕ نادم بنو یمو دوہیو افسانو پتہٕ آے پوٚتس بیٹھ واریاہ افسانہٕ لیکھنہٕ تہٕ ریڈیو بیٹھ نشر کرنہٕ یمن منز سماجس ہنٛزٕ اپزے قولہٕ ہری اونہٕ باپتھ غار اغلیب کردار تہٕ واقعہ محض سیاسی اکٲیتیبن یا تصورن بدلہٕ ورتاونہٕ آے۔ مثلن عزیزؔ ہارون (اربرشاہ ۱۹۲۲ء) بندس، میون کوہ پھار، افسانس منز آردٕ کوٚر تہٕ سوٚدرہٕ، اچھن ہنٛد گاش افسانن

منز گوڈنیک تنخاہ ہیتھ آمُت گَلہٕ تہٕ تمی پتہٕ منز سٕرکروٚنی موج۔ اَز چھُ گاش، افسانُک گرٕ نوکری ترآوِتھ پننہٕ زمین لاگن وول سُلہٕ؟ برٛم، افسانس منز ووتہٕ رحمانُن ٹھیکہٕ درشند ٹھگُن یا نۄر محمد بٹ بہٕ 'زۄر'، افسانُک رمضان خان یُس ایماندار آسِتھ تہٕ زۄر کرنس پیٹھ مجبور چھُ گژھان۔ یا ارجن دیو مجبور بندٕ کولہٕ وان، افسانُک 'رحمہٕ' یا تاج بیگم رینزو (۱۹۳۱ء) تہٕ "رۄدیلہٕ کھہ" افسانٕچ بچاٗرزیہ۔ یوسہٕ اَکس خوجہٕ کیٚنٛزٕ سُند محبت قبول چھنہٕ ہیکان کرِتھ۔ پتھی چھُ عباس تابش (۱۹۳۸ء۔) ہندی کینہہ افسانہٕ۔

۱۹۵۵ء پتہٕ آے نوی کینہہ افسانہٕ نگار بروٚنٛتھ کُن: امین کامل، امیش کول، علی محمد ون، غلام محمد صوفی تہٕ اختر محی الدین۔ امین کامل اوس بروٚنٛتھے پننہٕ شاعری یا پتھ مشہور، افسانہٕ لیکھتھ یوٗزتھ تمی دیہاتی زندگیہ ہند پوٗز پوٗز ماحول پیش کرُن مگر گوڈٕ گوڈٕ آے تس تہٕ سیاسی نعرٕ بازی ولنہٕ تہٕ تمی لیکھی "یا دوستو، گگوگو" ہوی ٹاسرٕ سیاسی افسانہٕ یمن منز تخلیقی مدعا بدلہٕ ترٛوُ وسنزاہ پتہٕ کُس سیاسی ہوٗہس یتہٕ ہم نوا روزُن مدعا اوس۔

کُنٕے گرٛز ووٚتھ کیس بیچھنہٕ وارِ منز۔ زن گیہ اَگنہٕ گگنہٕ
گگراے۔ دۄرِ آو ذالدار پننز دارِ پیٹھ کس تام پہٕ بۄزرتھ
اُٹن۔ ظاہرا اوٚسنز زگریستین کاُزاہ تھزٕ کریکھ تہٕ ڈر
اُڈِج چھے زیٚنٛہ

امین کاملن لیکھو پننی بہترین افسانہٕ تحریکہٕ ہنز ماٗنتھ پھٹتھ۔ امیش کولنی (سوپور ۱۹۲۹ء) چھُ کُل ترے افسانہٕ چھاپ سپدی متی۔ اکھ چھُ 'اُڈے کتھ' (کوٚنگ پوش جلد ۲، نمبر: ۵) یتھ منز راجہ جوانی ہندِس برداسس پیٹھ بھوشنو لولہٕ برزوٗ تہٕ لوٗزٕ لوٗزٕ کھوتی گوڈنکہٕ پھر محبتُک درس پچھنے ہیچھان تہٕ ساٗرے

دنیاداری فضول چھس باسان۔

موٗل ووٗتھس مُخزسان ــ "نہ ٹھانہٕ ترٛٲوِتھ وچھ۔" راجن تُل

ٹھانہ تہٕ وُچھُن کینہہ ڈیہہ! ژاساہ کرِتھ ووٗنس مالٕ دُباپہ۔

"گیہ کھ ووٕ خوش؟" راجن کوٗرنس کلہٕ ستی آنکار تہٕ اچھن

منز آس خبر کیتہٕ اوٗش۔ کلہٕ پھرٕن ہورکُن، سوچن لٔج۔

کاش موٗل میون زانتہ ہے نہٕ مےٚ ماگوٗژھ بنیہ تہٕ

کینہہ آسُن یہٕ[۲۵]

یوٗدوے موضوع ٹاسرے چھُ امیش کول چھُ راجہٕ نس کردارس منز اُژتھ اندرٕ ہن

سنان۔ بیاکھ افسانہٕ چھُ ۵۹ ءکس سون ادبس منز شایع سپدمُت۔ "یُس واری کھبوان چھُ؛ دِل" چھُ تمیُ سند تریُم افسانہٕ۔

۵۵ ءیس منز چھپیوو کونگ پوشس منز گوڈنکہٕ پھِر افسانہٕ کِس فنس متعلق مضمون: "افسانس متعلق کینہہ بنیادی کتھہ" یُس اختر محی الدین لیوکھمُت اوس۔ یہ مضمون چھُ گوڈنکہٕ پھِر کاشرین افسانہٕ نگارن افسانہٕ اکھ تیُتھ فن زانتُک حس دِوان یُس سماجیاتہٕ نِشہٕ مختلف تہٕ آزاد چھُ۔ افسانہٕ چھُ تیُتی افسانہٕ ییلہٕ یہ مناسب ہیت آسہٕ تھاوان۔ مگر اُمرس چھُ اختر بنیہ تحریکہٕ ستی یک رٲے بنیہ باپتھ افسانہٕ نگارن دون قسمن منز باگراوان؛ ہیرٕمہ طبقُک افسانہٕ نگار۔ "سُہ چھُ بکھان دیون تہٕ جِنن ہنٛز کتھہ، بدمعاش مردن تہٕ آوارٕ زنانن ہندی تعریف کران۔ تہندس ادبس منز چھِ آسان پستول چلان تہٕ انسان انسانہٕ سند ماز کھوان۔" بوٗنِمہ طبقُک افسانہٕ نگار "یہ چھُ جدوجہدس منز ستی روزان۔ تیُتھ لوکن منز تساہل تہٕ کاہلی پاد سپدِ تمیُتھ

پئنہٕ زور قلمہٕ سٟتۍ تمن منز لۆ سر جوش تہٕ خروش پاد کران"۔ ۲۶

دراصل اوس یہ ہے غلط تصور تمہٕ وقتہٕ کٔمن افسانہٕ نگارن زندگیہ سیاہ تہٕ سفید الگ الگ زانٕنس پیٹھ مجبور کران تہٕ تم تہٕ آسی سیاہ ہیکان وُچھتھ تہٕ نہٕ سفید بلکہ اُسی پننس نظریاتی مفروضس ڈکھ دِنہٕ باپتھ کردارن تہٕ واقعن پانہٕ وٗنی اپنٕرے واڑ دِتھ پزرک بۄزم وۄتلاوُنٕچ کوٗشش کران۔ اَمہٕ تراوٕ ہنٛدی چھ اَکھ دورس منز بییہ تہٕ وارِیاہ افسانہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ مثلن بال کرشن کول سُند" اَسہٕ تہٕ تمن واٹھ کیاہ" (پمپوش ۱/۱۔ ۵۷ء) 'پھرتھ'، (پمپوش ۱/۲۔ ۵۷ء) 'طمٕنگ انجام' (پمپوش ۲/۱۔ ۵۸ء) شنکر ناتھ کولُن (۱۹۲۶ء۔) 'اُش دار' (پمپوش ۲/۱۔ ۵۸ء) ناجی منور 'رشید احمد' (پمپوش ۲/۱۔ ۵۸ء) بیتر۔

اختر محی الدین یوٗدوٕے افسانہٕ نگارس متعلق غار معقول رلے تھوان اوس مگر تمہٕ پنٛدہو پئنٕنو افسانو کرٕ کاشرِ زبانی منز افسانچ پزٕ روایت قایم تہٕ افسانہٕ لوٗگ صحی وتہٕ۔ اختر محی الدین زاو ۱۹۲۸ء منز بٹہٕ مالنہٕ (سرینگر)۔ لوکچارے منز کوٗر ترقی پسند نظریو متاثر تہٕ تحریکہٕ منز رُود سرگرم۔ ۱۹۵۶ء یس منز کرٕن گوڈنچ افسانہٕ سۆمبرن 'ست سنگر' چھاپ یتھ منز ستھ افسانہٕ اَسی۔ شپنی پئنٕنی تہٕ اَکھ موپساں سٕنہٕ A PIECE OF STRING افسانکُ ترجمہ۔ اَمہٕ پتہٕ ستی کرٕن بیاکھ سۆمبرن شایع۔ 'سونٕزل'۔ یمو افسانہٕ تٕمی افسانس متعلق وارِیاہ بحث یمٕو رتی افسانہٕ لیکھنس کُن سنجید توجہ دِنہٕ آو۔

'ست سنگر' افسانہٕ چھ گوڈنکہ پھرٕ حقیقت پسندی ہنٛد معیار بر ونہٕ کُن انان یمہٕ باپتھ ترقی پسند تحریک دجودس آس آمٕژ۔ باتے پکھن والی پتہٕ بقول اختر بوٗنی مہ طبقکی نمایندٕ تھ بوٗنی مس طبقس پننین آدرشن ہنٛدس رنگس منز ڈیشان آسہ تہٕ تمی اخترن آدرشن ہنٛدی پردٕ تھوٗد تہٕ لوٗزٕ انان پرزنوٗ دُن پزر تہٕ کرٕ زر ہیتھ گاڑ جار تہٕ وکھٕ زار

ہیتھ۔ نتیجہ دراو 'دُندوُزن'، ہیُو شاہکار افسانہ یتھ منز بڑیسی واتلہٕ تہٕ اُشمہٕ ہنز شکلہ منز ساڑے
آدمی ذاتھ دٕنہٕ چھہٕ پوان۔ اُتی نار تہٕ اُتی نوٗر، اُتی اقتصادی بربٹہ منز بے بس تہٕ لاچار انسان
اُتی زیرِ شامن باگہ جذباتن منز وِسوٗن سوکُھل تہٕ موکُل انسان۔ اخترن کوٗر نہ پننین بوٗنژمہ
طبقہ کین لوٗکن کانہہ وُرُن۔ تمہٕ بنو و افسانہ اکھ الگ خود مختار دنیا یتھ منز کردار افسانہ نگارس
نِشہ موکجار لبتھ پننو حرکژو یا پننہ عملہٕ ستی وجودس چھہٕ پوان۔ 'ذری یابہ ہُند بیزار' چھُ اُمی
قسمُک بیاکھ شاندار افسانہ۔ اُتھ منز چھُ ستتھُ وہر بُبر شالہ فِرد پیٹھ کاٗم کران کران تاپُس
بِہِتھ اڈکجہٕ زباہٕ منز گبوان" چھنہٕ پوشہٕ ینگھہ ڈینٹھمس تن / ہا چنا ینو وٗنی زُس بوز عالم"
تہٕ اُتی چھس کانٛہہ ضرورت پیوان۔ پانس برونٹھ کنہٕ چھس گرداجنہٕ خوتن دید ہیتھ۔ کوٹھن
اُتھ دِتھ پتھے سو دوہ تھان تہٕ اندر کتھس منز کانٛہہ ژھاران۔ پرانہ اکہٕ گبتھرِ منز چھس
پننس مہرنہ بیزارس پیٹھ نظر پیوان تہٕ اکی آہ پتھے سو پننُ توتت تہٕ موٗت یاوُن یاد
کران۔ بُبر شالہ چھُ پہ وُچھتھ دوہ پوان تہٕ خوتنہٕ چھُ بیزار لاگنس پیٹھ مجبور کران۔ سعہ نہ
مانان پہ نہ پژان تہٕ اُتھو منز اژان ادرہ زامترُ تہٕ دوہ توے بُڈ باوٗزن ژوٗرہ ہانزہ رٹنہٕ
پوان۔ اُتھ پیٹھ بنبر شالہ وُنان" ساری پانس پانُس پاشا"۔ یتھ پاٹھی چھُ اخترن دوہن
انانن ہنز زیچھہ واٗنبہ ہندِ اکہٕ ڈھنگ اکھ خاص واقعہ ژوٗرمُت تہٕ یوٗہے چھُن پننہ
سوٗرے اوٗند پوٗکھ تہٕ فضا ہیتھ لفظن منز زندہ کرتھ محفوظ تھوٗومُت یُس پرتھ زمانُک
پرتھ طبقُک پرن وٗالس زندگیہ ہندس حُسنس پیٹھ یقین کرنس پیٹھ آمادہ چھُ کران۔
پانہ چھُن نہ بیان کھنہ کوٗرمُت مگر کردارن ہندس دِلس دماغس اندری اندری گژھتھ
چھُن تہند سوٗرے وجوٗد دریافت کرتھ بانہ یافت کوٗرمُت۔ یوٗہے چھُ افسانہ نگارُن
سُند فن۔

'سٕتھ سنگر'، افسانکو باقے ژور افسانہ چھِنہٕ اَتھ برعکس کردارن، پلاٹس
تہٕ زبانی ہندِس ورتاوس پیٹھ اختری دسترس ظاہر کران۔ 'چھِنا سپدان'، 'زٕٹھ'، 'کھو
تہٕ میٛنہٕ توگ' تہٕ کیہنہ' چھِ تمیٚ تحریکہِ ہندِس غلبس تَل یتھ لیکھمت یمن منز زندگی ہندی
سارے مسلہٕ ترتہٕ زگے ژور آیہ سمجھنچ کوشش چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔

اختری اُمہٕ دورکی کیہنہ افسانہ چھِ فارمولائی انداز ٹاہری بیان۔ مثلن 'داغ'، افسانس
منز مسلمان باٹے سکھ شرس منگہٕ نوان تہٕ شر مران تہٕ دفن پوان کرنہٕ۔ مگر 'شینہ جنگ'
چھُ اکھ شاندار افسانہ یتھ منز خوجہ مومنہ گرِ ژھین ضیافتک انتظام چھُ کرنہٕ آمُت
تکیاز کھنڈ واون اَتھ چھُ 'شینہ جنگ' گنڈناوُن۔ یہ چھُ فارمولایہ تبر۔

یتھےٚ پاٹھۍ چھُ 'محلہ گنڈ' یہ چھانہ چھانہ تہٕ محلہ چن وارہین زنانن ہنز زندگیہ ہندس
دوکھس تہٕ سوکھس، اسنس تہٕ ردنس، نیٚبرِ موکجارس تہٕ اندری لاچارہ پیکہ وٕڈ رلاوتھ اکس
پوٚرزمانس پانس منز ویٚراوتھ۔ بھانہ چھانہٕ ہندس اَتھ دارنکس وسنی ژھارنکس تہٕ دٕتہٕ دٕتہٕ
گُہ سوٚمبراونکس عادتس افسانچ بنیاد بناوِتھ چھُ اخترن اَتھ افسانس منز نہ صرف اکھ
خاص سماج عکسووُمت بلکہ چھُن انسانہ ہنز ازلی فطرژ تہٕ آیہ ہووُمت ییلہِ بھانہ
چھاوٕنی پننہ عادتہٕ مجبوری کنہِ نوشہ ہند مالیُن عشمتہ سان سالس گرژھتھ تہٕ دٕتہٕ دٕتہٕ پیٚمتہٕ
گُہ لوبر بھجہٕ گنڈِتھ چھےٚ تھوان یتھ زن سالہ بروٚنٹھے ننر چھس گرژھان۔ پتہٕ چھےٚ
اُمہٕ مندچھ گرس منزے دم پھٹ گرژھان تہٕ کینہ دوٚہ پتے چھےٚ مران۔ محلہ چہٕ سارئے
زنانہ یم سارے ہے دانہٕ اُمس ہیٚڈان تہٕ کٹھان آسہ تِمنے چھ تمس بلیہ اکہ پھرِ وُچھنہٕ باپتھ
براٹھی ہوی گرژھان۔ امہ افسانچ بڈ خوبی چھےٚ اُمچ زبان یوسہ تیٚژ نامیاتی چھےٚ زِ
راوی سُند چھُنہ گمانے سپدان۔ یتھےٚ اکھ شاہکار افسانہ چھُ 'سورگہ حور' یتھ منز ڈالدار

صاٲنِز شرمدار پری ہِش کوٗر فوتہٕ تہٕ لالہٕ خاندر بردہ نہٕ ٲکِس مہنوِ گنٛڈ سٍتۍ عاش چھِنہٕ کران تہٕ خاندرِ پتہٕ ہٕہٕ بیٚیِس مہنوِ گنٛڈ سٍتۍ مگر گاڈی گاہگی نکہٕ ہٕڈی زنانہٕ مرد چھِہ بلی نٹان زِ ذاکدار صاب تہٕ تُسند نیچُو چھہٕ غارتی خبر کیاہ تھاون کٔرتھ۔

اختر مٕنٛ شیشھ برُونہہ افسانن ہنٛدِس اخرس پیٹھ چھُ آدم چھُ عجب ذاتھ، یُس نُہجہ ہنز گوڈنچ ژرینہٕ ون چھُ۔ اتھ منز چھُ اختر "بوٗزِ مہ طبقہٕ کہن" لکن ہندی نیاے ترأوتھ اکہ طرفہٕ زبأنی ہندِس النکارس کُن توجہ دِوان تہٕ بیٚیہ پاسہٕ مابعدالطبیعأتی تصورن کُن۔ افسانہٕ کہن کردارن ہنٛد خود مختار وجود پامال کٔرتھ چھُ واقعس منز تشویش تہٕ دلچسپی پأدٕ کران تہٕ یہ نہج چھُنہٕ افسانہٕ چہ پابند صنفہٕ سٍتۍ زیادتی۔ یُودوٕے افسانہٕ منز صرف دلیل ژھارن وأرِس یہ افسانہٕ خوش کرِ تہٕ مگر پرُزھل احساسِ جمال تھاون وول چھُنہٕ اَمہ کہن کردارن تہٕ واقعن ہنٛدِس "آسنس" پیٹھ پرٕزھ ہیکان کٔرتھ۔ مُلہ سبحان تہٕ نیچُو رمضانہٕ چھُ فطرژ ہنٛد پرستار۔ نوجس منز ژون ذردین ہتر رنگہ گردٕ ٹی پتہٕ چھُ کشیر واپس یِوان تہٕ مزرکِس حدس تام چھُ سُہ کشیرِ ہنز میشرِ، کلہن، سرن تہٕ جانورن پتھ فلوا سپدان۔ مگر وٗندہٕ پتھ چھُ سُہ حُسن راوِنس پیٹھ، مٹان تہٕ ٲندری گلان تہٕ ٲخر مران۔ مُلہ سبحان چھُ رمضانس دلیل ٲکِس وِزِ میمہ بوزناوان۔ سو تہٕ چھِنہٕ فطرژ ہنز پرستار تہٕ دلیل بوٗزی تھے چھِنہٕ سو بالہ پیٹھ وڈٕ لأیتھ خودکشی کران۔ مُلہ سبحان چھُ میمہ ہنٛد قتل کرنہٕ کِس الزامس پیٹھ گرفتار یوان کرنہٕ۔ سُہ چھُ پننہٕ سوٗرے بنن تہٕ گدٕرن عدالتس منز بوزناوان۔ یتھ پأٹھۍ چھہٕ افسانکۍ سأری کردار تہٕ واقعہٕ غارِ اغلب تہٕ افسانہٕ نگار چھُنہٕ نوقطے نظر صحی پأٹھۍ ورتأوتھ ہیٚوکمُت۔ ترٚییم شخصہٕ سُنٛد ہرجا وأرتھ تہٕ (متکلم صیغہٕ راوی) نوقطے نظر چھُنہٕ بادرکرنس لایق افسانک باڈو تہٕ چھُنہٕ افسانہٕ باپتھ موزوٗن بلکہ اکہ ناولہٕ باپتھ۔ پتھ چھُ یہ تمہ ناولہٕ ہنٛد خلاصہٕ باسان

پتہ ناولہٕ ہُند خلاصہ ہیکہٕ نہٕ افسانہٕ اٰسِتھ۔

اختر چھُ شیٹھ پتہ افسانَس اکھ نۆ نہج دِوان۔

علی محمد لون آو کأشرِس کُن ۵۵ءَ منز ییلہٕ تٔمۍ پنُن افسانہٕ 'یم لوکھ' لیوکھ۔ یہ چھُ اکِس کردارس وُلِتھ افسانہٕ یُس فرضہٕ تہٕ ناو چھُ۔ تَس چھِ ترےٚ گبر مارٕ گٔنٛتی تہٕ ووٕنی پٔچھےٚ محلس منز کرِمُتھ کُنانہ۔ تَس چھُ دِماغ ڈولمُت تہٕ پرٛیتھ کأنٛسہٕ پٔچھےٚ لٔبکہٕ کڈان۔ زیادٕ پہن پٔچھےٚ ولی محمدس اگادِ گُمُت یُس اکھ زی عزت انسان چھُ۔ سُہ چھُ تَس محلہٕ منز کڈنکھ وارِیاہ ژھل کران مگر پوشان چھُس نہٕ کینہہ۔ تتھ چھُ پھیرِتھ پانےٚ ژٕلنَس واتان۔ وولُ گوو افسانچ زبان چھےٚ کُلُس پیٹھ فارافنوی پتہ لون چھُنہٕ افسانہٕ مناسب عملہٕ ہنٛدِ ذریعہ سےٚ منز واقعہ پیٹھ تلمُت بلکہ چھُن سوٗترس بیانس کام ہیٚژمٕژ۔ یتھےٚ اکھ افسانہٕ چھُ "کورِ بچہ ہن اکھ"۔

اَتھ برعکس چھُ 'موغلی غفارا' اکھ رُت افسانہٕ تکیازِ لیکھن وول چھُ موغلی تہٕ غفارا ہونہٕ تہٕ ہوٗنی ہنٛدِس یارانس تہٕ پانہٕ وٕنی مایہ اکِہ ڈرامأیی عملہٕ ہنٛدِ ذریعہٕ ہاوتھ ہیوٚکمُت۔ پوٚت منظر چھُ اَتھ افسانس تہٕ تمہِ وقتہٕ کہ جنگ مگر لون چھُنہٕ اَتھ منز سیاست شامل کرِمٕژ۔ حبیب خان، یُس ریٹرھ پاکھڑ لیفٹن لاتھر چھُ ونان، چھُ بازرٕ کین دون ہونین مَنٛز دشمنی ہیوان، مگر یم چھِ دون وانہٕ والین ہنٛدی ژھمپتی ہوٗنی۔ لاتھر چھُ خنسہٕ ہوٚت سۄدتھ اکھ دوہ موغلہٕ (ہونہٕ) ماران تہٕ غفارا (ہون) چھُ تٔمۍ سنٛدِ شرمران۔ لیکھن والی چھےٚ ظرافژ تہٕ ہمدردی پانہٕ وٕنی میل کٔرِتھ افسانس منز دلچسپی پأدٕ کرِمٕژ۔

اَتھ دورس منز آو نہٕ علی محمد لونٕنۍ بییہ کانہہ خاص افسانہٕ برونٛہہ کُن۔ سُہ رۆد تحریکہٕ پھٹنہٕ پتہ پتہ لیکھان

علی محمد لون زاو ۱۹۲۶ءَ منز دروگجن سرینگرٕ۔ کالجس منز پرنس دوران ہیوٚت

تمو اردوس منز لیکھن تہٕ ترقی پسند نظریو ستی متاثر سپدِتھ گو وتحریکہِ ستی وابستہٕ ۔ کاشرس
منز چھہ تمو افسانو علاوٕ واریاہ ڈراما تہٕ لیکھی متی تہٕ بییہ چھن ترجمہ تہٕ کٔری متی ۔ تمی
لیچھ اکھ ناول تہٕ "اسی تہٕ چھہ انسان" ۔ سہٕ رؤد ریڈیو کشیرس منز اسسٹنٹ
پرڈیوسر تہٕ تمہ پتہٕ کلچرل اکادمی ہند ڈپٹی سکریٹری ۔ ۲۱ دسمبر ۱۹۸۷ء گو وأکس حادثس منز ازجان ۔

صوفی غلام محمد (بچھوور، سرینگر، ۱۹۳۰ء -) چھُ شیشہٕ دلہٕ کِس اٰخرس پیٹھ الیسے رخاکہ
تہٕ افسانہٕ لیکھتھ کاشرِ ادبہٕ کِس دنیاہس منز لوان ۔ صوفی چھُ پیشہٕ کنہ صحافی ۔ ازکل چھُ سرینگرہٕ
پیٹھ روزنامہ "سرینگر ٹائمز" شایع کران ۔ امہٕ برونہہ چھُن بییَن اخبارن منز تہٕ کام کٔرمٕژ ۔
"شیشہٕ تہٕ سنگستان" تہٕ چھُے تمہٕ ہنز گوڈنچ سوٗمبرن ییتھ منز سَتھ افسانہٕ چھِہ ۔ 'ژ ینہٕ ژوُر'
چھُ تمہٕ سند گوڈنیک افسانہٕ ییتھ منز سلطان صوٗفی نس دالس پیٹھ ترٔے موہنوی کٔنڈ دوہ راتھ
محنت کران چھِہ تہٕ پننہٕ مجبوری کنہٕ مالکہٕ سنز لکہٕ ھتوکہٕ ژالان ۔ اکہٕ دوہہ چھُ اٰخرس اعتراض
کرنُک جُرتھ کران مگر وانہٕ دول چھُکھ چالاکی سان پھاس تراوِتھ بییہ ینجس تل رٹان ۔

صوفی چھُ کردار پیش کرنس منز تہٕ ماحول ووہ تلاونس منز مہارت تھاوان تہٕ یہی
خصوٗصیت چھِے تمہٕ سندین افسانن منز دلچسپی پاۂد کران ۔ 'مال دید'، 'احمد ریش'، 'تنز کھوز'، چھِہ
تمہٕ سندی کینہہ یادگار کردار ۔ 'یاوُن تہٕ تاوُن'، چھُ شیلہ تہٕ مہدہ ناوکین دون ہم وانٛسہٕ کردارن
ہنز دلیل ۔ شیلہٕ چھِے عاشس آرامس منز بڈٕتھ تہٕ نوان تہٕ مہدہ تمہٕ سند نوکر چھُ جوٲنی منزے
بڈیومُت ۔ 'نمبر کیاز'، چھُ زونہٕ ہندین تمن جذبن تام واتنچ اکھ کوٗشش یم خاندرہٕ پتہٕ گوڈنکہ
پھِرِ اکس کورِ موج بننکہِ خیالہٕ ووہ تلان چھِہ ۔ "عجب ملک تہٕ نوش لب'، چھُ دون جوان باژن
ہند دوہہ ینُک حال ہاوان ۔ ینتھے پاٹھی چھُ صوفی کشیرِ ہندین مختلف کلچرل طبقن ہندین
مختلف دلچسپ کردارن ینبن افسانن منز ۔ جاودانی دِتھ کاشرِین ہنز سماجی زندگیہٕ ہندی

وارِیاہ پاس گاشراوان۔ لو تہٕ پرو، چھےٚ "صوفی بنن تمن افسانن ہنز بیاکھ سۆمبرن یوسہٕ نہٕ تمیٚ چھاپ کٔر۔

اوتار کرشن رہبر، بنسی نردوش، غلام رسول سنتوش، ہردے کول بھارتی چھِ شیٖم دہمِس سورلس پیٚتی نمایندہ افسانہٕ نگار بنیتھ پرٛزناونہٕ یوان۔ یِمو دۆیو حقیقت پسندی پہندِ وارِہن افسانن ہنز پھیرہاو خاصیٚتھ چھےٚ، مگر ترقی پسند تحریکِ ہندِ لو گنڈٕ تہٕ ژۆو پرٛتھ اھو لو ننہٕ لوٚب ہینہٕ کنٛزِ ین یم افسانہٕ کس دۆیمِس دورس منز شامل کرنہٕ۔

اوتار کرشن رہبرن تہٕ ناجی منورن کوٚر شُرِین ہندِ خاطرٕ دلیلہٕ لیکھنک تجربہٕ یتن دلیلن ہنز کتاب "موختہ لر" (۱۹۵۹) آیہ شُرِین ہند بابتھ گوڈنیک کتاب "لکہ کتھن ہند انداز لیکھنہٕ آمژ۔ یمہٕ دلیلہٕ چھےٚ شُرِین ہندی نفسیاتی ضرورت نظرِ تل تھاوِتھ لیکھنہٕ آمژہ۔ اَمہٕ پتہٕ چھپےٚ یِمہٕ زٕ دلیلہٕ کتابہٕ شُرِین ہندِ خاطرٕ، شمبوناتھ بٹ حلیم سنٛز "بالہٕ یار" (۱۹۵۹) تہٕ شنکرناتھ کول سنٛز "مرژہٕ پینز تہٕ چھانچہٕ پۆت"۔ دۆنوے کتابہٕ آیہ تصویرو ستہٕ خوبصورت چھپاونہٕ کنٛزِ پسند کرنہٕ۔

**غلام نبی بابا** (نوہٹ، ۱۹۲۷ء—) روٗد تحریکِ ہندس جذبس پنٕنہٕ مخصوص انداز اَتھ روٚٹ کران۔ یِمو دۆیے تو تام اَسہٕ کینہٕ بنیادی اصولن تہٕ اَمہٕ کس اسلوٗبس متعلق کانہہ تہٕ بحث اوس نہٕ پیدٕ گومت، تمہٕ ہندی وارِیاہ نثری ادب پارٕ چھِ اَسہٕ صنفہٕ ہنز نفیس مثالہٕ بنان۔ بابا چھُ پننین اَسہٕ ین منز گوڈٕ بنیتھے افسانکی پاٹھی کانہہ اَکس کردارس ہند نقطہ نظر تاران تہٕ تمہٕ پتہٕ پننس خاص اسلوٗبس منز خود دکلامی ہنز ٹیکنیک ورتاوِتھ کردار بندن سماجی مسلن ہنز دِرشنےٚ ڈرامایی انداز کران زنتہٕ بوزن وول تس بروٚنٹھ کنہٕ آسان چھُ۔ 'راتک خاب'، چھِ تمہٕ سند اَمہٕ قسمک گوڈنیک اَسہٕ۔ یُس اسلوٗب اَمہٕ اَتھ منز ورتاومت چھُسے چھُ

تِمہ پننن بلہٕ تہٕ اٮ۪سے یِن منز برقرار تھوومُت: ژھوٚٹۍ ژھوٚٹۍ جملہ، مُنزٕ مُنزٕ جملہٕ کِس اندس پیٹھ قٲفیہ نما لفظ ورتاوٕنۍ، لفظہٕ مزاح تہٕ کُنہٕ ہنٛز گوٚج پیٹھ پیٹھ ژٹھہ پرٛن واکُن تشویق بڑراوُن۔ ' ابابیہ'، ' پیر ہنٛز' تہٕ ' زنگو منز بد رنگ' چھِ تمہٕ ہندۍ مشہور اٮ۪سے۔

سوم ناتھ سادھو (فتح کدل ۱۹۳۵ء - ۱۴ اکتوبر ۱۹۸۲ء) چھُ کاشرس منز ظرافتی ڈراما تہٕ فارسی لیکھنہٕ باپتھ مشہور۔ تمہٕ چھِ مختلف موضوعن پیٹھ کیہنہ اٮ۪سے تہٕ یِکھۍ ہتہٕ یِم کاشرِ نثرِ کِس ارتقاہس منز اہم چھِ۔ 'ٹر باری'، 'شاکی تارکھ'، 'ییلہِ منے نیکہ لاے لاج' ـــــ چھِ رسالن منز چھپیمتۍ۔ سادھو چھُ پانٛنیارُک لہجہِ ورتاوِتھ پرٛن والس نکھہٕ یوان ییمہٕ کیٚنہٕ لوکٹۍ لوکٹۍ واقعہ تہٕ اُسوہٕ کُنہٕ ژٹھ بے ساختہٕ ظرافت چھنہٕ پاد کران۔

سادھو اوس پانٛژن ونٛزاہ پیٹھے ریڈیو کشیرِ منز ملازم۔ ' ودتل بجہ' تہٕ زونہ ڈب'، ناوکر زِ مقبول عام فیچر اُسۍ تمہٕ ہندی ذہنکو یادگار۔ ڈرامہ لیکھنہٕ علاوہ اوس سُہ سٹیج ایکٹر تہٕ۔

## ناول

ناول چھُ یورپی زبانن منز رومانسن ہند دور ختم گژھنہٕ پتہٕ بارس آمُت۔ اُمۍ بنیادی تہٕ یِمہ ہاوٕ خصوصیت چھے اُمۍ حقیقت پسندی۔ اُتھ صنفہٕ آو 'ناول' ادے ونہٕ زِ اُتھ منز چھُ لیکھن وول کینژھاہ نوٚو ونان ییلہِ زن پرانیٚن سارنٕے داستانن منز لازمی اوس زِ تیٚمہٕ لیکھنہٕ یہ بروٚنٛہہ عوامس منز عام آسہ۔ ناول چھُ ترٛژھ کانٛہہ واقعاتی دلیل یتھ منز کُنہٕ مخصوص جایہ تہٕ زمانس منز روزن والس انسانہٕ ہنٛز یا انسانن ہنٛز زندگی علہ ہندِ بیانہٕ ہتہٕ ہاونہٕ ییہ۔ اکھ اسلوٗب چھُ لازمی ناول نگار ہند ہنٛز زمانُک اسلوٗب تہٕ اگر واقعہ پرانہٕ زمانُک تہٕ آسہ مگر اُتھ منز پیش کرنہٕ آمتۍ مسلہ

چھِ ناول نگار پسندِ زمانکی مسلہٕ آسان یمن سٕہ دایمی اہمیت چھُ دِوان۔ ناول ہیکہٕ سٹھاہ
طویل تہٕ آسِتھ سا سہ بدٕن صفن پیٹھ پھہلِتھ تہٕ ژھوٚٹ تہٕ کینژن ہتن صفن پیٹھ، مگر افسانہٕ
نِشہٕ چھےٚ یہ اَمہٕ زٕنگٕ ضروٗر بیوٚن زِ اَتھ منز پیش کرنہٕ آمُت واقعہٕ چھُنہٕ اکوے آسان
بلکہ چھےٚ اَتھ منز واقعن ہنز ہانکل آسان۔ یُتھ گوٚو پیش کرنہٕ آمُت زمانہٕ، سٕہ ہیکہٕ
اکھ دوہ اکھ وٲنس، اکھ زمانہ یا واریاہ زمانہٕ آسِتھ۔ ناولہِ ہندِ خٲطرٕ چھُنہٕ کانہہ ہیتی بندش
تہٕ مختلف زبانن منز چھےٚ بے شمار طریقوٚ ناول لیکھنہٕ آمٕژ۔

ترقی پسند تحریک اُس بنیٲدی حقیقت پسند ادب تخلیق کرنس پیٹھ زور
دِوان تہٕ ناولہِ ورٲے حقیقت پسند ادبُک تصور کرُن چھُ سٹھاہ مشکل۔ مگر ناولہٕ ہنز
ترقی باپتھ یِم حالات آسنہٕ گژھن تِم ہیکو نہٕ کٲشرِ ناولہِ میلِتھ۔ اَوکنہٕ آے ناول لیکھنکی
صرف تجربہٕ کرنہٕ یِم نہٕ کانہہ تہٕ روایت پٲدٕ ہیکی کٔرِتھ

۱۹۵۸ء منز پیہ کٲشرِ زبٲنی ہنز گوڈنیُک ناول شایع: اخترمحی الدینٕنۍ 'دودٕ تہٕ دگ'
مگر اَمہٕ برونہہ تہٕ آسہ ناول لیکھنچہٕ کیہہ کوٗششہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ ۱۹۲۲ء منز اوس سری کنٹھ
توشخٲنی                سرینگر ۱۸۹۳ء ) ناول لیکھنُک تجربہٕ کران۔ "لیلا" ناوچ تمۍ ہنز ناول
اُس 'بہارگلشن کشمیر' ناوکِس اخبارس منز قسط دار چھپان۔ یہ اخبار اوس لاہور پیٹھ نیران
تہٕ اَمکہٕ کٲشرِ حصک ایڈیٹر اوس توشخٲنی پانے۔ سٕہ اوس تمن دوہن زنانن تعلیم دیاونچہِ
تحریکہِ ہُند اکھ سرگرم کارکُن تہٕ 'لیلا' ناولہِ ہُند مرکزی خیال تہٕ اوس یی۔ وۄن گوٚو ناگری
خطس منز یہ قسط دار ناول ییٚنہٕ نہٕ پوٗرٕ سپدِتھ۔

دوٚیم تجربہٕ اوس جلیب کامراں          ــــــ          سُند یُیلہٕ سٕہ ۱۹۵۴ء منز 'ذات
بُتراتھ' ناوٕ اکھ ناول لیکھان اوس۔ مگر اَمیُک چھپیوو صرف اکھ قسط اکونگ پوش

۲/۲ - ۲۵۵)-

اختر نی ناول 'دود تہ دگ' چھےٚ لہذا کاسٕرٕچ گوڈنیُک ناول۔ اکھ ہتھ تہ اکترٛہ پوکیٹ
صفن پیٹھ پھہلتھ یہ ناول چھےٚ دون بے کس یتیم کورین ہند بنیُن تہ گدرنیُک دلیل۔ فاتہ
زٕٹھ کور چھےٚ شمہ صابٕ ناوکس نیک انسانس باگیہٕ آمژ یُس تمہ ہنز لوکچہ حسین بینہ راجس
کورٕ ہندی پاٹھۍ رٹیھان چھُ۔ عبدالغنی، شمہ صابن منش، چھُ محلہٕچن سارنے زنانن منز بدنام
تہ راجس چھُ پتہ پتہ تہ برونٹھ وُچھان تہ تس ورگلاونیُک کوٗشش کران۔ راجس تہ چھُ تس کُن مائل
پھیوٗرمُت مگر اُتھۍ منز چھُ تس اکس وودرس دوہنی ہچہ واٗلس ستۍ نیتھر سپدان تہ سو چھےٚ
سارۍ تکلیف برداشت کٕرِتھ گرٕ بساوان۔ عبدالغنی چھُ یپاری گوڈ اکس کھارٕ کورِ ستۍ خاندر کران
تہ تس موکجار دِتھ بییس کتام ستۍ کران تہ تس تہ موکجار دِوان۔ زٕچھ بینہ چھُ یپاری
ٹی بی سپدان تہ شمہ صابٕ چھُ تس علاج کرنہٕ بدلہ پیرن فقیرن نِش توان۔ باقٕن دون
ہنز زندگیہ منز چھےٚ تلخی پاد سپدان تہ شمہ صابٕ چھُ تجارتس منز ہاران۔ راجہ چھےٚ بینہ
زندگیہ منز بُلی دخل دِتھ تھند بناے لکن پیٹھ پاوان۔ یمن چھُ خُلا سپدان تہ فاتہ چھےٚ
راجس ستۍ دوہ گذاران۔ عبدالغنی چھُ راجہ نہٕ مارمُتہ بمار فاتس ستۍ خاندر کران تہ اکہ دوہہ
بیلہٕ راجہ تس خبر چھےٚ لوان، عبدالغنی چھُ راتھ کیتھ تس نِش۔ یتھ پتہٕ شہوت پوٗرٕ کران۔
فاتہ چھےٚ سورے زانتھ زیادے پتھ گژھان تہ آخر اکہ دوہہ مران۔ عبدالغنی چھُ دونی
راجس دوہے گرٕ لوان تہ تہندس رِانس ژورِ تس ستۍ جبر کران۔ رِانس چھُ شک گژھان
تہ سُہ چھُ تس طلاق دِوان۔ راجہ چھےٚ عبدالغنی یس ستۍ مجبورن خاندر کران۔ مگر سُہ چھُ
تس ستۍ سیر گومُت نوٚی شکار ژھاران۔ راجہ چھےٚ بینہ زوٗ روزان، مگر عبدالغنی چھُ اکس
دارنہ ستۍ کتھ کٕرِتھ تس اڈوتی کرناوان۔ راجہ چھےٚ بمار پیدان تہ تس تہ چھُ ٹی بی سپدان۔

عبدالغنی چھُ آخر پٹھان یہ تس بچاوٕنہ موکھ پرینٛہ کانہہ کوشش کران۔

"دود یہ دگ"، ناولہٕ ہُند موضوع چھُ سیٹھاہ زوردار یہ اخترن چھےٚ دلچسپ پاٹھۍ ڈیلپ اند واتناوُمُت۔ مگر تیکنیکی زاوِیہ پیٹھہٕ وُچھو یہ اُتھ ناولہٕ منز چھےٚ ناول نگارن ہنز جلد بازی کنۍ واریاہ خامیہ پاداہ گمژہ۔ مثلن ناولہٕ ہُند موضوع چھُ وسیع مگر یہ چھُ سیٹھاہ کم بیانس منز ژوٗمرادنہ آمُت۔ صرف چھےٚ دلیل تیزی سان بروٚنٛہ پکناونہٕ آمژ یہ ماحول یہ کردارن ہُند نفسیاتی وجوٗد ووتلاونہٕ باپتھ چھنہٕ کانہہ کوشش آمژ کرنہٕ ناولہٕ ہُند پلاٹ یا واقعن ہنز دجوہی ترتیب چھنہٕ فنکارانہٕ بلکہ بلکل غلط۔ ناول چھےٚ یِمہٕ منزٕ شروٗع گژھان:

بینہٕ ہندِس بسترس منز راتھ گذارتھ پیٹھہٕ صُبحس راجہ

دانہٕ کُٹھس منز ژایہ آمس پھٹٕ اُتھ گنڈ پیٹھہٕ فاتہ وُچھِن

دانس تل بہت غسلہ خاطرآب وُشناوان۔ راجس

اوسنہٕ تگان بینہٕ ہندِس کُٹھس کُن وُچھنے...؟

مگر امہ پتہٕ چھُ اچانک راجہ یاد پاونہٕ یِنٛہ تمہٕ شُند پتہٕ کال پھرنہٕ آمُت پیٹھہٕ زن امہ واقعہ پتہٕ یہ ناولہٕ ہنز عمل جاری چھنہٕ روزان۔ دلیل بروٚنٛہ پکناونس کُن ژوٗر توجہ دِتھ چھُنہٕ ناول نگار زندگیہ متعلق پنُن نقطہ نظر پیش کرٕی تھےٚ ہیوٚکمُت۔ سُہ چھُ اُتھ برعکس کردارن ستۍ جانبدار یِمہٕ کنۍ سُہ یمن سیاہ یہ سفید رنگن منز بیوٚن بیوٚن چھُ پیش کران یہ تم ساری موقعہ چھُ ضایہ کران پیٹھہٕ زن کردارن ہندِس ذہنس یہ عملہ منز سفید یہ سیاہ رنگن ہیتھ میل چھُ گژھان پیٹھہٕ بن کرُن ممکنے چھنہٕ روزان۔ یِم ساری نقص اُستم یہ چھےٚ "دود یہ دگ" انسانی دوہیکھ یہ لاچاری ہنز زِندٕ دلیل۔

امہ پتہٕ آیہ پوٚتس پتہٕ بینہٕ زِ ناولہ چھاپ گژھتھ: امین کامل ہنز "گٕڈ منز گاش"

پتہٕ علی محمد لون سٕنٛز اُسی تہٕ چھ انسان ،۔ " گرٕ منٛز گاش چھےٚ تمہ وقتہٕ کس غالب سیاسی نٕرس
یعنی ہندو مسلم اتحادس وقف آمٕژ کرنہٕ ۔ یہ چھےٚ پلاٹچ کانہہ پیچیدگی تہٕ کردارن ہندٕ پن
رشتن ہنٛز منٛز اکہٕ ورأے اکھ دلیل بنیمژ یتھ سوٗرے کینہہ اکہ میکانیکی اندازٕ سپدان
چھُ ۔ بنڈٕ پورچ اکھ اُہنرش ماشٹر بابے فاطمہ چھےٚ ورلس منٛز ڈیرس ہیتھ تہٕ مٕرتی چھس
ولی پُد ۔ اُمہٕ اکھ دکاندار رام کرشن چھُ فاطمس پیٹھ فدا مگر فاطمس چھےٚ تمی سٕنٛز دے ۔
رام کرشن چھُ تمہ مکانکہ کس مالکہ سٕندس نیچوٗس حہ لالس یٔنہٕ مجبٕچ دلیل لوزناوان یتھ منٛز
فاطمہ کرایس چھےٚ ۔ حبہ لالہ چھُ فاطمہ حسنکی تعریف بوزِتھ تس عشق ہیوان کرُن ۔
حبہ لالہ چھُ فاطمس چیٹھ لیکھان تہٕ فاطمہ چھےٚ تس جواب دِوان زِ یم معاملہ گژھن گرکین ہندِ
ذریعہ اُنٛنٛ راونی ۔ حبہ لالہ چھُ تمی سٕندس ماٗلس سمکھان تہٕ کتھ چھےٚ گنڈنہٕ یوان ۔ اُتھو منٛز
چھُ کشیرِ پیٹھ قبایلی حملہ سپدان ۔ فاطمہٕ نِس کرایہٕ مکانس پیٹھ تہٕ چھُ حملہ سپدان ۔ رام کرشن
چھُ فاطمس بچاونس منٛز زخمی سپدان تہٕ سُہ چھُ فاطمہٕ کھوٚنہٕ منٛز مران ۔ فاطمہ چھےٚ حبہ لالس
سٕتی خاندر کرنس انکار کران ہیکیازِ حبہ لالُن موٗل چھُ قبایلین سٕتی زلتھ یِلہِ زن فاطمہ تتہِ
گرچ کوٗسے چھےٚ یِمی تحریکہ آزادی منٛز حصہ چھُ نیومُت ۔ یہ سارٕے دلیل چھےٚ ماسٹر عبدالسلام
نہ زیوٗلیُس لکھارس سمکھان چھُ تہٕ لیُس پانہٕ تہٕ ناولہ ہُند اکھ کردار چھُ ۔

" گرٕ منٛز گاش" ناول چھےٚ مناسب نقطۂ نظر نہٕ ورتاونہٕ کِنہ تہٕ غاٚمزوٗری اختصارس
کاٗم ہیٚنہٕ کِنہ ناکام ناول بنان ۔ سارٕے دلیل چھےٚ ڈاین گانٹن منٛز انداتان ۔ کردارن
ہُند نقطۂ نظر پرزناونہٕ نہٕ یِنہ کِنہ چھےٚ اِمہِ زبان تہٕ نثرٕ افسانوی تہٕ زورے لاگتھ ۔ لکھاری چھُ
پرتھ کانہہ واقعہ تہٕ بیان صرف فاطمُن کردار ہاونس پیٹھ خرچ کوٚرمُت مگر تو تہٕ چھےٚ
سو داخلی وجوٗد روٗستے کردار بنیمژ ۔ ناولہ ہنٛز گوڈنیتھ منٛز چھُ امین کامل لیکھان زِ ناول

چھےٚ کاشرس منز اکھ نوو چیز۔ تس پتھ پاٹھۍ خوش گرتھ پاٹھۍ ییکھ ۔ مگر ناولہ چھ پننۍ کیہنہ بنیادی اصول تہٕ قاید مقرر کرِتھ یمن ہند احترام ضروری چھُ۔ پتہٕ گےٚ لیکھن والی ہنز آزادی۔

'اسہ تہٕ چھ انسان' چھےٚ کاشر ترتیم ناول یوسہ علی محمد لونن ۱۹۵۹ منز چھاپ کرٕ۔ رپورتاج چھ ہیٚتہ منز لیکھنہ آمژ یہ ناول چھےٚ پہلگامہ پیٹھہ امرناتھ جی یاترایہ ہنز لفظہ تصویر۔ یاترایہ منز چھ یاترین سٟتۍ واریاہ کاشر مزدور گایڈ تہٕ گرٕی والی مگر مرکزی اہمیت چھےٚ سام چپہ ناوکس بڈہ مزدورس، لطیف ناوکس اکس لکھارس یُس شوقہ موکھ یاترایہ پیٹھ دراہُت چھُ بیتہ کیدارس تہٕ پرانس۔ مگر یہ چھُ لطیف یُس باقے کردارن، تہندس دوتھنس بہنس تہٕ حالس ستان چھُ تہٕ یتۍ یتۍ چھ نظرٕ ہندین منظرن متعلق سوچان پننۍ تاثر باوان۔ سُہ چھُ زنتہٕ پانہٕ ناول نگارس سفرس رٹتۍ رٹتۍ۔

ناولہ ہنز عمل لیٚد وے ژورن دوہن ہندس سفرس احاطہ چھ کران، مگر بنیادی چھُ واقعہ کُنے سُہ گو دُبڈ مزدور سام چپُن عذاب تہٕ تمی ہنز لاچاری تہٕ آخرس منزلس تام واتنہٕ برونٹھے پتھرین لایہٕ پیتھ بیٹھ سُہ یاترہ پننۍ یاترا مُشراوِتھ تمس بچاوہٕ باپتھ واپس پہلگام کُن ڈانجہٕ کیتھ تلناوان چھُ۔ چونکہ اتھ منز چھُنہٕ دلیلہٕ طرحدآری تہٕ عمل چھُنے یاترایہ منزٕ منزٕ اوک سمتی، یہ چھےٚ اکہ افسانک لطف دِوان۔

ناولہ ہنز عمل چھےٚ کردارن ہنزو حرکژو تہٕ تہندو مکالمو سٟتۍ پکناونہٕ آمژ یمہ کنہٕ اتھ منز سفرچ ڈرامائیت پادٕ چھےٚ گمژ۔ مگر منزٕ منزٕ چھ لطیف نہٕ نظرِ تہٕ بعضے راوی سندہ تنظر زندگیہ ہنز سام ہینہٕ آمژ تہٕ امہ سٟتۍ چھ غار ضروری نکتہ سنجی ہنز عبارژ بیانس منز برنہٕ آمژ یم کاٹنہٕ تہٕ پرن والس خوش کرن نہٕ۔ یم عبارژ چھےٚ لکھارِ زانتھ

مانٛنہٕ شامِل کرمژٕ چنانچہ سُہ چھُ ناولہٕ ہندِس سرنامس منز لیکھان:

ہوبہو واقعات نیٚنہٕ بدٕ پیٚیہ ہے نہٕ یتھ ناولہٕ منز اکہ ادبی چیزٕک ہیو رنگ یِم ادبی خولہٕ خط پاد کرہٕ ہٕ باپتھ بیوٚد مےٚ لہٰذا وارٕہن جاین کِرداران ہُند نفسیاتی تجزیہ پیش کرنس تہٕ وارٕہن واقعاتن پیٹھ اکھ باشعور انسانہٕ پٮ۪نٛد پاٹھۍ تبصرٕ کرُن۔

یِمنے وارٕہن جاین چھےٚ ناول فلسفہٕ بازی تہٕ شاعرانہٕ لفاظیچ شکار گمژٕ۔

## ڈراما

کلچرل فرنٹ اوس شہر گامہٕ عوامی بیداری پاد کرنۍ یژھان تہٕ اُمہٕ باپتھ اوس ڈراما سارِوے کھوتہٕ کارگر وسیلہٕ۔ کاشرِس منز اُس بروٚنٹھے پاتھر گندنٕچ اکھ پرانٕ روایت موجوٗد تہٕ مذہبی ڈراما تہٕ آسہٕ وارِیاہ گندنہٕ یِوان۔ غلام نبی دِلسوزن اوس سیکولر ڈراما لکن منز سیٹھاہ مقبول بنوومُت۔ ترقی پسند تحریکِہ آیہٕ نہٕ لہٰذا ڈراما لیکھنس تہٕ پیش کرنس منز کانٛہہ دشواری۔

۱۹۳۸، منز لیوٚکھ محی الدین حاجنین گوڈنیُک سماجی ڈراما "گریس سُند گرٕ"

رزاق مٔنٛز گرٕ۔

گریوس: (دارِ پیٹھ رٕہتھ گرواجنہٕ کُن ژکھٕ سان نظراہ کرِتھ) ژےٚ کیا چھےٚ از بُتھس پیٹھ بوم پشیمان۔ یور سیوٚد ڈٮ۪نٛہہ چھکھ اورٕ نشہٕ کیٚہ کتھ کران .... لوز گوٚو نایی، ییتہٕ بیٚٹھ چانہٕ کمبرٕ پیٹھ لور وُژھ، تتہٕ بیٚٹھ چھکھ ژٕ مےٚ دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہُنان۔

گرواجینی : (وہ وِش تراوِتھ) پیٚیہِ ہی یئے گرِ پیٹھ بکرِ تر ہی۔ کھیٚتے کھیٚتے چھکھ سرنڈ ہیوٗ گومُت۔

یِتھ پاٹھۍ آے ییٚمۍ عالم لہجہِ ہیتھ تہٕ عام مسلہ تہٕ پریشانیہِ ہیتھ ڈرامہس منز پرٛزی پٔنۍ زِندٕ کردار۔ اَمہِ برونٛہہ ڈراما اُسی صرف دلیلہِ ہُند لُطف ہیکان دِتھ، مگر گرِیسۍ سُند گرٕ ڈرامہس منز چھِ اُسی ییٚمۍ پان تہٕ شریکھ زانان۔ یوٚہے اوس اَیمُک توٗبر۔ یہ ڈراما چھپیوٚو گوڈٕ اوٚڈٕ پرتاپ، میگزینس منز تہٕ تَمہٕ پتہٕ قسط وار گلریز، رسالس منز۔ پرَن والیو کوٚر یہ فطری تہٕ مزح دار مکالمو کِنۍ پسند تہٕ اَمکۍ ترٛ ایڈیشن چلے یہ کامیاب بیٛ سان۔

عبدالستار سُند عاصی سُند 'وِدھوا' آو ناٹک دِ بھاگ کٕ طرفہٕ پیش کرنہٕ یُس سیٹھاہ مقبول سپد۔

انجمن ترقی پسند تھیٹر، اُس قومی کلچرل کانگریسچ اکھ شاخ۔ صرف ۵۹ ہس کین پٔنٛژن پانژن رِتن منز دِتۍ اَمہِ انجمنن کُل ۳۲ شو، یم سرینگر، ورملہ، ہندوارہ تہٕ بڈگامہِ ساسہٕ بدین لُکن برونٛہہ کِنہٕ پیش کرنہٕ آے۔ "ڈرامہ چور بازار" زمین چھِنے تہٕنٛز، یُس کمٲوِ کھیتھ" 'ترسیٛے پتا ژور'، بیترِ اُس غلہ دارن، سوٗدرن تہٕ جاگیردارن بے نقاب کران تہٕ 'نیا کشمیر ناوُک پروگرام' لُکن منز مقبول بناوان۔ یِمنے دوہن توٗر مشہور اداکار بلراج ساہنی کشیر تہٕ ییٚتہٕ کین فنکارن دِتۍ پیپلز تھیٹرچ شاخ قایم کرنُک مشورٕ۔ اَتھ سلسلس منز لیوٚکھ گوڈنیُک ڈراما اردو افسانہ نگار پریم ناتھ پردیسین۔ اَتھ اوس ناو 'بتہٕ ہَر'، یہ ڈراما سپُد نہٕ سٹیج۔ اَمہِ پتہٕ لیوٚکھ پردیسین تَمہٕ زمانہٕ کس سیاسی ماحولس پیٹھ رِتہ اکھ ڈراما۔

اَمکۍ باتھ اُسی ہمجورن لیکھی مٕتۍ۔ قُد گوجوارۍ چھُ پردیسی سُند بیا کھ ڈراما یُتھ منز پٹھانن ہندِس دورس منز سپدیمتہٕ اکہِ بغاوتچ عکاسی اُس کرنہٕ آمٕژ۔ قد گوجوارۍ چھ پسر درپندس عیالس پناہ دِوان یِیلہِ زن تَمہٕ بلند خانن خلاف بغاوت کُر۔ قد گوجوارۍ چھُ بلند خانن گوڈن ہُند شکار گژھان مگر یارۍ چھُ

پٹھانن خلاف انقلاب پیدان۔ پشکر بھان لیوکھ سماجی موضوعس پیٹھ اکھ ظرافتی ڈراما 'دوہ مجنوٗن' یُس کونگ پوشس منز چھپیوو۔ کونگ پوشس منز چھپیہ پتہ بیئیہ تہ کیہنہ لوکٹ لوکٹ ڈرامہ: 'یُتھ لوکچار' (پُشکر بھان) راو روپی (امین کامل) نصیبہ (اختر محی الدین) پوٗژھ (سوم ناتھ زتشی) چور بازار (نور محمد روشن) سودا (عزیز ہارون) پھانگ بُنگنی (دینا ناتھ رینہ)۔ یتھے یاٹھی گئے تھیٹرس ستہ واریاہ پُرمتی لیکھی متی نوجوان تہ کیہنہ قلمکار وابستہ یمن منز نور محمد روشن، سوم ناتھ زتشی، علی محمد لون، امین کامل تہ پشکر بھان خاص کرِتھ قابلِ ذکر چھہ۔ علی محمد لونن لیوکھ بیئن گوڈنیک ڈراما 'وزِ پھٹے ساز'، امین کاملن لیوکھ 'بگہہ چھُ گاشدار' تہ پشکر بھانن 'تن ترٹاکھ'۔ سائہ علاوٕ چھہ ودھوا (یاسین کشیری، اولاد (شمبوناتھ کول، ستہ راتھ (دینا ناتھ مدیر) تہ قابلِ ذکر۔

حبہ خوتونہ ہنز زندگیہ متعلق آیہ نہ ڈراما لیکھنہ۔ اکھ اوس جگن ناتھ ولی (اڈل حسن یار، ۱۹۱۸ء) سُند 'زوٗن'، یُس اردو ترجمہ ہیتھ ۱۹۵۱ء منز چھاپ پُد۔ اَمِچ بنیاد چھے حبہ خوتونہ متعلق عام روایژ پیٹھ عبدی راتھرِ نہ کور زوٗنہ پُد اُکس اچھلس ستی خاندر تہ تمہ پتہ بناو یوسف ژکن ملکاَنی تہ اکبرنہ حملہ پتہ گیہ سو واراگ۔ ولین چھنے رومانی مکالموٗ تہ بالوٗ ستی اتھ ڈرامس عوامی مقبولیت دِنچ کوشش کرٕ مژ۔ اتھ منز چھ کیہنہ باتھ بلی حبہ خوتونہ ستی منسوب آمتی کرنہ مثلن: دمارو زِ کیتھاہ بوز (صفہ: ۴۸)، رنہ ہاوندرے مالینو (صفہ ۸۶)، سو ندراہ پھٹے درامژ چھلتھ تہ پھکتھ (صفہ: ۹۴) بیتر۔

حبہ خوتونہ متعلق چھُ بیاکھ ڈراما 'حبہ خوتوٗن' یُس امین کاملن لیوکھ۔ کاملن لیکھو اتھ دورس منز بیئیہ تہ کیہنہ ڈراما تہ اپیرا۔ 'زُنی مزوٗر' چھُ اکھ گیون یا تھرِ یُس کلچرل فورمہ بایتھ لیکھنہ چھُ آمُت۔ شہزادہ تہ زُنی مزوٗرہ ہندہ لولیچ پہ ٹکہ کتھ چھئے خوبصورت باتن منز ہاونہ آمژ تہ منزٕ منزٕ چھہ آزاد نظمہ ہنزِ شکلہ منز مکالمہ تہ یم دلیلہ

ہندس مزازس ستۍ لوٚر ہشر چھ بھاوان۔ ۱۹۵۵ء منز چھپیے یہ 'کٔنز کتھ'، ناوچہ کتابہ منز ترےٚ ڈراما یمن منز امین کامِل 'پگہہ چھُ گاشدار'، نہ چھُ۔ اُتھ منز چھ اکھ کردار ساٚلاب، یہ بیٚیہہ چھ گرٚیسۍ طبقکۍ کیٚہہ کردار یتہ بنیاڈی مسلہ چھُ سہلابس منز گرٚیستن ہنز تباہی گرٚیسۍ پیٚھ ہمتو ستو کرٕتھ شکس چھ دِوان یتہ آخرس چھُ نپہ کروٚن پگہہ سٹیجس پیٚٹھ یتھ نیاکشیر خاب وُنیتھ ونان: "پگاہ چھُس یہ محنت کشن ہُند پگہہ۔ کاشرین ہُند پگہہ۔ نیا کشمیرک یہ پراگاش چھُس.....!"

'کٔنز کتھ' سوٚمبرنہ ہندی باقے ترٛ ڈراما، علی محمد لونن وِز چھپے ساٚنۍ' یہ نور محمد روشنُن 'سون سمسار'، یہ چھ ٹیٚمس خلاف کاشرین ہنز جدوجہدچ ترجمانی کران۔

۵۳ء کِس سیاسی واقعس پیٚٹھ لیوٚکھ دینا ناتھ ناڈمن اکھ علامتی ڈراما 'بوٚمبر یتہ یمبرزل'، یتھ منز طوفان یتہ ہرد اٚٹھ کرٕتھ بوٚمبرس یتہ یمبرزلہ نہ تھہندین پوشن خلاف سازش چھ کران۔ امہ ڈرامہکۍ رٕسلی باٚتہ گیہ سٹھاہ مقبوٗل۔ امیک پلاٹ یتہ اوس فنکاری سان تیار آمت کرنہ۔ ۵۶ء منز لیوٚکھ ناڈمن بیاکھ اوپیرا ہیٚمالکی یتہ بدی، یُس ہندو ہائی سکوٗل کھو شرٕلو گیٚنڈ۔ نور محمد روشنس ستۍ رٕلتھ لیوٚکھ ناڈمن تریٚیم اوپیرا ہیمال یتہ ناگراے، ڈرامہ گندنس لٕج ۵۶ء، پتہ نوٚ تحریک ییلہ جشنِ کشمیرک سلسلہ شروع گوو۔ وارِہن سکوٗلن منز آیہ ڈراما کلب بارسس یم مقابلن منز حصہ آسی نوان۔

۵۹ء منز لیوٚکھ امین کاملن بیاکھ اوپیرا 'بوٚمبر یتہ لولرے'، یتھ منز بوٚمبر لولرہ پتھ فلوا چھ سپدان لولر چھ سرواہنس ستۍ خاندر پدان، یُس تس پیٚٹھ شک کرٕتھ تس قتل چھ کران۔ لوچن ورما چھ بوٚمبرٕ سُند تاج تخت حاصل کران یتہ بوٚمبر چھ جنگلن منز لولرٕ ژٕنۍ دِوان۔

۱۹۵۸ء منز بیس کلچرل اکادمی قایم تہٕ ٹیگور ہال تہٕ پیٹھ تعمیر۔ اَمہ پتہٕ کرٕ ڈرامہن وُزِتھ وُزِتھ ترقی یمِیُک ذکر برونٹھ کُن یِیہِ۔

## ادبی تنقید

ییتھ پاٹھی اَمہ وُچھ، کاشرس منز تہٕ اُسی شاعر بہ لرلوٗر کینہہ تنقیدی ترایہ گوڈ پیٹھے موجوٗد، یم نہ مربوط شکلِ منز ظاہر آسہ یوان کرنہ۔ یتھ پاٹھی آسہ یمہ ترایہ شاعرن ہندس الہٰی الہاس تہٕ اخلاقی مقصدس پیٹھ ڈٲرتھ۔ ترقی پسند نظریہ اوس اتھ برعکس شاعری ہندِس سماجی آگرس تہٕ سماجی مقصدس پیٹھ زور دِوان۔ چونکہ یہ نظریہ اوس پرانہٕ کلہم شاعریہ نشہٕ ٹُلے گریز، لہٰذا پیوٚد اَتھ مرتے تنقیدی راین پیش کرنک تہٕ وضاحت کرنُک ضرورت۔ یہ تحریک ووٚتے یہ زٕکہِ تنقیدی شعوٗر پیٹھے۔

ترقی پسند ادبی تنقیدس کور سارِنے برونہہ کٲشرس منز عبدالاحد آزادن دسلایہٕ یوٚدوے تمو پنہٕ مضمون اردوس منز لیٚکھی مگر تمن ہند اثر پیوٚد یہِ سیٚدسیوٚد کاشر شاعرن پیٹھ۔ یہ اوس ونیکھی پوٗ کھی پاٹھی ادبس متعلق مارکسی نظریہ یمیُک بنیاد تاریخی مادیت چھے۔ آزادس پتہٕ گوو کینژس کالس تنقیدی بحث مُشتھے یوٚت تام انجمن ترقی پسند مصنفین بارسس آیہ۔ اَمہ انجمنہ ہند مدعا تہٕ مقصد بیان کرنس منز آیہ تنقیدکہ کینہہ بُنیادی مسلہ ٹٲکنہ تہٕ اَمہِ کین جلسن منز آو تمن پیٹھ واریاہ سوٚچنہٕ۔ اَمی تحریکہ طرفہ ییلہِ ۱۹۵۰ء منز 'کونگ پوش' رسالہ جاری سپد، تنقیدس میوٗل اکھ وسیلہ۔ اَتھ منز سپدی کینہہ اہم مضمون شایع یم اَز تہٕ اہمیت چھ تھاوان۔ یم مضموٗن لیکھی تحریکہ ہندو سرگرم قلمکارو یمن منز پی، این، پُشپ، رحمان راہی، غلام نبی فراق تہٕ اختر محی الدین خاصکر چھ قابلِ ذکر چھہِ۔

پی، این، لیشپ (وومانگر، اننت ناگ، ١٩١٧ء ) یۆد وٚے مارکسزمس متاثر گوٚو نہٕ، مگر تمس اوس ادبس متعلق گوڈ پیٹھے نو سوچ۔ ١٥ء منز لیوٚکھ تمۍ تحریکہِ ہندس حمایتس منز اکھ مضموٗن "کاشُر شاعری تہٕ محنت کش" یتھ منز تمۍ شتی کنڈھس پیٹھ ناوس تام شاعرن ہند سماجی شعوٗرٕچ نشاندہی چھےٚ کٔرمٕژ۔ مثلن لل دێدِ متعلق چھُ لیکھان:

دپان لل دید آس مٔژ مگر سو آس ہوشہ والین ہندۍ پاٹھۍ
شوژ... سو دراےہ پننہ وقتہٕ ترقی ہنزِ وَتہ پٮ شخصی نظامس
دِتھن نہ پننہ شاعریہ پٮ پانس پیٹھ اثر تراونہٕ...

کوٚنگ پوشس منز چھپیوو لیشپُن اہم مضموٗن 'کاشر شاعریہ ہند گوڈکال'، یتھ منز شہ لل دێدِ ہنز شاعریہ سام چھُ ہیوان۔ 'شمس فقیرن سوز' چھُ یمہ رنگۍ اہم مضموٗن زانہ منز چھُ لیشپ انقلأبی پأغام ژھارنہٕ بدلہٕ شاعرۍ ہندس سوزس اہمیت دِوان۔ 'اکُنُ کتھ' سوٚمبرنہ منز چھپیوو لل دێدِ ہنز شاعریہ پیٹھ گوڈنیکُ مضموٗن لیُس امین کاملن لیوٚکھمُت اوس۔

غلام نبی فراقن تہٕ لیکھی مختلف شاعرن ہٕنز تنقیدی مسلن پیٹھ کینہہ مضموٗن یمن منز 'صدائے سایل'، (پیر غلام قادر سایل) 'سرمایہ دأری تہٕ کلچر' (ترجمہ) تہٕ 'کاشرِ غزلُک ابتدا تہٕ ارتقا' چھاپ ہیدی متۍ چھہ۔

رحمان راہین لیوٚکھ کوٚنگ پوشس منز اکھ مضموٗن 'مارکسی ادبی تنقید کیاہ چھُ' یتھ منز تمۍ تمہ وقتہٕ کس تنقیدی ژھوٚرس دوٗر کرنٕچ کوٗشش کٔرۍ۔ تمۍ ہوو زِ مارکسی تنقید چھنہٕ ہرگز تہ [illegible] انقلأبی ادبس کھسی بابہٕ زانان

تہٕ غار انقلابی ادبس وۅسی پایہ۔ مارکسی تنقید چھےٚ ادیبن پیٚٹھ مطالبہٕ کران زِ تِم کرن ہمیشہ پرولتاری طبقُک شعوٗر ظاہر۔ مارکسن کوٚر نہٕ یہ دعواہ زِ مذہب، فلسفہٕ یا ادب چھُ پرتھ حالس منٛز اقتصادی سببن ہٕنٛد صوٗرتن ہُنٛد براہِ راست تہٕ شعوٗری نتیجہ۔ اَمہٕ قسمچہ غلط فہمیہ آسہٕ ترقی پسند تحریکہٕ دوران عام۔

اختر محی الدینن لیکھ افسانہٕ تہٕ ہیرٕ تہٕ ٹیکنیک متعلق کیٚنہہ اہم مضمون یِم افسانہٕ نگارن ہٕنٛدِ خاطرٕ فائدہ مند روٗدی۔ یوٚدوے تِمو ہیرٕ دِ نہٕ طبقٕکی ادیب تہٕ بوٗنہٕ طبقکو ادیب الگ زانی مگر افسانس منٛز حقیقت پیش کرنکی بنیادی اصوٗل پرزناوِتھ تہٕ افسانچہ زبانی متعلق کیٚنژن اہم کتھن ہنٛز نشاندہی کٔرتھ کٔر تِمو افسانہٕ صحی اندازٕ لیکھنچ وَتھ ہموار۔ 'افسانس متعلق کیٚنہہ کتھ' 'دُنیا تہٕ افسانہٕ' چھہِ اَمہٕ قسمکی مضمون۔ 'ادب کتھ پاٹھۍ تہٕ کیازِ گوو پادٕ' چھُ ادبہٕ کِس آگرس متعلق مارکسی نقطۂ نظرس وضاحت کران۔

محی الدین حاجنی یوٚدوے تحقیقس سۭتۍ زیادٕ دلچسپی تھاوان اوس مگر تِمو لیٚکھ کیٚنہہ تنقیدی مضموٗن تہٕ یِمن منٛز علمی تنقیدِ بدلہٕ فلسفہٕ کیٚن معاملن ڈٕل اوس دِنہٕ آمُت۔ تِمٕ سنٛدی کیٚنہہ مضموٗن پیٚدی پرتاپ میگزینس منٛز تمو منٛز شایع۔ 'کاشر ادبچہ کیٚنہہ روایژ' 'دوٚن زمانن ہنٛدی زٕ شعر، ولرکی طرتہٕ' 'صدیق اللہ حاجنی' اَمی تحریکہٕ نشہٕ ڈٔلتھ لیکھنہٕ آمتی۔

نور محمد بٹ ہنٛدی زٕ مضموٗن "شاعر تہٕ حقیقت، سوٗن نوٚو ادب' چھہِ ترقی پسند تحریکہٕ ہنٛدس سورُنس پیٚٹھ لیکھنہٕ آمتی۔

وشمبر ناتھ کول (رانگر، ١٩١٣ء -) اوس اخبار دیش، تہٕ پمپوشس منٛز پننی تنقیدی مضموٗن شایع کران، مگر آخرس کوٚر تِمو یہ سلسلہ بند۔ 'زُگ تہٕ پرزُن'، اُس تِمو بہجورتہٕ

آزاد نہٕ شاعریہ پیٹھ الگ کتاب لیچھر نیمکو ترےٚ قسط پمپوشس منز چھپیہٕ ہہ۔

## تَتمہ

ترقی پسند تحریکہ دوران آیہ منزٕ منزٕ کیہنہ تصنیفہ ترمہ تہ بروٚنٹھ کُن ییمن ہنہ تحریکہ ہندس منشورس ستی کانہہ واٹھ اوس۔ مگر یہ سرسری جایزٕ روزٕ ناکمل اگر نہٕ یمن کینژن ادب پارن ہنز ذکر کرنہٕ ییہ۔ "بہاء اللہ تہٕ نووٕ زمانہ" چھےٚ کاشرِس نثرس اکھ اہم دیٚت۔ عبدالبہاءؔ نہٕ زندگیہ تہٕ تعلیمہ پیٹھ جے۔ای۔ ایسلمنٹ نہٕ مشہور کتابہ ہند یہ ترجمہ آو ۱۹۴۹ء منز بہایی پبلشنگ کیمٹی ہندِ طرفہٕ شایع کرنہٕ۔ ترجمہ چھُ نہایت سلیس تہٕ روان یوٚدوےٚ منزٕ منزٕ اردو محاورٕ تہٕ ورتاونہٕ چھہٕ آمتہ۔

' ولو با تہٕ سروودے' چھےٚ سوانحی ادبچ بیاکھ تصنیف۔ پنژہن صفن ہنز یہ کتابہ ہن چھےٚ پی۔این پشپن لیچھمژ یوسہ اکھل بھارت سردسیوا سنگھ پرکاشن کِہ طرفہٕ ۱۹۵۹ء منز شایع ہیزٕ۔

کنٚوہاٹھس منز کوٚر کلچرل اکادمی پرانین کاشرین شاعرن ہند انتخاب چھاپنک سلسلہ شروٗع۔ اَتھ سلسلس منز چھپیہٕ رسُل میر' (ت: محمد یوسف ٹینگ) حبہ خوتون (ت: امین کامل) وہاب پرے (محی الدین حاجنی) شمس فقیر (ت: شمس الدین احمد) عبدالاحد نادم (ت: غلام رسول نازکی) کتابہ شایع یمن منز کلامک انتخاب تہٕ نک اردو ترجمہ تہٕ تعارف شامل اوس۔ شیخ عبدالعزیزن دِژ کاشر صوفیانہ موسیقی ترتیب تہٕ یہ آیہ "کاشر سرگم" عنوانہ تحت جلدن منز شایع کرنہٕ۔

# اَزیُک ادب

## پسِ منظر

ترقی پسند تحریکہِ ہُند طمطراق روُد یوٗہے پانشرٕ وٕنزٕ اہس تام مگر اَمِچ بُنیاد اُس
ستاٚجہہ پیٚتےٚ ڈٲلیہٕ مٕتیلہِ ریاستی سرکارن کیہنہ انقلاٲبی نوعیتکۍ اقتصاٚدی پروگرام عملہِ منٛز
اَنی۔ اکھ یہِ زِ سابہ لوٚد وٕری پرٕون جاگیردارانہ نظام آو ختم کرنہٕ تہٕ زمین آو کاشکارن
منٛز باگراونہٕ۔ دوٚیم یہِ زِ تعلیم آیہِ اول درجہِ پیٹھ یونیورسٹی درجس تام مفت
کرنہٕ۔ ترٛییُم یہِ زِ پنچایتی نظام آو مقبول بناونہٕ تہٕ ژوٗرِیُم یہِ زِ نشر و اشاعتہٕ کیو
ذریعہِ کنٛہ روُد برسراقتدار طبقہ ترقی پسند تحریکہِ ہُند منشوٗر تہٕ اَمِکۍ ساری نعرٕ
پانےٚ لوکن تام واتناوان۔ یمن سارنےٚ اقدامن ہُند نتیجہِ دراو یہِ زِ ترقی پسند
ادیبن روُد نہٕ ونُن کیُنھ نوٚو کہنی تہٕ تہٕ ییلہِ عوام آزاد اقتصاٚدی مقابلس منٛز شریک
گوٚو انقلابہٕ باپت کیاہ، انقلاٲبی ادب پرنہٕ باپتھ تہٕ روُد نہٕ کُنہِ کانہہ۔ ادیبن تہٕ
شاٚعرن روُد نہٕ پتھ کانہہ تہٕ نہٕ برونٛٹھ کانہہ۔ تِم تہٕ وٕتھی بے واہ پاٚٹھۍ اکھ موقعہ
ژھارنچہِ دورِ منٛز۔ سرکاری نوکرین منٛز اَژھتھ اگر یُتہٕ کانہہ کانہہ انقلابکۍ نعمہٕ

گیوان روٗد سہٕ اوس تس یاتہٕ شغل نٕتہٕ سرکاری کار۔ پیٹھ یلہٕ ترٛونزاہہ پیتہٕ جشنِ کشیر شروٗع آو کرنہٕ ساری گےٚ اتھی ستی ییر۔ کاشر زبان یوسہٕ ڈٕنہٕ تعلیمی نظامس منز کھورِ اُس ٹھیکراوان آیہٕ بلیہٕ خارج کرنہٕ تہٕ غیرضروری زانہٕ۔ نوجوانن آیہٕ فلمہٕ تہٕ کرکٹ میچ دِنہٕ تہٕ سوٗرے نیاے اندلیو پانسے۔ جوش، جذبہٕ تہٕ ولولہٕ ہاون والی ہیتن مسخر یاہنز۔ یہ چھ پرتھ قسمکہٕ منشور بند ادبک انجام۔

ادب تہٕ شاعر تہٕ روٗدی نہٕ اکھ سے نظریاتی ٹکلس گنڈتھ۔ انگریزی تہٕ اردوٗ ادب پرتھ ییس تمن نوین فکری رجحانن ستی زان تہٕ وجوٗدی فلسفہ کس اثرس تل لیکھنہٕ پینہٕ وول ادب بیوتو تمن تہٕ متاثر کرن۔ اتھ نہٕ اوس کانہہ پنن منشور تہٕ نہٕ اُس کُنہٕ سیاسی منشورس ستی قولہٕ ہاری۔ تخلیق کاردکو زٕ محسوس زٕ حقیقت زانہٕ خاطر چھنہٕ ضابطہٕ بند تہٕ تیار بہ تیار فلسفک زانن یامان ضروری بلکہ زمان و مکانکس مخصوص صوٗرتحالس منز آدمس مخصوص فرد ہند مخصوص تجربہ بیدسیوٗد ہاونہٕ ستی ہیکہ پرتھ ساعتہٕ بدلونہٕ حقیقژ ہنز زان کنہٕ حدس تام یِدتھ۔ مکمل زان چھنے کل آدم ذاژ ہندِ وجوٗدک آخری مقصد لیُس انسانی ارتقاہک بُنیادی سبب چھ۔ امہ تراپہ ہندی ادب تہٕ شاعر آسی باقے زبانن منز خاصکرتھ مغربی زبانن منز برونٹھے مختلف ادبی حلقن منز سرگرم تہٕ اردوٗ زبانی منز آسی حلقہ ارباب ذوق ناوچہ تنظیمہ منز ادیب شاعر تہٕ نقاد نوی نوی بحث تلان تہٕ جدیدیت ناوک ادبی تہٕ جمالیاتی رُجحان تہٕ گو وینے دوہن عام۔ کاشری شاعر، افسانہٕ نگار تہٕ دانشور تہٕ پیدی متاثر تہٕ نمو تہٕ ہیوت امہ تراپہ لیکھن۔

شاعری: کاشر شاعری منز گوو نوٚ تراپہ ہند ادب جدیدیت کہ ناوٕ

جوش وخروشہ سان پوٚنسرمہ دہلہ کس آخری حصس منز شروع۔ اَمہِ گوڈنکہ پیشرو آسہ دینا ناتھ نادم، رحمان راہی تہٕ امین کامل۔ یہندین نظمن تہٕ غزلن آیہ کینہہ نوٚ ترایہ لبنہٕ مثلاً:

ا۔ مکبتی خیالو تہٕ عقیدو بدلہٕ ذاتی تہٕ داخلی جذبچ بنیادی اہمیت۔

ب۔ جذباتن ہندہِ بے گنڈ تہٕ بے وایہ اظہار بدلہٕ فنکارانہ ضبطک تہٕ ترتیبک خیال۔

ج۔ لفظن ہندہِ صوتی آہنگہ بدلہٕ جذبک تہٕ خیالک کھاودساو ہیژ ہنز بنیاد۔

د۔ پرانہٕ شاعری ہندی مروجہ تہٕ معروف استعار تہٕ تشبیہہ تہٕ بلتھ وہنی زادہ تھ شعرکہ مخصوص جذبہ بانیتھ مناسب تہٕ ساد ردار استعار تہٕ تشبیہہ تہٕ باتچ وہنی۔

دینا ناتھ نادمن لیچھ شیٖنمہ دہیل ازِ ووٚنی کینہہ ترتھ نظمہ یمن منز گوڈنکہ پھر سیاسی مقصدہ بجایہ جمالیاتی مقصد اوس۔ مثلاً 'لکھچہ چھُ لکھچن' منز چھُ اکھ لکھچُن اکھ پرُ قوت وتشاول بنتھ شاعرسند س تخلیس زگتہ کس ساری بے حسن ووٚز دیاوان تہٕ امہِ حسنچ جلوگری پھٔے پانتے یٔنُ مقصد بنان:

ہ لکھچہ چھُ لکھچن
دوٚرِ یزِ زلون
ہر موکھ پیپھ چے
پرنیہ ہشنہ مانے
وُزلہٕ زن ووٚز
بو بہ چھُ کوزمُت
بوٚمبرس پراران سوندرمال

○ لکھچہ چھُ لکھچن
شہہ رگہ ہیوٚر کنُ
لول پرزلوٗن
زن ڈیڑ میانے
وچھ تلہ رڈ چھمُت
موہِ پھوٚل اُچھ ہند
چھینہِ محبتہ ستی اوٚنمُت مال بیترِ۔

ناٗدِمن تھوٚ پننہ گوڈنکہ دورچہ شاعری ہنز اکھ خصوصیت برقرار، یہ زن گوو لفظہٕ گُنجار۔ یہ روٗدس شعوری منشہٕ تکیازِ سہ اوس یتھان زِ تجربہ گوٚژھ زیادٕ کھوتہ زیادٕ روشن سپدُن تہ پننہِ ساری پاس ہیتھ ڈیڑھان بروٗنہہ کُن یُن۔ یوٗہے مقصد ہیتھ اوس سہ روشن تہ واضح تشبیہہ ورتاوان۔

" نابد تہ ٹیٹھ وُن" نظم بننہ یہ کاٗشر شاعری ہُنٛد طرح بخشس منز اکھ اہم وجہ۔ نظمہ منز اوس تیُتھ اکھ ابہام یُس ساٛنین شاعرن سیٹھاہ خوبصورت باسیوو۔ حالانکہ یہ اوس اضاٗفی ابہام تکیازِ شاعرن اوس اکھ فطری تہ ولوٚد جنسی تجربہ تتھین عجیب غار معموٗلی تہ حیرت ناک تشبیہن منز پیش کوٚرمُت یم پرن والی ہندس یادداشتس منز ارتعاش چھہ پاداہ کران۔ ذاتی یادن تہ اساطیری یادن ہندس گنڈس ڈلتھ یہ سیوٚد ساد تجربہ چھُ اکھ حسین تجربہ بنان تہ حُسنُک بنیاٛدی خاصہ چھُ تحیّر۔

بجلی بتہ اُندی اُندی ہی جوراہ
وگیس پیٹھ مہرینہِ مہرازاہ

ہُتھ کلٕ شہلس تل ٹیکہٕ ہٕنٛز

وُنی دراہٕز وڈٕ ہٕ کنٛز چوکہٕ لوٗتھ

کتاں ساٗلی وُڈٕنہٕ اٗندٕری گُپہٕ ڈلی

سوٗمبلی مشکن دری چیٖس دکہٕ دُیت

منٛز گامہٕ چھُ پھولمُت ژندن کل

ہٕلس پٮ۪ٹھ دس ڈژھ تھٕہراہ

کلو پترا ماسرانس دراہٕز

کاٗٹھ درواز پیٹھ گرٕ تام، زٕلہری زاج، دوٗر بیترٕ نظمن منٛز چھُ نادم پننہٕ منفرد سوچہٕ مطابق موضوعس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ واضح بناونہٕ باپتھ توضیحس کاٗم ہیوان تہٕ لفظن منٛز بصری صورتحال قاٗیم کران۔ نادم پیٚو امریکہس اندر وو تلیمژ امیجسٹ تحریکہٕ ہٕنٛز تہٕ متاثر تکیازٕ یہ آے تمہِ بٕتھ سٕندس مزاجس براہ۔ تمہٕ تہٕ لیچھٕ کیہنہٕ مختصر شیبیہی نظمہٕ یمن منٛز سُہ پننہٕ مُشاہد تہٕ پننہٕ ذات یکہٕ وڑہٕ شیبیہن منٛز ترٛومراوتھ پیش چھُ کران، تتہٕ پاٗٹھی زٕ پرٕن وول تہٕ چھُ وُچھان، ژینان تہٕ زانان۔ یژھ نظمہٕ لیکھنس منٛز کوٗر تمہٕ پرانہٕ جاپاٗنی نظمہٕ ہٕنٛز تکنیکہٕ ہٕند تہٕ تجربہٕ یتھ زن ہایکو ونان چھِ۔

نادم نہٕ شاعریہٕ ہٕنٛز اکھ سوٗمبرن ’’شہلہٕ کُل‘‘ پیپٕز تمہٕ ہٕندٕ وفاتہٕ پتہٕ شایع۔ مگر اتھ منٛز چھنہٕ تمہٕ پتہٕ ساٗرے شاعری تہٕ نہٕ چھُ اکھ کاہنہٕ موزون انتخاب۔

نوٚ شاعریہٕ باپتھ آس نوٚ زبان تہٕ نوٚ ہیت ضروٗرت تہٕ یہ ضروٗرت کٔر گوڈنکہٕ پھِر رحمان راہی محسوس تہٕ واریاہ نظمہٕ تہٕ غزلہٕ لیکھتھ دیتٕن کاشرِ شاعریہٕ اکھ نوٚو زوٗو تہٕ جلال۔ ’’نوروزِ صبا‘‘ چہٕ رواں روماٗنی شاعریہٕ پتہٕ کٔری تمہٕ پوتُس

پتھ کیہنہ تتھی تجربہ یم عصری زندگیہ ہندین پیچیدہ سوچہ ترائن تہ بسیار پاسل تجربن
باوتھ دنہٕ باپتھ مناسب شعر زبان تہ ہیئت پاد کرنس منز مفید ثابت سپدی۔
تمہ ہنز نوٚ شاعری چھےٚ تمہ ہنز پرانہ شاعریہ نشہ کیہنہ بنیادی بہن تھاوان۔ اکھ یہ زِ
شاعریہ خاطر چھ مناسب تجربہ سےٚ یُس شاعرن پرانہ شاعریہ نشہ بوزنہ بجایہ پانہ
کُنہ مخصوص زمان و مکانہٕکس حلقس منز روٗزتھ ژولمُت آسہ تہ شاعرانہ تہ غار شاعرانہ
تجربہ چھنہٕ کانہہ تہ حقیقی بہن۔ دوٚیم یہ زِ شاعریہ ہنز زبان نہ چھےٚ اورٕ وُزان
تہ نہ چھُ امہ باپتھ کانہہ مقرر قاعدہ، بلکہ چھےٚ یہ شاعرس تجربہٕک زیادٕ کھوتہ زیادٕ ترسیل
بابت تلاش پہوان کرنی۔ ترٛیم یہ زِ شاعریہ ہنز زبان گژھہ خارجی التکار و تہ لاگنہ
آمژ موسیقیہ نشہ آزاد آسنہٕ تہ ژوٗرم یہ زِ شعر چہ یا نظمہ ہنز ہیئت گژھہ تجریج
عمل یا حرکت ڈرامایی انداز پیش کرنہ بابت موزوٗن تہ معقوٗل آسنہٕ۔ شاعریہ
ہُند یہ انداز کوٚر راہین درجہ بدرجہ اختیار تہ اُکھٕ رس ڈلہس منز داتناوُن تکمیلس۔ تخلیق
تہ امہ قسمچن بتین نظمن منز کوٚر تمہ روایتی لولہ شاعریہ نشہ انحراف تہ عشق اوٚن نزاکار تہ
اکایل تصور و منز گنڈتھ تہ بنوٚ دُن انسانی وجودچ اکھ اہم حقیقت یتھ منز روٗح تہ
شریک چھُ تہ بدن تہ۔ یہ چھُ سُہ لول یُس فرد بینن رگن تہ اعصابن منز رواں
دواں چھُ محسوس کران تہ یتی چھُ تس پننہ وجودکیو تنگ سرحدو منز آزاد کرتھ
زمان و مکانس پیٹھ حاوی کران

نہ مٹی کرٚکن کنہ ورشن نہ خیمہ ساتھ رتچ ریہنہ
بسادی خانہ بدوشو سوکلی موکلی شہر آخر

راہی چھُ زندگیہ ہندس خارجی لیہلادس مُشرتھ وجودکین بدلونین حالن ژوٚی تام

داتان ییٚتہٕ کانہہ تہٕ جزٕ الگ پاٹھۍ کانہہ پزر چھُنہٕ بلکہ جزٕ چھ کل بنتھ اکھ ژھوپ دژپ سوٚدر ییٚمیک آسُن نمودِ صورُ چھُ تہٕ ییٚتہٕ عام دنیاہکۍ ساری بٕہن انسانہٕ ہنز کوتاہ نظری ہندی بھٹابہٕ چھ باسان۔ اَتھ جایہ ہیکہ نہٕ زِ تہٕ زِگے ژور باوتھ پیدہ تھے۔

ہنز اَنس منز وتاوٕلی ووٹھ سیتے لایم
گٕہلی کھیوٚو گاش، گاشس ہیچ گٹہ
تہٕ یہ تہٕ ژوٚک تل وچھم پرزلان شہ کُن لغط
کُنہٕ ہیے سوکھتہٕ پھیرِس منہٕ للہ دُن
رینہٕ، ہُمی پوشس تہٕ واندرُ
ناوِس ناوِس سورُم پھوٚر (میٚلی)

راہی چھُ استعارن تہٕ علامژن اختصار یادٕ کرنُک وسیلہٕ زانان ییلہٕ زن تمیٚ ہندی کینہہ قریبی ہمعصر علامت ژارتھ اَتھی اَندی اَندی نظم چھِ دونان۔ علامت دریافت کرتھ ہنہ ہنہ ینہٕ سارینے جھٹ ہیتھ دوتلاوٕنہٕ باپتھ ژار راہین نثری نظم تہٕ یہے بناوٕن روایتی عروضس مقابلہ پرٕ اثر جذباتی تہٕ احساساتی آہنگ یادٕ کرنہٕ باپتھ زیادٕ کھوتہٕ کارگر۔ اَمیک آہنگ چھُ فطری تہٕ باوٕنہٕ آمیتس تجربس تابع۔ بعضے چھُ مقرر وزنکین ارکانن ہنٛز یا ہٕٹھ ترتیب دِوان۔

ژرِ تے چھُسے دنان
ہے ایلیم کھوٹاورُد بیٹھی پھیٹھہ کرِو نہٕ ناہر!
ابوترابس رضٰ ہیرلوٗنہٕ کایس دُھٹ گمادن واجنٛی میٚنٛزی!
ہے کربلہٕ ہکہٕ چھور چھور کرِو نہٕ آپہٕ!

ہے چنگیزس نکہ وارِن منز پھرٕ کہ وینہ واوا !

وچھ

کینہ پیٹھ چھس یتھ زٕلہ وینہ سینکہ پیٹھ

کُن زوٗن پو تیجن ٹینکہ ٹُلان ! (صدا)

رحمان راہی چھُ عصری زندگیہ ہنزن تلخ حقیقژن تہ ہینٕ موضوع بناوان تہ عصری زندگیہ ہندس کاینات سرکرنکس وبھوارس تہ، اَمہِ کین المناک پہلون تہ تہ طربناک پہلون تہ، لمحاتی سوکھس تہ تہ ابدی دوکھس تہ، کاشرِن ہندس انفرادیت راونس تہ تہ کشیر ہندس فطری حُسنس تہ۔ موضوع کینہہ تہ آسہِ تن تہ نظم آسہِ تن یا غزل، راہی چھُ زبانی ہندٕ نوٗبر تہ مارٕ منز تشبیہن ہند رنگہ ردنیار تہ استعارن تہ علامژن ہند سنبر تہ گنبر ناوتھ پھرِ پھرِ اَسہ تمایِل کران زِ سُہ چھُ کاشرِ شاعری ہُند عہد ساز شاعر۔ تمن لوٗکن یمن پرانہ وار لفظن، تشبیہن تہ کتھن ہنز ماہل آسہ تمن باسہ راہی نہ شاعری منز تگنگری تہ ولایتی رنگ۔ مگر یم لوٗکھ سرڈر تہ آگاہی تھارنہ موکھ شاعری پرٕ نی آسن پرژھان تمن دیہ رحمان راہینٕ شاعری تیوٗت یوٗت پرژھن۔

بولاں قدیم کالی جنگل چھس اُچھن اندر

اتھ گیہ نہ دید سرتہ اوِستایہ کیاہ کرو

خوشبوے چانی ذات سرو پایہ میون واو

اسی کیاہ سرو اگر نہ ملاقات اسی کرو

انز چھ پھیراں عنبار بے منزل

راتھ چاین اندر لباں ہوی اسی

داو بُتھی پھُٹۍ اشانتھ پیٚنہٕ پوٚنپر
شش جہانَس کنٛہ دساں ہوٚو اَسی
گچھہٕ گُٹھ وِلچھ ناوِ ہندی ارمان ہارِ
واتہٕ بیٚنڈنےٚ جاے تراوِی کیاہ کرکھ؟
بےٚ نیب قافلہٕ گرداولبن اندر سرگرم
خموش زانٛگ گوٚبھن منٛز سیاہ لبن چھہٕ سنان

امین کامل چھُ وُہمہٕ صدی ہند بیاکھ شاعر یمی سٕند اثر وارِیہس کالس سانین شاعرن پیٹھ روزِ۔ رحمان راہی چھُ تَس متعلق لیکھان:

امین کامل چھُ سون اکھ سربرآورد قلمکار۔ اُمی کُر پننٛیٚ ساریے وٲنس صرف کاشرِ زبانِ ہند دامن پننٛو ذہنی وُتشو پتہٕ دِلی شوقو سٟتۍ مالامال کران۔ اُمی سٕند تخلیقی جوش، تخیلی وُڈو پتہٕ تحقیقی وہراو چھُ موجوٗدہٕ صدی منٛز کاشرِس ادبس اکھ قابلِ قدر دیُت۔[1]

مس ملر شایع کرنہٕ پتہٕ رُود امین کامل الہٕ پلہٕ دہن وُریین پننٛیٚ زبان تہٕ اسلوب شیران تہٕ ۱۹۶۵ اٟس آو پننٛیٚ دوٚیم سوٚمبرن "لوٚت پٔرۍ" ہیتھ۔ اَمہٕ کتابہٕ تردد نِنھے پاٹھۍ کاشرِ شاعری ہُند اکھ نوٚو طرح بروٚنٹھ کُن پیٚتھ پاٹھۍ "نورورِ صبا" پتہٕ رتہٕ اکھ منفرد طرح ہیتھ آیاے۔ کامس اوس اَمہٕ شعر مزاجکہٕ نوٚرک پانَس تہٕ پوٚرہٕ احساس ".... دق چھہٕ وُزہ وارِ وپھان پتہٕ نوٚی نوٚی تقاضنہٕ کران۔

یمن تقاضن ہندس نتیجس منز گوو میٚنہٕ اکہ شعر
مزازُک تجربہ۔ یہ شعر مزاز چھُ بالکل نوو تہٕ جُداگانہٕ
یہ چھُ اکہ خوددار زخمی مزازچ آواز تہٕ سانہٕ شاعرہٕ
منز اکھ تازٕ وارد مہمان"

اَتھ سوٚمبرنہٕ منز چھُ زیادٕ تعداد نظمن ہند مگر یم کُنہٕ تام غزلے اَتھ منز چھ، تمو لاگ
اکثر غزل گو نوٚوی کُن۔ حتاکہ نادم تہٕ راہی تہٕ ہیکی نہٕ یمن ہندِ اثرٕ نشہِ دوٗر روٗزِتھ۔ تمن تہٕ
سپُد غزلہِ کہ روایتی اظہارُک احساس تہٕ پننی پننی منفرد اندازٕ لگو ژھارنہٕ۔ وارِیاہو ہیوٚت
کاملنہٕ آیی لیکھُن تہٕ بعضے لیوٚکھکھ سیٹھاہ رُت تہٕ مگر بیاکھ کامل ہیوٚک نہٕ پاٚدٕ سپدِتھ۔
کاملنہٕ غزلہِ کہ مقبوٗل سپدنکی آسہٕ خاصکرِتھ زٕ اہم سبب، اکھ یہ زِ تمی کوٚر غزل
زبانٕ ہندِ کلاسیکی تہٕ عامیانہٕ اندازٕ نشہِ آزاد تہٕ گُل، بلبل، ساقی، شراب تہٕ زلف کاکل
تہٕ نشتہٕ خنجر ہوی لبتھاوِنہٕ آمتی وہتی کرِن ترک تہٕ عام ورتاوچ زندٕ زبان بناوِن
شعر زبان۔ دوٚیم یہ زِ تمی تراو روایتی غزلچہٕ مُروجہ بحر یمہٕ موسیقی تہٕ صرف موسیقی
تابع آسہٕ تہٕ یمن بدلہٕ ورتاوِن لوٚتہٕ واٚرے تہٕ کتھ باتھ قریب بحر۔

اَمہٕ کتھ کرِی نم واٚنجہٕ گدٕی
کیا سہٕ نظرے دِزہے تور
دوٗر دوٗرے رٹو قدم بالیو
لاری چھو دامنس ہینے غم بالیو

بلیہ اکہ بچھر واٚتہٕ شاعرس، ہنز زبان ورتاوچہٕ عام زندٕ زبانٕ نشہِ زوٗن سرہِیہ
ژھارنہٕ تہٕ رہیہے پچھنے شاعرس منز بحر تبدیلیہ ہند اشارٕ آسان۔ کامل چھُ اَتھ عام محاورس

عامیانہ بننہٕ لۍ۪شہٕ بچاوان ییلہِ سُہ اَکھ نوٚن نوٚن جذباتن تہٕ احساسن ہُند سرمایہ چھُ بخشان۔ یمن لفظن کاروبارٕ گفتارس منز جذبہٕ راسی اسی پیدی ہتی تہٕ یم دٕد ہے ورتاونہٕ یتی مونڈ ہمتی آسی تمن دیُت کاملن نوٚو زوٗز یتہٕ۔ تمہٕ ہنز شاعری پٔرتھ چھُ باسان زِ تس چھُ سارنی لفظن پیٹھ پوٗر دسگاہ، تم پراَنی آسہن یا نوی، شاعرانہ آسہن یا "غار شاعرانہٕ" تمہٕ اوٚن بلاشک اکھ نوٚو طرح بارسس یتھ اَسی طرح کامل' ونتھ ہیکو۔

بدس کاہیچ زبان ورتاونہٕ یتی چھُ کاملنین شعرن منز طنز تہٕ ظرافتٕ ہُند پھولونیار تہٕ پاد گومُت لیُ تمہ سندین ہمعصرن ہندین غزلن منز غایب چھُ۔ طنزِچ یہ زیریں لہر چھےٚ تمہ سندین غزلن منز عصری حقیقتہٕ ہندِ احساسچ تہٕ نشاندہی کران تہٕ امی سِتی چھُ کامل بیانہ بازی لۍ۪شہٕ تہٕ بچتھ ہیوٚکمُت۔

لوتہٕ پرو یہٕ پیدٕ کاملنی بیٹہٕ زٕ مجموعہ شایع یعنی بیٹہٕ سے پان تہٕ پدس پوٚد ژھاے تہٕ تینہٕ پیٹھ از تام چھُ سُہ برابر لیکھان۔ اکھ سفرس منز روٗد تس غزلے لوٗٹھ اٰتھی منز چھ تمہٕ سند فن مکمل پاٹھی اظہار ابان۔ سُہ چھُ پننِس لمحاتی تاثر احساس کأم ہینتھ خوبصوٗرت تہٕ متحرک تشبیہن منز ودتلاوان، یم عصری صورتحالکی تہٕ جلو چھِ تہٕ انسانہٕ ہندِ ازلی حالکی تہٕ۔

٥ وہ یہ سرسأے فضا کوچہِ اندر جایہ گنہٕ
یُس اکھاہ ژاو سُہ نوٚن دراو یتھ شہرس منز

٥ یہ نار کیتھ چھُ الاہی شہر شہر چھُ دزان
عقل گمژ چھےٚ دِہے دہ اگر مگر چھ دزان

○ یا پتہ یوٗ آسی مشکلن ہندی حل
یا پتہ از پاپہ مشکلات بنیے

○ رۄد آدم ہنیر ہنیر ازتاں
پرپچھ احاطس اندر اندر اُسِتھ

○ اَکی جلون نصف راتھ کوڈ یِکھ واش
زون زردے پیہ تھانتھ رینیے یادداش

○ ٹکٹھ لاگِتھ بند لفافن منز
بے پتاہ خط چھ ڈاکخانن اُسی

کاملس رۄد کاشُر لکھ لیہ ہنز بحر ورتاونس سیتی سیتی فارسی کلاسیکی غزلچہ بحرو ورتاو نک تہ شوق تہ تمی آسہ گوڈنکہ پھر کینہہ فارسی بحر کاشرس منز ہمہ مقبول سپنز۔ مگر موسیقی ہُند پزرنہ پیٹھ شوق چھُ بعضے لٹ سوٗرے غزل موسیقیہ پیٹھ قربان کرناوان۔
کاملن یچھ کینہہ کامیاب نظمہ تہ یمہ ینہ استعاراتی نزاکتہ کنہ تہ ردشن تشبیہہ کاری کنہ کاشر شاعرہ ہندس تواریخس منز ہمیشہ یاد روزن تہ ہمیشہ پرنہ ین۔ یمن منز جنگل، پرینہ شاہراہ، زیرو برج، گنگبہ باز، شامہ پیٹھ صبح تام، نیتھ نٚنی معنی، افکار خاص کرتھ قابلِ ذکر چھے۔ یمن منز تہ چھے تمے زیادہ شاندار یمن منز تمی ہند غزلک ہیوٗ سوز و گداز تہ اجمالی انداز چھُ۔ تمی لیچھ کینہہ نثری نظمہ تہ مگر یمہ چھنہ شاعری بنتھ ہیکن۔ یوٗدوے یمن ہند نثر شاعرانہ چھُ۔
ترقی پسند دورک شٹھینیار تہ اکھ یک رنگی پھیراونس منز یموٗ شاعرو بنیادی کام کر یمن منز چھُ غلام نبی فراق تہ تمی روٗٹ شعوری طور کنوٗ ہمہ صدی

ہندِین انگریزی رومانی شاعرن ہُند اثر تہٕ تِہندی پاٹھۍ لوگ پننہٕ بےسو کھ تنہاہ ووداد شخصیژ ہُند عکس فطرژ ہندِین حسین تہٕ ژلہ ؤمِن رنگن تہٕ اِظہارن منز۔ وُچھنہٕ ژُس چھُ فردوسند وانسہٕ ہنگ پرزنہٕ پننہٕ آگرہٕ نشہٕ دوُران باسان تہٕ آدن کال چھُس اوۍ ساروے کھوتہٕ میوٗٹھ تہٕ سہ کہ سوو زمانہٕ باسان ٹکیاژ اُتھ منز چھُنہٕ انسان پننہٕ آگرہٕ نشہٕ زیادٕ دور آسان۔

صاف نب جمک سے اژوُن ہرُد
وُشنہٕ تاپک پریٖنگ پرزلوُنۍ آبشار
بوٗنہٕ تھنگو ہیٖٹھ وسان باغس اندر
سوٗن سبزپن کلہ لجن ہیٖٹھ زن وُچھان
پننہٕ پتھ کالکۍ بہارکۍ میٖٹھۍ خاب
زگیتہ کس باغس اندر میٖنتہٕ گوو دیٖتھے پننہٕ پونپراہ
بے نیازن لاوُبالن نِش بہٕ کھوٗ توقع کمیک (باغس منز)

تمہ سنز پریتھ کُنہٕ نظمہٕ چھُ فطرژ ہُند کانہہ نہ کانہہ پسِ منظر یُس تمہ سنز تمہ ساعتہٕ ہنزِ رُوحانی اِضطرابک آینہٕ چھُ آسان تہٕ یُس تمہ سندِس جذبس تہٕ کربس پوٗرہٕ شدتہٕ سان دوتلاوان چھُ۔ فراق چھُ فطرژ ہندِس پریتھ جزس منز اکھ روح ژرنیان تہٕ توۓ چھُ تتھ چیزس ہنز اکھ شخصیت دِتھ تتھ ستۍ روبرو کتھ کران۔ سُہ چھُنہٕ تتھ چیزس ستۍ پننس روِیس اہمیت دِوان بلکہ خود تتھ چیزس تہٕ تمہ کِس آسنس تہٕ پتھ پاٹھۍ چھُ فطرژ ہندی بیوٗن بیوٗن انگ کردار بنتھ ووتلان۔ بعضے چھِ یم انگ بالافطری کردار تہٕ بنان۔ امہ رنگۍ چھُ نوٚ کاشرِ شاعری منز فراق شاید گنٔے زژن ییم بارٕ فطری

عنصر پننہ شاعرِ ہُنداکھ اہم عنصر بنوو۔

یتھے میانٚی قدم سڑک گٔژھ بیٚٹھ واتی

سأری کوچہٕ سمیم اُندی اُندی

دارٕ، درواز، براندٕ کنہٕ، بجلی کوٗٹ

سأری آم خأر پاٹھ کرنہٕ

لیشو کوڈ پان نبر

.... کہو وارے چھکھاہ

ژٕ چھیا وار یوان (آدلُن)

تمۍ بنٕزن اکثر نظمن مثلاً آدلُن، ہنچولر، اُنہٕ گرٕ اندر، بلبلس کُن، منز چھُ جذباتن ہُندے واپہٕ اظہار ییمہٕ کنہٕ سُہ وہراوس پتہٕ وضاحت کأم ہینز اہاہٕ چ کانہہ تہٕ گنجأیش چھنہٕ تھاوان۔ تمۍ سندیٚن غزلن منز تہٕ چھُ سے فراق نظر گژھان یُس تمۍ سنزن نظمن منز چھُ۔

o یہٕ لُر، یہ جنگلہٕ چھچل کلُ، ہوا نوا گمُ گے

سُہ اکھ صدا پتہٕ سمندر کھدیاو شہارس تام

o یا لالہ ژٕ واپاری ژھٹان نار اُزج راتھ

یا زوٗنہٕ گاشس ببرٕ ہند شہجار اُزچ راتھ

o بابہ دل گوو اجنبی شہرٕچ سڑک

نولہٕ خط کنہٕ اُز تہٕ یوٗدٕے ولیوٗد چھہم

موضوعی شاعرِ ہُند بیاکھ شاعر چھُ مظفر عازم (گٹلی پور ٹنگمرگ، ۱۹۳۴ء۔)

یوٗدٕے تمۍ ترقی پسندی ہندیٚن دورس منز ے لکھٕن ہیوٚت مگر سُہ گوو نہٕ اُکس سیاسی

منشورس پیٹھ رضامند سہ رُوٗد گوڈٕ پیٹھے حسن تہٕ عشقکس رشتس نوٚ توٚ انداز دِکھنے کران تہٕ اُمہٕ رشتہٕ کِس نوٚین پاسن بدٕ گڈان۔ روایتی موضوع آسِتھ تہٕ چھُ تمیٚ ہندِ شاعریہ اکھ بیون تہٕ بدوٚن اظہاریُس تمیٚ ہندی ساز بٔرتی لہجن پاٚدٕ چھُ کوٚرمُت۔ موسیقی چھےٚ نازمن میڈیم تہٕ مدعا تہٕ بعضے چھےٚ یہے موسیقی اُمیک معنی تہٕ بنان۔ اُمہٕ موکھ ہیکہٕ نازم شعرک کانہہ تہٕ جُزٕ قربان کٔرِتھ۔ عام پاٚٹھۍ زیچھِن بحرن منز صوتی تہٕ جذباتی اعتبارٕ مدرین لفظن ہُند تُلہٕ تراو، آوازٕ تہٕ لفظہٕ تکرار تہٕ جذبن ہُند رقص چھُ نازمنہٕ اسلوٗبُک انداز۔ یہ چھُ اَمی موسیقی ہُند نتیجہٕ زٕ تمیٚ سُندٕ نظمہٕ مثلاً کلہ وال، جلو، وہرہٕ آوٚلن بیترٕ چھنہٕ اند واتِتھ تہٕ اند لبان۔ زوٗلانہٕ ناوٕچ شعرٕ سوٚمبرن شایع کرنہٕ یتہٕ کٔرٕ تمیٚ کینہہ نوٚی تجربہٕ یمن ہُند اظہار منہٕ کامن چہٕ شاعریہ منز سپُد۔ اَمِن کینژن نظمن منز چھُ موسیقی بدلہٕ خیالس تہٕ تجربس کُن زٕوٗر توجہ دِنہٕ آمُت۔ یمن نظمن منز چھُ استعارس کام ہیتھ اظہارکُ اختصار پاٚدٕ آمُت کرنہٕ۔ تمہٕ پتہٕ تہٕ رُوٗد نازم نوِ شاعریہ ہٕنزن ترٲین گراین ستی پکان تہٕ موخصر تشبیہی نظمہٕ تہٕ غزل لیکھان۔

اُچھ گاشس زٕہال آیہٕ اُچھن منز میٚے برٕم راتھ
سوے پرٲنی پیار آس بدل پاٚٹھۍ پرٕم لاتھ

شمعچہٕ ریہہٕ ستی چھوٗم شام
شفقکہٕ بُتھٕ ووٚشلوٚوُم شام

موچھٕ موچھٕ بوٚرس موکھتہٕ ہلم
سو چھٕ بلہٕ کوچھٕ للہٕ نوٚدُم شام

غلام رسول سنتوش (جنگرال محلہ ۱۹۲۹ء —) تہٕ چھُ ترقی پسند تحریکہٕ ہندِن

آخری دوہن منز لیکھن ہیوان۔ گوڈ گوڈ رود سُہ عام وشن لیہ منز۔ وَنان مگر وارِ وارِ
گووُ سُہ نوِ نوِ تجربو سِتۍ متاثر خاصکر تھ نادم نہ نظمہ سِتۍ۔ دِلس میانی نوراہ، راتھ نہ بجر طویل
نظمہ چھے نادم نِن کینژن نظمن یاد پاوان۔ یوّدوے اسلوب تہ ہیئتھ زِنگۍ پنُن کانہہ
نوو انداز ہیوک نہ زِنتھ مگر تمۍ سنز شاعری چھ پنُن اکھ الگ جذباتی تہ فکری اظہار
یُس کانژن شاعرن منز بیِیہ کانہہ نہ چھُنہ۔ سُہ چھ بسری تجربن تہ جنسی تجربُک اظہار
دِلس منز دیومالا یہ تہ علامژن کام ہیوان۔ بے سوکھ رُح ناد چہ شعر سومبرنہ
منز چھ خاصکر تھ غزلن منز سنتوشہ نہ ماورائی فکر بند پوٗر اظہار سپُد مُت۔

پوشہ وُن چھا کانہہ بیوٗن یاکانہہ دین
پوشہ وُن گود پوشہ وُن کیاہ پوشہ وُن

ناگہانی آیہ ترمُٹھ دیدن نوشن
وُٹھ مے نظرن گوو تہ دوٚینم وچھ مے کُن

سنتوش نِس غزلس چھُٹھ چھُ امین کاملُن اثر تہ واضح۔

غلام نبی خیال (۱۹۳۶ء – ) رُود گوڈ پیٹھے شاعری منز سماجی افادینژ بند
قایل۔ یوّدوے سُہ درسی انداز چھُنہ رٹان مگر تمۍ سنزن نظمن منز چھ انقلابی جذبہ
تہ زندگیہ منز حرکت اَننُک شوق نژ پاٹھۍ باوتھ لبان۔ پراگاش تہ زنجورِ بند ساز
ز کتابہ چھے امی قسمچہ شاعری منز سومبرنہ۔ یمو دوٚیو کتابو پتہ یوّدوے تمۍ جدید شاعری
ہند انداز 'بیلہ خدا موّد' ریشمان تہ بنی آدم ہشہ کینہہ مبہم شیہی نظمہ تہ لیچھ مگر یہ
انداز روٗد نہ تمۍ سُند مستقل انداز۔

نہ یتم روٗف دزوُن نار تہ ناراہ چھوُن

ساسہ ٹبدٕ ژُرِ یہ فراقکۍ تہٕ یِنمس برنٛزی بایسے
آش ترٕس آسہٕ نہٕ مجبوب ییم، آسہٕ تمِس
میانہٕ بِمار زُوو! یمہٕ گرِ کٔرِژ تام کِنجھ
زندگی چھےٚ لاوِلنجہٕ ییٚتھ شیٚنہٕ تھوٚس ہش باسان

خیال چھُ غزلس منز تہٕ کامیاب پأٹھۍ باوتھ کران:

مانہٕ ہو کھ زوٗن تہٕ کھٔژ سہری یہ تہٕ پرٛژلیو ودہ ہے
سانہٕ کیٚتھ لوٗزِ یمُو معنہٕ تمِن روو دوٗہ ہے

گوٗلابی صبحکہ انمانہٕ وچھ مےٚ خابس منز
لٔسند قدم چھُ شہل ناگ یُتھ سرابس منز
یہ تابہٕ کرا ے دُپہرچ یہ آمہٕ نیومُت دوٗہ
قسم مےٚ سوٗنکہٕ سہرک بہ چھُس عذابس منز

کأشرِ شأعری چھُ خیالُن اکھ اہم دیٚت یہ تہٕ زِ تمۍ کوٚر عمر خیام نِہِنہِ رباعین ہٕنٛدٮ نفیس ترجمہٕ یُس سیٹھاہ پسند کرنہٕ آو۔ یوٚدوٚے خیامُن اثر آمہٕ بروٚنہہ تہٕ مٔنزی مٔنزی کأشرِن شأعرن پیٹھ نظرِ چھُ گژھان، مگر کأشرِ شأعری ہیٚنز گوڈنکہٕ پھِر خیام نہٕ جیساگِہی سترِ زانٛزِ یاب۔

نۆو کأشرِ نظمہٕ چھِ ارجن دیو مجبورس، چمن لال چمن تہٕ موتی لال ساقی تہٕ پلنہٕ پنہٕ انداز نۆوۍ طرح بخشان۔ ارجن دیو مجبور یوٚدوٚے ترقی پسند تحریکہٕ ہِندِن بنیأدی اصولن پیٹھ قأیم روٗد مگر نوِ شأعری ہٕنٛزِ ہیٚژ ہٕنٛد فایہٕ تُلنس منز روٗد نہٕ پتھ۔ تمۍ ہٕنٛز نۆو شأعری ہٕنٛز سوٗمبرن چھےٚ "دزوٚنی کوسم" یتھ منز انسانہٕ سٕنٛدِ ازلی رٔژرس وُزناونچ کل چھےٚ۔ مجبورنہٕ نظمہٕ چھُ خوشبوٗن تہٕ مرٛژھیل

دیہاتی پیٹھ منظر۔

**چمن لال چمن** (۱۹۴۷ء - ) دراو ترقی پسندی پتہ دورِ منز پتہ نظمہ ہندس فنس کُن دیتھ زوٗر توجہ۔ زبان گیس زیادٕ زیادٕ شوٗزر لبان پتہ پننہ مخصوص سوچن تراپہ رٲود مناسب کھوتہ مناسب باوتھ زھاران۔ نادم پتہ غلبہ تلہ موکلتھ کرٕ تمو پننہ خاطرٕ پننٕ آہنگ زھارنچ کوٗشش۔ تمہ سنز شاعری منز روٗد عشقک جذبہ آکھ غالب جذبہ بنتھ لیٚس رٲدی منز حُسن گاران چھُ۔ یہ تلاش چھُ مستی پتہ سپنہ وُن عم ہیتھ تمہ سنزن نظمن ہُند موضوع بنان۔ سیٹھاہ ستھی پتہ پیچھ تمہ عصری انتشارس پتہ تشدس پیٹھ پتہ کینہہ نظمہ یمن منز استعارن پتہ شبیہن ہند وسیلہ اختیار چھُ کرنہ آمُت۔

بہ چھُس ازلی ہلکارٕ
وٲنس منز خصلت چھُس نمھس تُلتھ پکناوان
اُز پتہ پچھ بدن وُرین ہندی زٕ للہ وِتھ
پننہ نم ددٕ پر مازس منز بوڈناوان

شبنمُ تشار چھے تمہ سنز شاعری ہنز گوڈنچ سوٗمبرن۔

**موتی لال ساقی** (۱۹۳۶ء - ) روٗد گوڈٕ پیٹھے منظرنگٲری پتہ کاشرس ہندس پتھ کالس پیٹھ نظمہ لیکھان۔ تمہ چھُ سارے صنفن منز قلم آزموومُت۔ مگر نظمہ پتہ زمصری بند لیکھنس منز چھُ زیادٕ کامیاب۔ تمہ کرٕ لکہ باتن ہنزِ وٲلس اینچ پتہ کوٗشش۔ تمہ سنز زبان چھے شوٗز پتہ صاف پتہ تنگری ورٲے ودن گوو منظر وو تلاون باپتھ چھُ سُہ دیہاتی لہجس زانتھ ماینتھ کامہ لاگان:

کوٚت گژھکھ صبحے پژ، وُنہِ نے گاش پھوٚل
ناگہ جوٚیہ پیٹھ وۄتھہ نہ وُنہ سندیایہ کانہہ
مشدِ محرابس اندر گٔژ جن نیتھ نِدر
آگرس کُن آبہ لاوُگ گوو نہ کانہہ
دان کھھس منز گلِ چھےٚ ژراوٕتھ زیٹھ لر
کُلُنجن سو سرائے چھِنہ وۄتھرن گژھان

موٚدہِ خاب چھےٚ ساتی سِنز گوڈنچ سوٚبرن۔

حامدی کاشمیری کاشرِ منز اگرکانہہ اردوٗ شاعریہ تہٕ تنقیدس منز مقام پرٛوو سُہ چھُ حامدی کاشمیری (بہوری کدل ۱۹۳۲ء ) امہ علاوٕ لیکھ تٕمۍ افسانہ، ڈرامہ تہٕ ناول تہٕ مگر اردو زبانٕ منز۔ منزِ ژمنزِ لیوکھُن پننہِ ذٲتی مرضی تہٕ تخلیقی ضرورژ تہٕ مطابق کاشرس منز تہٕ مگر کمے لیکھتھ کوٚرُن کاشرِ شاعریہ منز تہٕ پنُن منفرد اسلوب قایم۔ سُہ آد نہٕ کالہٕ بگھہ بدلوٚنین ادبی ژراین ہندس اثرس تَل بلکہ رُود ہموٚ لِنہٕ لوٚب رۄزِتھ شاعریہ متعلق پننہ مخصوص نظریہ مطابق پننین تجربن زِلو دِوان تہٕ شعرچہ ہیٚژ اتھ قابلِ بناوان۔ 'نیلہ تال'، نظم لیکھتھ دیُت تٕمۍ تارِتھ ز جدید شاعری منز تہٕ ہیکہِ روانی تہٕ ربط تہٕ ضبط آسِتھ یوٚدوے اٮ۪کُ موضوع ظٲہری طور منتشر تہٕ بے صورت چھُ۔ تٕمۍ سِنزن مختصر نظمن تہٕ غزلن منز چھےٚ خیال تہٕ جذبچ ہلون ردشن پیکرن منز سپدان۔

| | |
|---|---|
| تَس تہٕ پانس کریم ژھل راتس | رُود اُچھن تَل سُہ مرگہٕ بل راتس |
| اوس گومت کُنے وتن تہٕ کھیٚن | زٹ مے سِنس اندر وُنل راتس |
| سبز مرگو چھِنہ آمٕت تہٕ ہوا | گٔژ مسمار گژھن صبحس تام |

حکم چھا دوہلہٕ زبان بندی ہُند　　کالہٕ بیٹھ شوقہٕ گیوُن جس تام

حامدی پسندی کأشری غزل چھہٕ خیال سطحس بیٹھ اتھ بجایہٕ صوُرتحالس بر ونٹھ کُن انان

گرایہٕ ماراں وژھایہٕ سڑکن پیٹھ　　گیٚ ژہتھ جایہٕ جایہٕ سڑکن پیٹھ

مُکھ گرن منز چھہٕ دار بر ترٚوِتھ　　دوہلہٕ پھیراں بلایہٕ سڑکن پیٹھ

مُکھ چھہٕ اُنی سارٕ ژھایہٕ پکان　　کتیٚ افتابہٕ لوسہٕ ناوِتھ گیٚ

کوہ بنیکھ پان نیرٕ کنڈی کھسہٕ نکھ　　اُتھ منزٕ ذاتھ پزرٕ ناوِتھ گیٚ

حامدی سُند شعری آہنگ چھُ عصری شاعری منز منفرد یتھ منز باوژٕ ہندی لوٚو امکان موجود چھہٕ۔

**ناجی منور** تہٕ چھُ ترقی پسندی ہنز جماعتی سوچن ترایہٕ منز نیرتھ پننین ذاتی احساسن جذبن پننین محرومین تہٕ شادمانین باوتھ کران۔ ناجی چھُ حقیقتٕ ہندین پیچیدٕ مسلن منز اوتھ اکس تتھس شرٕ ستی نظر محسوس کرُن یژھان یمیہٕ زنتہٕ کینہہ چھُ ہیوٚ چھُ مت۔ شُرین ہندی باتھ لیکھان لیکھان روٚٹ تمۍ مستقل پاٹھۍ شُری سوچ آے۔ یعنی بربتھ کنہٕ چیزس پرژھلی نظرو وچھُن۔ سُہ چھُ عصری دورچہٕ پریشان حالیہٕ تہٕ المبٕ شونکھ انداز محسوس کران:

اُف لالہٕ لنجن چھُ آمُت کھُر　　داستاناہ مُلے ڈُلو کانشہاہ

لوکہٕ جرٕ گیش چھہٕ مانچھ گن زیں زیں　　تھوٚدہوٚتاہ ہیتھ پکو تُنو کانشہاہ

ماج تاں آلوے سمتے کرتم　　خانہ کترن چھُے گنداں تامتھ

کاینا تھاہ منش چھہٕ بھالیو مُت　　پانسے منز بہٕ چھس ژماں باساں

ناجین لیکھی کینہہ تتھی غزل تہٕ یمن منز غزلہٕ چین موضوعی تہٕ ہیتی روایژن برخلاف

"غارِ سنجیدہ" تہٕ "ترتیبِ دشمن" جذبہٕ تہٕ وٕنہٕ ورتاوٕنہٕ چھہٕ آمتۍ۔ یتھین غزلن منز چھےٚ تخیلہٕ بجایہٕ "فینسی" ہنز کار فرمأیی۔ یم غزل لیکھنُک چھَ تس مُدعا ازۍ کہٕ غزلیچ جذباتیت تہٕ پھرۍ پھرۍ ورتاونٕچ بے اثر زبان ترک کرٕتھ تہٕ غزل فِرہ ہندین جذبن تہٕ احساس ہندِس اصل ساختس قریب انُن۔" ناگہ راد" شعر سۆمبرنہٕ پتہٕ لیکھنہٕ آمٕز شأعری چھےٚ وُنہٕ ترتیب دِنٕے۔

ناجیین کوٚر کأشر زبأنۍ منز شُرین ہُند ادب لیکھنُک ضرورت تہٕ محسوس تہٕ لیکھن واریاہ لوٕتہٕ وأے باتھ یمن منز درسی انداز بدلہٕ شُری سُند آزاد تہٕ بے پھِرٕنُک تخیلی وُبھوار چھُ۔ سُہ چھُنہٕ شُرین ہیوٚزۍ تعلیم تہٕ تربیت دِتھ ہتھندس تھہٕ وکار سعجس برہ بڈر پڑھان نالی ژھنن۔ شُرین ہندۍ باتھ (زٕ جلد) تہٕ بأتہٕ کیتھ کتابن منز چھےٚ تمہٕ سنز شُرین ہند باپتھ شأعری۔ اَمہٕ علاوٕ کوٚر تمہٕ علامہ اقبالٕنین نظمن تہٕ ترجمہٕ یمہٕ شُرین ہند باپتھ لیکھنہٕ چھےٚ آمژٕ۔ اقبالٕنس ساقی نامس تہٕ چھُ تمہٕ ترجمہٕ کوٚرمُت۔

مرغوب بانہالی (بانہال ۱۹۳۷ء) چھُ نوٚ کأشر غزلُک بیاکھ اہم شأعر۔ تمہٕ سنز شأعری ہنز دأنس چھےٚ باقین مقابلہٕ کم مگر سُہ ہیوٚک سیٹھاہ جلدین گوڈنچ شعر سۆمبرن "پرتوستان" پیش کرِتھ۔ مرغوب سٕنز شأعری ہنز اہم خصوصیت چھےٚ یہ زِ یہ چھنہٕ عشقہ کین تہٕ ذاتہٕ کین رِواأیتی موضوعن آوژہٕ۔ تمہٕ سنزِ شأعری ہُند فکری عنصر چھُنہٕ صرف عصری آشوب تہٕ آگہی پیش کران بلکہ چھُ سُہ ییتر یأتھی اسلأمی جذبس لَلہٕ کھوٚل کران۔ اَمہٕ جذبٕچ زبان چھےٚ سیٹھاہ رنگین تہٕ پأرٕاوِتھ۔ نرل پیکر تہٕ حسین تہٕ اَوٕلی استعارٕ چھہٕ مرغوبنہٕ شأعری اکھ منفرد مقام بخشان۔ تمہٕ کرٕ ہیتہٕ منز واریاہ تجربہٕ تہٕ ہوٚدن زٕ کأشر زبأنۍ منز کأرٕ ژاہ گنجأیش چھےٚ۔ تس ہنزِ شأعری منز چھُ عصری سماجچہٕ بے راہ دری پیٹھ زوردار طنز میلان۔

؎ ستھ چھُے ہیوٚر کھَنگُ ارمان
یکھ ساَ حاَضر چھَے بِسلاے

؎ نظر چھَے تیزٕ رٕ پُرٕ زھینہٕ باسان
ییٚزراہ بھُز دوہہ گنٛجبہٕ ہمسایوَ

؎ دوٚن سۓ انالحق دولیو وعالم
وُترٕ بُنیلُ تلُ حرفوٗ ڈایوَ

؎ دوہ تھٕ کُس پُرساتے مرغوٗلس
ییٚتہٕ بوٚر یوٗسُف کیرٕس بالوَ

مرغوٗلس چھَے ییٚنہٕ وقیچ دگ شعرن بدِ لے زُوز بِتہٕ عطا کران ؎

یَنہٕ تمہٕ وگنہٕ کرُس کنہٕ وان
تنہٕ چھُنہٕ جامن منز آدم
انہٕ بیوٚو بادام پھُلین شین
تُس دوٗد یادن ہُند البَم

خابُن تامت تن رُتہٕ داوی
تہٕ چھِ تہذیبس زیٹھان نمُ

اُتھو دگِ ہندِس عالمس منز چھُ شُہ پانس ییمہٕ آیہٕ تسلا دِوان۔

؎ مہٕ کر گرند وانسِ ہندِن حارٕ ثاتن
زِرٕنس پیوٚو تُرٕنہٕ گرٕ ھتھ فولاد کارُن

رشید نازکی (بنڈپور ۱۹۳۱ء — ) رُود مستقل مزاجی سان فارسی تہٕ اردو شاعری ہندِس خاصکر تھ علامہ اقبالُن اثرس تل کاشرِ شاعرِیہ

سنجہِ لہجہ بخشان ۔ سُہ چھُ تشبیہن ہندِس حُسنس تہٕ اسلامی فکرِ ہنٛزن غزلن ، نظمن تہٕ رباعین منز کامیاب پاٹھۍ توازن برقرار تھاوِتھ پیش کران :

چون گل رُخ چھُ بلبلن اوراد　　تھوٚد ووتھکھ سیوٚد تہٕ خم گرٛتھن شمشاد

پاسبانی چھِ عقلہٕ ہُند طالے　　عشق رُزمُس اندر چھُ مادر زاد

اُسی چھِ بدرس اندر فقط کینہہ زُنی　　بس خدا یار اعتبار کرُو

حُبِ رسولؐ تہٕ کلام اللہ چھِ رشید نازکی سٕنٛز شاعری ہندی اصل ناگہٕ راد۔ سُہ چھُ اولین تہٕ زاولین تشبیہن تہٕ استعارن منز اَتھ زُلاس سانٛپنہٕ کوشش کران۔ پوش ، جاناوار ، شبنم ، سرد موٚنتہٕ ، نیوٗل نب ، سبزار غرض اُندٕ نکھٕ شہلی تہٕ اوٚدلی چیز چھِ تمۍ ہندین جذبن ہنز زبان بنان ۔ تہٕ یمن تشبیہن ستۍ ستۍ چھِ اسلامی تلمیح تہٕ زُلیتھ :

پرتھ شامہ پتہٕ چھیٚے ہُتھ کوہس پیٹھ دُوٚنی ہش دزن

بوزم موٚتہٕ چھُ تاج بسر نار ہیتھ　　بٔہہ سَن

ڈلیتوم شیشہٕ بالہٕ کھسان آنہٕ کھراو ہیتھ

طوفان نوح اوس سُہ نظرو کنٛن کھنن

تمۍ بنٛزن مختصر نثری نظمن تہٕ چھُ لوٚہے پسِ منظر

رشید نازکی یَن ہوو ہنٛز فن شاعری ہنٛز ترجمہ کاری منز تہٕ۔ تمۍ ہندی ترجمہ چھِ صرف شعرکس غالب معنیس یا جذبس سامان ، لفظ ، تشبیہہ تہٕ استعارہ چھِ تمس پننۍ۔ تمۍ سندین ترجمن منز چھُ شہرہ آفاق قصیدہ بردہکہٕ ترجمہ سارِوے کھوتہٕ مارٕ موٚند۔

حضرت شرف الدین بوصیری سُندِس اَتھ قصیدس اوس تمِس برونہہ ڈری شیٹھ مر قاری نورالدین نہ ترجمہ کوٗرمُت مگر رشید نازکی ہِنس ترجمس چھُ تمہِ سُند منفرد اسلوبُک رنگ ٹاکارٕ۔

یارٕ دلدارٕ ذی سلم پیٚیہ یاد؟
خوٗن ہورتھ اَچھو تہٕ لویُٹھ ناد؟
کاظمُک مُشک چھوٚکہ واو گُلبو؟
وزملو گیوٚند کوٗراہ اضم نہ بلبو
سرٕشامن سہ آد والپس دراو
راتی رالِس کُلوٗ مۍٚے نارٕ اَلاو

تمۍ چھُ علامہ اقبالنین کینژن نظمن تہٕ اُمی اندازٕ ترجمہ کوٗرمُت۔ تِمن منز چھُ مسجد قرطبہ تہٕ جاوید نامہ چن نظمن ہُند ترجمہ خاصکرٕتھ قابلِ ذکر۔ رشید نازکین کلام یوٚدوے بییہ پاٹھی رسالن تہٕ مشاعرن منز لوکن تام ووت مگر ازتام آیہ نہٕ تمۍ ہنز کامہہ تہٕ سوٚمبرن برونٹھ کُن۔

اَزی چہ شاعریہ منز خاصکرٕتھ غزلِس منز چھُ قاضی غلام محمد (اسلام آباد ۱۹۲۵ء) سُند رنگ سارِنے نِشہ بیوٚن تہٕ بدٕنٕ۔ سہ آو اَوٚتھہس دلہس منز کاشرِس کُن سۍٚے مزاج تہٕ اسلوٗب ہیتھ یُس تمۍ پنٚدہن اردو غزلن منز برونٹھے پسند اوس آمت کرنہٕ۔ تمۍ روٗٹ نہ کانٛہہ پیشرو تہٕ نہ کانٛہہ ہمعصر شاعر سُند اثر، تمۍ سُند اسلوٗب چھُ تمۍ ہنزِ پننہِ شخصیژ ہُند آنہٕ۔ نہٕ یہ چھُ دقیقہ چو ترایو گرایو نشہٕ بچیتھ بیِنس اَلگے دُنیاہس منز آباد۔ اَتھ دُنیاہس منز چھنہٕ تم سارِیے حقیقژ دُنہٕ تہٕ تھٕ پاٹھی استوار تازٕ تہٕ ساہٕ دار ییتھ پاٹھی تم سیٹھاہ برونہہ راوِ ہتین

زمانن منز آسہ۔

پتھ کالک بوزُت پہ گوڈن احساس چھُ تمہِ سندین سارنے غزلن تہ نظمن منز اکھ حارت خانہ ییتہِ طلسماتن ہنز جلوگری پانئے پننِ معنے چھ تجویز کران تہ یم کُنہ تہ تفسیرس یا شرحس موحتاج منز ین نہ:

بوزت زھایہ کنزِ لاچھ آنہ بدن    تمہِ بازر کیاہ کیاہ ہمہ ہاٹلو
کیاہ زرِ نتہ مس گُھٹس اُزِ تھ وچھتاہ
ہوبہو تی یہ پرانی آسی ونان

اساطیر چھینہ قدیم کالین ہنز کتھ یم چھِ قاضی نہ شاعر یہ منز ٹھوس حقیقت یم نہ کنہ خارجی حقیقتہ ہند حوالہ زانتھ ہکوکھ بلکہ اکھ منز اُزِ تھ اکھ پان پشراوکھ۔ اتہِ چھینہ سانہ معروف زندگیہ ہندی قاعدہ تہ قانوٗن چلان، اتھ چھُ پنُن نظام۔ قاضی چھُ تس شری ہندی پاٹھی اتہ پرتھ چیزس محسوس کران لیُس تہ تام پژان چھینہ یوت تام نہ پرتھ چیزس اُتھ لاگہ۔

چانہ انہار میون شعر وُنُن    ڈوپہ تل تاپہ ٹیرک زٹتھ تھاوُن
یوٗدوئے زِ بنک تارکھ لاگتھ    شرِچی پاٹھی ہلم دارِ تھ روزے
نکھ واتتھ واون زھیو رووُس    زانپتھ رنیہ لاگتھ آیاسے

اکھ پرون شہر، تہ ودلہ یار گرژھو بتھ ون، نظمن منز تہ چھُ اگُ مصرعن ہندی الگ الگ شبیہ یکہ وَٹہ زلیتھ طلسماتی فضا بناوان۔ غزل چھُ سہ تیٚلی لیکھان ییلہ تس کانہہ لکہ باریتھ اے ڈوھاں پھٹے یا کانہہ شبیہ پانس منز قدد ییچھے کران۔

دردٕ گاہ وَتھ وُہان آس ہر دِلوٗنی     زانہٕ قدرت راتھ کیٚتھ کم اور کھتی

باژ ساری گرِکی ژیٚے اندی پٔچھی چھی

پانہٕ ون باژ کیاز ژھکھ کھوژان

کاشرِس غزلس لیوٗت ہُریر مقدار زنگ غلام نبی ناظرن (یارِ پور ۱۹۴۳ء) کوٗر تیوٗت کوٗرُس نہٕ بیٚیہ کانسہٕ ۔ 'دیوانِ ناظر'، 'وآری داتھ'، 'رُد تہٕ روٗنُل'، اکھ ہتھ غزل تہٕ اچھر زانگی پانژہ شعر سوٗمبرن منز چھُ ناظرا اہم غزل گو بنیتھ ووتلان ۔ سُہ چھُ عام فہم زبانی منز زٲرِ نٮ۪ن معنین تہٕ مؤثرِ صوتی آہنگن میُل کٔرِتھ بحر تہٕ قافیکو وسیع امکان گاشراوان ۔ تمی بندین سٕن پسند اسلوٗبی وٲلن منز چھِ قولِ محال سارِوے کھوتہٕ زیادٕ ورتاونہٕ آمُت ۔

گاش زالِتھ ھوٗوُم سو راتھ پیا

پوٗنپرِن پھاہ پہ گاشہٕ ژھاے دیا

ہنہٕ مانہٕن تل کُس تاپھ پوٗرُم یایکھ تہٕ وُچھکھ

پتہٕ آبس وُہوٗن نار کوٗرُم یایکھ تہٕ وُچھکھ

غزلو علاوٕ چھےٚ تمی نثری نظمہٕ تہٕ رباعیہٕ تہٕ لیچھمٕژ ۔ شُرِن ہندی باتھ تہٕ تہٕ طنزی باتھ تہٕ ۔ تمی بندین کیٚنژن باتن چھُ قبولِ عام تہٕ حاصِل سپدمُت ۔ غلام نبی ناظرن کوٗر غالب سُنس کل اردو دیوانس منظوٗم ترجمہٕ ۔

غلام محمد شاد (ونجپور، ۱۹۳۸ء) تہٕ چھُ اکھ منفرد شاعر ۔ سُہ چھُ زانان زِ شاعری ہیٚکہٕ نہٕ فلسفک تہٕ اخلاقیاتُک بدل بنِتھ مگر شاعری ہیٚکہٕ نہٕ امہٕ نِشہٕ جُدا تہٕ روٗزِتھ تہٕ ۔ شاعری ہیٚکہٕ فلسفہٕ تہٕ اخلاقیاتُک کارگر وسیلہٕ بنِتھ ۔ تمی سنٕز شاعری یہ چھنہٕ ہدایتی انداز مگر اتھ چھُ تصوفُک تہٕ اخلاقیاتُک اکھ معنہٕ سود پسِ منظر ۔ موضوع

نوٚو آسہِ یا پرٛون، شاعری چھےٚ بنان زبانٕ ہِندِ شاعرانہٕ ورتاوٕ مژ تہٕ شل تہٕ شہلتہٕ چھےٚ تمی ہنٛز شعر سوٚمبرن

پھوٚل زبرکیاہ بہار چمن منٛز　　عالماہ لالہ زار چمن منٛز

جلوہ ہاوان کُنہِ چھُ کِتھ پاٹھین　　کُنُ چھُ نوٚین ہزار چمن منٛز

نے چھُ ارمانہٕ کانہہ تہٕ نے حسرتھ　　کیا ونے کیاہ چھےٚ وٕنی دِلچ حالتھ

غافلو وق قریب چھےٚ برونٛہہ سفر مہیب چھےٚ

پردٕ اچھن عجیب چھےٚ پان پنُن ژٕ تہٕ چھےٚ عدو

**محمد ایوب بیتاب** (شیٖن ۱۹۳۹ء - ) چھُ حسن پرس رنٛگین بیان شاعر۔ حُسن تہٕ لولُک رشتہٕ یُس نوٚو شاعری منٛز تقریبن غایب چھُ، سُہ چھُ بیتاب نین غزلن تہٕ نظمن منٛز باوژہندی نٔوی نٔوی امکان روشن کران۔ سُہ چھُ نٔوی نٔوی تشبیہہ تہٕ اظہار دِتھ اکھ بظاہر روایتی موضوعس حاوی سطحس پیٹھ انان۔ بیتاب گوو نہٕ بدلونٛین ادبی ترایِن ستۍ بیہ بلکہ رُود پننس منفرد رنٛگس زیادٕ زیادٕ گنٛہر بخشان۔ تمی سندین غزلن ہنٛز بیاکھ خصوصیت چھےٚ فطرژ ہندین رنٛگن تہٕ رٔنٛگن پننین خابن ہندِس پسِ منظرس منٛز وچھنٕچ کوشش۔

**غلام نبی گوہر** (ژٔر شریف ۱۹۳۵ء - ) رُود ناول نگاری تہٕ تحقیقی کامہٕ ستۍ ستۍ غزل تہٕ لیکھان۔ 'غزل' ناوے چھےٚ تمی ہنٛز شاعری ہنٛز اکھ سوٚمبرن شایع سپنٛز مژ۔ یتھ تہٕ غزلہٕ کِس پسِ منظرس متعلق اکھ مضمون تہٕ چھُ۔ گوہر چھُ غزلس منٛز جدتکِس خلوصس ستۍ ستۍ اظہارکہٕ تکلفُک تہٕ قایل تمی سُند خیال چھُ ز اُرچ ہیکری ہیت تہٕ چھےٚ بدلٕنہٕ تہٕ اُمیُک لفظ راش تہٕ چھُ بدلُن"۔ گوہرنین غزلن چھےٚ طرح ہلہ مش تہٕ تکیاز سُہ چھُنہٕ پنُن غم زمانکہٕ غمہٕ نشہٕ بیون زانان۔

وُن سۄ کیتھ گژھی کٲشرِ کٔنۍ
زُو کٔنۍ زلو کٔنۍ ضمیرِ کٔنۍ
پھٕرِ تہٕ ڈیٚنٹھن دۄہے فقط ذوالچو
اَز تہٕ تمہٕے اندر لسان کاشُر

نشاط انصاری (دلیِنہ ۱۹۳۰ -) چھُ بنیادی ووٚمیذن تہٕ ارادن ہُند شاعر۔ ووٚن گوو تٔمۍ سنزٕ چھُ اُزی کِس سماجی تہٕ تہذیبی بے راہ روی پیٹھ نااُمید تہٕ گژھان۔ تمہٕ سندین غزلن تہٕ نظمن ہنز اکھ غالب خصوصیت چھےٚ موسیقی تہٕ رنگین بیانی ہند امتزاج۔

سفر تاپُر، جنوں، جنگل، غمکۍ امبار کینژھاہ تٕل
مرزٕ کنڈی دۄہ پھہوا الاس جگرٕک نار کینژھاہ تٕل
بیابانک زھوچہر ڈیشتھ مرزٕ ووٚتھمت جنونس تام
زبر گوو ہم سفر تھاوُن دلُک وسجار کینژھاہ تٕل

'گلناس' شعر سۄمبرنہٕ ییٚتہ پیٚنہ نشاط انصاری ہنز بیٚیہ کانہہ شعر سۄمبرن شایع۔ تمۍ چھےٚ پابند ہیٚئر سنز مرثی تہٕ لیچھمرٕ یمن منز فنی زناکژن ہُند لیوٗر خیال چھُ تھاوتہٕ آمُت۔
مشعل سلطانپوری (سلطان کنڈی بابا رشی ۱۹۳۶ء) چھُ نٔو غزلُک بیاکھ اکھ اہم شاعر۔ سۄ چھُ پننس ذاتی غمس تہٕ زمانی غمس کٔنۍ زانان تہٕ اتھ چھُ نوٚین نوٚین محاورن تہٕ استعارن منز پیش کران۔ تنہائی ہُند احساس تہٕ پنُن کانہہ یاد چھےٚ تمہٕ سندین شعرن منز عام پٲٹھۍ نظر گژھان۔

نال رٹٕمٕت چھُ گلن داغ چھُ لالس ہاوُن
ژول اَندری مےٚ دِلن موں پٔہ بسر ننزراوُن
بس یٚمی کوچہٕ گیوٗ برونٹھ سےٚ اکہٕ دوہ تٔمی سُند
بس یِمی تٔس پٔتہٕ پننٕی دود مےٚ چھُم بلراوُن

تتھ بہارس مےٚ دنتہٕ کرِ کیاہ ناو | یُتھ بہارس انارِ بہار دزان
ہتہٕ ستی پکو کرو اَتھہٕ واس | چانہِ بُتھہِ میانہِ پاسہٕ نیرِ یہ دوہ

مشعلن کرِ ازتام ژٕ سوٗمبرنہٕ شایع 'دبراےٚ' پہٕ ھی وَن۔ تٔمۍ چھُ علامہ اقبالٕنِن کینژن نظمن ہُنٛد رواں ترجمہ کوٚرمُت۔

فاروق نازکی (بنڈپور ۱۹۴۰ء۔) پرٛیتھیو علمی تہٕ ادبی ماحولس منٛز۔ اردو شاعری ستۍ ستۍ روٗد سُہ کاشرِس منٛز تہٕ نظمہٕ تہٕ غزل لیکھان۔ تٔمۍ سٕنزن نظمن منٛز چھےٚ تشبیہن ہنٛز جدت تہٕ فراوانی۔ سُہ چھُ کایناتی پزرن ہُنٛد شعور تھاوِنس ستۍ ستۍ عصری زندگیہٕ ہندین دشوار امالۍ اضافی حقیقتن پننہٕ شاعرِ منٛز جسی پیکرن منٛز باوتھ کران۔ تٔمۍ سٕنزن نظمن منٛز چھُ ایجاز تہٕ تہٕ ایجاد تہٕ اسلوبہٕ رٕنگ تہٕ تہٕ جذبہٕ رٕنگرتہٕ۔

کرٕہن افتابہٕ وُچھتھ زٕنہٕ گیس لاکھ ڈیٚچ
گراے دِتھ وُزٕھ تہٕ ووٚنُن کامہٕ دِوس چشموٚ ستۍ
ژٕہ چھِ بیتاب گرٕن وُزٕھ تہٕ سوارس جلدی
وَنھ چھےٚ دشوار گرُس کھرٕیکھ تہٕ سے نارٕ ژھٹان

سُہ چھُ یتھے یاٹھ لحاظی پزرس حد دِمتٕ نیبر گژھتھ ماورایی وسعتن ہُنٛد کوشش ای تٔمۍ سٕنز شاعری چھےٚ بز شکھ اکھ آواز۔ فاروق نازکین چھےٚ روحانی سفرس پیٹھ اکھ

مثنوی تہٕ لیچھمٕژ یمکی کینہہ حصہٕ چھاپ سپدیمتؠ چھِ ۔ اَتھ چھُ عنوان 'ناد'

**سید رسول پونپر** (حسن پور، وچیسور، ۱۹۴۰ء -) آوسٕتؠ مس دٕلس منز بہ گیرکیٚتھ،
شعر سوٚمبرٲنؠ ہیتھ ۔ تٔمہ پیٚٹھ ازتام چھیہ تمٕہ سٕنز بیٚیہ ژٕ سوٚمبرنہٕ شایع پیٚمژٕ: سفید سنگر
تہٕ خنٛد ۔ تمٕہ سٕنز شاعری چھےٚ یٚنہٕ پاٹھۍ ذٲتی وٕنٛنہٕ تہٕ گدرٕ چٕھ باوتھ تہٕ مختلف اہم سماجی
موضوعن پیٚٹھ تہٕ چھُن نظمہٕ لیچھمٕژ ۔

**شفیع شیدا** (خانیار ۱۹۴۳ء -) چھُ پنٕنہ مزاجہ کنۍ حسن پرس تہٕ لولہٕ موت شاعر۔
حُسن انسانی آسیتن یا مناظرٕ ہُند، سُہ چھُنہٕ اَتھ پٮ۪ٹھ نذرانہٕ سوزنہٕ روس روزان ۔ تمٕہ سٕندس
لولہٕ کس جوش افزوز لہجس پتہٕ چھےٚ تمٕہ سٕنز موسیقی ہنز کل ژٕلتھ اکھ خوشیوٚن نغماتی طرح بنان
یُس عوامس منز مقبوٗل ہیکہ سپدتھ ۔ امار پچھےٚ تمٕہ سٕنز گوڈنچ شعر سوٚمبرن ۔

**واسدیو ریہہ** (بٹہٕ پوٗر سوپور، ۱۹۲۷ء -) چھُ ساہنو بزرگ شاعرو منز اکھ ۔
سُہ رُوٚد زنٛدٕ کول تہٕ دینا ناتھ نادم بس اثرس تل ۔ روحانی تلاش تہٕ انسان نوازی چھےٚ
تمٕہ سٕنز شاعری ہُند اظہار بنان ۔ بینایی تہٕ آسنہٕ کنۍ چھُنہٕ تمٕہ ہندین شعرن منز بصری
پیکر بلکہ چھ سُہ سمعی تخیلس کام ہیتھ یہ کمی پوٗرکران ۔ 'شب گرد' پتہٕ آے تمٕہ سٕنز بیٚیہ
ژٕ شعر سوٚمبرنہٕ تہٕ چھپیتھ ۔

عصری دورس منز چھُ شاعرن ہُند اکھ بار تعداد یم ساری چھِ پننہ پننہ مخصوص
انداز کاشُر زبانی مالدار کرنہٕ موکھ یا کانہہ سماجی تہٕ اخلاقی ذمہ واری نباونہٕ موکھ تہٕ پنین
خالص لمحاتی جذباتن اظہار دنہٕ موکھ نظمہٕ تہٕ غزل لکھان ۔ **مسجود سیلانی**
(ڈلگیٹ ۱۹۳۶ء -) چھُ ژٕ مجموعہٕ 'شہجار' تہٕ 'ملال غم' ہیتھ موضوعی شاعری
ہُند اکھ مقبوٗل شاعر ۔ تمٕہ چھُ پرتھ قسمہٕ کس موضوعس پیٹھ لیوکمت تہٕ سُہ چھُ

شاعرٕ یہ سماجی تبدیلیہ ہُند اکھ کارگر ذٕریعہٕ زانان۔ غلام احمد گاش (خانیار ۱۹۴۰ء۔)
چھُ پتمیو وُہو وَرِیُو پیٹھ نثری تہٕ آزاد نظمہٕ لیکھان آمُت یمن منز عصری زندگیہ
ہِندِس انتشارس تہٕ تشددس پیٹھ تہٕ اَتھ منز ہینہٕ آمتس شاعرسٕندِس تنہا وجودس پیٹھ
افسردگی ظاہر چھےٚ کرنہٕ آمژ۔ مکھن لال بیکس (کرہٕ ٹھٕلۍ محلہ سرینگر ۱۹۳۹ء۔ )
تہٕ چھُ آزاد نظمہٕ منزٕ پننہٕ زخمی بُتایہٕ ہنز ترجمانی ہیکمُت کٔرِتھ۔ موتی لال ناز
(۱۹۳۷ء) چھُ نظمہٕ کیو غزلس منز پوٗرٕ مہارتہٕ سان پننہٕ باغیانہٕ شعورٕچ باوتھ کران۔
وۄں گوو شُہ چھُنہٕ مسلن ہُند حل پیش کران۔ کینہہ نظمہٕ کینہہ غزلہٕ چھےٚ تٔمۍ سنٕز
شعرٕ سوٚمبرن۔ شمبھو ناتھ بٹ حلیم (اٚرہٕ کولگام، ۱۹۲۱ء) چھُ بدستور ترقی
پسندی ہنز ترایہٕ پیٹھےٚ قایم۔ تٔمۍ لیٚچھ شرن ہنز بابتھ اکھ ذٕریعہٕ کتاب 'بالہٕ یار'۔
محمد احسن احسن (حاجن ۱۹۳۷ء) چھُ نظمہٕ تہٕ غزل دۄشونے فنی نزاکژن ہُند
خیال تھٲوِتھ لیکھان۔ عبدالغنی ندیم (نوٹ ۱۹۴۲ء) چھُ غزلس منز کامیاب۔
تٔمۍ ہندین غزلن منز چھُ تٔمۍ سُند پرزٕ ھیوٗن تہٕ وبالی روٗح معنی زھارنہٕ بابتھ اوند لکھیس
وۆن دِوان۔ محی الدین گوہر (سوپور ۱۹۴۰ء)، مکھن لال کنول سوپور ۱۹۳۶ء)
رادھے ناتھ مسرت (نزانہٕ پور ۱۹۳۹ء) ستار احمد شاھد (کاوڈور ۱۹۳۴ء)
پرتھوی ناتھ سایل (شالہٕ کدل ۱۹۳۸ء۔) شاھد بڈگامی (بڈگوم ۱۹۳۷ء۔)
منظور ھاشمی (وترگام پٹن ۱۹۳۵ء) سوم ناتھ ویر (لکہ بون اسلام آباد ۱۹۴۲ء)
نراین کول یار باش (اکنگوم کولگام ۱۹۳۷ء) موہن لال آش (ویجبیور ۱۹۴۴ء)
پیارے لال ہتاش (ویجبیور ) شوجی کرنڈی گامی (کرنڈی گوم ویجبیور
فرحت گیلانی (مدین صاب سرینگر ۱۹۳۶ء) غلام احمد غافل (۱۹۳۹ء)

(فتح کدل ۱۹۳۲ء) امام الدین مخمور (دروگجن ۱۹۳۱ء -) مکھن لال مدن (شیین ۱۹۳۸ء -م) عبدالرحمان طالب (شیین ۱۹۲۷ء) شہباز راجوری (باروٹ رازوری ۱۹۴۰ء) پریم ناتھ پریمی (گنپت یار ۱۹۲۳ء) غلام نبی آتش (ناین اسلام آباد ۱۹۴۳ء) کاشی ناتھ باغوان (اسلام آباد) نراین کول یارباش (بوگام کولگام ۱۹۳۷ء) وشوا ناتھ وشواش، محمد امین شکیب (سوپور ۱۹۴۰ء) موہن نراش (ڈلحن یار ۱۹۴۴ء -) عبدالغنی نثار (شاہ آباد ۱۹۴۵ء) منشور بانہالی عالیشہ مستور (سرینگر) جوگندر سنگھ شان (ترال) رگناتھ کوستور (سوپور) (بانہال ۱۹۴۸ء) شیخ راضی (کنہ پون ۱۹۴۳ء -) محمد عبداللہ عارج (کٹھ کونڈ ژوڈر ۱۹۴۴ء) مشتاق پوگلی (پوگل پرستان) تہٕ چھ بٮ۪نہ بٮ۪نہ اندازٕ پٮ۪ٹھ موٗہوٗ پٮ۪نٕژہ ہوٗرٮ۪ی پو بیٹھ لیکھان آمتی تہٕ یمو منز چھُ کینژن دیٚنٕہ کلام چھوپمُت تہٕ۔ یم ساری چھِ پٔنٕنِس پٔنٕنِس حلقس منز سیٹھاہ مقبوٗل۔

ازٕکس دورس منز چھِ کینژہن شاعر الگ پاٹھی تہٕ ادبی ترایِن کُن توجہ کرنہٕ ورٲے شاعری اکھ عبادت زانٕتھ اَمہٕ ذریعہٕ اسلامچ خدمت کران تہٕ ازتام چھُکھ اتھ مقدس کامہٕ منز تھوٚد مقام حاصل کوٚرمُت۔ یمن شاعرن منز چھِ عبدالرحمان آزاد (کوئیل پلووم ۱۹۲۴ء) مشتاق کشمیری (سرینگر ۱۹۳۲ء) محمد عبداللہ طاری (شیین، ۱۹۳۹ء) سلطان الحق شہیدی (علی محمد شہباز (شاٹھ گونڈ بالا ہندوور ۱۹۳۹ء) خاصکر تھ قابل ذکر۔ عبدالرحمان آزاد چھُ علامہ اقبالس بٔنٛہٕ زبردس متاثر تہٕ سُہ چھُ پوٗرٕ فنی مہارتہٕ سان کاشرس منز تہٕ سُہ جوش تہٕ جلال پادٕ پرٛھان کرٕنٛ یُس اقبالنہٕ شاعری ہُند امتیاز چھُ۔ اتھ دٔس تہٕ چھُ سُہ کاشرِ شاعری منز پنٕنہٕ روایتُک ہُند تہٕ پوٗرٕ خیال تھاوان۔ عبدالرحمان آزاد چھُ غزلس منز فکرتہٕ

جذباتن میُل کرِتھ اکھ مستند اسلوب شیران:

دوراہہ اوٚش وسہم نہ تہ کیتھ کنہٕ ہلم برن
زتنین چھےٚ کیاہ خبر زبےٚ پرٛہ ماچھ آفتاب

معطر معطر یہ سورٕ ے فضا گو　　　شرونہل موٚت ہوا ڈوٚل کتھن ابتدا گو
دِتم بوسہ نورس تہ نورٕ علیٰ گو　　　محبت یہ تےٚ گو تہ تیٚلہٕ ونتہ کیاہ گو

مشتاق کشمیری نہٕ باپتھ تہ چھنہٕ علامہ اقبالؔ محض اکہٕ زمانُک اکھ عظیم شاعر بلکہ شاعرن ہندِ خاطرٕ اکھ رہنما اصول۔ شوبِ محشر پرٛتھ چھُ نانن زِ خیال تہ فلسفہ کیتھ پاٹھی ہیکہٕ شاعری وسعت تہ زینت بخشتھ۔ مشتاق کشمیری چھُ پننہ شاعرانہ استدلالہ سےٚتی خستہ لدن تہ لاچارن ناامیدی تہ افسردگی ترادنس پیٹھ تہ یہاوُک عظیم مقصد زانُنس پیٹھ تہ مضبوط اراد تھاونس پیٹھ قایل کرنچ کوشش کران۔ یتھ چھنہ شاعری فقط پننٕ ذاتی حال باونُک ذریعہ بلکہ اسلامہ کہِن آفاقی اصولن ہندِ تبلیغُک ذریعہ۔

ہیتھ پرٛد تھاوُتھ ژھایہ کرکھ یوسہ تہ کانہہ حرکتھ
دنیا ژٕ تھوتُن بے خبر اللہ وُچھان چھُے

شوبِ محشر، مانچھ گن، لال چوک شعر سومبرنو علاوہ چھےٚ تمہ بیٚیہ تہ کینہہ لوکچہ لوکچہ کتابہ شایع کرِمژٕ یم سیٹھاہ مقبول چھےٚ۔ یتھے پاٹھی چھُ محمد عبداللہ طاری تہ پننہٕ خاندانُک علمی تہ ادبی شولہ وُن ژونگ برونہہ کُن پکناوان تہ پننہ زمانکۍ حالات سہل کرنہٕ موکھہ شاعری ہُند کامیاب وسیلہ ورتاوان۔ اُزُک انسان ہیکہٕ تیٚلی ذلتہ تہ فنایی نِشہ بچتھ ییلہٕ سہ اسلامہ کیٚن بُنیادی فلسفس کُن واپس پھیرتھ رسمن تہ رواجن منٛز مذہب زانُنہ ورٲے پننہٕ جہالت دوٗر کرِ۔

شیخ راضی چھ کلام اللہ تہٕ حدیث کہ نورٕ آگرٕ منزٕ بے شاعری ہُند قوت حاصل کران ۔
نورٕ علی نورٕ چھُ تِمہٕ ہنٛز عقیدتی شاعری ہنٛز سوٗمبرنہٕ ناو ۔ غزلن ہنٛز سوٗمبرنٕ "ہمرنگ"
تہٕ چھپن حالے شایع گژھٕمٕژ۔

عصری شاعری چھُ کلس بیٛٹھ غمناک لہجہٕ ۔ مگر شاعرن ہُند اکھ الگ گرُوپ چھُ یِم
از تہٕ طنز تہٕ ظرافتہٕ ہندی زعفران زار پھوٚلراوان چھہٕ ۔ مکھن لال محو (ڈلحن یار ۱۹۲۶ء)
ظریف احمد ظریف (سرینگر ۱۹۴۳ء) خضر مغربی (چوٚڑ بازار ۱۹۲۱ء)
ایوب صابر (بوگام کولگام- ۱۹۳۸ء) اومکار ناتھ شبنم (زاینہٕ پور ۱۹۴۵ء)
شریف الدین پروانہٕ (رتن پور ۱۹۳۰ء)
چھہٕ اکھ مادانس منز خاصکر تھ قابلِ ذکر۔ یِمو شاعرو چھُ کاشرِ شاعری واریاہ اضافہٕ کوٚرمُت
تہٕ کینژو چھےٚ پننہٕ شعر سوٗمبرنہٕ تہٕ شایع کرمٕژٕ ۔ یِہنٛز شاعری چھےٚ شہرگامہٕ سیٹھاہ
مقبول ۔

شیٚیمہٕ دہلہٕ بیٛٹھ ازتام بدلے یہٕ نہٕ کانہہ ادبی تحریک ۔ گوڈٕ گوڈٕ ییمہٕ جدیدیتُک
سیٹھاہ شور اوس، سو تہٕ پرانے یہٕ ۔ رودٕ نی چھُنہٕ دراصل کانہہ تہٕ شاعر کنہٕ تہٕ تحریکہٕ یا عام
رجحانس ستی پان وابستہٕ کرُن یژھان ۔ یہٕ چھےٚ اکھ خوشگوار تبدیلی مگر ییلہٕ ییمن
ترجمن وٕرین ہنٛز شاعری کلس بیٛٹھ سام ہیمو، مقدارٕ زنگو تہٕ ہیتی رنگ لبتہٕ گی
رکنی چھنہٕ اسہٕ کانہہ کمی، مگر اظہارس پیٛٹھ پردٕ تجزیٕ یک رنگی تہٕ استعارچ تنگ
دامانی چھےٚ ضرور مایوس کران ۔ یہٕ تہٕ چھُ پزر زِ بزرگ شاعرو منز چھہٕ کینہہ دوٚنہٕ

تہٕ شاعرِ ہنز تخلیقی تیٖہہ برقرار تھاوِتھ، مگر عام پاٹھۍ چھِ تمے خودفریبی تہٕ پانہٕ بیزارِ ہندی ژھری جذبہٕ زمانہٕ کِس انتشارس پیٹھ بیان تہٕ گژھان تمے استعارٕ تہٕ تشبیہہ نظر گژھان۔ ستھٹھیارکۍ یہٕ حال بدلاونس منز کیٚنژو نوٚو شاعرو کوشش یمہٕ کُنہٕ حدس تام کامیاب روٗد۔ شفیع شوقؔ (کاپرن ۱۹۵۰ء -) چھُ یمن نظمن تہٕ غزلن منز پانہٕ بیزارِ ہُند انداز ترٲوِتھ تجربس پننہٕ ذاتہٕ کہ غلبہٕ نشہٕ آزاد کرُن۔ شاعرِ منز مصوری تہٕ مجسمہٕ سازی ہنز خاصیژ نمایاں کرنہٕ، شاعرِ ہنز لاگنہٕ آمژ موسیقی ترک کرِنۍ تہٕ نظمہٕ ہنز ہیٚیژ منز ربط تہٕ ضبط پٲدٕ کرُن۔ مگر اکھ یتھ ستۍ چھُ یتہٕ خیال تھاونچ کوشش کران زِ شاعرِ ہُند مرکز گوٚژھ توٗتہٕ فردے روزن یُس اکھ زمینہٕ وول، سوچن وول، کھوژن وول، ولسنس پننہٕ وول تہٕ احتجاج کرن وول اکھ فرد چھُ، یُس زمانی تہٕ مکانی حدن منز مفقود چھُ۔ شفیع شوق چھُ مروجہ استعارٕ بدلہٕ نوٚو استعارٕ تلاش کران تکیازِ سُہ چھُ زانان زِ استعارس ستۍ گژھہِ شاعرس مکمل قولہٕ ہٲری آسٕنۍ تہٕ استعارٕ چھُ زمانہٕ پتھ زمانہٕ شعوری عملہٕ کِس اثرس تَل بدلان روزان۔ شفیع شوقنہِ غزل تہٕ تمۍ ہنز وارِیاہ شایع سپٕز مژ نظمہٕ مثلاً "تہٕ پتہٕ بہٕ" ، مسافر تہٕ جاناوار، من گرہ، آزادی، بے منزل سفرُک ناگہاں انجام؛ پننہٕ وٲلی ہندہٕ ناد، بیترِ چھےٚ شاعرِ متعلق تمۍ سندِس تنقیدی نظریہس مطابق۔

رفیق راز چھُ مختلف اندازٕ جمود پھٹراونچ کوشش کران۔ تمۍ سندی غزل یِم زبردست مقبول ییٚدی، چھِ بدستورٕ ذاتی دٕکھس بادٕ کتھ کران، مگر تمۍ سندین غزلن منز چھُ خوابکُ ہیوٚ طلسماتی فضا تہٕ غارمروجہ استعارٕ تہٕ اندرٕ وتہٕ ملیومُت سازُت اکھ پُرکشش طرز بناوان یتھ وارہپہ نوٚو شاعرو تقلید کرنچ کوشش

کٔر۔ راز چھُ بعضے عروضی تجربہٕ تہٕ تھیٚھ ژھنن ووٚل قافیہٕ تہٕ ردیف ورتاونہٕ باپتھ تہٕ غزل لیکھان۔

بہٕ چھُس نہٕ موٚت ژٕ ڈیپے لامکاں چھُ آبے آب
مگر مے سرچہٕ پدرن تَل وُزاں چھُ آبے آب
اکھ دمہٕ بیوٚکھ مے نشِ اَر یُس بیٹھ تہٕ وٚونُن
پوٚت نظر دِیہٕ نہٕ یہٕ ڈریاو مے وٚونس نہٕ کینہہ
بہٕ زن یور کُنُن پتھ بیوٚسُت کھلاڑی
ژٕ زن اُنتھ روٚس ہالہٕ ماٗدان ہیٚو

گلشن مجید چھُ اتھ برعکس پننین نظمن منز شاعرس ہُند کمال ہیتر پیٹھ غالب سپدِتھ اتھ مسمار کٔرِتھ نوٚ ترتیب دِنی تہٕ یکسر اکھ نوٚ زبان گٔرنی زانان۔ تس نِش چھُ نظمہٕ ہُند مرکزی کردار تہٕ شاعر سراسر ژٕ الگ شخص یِم بعضے اکھ اُکس مخالف تہٕ ہیکن آسِتھ۔ سُہ چھُ نظمہٕ منز اکہٕ بہانہٕ یا بیٚیہٕ بہانہٕ آہتی ساری غیر ضروری لفظ تہٕ وضاحتی فعل ترک کٔرِتھ اجمال یاد کران تہٕ یہ چھُ تمہٕ سِند ابہامُک بنیادی وجہ۔

نوٚین شاعرن منز چھِ بیٚیہٕ تہٕ کینہہ عام روایژٕو نِشہٕ گریز کٔرِتھ پننہٕ پننہٕ طرزِک ٹاکھ یمن منز خاصکٔر تھ م۔ح۔ ظفر (پٹن ۱۹۵۰ء) غلام احمد آجز (ورمل ۱۹۴۵ء) تہٕ مُنیب الرحمان (سرینگر ۱۹۶۰ء) خاصکٔرِتھ قابلِ ذکر چھِ۔ م۔ح۔ ظفر چھُنہٕ یژھان ژٕ شاعری کیاہ گژھہِ فکری عنصر نِش چھینی آسنی تیکیازِ سُہ چھُ زانان ژٕ جذبٕچ اہمیت یُس زِنادس سیٚتی مستی گژھہِ

شاعر فکری تہدآری تہٕ پاڈ ہیکُن کرُتھ تہٕ نیلی چھےٚ شعرچ کانہہ افادیت۔

عجیب حادثا سپدُ ظفر کیتھن کیتھن اندر نفر پنُن جُدا سپدُ وو پرنفر چھُ ہم خیال
پرپژھ ژٕےٚ کیاہ چھےٚ پرژھُن ژیتھ مہٕ رُچھ
میانہٕ ژھوپہٕ ہُند صدا بنِ مہ گژھ

اَمہٕ وانسہٕ ہندی بیٚیہٕ کیہنہ شاعر چھِ عبدالاحد فرہاد (صورہ ۱۹۴۶ء) شام لال پردیسی (کولگام ۱۹۴۰ء) اقبال فہیم (گوجوور ۱۹۵۰ء۔) غلام محمد غمگین (دارو سیتھر سنہ وور وڈل ۱۹۴۳ء۔) رشید ارشاد (قلمدان پورہ سرینگر) رنجور تلگامی (تلگوم وڈل) فیاض تلگامی (تلگوم وڈل) غلام رسول جوش (کنہ دجن ژرار شریف ۱۹۵۰ء۔) سعدالدین سعدی (اکہرر ۱۹۴۸ء) ۔ گلزار حضر تبلی (حضر تبل)

نوٚیمس ڈٲلس منز ووتلے یہٕ کیہنہ نوٚ آواز ۔ بشیر عارف (سرینگر) شاد رمضان (کولگام) رخسانہ جبین (سرینگر) تیج راول (سرینگر) نسیم شفائی (سرینگر) مجروح رشید (اُرونی اسلام آباد) شمشاد کرالہٕ واری (کرالہٕ وور) محمد یوسف مشہور؛ معراج ترکوی (ریٚنہ وور سرینگر) عبدالخالق شمس، محمد یوسف فگار، بال کرشن سنیاسی چھِ خابن تہٕ اساطیرن ہنٛزہ شاعری ہندین پیکرن ہند آگرُ زانان تاکہ موضوع ورگہ باوتھ سپدِ ممکن:

اُلُن کیتھ راتھ ہیتھ لگی الس لمس پیٹھ
ژُوُس جالُن چھےٚ لمہٕ لَم
رکھ گاہ ہیتھ قدم اَسہ پیٹھ چھےٚ کھالان
مےٚ لیوکھ بیٚیہٕ چانہٕ ناوے
شام دپنہٕ کیاہ ! (نظم: عبدالاحد فرہاد)

ہیر پدٕ ین آس فرٕشٕ چھکھ گناں خوٗنہٕ برٕ زٕ
اُنہٕ بہو اوس اسن واں ہراں برٕ پہٕ مٕشرٕ
گرٕتھ خدا بوٗزن مہ لوٗ ین چانہٕ حُسنُک آفتاب
وٲنسہٕ ہند اکھ اکھ تبسُم وٲتنے انجام ہو (شادرمضان)

---

یتھٕ سرس چھا کٲنسہٕ دٕین بینہٕ تار اُز
تتھٕ زٕدس پیٹھٕ آسہٕ لُکھ بیدار اُز
جشنہٕ بروٗنٹھے کٲرٕ ونٹھ جاناورس
گندٕ نہٕ درامت شاہ چھُ ہتھ تلوار اُز (نسیم شفائی)

---

شامہٕ گٹہٕ منز دٕزاو بُتھہٕ پرٕ داہ تھوٕتھ
دوہہٕ گاشُن بُتھہٕ زلُن پننو اُتھو

زٕنے ڈیشتھ نبُس تارکن نوٗ پھلے لُج
زٕنے ڈیشتھ جہانس زمینس ونُن زٕ ج
وٕچھس سج پرٕ یتھ دٕ دوٕلس نوٗ طراوت
پتھرٕ ییمتین کرتہٕ نظرٕ عنایت (معراج ترکوی)

---

گمنام زُوِچ راتھ گناں میون سیاہ دل
اکھ نظرِ عنایت تہٕ منٛدٕنی تاپھ پیٚیِنا

زٔے گاشہِ شہرٕ چھکھ تہٕ عیاں حال چھُے میونُے
ہے گاشہِ میتو میون کرٕزل وَن ژٕ ترکھنا

مجروح رشید

---

گامہٕ اندٕ یکٕے تہٕ چھوکُن نار سنٛز ہیٚل وُچھنہٕ گیٚس
تورٕ یوٗن مےٚ موٗنگُن آب رٕنیٚہِل وُچھنہٕ گیٚس

رُخسانہ جبیں

---

دُچھان منظرو اندٕریٚ تہٕ چھم پننٕ نظر ژھاں
وَٹان اُچھ اندٕری اندٕری ژٕٹان دِل جِگر ژھاں
سو رانتھ لولہٕ راتھ ڈٕج، مدارٕ کاینات ڈوٗل
یہ دوہ کڈٕن چھُ کوہ کڈٕن ووٗن چھم بہر بہر ژھاں

غلام محمد غمگین

---

دشتِ اِمکان چھُ امکان سفر! زاٚنتھ رووٗس
سُکھ تہٕ بے رنگ نظر ہتاپہٕ تُرٕزٕ زاٚنتھ رووٗس
مُژٕ گر میاٚنی نظر، میانہٕ تصورٕ زامٕژ
نظرِ میزان بناوُن چھُ سنٛزٕ زاٚنتھ رووٗس

غلام محمد آجر

اَمہٕ طرزٕ کی چھہ بیٚیہ تہٕ کینہہ نوجوان شاعرن منٛز رشید سرشار، عزیز حاجنی، فاروق فیاض

بشیر اطہر، شہزادہ رفیق، حمید ناصر، نذیر آزاد، برج ناتھ بیتاب، محمد اسماعیل آشنا، رشید راشد، علی الیاس، عسرت حسین، دلشادہ شمسی، ثریا شفق، علی محمد نشتر، واجدہ تبسم، فہمیدہ میر، محمد سبحان شوقین خاصکر چھ قابل ذکر۔

کأشرِ پٕنٕ شاعرن ہُند اکھ بوٚڈ کاروان چھُ وٕنکین اَتھ بروٚنٹھ کُن۔ یمن منز چھِ مرزا عارف تہٕ غلام رسول نازکی ہوِی تجربہ کار بزرگ تہٕ تہٕ ثریا شفق ہِش جوان سال شاعرہ تہٕ۔ وُچھُن چھُ زِ بروٚنٹھ کُن کم توٚی طرح ین بارسس تہٕ کُم ہوِی طرح روزن یاد، ڈٕرکی حصہ بنِتھ۔ کأشر شاعری چھُ ییلی کانہہ مستقبل ییلہٕ تہٕ بنیہ اکہٕ پھِر حقیقی زندگیہ ستی رشتہ جوڑِ۔

# افسانہٕ

افسانہٕ رُوٗدُ سینے مہ دلہٕ لُور کُن تہٕ سانہٕ فکشنچ ساروے کھوتہٕ اہم صنف شیٹھ پتہٕ لگی سانین شاعرن ہندی پاٹھی افسانہٕ نگار تہٕ افسانہٕ چہ کلھم ہیٚتر، اَمہٕ کہٕن جُزن تہٕ اَمہٕ کِس باوٕرلس پیٹھ نوٚسر غور کرنہٕ۔ سون افسانہٕ نگار لوٗگ محسوس کرنہٕ زِ افسانس منز بروٚنٹھے تیار سماجی واقع پیش کرِتھ چھِ افسانہٕ زندگیہ ہنز پرٕڈی بنان نہٕ زِ اَمیک خرکہٕ ژلہٕ نمُت احساس تہٕ یہ کرنہٕ ستی چھُنہٕ سُہ پننی ذاتی تخلیقی طلب پوٗرہٕ کران بلکہ چھُ اکھ نتہٕ بیاکھ پسراونہٕ آمُت سماجی رول ادا کرِتھ سانگ لاگان ییتھ نہٕ احساس تہٕ جذبن منز یادٕ گامتس تخلیقی تناوس ستی کانہہ واٹھے چھُ۔ یہ احساس ہیتھ آو افسانہٕ نگار فرضی تہٕ نظریاتی خارجی حقیقژ پیٹھ پننہٕ داخلی حقیقژ کُن واپس تِکیازِ یہے داخلی حقیقت چھے خارجی حقیقژ ہند صحیح ترجمان۔

کأشر افسانہٕ نگار گوو نوین فلسفیانہٕ ترایو ستی تہٕ متأثر خاصکر تھ زمان و

مکان کہِ جدید تر تصور ہیتۍ۔ برگسان سُند یہ تصور زِ وقت چھُنہٕ زمانی لحاظہٕ ترتیب وار واقعن ہُند برونٹھ کُن رفتار بلکہ چھُ یہ محض اکھ بہاو یتھ منز الگ الگ واقع کانہہ تہٕ مطلب چھِنہٕ تھاوان۔ زمانس متعلق یہ تصور گو وافسانہٕ کس پلاٹس پیٹھ تہٕ اثر انداز تہٕ یہ رودنہٕ وونی کُنہٕ فرضی واقعہٕ منطقی ترتیب بلکہ ذہنچ اکھ کیفیت یتھ منز پتھ کال تہٕ از کال یکہٕ وٹہٕ زلیتھ اکی آہنہٕ وار یاہ شعور چھ وہ تلاوان۔ یمنے یکہٕ وٹہٕ شعورن ہنز ترجمانی چھ کردار بنان۔ افسانہٕ چھُ کُنہٕ مخصوص زمانہٕ تہٕ مکانہٕ کس حلقس منز کانہٕ مخصوص فرد ہنز مخصوص شعوری کیفیژہ ہنز دریافت۔ اَتھی قاد کرنہٕ آمتس برزس منز چھنے تمی ہنز ساری حقیقت تہٕ ساری دلیل۔ افسانہٕ نگارس چھُ یوہے زارنہٕ آمت برزُن پوٗر پٲٹھ تہٕ سان لسانی گرتس منز اُنُن کوشش کران۔

افسانہٕ چھِ امہٕ نوعیچ گٲہی ہن۔ آغاز کوٗر اختر محی الدین، ہری کرشن کول تہٕ فاروق مسعودی ہنو افسانو۔ اخترنی امہٕ اندازٕکی نوین افسانہٕ چھِ واحد متکلم شخص افسانُک مرکز بناوان یُس خود افسانہٕ نگارٕ سنزِ شخصیژ ہُندے ترجمان چھُ بنان۔ مثلاً "گِہے تابھ گِہے شہل" افسانُک "بہ" چھُ کانی ہاوسچ وہ سہ درہ سہ منز تنہا پانی پانس سیتی ہمکلام تہٕ پننس نہدار شعورس زانی یاب سپدان تہٕ کانی ہاوسہ نیر تھ وند نیرگٹہٕ کارس منز تاپہ سیتی شعلیمژ سڑکہ پیٹھ پکان پکان پنن پان لوتیوٗرت ہیو محسوس کران۔ "روتل" افسانس منز چھُ اصل دق نالوس پیٹھ ہری فشہ سیتی بنیومُت پننزی دول تہٕ خیالی وق چھُ افریکیک گور۔ سورے افسانہٕ چھُ یمن دون وقتن ہُند اکھ اکس منز یپرن تہٕ بس۔ زمانچ فرضی تقسیم چھنے تمی ہنُدین بنیہ تہٕ دار ہین افسانن منز مٹان۔ مثلاً بے چھس بے چھس افسانُک راوی چھُ دوہہ اپارم ہند آسنکہ شعور سیتی پننہ آسنک شعور یاد کران۔

اختر محی الدینن ہنٛز تجریدن کام ۔ تس اگر سماجی پزرن پیٹھ کینہہ ونن چھ آسان سُہ چھ تجریدن منز اَتھ پیٹھ تبصرٕ کران ۔ مثلاً ستہ کتھ افسانس منز چھ راوی پننہ شعورک شعور، ناوِد وانگُ آنہٕ ۔ سارۍ چھِ اتھ برونٛہہ کُن پتھ پانس اصلاح کرناوان تہٕ سماجی مرتبہٕ تہٕ مقام پراوُنہٕ چِھہ دکہٕ درس منز شریک سپدان مگر خالے کاںہہ چھ آنہٕ کِس طلسماتی حارتس منز ہیٛنہٕ پوان ۔ یتھ اکھ شخص اوس محمد سلطان یُس آنٛچ عکسن مرٛراوُن تہٕ سُہ گوو وآراگی تہٕ ژکہ بیہ ستۍ لوٗگ اُنٛ کھلِہ ژلنہٕ ۔ افسانکُ راوی اوس تمۍ سُند حال وُچھتھ آنہٕ لنتہٕ دوٗرے روزان تھو ۔ مگر آخر پیوس سماجس منز لسنہٕ لبنہٕ موکھ گرژھنے ۔ مگر اَنس برونٛہہ کُن پیچھے گوو لس تہٕ سُے حال یُس محمد سُلطانس گیوو ۔ افسانہٕ کِس اَتھ تحریری صورت حالس منز تہٕ چھ افسانہ نگار سماجی مسلن مثلاً جنگل ژوٗرِ بیٹھ، ملاوٹس پیٹھ تہٕ رشوتس پیٹھ تبصرٕ کران ۔ یہ نہٕ افسانچہ ہیٛنز قبوٗل چھ ۔

اختر محی الدینن لیٛکھی کینہہ ہِری اندازٕکی افسانہٕ تہٕ یمن منز خارجی واقعو بجایہ تمثیلی واقعن ہُند وناو چھ ۔ مثلاً ارتقا افسانکُ کچھ کُل چھ پننہ پانہٕ بیزاری تہٕ احساس کمتری منز ہیٛرتھ اکہ دوہہ نکرہُند کیھ واو ژریُنٛ تھیے پننہ آسنکُ معنی تہٕ مطلب زانانہٕ بیمہٕ تہٕ کینژن افسانن منز چھِ غارانسانی چیز شخصاوُنہٕ آمتۍ یمن منز 'ژس' سیٹھاہ پسند آو کرنہٕ ۔ ژکہ کتھ ہُند یہ انداز چھ خوشیوُن ۔ اخترن چھِ کینہہ تتھی افسانہٕ تہٕ لیٛکھی مِتۍ یمن منز جنسی رشتن ہُندین روایتی معیارن بر خلاف نامیاتی معیار چھِ قایم سپدان مثلاً ، ہتک ' افسانس منز چھنے دستارٕ بدلی کردارن بے پناہ شادمانی دِوان ۔

ہرِ ی کوشن کول (زانٛدار محلہ، ۱۹۳۴ء) گوو افسانن منز روایتی دلیلہ عنصر چِھہ جایہ مخصوص واقعکُ ساخت دلچسپیہٕ ہُند مرکز بنادنس منز کامیاب، تہٕ سُہ چھ

واقعہ کھوتہٕ زُر اہمیت کردارس دِوان ۔ تاپھ افسانس منز چھےٚ پوشہٕ کنج گٹنٛرٕ دٕزر
دلہٕ منز پننس نیچوِس پتہٕ نوشہ سٟتی بظاہر خوشحال پاٹھۍ دلہٕ ہُند تاپھ چھاوان مگر یۄہے
تاپھ چھُ تمۍ سٕندِس اوٚندرونس منز گُپتھ یاوُن، احساسَن آشُن تہٕ امارنن کٕنۍ کرِتھ
تمۍ سٕندِس کردارس برونٛہہ کُن انان ۔ "پتہٕ لاران پریتھ" مجموعس منز شامل سارِنے
افسانن منز چھُ کردارس تہٕ واقعس پانہٕ وٲنۍ سیٹھاہ ہیوٗ رشتہٕ ۔ سُہ چھُنہٕ غار معمولی
واقعن تلاش کران بلکہ دوہہ دۄہچہٕ زندگیہ منز سیٹھاہ معمولی واقعن یمن منزٕ
پننہٕ شخصیژ ہنٛز کانٛہہ اہمیت دریافت چھُ کران ۔

ہری کرشن کولُن طنز تہٕ چھُنہٕ تفریحہ کہ غرضہٕ کوٗشش کرِتھ پاد آمُت
کرنہٕ بلکہ چھُ یہ کردارن ہنزٕ بےٚ لاگ عکاسیہ ہُند فطری نتیجہٕ زنتہٕ تہنز بشری فطرت کُنہٕ
دلوٗ شایہ بیٚٹھ دچھنہٕ چھےٚ آمژ ۔ سُہ چھُنہٕ تمن مسخ بناوِتھ پاٹھۍ چاران بلکہ چھُ تم پانے
ہنٛز مکمل ٹھلیتھ اسنس لایق بنان ۔ کردارن ہنٛدۍ نفسیاتی مسلہٕ تہٕ تہنز کنج ادٲیی
ہاوِتھ چھُ ہری کرشن کول پننس کٲہم سماجس سٟتی متصادم لُس سماج سٕنہٕ ستاجھہ پیتہٕ
پرتیھیۄو ۔ لال مجنون قصہ، اکھ صاحب بیاکھ صاحب، حالس چھُ روتُل، شمشان وٲراگ
بٹن ہنٛدٕ خاطرٕ دھرمہ کتھا لیکھہ مسلمان باے تہٕ پرٕتھ ہیکَن، ہیوٗ افسانہٕ چھُ سماجکِس
پھہلاوس پتھر پھیرٕ اکھ کرِتھ کٲشرِ بٹن کیو مسلمانن ہُند عبادت تہٕ نہان پرن وٲلس
برونٛہہ کنہٕ تھاوان تہٕ بیٚیہ تیتھ پاٹھۍ زنتہٕ اَتھ منز افسانہٕ نگار سُند دخل ہیٚنہٕ تہٕ چھُنہٕ ۔
کول چھُ بعضے ٹاکاریت تراوِتھ ورگہ ٹاکاریت تہٕ ورتاوان ۔ مثلاً پروفیسر
چھُ لیکچر دوان زانان زِ سُہ چھُ بیزار روزان کالج آمُت (اکھ عریان کتھ)
سیٹھے پاٹھۍ چھُ سرنٛز کھیل، افسانس منز ٹاکار دنیاہ غائبے گژھان تہٕ کردار

چھُ لرزان زِ تس خلاف چھِنے بار بار سازِش پیدان ۔ اَتھ برعکس ییلہِ خالِص حقیقت
پسندی کاِم چھُ ہیوان "شمشان وَاراگُک" ٹارزن، ڈاکٹر، پیڈرو تہٕ پہلوان چھہِ وقتلان
پہنزٕ ظاہری آزادی تہٕ لاپرواہی تھہنز۔ ذہنی لاچاری تہٕ پامالی ہُند ہو بہو عکس چھِنے۔
یم چھہِ تم مولہ چھینہ لوکہ یمن تہٕ کانہہ تہٕ سکونت چھِنے ۔ پیڈرو چھُ پننہ ماجہ داہ دِتھ
"آزاد" پیدان ۔ "اکی رنگہ تہٕ پریتھ رنگہ آزاد"۔ موج چھِنے تمی ہنز (تہٕ تس پتہ سارنی
ہنز) پرزنتھ ۔ یہ چھِنے پریتھ کانسہ ہنز ٹریجڈی۔

"حالس چھُ ردٕ تل" چھِنے ہری کرشن کولنی دوٚیم افسانہ سوٚمبرن ۔

**فاروق مسعودی** (سرینگر ۱۹۵۰ء) ہندی افسانہ بنے تہٕ افسانک مزاج بدلاونس
منز اکھ اہم سبب ۔ یہ سنتھ پتہ دوٚن ژوٚن وریین لیکھی تمی لوٚتس پتھ کیہنہ تھی
افسانہ یمن منز اکہ پاسہ تمثیلہ ہند دلچسپ وناو تہٕ چھُ تہٕ عصری زندگیہ ہند بیباک
حال تہٕ، اسلوبُک غار روایتی انداز تہٕ تہٕ سانجہ ہنر مندی تہٕ ۔ نوش لب، شین شنہ بدمانی
زگہ ند، کوہ قاف، الفتح، بتر افسانن ہنز روایت شکنی تہٕ بیباک حقیقت پسندی
بنیہ زبردست بحثُک موضوع تہٕ نتیجہ دراو زِ بزرگ تہٕ نوجوان افسانہ نگارٕ گٔی نوٚ
سرٕ پننس فنس سام ہینہ ۔ تہٕ چھُ افسانہ ہنزِ بیہٹھ تمی سُند دسترس تہٕ فنکارانہ ضبط
زٕ سہٕ چھُ جنسی موضوعن پیٹھ لیکھتھ تہٕ پرونو گرافی کہ سوٚتھرٕ نشہِ بلند روزان ۔

**علی محمد لون** تہٕ لیکھی نوٚ رجحانہ مطابق کیہنہ افسانہ یمن منز "ششُ" قابلِ ذکر
چھُ ۔ سہٕ چھُ اتھ منز خود کلامی ہنز تکنیک ورتاوِتھ پننہ وجودچہ تنہا کیفیژ پیش کران
اکھ یتھ منز زِ ہتر ل شعور خدا، کائنات سماج تہٕ پننہ پانہ نشہ تہٕ اجنبی چھُ ۔ اَتھ منز نہ
چھُ کانہہ پلاٹ تہٕ نہ کانہہ واقعہ صرف چھُ اکھ ذہنی منظر نامہ یتھ صرف پانہ راوی وچھان

تہٕ محسوس کران چھُ۔ البتہ افسانک سوانحی عنصر چھُ اُمہِ کِس راوِیس تہٕ پرن وٲلِس درمیان اکھ ژھیٖن بنان۔ اَیکُے اسلوٗب تہٕ چھُ علی محمد لونہٕ پننہٕ شخصیژ ہُند ترجمان یُس اَمِکۍ حد مقرر کران چھُ۔

' آدم 'حوا تہٕ ابلیس' منش تہٕ مدن سر افسانن منز چھُ لونن عشقہٕ کین رشتن ہنز مقامی تہٕ آفاقی اہمیت کردارن ہنز نفسیاتی حقیقتن ستۍ جورمتہٕ۔

تجریدی افسانس چھُ ساروٕے کھوتہٕ اہم دیُت ہردے کول بھارتی (سوپور، ۱۹۳۷ء-) ہُند۔ بھارتی چھُ اَزِ کِس انسانہٕ سٕنز براشیت، تنہائی اجنبیت بہٕ اخلاقی تہٕ روٗحانی قدرن ہُند شکست وریخت ذاتی علامژن ہنٛد وسیلہ پیش کران تہٕ یِمہٕ علامژ چھِنہٕ مخصوص صورت حالس منز گیر کردارن ہند مشاہدہ تہٕ یادٕ دٲشتہٕ منز وۄپدان (ہمزاد، افسانک راوی چھُ سِنز لال چوکس زِنہٕ وقتہٕ کِس تنگ دٲیرس منز ژِھتھ گومُت تہٕ اُمہِ سٕنز نیٖرنہٕ باپتھ چھُ بے قرار۔ تمۍ سٕنٛد مینٛز ژھرنہٕ ژھرٕٹھ چھُ برونٛٹھ کُنہ بینک چہِ باہ پور عمارژ ہنٛدِس روشن دانس بٕنٛش کوٗنز یُس اندر اژنچ کوٗشش چھُ کران۔ سُہ چھُ ہجوٗمس منز ٲسِتھ تہٕ تنہا بنُن الگ دُنیا ہیتھ چوکس منز ووٚدنہٕ۔ تمۍ سٕنز یہ تنہأیی چھےٚ تمہٕ ساعتہٕ ختم سپدان ییٚلہٕ اَپارِ نیرِ دوان اکھ ہجوٗم چھُ پکان تہٕ سُہ چھُ اَتھی منز رلہٕ گژھان۔ سماجی یک سوٗیی یا کنفارمٹی چھےٚ فردٕ سٕنز آزادی ہُند نفی ٲستھ تہٕ تمِس تنہأیہٕ ہنٛدِ خوفہٕ نِشہٕ نجات دِوان۔

تنہأیہٕ ہُند خوف چھُ آزادیہٕ ہُند خوف تہٕ یہ چھُ بھارتی نِن اکثر افسانن ہُند موضوع۔ اَتھ موضوعس تابع چھِ بعضے سماجی موضوع تہٕ تمۍ بنٛدن افسانن منز جاے رٹان مگر تمن ستۍ چھُ تمۍ سُند رویہ سراسر ٹینجنشل۔

بھارتی چھُ نوابن ہنز تخلیقی عمل سبٹھاہ فنکارٚی سان تتھ پاٹھۍ ورتاوان زِ یہ چھےٚ ذاتی معنی کہ حلقہٕ منز نیبرتھ اجتماعی اہمیت پراوان۔ اُتھ چھُ، افسانہٕ نگارٕ سُند شعوٗری انتخاب تہٕ ترتیب تہٕ ہیت دِوان۔ اَتہٕ گنڈ چھِ ڈوپاز کھنجہِ افسانس منز چھُ راوی سُند شعوٗر وقتکی سارٕی تعلق ژٹتھ اکس پرٕزلونس مِنہٕ پھلس منز ازان تہٕ اَمہٕ کس نیبہٕ ناوس منز لوتاکنی تہٕ دیدا منز دلو مالایہ ہندٕن مختلف کردارن پننٕن ذاتی یادن ستۍ میل کران تہٕ یتھ پاٹھۍ چھُ تیتھ اکھ حاٗرت خانہٕ بنان یُس نہ خارجی حوالوستۍ زانتھ ہیکون۔ ژکر وُیہہ، والمیکی رلوٗش چھُ لکھان' بہ چھُس ازتہٕ پنڈارایہ پراران، شتوز آبنوشک رولر، جگرچہ ہلاش ہلہٕ ہند دہ، بیترِ افسانن منز چھُ یتھےٚ پاٹھۍ پانہٕ ژلوٗمنٹ تجربہ مناسب منظرنامہٕ ژھارتھ بردنٹھ کُن تراونہٕ آمُت۔' ژکر وُیہہ چھُ بھارتی نہٕ گوڈنکہ افسانہٕ سوٚمبرنہٕ ہُند ناو۔

**شنکر دیسہ** (وفات۔ لندن ۱۹۷۷ء) ہندی افسانہٕ چھِ سماجی، سیاسی تہٕ اخلاقی مسلوٚنشہٕ دوٗر یمہٕ دنیاکین زندہٕ انسانن ہندٕن دادٕن تہٕ تہندس عذابس مختلف زاوِیو رٕنز وچھان تہٕ تصویر تُلان۔ وۄنہٕ ذکہنز وچھےٚ واری، ہوٚچھنہٕ کُھر، خون، بیترِ افسانہٕ چھِ پرٕن والِس دادٕن ہندٕن وجوہاتن کُن توجہ پھرنہٕ وراٗے تس دادِس منز شریک کران تہٕ تمس منز انسانی آنک احساس بیدار کران۔ شنکر رینہٕ ہنز زبان چھےٚ شوٚز تہٕ صاف تہٕ منظر نگاٗری چھِن کردارن ہندِس جذباتی صوٗرتِ حالس تابع تھاوِتھ۔ تمہٕ ہندٕن افسانن ہنز چھےٚ اکاٗے سوٚمبرن شایع ییہِ زمہٕ، زتبہٕ زول۔

**رتن لال شانت** (بڈی یار بالا، ۱۹۳۸ء ۔ ) چھُ اُتھ برعکس خارجی حقیقت پسندی ہُندے قایل یوٚدوے سُہ مناسب جاین کردارن نفسیاتی جایزہٕ تہٕ چھُ ہیوان۔ یہ چھُ تمہٕ ساعتہٕ ممکن سپدان ییلہٕ کردار خارجی واقعن ہند سببہٕ کنہٕ تناوس منز آورتھ

آسہٕ ۔ تِمَو سُند خیال چھُ زِ " واقعہ ٹھوس آسُن چھُ افسانہٕ کہ واتناوِنہٕ خاطرٕ گوڈنیُک شرط ۔ ٹھوس واقعہ گوو نہٕ صرف حقیقت پسند واقعہ بلکہ کانٛہہ تہٕ توارٕیخی غار توارٕیخی ، خیالی ، خابی یا تِمن تمام امکانن ہِنزن حدن اندر کُنہٕ قسمُک واقعہ یم انسانی ذہنَن ہاوان چھِ ۔" اچھر والن پیٹھ کوہ مجموعس منز شامل افسانہٕ تہٕ تِمہٕ پتہٕ لیکھنہٕ آمتی سارے افسانہٕ مثلاً 'ترٕ کوٚنجل' ۔ بیترٕ چھِ شانت سٕنٛز امہِ تنقیدی رایہِ ہنز عملی شکل ۔ ترکوٚنجل افسانس منز چھِ سریندر تہٕ رتنی ہِنز دوہدِشچ مُرکری پتہٕ اَتھہ پتہٕ کنہٕ تہنٛد لولہٕ رشتہٕ ہاونہٕ آمُت ۔ طلاق نِتھ واریاہہ کالہٕ چھُ تِمن بوزُن تگان زِ تِم چھِ اکھاُکس ورٲے اَڈی تہٕ دوہہ دِشچ زِگے چھِ زندگیہِ ہنز کشش ۔ شانت چھُ واقعن ہٕنٛدٕ بیانہٕ بجایہِ مناسب پس منظر دِتھ کردارن ہنز علاوہٕ تہٕ مکالموسٕتی کتھہٕ بروٚنہہ پکناوان ۔

اوتار کرشن رہبر تہٕ روٗد افسانہٕ نگٲری ہِندس فنس منز پننہٕ والین نوین نوین رجحانن پاناوان تہٕ تِمَو تہٕ لیکھی واریاہ علامتی افسانہٕ یمن منز زِوان ، ژیتھ گامُک اچھ زِ ، تہٕ پیلہِ پرد ووَتھ قابلِ ذکر چھِ ۔ رہبرنہٕ چھُ گوڈنیچ اہمیت کنہٕ فلسفیانہٕ خیالس دِوان تہٕ پتہٕ چھُ اَتھ خیالی منظر ، کردار تہٕ واقع دِتھ افسانٕچ شکل دِوان ۔

امین کامل ، بنسی نردوش ، غلام نبی بابا تہٕ ایس ایل سادھو تہٕ روٗد منزٕ منزٕ پننہٕ پننہٕ منفرد اندازٕ افسانہٕ کہ نوٚو رجحانہٕ مطابق لیکھان ۔

غلام نبی شاکر ( ژونہٕ لوٗر ہاروَن ، ۱۹۲۵ء ۔ ) چھُ اُزِکس ذہنی انتشارس متعلق تہٕ بعضے جنسی رشتن متعلق ورگہٕ پاٹھی لیکھان ۔ تِمَو ہِندی کردار تہٕ چھِ اکایل تصورن ہِندی ناو ۔

بشیر اختر ( گاوکدل ۱۹۴۴ء ) چھُ پننہٕ اندی لیکھی سماجہ چَن تلخ حقیقژن

مثلاً مذہبی ریاکاری، سیاسی جعل سازی تہٕ فندبازی متعلق تمثیلی اندازٕ کی افسانہٕ لیکھتھ سماجی رول ادا کرنٕ پینٛ گوڈنیُک مقصد زانان۔ ووں گوو بیان بازی یا تقریر بازی نِشہٕ بچنہٕ باپتھ چھُ سُہ تواریخی یا نیم تواریخی واقعن تہٕ کردارن افسانہٕ کِس مخصوص فضاہس منٛز انان تہٕ تہنٛزی علامژ ستۍ چھُ پننۍ کتھ باوان۔ دلیلن تہٕ داستانن ہُند یہ انداز چھُ سُہ۔ بعضے ستھۍ معمولی خیالن ہندِ خاطرٕ تہٕ ورتاوان مگر تمۍ ہندِ اسلوبکۍ دل چھ تو تہٕ پرن وٲلۍ ہنٛز دلچسپی برقرار تھاوان۔ 'کوہِ قافکی جن'، فلمی ٹریلر، کینہہ پوز کینہہ سنیپ، ہوٲیی حادثہ چھ بشیر اخترنۍ کینہہ مقبول افسانہٕ

گلشن مجید (قاضی محلہ اسلام آباد، ۱۹۴۹ء) چھُ منٛزٕ منٛزٕ افسانہٕ تہٕ لیکھان تمۍ ہندین شایع سپدمیتین افسانن منٛز چھُ سُہ 'میانہٕ خونچ کتھ'، تہٕ میٚ مازانکھ، افسانہٕ لیکھنُک اکھ نوو طرز بروونٹھ کُن انان۔ یہ طرز چھُ تمۍ ہندین ہمعصرن ہندِ اندازٕ نِشہٕ یمہٕ رنٛگۍ مختلف زِ سُہ چھُنہٕ گوڈٕ خیال بروونٹھ کُن انان تہٕ پتہٕ اُتھ تمثیلی جامہٕ نالی ژھنان بلکہ چھُ گوڈے کانہہ دلچسپ اساطیری منظر یا کردار تصور کران تہٕ تتھۍ چھُ نظمہٕ ہندی پاٹھۍ لوبہٕ اجمالی اندازٕ پیش کران۔ تَس نِش چھنے تہٕ افسانچ زبان صرف اکھ ذریعہ کانہہ تصویر یا منظر ووتلاوُنہٕ باپتھ، بلکہ چھنے زبان پانہٕ تہٕ اکھ مقصد تہٕ افسانس منٛز چھِ لفظ تمۍ ہندِ تخلیقی ورتاوٕ ستۍ پننۍ اصل قدیم تہٕ مُشراومتۍ داستانوی معنی ہیتھ ترتیب لبان تہٕ اساطیری فضا تیار کران۔

شمس الدین شمیم (سرینگر ۱۹۴۹ء-) ہندی کاشُر افسانہٕ چھِ علامتی آسِتھ تہٕ دلچسپ واقعن ہندِ ذریعہ فردکیو سماجِچن کیچھن پردٕ تُلان۔ ناصر منصور (نوشہر سرینگر ۱۹۵۲ء) غلام حسن تسکین (حاجن سوناوٕری ۱۹۴۳ء-) سید رسول پونپر عبدالاحد واحد (بوگنڈ کولگام ۱۹۴۷ء-) رتن لال جوہر (رگھناتھ مندر، سرینگر ۱۹۴۹ء)

اقبال فہیم (گوجوور، ۱۹۵۰ء) چمن لال ہکو، چمن لال کانٹرو (چینی چوک
اسلام آباد ۱۹۴۷ء۔) تہٕ چھِ منز منز افسانہٕ لیکھان۔ غلام حسن تسکینن افسانہٕ سومبرن
"واریاہ داتھ"، رسول پونپر "فی' ووڈی گور گژھکھ"، تہٕ عبدالاحد واحدنی "شہلی تیونگل" چھپتھ شایع سپز مژ۔
پتمن دہن پندہن ؤریین منز گئے افسانہٕ مقبولیت سیٹھاہ کم مگر کینژو نوجوان افسانہٕ
نگارو تھاو توتہٕ اُمی روایت زندٕ مثلاً انیس ہمدانی، نعیمہ احمد، نذیر جہانگیر، سید یعقوب دلکش،
بشیر اطہر، جی ایم آزاد، مشتاق مہدی، برکات تندا، شوکت شہری، کنہیا لال پردیسی، رشید راشد
شفیع سمبلی، محفوظہ جان، آفاق عزیز، فتح شاہین بیدی افسانہٕ چھِ منز منز نظر گژھان۔ حال حالے
چھپے آفاق عزیز تہٕ محفوظہ جانٕنی افسانہٕ سومبرن شینہٕ مانی تہٕ شایع سپز مژ۔ انیس ہمدانی
تہٕ جی ایم آزادن کریاے سیٹھاہ توقع پأدٕ مگر افسوس تم بیدی جوانی منز مرے رحمت
حق۔ فتح محمد شاہینن تہٕ چھپے پننہٕ گوڈنیچ افسانہٕ سومبرن "پوشہٕ گوندٕ" بازر تراو مژ۔

## ناول

ناولہٕ ہنز مقبولیژ باپتھ یُس کلچرل ماحول تہٕ ادبس تہٕ زندگیہ درمیان سرگرم
ہیوت دیُت ضروری چھُ سُہ گودٕ نہٕ کشیر منز ازتام تہٕ پأدٕ۔ نتیجہٕ دراو یہٕ زِ ترقی پسند
تحریکہ ہنز پیٹی پتہٕ تہٕ اگر کانسہٕ کانسہٕ ناول لیکھنچ کوشش کرٕ تس اُس اتھ منز کاہنہ
غأر تخلیقی مصلحت نہٕ زِ پننی تخلیقی کل۔ تہٕ کرٕتھ یم کُنہ تامے ناولہٕ لیکھنہٕ آے یا ترجمہ
سپزٕ تم بنے یہٕ کأشر ادبک اکھ اہم حصہ۔

۱۹۷۲ء منز کوڈٕ غلام نبی گوہرن ناول لیکھنُک اکھ نوو تجربہ۔ تمو زون زِ
ناول چھنہٕ پروپگنڈاہُک ذریعہ بلکہ بُنیأدی طور تفریحُک ذریعہ۔ تمی لیچھ پوتس پتھ زٕ ناولہٕ:
"مجرم" تہٕ "میُل" یمہٕ عشقیہ قسمچہٕ ناولہٕ چھپے۔ یمن منز واقعہ دلچسپی بنیاد بناوٕنہٕ آمژ چھپے۔

'مجرم' چھُے اکھ پُرہیچ عدالتی کیسچ ادبی صوٗرت ۔ یتھ پوٗلسُ یتھ واقع بیان کران کران کردارن پتہٕ ناولہٕ ہندین باقی جزن کُن کانہہ توجہ چھُنہٕ دِنہٕ آمُت ۔ اَمِچ زبان چھےٚ پُتھے رسمی تہٕ زانتھ ماننھ تہٕ غار ضروٗری پاٹھۍ شاعرانہٕ"۔

مِیُل ناولہٕ منز تہٕ چھُ یوٗہے حال ۔ خلیل تہٕ محموُدُن نابالغ عشق تہٕ پتہٕ تہٕندٕ خاندر، خاندر پتہٕ تہٕندٕ طلاق تکیازِ خلیل چھُ نامرد تہٕ اَخرس خلیلن غار اخلاقی جنسی فعلہٕ سیتۍ ٹھیکھ گژھن تہٕ محموُدس سیتۍ دُبارٕ مِیُل ۔ یہ چھُ ناولہٕ ہُندٕ بےتوٗژھ پلاٹ تہٕ اتھ منز چھُ کمرشل فلمن ہندی پاٹھۍ جایہ جایہ گوہرنۍ پننۍ غزل تہٕ رباعیہ شامِل ۔ ساریٖ کردار چھِ شاعر تہٕ شعرفہم تہٕ کلام تہٕ کران غار فطری محاورس منز ۔

حوصلہ شکن حالاتو باوجوٗد رۄد گوہر ناول لیکھنس پیٹھ بہ ضد تہٕ تمۍ ہینز تریٚیُم ناول پنٕز تہٕ پاپ چھےٚ وارِہیس حدس تام کردارن ہنز اصل فطرژ پیٚرزناوان ۔ ناولہٕ ہُند مرکزی موضوع چھُ نیکی تہٕ بدی، گناہ تہٕ ثواب آفاقی قدرن ہنز اضافی خاصیت ۔ مگر اتھ موضوعس سیتۍ سیتۍ چھُ ناول نگارس بییہ تہٕ کینہہ مدعا مثلاً کشیرِ ہندٕ رنگ لبتہٕ فطری حسیٖنٕ عکاسی، پرانہٕ کاشرِ بسکی نوجہ انداز ہاونی، کاشرِ زبانی ہنز اہمیژ ہُند احساس، ماحولیاتکۍ سبق دِنی بیترِ ۔ ووں گوو تہٕ کرِتھ تہٕ چھےٚ ناولہٕ ہندین مختلف عنصرن منز وحدت پاد کرنہٕ آمژ تہٕ پرن وول چھُ حاجی امیر دین نہٕ زندگیہ ہندین مختلف حارثاتن منز مرکزی دلچسپی تھاوان ۔ امیر دینُن نیچوُ جانہٕ تہٕ تمۍ سُند یار یعقوب دٕ چھ دلچسپ کردار تہٕ اَکس گجری کورِ ریشمایہ سیتۍ جانن عشق تہٕ چھُ ناولہٕ ہنز کشش ۔ ناولہٕ ہُند پس منظر چھُ نفیس پاٹھۍ واقعن سیتۍ مشر تھاوان ۔ یہ ناول سپز چھپنہٕ برونہہ ریڈیو پیٹھ قسط وار نشر تہٕ لوکو کرٕ سیٹھاہ پسند ۔

' اکھ دور' چھےٚ بنسی نردوشنٕز گنٛی ناول ۔ ناولہٕ منز چھےٚ تمۍ ہندین افسانن

ہندی پاٹھی منطقی کردار سازی، سماجی حقیقت پسندی، انسان دوستی تہٕ بیانٕچ سادگی۔ نردوش چھُ کردارن ہندِس سوکھس دوٚکھس منٛز پانہٕ تہٕ جذباتی اندازٕ شریکھ۔ نردوش ہیکہِ ہے اکھ اکھ شاندار ناول بناوِتھ اگر تٔمۍ واقعن ہندِس رفتارس تہٕ ترتیبس ایکٕ وِ ناو تہٕ زیٹھر ووٚمُت آسہے مگر واقعہ چھِنہٕ زمانی سکیلہٕ مطابق وہراونہٕ آمتۍ۔

امرمالموھی (مالموہ، ماگام ۱۹۴۰ء ـ) ہنٛز ترِیش تہٕ ترپنٛ چھےٚ اَکِس افسردٕ مزاج نوجوان روینہٕ ہٕنٛز دلیل۔ سُہ چھُ آشایہ ہندِس لوس منٛز گرفتار مگر حالات چھِہ اَتھ منٛز کھٕڑی پادٕ کران تہٕ تٔس چھُ آشایہ ہنٛز بیٚنہِ ویٛنتی ستۍ نیتھر سپدان۔ اَتھ منٛز تہٕ چھِ کردار حالاتن ہندین اَتھن منٛز بل بٹھ ہوی نژان پھیران یِمن چھیہٕ پننٛی کانہہ داخلی شخصیت۔

پران کشورن لیچھ گجرٕ طبقچہِ رومان پرور مگر انتہائی دشوار زندگیہِ متعلق اکھ ناول "شیٖن تہٕ وتہٕ پوٚد" یتھ منٛز پہاڑن تہٕ جنگلن ہندِس پسِ منظرس برونٛہہ کنہٕ راج ولی ہنٛز دیوتا نما شخصیت ووٚتلاونہٕ چھےٚ آمٕژ۔ راج ولی چھُ زنہٕ سارِی سے اوٚندٕ نیکھس ییٚتھ محیط تہٕ تٔمۍ پندیہ سے سایُس تُل چھِ ون تہٕ ونہٕ واسی آباد۔ ناولہِ منٛز چھےٚ بیرا تہٕ لالی ہنٛز لولہٕ کتھ مختلف کردارن تہٕ منظرن یکہٕ وٹہٕ رلاوان۔ پران کشورن چھےٚ اَتہٕ نیرٕ ماحولٕچ زندگی ہمکاونہٕ خاطرٕ موزوٗن زبان ورتاومٕژ۔

حال حالے چھےٚ عادل محمد افضل (ڈنوپوگنڈ کولگام) ہنٛز لیٖچھمٕژ اکھ ناولیٹ چھپتھ آمٕژ "گٹہٕ تہٕ گاش"۔ یتہِ چھےٚ عوامی ذایقہ مدِنظر تھاوِتھ لیکھنہٕ آمٕژ۔ ممکن چھُ کاشرس منٛزِ ناول لیکھنٕکی بیٚیہ تہٕ تجربہ کرنہٕ۔ مگر یہِ ہیکہ نہٕ شاید زبانی منٛز فکشنٕچ معتبر صنف بٔنِتھ۔ نکیازِ ناولہِ باپتھ گژھن نہٕ صرف ذہین تہٕ وسیع مشاہدٕ تہٕ مطالعہٕ واکی لیکھن وٲلی آسنۍ بلکہ گژھن آسنۍ بارٕ تعدادس منٛز تعلیم یافتہٕ پرن وٲلی تہٕ۔ ایکٕ

امکان چھُنہٕ دوٗر دوٗر تام نظرِ گژھان۔ محض ناول لیکھنہٕ باپتھ ناول پَرُن چھُ اکھ الگ مسلہٕ۔

کٲشرِ ناولہٕ ہنز کمی آیہٕ ترجموٗ سٟتۍ پوٗرٕ کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ۔ مظفر عازمن کوٗر لیوٹالسٹاے سنزِ "جنگ تہٕ امن" عظیم ناولہٕ ترجمہ تہٕ یہٕ آیہٕ ژۄن جلدن منز شایع کرنہٕ۔ علی محمد لونن کوٗر گورکی سٕنٛد 'مٲج' ناولہٕ ترجمہ۔ شمس الدین احمدن پھِر مشہوٗر انگریزی ناول 'حاجی بابہٕ' فارسی زبٲنۍ پیٹھ کٲشرس منز۔ ساہتیہ اکادمی ہنٛدِس ترجمہٕ کٲری ہنٛدِس پروگرامس تحت پیٚیہ کینٛژن اہم ناولن ترجمہٕ مثلاً رابندر ناتھ ٹیگور سنزِ 'چوکھر بالی' ہُنٛد ترجمہ "اُچھ کُٹُر" (پی۔ این پشپ) راجندر سنگھ بیدی سٕنٛد "ایک چادر میلی سی" ناولہٕ ہُنٛد ترجمہ "پرانہٕ وار" (رسول پومپُر)۔ یِتھے پاٹھۍ چھُ یونیورسٹی ہنٛدی کٲشری ڈیپارٹمنٹن ترجمہٕ کٲری ہنٛد پروگرام شروٗع کوٗرمُت۔ اَمہٕ کِنۍ طرفہٕ تہٕ پیٚیہ دوٕن اہم ناولن ترجمہٕ یعنی ایملی برونٹی ہنزِ "وُدرنگ ہایٹس" (مظفر عازم) تہٕ ٹالسٹاے ہنزِ "موت" اوان ایلیچُن" (شفیع شوق)۔

# ڈراما

ناولہٕ مقابلہٕ روٗد کٲشرِس منز ڈرامہٕ ہُنٛد ووٚتھ واریاہ بہتر پاٹھۍ جٲری۔ یوٗدوے ترقی پسندی پتہٕ زِنہٕ کٲشرین ادیبن تہٕ کٲشرِس سماجس رشتے ژھیوٚن، مگر ڈراما ووٚچھتہٕ چھُ باسان زِ کٲشر ادب روُد بیٚلنس لوکن ہنزِ زندگیہٕ نِش ژۄن پٲے حاصل کران تہٕ اَمہٕ درٲے ہیٚکہٕ نہٕ ڈراما لیکھنے پِتھ۔

نوٚ ڈرامہٕ ہُنٛد آغاز چھُ گژھان تمہٕ اَیراہہ وٲستہٕ یم سٕنٛہ شیٹھس پتھ برونہہ لیکھنہٕ آے۔ یمن اَیراہن پتہٕ گِنہٕ آس "جشن کشیرِچ" ووٚبہ درووٚپہ۔ دینا ناتھ نادمنۍ اوپیرا بوٚمبُر تہٕ یمبرزل، وِتھ، سفر تہٕ شیٖنہٕ جار، شہلی کُل۔ امین کاملن اوپیرا بوٚمبُر تہٕ لولرے، نور محمد روشنُن ہی مال تہٕ ناگراے تہٕ رحمان راہیُن لول پیٚلہٕ موتس پھوٗر چھہٕ اَمہٕ دورٕک کیٚنہہ یادگار اوپیرا

یمن منز تمثیلن ہنٛدِ ذریعہٕ وقیتہٕ کٔرن سیاسی تقریرن تہٕ پروگرامن ہنز بادتھ اکس کرنہٕ آمژ۔ راہیُن اپرا چھُ اکھ یادگار شعری تخلیق۔

معیاری ڈراماہ لیکھنس تہٕ پیش کرنس لوٚگ زبردس دوہ تھ ییلہٕ کشیرِ منز گامہٕ شہر تھیٹر قایم سپدی تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی ہنٛدِ طرفہٕ آیہٕ انعامی مقابلہٕ منعقد کرنہٕ۔ یِتھین غار سیاسی ڈرامہن منز چھِ اخترمحی الدینٕنۍ زٕ ڈراما 'نٕسۍ ہٕنٛد سوال' تہٕ 'آپن ہور جنگ'، حقیقت پسندی، طنز تہٕ فطری مکالموٕ کنۍ خاصکر تھ قابلِ ذکر۔

ڈراہہِ پہٕ ہنٛج پکناو اوتار کرشن رہبرن تہٕ بردنٹھ۔ تٔمی ہندی ڈراما یوٚد دٕے شایع سپدی نہٕ، یم چھِ ڈراماہ لیکھنٕچ پہٕ نوٗتراے عام کرنس منز اہم رول ادا کران۔ یہٕ چھُس ژوٗر، دوہ لہرش تہٕ اولاد آیہٕ لوٕ تہٕ واُے مکالمہٕ تہٕ چست پلاٹ آسنہٕ کنۍ عام پاٹھو پسند کرنہٕ۔

شام لال در بہار تہٕ روٗد ٹٔنزٕ منزٕ سٹیجہٕ بابتھ لیکھان۔ کمر دوتہٕ انسان، یہٕ دُتھ کوٚت گرٛنھ، تہٕ کھوٚٹ چھِ بہارٕنۍ کینہہ افسانہٕ۔

۱۹۶۰ء منز ییلہٕ ٹیگور ہال بنیو ڈکاشرین ڈرامانگارن تہٕ میوٗل پنٕنہٕ سرگرمیہٕ جاری تھاونک موقعہٕ۔ ووٚنۍ سپد سٹیجس چھِ نٔوٕ نٔوٕ ٹیکنیکہٕ ورتاوُن تہٕ ممکن۔ اَتھ سٟتۍ آے کینہہ باصلاحیت اداکار تہٕ بروٚنٹھ کُن یمو لوکن ہٕنٛدین دِلن منز جاے رٔٹ۔ یمن منز چھِ پران کشور، پشکر بھان، سوم ناتھ سادھو، جگر ناتھ ساقی، محمد سلطان پنڈت، نظام الدین (نظر صاب) شریف الدین سدا ماجی کول، شام لال در بہار، نیلہٕ بیگم، کانتا گنجو، برج کشوری، موتی لال کیمو، نور محمد لون، شانتا کول، نعیمہ احمد، بشیر عارف، مریم بیگم، پیارے لعل ہنڈو، مکھن لال صراف خاصکر تھ قابلِ ذکر۔

سانگ اینڈ ڈراما ڈویژن، رنگ منچ، نورنگ، بھگت تھیٹر اکنگام، رایل تھیٹر

اسلام آباد، گلشن تھیٹر، ڈرامیٹک کلب شوپیان، ہمالیہ تھیٹر تہ بیتھی ہے وارہہن لوکٹن بڈ ہن
تھیٹرن ہنتی گئے واریاہ نوجوان کیو بزرگ۔ ڈراما نگار تہ اداکار وابستہٕ تہ ساری ہسے کٔشیر منز گیو و
پزٕی پاٹھی اکھ کلچرل رناسانس شروع۔ خاصکر تھ چھ بھگت تھیٹر الکنگام پرانہٕ کأشر بانڈ پاتھرچ
روایت زندہ کرتھ تہ اتھ اُزی کس پُرہنگامہ زندگیہ نکھ اُتھ اکھ اہم رول اداکران۔ محمد سبحان
بھگت ہٕنز رہبری منز ووتیوو بھگت تھیٹر اکھ مقبول عوامی تھیٹر بنتھ تہ کٔشیر ہندس کوٗنس کوٗنس
منز گوو رنگارنگ پاتھر ساماہ ورتاوتہٕ ہیتی تہ لکہ تھیٹر چھ پزٕ زادٕ اداکاری ستی مقبول۔ یہ چھ پزی
لکہ تھیٹر یتھ منز نہ کلاسیکی ڈرامہ کہ سخت ضبط تہ قانون چھ بلکہ چھ تماشہ بین تہ اتھ منز شریک
کرتھ اکہ زنگ خود زا تھیٹر۔ بھگت تھیٹرن ییتہ اُزکہ سماجکین ہنگامی مسلن پیٹھ پاتھر گندی تہ کرٕن
کٔشیر ہندی ستھاہ پرأنی پاتھر تہ نوٕ سر زندہ۔ یمن منز چھ درزٕ پاتھر، راز پاتھر، واتل پاتھر خاصکر تھ
ناو ہنس لایق۔ محمد سبحان بھگتن لیکھی پانہٕ تہ واریاہ ڈراما مثلاً تقدیر، اکہ نندُن، منتہ لیچہ پانزُو،
سورچگ حوٗر، باج وُکھ تہ بیناے۔ تمی کرِی یم پاتھر دوٕن کتابن منز شایع۔ اکھ کأشر لکہ تھیٹر،
تہ بینیہ بانڈ جشن۔ تمیٚ سُند ڈراما تقدیر چھ الگ پاٹھی چھپیومُت۔

کأشرِ ڈراما نگارن منز چھ ساروے کھوتہ اہم دیُت موتی لال کیموٗ سُند۔ سُہ رُود نہٕ
صرف مسلسل ڈراما لکھان تہ شایع کران، بلکہ رُود یم ڈراما پننو ذاتی کوششو ستی وادی تہ
وادی نیبر پھری پھری سٹیج کرناوان۔ لل بہ درائس لولے، ژھاے، ترنوو ناٹک، ترچ
طوطہ تہ اُنہ ڈراماہ تہ ڈراما سو نیبر نہ شایع کرتھ کوٗر کیموٗہن ڈرامہ نگاری ہندہ بپن الگ رنگ
قایم۔ سُہ موضوع تس عصری زندگیہ ہند کانہہ ہنگامی موضوع مثلاً ناخواندگی، رشوت یا
فیملی پلاننگ آسی تن یا کانہہ تواریخی موضوع سُہ چھ اُتھ کأشرس لکہ پاتھرس قریب انان۔
یمن ہندی مکالمہ چھ معمولہ تشہ ڈلیتھ۔ ژھوٚٹی ژھوٚٹی جملہ چھ۔ بعضے قافیہ تہ تھاوان۔ یُنزی

منزٕ چھِ باقٕہ تہٕ کورس یا سوترٕدھارا چھُ عام پأٹھۍ باتن منزٕ کیٚنہہ کران۔ اتھ سٟتۍ رٔود

کیمو مغربی ڈرامہکی کینہہ عنصر تہٕ پاناوان مثلاً کورس، اکٹن ہنز باگرن، پس منظر بیتر۔

ژھاے چھُ موضوعی اعتبارٕ تہٕ وُسعتٕ کِنۍ تمہٕ ہندین ڈرامہن منزٕ سارِوۍ کھوتہٕ ژٔر

ادبی اہمیت تھاوان۔ تواریخی پوٚت منظرس منزٕ چھُ پرٕتھ تہٕ شکس درمیان تضاد ڈراما بناوان

آمُت۔ راز للتادیتہ سٕنزٕ اَکِس جنگی مہمہٕ دوران چھُ مشکل موسمی حالاتو باوجود صرف راز سٕنز دلیو

شکھتی پیٚٹھ ذرٕ پرٕتھ کھوٚتھ فوج دشوار وٚتو نیران تہٕ شینہٕ طفانس منزٕ پھسان۔ اکہٕ پاسہٕ چھِ

سیناپتی، راج گرو، رکھپال تہٕ سپاہ اَتھ پرٕتھ کھوان زٕ وُنۍ تہٕ وُنۍ موکلاوِ راز سٕنز دلیو شکھتی تِمن

امہٕ مصیبتہٕ منزٕ، آسمأنی یکہٕ اَنزٕ جوٚری تہٕ آفتاب پرزلہٕ تہٕ تِم گژھن آزاد، بیٚیہٕ پاسہٕ چھُ مجبور

گژھتھ گرِ درامُت پننہٕ ماجہٕ ہُند کُن اولاد ژٕندر شک کران تکیازِ تسُند شعور چھُ توہمات روس

پرٕتھ ساعتہٕ بیدار۔ شینہٕ مأنۍ چھےٚ وسان تہٕ ساری چھِ ختم سپدان صرف نہٕ ژٕندر۔ امہٕ پتہٕ

پھِرٕ زٕ نوٚن نیران تہٕ ژٕندر چھُ نینس بےٚ معنی آسنس پیٚٹھ سوچان "بہٕ کُس کیٚتھ چھُس، کُس کیٚتھ

چھُس ؟ کُس کیٚتھ چھُس ؟ ؟ ؟" ژٕندرٕ چھُ لہذا بیٚش کاہ تہٕ بیداری ہنز علامت بنتھ ڈرامہک

کُنے ٹریجک کردار باقے چھِ غفلتس منزٕ مران۔

طوطہٕ تہٕ آنہٕ چھُ تمثیلی طرزُک اکھ اوک ایکٹی ڈراما یمیک بنیاد اکھ پرأنۍ کتھ دلیل پیٚٹھ چھےٚ

طوطہٕ سٕنز کتھ۔ ڈراما نگارن چھےٚ یہ بنتھ بناوِتھ دلیل صرف مکالمن منزٕ باوٕمژٕ۔ اتھ متعلق

چھُ پانہٕ مصنف لیکھان: "ساری چھِ وناں زِ ڈراما گوژھ تفریح کرُن فراہم، اتھ منزٕ گوژھ

اُسُن کیٚتھ مزاح آسُن، وُچھن کیٚتھ نژُن آسُن تہٕ بوزنی کرِژھ موسیقی آسنۍ۔ موخصر چھُ ہند

فرضن زٕ تِم وچھہن اکھ مکمل رنگ، اکھ سالم تھیٹر تہٕ امہٕ موکھ چھُ بیٚش میون یہٕ طوطہٕ تہٕ آنہٕ"

ہری کرشن کولن،" ناٹک کرُد بند" چھُ دوٕن ایکٹن پیٚٹھ مشتمل یتھ منزٕ راماچکی رزی کردار

اُزِ کیٛن سیاسی بازیگرن پٲٹھر جارٕ ہ موکھ ورتاوٕ نہٕ چھہ آہتی۔ یہ سپُد کشیر منز شیٚنیہ پھر سیٹیچ

تہٕ کشیر ہنبر تہٕ کینژن جاین۔

علی محمد لونُن لیوکھمُت 'سُیا' تہٕ چھُ اکِس تواریخی واقعس پیٹھ قایم۔ لون چھے

گُذریمتہٕ زمانک ماحول وہ تلاوُنچ کوشش کرمژ تہٕ اُتھی ماحولس منز چھِن خاصکرٕ تھ

زٕ کردار مرکز بناوی متی اکھ چنڈالی ژٕنی ییمی سُند کردار ماجنیارُچ علامت چھُ تہٕ بییہ سُیا

یُس تلاش تہٕ تجسیچ علامت چھُ۔ اُتھ منز تہٕ چھہ پرانہٕ ڈرامہکین رواجن ہُند خیال تھاونہٕ

آمُت تہٕ عمل کم آسنہٕ کنی چھہ مکالمےژٕر اہمیت لبان۔

سجود سیلانی سُند ڈراما "کُج راتھ" چھُ موجوٗدٕ دورکین مختلف سماجی مسلن پیٹھ طنزیہ

ڈراما چھُ سٹیج سپدتھ شایع تہٕ چھُ کرنہٕ آمُت۔ شملہ مفتی (جواہر نگر ۱۹۳۰ء-) ہُند ڈراما

'اَسی کُکھ' تہٕ چھُ اکھ سماجی ڈراما یُس سٹیج تہٕ چھُ سپُدمُت۔

ریڈیو روٗد گوڈٕ پیٹھے ڈراما پیش کران تہٕ ازتام سپدی ہیتہ بڈی ریڈیو ڈراما نشر۔

ریڈیو ڈراما چھُ اکہِ لحاظہ تھیٹر ڈراما نشہ زیادٕ مقبول تکیازِ اُتھ منز چھُ سہل پاٹھی آوازن تہٕ مکالمن

ہندِ ذریعہ بوزن والیٚ سُند تخیل سیٹھہ پاکٕٹ خوش کرِتھ پاٹھی کامہٕ لاگنہٕ یوان۔ نشر سپدیمتین ڈرامہن

منز چھ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ علی محمد لونن لیکھی متی۔ یم سپدی ساری سے کشیر منز بے پناہ مقبول۔

سارِوے کھوتہٕ مقبول ڈرامہن منز چھُ پُشکر بھان سُند سلسلہ وار فارس مچامہٕ یمیک مرکزی

کردار مچامہٕ اکھ اینٹی ہیرو چھُ یُس پننین خوابن منز الف لیلوی کارنامہٕ کران چھُ۔ بوزن والی

چھہ تمی ہندین طلسماتی سفرن منز پانہٕ شریک سپدان۔ پُشکر بھانُن یہ ڈراما آو شایع تہٕ کرنہٕ مگر

یہ چھُ بنیادی کنہ بوزنک چیز نہٕ زِ کانہہ ادبی تخلیق۔ ریڈیو پیٹھ چھُ پرتھ وری یہ جشن تمثیل تہٕ

یوان نشر کرنہٕ یتھ منز ازتام کینہہ سٹھاہ جان ڈراما نشر آیہ کرنہٕ یمن منز 'تہٕ وچھ روزِ یکان'،

(علی محمد لون) میانہ جگر کہ دادِ دوہ تھ (علی محمد لون) آدم چھُ عجب ذاتھ (اختر محی الدین) دوہ نٛ کھُنز وپچھنے وارٕ (شنکر رینہ) ییلہِ وتن پن روو (رتن لال شانت) واو، ناد تہٕ ذریاو (بنسی نردوش) ییلہِ وتن کھر چھُ یوان (ہری کرشن کول)، بگُر بابہٕ (شمس الدین شمیم) کنٛ راتھ (مسجود سیلانی) خاصکر تھ قابلِ ذکر چھِ۔ سلسلہ وار ڈراما لالہ جوانیہ ڈسنز (لون) تہٕ سپد زبردست مقبول۔

پتھے پانٛچھ سپدٕ ٹی وی ڈراما تہٕ زبردس کامیاب تکیازِ دُچھن والین میول گوڈنکہ پھِرِ مکمل ڈراما بیٹھ منز۔ رنگہ رنگہ موضوع آسنہٕ علاوٕ ہاوُن، باوُن، واینُ، گندُن، نٕژُن غرض پرتھ قسمک تفریح پیش کرُن ممکن بنیوو۔ ٹی وی ڈرامہن منز چھِ ہری کرشن کول، فاروق مسعودی، ہردے کول بھارتی، محمد امین شاکر، بشیر دادا، شمس الدین شمیم تہٕ نزیر جہانگیر تہٕ نذیر جوشنٕ ڈراما خاصکر تھ کامیاب۔ یمو ڈرامہو منز چھِ کینہہ ڈراما گامہ شہر زبردس مقبول۔ مثلاً "ہزار داستان" یُس نذیر جوشن لیوکھمُت چھُ۔ ٹی وی کہ ذریعہ آیہ کینہہ مشہور افسانہ تہٕ ڈرامائی انداز پیش کرنہٕ تہٕ لوکن میول اعلیٰ ادب زانٕنک اکھ موقعہ۔

ڈرامہک یہ سرسری جایزٕ روزِ نامکمل اگر نہٕ تمن ترجمہ سپدمتین ڈرامہن ہنز ذکر یہ کرنہٕ یم مختلف ادارو ڈسی یا ترجمہ کارن ہنزِ وینبو کوششو سٕتی شایع سپدی۔ رابندر ناتھ ٹیگورنٛ شنے ڈراما سپدی شینے ہس ڈلس منزٕ ے شایع یم چھِ: دوہٕ ژل گلالہ (نور محمد روشن) مکت دھارا (علی محمد لون) راز تہٕ راژ (امین کامل) ڈاک گھر (امین کامل) چنڈالکا (نور محمد روشن) رتیا (رسا عارف)۔ مشہور انگریز ڈراما نگار البسن سندی چھِ زٕ ڈراما ترجمہ سپدی ستی یعنی تھجٕ (سوم ناتھ زتشی) تہٕ زُھائے (اختر محی الدین) اکبر علی انصاری مرحوم کوَرگالزوردی سندِس جسٹس ڈرامہس ترجمہ۔ کنہِ زبانٕ سند ڈراما ہیکہِ نہٕ یتزنہٕ پانٛچھ ترقی پراوتھ لوتام نہٕ یہ یونانی ڈراما تہٕ شیکسپیر سندیو ڈرامہو نشہ ہیچھ۔ یہ کتھ نظرتل رٹتھ چھنے تم ساریئے کوشش

سٹھاہ قابلِ قدر پٲٹھۍ لوٚن تہٕ شیکسپیئر سٕندی ڈرامہ ترجمہ کرنہٕ باپتھ کرنہٕ آے ۔ دینا ناتھ نادمن
کریاے اوتھیلوہُک کیہنہٕ سین ترجمہ تمہٕ پتہٕ کٔرۍ ناجی منورن شیکسپیئر سٕندی زٕ عظیم ڈراما جولیس
سیزر تہٕ کنگ لیئر ترجمہٕ ۔ یم دٕونوے ترجمہٕ چھہٕ منظوم تہٕ کیازِ شیکسپیئر سٕنز عظمت چھنے تمہٕ سنز
شاعریہ منز ۔ غلام نبی ناظرن تہٕ کوٚر سالم اوتھیلوہس ترجمہ مگر نثرس منز ۔ رتن لال شانتن کوٚر
چیخوف سُند اکھ ڈراما ترجمہ 'ترٕنے بیٚنہٕ'۔ ریڈیو کشمیر پیٹھ چھُ انہٕ تام واریاہن ہندوستٲنی ڈراماہن
ہُند ترجمہٕ پیش کرنہٕ آمُت ۔ یم ترجمہ چھہٕ اکثر موہن نراشن تہٕ ابدال مہجورن کٔرۍ متۍ ۔ ارجن دیو
مجبورن چھُ کالیداسُن مشہور ڈرامہ میگھ دوت کاشرس منز پھیرمت 'اوٚبری شیچھ'۔

## انشے

انشے لیکھنکۍ ابتدٲیی تجربہٕ پیٚدی کاشرس منز سٔنہٕ پنتراہ برٕ وٕہہ یم پرتاپ رسالس منز
تہٕ مرزا عارف پٔنس گلریز رسالس منز شایع پیٚدی ۔ مگر یم آسی مضموٗن زیادٕ تہٕ انشے کم ۔ انشے
چھنہٕ کنہٕ اطلاعٲتی نثر پارس وناں بلکہ چھہٕ تتھ مختصر نثری تخلیقہٕ وناں یتھ منز لیکھن واٚلی
کنہٕ مخصوٗص موقعس پیٹھ کُنہٕ مخصوٗص موضوٗعس نسبت پننہٕ ذہنچ کانہہ مخصوٗص ترٲے ظاہر
آسہٕ کرمٕژ ۔ اتھ منز چھنے موضوٗع کھوتہٕ زیادٕ اہمیت انشے نگارہٕ سنز جذباتی تہٕ ذہنی کیفیت
تھاوان ۔ یہ چھنہٕ حقیقتہٕ متعلق کانہہ نوٚزان بہم کران بلکہ چھُ نوٚزان حاصل کرنچ کل کڈان ۔
بقول بیکین انشے مانٛز توٗن یوٚہے" نتہٕ رژھاہ یتمہٕ ستی بوچھ لگان چھنے نہٕ زِ تہٕ یتمہٕ ستی یژھ پیہ تہٕ من گژھہ"۔
۔ سوم ناتھ سادھو ، غلام نبی بابا تہٕ صوفی غلام محمدن تہٕ لیکھی کیہنہٕ انشے مگر
یمہٕ انشے پننہٕ باوژ باپتھ بنیادی وسیلہٕ بنوو ، سُہ چھُ محمد زمان آزردہ (احسن آباد

یہ نۆوور ۱۹۴۵ء) ۔ سُہ چھُ مسلسل ایسے لیکھتھ کأشرِس نثرِس رنگارنگ تجربن ہنزِ باوتر قابلِ پرٛتھان بناوُن۔ سُہ چھُ اَتھ طنزٕ چ تہِ گیرٕی دِیُن یرٛتھان ییٚمیٚ اَتھ پرٛزی سخ ضرورت چھےٚ۔ ازتام چھِ اَزرٕ ہندین ایسے ین ہندی ترٕے مجموعہٕ شایع پیٚیدی متی یعنی فکر ہیٚنز ٹۄکر، نۄنہٕ پوشِس تہٕ ایسے۔ تمیٚ ہند طنزٕ چ اکھ نمایاں خصوصیت چھےٚ زِ سُہ چھُنہٕ زبأنی ہندِس دأخلی محاورس کأم ہیتھ ظرافت پأدٕ کران بلکہ چھُ اَمیُک مرکز انسان بناوان۔ سُہ انسان یُس کانہہ اکایی تصوٗر چھُنہٕ بلکہ چھُ ہر جایہ لسان لبان، بازرن، دفترن تہٕ محفلن منز۔ اَزرٕ دہِ نین افسانن پیٚٹھ چھِ پطرس، رشید احمد صدیقی تہٕ محمد حسین آزادُن اثر ٹاکارٕ۔

ظریف احمد ظریفن تہٕ چھِ وارِیاہ ایسے لیکھی متی۔ تٔمِس چھُ کأشرِ زبأنی ہندِس فطری محاورس پیٚٹھ زبردست عبور تہٕ واقعہ یا کردار ییلہِ تٔمِس متأثر چھُ کران سُہ چھُ اَتھ محاورس عجیب عجیب اندازٕ ورتاوان تہٕ اَمکی ظرافتی امکان نٔنی کڈان۔ اَمی ترایہ ہُند بیاکھ مقبول ایسے نگار چھُ غلام علی مجبور تمیٚ سُند ہر کانہہ ایسے چھُ کُنہ کیتھ ہیتی کتھ شروع کرٕتھ تتھ پأٹھی کتھ منز کتھ کڈان ییمیُک نہٕ پرٛن وألِس بردنشتھ کانہہ تہٕ اندازٕ ہیکہِ پیدٕ تھ۔ سُہ چھُ ظاہری سنجیدگی تہٕ اصل ٹھرس تتھ پأٹھی توازن پأدٕ کران زِ پرٛن وول چھُ داد دِوان۔ اَتھ منز چھِ تٔمِس زبأنی ہند صوتی تلازمات سیٹھاہ مدد کران۔

دُنے ہو سیر اسرار، ماڈرن ہٕش، پویٹریا چھ تمی سندی کینہہ کامیاب ایسے۔ نذیر جہانگیر، رتن لال شانت تہٕ ثناء اللہ میر تہٕ چھِ ایسے ہیٚج ہیت کامیابی سان ورتاوان۔

شاعرو منز چھِ رحمان راہی، رسول پونپر تہٕ منظور ہاشمی ہندی تہٕ کینہہ ایسے شایع پیٚیدی متی۔ منظور ہاشمین چھےٚ حال حالے بٔنینن ایسے ہن ہنز سۄمبرن "زعفرانزار" شایع کرٕمٕژ۔

# ادبی تنقید

سنہ شیتھ پیٹہ رۄد ادبی تنقید تخلیقی ادبس برلوٚر نوٚس کیو پرانس ادبس تجزیہ تہٕ مولانکون کران تہٕ مختلف ادبی معیارن ہنز نشاندہی کران۔ گوڈٕ گوڈٕ پیلہٕ جدیدیتُک رجحان زور و شور پٮ۪ٹھ چلیوو واریاہ تنقیدی مضمون آیہٕ اٚمہ چہ حمایژ منز لیکھنہٕ تہٕ ترقی پسندی خلاف گوو اکہٕ قسمُک تنقید محاذ شروع۔ اوٚتام اوس ادبچہ سماجی افادیژ پٮ۪ٹھ زور تہٕ وۄنۍ لگۍ نقاد زانَنہٕ زِ ادبچ افادیت چھےٚ یہِ زِ یہِ چھُ ہیکہٕ وقت سرور تہٕ آگہی بخشان تہٕ اعلیٰ ادب چھُ سُے یُس منز سرور تہٕ آگہی دِنچ برابر صلاحیت آسہِ۔ ادیب گژھہ واعظ، ہدایت کار تہٕ رٔہنما بننُک رول ترک کرِتھ بیٚنہٕ پانہٕ حاصل کرٕمتین تجربن ہنز ترسیل کرٕن اگر تمن تجربن قاری ہندِ باپتھ کانہہ اہمیت آسہِ۔ ادبچ اہمیت چھےٚ تجربہ چہ نُدرژ تہٕ تمہٕ چہ باوژ منز تہٕ لہٰذا پیٚز نہٕ نقادس ادبُک تجزیہ تہٕ مولانکون کرنہٕ دِزِ کمتی، سماجی، اخلاقی تہٕ نظریاتی پیمانہٕ ورتاوُن بلکہ گژھہ ادبس اندر پوٚشیدہٕ تجربکس حارتس تہٕ حُسنس تام واتنچ کوشش کرٕن۔

اٚمہ ترایہِ ہند تنقیدُک آغاز کوٚر رحمان راہین۔ تٔمۍ بند مضمون ادبُک مقصد، تنقید تہٕ اٚمیُک مقصد تہٕ قدیم کاشر شاعری بنیہ مسلسل بحثُک موضوع۔ ریڈیو ٹی وی تہٕ مختلف ادبی مجلسن منز آو یمن بنیادی کتھن پٮ۪ٹھ نوٚسر غور کرنہٕ تہٕ سانین نقادن ہندر مختلف نظریہ آسے بروٚنٹھ کُن۔ رحمان راہی چھُ تخلیقہٕ ہنز ہیژ تہٕ موضوعس لازم وملزوم زانان تہٕ مخصوص تخلیقہٕ ہنزن خصوصیژن تمہٕ تخلیقہٕ ہنز کلی اہمیژ ستی جورنس ستی چھُ تتھ تمہٕ تخلیقہٕ ہنز روایژ ستی تقابل کرِتھ وچھان تہٕ مولہ وان۔

محمد یوسف ٹینگن لیوٚکھ امین کامل، دینا ناتھ نادم تہٕ رحمان راہی نہٕ شاعری پٮ۪ٹھ اکھ تقابلی مضمون یُس امین کامل نہٕ 'بٔنیہٕ سُے یان' شعر سوٚمبرنہٕ منز آخرس پٮ۪ٹھ شامل

آدکرہ ۔ اَمہِ مضمونہٕ ستۍ تہٕ گےٚ واریاہ فایدٕ منٛد اختلاف پأدٕ تہٕ شاعرتہٕ ادبٕکۍ ادبی معیارن
کُن توجہ دِنہٕ ۔ محمد یوسف ٹینگن لیکھ مقبوٗل کرالہٕ واری ، رسول میر تہٕ مہجور نہٕ شاعری پیٹھ تہٕ ہنگامہ
خیز مضموٗن یمو پرانہٕ شاعرِ متعلق اکثر تصور بدلاوٕ ۔ امین کاملن لیکھ صوفی شاعری متعلق مختصر
تعارفی مضموٗن یم سانہٕ ادبی تنقیدکس ارتقاہس منز اہم چھہٕ ۔ شفیع شوقن لیکھ شیخ العالمؒ تہٕ
لل دیدہٕ ہنز شاعرِ متعلق گوڈنکۍ تنقیدی مضموٗن یمہٕ کس جوابس منز رحمان راہیس تہٕ
محمد یوسف ٹینگس تہٕ یمن دوٕن اہم شاعرن ہندِس فنی کمالس پیٹھ مضموٗن لیکھنہٕ پیئے ۔ رحمان
راہین ییلہٕ پرانہٕ تہٕ ہمکال شاعرِ متعلق پننۍ مختلف مضموٗن "کہوٹ" ناوٕ مجموعس منز شایع
کٔرۍ کاشرِس تنقیدس میج صحیح سمت ۔ شفیع شوقن تہٕ کٔرۍ پننۍ تنقیدی کتاب زبان تہٕ ادب
شایع یتھ منز تخلیقی ادبس تہٕ اسلوٗبس متعلق گوڈنکہِ پھِر کاشرِس منز بحث آدکرہٕ ۔ ناجی منور
تہٕ شفیع شوقن لیوٗکھمُت کاشر ادبُک توٲریخ" تہٕ چھُ کاشرِ تنقیدکس ووتھ واشرس
منز اکھ رول اداکران ۔

حامدی کاشمیرین کوٚر اردو شاعری ہنز قدر سنجی کران کران پنُن اکھ منفرد نظریہ
قایم تہٕ پنن تجربہٕ تہٕ مطالعہٕ کوٗرُن کاشرِس شعری ادبس پیٹھ تہٕ لاگو ۔ تمہٕ ہنز تنقیدی کتاب
جدید کاشر شاعری چھےٚ کاشرِ تنقیدِچ اکھ میلہٕ کُنۍ ۔ گوڈنکہِ پھِر آے تقریباً سارنے عصری
شاعرن ہندِس کلامس تنقیدی اعتبارٕ سام ہینہٕ ۔ حامدی چھُ تخلیقہٕ ہندِس ساختس پیٹھ
بروٗنٹھے قایم کرنہٕ آمتۍ پننۍ تصور یرِ کھادتہٕ بجایہٕ تخلیقہٕ ہندین داخلی اصوٗلن تابع روٗزِتھ
تجزیہ کران ۔ اَدے چھےٚ تنقیدِچ کانہہ افادیت ۔

محمد یوسف ٹینگن کٔرۍ پننین لسیار تنقیدی مضموٗن ترٲوِتھ "تلاش" ناوٕکس مجموعس
منز کٔرِن کیہنہ مضموٗن شایع ۔ تمس چھُ پنُن اکھ مخصوص اسلوٗب ۔ سُہ چھُ تنقیدی نثرس

منز تہٕ تخلیقی خاصیتھ پاد کرنک قایل ییمہ کنہ سہ شاعرانہ زبان ورتاوان چھُ ۔ مگر شاعرانہ
زبان اگر حدرٕوس ورتاونہ ییہ سو چھےٚ پتہٕ بے معنی بنان ۔ مشعل سلطانپوری ، غلام نبی ناظر
نشاط انصاری تہٕ موتی لال ساقی ہندی لیکھمتی تنقیدی مضمون چھینہ تنقیدی زبانی تہٕ شاعرانہ
نثرس منز کانہہ بین ازانان ییمہ کنہ تھندس تجزیس منز معروضیت کم چھےٚ تہٕ جذباتیت
زیادٕ ۔ غلام نبی ناظرنی کتاب کاشر شاعری تہٕ موتی لال ساقینی گاشرد تہٕ آنکون چھےٚ
امہِ قسمکہٕ تنقیدچہ نہٕ مثالہ ۔ یمو ییم تنقیدی جملہ گرٕی متی چھہِ تمہ ہیکو کانہہ تہٕ شاعرس متعلق ورتاوتھ
مشعل سلطانپورین تہٕ چھےٚ پننہِ مضمون ہنز اکھ سومبرن شایع کرمژ ورتھمےٚ ۔

غلام نبی فراقن تہٕ لیکھ کینژرن بنیادی ادبی مسلن پیٹھ مضمون مثلاً "رومانیت کتھ
چھہِ ونان" ، یا "شیکسپیرنی ظرافت" ۔ یموٕ تہٕ لوگ نوٕ کاشرادبک مزاج شیرنس منز
مدد ۔ تمہِ لیچھ اکھ کتاب طالب علمن ہندِ باپتھ ادبی اصطلاح ۔ کاشرس نثرس متعلق
اُس واریاہ کال برونہہ غلام نبی خیال تہٕ اوتار کرشن رہبرن اکھ کتاب ترتیب دژمژ تہٕ کاشرِ نثرِ گوند
یتھ منز نثرک انتخاب تہٕ اوس تہٕ نثرک اکھ تواریخی جایزٕ تہٕ ۔ مشعل سلطانپورین تہٕ لیچھ
کاشرِ تنقیدچ اکھ تواریخ سام ۔

گلشن مجیدن لیکھ شیخ العالمؒ تہٕ کنوہمہ صدی ہندین صوفی شاعرن متعلق تہٕ صوفی
شاعری متعلق کیہتہ مضمون یمن منز تنقیدی رٕویہ تہٕ منفرد چھُ تہٕ تنقیدی زبان تہٕ نوٕ چھےٚ ۔
تمہِ ہنز کتاب "نقدِ شعر" روزِ کاشرس تنقیدس اکھ اہم اضافہ ۔ یونیورسٹی ہندی کاشری
شعبن کرٕی ادبی تنقیدس متعلق پوٚتُس پتھ زِ سیمنار تہٕ یمن منز پرنہ آمتی مقالہ آے
اہمارکین خصوصی شمارن منز شایع کرنہ ۔ یمن منز چھُ عالمی ادبس پیٹھ حاوی اہم ترین
تنقیدی مضمونن ہُند ترجمہ تہٕ شامل ۔ افلاطونن نظریہ ادب ، ارسطو سُند شعریات تہٕ

ہورس سُند فن شاعری کرِ ی شفیع شوقن ترجمہٕ گلشن مجیدن کوٚر لانجاینس سُند بسلایمس متعلق ترجمہٕ۔ جدید یورپی تنقیدس متعلق مضمون لیکھن والین منز چھِ غلام رسول ملک ، ٹی ، این ، در ، غلام نبی فراق تہٕ قاضی ظہورٕنی مضمون خاصکرِتھ قابلِ ذکر۔ ارسطو سنٛز 'پوئیٹکا' یہٕ ادس واریاہ کال برونہہ غلام نبی خیالن تہٕ ترجمہٕ کوٚرمُت۔ بشر بشیرن تہٕ لیوٚکھ ٹی ایس ایلیٹ نس تنقیدس پیٹھ اکھ مقالہٕ۔

کاشرِس تنقیدس میوٚل تموسیمنارو سٟتۍ تہٕ سٹھاہ وۄتھ یُس یم کلچرل اکادمی تہٕ کاشرِ ڈپارٹمنٹہٕ طرفہٕ ورٕز منعقد کرنہٕ آے۔ اکادمی ہندین سیمنارن منز چھِ لل دید ، شیخ العالمؒ تہٕ مہجورس متعلق سیمنار تہٕ شیرازٕکۍ خاص شمارٕ کاشرِ ادبکۍ اہم مقام۔ تمہٕ علاوٕ آیہٕ شیرازٕکۍ بیٚیہٕ تہٕ کیٚنہہ خاص شمارٕ جاری کرنہٕ۔ یمن منز 'کاشُر لولہٕ مثنوی' 'کاشُر جنگنامہٕ' ، احد زرگر ، دینا ناتھ نادم تہٕ کاشُر صوفی شاعری متعلق شمارٕ سٹھاہ اہم چھِ۔ کاشرِ ڈپارٹمنٹہٕ طرفہٕ سالنامہٕ اہارٕکۍ خاص شمارٕ تہٕ روزن ادبی تنقیدس واریہس کالس متاثر کران یمن منز چھِ کیٚنہہ شمارٕ کاشرِ ادبُک فکری پوٚت منظر سریت تہٕ ادب ، شیخ العالمؒ ، محمود گامی۔

تنقیدٕچ وۄتھ چھُ تحقیق شیران تہٕ کاشرِس منز روٗز تحقیقیچ کام متواتر تہٕ تسلی بخش اندازٕ جاری۔ تحقیقس تُل عبد الاحد آزاد تہٕ کشمیری زبان اور شاعری پیٹھ تہٕ محی الدین حاجینن دس۔ تمہٕ پتہٕ کتابہٕ مقالات ، شرح کتاب تہٕ گاموٚ منز یھیر یھیرٕ بنیہٕ یہٕ کاشرِس تحقیقس حرکتس منز اَنِنُک اہم وجہ۔ امہٕ پتہٕ چھُ امین کامل ، موتی لال ساقی ، ناجی منور ، اوتار کرشن رہبر مرغوب بانہالی ، غلام نبی ناظر ، مشعل سلطانپوری ، شاہد بڈگامی ، انیس کاظمی ، رشید نازکی اوتار کرشن رازدان ، غلام محمد شاد ، غلام نبی آتش ، مشعل سلطانپوری ، اقبال ناتھ وتپوہ
غلام رسول بٹ
(۱۹۱۸ء – ۱۹۷۵ء) محمد احسن احسن تہٕ نشاط انصاری سُند دیُت کاشرِ ادبکہٕ تواریخکۍ نوۍ نوۍ گوشہٕ ڈنرا وِتھ مزید تحقیقیچ تہٕ تنقیدٕچ وتھ ہموار کران۔

## لِسانیاتی مُطالعہ

کاشرِن آوازن، لفظن تہٕ جُملن ہِند تجزیاتی مطالعہ پُد گوڈنکہِ پھِر کُنُوہمہٕ صدیہ منز شروع تہٕ اَتھ منز چھےٚ اولیت سیف الدین تاربلیُس حاصل۔ یِمو فارسیس منز رسالہ اصوات کشمیری لیکھِتھ کاشرِن آوازن ہنز نشاندہی کرٕ۔ تِمو دِژ یِمن فارسی ناو تہٕ لیکھنکی طریقہٕ تہٕ کرِن تجویز۔ اَتھی وقتس منز لیوٚکھ سوٗنتی پنڈت (تِمن ہُند حال احوال چھُنہٕ پے) ناوکہِ اکھ شاعرن کاشُر نصاب یُتھ منز شعرن ہِند ذریعہ کاشرِن لفظن ہُند معنی فارسیس منز دِنہٕ چھےٚ آمُت۔ ایشورکول (عالی کدل ۱۸۲۴ء - ۱۸۹۳ء) سُند "کشمیری شبدامرِتم" چھ کاشریُک گوڈنیُک گرامر یُس سنسکرتس منز لیکھنہٕ چھُ آمُت۔ یہِ آو ۱۸۹۸ء منز رایل ایشیاٹک سوسایٹی ہِندِ طرفہٕ شایع کرنہٕ۔

لُغت سازی تہٕ گرامر نویسی ہنز اَتھ کامہٕ تُل تجزیاتی انداز یوٗرپی مُحققو دس۔ مکند رام شاستری (۱۸۸۰ء - ۱۹۲۱ء) اوس سنسکرت زبانی ہٕنز ادبُک زبردست عالم۔ تِمس ستیٚ اَتھ واس کرِتھ کرٕ جارج ابراہم گریرسنن (۱۸۵۱ء - ۱۹۴۱ء) کاشرِس پیٹھ تفصیلی کام۔ ادبی تحقیق اوٚک پاسہٕ تراوِتھ چھےٚ گریرسنہٕ زٕ تصنیفہٕ خاصکر تہٕ قابلِ تعریف یعنی سٹینڈرڈ مینوٗل آف دِ کشمیری لینگوج (۱۹۱۱ء) تہٕ اے ڈکشنری آف دِ کشمیری لینگوج (۱۹۱۶ء)۔ یِمہٕ زٕ تصنیفہٕ چھےٚ اَتھ مادانس منز سارِوے کھوتہٕ مستند تہٕ معتبر کامہٕ۔ یمیٚ علاوٕ چھُ تِمو دِ لنگوسٹک سروے آف انڈیا ہُک اکھ ضخیم حصہٕ (جلد: ۸، حصہ: ۲) کاشرِ زبانِ ہِندس نسبی رِشتس تہٕ امہٕ کِس لسانی کردارس پیٹھ وقف کوٚرمُت۔

والٹر لارنس (۱۸۵۷ء - ۱۹۴۰ء) آو ۱۸۸۹ء منز سیٹلمنٹ کمشنر بنتھ تہٕ کشیرِ ہِندس تواریخس تمدنس تہٕ کلچرس تہٕ جانورن متعلق لیچھن اکھ شاندار کتاب: دِ ویلی آف کشمیر۔ اَتھ منز چھ عام ورتاونہٕ یِنہٕ واجہٕ لفظن ہُند معنی تہٕ دِنہٕ آمُت۔ جے۔ ایچ نولز اوس کشیرِ منز مشنری سکولن ہُند سربراہ، تِمو کرِ کاشرِ کہٕ دلیلہٕ جمع تہٕ ۱۸۸۷ء منز کوٚرن یِمن ہُند انگریزی ترجمہ شایع۔ کاشرِ کہاوژن تہٕ دیتہٕ چھےٚ تِمو ہنز بیاکھ کتاب۔

اَتھ دورس منز کوٚر بیٚیہ کینژو انگریز تہٕ جرمن مُحققو کاشرِ زبانی تہٕ ادبس پیٹھ تحقیق

اَیِم ذکر چھِنے یتھ پاٹھۍ: اے ایم پی ایجورتھ: کاشُر گرامر تہٕ لفظیات (۳۰ صفہٕ جرنل آف رایل ایشیاٹک سوسایٹی ۱۸۴۱-۲-۱۰۰ کارل فریڈرک بوکھارڈ: کاشرس منز فعل (۱۳۰ صفہٕ جرمن زبانۍ منز ۱۸۸۷ء) کاشرس منز اسم (۸۷ صفہ، جرمن زبانۍ منز ۱۸۸۸ء) ڈبلیو جے ایلمزلی: کاشرِیُک لفظہٕ راش (زِ جلد، لندن ۱۸۷۲ء)۔ ارنیسٹ نیو: انگریزی۔ کاشر لفظیات (۱۸۸۲ء) ٹی آر، دیڈ: کاشر زبانۍ ہُند گرامر (۱۸۸۸ء) جی، ڈبلیو، لیٹنر: دردستانہٕ چہٕ زبانہٕ تہٕ ذاتھ (۱۸۷۶ء) آر، سی، بی، بیبچ: کاشر زبانۍ ہُند گرامر (جرنل آف رایل ایشیاٹک سوسایٹی ۱۸۴۴-۱۰-۱۲) رچارڈ ٹیمپل: طایفہٕ درین ہنز لولہٕ (۱۸۸۴ء) الیکزانڈر کننگھم: کشیر تہٕ کاشر زبان (۱۸۵۴ء)۔ گراہم بیلی: کاشرِیُک صوتیات (۱۹۳۷ء) نلا کو یم کروک: دِ دے آف وِسوان (کاشر شاعریہٕ ہُند ترجمہٕ ۱۹۵۸ء) یِم سارِیے کامہٕ چھِنے انگریزۍ تہٕ باقی یورپی زبانن منز۔

عبدالاحد آزادن تہٕ لیوٚکھ کشمیری زبان اور شاعری کتابہٕ ہُند گوڈنیُک حصہ صرف کاشرِ زبانۍ ہِندِس ارتقاہس تہٕ لفظیاتس پیٹھ۔ یہٕ آو ۱۹۵۹ء منز شایع کرنہٕ۔

موجوٗدٕ دورس منز تہٕ چھِ کینہہ ماہر جدید لسانیاتہٕ کِہو اصولو مطابق کاشر زبانۍ ہنز تجزیاتی سام ہنس سنٕز آوری تہٕ اَمہٕ کِس ساختس متعلق چھکھ قابلِ قدر کام کرٕمٕژ۔ مثلاً برج بی کاچرو سنٕز کتابہٕ: اے ریفرنس گرامر آف کشمیری (۱۹۶۹ء) تہٕ این انٹرڈکشن ٹو سپوکن کشمیری (۱۹۷۳ء) اومکار این کوہلی لنگوٹک سٹڈی آف کشمیری (۱۹۷۷ء): امکار این کول تہٕ پیٹر ایڈون ھُکنی (آسپکٹس آف کشمیری لنگوسٹکس (۱۹۸۳ء) روپ کرشن بٹنی اے ڈسکرپٹو سٹڈی آف کشمیری (۱۹۸۷ء) شفیع شوقنی سم سٹیکٹک پیٹرنز آف کشمیری (زیرِ طباعت)۔ اَمہٕ علاوٕ چھِ روتھ لیلی شمٹ، عنایت اللہ اندرابی، نذیر احمد دار، نذیر احمد ملک، منیب الرحمان، کاشی ولی تہٕ بییہ کینژن ماہرن ہِند وارِیاہ مقالہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ پیٹر ایڈون ہُک چھُ خاصکر تھ جدید لسانیاتہٕ مطابق کاشرِ زبانۍ ہِندین نوٚین نوٚین لسانی گوشن گاشرادان۔

# متفرقہ

یتھ مختصر جایزس منز چھنہٕ تمن سارنے کتابن پیٹھ تبصرٕ کرُن ممکن یم نثرس منز لیکھنہٕ آے مگر کینژن اہم کتابن ہنز ذکر کرنہٕ ورآے روزِ یہ جایزٕ نامکمل۔

کاشرس منز آسہٕ سوانح لیکھنٕچ کانہہ تہٕ روایت۔ شمس الدین احمدن کوٚر پیغمبر اسلام حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِس ذاتہٕ پاکس متعلق لیکھنہٕ آمُت فارسی شاہکار "حیات النبیؐ" کاشرس منز ترجمہ۔ یہ آو خوبصورت جلدن منز کلچرل اکادمی ہند طرفہٕ شایع کرنہٕ۔ ترجمہ چھُ سیٹھاہ جان۔ سرحدِ اپار چھےٚ پیغمبرس متعلق اکھ خوبصورت کتاب شایع سپزمٕژ "سون رسول پاک"۔ امیُک مصنف چھُ سید محمد یوسف بخاری (لاہور، ۵۴۔ میکلو روڈ) سوانحی ادبس چھُ بیٚیہ تہٕ کینژو کتابو قابلِ قدر اضافہ کوٚرمُت یمہٕ چھےٚ گاشرِ منار (غلام نبی خیال) گاشرٕ (سوتی لال ساقی) میانین تجربن ہنز داستان (ترجمہ اختر محی الدین) ونوبھادے (پی این پشپ) فریدالدین گنج شکرؒ (ترجمہ: رحمان راہی) رلیشت تہٕ سائنز زیش، مذہبی رہنما (رشید نازکی) غالب (ترجمہ: مرغوب بانہالی) کبیر (ترجمہ: شاد رمضان)۔ کٔشیر ہندی تواریخ دان (ایس کے کول) ردہ یہ بھوانی (سوم ناتھ پنڈت) سروجنی نایڈو قاضی نذرالاسلام (ترجمہ: مرغوب بانہالی)

ترجمہ کاری ہنز عمل تہٕ رُوز جاری یوٚدوے امیُک رفتار سیٹھاہ سوٚت چھُ۔ یمن کتابن ہنز ذکر دُنیکتام پسز یہٕ تمن منز چھُ کیہنہ تفسیر قرآن (محمد عبداللہ شیدا) کلیلہ دمنہ (مرغوب بانہالی) دُنی ہیچ دلیلہ (ناجی منور) موہلی تجربہ (غلام محمد وانی) پیامبر (عبدالستار رنجور) عارفانہٕ باوتھ (جی ایم آزاد) گلستانِ سعدی (غلام حسن تسکین) تاریخ کشیر (آفاق عزیز، محفوظ جان)

سائنسی تہٕ علمی موضوعن پیٹھ یمہٕ کینژ تامے کتابہٕ شایع سپزِ تمہٕ چھےٚ دُرٹھ برنگ (شام لال سادھو) فرشہٕ پیٹھ عرشس تام (شفیع شوق) آدمی موٚر (مرزا عارف) کاشُر زاد

(ناجی منور، شفیع شوق) باغ عروض (خضر مغربی) علاقہ وار پھیر (ٹاک زینہ گیری، زینہ گیر ۱۹۳۴ء - ۱۹۸۹ء) سیاستچ پارٔ زان (منظور احمد فاضلی) کواپریٹو مارکیٹنگ تہٕ اَمچ ترقی (سیف الدین سوز) اکھ لچھ سوال (ترجمہ سیف الدین سوز) کأشرِ مسلمانن ہندٕ رسم تہٕ رواج (غلام محمد خان) کأشرِ بٹن ہندٕ رسم تہٕ رواج (سوم ناتھ پنڈت) نفسیات (عبدالغنی مدہوش) قدیم شعریاتس کأشرِ ہُند دیُت (کے، اہن، در) کُشیر بالہٕ اپارٕ (مرغوب بانہالی) حیاتیات فاروق بخاری) کأشر کتھا (سید محمد یوسف بخاری لاہور) فصلن ہندٕ کیٖمو کرپ (نورالدین رشی) کأشر شیوٕمت (بدری ناتھ کلا) تصوف: اکھ تعارف (غلام محمد شاد) کُشیرِ منز بدھ مت (بجے اہن گنہار) ، کاشرٕ تذکیرو تانیث (بشر بشیر) کاینات (ذی شان فاضل)

کأشرِس منز ہیٚچ تہٕ صحافت پھانپھلتھ تکیازِ کأشر زبان آیہٕ نہٕ تعلیمی نظامس منز درس وتدریسہٕ بابت ورتاونہٕ تہٕ نہٕ آیہٕ یہ زانہہ سرکأرٕ زبان بناونہٕ۔ منٛزٕ منٛزٕ آیہٕ اخبار تہٕ رسالہٕ شروٗع کرنچہٕ کوٗشش کرنہٕ یمن ہُند نہٕ کانہہ خاص نتیجہٕ دراو۔ گوڈٕ تھے آد اہس پی کالجکس پرتاپ میگزینس منز الگ پاٹھۍ کأشر حصہٕ تھاونہٕ تہٕ یتھے پاٹھۍ اوار سنگھ کالجکس لالہٕ رُخ میگزینس منز تہٕ۔ گوڈنیُک مکمل کأشر اخبار اوس ہپجورُن "گاش" یمیُک مدیر محمد امین اہن ہپجور اوس۔ ۱۹۴۹ء منز گوو کلچرل کانفرنسکہ طرفہٕ کونگ پوش، رسالہٕ جأری یُس دوٚن ؤرین باقاعدہ تہٕ سٹھاہ کامیاب پاٹھۍ چھپان روٗد۔ کأشرِس ادبس نۆو روخ دِنس منز چھُ کونگ پوش رسالُک دیُت سارِوے کھوتہٕ اہم۔ ۱۹۵۹ء منز دراو ہمپوش، یتھ منز کأشر حصہٕ الگ اوس۔ ۱۹۵۲ء منز کوٚر مرزا عارفن پننیو ذأتی کوٗششو ستۍ اردو، کأشر رسالہٕ گلریز جأری۔ دوٚن ترٛٚن ؤرین روٗد کامیاب پاٹھۍ چھپان۔ اَمہٕ پتہٕ گوو مرزا عارف، دیناناتھ نادم تہٕ غلام نبی خیال ہنو کوٗششو

ستۍ "گلریز" ناوک اکھ ہنایت خوبصورت تہٕ مکمل ادبی رسالہٕ شروع۔ یہ رُوٗد وٕری ین جرٕن
باقاعدٕ چھپان مگر آخر سپُد مٲلی مشکلاتو کنۍ بند۔ محکمہ اطلاعات کہِ طرفہٕ تعمیر ناوکس رسالس
منز تہٕ گوو ۱۹۶۰ء پیٹھٕ اکھ شاندار کاشُر حصہ شروع ییمیک ایڈیٹر محمد یوسف ٹینگ
اوس ، ۵ اپریل ۱۹۶۵ء کوٚر غلام نبی خیالن اکھ خوبصورت ہفتہٕ وٲری اخبار "وطن" شروع
واریاہ مقبوٗل پیٚدتھ گوو یہ وٕری جوراہ گژھتھ بند۔ فیلڈ سروے محکمہ طرفہٕ گوو ۱۹۶۷ء
منز "چمن" ناوک ہفتہٕ وٲری شروع ییمیک نگران دیناناتھ نادم اوس۔ یہ تہٕ رُوٗد نہٕ زیادٕ
کالس۔

یہ تہٕ ہمن سارنے تجربن ہُند سبق ہیٚچھتھ کوٚر ۱۹۶۸ء منز امین کاملن اکھ نوٚو رسالہٕ
شروع "نیب"۔ یوٚہے بنیوٚو ساننہٕ ادبکہِ نوٚو رجحانک نمایندٕ۔ جدید شاعری تہٕ افسانہٕ
پیدی امی رسالہٕ کہِ وسیلہٕ مقبوٗل۔ اَمِچ کتابت تہٕ طباعت اٚس ہر رنگہٕ قابلِ داد۔ مگر کُل
پنداہ شمارٕ نیرتھ گوو بند۔ اکتوبر ۱۹۶۶ء منز کوٚر غلام رسول سنتوشن نٕہ 'کاشُر ادب' ناوک
اکھ رسالہٕ شروع۔ جدید سوچن ترٲے عام کرنس منز چھُ اَمہٕ رسالک دیُت تہٕ یادگار مگر
یہ تہٕ ہیوٚک نہٕ اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ شمارٕ دِتھ۔

شفیع شوق تہٕ گلشن مجیدن کوٚر تیلہٕ رسالہٕ "آش" شروع ییلہٕ تِم کالجس منزٕ
زیرِ تعلیم اٲسی۔ اَمہٕ رسالہٕ ستۍ لوٗگ ادبہٕ کین معیاران متعلق بحثس سیٹھاہ دٕلیش، مگر مٲلی
مشکلاتو کنۍ گوو یہ کُل ژوری دٕہری بند۔ کلچرل آرگنایزیشن نادِچہِ تنظیمہٕ طرفہٕ تہٕ گوو ۱۳
جلے ۱۹۷۳ء 'کاشُر اخبار' ناو اکھ ہفتہٕ وٲری جٲری۔ محکمہ اطلاعاتہٕ طرفہٕ گوو بیاکھ اطلاعاتی
اخبار جٲری 'براگاش'، یُس پنداہہٕ پنداہہٕ دوہی چھپان چھُ۔ مگر اَمِچ طباعت چھینہٕ
جان۔ ۱۹۷۹ء منز آیہٕ اکھ نوٚ تنظیم بارسس 'کاشُر سمٕت'۔ ییمیک سربراہ رحمان راہی

کران اوس ۔ اَمہِ تنظیمہِ پیٹھہٕ شہر گامہ ٹھڈ بڈ عوامی جلسہ کرٕی تہٕ یمن منز عام لوکو علاوٕ گوڈنکہ
پھِر یونیورسٹی تہٕ کالج ٹرٛکو تہٕ کورُکہ شرکت کٔرتہٕ کوٚرٕ اَمہِ تنظیمہ اکھ سیٹھے خوبصورت فوٹو
آفسیٹ ہفتہٕ وارٕ "سمت" شروٗع ۔ اَمہِ کس ادارٕ ہس منز آسی رحمان راہی، اے آر دانی،
شوکت فاروقی، قاضی ظہور، نسیم شفائی تہٕ شفیع شوق ۔ مگر مالی دشوارِ یو کنِہ ہیوٚک نہٕ زیادٕ
کالس جٲری رٕوزِتھ حالانکہ یہ ہٕتروِن عوامی حلقن منز تیزی سان مقبول سپدُن ۔ کاشُر محاذ
تہٕ کشمیری سٹوڈنٹس اینڈ تھنکرس فورم ناوٕچہ تنظیمہ تہٕ روز کاشرِ زبانی ہنزِ ترقی باپتھ سرگرم ۔

حلقہ ادب حاجن چھُ پٔتمہ وٕ بند ہیو شرٕ ہیو ؤری یو پیٹھ اکھ سالانہ رسالہ جاری
تھاوِتھ ییٚتھ وُولر کُل ملر ناو چھُ ۔ اَتھ منز چھِ از تام وارِیاہ یادگار تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہ
چھاپ ہیدی میٚتہ ۔ اَمیُک مدیر چھُ محمد احسن احسن ادبی مرکز کمراز طرفہٕ تہٕ درایوو مشاہیر کمراز،
ناوُک سالنامہ تہٕ رشید نازکی نہٕ نگرٲنی منز درالیو بنڈ پور پیٹھ دسمن بل، ناوُک ماہنامہ ۔
مگر دوٚنوے رسالہٕ ہیکی کٔڈتھ تام شمارٕ درِتھ ۔ مراز ادبی سنگم کہ طرفہٕ چھُ وِتھ آگر، ناوُک
سالنامہ چھپان ۔ اَمہِ رسالکی کینہہ شمارٕ روزن یادگار خاصکر تھ شیخ العالم نمبر ۔ بزم ثقافت
شوپیان کہ طرفہٕ چھُ اکھ سالنامہ چھپان ثقافت ییمکی ز خوبصورت شمارٕ درامتہٕ چھِ ۔
بڈگام چہ ادبی انجمنہ طرفہٕ چھپیہ یہ اکہ رسالکی کینہہ شمارٕ اتھ اوس ناو اچھ تار،
پٔتمہ وکینس ؤری یو پیٹھ چھُ اقبال فہیم تہٕ م ح ظفر نہٕ نگرٲنی منز واد ناوُک
اکھ ماہنامہ چھپان ۔ اَمہِ رسالک برتھ کانہہ شمارٕ چھُ ادبین تہٕ ادبس متعلق ہنگامہ پرور
مواد چھاپان ۔ اَتھ مَتہ ستہ چھِ پانٕ زی کین قلمکارن یا نہ وٲنی ترسیلک اکھ ذریعہ تہٕ ۔

آفاق عزیز تہٕ محفوظہ جان نہٕ ادارٕ ژ منز گوو ۱۹۹۰ء منز باوتھ "ناوُک
اکھ رسالہ شروٗع ۔ اَتھ منز چھِ نوجوان قلمکارن ہنزِ تخلیقو علاوٕ بزرگ ادبین ہندی

ادب پاپر تہٕ انٹرویو تہٕ چھپان۔

رسالہٕ کڈنچہٕ تہٕ بند کرنچہٕ اکھ مسلسل عمل دوران روٗدی صرف ترےٚ رسالہٕ مسلسل کاشرِ ادبین ہندِ ترسیلکہ ذریعہ یعنی کلچرل اکادمی ہُند دُماہی 'شیرازہ' سالانہٕ سون ادب' تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشر ڈپارٹمنٹُک سالانہٕ 'انہار'۔ شیرازہ تہٕ سون ادب روٗد محمد یوسف ٹینگ سُنٛز نگرانی منز تہٕ ایمن کامل چمن لال چمن تہٕ بشیر اختر بنہٕ ادارتس منز کاشرِ ادبچن بدلون ترایِن تہٕ نہجن ہنز ترجمانی کران۔ 'انہار' رسالن واتنوو کاشرِ زبانہِ ہند تحقیق تہٕ تنقید عالمی معیارن ہندس سطحس تام تہٕ اکھ بخشُن اعتبار۔ رحمان راہی سٕنزِ نگرانی پتہٕ چھُ اَمِچ نگرانی مرغوب بانہالی کران تہٕ اَمیک ایڈیٹر قاضی ظہور چھُ احتیاط تہٕ باریک بینی سان مواد ترتیب دِوان تہٕ تحقیقی رسالس پیٚٹھ وابستہٕ توقعات پوٗرٕ کران۔

کاشرِ زبانہِ وسعت دنس منز چھُ کلچرل اکادمی ہندِن دوٚن پروجیکٹن ہُند سیٹھاہ اہم حصہ۔ یم چھِ کاشر ڈکشنری تہٕ اینسائیکلوپیڈیا۔ وُمید چھےٚ زِ یم پروجیکٹ روزن مسلسل کاشرِ زبانہِ اظہارٕچ باپتھ بہتر کھوتہٕ بہتر وسیلہٕ بناوان۔

کاشرِ ادبُک یہ مختصر توارٖیخ اند واتناونہٕ برونہہ چھُ تِمن پتہٕ والین قلمکارن تہٕ شاعرن ہندِ ناو اکھ مشورٕ تحریر کرُن ضروٗری باسان یِم اَتھ پتہٕ کاشرِ ادبچہٕ دٕنیہ ہنز روانی جاری تھاوُن اکھ تہٕ زِ تِم یِمن پانس پیٚٹھ انسانس قریب تاکہِ ادبس منز یِہ تجربہٕ تھاوٕری تہٕ دوٚیم یہ زِ تِم کرِن انگریزی، فارسی، اردوٗ تہٕ باقے زبانن منز بکھنہٕ آمتہٕ ادبُک بُتھ مطالعہٕ یُتھ تِہندس اظہارس منز طرحداری تہٕ پختگی یِیہ۔

ختم شد

## کاشُر زبان


۱۔ سینسس آف انڈیا۔ ۱۹۸۱ء جے اینڈ کے سیریز۔

۲۔ سر لوکس کنگ۔ میموَرز آف بابر۔ جلد ۱۱۔ لندن

۳۔ وُچھو شلن سر والٹر لارنس۔ دِ ویلی آف کشیٖر۔ لندن۔ ۱۸۹۵ء۔ صفہ۔ ۳۱۸۔

۴۔ وُچھو خواجہ نزیر احمد جیسس اِن ہیون آن اَرتھ۔ ۱۹۵۲ء۔ لاہور۔

۵۔ جارج اے گریرسن۔ ۱۹۱۹ء ہند یورپی خاندان، شمالی گروپ۔ لِنگوِسٹک سروے آف انڈیا
جلد: ۸۔ حصہ: ۱۱۔ (دہلی: موتی لال بنارسی داس۔ ۱۹۶۸ء) صفہ ۱۔

۶۔ گریرسن۔ ۱۹۱۹ء۔ صفہ: ۴۔

۷۔ گریرسن۔ ۱۹۱۹ء۔ صفہ: ۲۴۱۔

۹۔ گریرسن۔ ۱۹۱۹ء۔ صفہ: ۲۳۳

۱۰۔ وُچھو مارگنسٹیرن (۱۹۶۱ء) فسمین (۱۹۷۱ء) برج بی کاچرو (۱۹۶۹ء)
اومکار ناتھ کول (۱۹۸۵ء) روتھ لیلی شمٹ (۱۹۸۵ء) تہٕ پیٹر ایڈورن ہُک (۱۹۸۳ء)

۱۱۔ جارج مارگنسٹیرن۔ "درد تہٕ کافر زبانہٕ"۔ دِ اِنسائیکلوپیڈیا آف اسلام۔ نوٚو ایڈیشن۔ جلد: ۲
(لنڈن: ای۔ جی۔ برِل۔ ۱۹۶۱ء) صفہ۔ ۱۳۸۔

۱۲۔ وُچھو روتھ لیلی شمٹ۔ "اے رپورٹ آن اے سروے آف دارڈک لینگویجز آف کشیٖر"
انڈین لنگوسٹکس۔ جلد: ۴۲۔ شمارہ: ۱۔۴۔ ۱۹۸۱ء۔ صفہ: ۱۷ ۔ ۲۱۔

۱۳۔ گراہم بیلے۔ ۱۹۲۴ء۔ گرامر آف دِ شنا لینگویجز۔ لنڈن: دِ رایل ایشیاٹک سوسایٹی۔

۱۴۔ گریرسن۔ سٹینڈرڈ مینوٗل آف دِ کشیٖری لینگویج۔ جلد ۱۱ نوٚو ایڈیشن (جموٗں: لایٹ اینڈ لایف پبلکیشنز۔
۱۹۷۳ء۔) صفہ۔ ۱۵۔

۱۵۔ سری کنٹھ توشخانی۔ "کاشُر رسم خط۔ بروٚنہہ تہٕ از"۔ اِنہار۔ جلد: ۱، شمارہ: ۲۔ ۱۹۷۷ء، صفہ: ۳

۱۶۔ "مرغوب بانہالی" آیہ ۱۹۸۲ء منٛز کشیٖر یونیورسٹی ہٕند سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹڈیز کہ طرفہٕ۔

## واکھ پتہٕ شُرکھ


۱۔ جارج گریرسن : لنگوسٹک سروے آف انڈیا۔ جلد : ۸۔ حصہ : ۲۔ ۱۹۱۹ء ۔ ( نوو ایڈیشن )
دہلی : موتی لال بنارسی داس، صفحہ : ۲۵

۲۔ دینا ناتھ یچھ۔ "شیتہٕ کنتھ" سون ادب ۔ ( سرینگر : کلچرل اکادمی، ۱۹۷۴ء ) صفحہ : ۳۶

۳۔ جارج گریرسن : للہ واکیانی۔ ( لندن : ایشاٹک سوسایٹی۔ ۱۹۲۰ء ) صفحہ : ۱۴۵۔

۴۔ بابا نصیب الدین غازی ۔ نورنامہ ۔ ۱۶۲۱ء

۵۔ بابا نصیب الدین غازی ۔ نورنامہ ۔ ۱۶۲۱ء

۶۔ بابا خلیل ۔ روضتہ الریاض

۷۔ خط ارشاد چھُ نسخ خطس منز لیکھتھ تہٕ وُنکین چھُ خانقاہ معلیٰ اُس منز موجود۔ اکھ نقل چھُ گلریز جلد ۱، شمارہ ۲ ( دسمبر ۱۹۵۲ء ) منز چھاپ پُدمُت۔

۸۔ سعداللہ شاہ آبادی۔ باغ سلیمان قلمی نسخہ ن ک خ

۹ وُچھو محمد یوسف ٹینگ : "سکہ شدروشن زشاہِ نورالدین" سون ادب، ۱۹۷۹ء

۱۰۔ "نوُرنامہ" قلمی نسخہ ( ن ک خ )

۱۱۔ وُچھو محمد یوسف ٹینگ : "سکہ شد زشاہِ نورالدین" سون ادب، ۱۹۷۹ء

۱۲۔ صوفی چھُ لیکھان زِ قطب اوس ملا احمدُن تخلص۔ یلہِ زن فوق سُند بیان چھُ زِ قطب مسکین چھُ ژکہِ سلطان قطب الدین یُس ۱۳۹۳ء منز رحمت حق سپُد۔ وچھو محمد الدین فوق مکمل تاریخ کشمیر" جلد ۲ : ۔

۱۳۔ اَتھ متعلق چھِ پی، این، پشپ لیکھان : " از پننہِ شاہ وری برونہہ تام اوس بانہ سر کتھایہ ہند قلمی نسخاہ اکھ بھنڈارکر اورینٹل ریسرچ انسٹیچوٹ پونا کس محافظ خانس منز اکھ جزدانہ سے اندر روُزتھ گومُت۔ نسخہ چھُ شاردا اچھرن منز۔ تہٕ ساڈ ترے ہتھ وری ہیؤ پرون باسان۔ مے انیو پونا بیٹھ پرنہٕ باپتھ تہٕ ریسرچ لایبریری سرینگر خاطر گرناوِمس مایکروفلم تیار"۔ وچھو پی، این، پشپ "کاشر شاعری ہند گوڈنیال۔ بانہ سر کتھا" انہار، ۱۹۸۱ء

۱۴، شری ور : جینہ راج ترنگنی ، انگریزی ترجمہ : جے سی دت ۔ ڈِکنگز آف کشیر

۱۵ وُچھو شاہد بڈگامی "کاشرِ مرثی ہُند توارِیخ" (سرینگر ، ۱۹۷۹ء) صفحہ : ۱۱۱ پیٹھ ۱۲۰۔

## دورِ آشوبُک ادب

۱، شیخ محمد عبداللہ ۔ "حبہ خوتون" شیرازہ ۔ جلد : ۱۸۔ شمارہ : ۲

۲، یہ دلیل چھےٚ غلام محمد حنفی نہ حبہ خوتون مثنوِیہ پیٹھ دِرِتھ ۔ اَیہ دلیل اُس تمہِ کتام شاعرس نِش بوزمژ۔ محی الدین حاجنی تہ چھُ لکہ رس کتابہ منز یہے دلیل بیان کران ۔

۳، بشر بشیر چھُ پننس اکس مقالس منز انیس کاظمی نہ حوالہ لیکھان "نگلستان شاہی" ناوِ تارِیخس منز چھُ حبہ خوتونہ ہندس ماجی ہندناو سید بہار شاہ تہ ماجہ ہُند ناو بی بی بدالجمال دِنہ آمُت ۔ ماجہ ہندِ مرنہ پتہ زِچھ سو ژندہاوکی عبدی راتھرن تہ جمالہ دِکس کمال الدینس سیتی کورِلس خاندر ۔ وُچھو شیرازہ ، جلد : شمارہ :

۴، عبدالاحد آزاد ۔ کشیری زبان اور شاعری ۔ جلد ۲ ۔ ۱۹۴۸ء (کلچرل اکادمی ۔ ۱۹۸۳ء) ص : ۲۳۱ ۔

۵، سعداللہ شاہ آبادی ، باغِ سلیمان (قلمی نسخہ ن ک خ)

۶، عبدالاحد آزاد ۔ کشیری زبان اور شاعری ۔ جلد ۔ ۲ ۔ ص : ۲۳۹ ۔

۷، شاہد بڈگامی ۔ کاشرِ مرثی ہند توارِیخ ۔ مصنف ۔ ۱۹۷۹ء ص : ۱۲۵۔

۸، یِہم نمونہ چھِ کاشرِ مرثی ہُند توارِیخ منز ژارنہ آمتی ۔

۹، وُچھو ناجی منور : کلیات محمود گامی ۔ حصہ فارسی نعت ۔

۱۰، جارج گریرسن : ت ۔ شری کرشنہ اوتار لیلا ۔ (لندن : ۱۹۲۸ء) ص : ۵

۱۱، پی ، این ، پشپ ۔ گریرسن نہ کاشرِ لسانی تحقیقکی ماخذ ، انہار (گریرسن نمبر) ۱۹۸۷ء ص ۱۲۔

۱۲، محی الدین حاجنی ۔ ت ۔ کاشرِ شاعری (دہلی ۔ ساہتیہ اکادمی ۔ ۱۹۵۹ء) ۔

۱۳، امین کامل ۔ ت ۔ صوفی شاعر ۔ جلد ۔ ۱ ( سرینگر کلچرل اکادمی ۔

۱۴، مقبل ۔ ضمیمہ ۔ باغِ سلیمان ۔ (قلمی نسخہ ن ک خ)

۱۵، کلام فاخر ۔ قلمی نسخہ ۔ (ن ک خ)

۱۶، قلمی نسخہٕ ۔ (ن ک خ)

۱۷، غلام نبی آتش " باباکمال الدین" شیراز ۔ جلد ۱ ۲۳ : شمارٕ : ۵

۱۸، قلمی نسخہٕ (ن ۔ک ۔ خ)

۱۹، قلمی نسخہٕ (ن ۔ک ،خ ) تحریر : ۸۱۲ھ (۰۰ ۱۲۰۰ء)

۲۰، محی الدین حاجنی ، امین کامل تہٕ موتی لال ساقی چھِ لیکھان زِ مومن صاحب اوس محمود گامیس برونہہ مگر کنہٕ دلیلہ ورآے ۔ یِتھ کتابہِ منز چھِنہٕ فی الحال تھہنرِ رائے مانٕنہٕ یوان ۔

۲۱، یہ مثنوی چھِنہٕ ییمہِ صدی ہندِس گوڈنکس حصس منز ۔ کاشُر منطق الطیر ، عنوانہٕ غلام محمد نور محمدن شایع کرمُت ۔ صفہٕ چھس ۱۶ ۔

## کُنوہم صدی : تجربہٕ تہٕ وہراو

۱، مور کرافٹ

۲، موتی لال ساقی ۔ کاشُر صوفی شاعری I (سرینگر ، کلچرل اکادمی ۱۹۸۵ء) صفہ : ۵۰

۳، عبدالاحد آزاد ۔ کشمیری زبان اور شاعری ۔ جلد II ۔ صفہ :

۴، کلیاتس منز چھ ۱۳۷ وژن الگ پاٹھی شامل مگر یمو علاوٕ چھِ تمی ہنزن مثنوین منز تہٕ واریاہ وژن ۔ وُچھو ناجی منور ، کلیات محمود گامی ( سرینگر ۔ کلچرل اکادمی ، ۱۹۷۷ء)

۵,  وُچھو غلام محمد شاد - کلیات ناظم (سرینگر، کلچرل اکادمی،)

۶,  کاشُر ادبُک تواریخ، اَکس گوڈنکس ایڈیشنس منز چھُ غلطی کنہِ پیر علی شاہ سُند ناو سید علی خان ہاوِنہٕ آمُت - وُچھو کاشر ادبُک تواریخ (۱۹۷۸ء) صفہ: ۸۴ -

۷,  اَمہِ مثنوی ہندی چھِ ژٕ نسخہٕ اَتہِ بدس - اَکس پیٹھ چھ سنہ ۱۲۷۸ھ (= ۱۸۶۰ء) درج -

۸,  کاشُر ادبُک تواریخ اَکس گوڈنکس ایڈیشنس منز چھ ظریفن ناو ظریف خان ہاونہٕ آمُت یہِ زن غلط چھُ - اَمی سُند اصل ناو 'ظریف شاہ' ہیوو غلام نبی آتشن گوڈنکہِ پھِرِ - وُچھو غلام نبی آتش - ظریف شاہ تہٕ تِہنز شاعری" شیرازہٕ ۲/۲۱ - ۱۹۸۴ء - صفہ: ۶۲ -

۹,  عبدالاحد آزاد - کشمیری زبان اور شاعری II - صفہ: ۲۲۷

۱۰,  محی الدین حاجنی - کاشُر شاعری (دلی - ساہتیہ اکادمی - ۱۹ )

۱۱,  وچھو ناجی منور: مقبول امرتسری' سون ادب - ۱۹۷۴ء، صفہ ۲۵۱

۱۲,  قلمی نسخہٕ - ن ک ح

۱۳,  غلام محمد شاد تہٕ کلیات ناظم - (سرینگر: کلچرل اکادمی - ۱۹۷۷ء) صفہ: ۳۳ -

۱۴,  اُکس قلمی نسخس منز چھنے یمہٕ دوٕنوے مرثی کتام 'احمد' ناوکس شاعر سِنز ہاونہٕ آمژٕ - تخلص تہٕ چھُ پھِرِ پھِرِ 'احمد' ورتاونہٕ آمُت -

۱۵,  وُچھو چمن لال چمن تہٕ بشیر اختر - اوحال نامہ (سرینگر: کشمیر یونیورسٹی - ۱۹۷۹ء) صفہ: ۳۱۰

۱۶,  محی الدین مسکین - تاریخ کبیر -

۱۷,  مےٚ نبیوو زٕ دیوکر پرکاش بٹن ناد اوس وئوڈ تہٕ روایت اَس زٕ سُہ اوس بندی راز سکھ جیون نہٕ گدبہنہ بہتہٕ اُٹھی س ورِیس تام تہٕ زندے لیُس ہرش چندر نہٕ اکشیری کسما مطابق

۱۷۸۶ء سنز گدِ بیوٗٹھ تہ بیٚیہ یہ زِ رٗسہ اوس سرینگر کس گوجوارِ (سنسکرت اگلِکا و آبکا) علاقس منز روزان"۔ جارج اے گریرسن۔ کشیری رامایناآف دیوکرا پرکاش بٹ (کلکتہ: ایشیاٹک سوسایٹی آف بنگال۔ ۱۹۳۰ء) صفہ: ۱۱۔

۱۸۔ بلجی ناتھ پنڈت۔ ت۔ کاشرِ رامائن (سرینگر کلچرل اکادمی ۱۹ء)۔ صفہ: ۱۸۔

۱۹۔ محمد یوسف ٹینگ۔ ت۔ کلیات رسول میر (سرینگر، کلچرل اکادمی، ۱۹۸۴ء) ص ۱۷۔

۲۰۔ کلیات رسول میر۔ ص، ۴۴۔

۲۱۔ کشیری زبان اور شاعری،

۲۲۔ محی الدین مسکین ۱۸۷۶ء زیبا نگار،

۲۳۔ موتی لال ساقی۔ بلبل ناگام۔ زندگی تہ شاعری، سون ادب، ۱۹۶۵ء۔ ص ۱۵۔

۲۴۔ محی الدین حاجنی "عبدالوہاب پرے" وولرِ کِ مُلر، شمارہ ۱۱-۱۲ / ۱۹۸۶، ص ۴۲۔

۲۵۔ منظور ہاشمی۔ کلیات امیر شاہ (سرینگر: کلچرل اکادمی!...)

۲۶۔ مشعل سلطانپوری

۲۷۔ شاد رمضان۔ اکھ اہم گمنام شاعر۔ خضر ملک صفائی۔ ۱۹۸۴ء۔ ص ۱۶۔

۲۸۔ مرغوب بانہالی۔ "عبدالرحیم اعمائن تہ تسنز شاعری"۔ سون ادب ۱۹۷۹ء۔ ص ۱۶۴۔

۲۹۔ مولانا فطرت کاشیری۔ حقانی (سرینگر: کلچرل اکادمی۔ ۱۹۵۹ء) ص ۱۳۔

۳۰۔ عبدالاحد آزاد۔ کشیری زبان اور شاعری II

۳۱۔ بھوشن لال کول۔ 'دلیشنہ پرتاب رامائن' انہار۔ ۱۹۸۱ء۔ ص ۹۵۔

۳۲۔ قلمی نسخہ۔ ہ ک خ

۳۳۔ بشر بشیر۔ "پھریسِ ناپہ" انہار۔ ۱۹۷۹ء۔ ص ۸۹۔

۳۴, عبدالاحد آزاد ۔ کشمیری زبان اور شاعری II ۔

۳۵, محمد احسن احسن ۔ مولوی احمد اللہ ہاکباری ۔ وہ لر کی ملر ۔ ۱۹۸۷ء ،ص ۵۱ ۔

۳۶, خواجہ غلام مصطفےٰ شاہ سُند کلام چھُ حال حالے بشیر احمد نحوی تہ غلام حسن نحوی نہ دِسو ترتیب دِتھ شایع آمُت کرنہ ۔

۳۷, سید محی الدین جبیب ۔ "سید مقبول الطاف"۔ سون ادب ۱۹۶۵ء ۔ص ۲۴ ۔

۳۸, والٹر لارنس ۔ دِ ویلی آف کشمیر ۔ لندن ۔

۳۹, قلمی نسخہ ن ک خ ۔

۴۰, غلام محمد شاد کلیات ناظم ۔ (سرینگر ،کلچرل اکادمی ۔ ۱۹۷۷ء) ص ۱۵ ۔

۴۱, قلمی نسخہ نمبر ۸۶۳ ۔ (کشمیر یونیورسٹی ۔ رسرچ لایبریری ) ۔

۴۲, سری کنٹھ توشخانی ۔ موتی لال ساقی ۔ پرمانند (سرینگر: کلچرل اکادمی )

۴۳, رشید نازکی ۔ کلیات نادم ۔ (سرینگر: کلچرل اکادمی ۱۹۷۲ء) ص ۶۴ ۔

۴۴, سعدالدین سعدی ۔ کلیات ثناُاللہ کریری ۔ (سرینگر ،کلچرل اکادمی ۱۹۷۹ء)ص ۳۷

۴۵, رشید نازکی ۔ کلیات نادم ۔ص ۸۵ ۔

۴۶, سوم ناتھ ویر ۔ کلیات کرشن جو رازدان ۔ (سرینگر: کلچرل اکادمی ۱۹۸۲ء )ص ۱۲ ۔

۴۷, محی الدین حاجنی ۔ کلیات صدیق اللہ حاجنی ۔ (سرینگر: کلچرل اکادمی ۱۹۸۳ء)ص ۱۳

۴۸, کلیات صدیق اللہ حاجنی ۔ ص ۔ ۱۷

۴۹, کلیات صدیق اللہ حاجنی ص ۔ ۲۲

۵۰, کشمیری زبان اور شاعری II ،۱۹۸۲ء ۔ ص ۳۸۲ ۔

۵۱, اِمہ نظمہٕ ہنز مقبول ہے چھِنے مشہور گلوکار امہ صوفی سہنز دریافت ۔

۵۲, موتی لال ساقی ۔ ف ۔ کاشر صوفی شاعری ۔ I (سرینگر: کلچرل اکادمی ،۱۹۸۵ء )ص ۲۵۸ ۔

۵۳، شمس الدین احمد۔ ت۔ شمس فقیر (سرینگر: کلچرل اکادمی: ۱۹۵۹ء) ص ۴۔

۵۴، محی الدین حاجنی۔ گاموسنزٕ پھیرِ پھیرِ۔ (حاجن: ۱۹۶۲ء) ص ۹-۲۲۔

۵۵، محمد احسن احسن۔ ت۔ لالہ ناٹ ترے (حاجن: ۱۹۷۳ء) ص ۵۔

۵۶، محی الدین حاجنی۔ ت۔ دیوان وہاب II (سرینگر: کلچرل اکادمی ۱۹۵۹ء) ص ۱۳۔

۵۷، محمد ایوب بیتاب 'مولانا انور شوپیان'، نیرٕ پوش (شوپیان: کلچرل فورم ۱۹۶۷ء) ص ۱۵۔

۵۸، اُمہ سُند کلام چھ اسلام آبادکس لبہ خلاتہٕ ناوی جبار خان اُکس بیاضہٕ منز قلمبند کوٗرمُت۔
ن ک رخ۔ وُچھو ناجی منور، واز محمودٕ نی غزل،
انہار ۱۹۷۹ء۔ ص ۲۷، ۳۳،

۵۹، بشیر اطہر۔ کلیات اسد میر (سرینگر، کلچرل اکادمی ۱۹۸۳ء) ص ۲۰۔

## ۵۔ کاشرِ نثرُک وٕتلُن

۱، آرل سٹاین۔ ت۔ حاتم ٹیلز (لندن: ۱۹۲۳ء) یمہٕ دٕلیلہ چھنے آرل سٹاینن کستام
حاتم تلہٕ وٲنس لیتھ بوزمٕژ۔

۲، ریڈیو کشیرن چھنے کینژن فنکارن ہنزٕ زیوٕ پیٹھ کینہہ دٕلیلہ ریکاڈ کرِمژٕ۔ محمد اسماعیل چھُ یمن
فنکارن منز سیٹھاہ مقبوٗل۔

۳، وُچھو محی الدین حاجنی: گاموٗسنزٕ پھیرِ پھیرِ ۔ ۱۹۶۲ء۔ ص۔ ۱۳

۴، محمد سبحان بھگت۔ کاشُر لُکہٕ تھیٹر (سرینگر: ک۔ ی، ۱۹۷۹ء) ص۔ ۷

۵، شری ور۔ زاہہٕ راز ترنگنی۔ انگریزی ترجمہ، جے سی دت۔ ڈِکنگز آف کشیر

۶، رام جودر۔ تحریر آقلیدس۔ ۱۸۷۶ء

۷، حاتمٕ تلہٕ ووتی اوس پانٕسٕ مہن مرگ روزان۔

۸ء مولوی احمد شاہ جامعی ۔ ترجمہ قرآن مجید ۔ ( سرینگر : ۱۹۶۱ء ) ص ۔ ۲

۹ء پیر غلام احمد کشمیری القول الفصیح فی ابطال الوھتہ المسیح ۔ ( ازنسر : ۱۸۸۴ء ) ص ۔ ۲

۱۰ء مولوی محمد نورالدین قاری ۔ کاشُر تفسیر ( لاہور ۔ ۱۹۲۵ء ) ص ۔ ۲

۱۱ء مولوی محمد نورالدین قاری ۔ کاشر مسلہٕ کتاب ( لاہور ۔ ۱۹۲۹ء ) ص ۔ ۵

۱۲ء تبت یدا ابی لھب ۔ قلمی نسخہ ( ن ک خ )

## ۶ء وُھمہِ صٔدی ہِندی روایت پسند شاعر

۱ء موتی لال ساقی ۔ کلیات صمد میر ۔ ( سرینگر ، ک ا ۔ ۷۳ ء ) ص ۳۳

۲ء غلام نبی ناظر ۔ ' حیات احد زرگر ' شیرازہ ۲۱/۶ ۔ ۸۴ ۔ ص ۱۹

۳ء قاری نورالدین کاشر بانت سعاد ۔ سرینگر ۔ ۱۹۲۵ء ۔ ص ۔ ۲ ۔

۴ء ارجن دیو مجبور ۔ کلیات لالہ لکھمن ۔ ( سرینگر ، ک ا ۔ ۸۲ء ) ص ۔ ۹ ۔

۵ء محمد عبداللہ طاری ۔ ' مولوی عبدالغنی ، تیری پوش ( شُپین ۔ کلچرل فورم ۶۷ء ) ص ۳۰ ء

۶ء مرغوب بانہالی ۔ رسا ۔ کاشر زبان تہٕ بالہ اپاریک اثر ۔ شیرازہ ( رسا نمبر ) ۵ ۔ ۴ ۔ ۱۶/۱ ۔ ۷۹ء ص ۲۹ ۔

۷ء مرغوب بانہالی ۔ کٲشر بالہٕ اپار ۔ ( سرینگر ، کشمیر یونیورسٹی ۱۹۸۹ء ) ؛

۸ء پرتھوی ناتھ کول سایل ۔ ' رژ دید ' شیرازہ ۵ ۔ ۴ ۔ ۱۶/۱ ۔ ۷۹ء ۔ ص ۵۴ ۔ ۱۳۹ ۔

۹ء محمد یوسف ٹینگ ۔ ' کاشر نظیر اکبر آبادی ' ستھ رنگ ( سرینگر ۔ ۱۹۸۳ء ) ص ۸

۱۰ء میر غلام رسول نازکی ۔ نمرود نامہ ( سرینگر ۔ ۱۹۶۴ء ) ص ۔ ۸ ۔

۱۱ء مرثی نگارن ہُند تذکرٕ چھُ شاہد بڈگامی ہِنز کتاب ' کاشر مرثی ہُند تواریخ ' ، نظرِ تل تھاوتھ تیار کرنہٕ آمُت ۔ وُچھو : شاہد بڈگامی : کاشر مرثی ہُند تواریخ ' ( سرینگر ، ۱۹۷۹ء ) ص ۔ ۸۰ ۔ ۲۶۴

## ۷۔ ترقی پسند تحریک


۱، رابرٹ تھارپ : مس گورنمینٹ ان کشمیر ۱۸۶۸ء۔ ت: ف، ایم حسین (سرینگر: گلشن پبلشرز، ۱۹۸۰ء) صفحہ: ۱۷

۲، میر علی شاہ کھویہامی مثنوی آخر زمانہ ۔ قلمی نسخہ ۔ (ت ک خ)

۳، وہاب پرے حاجن ۔ درویشی ۔

۴، اعلان نامہ ترقی پسند مصنفین ۔ بحوالہ ۔ سردار جعفری۔ ترقی پسند ادب ۔ ۱۹۵۷ء) صفحہ: ۲۴۔

۵، عبدالاحد آزاد ۔ 'ترقی پسند ادب'۔ ہمدرد ۔ ۱۶، جلے ۔ ۱۹۴۴ء۔

۶، مہجورؔ چھُ لیکھان : "۱۹۳۵ء منز سمکھ مےٚ عبدالاحد آزاد لیُس اردو زبانٕ منز اوس شاعری کران۔ بڈٕ مشکلہٕ سان مانٕ بروو تہٕ ہیچھنوو مےٚ سُہ کاشُر ونُن ۔" وُچھو مہجورؔ : "کشیرِ ہُند مزدور شاعر عاصی مرحوم" کونگ پوش ۔ ۲/۱ ۔ ۵۰ء ، صفحہ : ۲ ۔ مگر آزاد چھُ پننہٕ شاعری متعلق لیکھان : "میرے والد بزرگوار (خدا ان کو مغفرت کرے) شعر وسخن کے شدائی تھے ۔ خاصکر کشمیری گیت اور مثنویاں پڑھنے اور سننے کا انہیں بہت شوق تھا۔ بارہا مجھ سے پڑھواتے تھے جس کا میری طبیعت پر یہ اثر ہوا کہ میں نے پندرہ سولہ سال کی عمر میں کشمیری میں شعر کہنا شروع کیا۔ اول غزل لکھی اور بعد میں اصناف سخن کی طرف رجوع کیا۔" وُچھو ڈاکٹر پریم ناتھ گنجو : "عبدالاحد آزاد" تعمیر ۳/۱۲ ۔ ۵۵ء ۔ ص ۔ ۸ ۔

۷ ۔ آزاد ۔ 'خط بنام عارف' وُچھو پی، این، پشپ : ادب اور سماج، آزاد کی نظر میں، تعمیر ۳/۱۲ ۔ ۵۸ء ۔ ص ۔ ۴۶ ۔

۸، پریم ناتھ بزاز ۔ شاعر انسانیت ۔ ۱۹۵۲ء ۔ ص ۔ ۸ ۔

۹، غلام نبی گوہر ۔ کلیات عارض ۔ (سرینگر : کلچرل اکادمی ۔ ۱۹۷۴ء) ۔ ص ۔ ۲۱ ۔

۱۰، مہجور۔ کونگ پوش۔ ۲/۱، ۵۰ء۔ ص: ۲۰۔

۱۱، عارف۔ لولہ دیژار۔ ۱۹۸۴ء۔ ص: ۴۔

۱۲، پریم ناتھ کول ارپن۔ آدن یاد پیوم۔ ۱۹۸۱ء ص۔ ۵۔

۱۳، صادق غلام محمد۔ " کونگ پوش۔ کشیر ہُند عوامی کلچرک معمار، کونگ پوش ۲/۱۔ ۵۰ء ص۔ ۳۔

۱۴، صادق غلام محمد۔ کشیری کلچرل کانفرنس: منشور ۱۹۵۷ء ص۔ ۹۔

۱۵۔ نور محمد روشن۔ ت۔ سُمرن (سرینگر لالہ رُخ پبلیکشن ۱۹۵۵ء) ص۔ ۴۔

۱۶، رحمان راہی۔ 'پنٹز کتھ' صبحک سودا۔ ۱۹۵۴ء۔ ص۔ ۲۔

۱۷، رحمان راہی۔ شیرازہ۔ ۲۴/۶۶ء

۱۸، غلام نبی خیال۔ رباعیات عمر خیام۔ ۱۹۶۱ء۔ ص۔ ۱۵۔

۱۹، یہ افسانہ آو ۱۱، فروری ۱۹۵۰ء انجمن ترقی پسند مصنفین چہ محفلہ منز پرنہ۔ ڈیچھو کونگ پوش ۲/۲۱۔ ۱۹۵۰ء۔ ص۔ ۳۲۔

۲۰، سوم ناتھ زتشی۔ 'ییلہ پھول گاش' کونگ پوش ۲/۱۔ ۵۰ء۔ ص۔ ۲۸۔

۲۱، دینا ناتھ نادم " جوابی کارڈ " کونگ پوش۔ ۲/۱۔ ۵۰ء۔ ص۔ ۱۴۔

۲۲، امین کامل۔ "یادوستو گگو گو" کونگ پوش ۲/۵۔ ۵۵ء۔ ص۔ ۲۷۔

۲۳، امیش کول: "اُڈے کتھ" کونگ پوش۔ ۲/۵۔ ۵۵ء۔

۲۴، اختر محی الدین: " افسانن متعلق کینہہ بنیادی کتھ " کونگ پوش ۲/۷۔ ۵۵ء۔ ص۔ ۱۳۰۔


## ۸۔ انہ یک ادب


۱، رحمان راہی "صدارتی تقریر"۔ شیرازہ ۲/۸۹ء۔ ص۔ ۲۲۔

۲، امین کامل، لوتہ پئرو۔ (سرینگر ۱۹۶۵ء) ص ۵۔

۳، رتن لال شانت " افسانچ زبان تہ ہیت " انہادا۔ ۱۹۸۱ء ص ۴۰۔

۴، موتی لال کیمو، طوطہ تہ آینہ۔ (سرینگر: ۱۹۸۴ء) ص ۱۱۱۔

# اِشاریہ

## ا

## و

# HISTORY OF THE KASHMIRI LITERATURE

NAJI MUNAWAR
SHAFI SHOUQ

COMPILATION :

QAZI ZAHOOR
Editor

The Post Graduate Department of Kashmiri
**UNIVERSITY OF KASHMIR**
HAZRATBAL SRINAGAR 190006